# کأشِر لفظہٕ اش

جلد (۱)

ا ۔ ب



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کأشُر لفظہٕ راش

جلد (۱)
ا - ب

1

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

پبلشر:- سیکرٹری جموّں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

چھاپ خانہ: ڈی لائٹ پرنٹنگ پریس دہلی

تیداد: زٕ ساس

موٗل:

کِتابت: غلام رسوٗل۔ علم گری بازار سرینگر ۲
بشیر احمد

# بروٚنہہ کَتھ

یہِ چھےٚ یُتھ کالہٕ پیٹھہٕ میٲنۍ اکھ دِلی خٲہِش اُسمٕژ زِ کٲشُر زبان گژھہِ اکھ یُتھ پزٕ تیٚژھ مولہٕ وُن تہٕ پھولہٕ وُن رُتبہ پرٛاونۍ۔ یہِ چھےٚ اکھ سیٹھا پرٛانۍ زبان۔ اٲزکہِ وُکہٕ راجہِ بروٚنہہ چھِنہٕ اَتھ ناوہ تہٕ تِژھ سرکٲرۍ سرپرستی حٲصِل اُسمٕژ یِتھ یہِ دوہ کھوتہٕ دوہہ ژۄر ژۄر ووتھہٕ بۄلہِ ہے۔

یہِ کمی پوٗرٕ کرنہٕ پژھی آیہِ کٲتیا قدم تُلنہٕ، یِمن منٛز اکھ جموٗں کشمیر اکاڈمی ہُنٛد ریاستہٕ چین زبانن بجر تہٕ تقرر دِنُک مقصد تہِ چھُ۔ کانہہ زبان ہیٚکہِ نہٕ پوٗرٕ پاٹھی ترقی کٔرِتھ یوٗتام نہٕ تتھ اَکھ پیٚنٛژ ڈِکشنری، اکھ پیٚنُن لفظہٕ راش آسہِ۔ مےٚ چھےٚ اَوٕ موکھہ سیٹھا خوشی زِ اُردوٗ کشمیری فرہنگس سیتی سیتی چھےٚ اکاڈمی اکھ کٲشر ڈِکشنری تہِ بناوان۔ یتھ منٛز کٲشرِن لفظن کٲشرِس منٛزے وَکھنے پیہ کرنہٕ۔ یہِ کٲم چھےٚ کرٛیٹھ، مگر یہِ پیہِ پوٗرٕ کرنہٕ۔ مےٚ چھےٚ وۄمید زِ امہِ ڈِکشنری ہُنٛد یہِ گوڈنیُک جِلد کرَن تمہِ سارۍ پسنٛد یِمن کٲشرُک ژٕک تہٕ کٲشرِچ ماے چھےٚ!

غلام محمد صادق

(غلام محمد صادق)

صدر

جموں وکشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

# گوڈٕ کتھ

کُنہِ زبٲنۍ ہِنٛز گوڈنِچ ڈِکشنری بناوٕنۍ چھےٚ گنٛڈنہٕ ہِنا۔ یہِ کٲم چھےٚ ژٕرے پٕہان کرٕ سٕتھ ییلہٕ لفظن ہنٛز وَکھنے تہٕ آسہٕ تِتھی زبٲنۍ ہنٛز کرنۍ۔ تِوٕ حالہٕ یِتھ زبٲنۍ منٛز کتابہٕ تہٕ آسن بوٗزی یتھے لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ لیکھہٕ پُرٕ تہٕ آسہٕ بیٛیہ کُنہِ زبٲنۍ منٛز کرنہٕ یِوان، تمِچ تِتھی زبٲنۍ منٛز وَکھنے کرنۍ چھےٚ یہِ دُپِو زِ تہٕ بونہٕ ہُھل تارنٕس برابر۔

کٲشُر زبان تہِ چھےٚ اکھ پرٲنۍ تہٕ مایہ دار زبان۔ وُنۍ کیٚن یمہٕ کنہٕ یہِ چھےٚ سبھٕٹا یِتھ گٲمٕژ تہٕ پرٲنۍ پرٲنۍ لفظ چھہٕ گُمہتہٕ تہٕ گلان تہٕ، اوٚنٛگرٕژھہ یوٗت پلہٕ تیوٗت امہِ کیٚن یِتھ کُن موٗژیمتین لفظن ہنٛد راش یتھ تِتھہ بچاونہٕ یِن۔ یہِ ڈِکشنری بناوان چھےٚ یہِ اکھ خاص کتھ تہٕ نظرِ تل تھاونہٕ آمٕژ۔ یمہِ ڈِکشنری ہنٛد یہِ گوڈنیُک جلد چھہٕ ا تہٕ ب اَچھرن ہنٛدی لفظ ہیتھ توٚہہ برونٛہہ کنہٕ۔

پرٕتھ کانٛہہ شیر لفظ (HEAD-WORD) چھہٕ پیٚٹھہٕ کنہٕ دچھنہِ طرفہٕ حاشیس کُن دِنہٕ آمُت۔ تمہِ پتہٕ چھہٕ نمبروار تہٕ ضروٗرژ تہٕ موجوٗب تمکۍ مانے مِثالوسان دِتی مِتۍ۔ شیر لفظکۍ باٲٹھ چھہٕ محاورٕ بیترِ تہٕ مثالوسان دِنہٕ آمتۍ۔ امہِ پتہٕ چھہٕ شیر لفظس تل ملہٕ ونہٕ لفظ (COMPOUND WORDS) تہٕ دِتی مِتۍ۔

یہِ چھےٚ پننہِ قسمچ گوڈنِچ ڈِکشنری۔ یِم لفظ اتھ منٛز آمتۍ چھہٕ، تِہنٛدی موٗل —— (BASE) تہٕ تہٕ آگُر (SOURCE) تہٕ بییہ گوڈنکہ پھِر ژھانٛڈنۍ۔ یِمن

دوٚن فرق ہاوُنہٕ باپتھ نموٗنہٕ ہیتھ نہٕ لفظہٕ یِم بولنہٕ تلہٕ ہیوی چھہٕ، مگر یِمن موٗل تہٕ بیوٚن چھہٕ تہٕ آگر تہٕ۔ مثلن لفظ گور وُچھتو۔ اکھ گور گو سُہ میوٚ یُس گاڑی کلِین کھسان چھُ تہٕ بیاکھ گور گو یتھ کھنڈ بنان چھُ۔ گوڈنِکس گاڑِس چھُ موٗل گار۔ یہ چھُ ننان تیٚلہٕ ییلہٕ اَتھ گردان کرو۔ مثلن گور، گاڑی، گاڑِس، گاڑِن، گارِ بیترِ۔ دوٚیِمِس لفظس چھُ موٗل گور۔ مثلن گور، گورِس، گورَن تہٕ گورُک بیترِ۔ بیٚیہ پاٹھی نموٗنہٕ لفظ سور۔ اکھ سور گو پوٚشہٕ وُن تہٕ وفادار تہٕ بیاکھ سور چھُ اَکِس حیوانس ناو۔ گوڈنِکہِ سورُک موٗل چھُ سار تہٕ گردان چھس یتھہٕ پاٹھی بنان — سور، سارِس، سارِ تہٕ سارِن بیترِ۔ دوٚیِم سور چھُ گردان کرنس منٛز یدلان۔ تتھہٕ پیٹھہٕ سور، سورَس، سورَن تہٕ سورہٕ سُند بیترِ۔ گوڈنِکہِ سورُک آگُر چھُ سنسکرت "سار" تہٕ دوٚیِمہِ سورُک آگر چھُ سنسکرت "شوٗکر"۔ یمہٕ منٛز اُردوٗ لفظ "سُوَر" چھُ درامُت۔

ڈکشنری ہنٛز اکھ گوڈنِچ کام چھےٚ لفظن ترتیب دِنۍ۔ کاشرِس چھُ وارِیاہن بیٚین زبانٛن ہِنٛدِ کھوتہٕ تہٕ خاص کٔرِتھ ہندوستان چین زبانٛن ہِنٛدِ کھوتہٕ اُری اَچھر ( VOWELS ) تہٕ ژُری تہٕ ژُری اَچھر (CONSONANTS) تہٕ۔ لفظن ہنٛز جاے مُشکِل کرنہٕ باپتھ چھُ ییوان تمن تیتھ پھیرِ دِنہٕ زیتھ اَچھر تہٕ اعراب آسن۔ کینہہ نے کینہہ نے، اَکِس اَکِس لفظہٕ تسد بر چھُ ییوان ستھ ستھ پھیرِ دِنۍ تہٕ توٚہۍ تہٕ چھُ کنہٕ جایہٕ تیٚتھ نوٚو لفظا بنِتھ ییوان زِ ساری سے چھےٚ ییوان پوٚت پھیرتھ تہٕ کٔرِتھ کُراوِتھ نوٚو ترتیب دِنۍ۔ کینہہ پھیر چھُ کانٛہہ اَوُر اَچھر ژُری اَچھرس سیتی زیر دِنہٕ پڑھی یوان۔ اَتھ چھُ انگریزی پاٹھی گلایڈ (GLIDE) ونان۔ کانٛہہ چھُ یتھِس لفظس اعراب تھوان تہٕ کانٛہہ چھُنہٕ۔ مثلن کانٛہہ چھُ وتان گوڈنیتھ تہٕ کانٛہہ گوڈنیتھ، کانٛہہ ونان کرناو تہٕ کانٛہہ

کرناوٕ۔ کاتھہ وَنہٕ ہیوناوٕ تہٕ کاتھہ ہیوناوٕ بیترِ۔ یہِ تہٕ اوس اکھ اہم سوال زِ یمچِ لفظ کیتھہٕ کٕنۍ لیکھو۔ گلایڈ تھووکھ تہٕ یِیکھ اکھ ترتیب ہٕ تھووکھ تہٕ یِیکھ بٮ۪اکھ۔

یِمِتیٖ اعراب آسنہٕ موکھے چھُ کاتھہ لفظ اَکِس ناواقفہٕ پسندِ باپتھ یا یِمو اُردوٗ فارسی یوتاں پوٗرٕمُت آسہِ تہٕ کأشرِس سیٖتی آسِس نہٕ لیکھنہٕ پرنہٕ زٕنگو لوسے گوسے، ڈِکشنری منٛز ژھانڈُن تِتھے سَخ، یُتھ کاسہ بَنہِ منٛزہ سٕژن بَدٕ کرِنی چھےٚ۔ اَوَسے موکھ پیو اَسہِ یَتھ ڈِکشنری لفظہٕ ہاوُک (INDEX) تہٕ بناوُن۔ اَتھ منٛز چھےٚ لفظہٕ ترتیب کأشرِ ہرسے ماتہٕ اَریٖ اَچھر یا تہٕندۍ اعراب تراوِتھ صرف یُتھ پأٹھی اُردوٗ کیو اَچھرَو موجوٗب دِنہٕ آمٕژ۔ پرٕتھ کُنہِ لفظس سیٖتی چھُ صفحہٕ نمبر، سطر نمبر تہٕ کالم نمبر دِتمُت یَس نہٕ سہل پأٹھی کاتھہ لفظ اَتھہِ لگِ سہ ہیکہِ لفظہٕ ہاوُک وُچھتھ لفظ کڈِتھ۔ یوٗت مُشکِل کأشرِین لفظن ترتیب دِنی چھےٚ تیوٗتے سَخ چھُ اَتھ پرٕوُف وُچھُن تہٕ۔

یِمہٕ علاماتہٕ یَتھ کِتابہِ منٛز اِستیمال چھےٚ سپٕزمٕژ، یِتھہِ چھُس بہٕ تِمَو منٛز کیٚنژن ہنٛز تشریح کرٕنی مُنأسِب زانان۔ کأوی علامَتھ چھےٚ لفظک آگُر ہاوان۔ یور کُن یہِ کود واہراوِتھ آسہِ تتھ چھُ تمہِ لفظُک آگُر دِتھ یُس کأوِس کوٗنس نِشہِ دِتھ آسہِ۔ مثلن اُچھ < س : اکشِہ > پراکرِت اَچھہِ، گوٚ زِ کأشُر لفظ اُچھ چھُ سنسکرت اَکشِہ لفظہٕ پیٹھہٕ آمُت۔ امی پیٹھہٕ چھُ پراکرِت اَچھہِ تہٕ آمُت۔ یُس کأشرِس لفظس سیٖتی چھُ میلان۔ سوالیہ نِشان چھُ کُنہِ کتھہِ ہنٛدِ مشکوٗک آسنٕچ علامَتھ۔ یہِ چھُ گوڈٕ یِتھہٕ کٕنۍ؟ یوان تہٕ پتہٕ پھیرِتھ؟ یِتھہٕ کٕنۍ۔

یَتھ ڈِکشنری منٛز چھِ تِم لفظ تہِ شأمِل، یِم اکادمی ہنٛدیو پرانیو سروے یَرِد (ژھوٗنڈ دِنہٕ والیو) سوٚمبرِتھ اَنی۔ مگر ژٕری پأٹھی آیہ یِمَکی لفظ تمہِ ڈِکشنری منٛز نِنہٕ، یوسہٕ سر جارج گریرسن تہٕ مہا مہوپادھیاے پنٛڈِت مُکند رام شاستریَن یکہٕ وٹہٕ بناوِمٕژ چھےٚ۔ تتھ ڈِکشنری چھِ رومن اَچھرن ہنٛز ترتیب تہٕ مانے چھُس انگریزی پأٹھی۔ اَوَسبہٕ

پیٹھ یمن لفظن اٹھ وٕنڈ نوٗہر ترتیب دِنۍ۔ یتھپٲٹھۍ یہ کتھ ترٛٲونٛز زِ میٚنۍ یہِ وٕنِتھ اٚسۍ یمہٕ ڈِکشنری ہنٛز کٲم اختر محی الدین صاحبس مِلٲو۔ تِہندِ وقتہٕ یم لفظ ہمہ یِہ روشنہ گومتٕو آسو تم ترٛٲوِ تہ یمہٕ ڈکشنری ہندی چھپنہِ منٛز چمن لال چمنن کوٚر ــــ مےٚ ستیٚ مشورٕ کٔرِتھ یمہٕ جلدِک گوڈنیک مسودٕ تیار یُس یمہٕ ڈِکشنری ہنٛد آدار بنیو۔ تمہٕ پتہٕ بنیو یمیک لفظہِ ہاوُک (INDEX) تہٕ۔ لفظہِ ہاوُک ــــ اَتھ کامہِ منٛز کوٚر محمد احمد اندرابی تہٕ اَتھ روٗٹ۔ شری بدری ناتھ کلَن ژھٲنٛڈی تمن لفظن ہنٛدی آگر، یم تمن سنسکرت لفظو منٛز اَتھہٕ لگو۔ یہ کٲم تہٕ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ کرٕہٕ ٹھ۔ کنہِ پھیر چھہ سوروٗے دوہ رٲو دِتھ مُشکلہٕ سان اکہِ لفظُک آگرُ اتھہ یوان، تہٕ کیاز پتہٕ من ساسہ واد وری ین منٛز چھےٚ لفظن ہنٛز شکل سٮ۪ٹھاہ بدلے مٕژ۔

اَکِس چیف ایڈیٹرسنٛز کٲم چھنہٕ صرف لفظن ہنٛز ژھٲنٛڈ کٔرِتھ یا درج ترٛاوٕنۍ یٲژ، اَو کِنۍ چھےٚ مےٚ یہ سارٕے کٲم رٔژ رٔژ تارٕژ توجہ تہٕ کھوجہ کاہ دِتھ ژٲوٕمٕژ تہٕ کنہٕ منٛزٕ یُس پیٹھ واتناوٕمٕژ۔ اَتھ کامہِ تہٕ چھہ پوٗرٕ ژوٚر رٮ۪تھ لگی متہ۔ یتھہٕ کنۍ آد یمیُک آخری مسودٕ ۱۹۶۸ ہُکِس نومبرس منٛز کاتبس دِنہٕ۔ مےٚ چھےٚ پوٗرٕ ووٚمید زِ زانن وٲلۍ کڈن نہٕ کیٛھہ یٲژ، بلکہ دِن داد تہٕ!

ایس کے توشہ خانی
ایڈیٹر ان چیف

# ژھوٚٹرنہٕ تہٕ علامَژ

| | |
|---|---|
| انگ | انگریزی |
| ت | تلفُّظ |
| س | سنسکرت |
| ع | عربی |
| ف | فارسی |
| ل-م | لفظی مانے |
| مِ | مِثال |
| مُ | مُقابلہٕ کرُو |
| م | مادٕ |
| (نٕ) | نرٕ |
| ھ | ھندی |

[ اَمہٕ ہرُے ماژِ چھ بیٚیہٕ ترکیٖشرٕن ژ بائیٖن ھندی لفظ' پہنٛدی ناو لۄرِ چھہ دِنہٕ آمٕتۍ ]

| | |
|---|---|
| ——o | بڑوٚنِہ لوٚگ |
| o—— | پوٚت لوٚگ |
| ? | اَمہٕ پتہٕ مشکوٗک |
| ؟ | امہٕ برٕوٚنہہ مشکوٗک |
| > | آگرُ۔ کھوورِ لفظہٕ منٛز درامُت |
| < | آگرُ۔ دُچھنہٕ لفظہٕ منٛز درامُت |

# ا

**ا** "تہ اعراب یِلہٕ وَٹہٕ تھوٗتھ چھہ اَدی اَچھر یِوان لیکھنہٕ یِلہِ تِم بیٚیہِ کُنہِ اَچھرس سیٚتی آسن نہٕ میلتھ۔ مِ اَ آ اٗ اٖ بیترِ۔ کُنہِ زٕری اَچھرس یِلہِ یہِ پیٹھ پییہ، اَمِچ آواز چھےٚ "آ" مِ کا، با، ما، تا، زا بیترِ۔

**اَ** (۱) زبرِ سان گوڈنیُک اَچھرُ (۲) نکارُک برٛونہہ لوٚگ۔ مِ اَچھوٗل، اَزوو، اَچھوو بیترِ (۳) ٹھاکہ کرنٕچ آواز۔

**اَبَد** ن۔ک۔ اَبَد۔ موٗل: اَبَد۔ < س اَربُد داہ کوٚرور ۱۰۰،۰۰۰،۰۰۰ — ورگہٕ گژنُن اندر سیٹھا۔ اَبَدس برابر، تہٕ گوو سیٹھا غنیمت۔ مِ تِہنٛز روپیہِ گیہِ اَبد۔

**اَبَد** ن۔ک۔ اَبد۔ موٗل: اَبد۔ < ع۔ اَبد اَندٕ وَنٛد۔ اَنٛتہٕ گوڈ روٗس زمانہٕ اَنٛد گوڈ یا اَنٛتہٕ روٗس وَق۔ اَزٕمین کال۔

**اَبرٛیُن** ن۔ک۔ اَ + برٛہی + اُن۔ موٗل: اَبرٛ < س اَ + بھرٕج۔ ابھرسج بگارٕ روٗس۔ سِوی تھےٚ یوت۔ ورگہٕ بےٚ حٕرٕ وُچھو "اَبوٗز" تہٕ۔

**اَبکھ** اَکھ برٛونہہ لوٚگ۔ مِ اَبکھ چھان — اَبکھ وارٕینٛز۔ یہِ چھُنہٕ پُورٕ لفظ۔ تِہٕ کُنہِ چھُنہٕ الگ یِوان وَننٕ یا لیکھنہٕ۔ ہیٚچھہ نےٚ۔ اَناڑی۔ اَڑٕہیٚچھَل۔ اَزاٗنی۔ نٕہ تگن وول۔ ناپہٕ کار

**اَبکھ چھان** نٕہ زانن وول چھان۔ نااہل چھان، ناقابِل چھان۔ وٕکٹہٕ چھان — نٕہ تگن وول چھان۔

**اَبگھ وارِینز** نا۔ کار وارِینز یا پینہٕ ناوَن واجنۍ
بےٚ باشِش وارِینز۔ سہ وارِینز یوٚسہٕ پرٛسَن
واجنہٕ کھوٚنٛڈ زُدِیےٚ کرِ۔

**اَبگور** (ن۔ک۔ اَ + بگور۔ مۇل: اَبگار
<س۔ اَبھ + گھارہ)
بگارٕ روٚستےٚ۔ بگارٕ ورأے۔ یتھ نہٕ بگارٕ
آسہٕ کوٚرمُت۔ سہٕ ریشِ، یتھ نہٕ تیل یا
گیو بیترِ ترٛووُمت آسہٕ۔ بزنِے سینٛ یا کھین،
اَبوٗز۔ ورگِہ یا ٹھو تہٕ یتھ نہٕ رنگ آسہٕ کھورمُت،
بےٚ مزٕ کتھ یا کھین۔

**اَبَل** (ن۔ک۔ اَ + بَل۔ مۇل: اَبل <س
اَ + بَلہٕ)
یُس بوٚ بَل آسہٕ۔ یُس نہٕ طاقتھ آسہٕ۔ ہیکہٕ
نُوس۔ کمزور۔ نہٕ داتن وول۔ ورگِہ ناچیز
یمہٕ۔ میٚے اَبلہٕ کاٗسی تن بوٚ ووٗرُنز (اللہ واکھ)

**اَبلہٕ وُن** (ن۔ک۔ اَ + بلہٕ + وُن)
(۱) بیمارٕ درٛاو۔ پوٗر بلوٗنے (۲) کوٗٹ یا کُٹ
یوٚسہٕ واتنس تیار آسہٕ۔ یُس وُنہٕ پوٗر آسہٕ نہٕ
بالیغ گومُت۔

**اَبلُوُن** (ن۔ک۔ اَ + بل + وُن)
کھسہٕ وُن دودٕ تُرکھ بیترِ۔ یُس نہٕ وُنہٕ پوٗرٕ
زورس پیٚٹھ آسہٕ تہٕ پتہٕ ہیکہٕ گژھِ ہمتھ۔

**اَبازُن** (ن۔ک۔ اَبازُن۔ مۇل: اَیازُن <س
اَ + بھاجنہٕ)
بےٚ پوٗش۔ یُس نہٕ کُنہٕ لگہِ۔ بےٚ رَبد۔ پھیوٗرِ چور
نا۔ کار۔ یُس نہٕ بانہٕ آسہٕ۔ م۔ اَیازنی

**اَباسہٕ وُن** (ن۔ک۔ اَ + یاسہٕ + وُن <س
اَ + بھاس)
یہ نہٕ لبنہٕ پیہِ۔ یہ نہٕ بوزنہٕ پیہِ — یہ دِرٕ نیٚنٛھو
پیہِ نہٕ۔ یہ باکس تل پیہِ نہٕ۔ یہ کینٛژھا
اَندری یا نیٚبری یاسہٕ نہٕ۔ م۔ اَباسہٕ وِنی۔

**اَباسُن** (ن۔ک۔ اَ + باس + ک — اَن
مۇل: اَباس <س۔ اَ + بھاس)
بوز نہٕ نہٕ یِن۔ لبنہٕ نہٕ یِن۔ دِرٕ نیٚنٛھان نہٕ آسُن
نہٕ باسُن۔ یہ مَنس منز یا نیٚبری لبنہٕ پیہِ نہٕ۔
اَ سِتھ نہٕ باسُن۔

**اَباشُن** (ن۔ک۔ اَ + باش + اَن۔ مۇل:
اَ + باش <س اَ + بھاش)

ژھوپہ۔ کتھہٕ بیترٕ نہ کرٕنۍ۔ نہ ریلُن۔ اُسہٕ منٛز نہ کڈُن۔

**اَباگتھ** (ن۔ک۔ اَباگتھ۔ مۄل: اَباگت < س اَبھہ + آگتہ)

پانے آمُت۔ پنٕنۍ ہنے آمُت پوٗژھ۔ فقیر۔ بیچھہٕ وُن۔ بیچھ۔ وُچھو "اپیاگتھ" تہٕ ——

**اَباو[1]** (ن۔ک۔ اَ + باو۔ مۄل: اَباو < س اَ + بھاوہ)

نہ آسُن۔ وبر شے۔ کانہہ چیز بیترٕ نہ میلُن۔ نہ بوٗن۔ کنہِ چیزٕک کال۔

**اَباو[2]** (ن۔ک۔ اَ + باو۔ مۄل: اَبھو < س۔ اَ + بھاوہ)

باو نہ کرُن۔ مان نہ کرُن۔ یہ کانٛسہِ پیٹھ یا شوٗز تہٕ نہ کرُن۔ ہیٛنہٕ درٕنہٕ۔ بےٚ قدری

**اَباوتھ** (م۔ک۔ اَباو + تھ۔ مۄل: اَباوتھ —— < س۔ اَ + بھاوہ)

اَباو۔ باو نہ کرُن۔ مان نہ کرُن۔ ہیٛنہٕ درٕنہٕ

**اَباوٗز** (ن۔ک۔ اَ + باوٗز۔ مۄل: اَباوز۔ < س۔ اَ + بھاجہ۔ یا۔ بھا)

یہ نہٕ یاوزٕ۔ یہ نہٕ روژھٕ۔ یہ نہٕ پرٕ پھٕیہِ —— یُتھ تیتھ کُھبن۔

**اَبُدوٗر** نہ بُدر دومُت۔ نہ بُدراوُمُت ڈوٗٹ یا دوٗد بیترٕ۔ یہ نہٕ پاکہٕ پیتھ نارس پیہ ہاوتہٕ یا تھونگن پیٹھ تھوٗنہٕ پیہ۔

**اُبنٛزوٗر** (ن۔ک۔ اَ + بُنٛزوٗر۔ مۄل: اَبنٛزر < س۔ اَ + بیج

یہ نہٕ بُنٛزرُمُت آسہِ۔ یہ بٲگر دومُت آسہِ نہٕ۔ یتھ نہٕ بٲگے آسہِ گٲمُژ۔ شرٛوٗد۔

**اَبٲسی** (م۔ک۔ اَبٲسی۔ مۄل: اَبٲس)

اکہِ پوشہٕ کُلیٚک ناو۔ گوٚٹ دوٗزُل —— اُلی چہ زٕنگس سیتی میلہٕ وُن۔

اَبٲسی پوش۔ اَبٲسی کُلیٚک پوش۔

اَبٲسی رنگ۔ گوٚٹ دوٗزُل رنگ —— اُلی چہ زنگس سیتی میلہٕ وُن رنگ۔

**اَبٲگوٗر**۔ (ن۔ک۔ اَبٲگوٗر۔ مۄل: اَباگر < س: اَ + بھاگہ)

یہ نہٕ بٲگر واتہٕ آسہِ آمُت —— بٲگرٕ نے۔

باگے کرنے۔ شرٗد۔

**اَبہٕ تَھہٕ** آنکارٕ نکارٕ رٕدٕس۔ اَوری ہٕ یوری پٲٹھۍ اُمی زاٗمی پٲٹھۍ۔ ژھرٕٹھ دِنان۔

**اَبہٕ زٕبتھ** (ن۔ک۔ اَبہٕ زٕبتھ۔ مۄل: اَبہٕ زبت
(س: اَبھِ + جت۔)
(۱) گرٕ ہینٛدِ ہُنٛد اَکھ یُوگ (۲) مَنٛدرِ ہٕنٛز پیٹھ اَکھ گرٕ تہٕ مَنٛدرٕ ہٕنٛز بَرٕ ڈُہہ اَکھ گرٕ۔ (۳) دَپان چھ اَبہٕ زٕبتھ گۄ سہٕ ساتھ ییمہٕ پھِرِیہٕ کانٛہہ وِنہٕ تہٕ بنہٕ۔ ہُم: ساعتِ حُسن۔

**اِیمان** (ن۔ک۔ اِیمان۔ مۄل: اِیمان ——
(س: اَبھِ + مان)
گھنٛڈ۔ اَہنکا۔ ژھوکھ۔ اَپزٕ یِتھہٕ۔ اَچھن کھۄن۔

**اَبرٕڈِس۔** (ن۔ک۔ اَبرٕڈِس۔ مۄل: اَبرٕ ڈِس)
(۱) گگسس تہٕ بُرٕزٕس بناوِ مِرٕ پھیٚچ۔ تہٕ چھٕے منز وتہٕ اَمہٕ خاطرٕ یوان تھونہٕ زِ یُس تِلہٕ تٕس پیٚہ ستنگہٕ گرٕ ہٕنٛ (۲) سہٕ چیز یُس

تَلہٕ کنہٕ ژھوٗژ آسہٕ تہٕ تہٕ آسہٕ نہٕ بِیہٕ بۄزٕنہٕ پیِہٕ۔ ٹھبابہٕ۔ (۳) ٹھبابہٕ شُر —— تٕس زنانہٕ ہٕنٛدِس پیٹھ وَنان، یُس پرٕشنٛج بُلہٕ ہوگ آسہٕ۔ مگر یُس بٕہ۔ زنانہٕ اَکھ اَکس پامہٕ پٲٹھۍ ونان۔

**اَبسواَبسی۔** (ک۔ اَبسٕ + ی۔ مۄل: اَبس
(س: اَبھِ + سمنہ
(۱) اَبُسن گو۔ وُتھُن تہٕ اَبسواَبسی گۄ دُکٹو دُکٹو قمچہ پُرٕتھ دِنی۔ تُو کہنز گۄ پیوٗٹھُس پیٹھ لایُن۔ (۲) دَزٕوِی دَزٕوِی (دِنی) مارس پیٹھ مار۔ لایُن تہٕ لایُن۔

**اَبہٕ موٗنٛڈ۔** (ن۔ک۔ اَبہٕ موٗنٛڈ۔ مۄل: اَبہٕ موٗنٛڈ (س: مرٕسٹ [illegible] (مرٕد؟)
اَکہٕ قسمک توٗلہٕ آٹیک ژرہٕ چھہٕ گۄڈرٕ۔

**اَبرٕز** (ن۔ک۔ اَ + بُرٕز۔ مۄل: اَبُرٕز
(س: اَ + بھرٕج)
یہٕ نہٕ بُرٕزمت آسہٕ۔ بُرٕزنے۔ بُرٕزنہٕ وراٗے تُونے۔ نیوٗل۔ نارس ہاونے ——
(مکاٗے۔ چنہٕ بیتر)

اَبوٗگُن ۔ (ن۔ک۔ اَ + بوٗگ + اُن۔ مؤل:
اَ + بوٗگ (س : اَبھوگھ (اَبھُج)
نہ بوٗگُن۔ نہ چھاوُن۔ لاب نہٕ تُلُن۔
لُطُف نہٕ تُلُن۔ م : اَبوٗگٕنۍ

اَبوٗد ۔ (ن۔ک۔ اَ + بوٗد۔ مؤل : اَبود
(س : اَبُدھ (اَ + بُدوتھ)
بوٗز رٕوٗس۔ نیٛش بوٗد۔ مُڈ۔ بے
سمجھ۔ نہ زانَن وول۔ یُس نہٕ بوٗد آسہِ،
عقلہِ رٕوٗس۔ بیعقل۔ م : اَبوٗزٕ

اَبوٗڈ ۔ (ن۔ک۔ اَ + بوٗڈ۔ مؤل : اَ + بوڈ
(س : اَ + بُرُڈ)
بوڈنے۔ یہِ بوڈ دَنہٕ آسہِ نہٕ آمُت۔
یہِ نہٕ بوڈِ یا یہِ نہٕ پھٔٹِ

اَبوٗزٕ ۔ (ن۔ک۔ اَ + بوٗزٕ۔ مؤل : اَ + بزٕ
(س : اَ + بھرِج
بَزٕنے۔ بگاڑ کرنے۔ سوی تھٕے یوت۔
م : اَبُزٕ

اَبوسے (ک۔ ابوسے!)
پینٛد بیترِ ہیوٗر کُن لاینہٕ وِزِ چھہِ شُرس
وَنان یا شُرۍ وَنان "اَبوسے"۔
کٔنہہ چیزِس ابوسے کرن گو ہیوٗر کُن
بُریتھ دِیُن۔ یہِ چھُ شُرۍ لفظ۔

اَبیٛنٛبر ۔ (ن۔ک۔ اَ + بِین + بَر۔ مؤل:
اَ + بیٛنٛبر۔ (س : اَ + بھِنٛن)
بیٛنٛبر نہ آسُن۔ پانٕ وَنی کُنے آسُن۔
وٕوہرٕ اَڈۍ نہٕ آسنہٕ۔ ہِشر آسُن۔
فرق نہ آسنہٕ۔ اَبید۔ بید نہ آسُن۔

اَبرٕوٗک ۔ (ن۔ک۔ اَ + برٕوٗک۔ مؤل:
اَ + بزک۔ ؟ جرمَن برٕیکِین)
یہِ نہٕ بٕرٕوٗکمُت آسہِ۔ یہِ نہٕ دَنٛدٕ سیتی
یا گرٕ ٹہٕ سیتی یا وکھلس بیترِ اندر
پھٕٹرٕومُت آسہِ۔

اَبساوُن۔ (ک۔ اَبساوُن۔ مؤل : ابساو
(؟ س : اَبھِ + سمن
اَبسُن۔ پَنٛس یا رَزِ بیترِ وَر یا وٕٹھنٕ
دِنی۔

اَبسُنۍ بوٗٹھ۔ اَبسُنۍ بیٛہہ۔ سہ ہیچھ ژٕکُل یُس
پاڈ گرِ بن ہندِس اَبسنس تلہٕ کنہٕ چھُ

اَسان۔

**اَبُنِٛتُج۔** اَبنِچ ہِچہٕ تُج۔

**اَبُسُن¹۔** (ک۔ اَبسُن (اَبس + اُن) مۄلہٕ
اَبس (س: اَبھ + سمنہٕ)

اَبساوُن۔ پَنس یا رٕزٕ بیترِ وٕر یا وُٹھو
دِنی۔

**اَبُسُن²۔** (ن۔ک۔ اَبسُن۔ مۄل: اَبسن
(س: اَبھ + سمنہٕ)

اَبساونُک یُنٛڈر۔ ڈٕگُر، یمہٕ سیتی پَن،
رٕز یا دوٗد بیترِ اَبساوان چھ

**اَبیاس۔** (ن۔ک۔ اَبیاس۔ مۄل، اَبیاس
(س: اَبھیاس)

ہال۔ مشق۔ ورتُن۔ کینہہ پھِرِ پھِرِ
کرُن، یُتھ تتھ ہیٚٹھ اتھہٕ یا مَن دِرِ۔

**اَبیُوٗچھ۔** (ن۔ک۔ اَ + بیُوٗچھ۔ مۄل: اَ +
بیچھ (س: اَ + بھکش (اَبھکشت

یہِ نہٕ اَچھِتھ آسہِ اوٗنمُت۔ یمہٕ بایتھ
اتھہٕ آسہِ نہٕ دورمُت۔ یہِ نہٕ مُنگِتھ آسہِ
اوٗنمُت۔

**اَبیُوٗن۔** (ن۔ک۔ اَ + بیُوٗن۔ مۄل: اَبِن
(س: اَ + بھِننہٕ)

یہِ یا یُس نہٕ بیُوٗن آسہِ۔ یُس نہٕ یا
یہِ نہٕ الگ آسہِ۔

**اَپپر۔** (ن۔ک۔ اَ + پپ + یر۔ مۄل:۔
اَپپر (س: اَ + پچ + ک۔ ار

پوٚپ نہٕ آسنچ حالتھ۔ اُڈٕ پوٚپے
آسُن۔ پوٚختہٕ نہٕ آسُن۔ پوٚختہٕ نہٕ
آسنچ حالتھ۔

**اَپچھوٗن۔** (ن۔ک۔ اَ + پچھوٗن۔ مۄل:۔
اَ + پچھان (ہ۔ ا + پہچان۔ (س۔
پرگیان

پچھانہٕ روٗس۔ پرزٕناوٕنے۔ دِیان
دِنے۔ فرق وُچھنے۔ م: اَپچھاٗنی

**اَپَر۔** (ن۔ک۔ اَپَر۔ مۄل: اَپَر —
(س: اَپرہ

دُنیاوی کتھو کھوٗ یا نیٚبر۔ سما
نیٚبرٕ۔ یُس نہٕ پرٕ آسہِ۔ وَرگہٕ دے،
دَیہِ سُند اکھ ناو۔

اَپزر ۔ (ن۔ک۔ اَ + پزر۔ مۆل: اَپزر)
پزر نہٕ آسُن۔ اَپوٗز آسُن۔ پُزِس
پیٹھ نہٕ آسُن۔ بددیانتی۔ عیب۔

اَپاژُک۔ (ن۔ک۔ اَپاژُک۔ مۆل: اَپاژک
(س: اَپچ)
نہٕ شرٛپُن۔ شرٛپنہٕ ترٛاوُن۔ یدٕ ژٕلنہٕ۔
دستہٕ۔

اَپاس۔ (ن۔ک۔ اَپاس۔ مۆل: اپاس
(س: اَپچ لفظچ بِگرن
اَپاژُک۔

اَپچوٗر۔ (ن۔ک۔ اَ + پچوٗر۔ مۆل: اَ + پچر)
پچُرنے۔ یہ نہٕ پچر اوٗنہٕ آسہِ آمُت۔
یتھ نہٕ اَند وُتھ پچ ٹیب آسہِ وژھِر۔

اَپارِیُم۔ (ن۔ک۔ اَپارِیُم۔ مۆل: اَپار
(س: اَپرہ + پارہ)
ہُمہِ پاسک۔ ہمہِ اَندُک۔ تمہِ طرفُک
یُس نہٕ دریٚنٹھمان آسہِ۔ تمہِ اَندُک
یُس پاسٕ بُتھہِ آسہِ۔ وُچھو "اَپارِی"
تہٕ۔

اَپہٕ ترٛوٗک۔ (ن۔ک۔ اَپہٕ + ترٛوٗک۔ مۆل:
اَپہٕ ترٛک)
آٹک پاٹک۔ بےٚ بُنیاد۔ وُہیات
بکواس۔

اَپہٕ ترٛوٗک مپہٕ ترٛوٗک۔ آٹک پاٹک۔
یتھ نہٕ ہوٚٹ یا لوٚٹ آسہِ۔ بےٚ بُنیاد۔
بکواس بیتر۔

اَپراد۔ (ن۔ک۔ اَپراد۔ مۆل: اَپراد
(س: اَپ رادھ
پاپھ۔ دوٚش۔ گوٗناہ۔ اُتھٕر۔ غلطی۔
قوٗصوٗر۔

اَپہٕ زیارٕز۔ (م۔ک۔ اَپہٕ زیارٕز۔ مۆل:
اَپہٕ زیارٕز۔ (اَپہٕ زیار + اِز)
اَپہٕ زیارٕگی۔ پزر نہٕ آسُن۔ بددیانتی۔
پُزِس پیٹھ نہٕ آسُن۔

اَپہٕ شبد۔ (ن۔ک۔ اَپہٕ + شبد۔ مۆل:۔
اَپہٕ شبد۔ (س: اَپہٕ + شبدہ)
لبکھ۔ دوٚہو۔ شاپھ۔ اَڈٕ زاڈٕ بیتر۔
ناکارٕ شبد یا لفظ۔

اَپہٕ کار ۔ (ن۔ک۔ اَپہٕ کار۔ مۄل: اَپہٕ کار۔
(س۔ اَپہٕ + کارہ)
یوہ آسہ رُت کوٗرمُت توہٕ کرُت کرُن۔
ییٚمہٕ جانٛی آسہ کرُمُت، تس سیتو بُدی
وَرتاوُن۔ دُکھ واتناوُن۔ دوکہ دیُن،
پُندی کڈُن۔ ٹھپہ دِنی۔

اَپہٕ مان۔ (ن۔ک۔ اَپہٕ + مان۔ مۄل:۔
اَپہٕ مان۔ (س: اَپہٕ + مانہہ)
مان نہٕ کرُن۔ یزتھ نہٕ ہاوُن۔ بےٚ
یزتی کرٕنی (خاص کرِتھ تس، یَس یزتھ
پزِ کرُن) تیتھ وَرتاو کرُن، یُتھ نہٕ شوبہٕ
دُکہٕ والیٚنہٕ۔ بےٚ مۄدی۔ ہینٛہٕ دِژِنہٕ۔

اَپہٕ نائیتھ۔ (م۔ک۔ اَپہٕ نائیتھ۔ مۄل: اَپہٕ
نایت (ہ۔ اَپنایت (س: آتمی
یتا)
یانہٕ نیار۔ پنُن زانُن۔ پنُن زانتھ وَرتاو
کرُن۔ یانہٕ نیار بوزُن۔

اَپہٕ ہوس۔ (ن۔ک۔ اَپہٕ ہوس۔ مۄل: اَپہٕ
ہاس۔ (س: اَپہٕ ہاسہ)

ژُسہٕ۔ ژُسولہٕ گژھن۔ اَپہٕ تس لایق
گژھن۔ یُتھ کینہہ شاوے پینہٕ، یوہے
نہٕ پیتہٕ پژتیر۔ مثلن کانہہ زنانہٕ
ہینٛدِس پرٕسنس وسنس بیترِ پیٹھ۔

اَپہٕ یَش (ن۔ک۔ اَپہٕ یَش۔ مۄل: اَپہٕ
یَش (س: اَپہٕ + یَشہٕ)
بدنامی۔ بےٚ یزتی۔ لوکن تِشس
پیٚتھ گژھن۔ بُتھ دیُن لایق نہٕ
روزُن ـــــ

اَپُتھ۔ (ن۔ک۔ اَپُتھ۔ مۄل: اَپتھ ـــــ
(س: اَ + پوٗتہٕ)
ژھیٚٹھ۔ ناپاکھ۔ گنٛدٕ۔ ٹھکری ـــــ
اپوِتر۔ م: کینہہ چھے سنان (سران) کرِتھ
اَپُتھ (الله واکھ)

اَپُز۔ (ن۔ک۔ اَپُز۔ مۄل: اَپز)
وُچھو "اَپوٗز"

اَپُژُن۔ (ن۔ک۔ اَ + پُژن۔ مۄل: اَپژُن
(س: اَ + پژٕ + چوٗرنہہ)
پُژنہٕ نہ پُژہٕ دوستے پُژ ناونے۔

ڈُتھر ڈُتھر کرنے پوش بیتر۔

**اپۆرو**۔ (ن۔ک۔ اَ + پۆرو۔ مۆل: اَپۆرو۔ (س: اَپۆروہ

یہِ چھُ یتھ کالہِ آسہٕ ہی۔ یہِ چھُ پیروٗنہٕ نہٕ آسہِ اوسمُت۔ نوٗ دُسے۔ تِیُچ چھُ مثال آسہِ۔

**اپوٗپ**۔ (ن۔ک۔ اَ + پوٗپ۔ مۆل :۔ اَپَپ۔ (؟ س: اَپکوہ)

یہِ چھُ پوٗپ آسہِ۔ یہِ چھُ پکھوٗمُت آسہِ۔ یہِ پپہٕ نے آسہِ۔ نیوٗلے۔ خام۔

**اَپوٗتھر**۔ (ن۔ک۔ اَ + پوٗتھر۔ مۆل: اپوتھر (س: اَ + پُترہ)

پوتر ورائے۔ پوتر رۆس۔ نے پوتھر۔ یُس چھُ پوتھر آسہِ۔ یُس چھُ نِیچو آسہِ۔

**اَپوٗر**۔ (ن۔ک۔ اَ + پوٗر۔ مۆل: اَپَرٕ (س۔ اَ + پَکٹَہ)

(۱) یہِ چھُ پوٗرمُت آسہِ۔ یُس اَن پرے آسہِ (۲) یہِ پرِنے آسہِ۔ م: اپُرہ اَچھر۔

اپرٕ اَچھر۔ تم اَچھر یِم چھُ پرِتھ میتر آسن ورگہِ پرنے ہیٚچھُن۔ پرنے کرنے علم حاصل سپدُن۔

**اَپوٗز** = **اَپُز**۔ (ن۔ک۔ اَ + پوٗز۔ مۆل: اَپزٕ یہِ چھُ پوٗز آسہِ۔ یتھ منز کینہہ ستھ آسہِ نہٕ۔ اَستھ۔ غلط۔ بےٚ بُنِیاد۔ یہِ چھُ شوٗبہِ۔ یہِ چھُ ٹھیکہ آسہِ۔

**اَپوٗزا مپوٗزا**۔ پوٗز اَپز مِلِتھ۔ یتھ منز واریاہ پوٗز تہِ آسہِ تہٕ کینژھا اَپوٗز تہِ آسہِ، سورُے آسہِ نہٕ پوٗز۔

**اَپوٗز باپار**۔ سُہ باپار یُس نہٕ پزِر س پیٹھ آسہِ۔ یتھ اندر کھوٹھ گھاٹے آسہِ۔ بد دیانتی ہُند باپار۔ تُتھ کانہہ کار، یتھ اندر نہٕ پزر آسہِ۔

**اَپوٗز پوٗز**۔ کینژھا پوٗز تہٕ کینژھا اپوٗز۔ اوٗڈا پزر تہٕ اوٗڈا نہٕ۔ اورُک یورُک مِلِتھ۔ راد۔ ترِتھ۔

**اپوٗز دَپُن**۔ پوٗز نہٕ دَنُن۔ اَستھ دَنُن۔ غلط دَنُن۔

**اَپوٗز مپوٗز**۔ سو کانہہ کتھ یا کأم کار، یتھ منز

ہُ ٹُمبیٚچ پیٚزر آسہِ۔ اَپزُے اَپوٗز باپار،
وَرتاو یا کار بیتر۔

**اَپوٗز وَنَن وول۔** یُس ہُ پوٗز آسہِ
ونان۔ یُس اَپوٗز وَنہِ۔ اَپزیوٗر۔

**اَپوٗز وَنُن۔** اَپوٗز دَپُن۔

**اَپزی باپار۔** سُہ باپار، یتھ ہُ پیٚزر آسہِ۔
اَپزِس پیٚٹھ باپار۔ اَپزیاری سُند ہیٚو
باپار۔ اَپزٕ ہٕہی۔

**اَپوک۔** (ن۔ک۔ اَ + پوک۔ مۄل: اَپاک
(س۔ اَپکوہ (ا + پچ۔)
نیٚشِ پوک۔ اَڈٕ پوک۔ پوٗرٕ ہُ پاکہٕ
آمُت۔ یہٕ ہُ پاکہٕ مُت آسہِ۔ ٹھیکھ
پاٹھی ہُ رٔنمُت۔

**اَپوجر۔** (ن۔ک۔ اَ + پوجر۔ مۄل: اَپوجر۔
(ک۔ اَ + پول + اَر)
پوٗلِتھ مُت نہٕ آسِنچ حالتھ۔ اَربر تہٕ
دَربہٕ۔ فَتس منز آسُن۔ کمزوٗری
ہُ آسنی۔

**اَپیر۔** کم باہنہٕ آسُن یا کم باہنہٕ آسِنچ حالتھ۔
اَڈٕپ آسُن۔ (اَڈٕپ آسِنچ حالتھ
وہپُن باہنہٕ نہٕ آسِنچ حالتھ۔

**اَپیر کرُن۔** یُلی تھبکہٕ ناوُن۔ پیٚنہٕ ہُ
پیٚٹھو واسرنگ، تماشہ کرنی۔ یُلی ژٔنگُن

**اَپوٗک۔** (ن۔ک۔ اَ + پوٗک۔ مۄل: اَپَک
(س۔ اَپکوہ)
یہٕ ہُ پوٗک آسہِ۔ یہٕ ہُ ٹھیکھ پاٹھو
رٔنمُت آسہِ۔ یتھ ہُ پوٗرٕ پاکھ آسہِ
لوٗگمُت۔ یہٕ ہُ شُرٕ ومُت آسہِ۔ (گرٛیرسن)

**اَپوٗل۔** (ن۔ک۔ اَ + پوٗل۔ مۄل: اَپول)
یُس ہُ پولیو مُت آسہِ۔ یُس ہُ ڈیوٗل
آسہِ۔ یُس ہُ ڈیچرٕ آسہِ۔ یُس اوٗر
تہٕ دوٗر آسہِ۔ یُس بور سار نَس دَرِ۔
یُس داو وادس دَرِ، پولیہٕ ہُ۔

**اَپوٗے۔** (ن۔ک۔ اَ + پوٗے۔ مۄل: اَپَے
(؟ س: اَ + پکوہ
پے ہُ رٔستے۔ پے ہُ وَرٲے۔ پکے
نَے۔ یہٕ ہُ پوٗے مُت آسہِ۔ یہٕ پکے نے
آسہِ (اُم ژوٗٹ یا باہنہٕ بیتر)

**اَپور۔** (ن۔ک۔ اَپور۔ مۄل: اَپار۔
(س: اَپرہ پارہ)

ہور کُن ۔ کوٚلہِ یا بالکہ ہوٚرٕ کنیٛک پاس،
بُتھہِ کنیٛک کُٹھ یا لرٕ بیتر۔

**اَپارِ** ۔ (ن۔ک۔ اَپار + اِ ۔ مۄل : اَپار
(س: اَپیرٕہ پارٕہ)
یَتھ طرفس مُقابلہٕ اَپاری مہِ طرفہٕ ——
اَپاری مہِ طرفہٕ ۔ دوٚیمہِ انٛدہٕ ۔ اَپاری مس
طرفس پیٛٹھہٕ ۔

**اَپارِ تارُن** —— ہُمہِ طرفہٕ پیٛٹھہٕ یَتھ طرفس
اَنُن ـــ اَپار پیٛٹھہٕ یپور واتناوُن ۔

**اَپارِ کِنہِ** = اپارِ

**اَپارِ کِنیُک** —— یَتھ اَپاری مس طرفس
سٟتی واٹھ آسہٕ ۔ اَپاریُم ۔ دوٚیمہِ طرفُک،
دوٚیمہِ پاسُک ۔

**اَپارِ یَپارِ** —— یِمہِ طرفہٕ تہٕ ہُمہِ طرفہٕ ۔ یِمہِ انٛدہٕ
تہٕ ہُمہِ انٛدہٕ ۔ یَپاری مہِ بَٹھہٕ تہٕ اَپاری مہِ بَٹھہٕ ۔
ہُتہِ تہٕ یِتہِ ۔

**اَپارِ یَپور** ۔ ہُمہِ طرفہٕ پیٛٹھہٕ یَتھ طرفس
کُن یا تام ۔ اَپاری مہِ انٛدہٕ یا بَٹھہٕ
پیٛٹھہٕ یَپاری مس انٛدس یا بُٹھس تام ۔

**اَپاری** ۔ اَمہِ طرفہٕ ۔ اُمہِ انٛدہٕ ...
طرفس ۔ تیتھ جایہِ یُس نہٕ نظرِ تل آسہِ ۔

**اَپاری کِنہِ** = اَپاری
اَمہِ طرفہٕ ۔ ہُمہِ انٛدہٕ ۔

**اَپاری یَپاری** ۔ ہُمہِ طرفہٕ تہٕ یِمہِ طرفہٕ ۔
ہُمہِ انٛدہٕ تہٕ یِمہِ انٛدہٕ ۔ ساری وے
طرفو ۔ پرٕتھ انٛدہٕ ۔

**اَپاری یَپاری کِنہِ** ۔ ہُپاری ہُپاری تہٕ
یَپاری یَپاری ۔ ہُمہِ پاسہٕ تہٕ یِمہِ پاسہٕ ۔

**اَپور تَرُن** ۔ تار دِیُن ۔ کوٚلہِ، پاس
یا دوٚسہِ دوٚسہِ بییس طرفس گژھن ۔
بییس کُٹھس یا لرِ ترُن ۔

**اَپور یَپور** ۔ ہُہ طرف تہٕ یہِ طرف ۔ ہُہ
پاس تہٕ یہِ پاس ۔ اَپاریُم بوٚنٛڈ تہٕ یَپاریُم
بوٚنٛڈ ۔

**اَپرٕسن** ۔ (م/ن۔ک۔ اَ + پرٕسن ۔
مۄل : اَپرٕسن ۔ (س : اَپرٕسنٛن)
پرٕسن نہٕ آسُن ۔ خوش باٹھو
نہٕ آسُن ۔ خوش نہٕ گژھن ۔ تسلا نہٕ
یُن یا تسلا نہٕ سپدُن ۔ سیر نہٕ گژھن،
تپٕتھ نہٕ گژھن ۔

اَپرکھژر۔ (ن۔ک۔ اَ + پرکھژر۔ موٗل:
اَپرکھژر (س: اَ + پرکٹ + پوٗت
لوٗگ اَر)
پرٛوکھُٹ آسنُک اَباو۔ نوٗن نہٕ آسُن
نوٗن آسنُک اَباو۔ گُپتھ۔۔۔ کھُٹتھ
آسنٕچ حالتھ۔

اَپرٛۍ۔ (م۔ک۔ اَ + پرٛۍ۔ موٗل:
اَپرٛۍ (س: اَ + پرٛیہ)
پرٛۍ نہٕ آسُن۔ مایہ محبت نہ
آسُن۔ کھر آسُن۔

اَپرٛیژھ۔ (ن۔ک۔ اَ + پرٛیژھ۔ موٗل:۔
اَپرژھ (س: اَ + پرٛچھ)
پرٛژھنہٕ کرنۍ۔ اورۍ کرُن یا
وَنُن۔ بانٛفی پلنۍ۔

اَپرٛیژ۔ نہ سوٗزمُت۔ یُس یا یہ نہٕ سوٗزمُت
آسہِ۔ یہ نہٕ روانہٕ آسہِ کوٗرمُت۔ یُس
نہٕ کُنہِ کامہِ پیٹھ سوٗزنہٕ آسہِ آمُت۔

اَپرٛوکھُٹ۔ (ن۔ک۔ اَ + پرٛوکھُٹ۔
موٗل: اَپرکھٹ۔ (س: اَپرکٹ)
یُس نہٕ پرٛوکھُٹ آسہِ یا یُس
نہٕ نوٗن آسہِ۔ یُس نہٕ بجر گُپتھ آسہِ۔

اَپرٛوٗۍ۔ (ن۔ک۔ اَ + پرٛوٗۍ۔ موٗل:
اَپرٛۍ (س: اَپرٛیہ)
یَیٛنز نہٕ پرٛۍ آسہِ۔ یَیٛنز نہٕ مایہ
آسہِ۔ یہ نہٕ روشہٕ۔ یہ یا یُس نہٕ خوش
کرِ۔ یہ یا یُس نہٕ پرینٛہِ۔ یہ یا یُس
نہٕ مَنس جان باسہِ۔

اَپرٛوٹ۔ یہ نہٕ پرٛوٹھمُت آسہِ۔ یہ پرٛا ٹھنۍ
آسہِ۔ یہ نہٕ کھُنتھ آسہِ۔۔۔ یَیٛنز جایہ
کوٗٹھمُت۔

اَپزیوٗر۔ (ن۔ک۔ اَ + پزیوٗر۔ موٗل:
اَپزیار۔)
یُس نہٕ پُزی یوٗر آسہِ۔ یُس اَپوٗز
وَنہِ۔ یُس نہٕ پوٗز وَنہِ۔ اَپُز وَنَن
دوٗل۔ یُس اَپُز وَنٕچ بال آسہِ۔

اَپھچر۔ (ن۔ک۔ اَ + پھچر۔ موٗل: اَپھچر۔
(ک: اَ + پھٹ + اَرچر) اَسپھٹ
+ پوٗت لوٗگ اَر)
پھچر نہٕ آسُن۔ ژم یا پھراٹھ بیتر نہ
آسُن (لکِ یا انس بیتر)

اَپھَل - رک - اَپھل - مؤل : اَپھَل -
(س : اَ + پھَل یا پھَل)
ہاشہِ گاٹھ مکائے بیترِ -

اَپھری - سیتھہ ژھرٹھ - چیزن سیتی گیشڈ
گیشڈ کرمن، یِمہِ سیتی نوقصان سپدِ -

اَپھرِتھپھرِ - اپھرِتھپھرِ - آمبرِ بامبرِ - بامبرِ منز
چھاٹ اُسھ، واپ پاٹھو نہ -

اَپھُٹ - (ن-ک - اَ + پھُٹ - مؤل :
اَپھٹ - (س : اَ + سپھُٹ)
اوٗر - یِہ نہ پھُٹہِ مُت آسہِ - یِہ نہ
پھُٹہِ -

اَپھُک - (ن-ک - اَ + پھُک - مؤل :
اَپھُک (پراکرت - اَ + پھُکّ -
(س : پھوت + کرٗ)
پھُکہِ نے - یِہ نہ پھُکہِ مُت آسہِ -
پھُکہِ نے تھوٗوُمُت - پھُکہِ نہ روٗس -
(کانگر - منقل - دیچھولہ بیترِ)

اَپھوٗٹ - (۱) پھُٹہِ نے - یِہ نہ پھوٗٹمُت آسہِ -
یِتھ نہ منز پھیر اٹہ آسن گاٹھرٕ -
(۲) یُس نہ بوٗڈوٗمُت آسہِ [illegible]
بوٗڈوٗمُت آسہِ - کوٗلہِ یا کرٕ رس
نہ گومُت (۳) چارٕ سیتی ژھینٛتھ یِنس
نہ وومُت -

اَپھوٗل [1] - (ن-ک-اَ + پھوٗل - مؤل :
اَ + پھوٗل - (س : اَ + پھُلّہ)
سہٕ کُل، یِتھ نہ پوشِ آسن ڈرامتی
ڈٕٹھہ پوشِ لوٗرٕ - ورگہ سہٕ اِنسان، یِمی
نہ بہار آسہِ وُچھمُت - یُس نہ پھوٗلتھ
آسہِ - یُس نہ ہرشُس آسہِ گومُت -

اَپھوٗل [2] - پھلہِ نے (پلوٗ بیترِ) نالی ژھٹنہِ
سیتی نہ ژھیوٗنمُت - چھاوٕتھ نوٗوٕے
روٗومُت (پلوٗ بیترِ)

اَپھون - (ن-ک - اَ + پھون - مؤل :
اَپھان - (؟ اَ + عربی فانی)
یِتھ نہ پھان آسہِ گومُت - وُجاو نہ
گومُت - نہ پھانہ نوومُت - وُجاو نہ
کوٗرمُت - خالی نہ کوٗرمُت -

اَپھرارِتپھرارِ - (م/ن - ک - اَپھرارِتپھرارٕ
مؤل : اَپھرارتپھرار (ع : اِفراط +
تفریط)

چھٕلہٕ چھانگرٕ۔ چھکرِ تھ۔ ہور یور
لاینہٕ آمٕت۔

اُپھیور۔ یہٕ نہٕ پھیورمُت آسہِ۔ یہٕ پھیاد نے
آسہِ۔ یہٕ نہٕ پھیاٗرِ تھ صاف آسہِ کوٚرمُت،
یہٕ چھانٹنے آسہِ (دود، رَس بیترٕ)

اَتہٕ ۔ (ک۔ اَتہٕ۔ موٗل: اَتہٕ۔ ‹ س:
اَتھہٕ۔ اَتَس )

اَتھ جایہٕ۔ اَتھِتھ۔ تتھ جایہٕ یوٗسہٕ
وَنہٕ آسہِ۔

اَتہٕ برابَر۔ اَتہٕ نَس۔ اُتی نَس ۔۔۔
لگ بگ اُتھو جایہٕ

اَتھو، اَتھِتھ۔ اَتہٕ نَس۔ اُتی نَس۔
لگ بگ اُتھو جایہٕ۔

اَتِچ۔ اَمہٕ جایہٕ ہنٛز۔ اَمہٕ طرفٕچ۔ امہٕ
اَنٛدٕرٕچ۔ وُچھو "اَتیٖک" تہٕ۔

اَتہٕ کنہٕ۔ اَمہٕ طرفٕ۔ اَمہٕ انٛدٕ۔ اَپاری۔

اَتہٕ کٕے۔ اَمی جایہٕ ہُند۔ اَمی طرفُک

اَتہٕ نُک۔ اَتیٖک۔ اَمہٕ جایہٕ ہُند،
اَتہٕ نُنک۔

اُتےٚ۔ اَمی جایہٕ پیٹھٕ۔ اُتھو جایہٕ (اَیہِ)

جاے وَنہٕ آسہِ)

اَتےٚ کنہٕ۔ اَمی یوت جایہٕ پیٹھٕ۔ اَمی
یوت طرفہٕ۔

اَتیٖک۔ امہٕ جایہٕ ہُند۔ امہٕ طرفُک۔
امہٕ اَنٛدُک۔

اَتِل کولوان (اُٹھِل کولوان۔؟)

کولہٕ پانٛژ بنٛیگاڑی، یوٗس گامہٕ کین
کرٕنی پیٚیہِ۔

اَتےٚ (اُتےٚ)۔ (ک۔ اَتہٕ + اِےٚ ۔۔۔
‹ س: اَتھہٕ + اِدَہ )

(۱) اَمے وِزِ۔ اَسہِ موقہٕ۔ (۲) اَمے
موکھہٕ۔ اُتھو پیٹھٕ۔ اَمے سببہٕ۔

اَتیٖتھ۔ (م/ن۔ ک۔ اَتیٖتھ ۔۔۔ موٗل:
اَتیٖت۔ ‹ س: اَتیٖتہٕ )

لاچار تہٕ نادار۔ چنٛدہٕ چھوٚن۔ یُس نہٕ
کہینٛہ آسہِ۔ یُس نہٕ کانٛہہ دس گاہ
آسہِ۔ گومُت گُزریومُت۔ بیٚیَن پیٹھٕ
پیومُت فقیر وُقیر۔

؟اَتہٕ ڈُنڈ۔ (ن۔ ک۔ اَتہٕ ڈُنڈ۔ موٗل: اَتہٕ
دَنڈ۔ ‹ ک۔ ہَتھ۔ ہَتھہٕ + دوٚنڈ ۔۔۔

(س : شتہٕ + دشت

اکھ زٕنڈٕل کچھ، یُس جاےٕ تیل

زمینس منٛز چھہ آسان۔

اَتہٕ گتھ ۱ - (ن-ک- اَ + تہٕ + گتھ ـــ مۄل :

اَتہٕ گت - (س : اِ + ک تہٕ + گتہٕ

(گم)

یُن تہٕ گژھن۔ یتھ برٛونٛہہٕ یُن گژھن

زبتھ مرٕن تہٕ مرِتھ زیوٚن۔ ہور تہٕ

یور دَوٕ دَو بیتر کرٕنی۔ یتہٕ گژھہ لگنہٕ۔

رَتہٕ ژوٕ کے لگنہٕ۔

اَتہٕ گتھ ۲ - (ن-ک- اَ + تہٕ + گتھ- مۄل :

اَتہٕ گت (س : اِ + ک تہٕ + گتہ

(گم-)

واَرٕ و گژھو نی۔ یہ چھہ کورِ دِوان نقد

تہٕ تہٕ جنس تہٕ ۔ جنس منٛز چھہ آسان

نۄن تہٕ ژوٕ چھ۔ اکہِ قسمک سفرُک

توشہ۔

اَتھُر - راہ- دۄش- وَشپ - غلطی

اَتھُر کرن- یہ نہٕ پزِ تہٕ کرُن۔

اَتھُر گژھن- وَشپ گژھن- غلطی

گژھنہٕ۔

اَتوٗل - (ن-ک- اَ + توٗل- مۄل : اَتوٗل

(س : اَ + تول (تُل )

نہٕ تۄلمُت- تولنَے- تولنے تھوٚومُت

تولنہٕ ورٲے- وزن نہٕ کوٚرمُت۔

یتھ نہٕ وَزن ہیٚکہٕ سپدِتھ- یہ نہٕ

تولنہٕ ییہ- یہ نہٕ تولنس لایق آسہٕ۔

اَتوٗل بتوٗل- تیتھ، یتھنہٕ تولنس

انٛدر ییہ- یہ نہٕ سیٚدٕ سیٚدٕ تۄلتھ

ہیٚکہِ نہٕ- سبٹھا- بے حساب۔

اَتوٚت - (ن-ک- اَ + توٚت - مۄل : اَتت

(س : اَ + تپتہ)

یہ نہٕ توٚت آسہٕ- یتھ نہٕ تٕژر آسہٕ-

شیٚہلیومُت- یتھ نہٕ دوٕنی تٕژر آسہٕ

روٗدمُت۔

اَتوٚچھ - (ن-ک- اَ + توٚچھ- مۄل : اَچھ

(س : اَ + تکش > تکشتہ

تچھنَے- نہٕ توٚچھمُت- یتھ نہٕ توٚچھمُت

آسہٕ- رَنٛدٕ دِنے- رَنٛدٕ روٚس ـــ

پھہٕرہ کاسہٕ نے۔

اَتوٗگ۔ تگہٕ نَے۔ نہٕ توٗگمُت۔ ہیٚچھ نَے۔
یہٕ نہٕ تگہٕ۔ ییٚمیک نہٕ باش آسہِ۔

اَتوٗل۔ (ن۔ک۔ اَ + توٗل۔ مۆل:
اَتُل۔ (س: اَ + تُل > تُڑتہٕ
نہٕ توٗلمُت۔ تُلنَے۔ تُلنَے تھوٗمُت۔
تُلنہٕ ورأے۔ بڑنَے۔ بگارٕ کرنَے۔

اَتوٗن۔ (ن۔ک۔ اَ + توٗن۔ مۆل:
اَتَن۔ (س: اَ + تنہُ)
یہٕ نہٕ توٗن آسہِ۔ موٗٹہٕ۔ موچہِ
سان۔ گوٗن۔ گنٕہٕ سان۔

اَتوٗو۔ (ن۔ک۔ اَ + توٗو۔ مۆل
(س: اَ + تپتہٕ > پرٛاکرِت تاو)
نہٕ توٗومُت۔ توٗنَے تھوٗومُت۔ یہٕ
نہٕ توٗومُت آسہِ۔ توٗوٕ ورأے۔
بُڑنَے۔

اَتوٗڈ۔ (ن۔ک۔ اَ + توٗڈ۔ مۆل: اَتاڈ
(س: اَ + تاڈ > تاڈِتہٕ)
نہٕ توٗڈمُت۔ یُس نہٕ ٹاڈنہٕ آسہِ
پیٚمُت۔ آچھُر۔

اَتوٗو۔ (ن۔ک۔ اَ + توٗو۔ مۆل: اَتاڈ

(س: اَ + تاڈ > تاڈِتہٕ)
نہٕ توٗومُت۔ تاوٕ نہٕ اوٗنمُت۔ نارس
نہٕ ہیوٗمُت۔ نہٕ تتہٕ روٗمُت۔ نہٕ بُزمُت
یا توٗومُت۔

تاپہٕ ناونَے (داتہٕ بیترِ)

اَتھِن، اَتہٕ نس۔ (ک۔ اَتہٕ + اَن
(اَتہٕ + اَن + س)۔ مۆل: اَتہٕ
(س۔ اَتّرہٕ)
اَتھِتھ۔ اَتہٕ نتھ۔ اَتہٕ نَن۔ اَتھہٕ جایہٕ۔
تتھہٕ جایہٕ، یوٗس وۄنہٕ آسہِ۔

اَتہٕ نَن۔ اَتھِن۔ اَتھِتھ۔ اَتہٕ نتھ۔
اَتھہٕ جایہٕ۔ تتھہٕ جایہٕ، یوٗس وۄنہٕ آسہِ۔

اَتہٕ نک۔ اَتھہٕ جایہٕ ہُنٛد۔ اَتہٕ
ننک۔

اَتہٕ ننکُے، اَتہٕ ننکُے۔ اَمی یوٗتہٕ
جایہٕ ہُنٛد۔

اَتراف۔ (ن۔ک۔ اَتراف۔ مۆل: اَتراف
(ع۔ اِسراف ؟)
فوٗضوٗل خرٕچ۔ بیتھہٕ بڑ وٗنہٕ وٚچھنے
خرچہٕ دۄل۔ یُس اَتھس زۄد آسہِ،

بۄزِ تھ شوٗژِ تھ آسنہٕ خرچاوان۔

اَتھ ۔ (ک۔ اَتھ۔ مۄل: اَت (س: اَ +
ک تھ۔)

تتھ ہہٕ دِنہٕ آسہ۔ تتھ ہہٕ دٕرِ بیٹھان آسہٕ۔

اَتھہٕ ۔ (ن۔ک۔ اَتھہٕ مۄل: اَتھہٕ (س: ہستہٕ) پرٛاکرِت ۔ ہتتھ)

(۱) پانژھ اوٚنگجہ کرُتھ نرِ ہُند بٕرۆ، نتھٕٹھ اَنگ یمہٕ سیتی کأم کار بہتر کرنہٕ چھہٕ یوان۔ اِنسانہٕ سُند بنجہ۔ اوٚنگجو سان ماو، یمہٕ سیتی کینہہ رٹنہٕ چھہٕ یوان) تہٕ کأم کوٚٹ کران چھہٕ ــــــ (۲) دخل۔ م: یتھ اندر چھہٕ پُٹسک تہٕ اَتھہٕ۔ (۳) طرف۔ اَنٛد ہِم: دٔچھنہٕ اَتھہٕ۔ کھوورِ اَتھہٕ۔

(۴) کسب ہُنر۔ م: کأشرِ بُن چِکن دۄزن چھہٕ جان اَتھہٕ۔ سوٚنہٕ وازس چھہٕ جان اَتھہٕ۔ (۵) خط۔ م: سارِنے کأتبن چھنہٕ جان اَتھہٕ۔ (۶) تیتیو تاسہ پٹھ پیتو اَکس گِندن یا جس اَتھس منز آسن۔ (۷) اَکِ اَتھک اتھہٕ ینجہ۔

اَتھس ۔ کیٛت۔ کیتھ۔ پیٹھ۔ منز ۔ میٛترِ ہاوِنہٕ یا یتھ اتھہٕ لفظک پرٛچھ۔ م: اَتھس کیٛت چھُلاہہ۔ اَتھس کیتھ کِتاب۔

اَتھس پیٹھ بتہٕ پھوٗل، بیٛتر۔

اَتھس اَنٛدر اَنُن ۔ پننِس قبضس منز اَنُن۔ پانَس تل اَنُن۔ وَٹتھ اَنُن۔

اَتھس اَنٛدر تھوٗن۔ قبضس تل تھوٗن، پننِس یختیارس تل تھوٗن۔ پننِس قبضس تل یا یختیارس اَنٛدر اَنُن۔

اَتھس پیٹھ۔ اَتھِچہ جایہ۔ م: (۱) اَتھس پیٹھ لِکھِچن (۲) اَتھس پیٹھ تھوٗس روٗپے، کأم نیرِ ے ــ اَتھس تام۔ یتھ اَتھہٕ آسہٕ۔ م: اَتھس پیٹھ چھہٕ اَھنگ دارِ مدار + ژوٚتُر ژوٚتُر۔ وُلی وُلی۔ جَل جَل۔ اَتھہٕ پیٹھو۔ م: یتھ سودا پرِٛ کرُن اَتھس پیٹھ پرارُن گژھِ ہنہ۔

اَتھس پیٹھ اَتھہٕ دِیُن۔ اَنٛکار کرُن۔ مانُن۔ کانہہ کأم پوٗر کرنہٕ باپتھ قسم کرُن۔

**اَتھس زوٗد۔** فۆضوٗل خرچُن۔ پاٚنٕس ٹوٗنک نہٕ بجاوِتھ تھوٗن۔ پاٚنٕس ٹوٗنک نہٕ موٗ یۆد روزُن۔ دیارَن ڈُبہٕ ڈاس کرُن ——

**اَتھس سۭتۍ اَتھہٕ۔** (اَتھہٕ اَکِس سۭتۍ) اَتھہٕ ہلوتھ۔ سۭتۍ سۭتۍ۔

**اَتھس کَیتھ۔** اَتھس منٛز۔ اَتھس اندر۔ تیار۔ م: اَتھس کَیتھ جواب آسُن۔

**اَتھس کَیتھ تھوٗن۔** اَتھس منٛز تھوٗن۔ اَتھس منٛز رٹُن۔ اَتھس اندر رٹُن۔ اَتھس کَیتھ تھوٗن کانٛہہ ناشایان چیز؛ تہِ گو رٛیکھ تھوٗن۔

**اَتھس منٛز۔** اَتھس اندر

**اَتھس منٛز آسُن۔** قبضس اندر آسُن، یخۡتیارس منٛز آسُن۔ پانَس تام آسُن،

**اَتھَن پیٹھہٕ ٹِلُن۔** سۭٹھا جوٗشہٕ سان برٛونٛہہ یُن۔ سۭٹھا یِژھ کرُن۔ نکھن پیٹھہٕ ٹِلُن۔ ملہٕ دُن۔ اول برُن (شرِس بیتس)

**اَتھو۔** دۆیہ اَتھو؛ اَکی اَتھہٕ نہٕ ——

دوٗشوَے اَتھہٕ لاگِتھ۔ سۭٹھا اَتھہٕ لاگِتھ (۲) مۆجوٗدگی اندر۔ م: مالِی سِندِ اَتھو گوٗژھ کورِ نیتھر بنُن۔ (۳) کانٛسہِ ہندی کنہٕ۔ م: میٛانِو اَتھو بڈیوٚکھ ——

**اَتھہٕ۔** اَتھہٕ سۭتۍ۔ نِشِس۔ حوالہٕ۔ م: کتاب چھےٚ مےٚ اَتھہٕ۔ کانٛسہِ ہندی کنہٕ۔ م: یہِ کام کرناو اُمہِ ہےٚ اَتھہٕ ——

**اَتھہٕ اَنُن۔** حاصِل کرُن۔ لیُن۔ قبضہٕ کرُن۔ قبضس تل اَنُن۔ پننِس اَتھس منٛز اَنُن۔ وَرگہٕ رٹُن۔ تل تھوٗن۔ م: نوٚش پیٛایہِ اَتھہٕ آیہِ۔ حسابس اندر کانٛہہ گرنٛد یِنٛہ نٛہہ کُن نِنہٕ۔ م: ۹ تہٕ ۵ ژۆداہ، ژۆداہ تہٕ ژورَے اَتھہٕ آو اَکھ ——

**اَتھہٕ آمُت۔** اَتھس منٛز آمُت۔ نِیُمُت۔ وٚٹھمُت۔ حاصِل کوٗرمُت۔

**اَتھہٕ آیتَن۔** پانَس ڈکھہٕ، تہٕ گو

پانس تام، بێیِس پیٹھ ہِیہ — آزاد پاٹھۍ — کانٛسہِ ہنٛدِ مدتہٕ یا دباوٕ بیترِ وراۓ کانٛہہ کتھ باتھ یا نیلے اَنٛز راوُن —— **اَتھِ آیوٚت**۔

اَتھس تل — یَختیارس اندر۔ پانس تام۔

**اَتھِ پھوٚل** — اَرگہٕ آہوتی۔ گبو گرٛ وِتھ اناجہٕ دوٛدھ، یوسہٕ ہمۍ چھےٚ یوان۔

**اَتھِ تھوٗن** — حوالہٕ کرُن۔ کانٛسہِ کینٛہہ پانس نِشِ تھونہٕ باپتھ دِیُن۔ پیٚنہٕ نِس اَتھس تل رَٹُن۔ پانس تل رَٹُن —— **اَتھِ دِیُن**۔ اَتھس کیتھ دِیُن۔ کانٛسہِ نِشِ تھوٗن — حوالہٕ کرُن۔ کانٛسہِ ہنٛدِ ذرٕ یہِ سوزُن۔

**اَتھِ رَٹُن** — ڈَگہِ رَٹُن۔ اَتھس منٛز رَٹُن۔ پیٚنہٕ نِس اَتھس تل تھوٗن۔ پیٚنہٕ نِس قبضس منٛز تھوٗن۔ یلہٕ نہٕ تراوُن۔ پَننہِ وَتہٕ کتھِ تھوٗن۔

**اَتھِ روٗزُن** — اَتھس تل روزُن — اَتھس منٛز روزُن۔ یلہٕ نہٕ گژھُن —

**اَتھِ ژوٚٹ لگنۍ** — زیٚنتھِ ہیکُن۔ زۍ بنٛنۍ۔ بَتہٕ زینہٕ نس لایق گژھُن —— (کارِکسبہٕ سیتۍ)

**اَتھِ ساٚر** — (کتھ یا ژوٗرِ) دوٚیمِہ سُند جاداد بیترِ وارٕ وارٕ پَنہٕ نِس اَتھس منٛز اَنُن — وارٕ وارٕ کانٛہہ پَننہِ جاداد نِشہِ لوٚژ راوُن۔ کانٛسہِ ہنٛدِس جادادس اَتھِ مارُن۔

**اَتھِ سوزُن** — بێیِس دِنہٕ موکھہٕ کینٛہہ کانٛسہِ اَکِہ جایہِ پیٹھہٕ بێیِس جایہِ نِنہٕ باپتھ دِیُن — کانٛسہِ ہنٛدِ ذرٕ یہِ واتناوُن۔

**اَتھِ کھیوٚن** — اَتھہٕ سیتۍ کھیوٚن۔

**اَتھِ لگُن** — رودمُت چیز لبُن۔ اَتھس منٛز یُن۔ وَٹھتہٕ یُن۔ وَٹُن۔

**اَتھِ لاٚرُن** — کُنہِ راوِ متہِ چیزک کانٛہہ حِصہٕ لبُن (یتھ پیٹھ گذارہِ ییہِ کرنہٕ)

**اَتھِ لوٗر بیٚیہِ کھوس** — ترٛشہ حالتھ گژھنۍ یتھ لوٗر ڈکھرِ تھ تہٕ بانہٕ ژوٚرِ کھوٚتہٕ بتھ بێچھُن پیٚیہِ — تیتھ پَتھر پیوٚن

یُتھنہٕ بُتھہٕ ہاوُن لایق روٗزِی زٕ۔

**اَتھِ لوٗر کرٕنۍ۔** ژٕنٛجہٕ دِی دِی پھیلو کرٕنۍ۔ اَتھہٕ سیٖتۍ چوب دِی دِی اُڈِی جہ پھُٹراونہٕ ــــــ

**اتھِ نہٕ ہار اَنٛد کار۔** اکھ وُنٛہوو۔ (تمِ ساترٕ پوان وَننہٕ، یلہِ کأنٛسہِ بَد یژھنہٕ وزِ یہِ وَنُن آسہِ زِ گژھہ ژٕ دوہے چنٛدٕ چھوٗن تہٕ نیتھہِ نوٗن روزُن) چھینٛنہٕ سے پیٹھہ کاڈِن گھسُن۔

**اتھِ نیٖنٛ** ـ سیٖتۍ نیٖنٛ۔ سیٖتۍ ٹمُن۔ (وَترٕ باپتھ) ــــــ

**اتھِ ہیوٗن** ـ کُن نیرُ نہٕ وزِ کینٛہہ سیٖتۍ ٹمُن۔ (وَترِ لگنہٕ باپتھ پأنٛسہِ ٹوٗنٛک چنٛدس اَنٛدر نیُن۔

**اَتھہٕ یُن** ـ اتھَس منٛز یُن۔ رود مُت چیز لبُن۔ کأنٛسہِ ہنٛدِس قبضس تل یُن۔ ـ زینُن ـــ حِسابَس اَنٛدر کانٛہہ گرنٛد یُنٛ وُنٛہہ یکناوٕنی۔ م : بشتھ ژاکھ اَٹھوٗوُہ، اَٹھوٗوُہ مہ تہٕ اَٹھ، اَتھہ

آیہِ زٕ ــــ **اَتھہٕ اَنٛدرٕ۔** اَتھہٕ منٛزٕ۔

**اَتھہٕ اَنٛدرٕ پیوٗن۔** اَتھہٕ منٛزٕ وُسی پیوٗن۔ اَتھہٕ منٛزٕ ژلُن۔ قبضہٕ تلہٕ نیرُن،

**اَتھہٕ اَنٛدرٕ ترٛاوُن۔** اَتھہٕ منٛزٕ یلہٕ ژھنُن۔ گژھنہٕ دیُن۔ یلہٕ ترٛاوُن، بنٛد نہٕ تھوٗن۔ آزاد کرُن۔

**اَتھہٕ اَنٛدرٕ ژلُن** ـ اَتھہٕ منٛزٕ گأیب گژھُن۔ اتھہٕ منٛزٕ نیرِتھ گژھُن۔ باز اَتھہٕ گژھُن۔ اُسِتھ گژھُن نہٕ آسُن، قبضہٕ نہٕ روزُن۔ یَنہٕ نِس اتھَس تل نہٕ روزُن۔ پانَس نِش نہٕ روزُن۔

**اَتھہٕ اَنٛدرٕ نیرُن** ـ تیش کأم ییش کانٛہہ اَتھہٕ سیٖتۍ ہیٚکہِ کٔرِتھ ــ اَتھہٕ سیٖتۍ کٔرِتھ ہیکُن ــــــ

**اَتھہٕ اوٗنٛگجہ** ـ اَتھچہِ اوٗنٛگجہ، کھورِ چہ زٕ ـــ تمہِ اوٗنٛگجہ یمہِ اتھَن آسان چھے۔

**اَتھہٕ بَل** ـ (١) اَتھچ ہیکتھ۔ کأم کرنٕچ ہیکتھ ــ (٢) ڈیارٕ زور ــ آستُک مَد ــــــ

اتھہ بَنٛدن ۔ مِژار ۔ اتھہ بنٛدُت ــــ
پانِنیار ۔ دوستی ۔

اَتھہ بنٛد گرٛھُن ۔ اَتھہ گنڈٕنۍ یُن ۔ آدٕر
آسُن ۔ مہہ کُل نہٕ آسُن ۔ کُنہِ کامہِ
سٕتۍ لُگِتھ آسُن ــــ پاُتِس ٹۄٹھ
نہٕ روزُن ــــ

اَتھہ باجِر ۔ مُہ باجِریُس اَتھہ سٕتۍ
داینہٕ پیٚیہِ ، یُس نہٕ اَسہِ سٕتۍ وایُن
پیٚیہِ ــــ اَتھہ باگے ۔ اتھہ باگرَن ،
اتھہ سٕتۍ باگرِتھ دیُن ، تہٕ کرِ دکرِ
سٕتۍ نہٕ ۔ اَنکہِ وُنۍ کنہٕ اتھَو سٕتۍ چھہ
کرِتھ دِنۍ ــــ

اَتھہ باثِر ۔ مُشکِل کام کرنہٕ وِزِ اَتھن
ہنٛز نَتھ ٹُھٹھ ۔ سخ کام پیٚنہٕ ساتہٕ
اَتھن ہنٛز نَتھر نَتھر ــــ

اَتھہ باہہ لگُن ۔ اَتھَن ہُنٛد گُہ لارُن
کُنہِ اَدۍ یِس چیٖزَس اَتھہ لاگِنہٕ سٕتۍ
ژھوکھ لگُن ــــ

اتھہ بُڈٕرَن ۔ اَتھہ دابراوُنۍ ۔ ہرٕ ہُر

وِزِ اَتھہ زیٹھر اُوِتھ لایہِ مار کرُن ــــ
بیٚیِن سٕتۍ اَتھَس اتھہ مِلناونہٕ پُرٛ ھ
اَتھہ نبرٕ کڈُن ۔ شُترُت تراونہٕ باپتھ
اکھ اَکِس اَتھہ مِلناوُن ۔

اَتھہ باجرَن ۔ اَتھہ باگرَن ۔ اَتھہ
سٕتۍ اَنی اَنی باگرُن ، پوٚر میٖژ تول
وُچھنے ــــ اتھہ باگرَن ۔

اَتھہ باجرَن ۔ اَٹھ سَٹھ پاٹھۍ اتھَو
سٕتۍ باگراوُن ۔

اَتھہ بجرٕ ۔ اَتھَن ہُند یا اَتھک
بڈُن ۔ بجر کُنہٕ اتھو سٕتۍ پُرٛانۍ
ہِش ہوٚنرٕ ورتاونۍ تِگنہٕ ــــ اتھَن
بجرٕ پینہٕ مہہ کھہ نہٕ پتہٕ کامہِ کٔشیت اتھہ
روزُن ــــ پلو بیٚترٕ چھیٚلو چھیٚلو بڈٕ
اتھہ ہی گرٛھنۍ ــــ

اَتھہ بُڈٕنۍ ۔ اَتھَن بجرٕ یُن ۔ بجرُس
منٛز کامہِ باپتھ اتھہ نرم نہٕ روزٕنۍ ۔

اَتھہ بیٚہہ ۔ اَتھہ ہہتھ گرٛھُن ۔ اَتھہ
نہٕ ٹھیکھ پاٹھۍ چلُن ۔ ژھوٚرٕ نگو ہنٛز

اَتھہٕ کُمراو ـــــ
اَتھہٕ بڑکوٚ بڑیُن ـ کُنہِ چیزٕ سیتۍ اَتھس
کرُن بُس گژھُن ـ
اَتھہٕ بڑکھ ـ اتھس بڑکھ لگُن ـ کانہہ
گوٚب چیز بیتِرِ پیٹھہٕ پیٚنہٕ سیتۍ اَتھس
دَباو پیوٚن تہٕ چوٚٹ لگُن ـ اتھہٕ سیتۍ
بڑکُن، پھُٹراوُن ـــــ
اَتھہٕ پھیدکُن گژھُن ـ مجبوٗری کنہِ
اَسِتھ تہٕ دِتھ ہیکُن ـ اَتھہٕ تہٕ دوٚتھ
ہیکُن نتھوٗتھ ـــــ
اَتھہٕ پھٹھُن ـ اتھس سیٚز گژھُن ـ کُنہِ
کامہِ کارس منٛز اَتھہٕ درُن ـ اتھو سیتۍ
کام ہیٚچھِنۍ ـــــ
اَتھہٕ پرٛزھ ـ اتھہٕ صاف آسنہٕ کِنۍ
کاٚنٛثِ پیٹھہٕ پرٛزھ، پرٛتیتھ ـ کاٚنٛسِ پیٹھ
پرٛتیتھ ـــــ
اَتھہٕ پھیر ـ اتھس پھٹُن ـ اتھو سیتۍ
کام کرنہٕ کِنۍ کھسُن ـــ اتھہٕ تلہٕ جان
کام نیرٕنۍ ـــ اَتھہٕ نیرٕنۍ ـ اتھہٕ بکار

پیٚنۍ ـ کاٚنٛسِہ ہُنٛد وقتِ کاٚرۍ بکار ییُن ـ
(مُلنٛز پاٹھۍ) کاٚنٛسِہ ہنٛدِ اَتھہٕ خراب
گژھُن ـــ اَتھہٕ پنٛجہٕ ـ اَتھہٕ ڈلیٚنۍ
(اوٚنگجو سان عام پاٹھۍ)
اَتھہٕ پنٛجہٕ جوڑ ـ زٕ اَتھہٕ پنٛجہٕ ـ دوشوٚن
اتھن ہنٛدۍ اَتھہٕ پنٛجہٕ ـ
اَتھہٕ پٔد ـ ژٕ ؤر اَتھہٕ آسنۍ ـ ژٕ ؤرِ
کُن آسُن ـ نیوُ ٹھس ژٕ وُنگ آسُن،
دٔزان ـ اَتھہٕ پھُہُر آسُن ـ
اَتھہٕ پہا ـ اَتھہٕ پیٚٹھو پہا ـ کہِ کالہٕ باپتھ
دوٚہ زٕم ـ کمیسے کانٛس دوہ زمس پیٹھہٕ ـ
اَتھہٕ پیٚنُ ـ ترٛنس ٹُتس پیٹھ اَتھہٕ
دُرداوُن ـ ژبڈ کرٕنۍ ـ ژالُن بانہٕ پادِ
کرُن ـــــ اَتھہٕ پاو ـــــ اتھہٕ
داہراٗوِتھ کِہِ ہنٛدِ انٛدٕ پیٹھہٕ نیوہ ٹھرکس
اَنٛدرس تام کھیر ـ نہٕ پھیرہ مُک اَکھ میٖژ ـ
اَکھ سٕٹھ گز گژھ دُچھنہٕ باپتھ اَکھ
اَتھہٕ میٖژ ـــــ
اَتھہٕ پاوُن ـ دوٚیمہٕ سنٛز کامہِ منٛز دَخل

دِیُن۔ دوٚیمہٕ سٕنزٕ ن کتھن منٛز زٕنگ
ژھٕنٛنۍ۔ (اَتھہٕ پنجابی محاورٕ ــ کاشُرِ
پأٹھۍ چھینہٕ یتھہٕ کنٛو ونان)

اَتھہٕ پُھٹرُن۔ (۱) کُنہِ پیٹھہٕ اَتھہٕ دُرٕ راوُن۔
کانٛہہ کار وارٕ پأٹھۍ ہیٚچھُن یا ہیٚچھناوُن ــ
(۲) اَتھہٕ چھلُن۔ اتھہٕ پاکھ کرُن۔

اَتھہٕ پُلپٹنۍ۔ اَتھہٕ گیمبٹنۍ۔ گُموٗ سٕتۍ اَتھہٕ
کُملنۍ ــ

اَتھہٕ پأژ۔ اَتھو سٕتۍ آب واب پاژُن۔
کانٛہہ تہٕ چیز کُنہِ بانہٕ منٛز اَتھو سٕتۍ کڈُن۔

اَتھہٕ پٕشُل۔ (۱) یُس اَتھہٕ پٕشِلۍ آسن۔
یُس اَتھہٕ نرم آسن۔ (۲) زأوِج کأم
زانَن وول (۳) کوٚژھہ رٕٹن وول۔ یُس
کوٚژھہ رٕٹنہٕ باپتھ اَتھہٕ پتھ کٕنۍ آسہ ــ
م: اَتھہٕ پٕشیج۔

اَتھہٕ پٕشجار۔ (کأم کرنس منٛز) اَتھہٕ
نرم آسنۍ۔ اَتھہٕ پٕشِلۍ آسنۍ ــ اَتھہٕ
کامہٕ ہُنٛد زأوِہ جار۔ کوٚژھہ رٕٹہٕ نٕچ خصلتھ،

اَتھہٕ پلوَن۔ نرٕ ہُنٛد زیچھر یا تھزر۔
یِتِس نرٕ واترِ تیوٚت دوٗر۔

اَتھہٕ پلوٗن۔ کانٛہہ چیز تیوٚتےٚ ہیوٚر یا
دوٗر، یۄتہٕ تام اَتھہٕ واترِ۔ م: دارِ پیٹھہٕ
کنہٕ دِرتام چھُہ اَتھہٕ پلوٗن یوتا۔

اَتھہٕ پوٚر۔ بوٚڑ تہٕ اَتھہٕ ووٚتھہٕ۔ آسن
وول، یُس اتھہٕ دوٚتھہٕ آسہ ــ کوٚنڈ
آسہ نہٕ ــ

اَتھہٕ پوٚرٕ بٕہ۔ اَتھہٕ وَژھر۔ اتھہٕ ساوٕ ہ۔

اتھہٕ پوٚر آسُن۔ اَتھہٕ ووٚتھہٕ آسُن۔

اَتھہٕ پوٚٹھ۔ یُس پوٚٹھ اتھہٕ آسہ۔
اوٚر کأرِ گر۔ جان تہٕ رُت کأرِ گر۔
زانَن وول کأرِ گر۔

اَتھہٕ پوٚل۔ یُس اتھہٕ ڈیوٚل آسہ۔
یُس کمزور اتھہٕ آسہ۔ یُس نہٕ اتھن
زور آسہ۔ یُس نہٕ اَتھہٕ دوٚر آسہ۔
م: اَتھہٕ پَچ۔

اَتھہٕ پیٚٹھ۔ جلد۔ جل جل۔ وُچھان
وُچھان۔ دُستی۔

اَتھہٕ پیٹھہٕ تھوٚن۔ ڈوٚکھہٕ کرُن ــ

دَقتہٕ وَقتہٕ حاجتھ کڈٕن ۔ رچھن بڈٕرن۔

سرپرستی کرٕنۍ ——

اَتھہٕ پرٕوٕن ۔ یُس اتھہٕ پرٕ ینٛز آسن۔

یُس اَتھہٕ سفید تہٕ صاف آسن۔ یُس

کامہٕ کارس منٛز بددیانتی کرِ نہٕ۔ یُس

اَتھہٕ صاف آسِہ ——

اَتھہٕ پیٛور۔ یُس صاف اتھہٕ آسِہ ——

یَسنٛزِ اَتھہٕ کأم صاف آسِہ۔ یَسندِ اتھہٕ

تلہٕ صاف کأم نیرِ۔

اَتھہٕ پیٛو د۔ وأقف ژٕ ور یُس آسہٕ

منٛز چیز کڈٕی کڈٕی نیرِ ۔ پیے پرٕ دِ ژٕ ور

م :۔ اَتھہٕ پیٛز۔

اَتھہٕ پیوٚن ۔ اَتھہٕ منٛزٕ دُسی پیوٚن۔ اتھہٕ

منٛز یلہٕ گرٕ ژھن۔ اتھہٕ تلہٕ نیرِ تھ ژٕلُن ——

اَتھہٕ تلہٕ گرٕ ژھن۔ پانٕس نِش نہٕ روزُن۔

اَتھہٕ پھَٹٕنٛز۔ اتھن پھرٕاڑٕ گرٕ ژھنہٕ ——

(تیر ورٕ سیٛتی)

اَتھہٕ پھرٕنۍ۔ کأنسہٕ ہندی کنہٕ نوقصان

واتُن۔ کأنسہٕ ہندِ دُسی زٕکھ واتُن۔

اَتھہٕ پھَش ۔ اَتھہٕ سیٛتی پھَش دِیُن۔

اتھہٕ سیٛتی دوٕ تھرادُن ۔ اَتھہٕ سیٛتی

ڈُوُن ۔ اَتھہٕ لاگُن ۔ اَتھہٕ سیٛتی سارُن۔

اَتھہٕ پھَلنٕز۔ کأم کرٕی کرٕی اَتھہٕ ژھینٛز۔

کُنہٕ کامہٕ منٛز اَکھے یأتی ژھینٛز تہٕ

لارُن نہٕ کینٛہہ ——

اَتھہٕ پھَنٛڈٕ۔ اَتھہٕ سیٛتی ژیٹھ دِیُن۔

اَتھو سیٛتی لایہٕ لاسے کرٕنۍ۔ دوٕ گین تہٕ

مکن پیٹھ واتُن ——

اَتھہٕ پھَھور ۔ یُس دٕری اَتھہٕ آسن۔

شُر یُس ژٕ ورِ ہُنٛد عا دَتھ آسِہ۔ سُہ

یُس ژٕ ورِ کُن آسِہ۔ یُس نیوٕ ٹھس

ژٕ ونٛگ دَزان آسِہ ——

م :۔ اَتھہٕ پھہر ——

اَتھہٕ پھہرٕ ۔ اَتھہٕ پھَھور آسُن ——

ژٕ ورٕ پوٚ۔ ژٕ ورِ کُن آسُن ۔ ژٕ ورِ

ہُنٛد عادَتھ آسُن۔ نیوٕ ٹھس ژٕ ونٛگ

دَزان آسُن ——

اَتھہٕ پھالوٕنۍ۔ کأم کرٕی کرٕی اتھہٕ خراب

کرفی تہٕ لارُن تہٕ کینہہ تہٕ۔ ژھکھ ژھکھ تہٕ تہٕ
کینہہ حاصِل یُن۔

**اَتھہٕ پھُری شَر۔** اَتھہٕ پھُر آسُن ——
پاٹھسَس کنیُت کوٚنڈ آسُن — اَتھہٕ
ڈُچھُن آسُن۔

**اَتھہٕ پھُر پُشُس۔** اَتھہٕ پھُر۔ یَس اَتھہٕ
پھُری آسَن۔ کوٚنڈ۔ مچھُہ ژٕہَن وول۔
کوٚنجوٗس۔ اَتھہٕ ڈُچھُن۔ یَس بٔنیس پیٹھ
اَتھہٕ ڈُتھو ڈُتھو گژھن۔ م: اَتھہٕ پھُرِش۔

**اَتھہٕ پھُسراوُن۔** کُنہِ مالمَس منٛز ہیۄنہٕ
یُن۔ کُنہِ اُکِس کامہِ منٛز بنٛد گژھنہٕ سیتھ
بنیاکھ کام نہٕ کرِتھ ہیکُن۔ تلیٖتھ آور
گژھُن زِ کلہٕ پھِرنس روزن نہٕ وار۔

**اَتھہٕ پھِرُن۔** اکہِ اَتھک چیز بیترِ
بٔنیس اَتھس تارُن۔ واپس لاینہٕ دوٚپھتن
پھِرِتھ اَتھہٕ تلُن ——

**اَتھہٕ پھِرِ دُن۔** اَتھہٕ ہَن ڈالنہٕ۔ مایہٕ
سان اَتھہٕ سیتھ سارُن۔ لولہٕ سان پھش
پھش دیُن ——

**اَتھہٕ پھیرِتھ گژھنی۔** یِمن پیٹھ داہ
مدار آسہٕ تِم پھیرِتھ گژھنہٕ۔ یُسہٕ مدتھ
بیترِ آسہِ کوٚرمُت تُسہٕ نہٕ اُچھن منٛز
روزُن۔ یِنہٕ نین نہٕ اُچھن منٛز آب روزُن،
مییتھر شُتھر سیدِنی۔

**اَتھہٕ پھیرِنی۔** اَتھہٕ پھیرِتھ گژھنی۔ (۱) اَتھن
کوٚو گژھُن (لگنہٕ یا غش بیترِ ینہٕ سیتی)
اَتھن چوٚنکھر گژھن (۲) ینہٕ نین نہٕ اُچھن
منٛز آب روزُن۔ مییتھر شُتھر سیدِنی۔

**اَتھہٕ پھییش۔** اَتھہٕ سیتھ نہناوُن ——
اَتھہٕ سیتھ پھش دیُن۔ اَتھہٕ سیتھ دوٚپھراوُن
اَتھہٕ سیتھ ڈُوُن۔ اَتھک ماچھرُن لیوٚتھ
نیُن —— **اَتھہٕ پھییشنی۔** افسوس
کھیوٚن۔ سخ پشتاوُن۔ اَتھن ژٕپی
ہینی۔ اَتھہٕ پھیرِ نی ——

**اَتھہٕ پھِرٛوست، اَتھہٕ پھِرٛوٚژ ——**
یُس اَتھہٕ رُت نیر۔ یُسندِس اَتھس شفا
آسہِ۔ سُہ یُس ییٚتھ کارس اَتھہٕ لاگہِ،
تتھ شوب یِیہِ۔ اَتھہٕ پھِرٛیرِ۔ اَتھہٕ چ
الگَانی۔ پھِرٛ پیٚری اَتھہٕ آسنی۔ اَتھن بند شفا۔

اَتھہٕ پھیار ۔ اَتھہٕ منٛزٕ رَس دوٗد بیترِ کڈُن، (٢) اَتھہٕ سیتؠ مُنی کڈٕنؠ۔

اَتھہٕ پھیُر ۔ اَتھہٕ سیتؠ گنٛزرادنَس منٛز غلطی۔ اَکِہ اَتھک چیز بیترِ دوٚیمِس اَتھَس تارُن (ٹھکنہٕ وِنزِ)

اَتھہٕ تنٛجر ۔ اَتھہٕ چھوٚن ۔ اَتھِچ تنٛگی۔ تنگ دُستی۔ چنٛدٕ چھوٚن آسُن۔

اَتھہٕ تنٛگ ۔ اَتھہٕ تھوٚر آسُن ۔ اَتھَس منٛز نہٕ کینٛہہ آسُن۔ خرچس کیٛتُت نہٕ کھُلہٕ ڈُلہٕ پانٛسہٕ آسُن ۔ چنٛدٕ چھوٚن آسُن ۔ غریبی آسٕنؠ۔

اَتھہٕ ترٕٛن ۔ (١) سَرد اَتھہٕ ۔ (٢) مایہٕ روٗس، چھوٚلمُت ۔ ہوٚنٛدُر ۔ (٣) اَتھہٕ شُہُل (گریرسن)

اَتھہٕ ترٛنیار، اَتھہٕ ترٛنیٛر ۔ ہُنٛدرِیہ مایہٕ ہُنٛد آباد ۔ اَتھَن ہُنٛد شیٛہجار ۔ (گریرسن) اَتھہٕ شُہُل آسُن۔

اُتھہٕ ترٕٛن، اَتھہٕ ترٛنُن ۔ اَتھہٕ ہنٛدرُن اَتھہٕ ترٛنُن ۔ اَتھَس شیٛہجار واتُن ۔ ترٛ گوزِ کانٛسہٕ ہُنٛدی کنٛہ مدتھ واتُن ۔ (گریرسن)

اَتھہٕ ترٛژھ ۔ صافہٕ ۔ یُس کَس منٛز بانہٕ بیترِ دوٚہ تھراوُنک پلو۔

اَتھہٕ تُل ۔ (رِنٛج) موٚٹھ ۔ تیٛوٚت، یُس تا اَتھَس واتہِ۔

اَتھہٕ تلِتھ دِیُن ۔ بےٚ روک پانٛٹھ دِیُن پیٛنٛٹھ کنہٕ دِیُن ۔ کُنہٕ چیز کہٕ ڈیرِ پیٛنٛٹھ کانٛسہٕ موٚٹھ کھنٛڈ تُلِتھ دِنؠ۔

اَتھہٕ تلُن ۔ اَتھہٕ تھوٚد تھوٚن ۔ وُژھ کرُن ۔ کام شوٗرُوٗع کرٕنؠ ۔ لایہٕ مار کرُن ہیوٚن ۔ ٹھاکھ کرنہٕ باپتھ اَتھہٕ ہیوٚر کُن کرُن (گریرسن)

اَتھہٕ توٗل ۔ اَتھہٕ سیتؠ وزن کرُن ۔ اَتھہٕ سیتؠ وزنک اندازٕ لگاوُن۔

اَتھہٕ تراوُن ۔ یلہٕ تراوُن ۔ یلہٕ ژھنُن آزاد کرُن ۔ گژھنہٕ دِیُن ۔ کُنہٕ مامَس یا کامہِ اَتھہٕ ژھنُن۔

اَتھہٕ ترٛوش ۔ اَتھہٕ دِچھُن ۔ یُس لاینہٕ

بانیچھ اَتھہٕ دُتھو دُتھو گژھہ۔

**اَتھہٕ ترٛاو** ۔ یُس اَتھہٕ دوٚتھ آسہِ۔
یُس اَتھہٕ یلہٕ آسہِ (لوٗکن خاطرٕ اتھہ دِنہٕ
بانیچھ یا خرچ کرنہٕ خاطرٕ)۔ م:- اَتھہٕ
ترٛاو ـــــ اَتھہٕ ترٛاوش ـــ اَتھہٕ
دُچھینیار۔ ڈُنڈ چار دِنس بیٹھ تیار۔
یُس لایہٕ بانیچھ گرِ گرِ اَتھہٕ دُتھتھ گژھن

**اَتھہٕ ترٛاوُن** ۔ اَتھہٕ پنجہٕ۔ اَتھہٕ دُلیٖنُن۔

**اَتھہٕ تھَر** ۔ (١) اَتھہٕ نٹھُن۔ اَتھچ تھَر
تھَر۔ راشہِ (٢) ہیمتھ نہٕ آسنہٕ
کنہٕ اَتھہٕ نٹھُن (ترٛژھ کام کرنہٕ وِزِ یوسہٕ
وَینہٕ آسہِ) (٣) گوٗناہ یا پاپھ کرنہٕ
وِزِ اَتھن نٹھ اَیِنہِ ـــــ

**اَتھہٕ تھَزر** ۔ اَتھک بجر (کاڑہٕ گژھ
کھیٗت۔ ہیٛس دِنس کیٛت تہٕ ڈیار
دول بیٚترِ آسنہٕ کنہٕ)

**اَتھہٕ تھمُن** ۔ پننہٕ کامہ منز دوٚزِ بتھ گژھن
نیٚدور بنُن ۔ اَتھہٕ تنگ گژھن۔

**اَتھہٕ تھاز** ۔ چھار۔ بانبر۔ اَتھہٕ نٹھُن۔

**اَتھہٕ تھانٛتھر** ۔ یُس اَتھہٕ تھانٛتھران
آسن۔ یُس اَتھہٕ نٹان آسن ـــ
(چھار آسنہٕ کنہٕ، خوف آسنہٕ کنہٕ)
م :- اَتھہٕ تھانٛتھر
اَتھہٕ تھانٛتھر بر۔ اَتھچ بانبر۔

**اَتھہٕ تھر** ۔ اَتھہٕ سیٛتھ بناوُن (کرالہٕ
سُند ژر نیچہٕ پیٹھ کھارنہٕ روٚستے یا
قالِبہٕ ورانِی)۔ بانہٕ، پتہٕ تُل بیترِ اَتھہٕ
سیٛتی یوت بناوُن۔

**اَتھہٕ تھرُن** ، اَتھہٕ تھرُ بر ۔ اَتھہٕ سیٛتھ
میٚٹریٚو بانہٕ بیتر بناوُن تگُن؟

**اَتھہٕ ٹوٗن** ۔ اَتھہٕ ژھوٹراوُن۔ خرچس
منز کمی کرٕنی۔ دان بیترِ دِنس منز
کمی کرٕنی ـــــ

**اَتھہٕ ٹوٹُن** ۔ اَتھہٕ نہٕ روزنہٕ کنہٕ گزارٕ
نہٕ بکُن ۔ کاڑہٕ گرُس بیترِ اَتھہٕ ٹھیکہٕ پاٹھو
نہٕ چلنہٕ کنہٕ بتہٕ کامن گژھنی۔

**اَتھہٕ ٹوٗکھ** ۔ اَتھہٕ دَب۔ ٹینڈی دَب۔
ٹینڈو سیٛتھ دَباوُن۔

اَتھہٕ ٹیوٗنڈ۔ اَتھہٕ چہ اوٚنگجہ ہُنٛد
بڑُونٛہٕٹھیُم حِصہ۔ اَتھچہ اوٚنگجہ ہُنٛد پیٹھیُم
گنڈ، یمتھ پیٹھ نم آسان چھِ۔

اَتھہٕ ٹھُہرُن۔ اَتھہٕ نہٕ ڈلُن۔ اَتھہٕ نہٕ نٹُن۔
(کارس کسبس اندر)

اَتھہٕ ٹھیپھ۔ تھاپر لاینہٕ۔ اَتھہٕ سیتۍ لاینہٕ۔
ژیٹھ۔ دگُن تہٕ ٹھیپُن۔

اَتھہٕ ٹھیکُن۔ اَتھہٕ دٕرُن۔ اَتھہٕ سیوٚد
روزُن۔ (زآوِج کام کرنس پیٹھ)

اَتھہٕ ٹھُکھ۔ اَتھہٕ سیتۍ چِل بیترِ دیُن۔
اَتھہٕ سیتۍ زمینس والُن۔ اَتھہٕ سیتۍ
دباوُن ——

اَتھہٕ جٕنج۔ اَتھس آہتو گنڈ وال۔

اَتھہٕ جُڑَل۔ یُس اَتھس گنڈ وال آسہِ۔
یُس اَتھس والہٕ گنبر آسہِ۔

اَتھہٕ جُڑلد۔ اَتھہٕ جُڑَل۔ یُس اَتھس
گنڈ وال آسہِ۔ یُس اَتھس والہٕ گنبر
آسہِ — اَتھہٕ جوڑ۔ زٕ اَتھہٕ
یکہٕ دٕنہٕ ——

اَتھہٕ جوڑِتھ۔ گُل گنڈِتھ۔

اَتھہٕ جوڑ۔ زٕ اَتھہٕ۔

اَتھہٕ چار۔ اَتھک دباو۔ اَتھک زور۔

اَتھہٕ چیر۔ اَتھک سخ دباو۔ اَتھک چار
اَتھہٕ سیتۍ زور دباوِتھ سرِ یہ کرُن۔
اَتھہٕ سیتۍ دباوِتھ ترِ مادٕ، شیرٕ بیترِ
کڈُن ——

اَتھہٕ چونکھرُن۔ ترِ بیترِ سیتۍ اَتھس
کلاو گرٕ ھن۔ اَتھس والے یُن۔ اَتھہٕ
ژمتُن —— اَتھہٕ چھکھ (بیوٗل بیترِ)
اَتھہٕ سیتۍ چھکُن۔ اَتھہٕ سیتۍ یرِ تھ طرفہٕ
واہراوُن۔ (بیوٗل بیترِ ودنہٕ یا ییتھ) اَتھہٕ
سیتۍ برِتھ دیُن۔

اَتھہٕ چھلُن۔ اَتھہٕ پھٹرُن۔ اَتھہٕ پانہٕ بیترِ
سیتۍ صاف کرُن۔ اَتھس پوٚنی بیترِ تراوِتھ
مَل ماچھرُ تلُن۔ وومید تراوٕنی۔ آش
تراوٕنی۔ بڑا اَتھہٕ نہٕ روزٕنی۔

اَتھہٕ چھانی۔ یرِ نہٕ یا شیپہ بیترِ بدل
اَتھہٕ سیتۍ یوت چھانُن۔ ژھٹھ دِتھ

زالبو مُنزٕ ہی کڈُن (ژھوٹھ الگ کرنہٕ باپتھ) —— **اَتھہٕ چھکھ**۔ اَتھہٕ سیتۍ لوٚ دِنۍ۔ اتھہٕ پیٹھہٕ دُژھ مژ یا اتھہٕ سیتۍ دِژمژ چھکھ ——

**اَتھہٕ چھوٚن**۔ ییٚس ژھری اتھہٕ آسن۔ ییٚس اَتھہٕ چھنۍ آسن۔ ییٚس نہٕ اتھن منٛز کینٛہہ آسہِ۔ ییٚس نہٕ کینٛہہ آسہِ۔ نیدورٕ مُفلِس۔ وارِلدٕ۔ م:۔ اتھہٕ چھنۍ۔

**اتھہٕ چھوٚنٛپ**۔ اونٛگجن تہٕ ہرِ ژُس منٛز باگ اَتھک پیٚٹھیمُ حِصہٕ۔ اتھہٕ سیتۍ گُلہٕ (کرُن) ——

**اَتھہٕ چھوہ میہٕ**۔ اَتھو سیتۍ موٗرُن (کیُٛسر تُلنہٕ باپتھ دانہِ وانہٕ)۔ اتھو سیتۍ کانٛہہ ژیٹھُ —— دگُن —— اَڈٕ مور کرُن۔ ورگہٕ اَتھو سیتۍ دِنتھ ژاوُن۔

**اَتھہٕ چھوہ نہٕ**۔ اَتھچ تنٛگی۔ ژھری اتھہٕ آسنۍ۔ اتھن منٛز نہٕ پاٚنٛسہٕ آسُن۔ اتھہٕ ژھوٚٹ آسُن۔

**اَتھہٕ درُن**۔ اَتھس ہاٚل گژھنۍ ——

کامہِ کارس منٛز اَتھہٕ سیدُن۔ ہاٚل کرِتھ کانٛہہ کامہِ ٹھیکھ کرِنۍ تگنۍ۔ لیکھنس کرُنس کیثُت اَتھہٕ ٹھیکرُن —— کاٚنٛسہِ لاینس پیٹھہٕ ہلُن ——

**اَتھہٕ دَگ**۔ اَتھہٕ سیتۍ دگُن۔ اَتھہٕ سیتۍ ژیٹھُن یا مانٛڈُن۔ اَتھس دادِ ژ دگ۔ اَتھس دادِ سیتۍ لگُن۔

**اَتھہٕ دارِوُن**۔ ییٚس منٛگنہٕ باپتھ اَتھہٕ دارنُس ہاٚل آسہِ۔ ییُٚس اتھہٕ آسہِ داران۔ یمٚہ منٛگہٕ نُس پیٹھہٕ آسہِ تھوٚومُت۔ بیٚچھوُن ——

**اَتھہٕ دُرِرُن**۔ اَتھس ہاٚل کرِنۍ۔ تھپہِ یا ژوٚرِ پیٹھہٕ تیار روزُن۔

**اَتھہٕ دُج**۔ وانہٕ ہنٛز صاٚفی۔

**اَتھہٕ دُچھنہٕ**۔ (۱) اتھہٕ دُچھُن آسُن۔ اَتھہٕ تُلنس تیار آسُن۔ لاینس پیٹھہٕ تیار آسُن۔ (۲) اَتھہٕ ژوٚترہٕ۔

**اَتھہٕ دُچھُن**۔ (۱) لاین گوٚر۔ ییٚس بیٚین پیٹھہٕ اَتھہٕ دُتھی دُتھی آسن گژھان۔

(۲) اتھہٕ پھُہرِ یُس اتھہٕ آسہِ ماران — یُس اتھہٕ پوٚ آسہِ۔ (۳) اتھہٕ ژوٚترُ۔ م :۔ اتھہٕ ڈُچھنۍ۔

اَتھہٕ دِنَن۔ اتھہٕ دِنۍ کاٗم۔ اتھہٕ سیتۍ پلوٚس بیترِ گرد کڈُنۍ۔ اتھہٕ سیتۍ پونۍ بیترِ دِتھہٕ ژراوُن۔

اَتھہٕ دِنُن۔ اَتھہٕ زورِ ہلاوِتھ سیتۍ تیچ گرد بیترِ ہٹاوِنۍ۔ زورِ سان ہلاوِتھ اتھہٕ صاف کرُن ؟۔ اتھَن ہمرٕ ہوی پیٚنۍ — اَتھہٕ ترِتھ لاگُن —

اَتھہٕ دوٚنۍ۔ اتھو سیتۍ دوٚنُن۔ اتھو سیتۍ مُژراوی مُژراوی ژراوُن (ہیمب بیترِ) اتھو سیتۍ صاف کرُن، اتھو سیتۍ کیتہٕ نَس لایق یا پکون برنَس لایق بناوُن —

اَتھہٕ دوٚ ژرٔھ۔ اتھو سیتۍ بیوٚن بیوٚن کرُن۔ اتھہٕ سیتۍ کنہٕ اَندرِ چیز بیترِ نیبر کڈُی کڈُی ژراوِنۍ۔ اتھہٕ سیتۍ ہیمبہِ منٛز ٹوٚٹۍ بیترِ الگ کرِتھ تہٕ کتن لایق بناوُن —

اتھہٕ دوٚبرِ۔ ژوٚرِ یا ٹھو اَتھو سیتۍ کینٛہہ وُڈراوِتھ۔ کانٛسہِ خیر بیترِ تھوٚنے کینٛہہ پوٚڈراوِتھ۔ اتھہٕ سیتۍ تل کُن یا زمینس تل کھٹُتھ تھوٚوِتھ۔

اَتھہٕ دوٚد۔ (۱) یُس اتھہٕ ڈُدی ہِتھ آسَن۔ یُس اتھس آمرٕ تاو آسہِ۔ (۲) ؟ کوہ فراتھ۔ م :۔ اَتھہٕ ڈُز۔

اَتھہٕ دوٚر۔ یُس ڈُری تہٕ مضبوط اَتھہٕ آسَن۔ یُس کانٛہہ اگر اَتھہٕ آسَن۔ یُس لاینَس پیٹھ اَتھہٕ درِیوُت آسہِ۔ اتھہٕ ڈُچھُن۔ م :۔ اَتھہٕ ڈُر۔

اتھہٕ دوٚگ۔ مُکاٗلی۔ مکہٕ۔ وُٹھتھ اَتھہٕ سیتۍ ژُنڈ۔ موہ چھِ ٹاس۔

اتھہٕ دیُن۔ اتھہٕ سیتۍ مدتھ کرُن۔ رہٕ کرُن۔ کانٛہہ گوٚب چیز بیترِ کھوٚد تُلنَس منٛز بیٚیس پکنُن۔ اتھہٕ روٚٹ کرُن۔ اتھہٕ مارُن۔ ژوٚرِ ہیتھ ژلُن۔

اَتھہٕ ڈکھ۔ (۱) ڈکھراونہٕ باپتھ کانٛہہ چیز مشلَن لوٚر بیترِ۔ (۲) کنہٕ چیزَس ستی ڈکہٕ ترُن



to carry some one with you

**اَتھ ڈلُن** ۔ اَتھ آور یور پھیرِتھ گژھن ۔ کامہِ اندر نہٕ اَتھ ڈنٛجہ روزُن ۔ اَتھ ڈنٛجہٕ نہٕ روزنہٕ کِنۍ کأم ہیٚچ کٔرِ گژھنۍ ۔

**اَتھ ڈالُن** ۔ (۱) مایہ سان ہیٚتھ کِنۍ اتھ پھیرناوُن ۔ پھشہٕ ہن پھشہٕ ہن دِنۍ — (۲) اَتھ سیتۍ شیرُن ۔ (۳) اَتھ پھیرِتھ دود دَگ ژُلراوُن (۴) کأم نہٕ وارٕ پأٹھۍ کرنہٕ دِنۍ ۔ کامہِ منٛز وَتھ راوٕرِنۍ ۔

**اَتھ ڈُکھُن** ۔ پننہٕ نِشہِ بچنہٕ بأپتھ اتھ دِیُن ۔ اتھ سیتۍ ڈوٚکھ دِیُن ۔

**اَتھ رٹُن** ۔ اَتھس تھپھ کرٕنۍ ۔ اَتھ روٚٹ کرُن ۔ مدتھ کرُن ۔ بچاوُن ۔ سرپرستی کرٕنۍ ۔ کُنہِ کامہِ نِشہِ رُکاوُن ۔ ٹاکھ کرُن ۔

**اَتھ ہیتھ تھوُن** ۔ روٚد کران یا نژن وِزِ اکھ اَکِس اَتھس تھپھ کرِتھ روزُن ۔

**اَتھ رٔب** ۔ اَتھچ شوٗب ۔ سونہٕ ہنٛدی گلہ آسنۍ ۔ پزٕ کأم تگنۍ ۔

**اَتھ رٔنگنۍ** ۔ (۱) اَتھن رنٛگ کرُن — (۲) رنٛگہٕ سیتۍ اَتھ وونہٕ لاونۍ (۳) کانہہ کأم اَڈرٕنۍ ۔ (۴) بیٚچھہٕ نس پیٚٹھ دُرُن ۔ (۵) کُنہِ ناکارٕ کامہِ پیٚٹھ دُرُن ۔

**اَتھ راوُن = اَتھ راوٕرُن** ۔

(۱) اَتھ منٛزٕ ترٛاوِتھ ژھنُن ۔ (۲) اتھ کھوٚٹ کرُن (۳) ہوٚنر راوٕرِنۍ ، کسب راورُن ۔

**اَتھ راورُن** ۔ (۱) اَتھ منٛزٕ نراوُن — (۲) اَتھ کھوٚٹ گژھن یا ژھینُن ۔ (۳) کأری گر اَتھ نہٕ روزُن ۔ اَتھ ڈلُن ۔

**اَتھ راٗچھ** ۔ دَترٕ ہُنٛد سیتۍ وول — تس یِوان وَننہٕ یُس راچھ کرنہٕ بأپتھ سفرس بیترٕ منٛز سیتۍ یِیہِ تگنہٕ ۔

**اَتھ رُو** ۔ اَتھ سیتۍ تھل کرٕنۍ — اَتھ سیتۍ نہألی کرٕنۍ ۔ اتھ سیتۍ رُدُن ۔ اتھ سیتۍ وَدُن (کُل بیترٕ)

**اَتھ روٗزِتھ گژھنۍ** ۔ کانہہ کأم بیترٕ کران کران اتھ روٚٹ گژھنۍ ۔ بأگران بأگران اتھ تھوُن ۔ ترژھ حالتھ گژھنۍ نہٕ اَتھے وو تھُن نہٕ —

**اَتھ روٚٹ** ۔ مدتھ ۔ حاجتہ وِزِ اکار

بکاریُن۔ سَرپرستی۔ اَتھ پیٹھ تھوٗن۔

**اَتھ روٗن۔** ٹُنڈ۔ یَس اَتھ کھوتُھ زَد آسہِ۔ اَتھو روٗس۔

**اَتھ روٗزُن۔** اَتھ رُکُن۔ اَتھ روٗزِتھ گژھنی۔ کٲم کرنٕچ ہِمتھ نہٕ روزٕنی۔ باگران باگران یا باگرنَس منز اَتھ روٗزِتھ گژھنی ——

**اَتھ زَدَل۔** یَس اَتھس زوٗد آسہِ۔ یُس پَزِ نہٕ پیٹھو خرچاوان آسہِ۔ یَس نہٕ پانٕسہٕ روزِ۔ اَتھ چھوٗن۔ وُجارہِ۔ نبدور ——

**اَتھ زُلُن۔** گمہٕ اَتھ آسُن۔ اَتھس گرِ گرِ گمہٕ یِنٕچ حالتھ۔ اَتھ مَل ——

**اَتھ زیٹھرُن۔** (۱) اَتھ نبر داہراوُن۔ (۲) اَتھ داہراوُن۔ بیٚنٕہ شند مال بے جا پاٹھو اَتھس منز اَنُن۔ (۳) لاینٕہ خاطرٕ اَتھ تُلُن۔ (۴) پَزِ نہٕ پیٹھو بخشاے شہ کرنہٕ ——

**اَتھ زیٖر۔** اَتھ سیتھو دَکہٕ۔ اَتھ سیتھ

کانٕسہٕ ہَس یا حبس دیُن۔

**اَتھ زٕ۔** دوشوے اَتھ۔ زٕ اَتھ ——
م:۔ اَتھ زٕ گژھن صاف آسنی۔

**اَتھ زِل۔** (۱) اَتھس لوٗگمُت کھہ۔ کَشنہٕ یا داد بیترٕ سیتھ اَتھس لوٗگمُت زَخم۔ (۲) اَتھ سیتھ دیُتمُت کھہ۔

**اَتھ زوٗد۔** اَتھس گوٗد آسُن۔ پَزِ نہٕ پیٹھو خرچُن۔ بے حساب خرچُن ——
پَزِ نہٕ پیٹھو خرچنہٕ سببہٕ پانٕسہٕ ڈونٛگ ورشہے ——

**اَتھ زور۔** اَتھچ ہیکتھ۔ اَتھن ہُنز ہیکتھ۔ آسنک زور۔ آسنک دَگہٕ دَگہٕ۔

**اَتھ زول۔** اَتھچن دوٗن اونٛگجن منز بار گیچ جاے ——

**اَتھ زیچھر۔** زیٖٹھو اَتھ آسُن۔ اَتھ داہراوُن (کینْہہ پانس کُن کرنہٕ با پتھ یا بیٚیس پیٹھو وُلی کرنہٕ باپتھ)۔ بیٚیس لاینٕہ باپتھ اَتھ زیٹھراوُن۔ کھُلہٕ ڈُلہٕ پاٹھو خرچُن۔ پَزِ نہٕ پیٹھو خرچُن ——

اَتھ زیٗوٗٹھ ۔ یُس زیٗوٗٹھ اتھ آسہِ ۔۔۔
یُس اتھ ووٚتھ آسہِ ۔ پزٕ نہٕ پیٚٹھہٕ خرچن
وول ۔ کھُلہٕ ڈُلہٕ مرچن وول ۔ یُس نہٕ
پانٕسہٕ روزِ ۔ اتھ زدل ۔ یُس بیٚیس لاینہٕ
خاطرٕ تیار آسہِ ۔ اتھ ڈیھُن ۔ یُس بیٚیس
پیٹھ اتھ ڈُتھ ووتھ آسن گژھان ۔۔۔
م :۔ اَتھ زیٹھ ۔

اَتھ ژٕپُل ۔ یُس اتھن ژٕپی آسہِ ہیوان ۔
یُس کانٕسہٕ کام کرنہٕ خاطرٕ اَتھ کڈ وُنے
ژوٚپ ہیٚیہِ ۔ یُس کانٕسہِ ہنٛزِ کامہِ گوڈ
پیٹھے ٹھونٛٹھ اَنہٕ ۔ یُس نہٕ بیٚیس کام
کرنُس گوڈٕ پیٹھے اَتھ وَتھ دِیہِ ۔

اَتھ ژٕترُ ۔ یُس کامہِ کیٛتُ رُت اَتھ
آسہِ ۔ یُس اَتھ ژوٚترُ ژوٚتر ووتھ ۔
جان کاریگر ۔ ہونرمند ۔۔۔ کام زانن
وول ۔۔۔ اَتھ ژترٕ ۔ کامہِ کارس
کیٛتُ رُت اَتھ آسُن ۔ ژوٚترُ ژوٚترُ
اَتھ آسُن ۔ ہونرمندی ۔ جان کاری
گری ۔۔۔ اَتھ پھِری ۔

اَتھ ژاپُن ۔ اَتھس ژوٚپ ہیوٚن ۔۔۔
اَتھ موٗرٕنی ۔ ہٕژرٕ ژاپنہٕ ۔ گوٗ موٗرٕنی ۔
اَفسوٗس کھیوٚن ۔ کانٕسہِ ہنٛزِ کامہِ منٛز
ٹھونٛٹھ اَنُن ۔ کانٕسہِ نہٕ کانہہ کام کرنس
اَتھ وَتھ دِنی ۔

اَتھ ژاپھ ۔ اَتھس ژٕہہ ژٕہہ دیُن
(شرٕی سُنٛد) ۔ اَتھ سیٚتھ کھبنُک شیٖر
اَژُن ۔ اَتھس لیوٚنی دِنُک شیٖر اَژُن ۔

اَتھ ژال ۔ (۱) وُٹھتھ ماو (۲) تیوٚ تا
یوٚت منٛز اَتھس واتہِ ۔

اَتھ ژالُن ۔ کانٕسہِ ہُنٛد ترٛاو برداش
کرُن ۔۔۔ کانٕسہِ ہنٛزِ پیٹھوٗ وُلی تَل
درُن ۔۔۔ اَتھ ژانُن ۔ کنہِ کھرٕ بیٚیہِ
دیٚیہِ منٛز اَتھ ژٕھنُن ۔ دوٚیمہِ سنٛزِ کامہِ
منٛز ڈنگ ژٕھننہٕ ۔ دوٚیمہِ سنٛدِس کامہِ
کارس منٛز دخل دیُن ۔

اَتھ ژٕنڈٕ ۔ اَتھ سیٚتھ ٹاس دیُن ۔ اَتھ
سیٚتھ لایُن ۔ اَتھس ٹاس یُن ۔ اَتھس

ژٕنڈ یُن

اَچھہ ژہ۔ اَچھَس لبوٗن۔ اچھس لیوٗنِ
دِنی۔ کھبتھ چتھ اچھس ژہ ژہ دیُن۔
بوچھ دادِ اَچھہ پھیشنِ۔

اَچھہ ژوٗٹ ۱۔ (۱) یَس اَچھہ ژھیو نمُت
آسہ۔۔۔ یَس اَچھہ ژٹنہ آسہ آمُت۔
(۲) یُس سامانہٕ نہ آسنہٕ کنہٕ کام ہیکہِ
نہٕ کرِتھ۔ یَس اوزارن ہنز وبڑھے پییہ۔

اَچھہ ژوٗٹ ۲۔ صِرف اَچھہ سیتی کرُمژ
ژوٗٹ (تمکنا بیلنہٕ بیترِ سیتی نہٕ) پننہٕ اَچھہ
زیوٗنمُت۔ اَچھچ زی۔ محنتچ کمائے۔

اَچھہ ژیٹ۔ اَچھہ سیتی ژیٹُن یا دوگ
دیُن (موٗہرِ یا ژھوٹہٕ ورائے)۔ اَچھو
سیتی کانہہ دگُن یا ژیٹُن۔ اَچھو سیتی
مار دیُن۔۔۔

اَچھہ ژل۔ اَچھہ سیتی ژلُن۔ اَچھہ سیتی
ژل دِتھ تھوکُن۔ اَچھہ سیتی بستُن (کینہہ
کُنہِ بانَس یا ٹھیلس بیترِ منز)

اَچھہ ژرٹھ۔ اَچھہ سیتی تیتھ ٹاس، یمہِ
سیتی کینہہ دِیہِ بیہہِ۔ اَچھہ سیتی ژرٹ

ٹلنہٕ۔ ژرِ پوٗپ (گریرسن)

اَچھہ ژھٹھ۔ اَچھہ سیتی ژھٹُن۔۔۔
اَچھہ سیتی ژھٹھ کڈنی (رشپہ سیتی نہٕ)

اَچھہ ژھربہ۔ اَچھہ چھوبنہ۔ نادارِی۔
اَچھِ نہٕ کینہہ آسُن۔ اَچھس منز نہٕ
پائسہٕ ٹوٹنک آسُن۔ وقتہ وِزِ نہٕ
پائسہٕ آسُن۔۔۔

اَچھہ ژھل۔ اَچھہ بینڈرِ۔ اَچھہ جُنڈرِ۔
اَچھچ کل یا مشین۔ تور یا قُلُف بیترِ
یتھ مُتررِ نہٕ یا یتھ ژھل آسہ، کُنہٕ بینس
نہٕ لاگنہٕ۔۔۔

اَچھہ ژُھر۔ وہرِتھ تہٕ ووہ گنہٕ کرُنڈ۔

اَچھہ ژھانڈ۔ اَچھہ سیتی سأرِتھ وُچھُن،
اَچھہ سیتی وُچھُن۔۔۔

اَچھہ ژھنُن۔ کُنہِ منز اَچھہ والُن یا
تراوُن۔ پننِس اَچھَس منز نیثُن۔۔۔
پانَس تل انُن۔ دخل دِیُن۔ ژنگ ژہ ہنہٕ

اَچھہ ژھوپ۔ اَچھہ سوٗپ۔ یَس نہٕ
اَچھہ ژوٗر ووتھِ۔ یُس کامہِ کارِس

کیٛتُت سوٗت آسہِ۔

اَکھہٕ ژھوٗٹ۔ یُس لوکُٹ اَکھہٕ آسَن۔

کوٗنڈ۔ کوٗنجوٗس ——

اَکھہٕ ژھوٗٹ تہٕ زیٛوِ زیٛوٗٹھ ——

یُس وَرنہٕ سبٹھا تہٕ کرِ کم۔ یُس اَکھو

سوٗت تہٕ کتھو تیز آسہِ۔ یُس دِیہِ کم تہٕ

ٹھیٛکہٕ سبٹھا۔ یُس لیکہٕ ہتھو کےٚ یا تہٕ ژارِ

تہٕ پوٚشہِ نہٕ ——

اَکھہٕ ژھوٗر۔ یُس ژھری اَکھہٕ آسَن۔

نبِدور۔ اَکھہٕ چھوٗن —— یُس نہٕ وقتہٕ

کاٗرِی پاٚنُسہِ نیرِ۔ یُس نہٕ اَکھَس منٛز پاٚنُسہِ

ٹوٗنک آسہِ۔ م:۔ اَکھہٕ ژھُر۔

اَکھہٕ ژھوٗژ۔ (١) اَکھہٕ چھوٗن۔ نبِدور۔

یُس نہٕ اکھہِ کینہہ آسہِ۔ یُس نہٕ تکہٕ

کانہہ صوٗرَتھ آسہِ (٢) بےٚ ہوٗش۔ یُس

نہٕ اَکھہٕ ژوٗترُ آسہِ۔ یُس ٹھُنڈ بسندی

پاٚٹھی کاٗم کرِ ——

۴ اَکھہٕ ژھوپیر۔ اَکھہٕ سہٕ پیر۔ اَکھہٕ

ژوٗتریر نہٕ آسُن۔ اَکھہٕ نہٕ ژوٗتُر ژوٗترُ

ووہتھُن —— اَکھہٕ ژھوچر۔ اَکھہٕ

ژھوٗٹ آسُن۔ کوٗنڈ آسُن۔ صوٗرَتھ

نہٕ آسُنہٕ کینہہ کِہے خَرچ ہیکُن۔

اَکھہٕ ژھوژر۔ (١) اَکھہٕ چھوبر ——

ناوٲزِی۔ صوٗرَتھ نہٕ آسُنہٕ (٢) اَکھہٕ

ژوٗتریر نہٕ آسُن۔ اَکھہٕ نہٕ ژوٗتُر ووہتھُن

(٣) کامہِ ہُنٛد باش نہٕ آسُن۔ کاٗم نہٕ کرنٕی

تگُن ——۔ ۴ اَکھہٕ ژھبِن۔ اَکھُک

چھوکھ۔ تہٕ (اَکھہٕ سیتی وُژھمِش) رُم

(اَکھہٕ سیتی گاٗمِژ)

اَکھہٕ ژھیوٗن۔ اَکھہٕ ژوٹ۔ یُس اَکھہٕ

چھوکھ لوٗگمُت آسہِ۔ یُس اَکھہٕ ژھیو نمُت

آسہِ —— اَکھہٕ سگ۔ اَکھہٕ

سیتی سگ دیُن۔ اَکھہٕ سیتی کُلِن بیترِ

پوٚنی دیُن ——

اَکھہٕ سمبر۔ اَکھُک سوٗم آسُن — اَکھہٕ

ہیٛو آسُن۔ ہِشی کاٗم نیرنٕی۔ سُتھہِ

اَکھو سیتی کاٗم کرنٕی ——

اَکھہٕ سنٛز۔ اَکھَس لوتاسوٗن۔ تیوٗسےٚ

سۄن ییتس اتھہ واتہ ——

**اَتھہ سارُن** - اتھہ سیتہ سۆمبرِتھ انُن —
اتھہ سیتہ اکہ جایہ تُلِتھ بِیِس جایہ تراوُن -
اَتھہ سیتہ اکہ جایہ پیٹھہ بِیِس جایہ سارُن -
اتھہ سیتہ سأرِتھ وُچھُن ، اتھہ پھیرِ دِنہ
سیتہ وُچھُن ——

**اَتھہ سابنی** - اَتھک اُدریہ - اَتھہ اڈ دُر
آسُن - اتھس شریٖہہ آسُن (کُمن دُمن
ہُنڈ) —— **اَتھہ سأر** - اَتھہ لاکھ —
اتھہ سیتہ سۆمبرِتھ انُن - اتھہ سیتہ اکہ
جایہ تُلِتھ بِیِس جایہ تراوُن — اتھہ سیتہ
اکہ جایہ پیٹھہ بِیِس جایہ سارُن — اتھہ سیتہ
سأرِتھ وُچھُن - اتھہ پھیرِ دِنہ سیتہ وُچھُن -

**اَتھہ سیر** - اتھہ سیتہ بناوُمژ سیر (قالِہ
سیتہ نہ) کُتنہ باپتھ تیار کوٚرمُت پھمبہ
توٚمب ——

**اَتھہ سیتن** - (۱) اُتھو - اتھکہ مدتہ سیتہ -
اَتھکہ ذٔری یہ (۲) اتھہ لأگِتھ - اتھہ لاگِنہ
سیتہ —— **اَتھہ سیتی** - اُتھو - اَتھہ
لأگِتھ - اتھہ لاگِنہ سیتہ ——

**اَتھہ سوو** - آسن دول - صوٗرِژ دول -
ییٚس اتھس منز پانِہ ٹوٗنک آسِہ -
ییٚس اتھہ وڈھ آسِہ - م : اَتھہ سأو -

**اَتھہ سور** - اَتھہ سیتہ تال وایُن -

**اَتھہ سورِتھ پکُن** - بۄزِتھ شوٗژِ تھ
پکُن - چندِ وُچھِتھ خرچُن - وُرُن وُچھِتھ
کھور دٕہراوُن ——

**اَتھہ سورشُن** - اَتھہ پٹھراوُن - اَتھہ
پھلُن - اتھہ صاف کرُن -

**اَتھہ سینی** - اتھس نہ نوٗن آسُن -
نوٗنہ رٔس اتھہ - ییتہ تھس نہ سوٚاد
آسِہ - (۱) تلیتھ اَتھہ یمہ تلہ نہ سی ندر
ترِژ کأم نیرِ (۲) رَنہ نس منز اَتھ بے
مزِگی - جان نہ رَنُن تگُن ——

**اَتھہ سبزر** - (۱) اُتھہ سیوٚد آسُن -
(۲) اَتھہ سیتہ کینہہ سیوٚد کرُن - اَتھہ سیتہ
کینہہ سبزاوُن (۳) (کامہ منز) سیدِتھ تہ
کام یابی - اَتھہ تلہ رِژ کأم نیرِنی ——

**اَتھ سَرانٕر**۔ اَتھ سانٕر۔ اَتھک اُدریر۔ اَتھ لۄدُر آسُن۔ اَتھس سریٚہ آسُن۔ (گمُن وُمن ہُنٛد)——

**اَتھ سیٚون**۔ یَیٚنٛدِس اَتھس نُنٕر آسِہ نہٕ، تہٕ گوٚ تِہ اَتھ سیتی دُنہِ ہتس اکِس تہٕ سواد۔ ورگہِ یَیٚنٛزِ کامہِ کانٛہہ خاص مِیفتا آسِہ نہٕ۔ یَیٚنٛزِ کام اوتھٕٹُر کھوتھٕٹُر آسِہ۔ یَیٚنٛزِ کامہِ تہٕ شوٗب آسِہ——
م:۔ اَتھ سیٚنُو۔

**اَتھ شَر**۔ اَزاُنِس اَنٛدر غلطی گژھنی—— بےٚ خبری اَنٛدر اَتُر گژھُن۔

**اَتھ شَلکھ**۔ اَتھ سیتی لایُن۔ کَتھو سیتی یوت نہٕ اَتھو سیتی شیٚز راوُن—— م: کَتھ شَلکھ——

**اَتھ شہُل**۔ یَیٚنٛدِ اَتھ شیٚہجار واتہِ۔ سوکھ واتہِ۔ راحت واتہِ۔ (۱) یَیٚس اَتھس شفا آسِہ۔ (۲) یَیٚنٛدِ اَتھ جانٛنی بیرِ—— م:۔ اَتھ شہج۔

**اَتھ شوٚد**۔ صاف اَتھ وول۔ یَیٚنٛز کام صاف آسِہ——

**اَتھ شوٚزر**۔ اَتھ صاف آسُن۔ اَتھ پاکھ، پوٚیتھر آسُن۔ اَتھچہ کامہِ ہنٛد صاف آسنک صِفتھ۔

**اَتھ شیٚہجار**۔ شہُل اَتھ آسُن—— اَتھک شفا۔ اَتھک رٕژر۔ کامہِ برکتھ نیرٕنی—— مثلَن:۔ گُو دُنس یا موہرِ آنٛچار برنٕس دُت پھل نیرُن۔

**اَتھ شیٚہلاوُن**۔ سختی وِزِ پلزُن۔ راحت واتناوُن، سوکھ دیُن۔

**اَتھ شیٚہلُن**۔ کامہِ منٛز کانٛہہ پلزُن۔ کاُنٛسِ ہُنٛد اَتھ روٚٹ۔

**اَتھ شرٛاکھ**۔ ماز نِکراوِنچ شرٛاکھ (اَتھ مُقابلہِ چھےٚ کھٔشہِ شرٛاکھ، یمہِ سیتی کھشی یوت کران چھِہ)

**اَتھ صاف**۔ یَیٚس صاف اَتھ آسن۔ یُس صاف کام کران آسِہ۔ یَیٚنٛزِ کامہِ نہٕ نوقُص آسِہ۔ یَیٚنٛز کام بےٚ داغ آسِہ—— اَتھ صافِر—— اَتھ

صاف آسُن۔ نوقصہٕ رُوٚس کارٕ گرُی۔

اَتھہٕ کڈُن۔ اَتھہٕ سیتۍ کام پوٗرٕ کرٕنۍ (خاص کرِتھ کانہہ زاۆج کام)۔ اَتھہٕ کِنہِ منٛز نیبر کڈُن ——

اَتھہٕ کرٕنۍ۔ اَڈلیوٗک کرُن۔ چھٹہٕ کرٕنۍ۔ چھوٚٹہٕ کرٕنۍ (کانہہ برٕژ یا دأل وغیرٕ)۔

اَتھہٕ گرُن۔ یلہٕ ترٛاوُن۔ اَتھہٕ منٛز ترٛاوُن۔ گژھنہٕ دیُن۔ ہرپٮ۪ٹھ واتُن۔ اَتھو سیتۍ لایہٕ لاے کرٕنۍ ——

اَتھہٕ کانبر۔ (۱) اَتھک مانٛتھُن (۲) اَتھس لانٛج آسُن۔ یَسنٛز کام نہٕ وارٕ ج آسہٕ۔ کامہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کھرٕیُن۔ (۳) ژوٗر زاۄر

اَتھہٕ کایُر۔ یُس اتھن ہیکتھ آسہٕ نہٕ۔ یَسندِ اَتھہٕ نہٕ کام نیرِ۔ آلژی ——

م :۔ اَتھہٕ کایِر ——

اَتھہٕ گانٛٹھ۔ اَتھہٕ ژٹنۍ۔ بیٚیہِ سندِس اَتھس کھوژُن۔ بیٚیہِ سندِہ اَتھک بے۔

اَتھہٕ کاوٕرنۍ۔ اَتھن چونٛکُھر گژھن ——

اَتھن لوٗنگُر گژھن۔ اَتھن کوو گژھن۔

اَتھہٕ کاوٕرٕہ۔ اَتھن ہنٛد چونٛکھُر۔ اَتھہٕ واے ——

اَتھہٕ کس۔ اَتھچ اَنٛدٕرِم لوٗکٕٹ کھوتہٕ لوکٹ اۄنٛگج ——

اَتھہٕ کمُل۔ یُس اَتھہٕ نَرم آسن۔ یَسنٛدی اَتھہٕ پٮ۪ٹھ ژنۍ تہٕ سونٛدر آسن۔ یُس اَتھہٕ وۄتھ آسہٕ۔ یُس نہٕ کوٗنٛڈ آسہٕ۔ یُس نہٕ پانٛسہٕ ٹونٛک دِنُس وایہِ کرِ —— م :۔ اَتھہٕ کمُج۔

اَتھہٕ کمجار۔ اَتھن ہنٛز نرمی —— اَتھچ خوٗب صوٗرتی۔ اَتھہٕ وَژھر ——

اَتھہٕ کوٗر۔ نرِ ترٛاونُک سوہ نہٕ سُنٛد یا روہ پٮ۪ٹھ سُنٛد ڈُلہٕ یا گژھکر ——

اَتھہٕ کوٗل۔ (۱) یَسنٛز کام نہٕ صاف آسہٕ۔ یَسنٛز کامہٕ نہٕ شوٗب نیرِ۔ یُس کامہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پھش پیہِ (۲) ژوٗر ژٹُل ——

م :۔ اَتھہٕ کأنۍ ——

اَتھہٕ کِنہِ تہٕ بتھہٕ سفید۔ جان بتھہٕ گوٗنہگار —— م :۔ گبہٕ بتھہٕ رامہٕ ہوٗن ——

اَتھہٕ کِنہِ منٛز گژھنۍ۔ کار کرٕی کرٕی اتھن

مَلِے یوت لارُن تہٕ وَٹھتھ نہٕ کینہہٕ یُن ـــ
محنت کرِتھ نہٕ مُجرا اٰہی ـ ڈیار ورتاوٕنی
تہٕ لارُن نہٕ کینہہٕ ـــ

اَکھہٕ کیوٗن ـ یُس گمہٕ ہُنتہ اَکھہٕ آسن ـ
یچھہ کار کرن وول ـ بدکار ـ م: اَکھہٕ کینٛز ـ

اَکھہٕ کھجہٕ ـ اَکھہٕ کھوٗل آسُن ـ اَکھہٕ
وَڈمر ـ فراخ دِلی ـــ

اَکھہٕ کھن ـ اَکھہٕ ءِ ستہ گمنُن ـ ڈیریس
منز نوٗموٗ نہٕ وُچھنہٕ باپتھ اَکھہٕ ژھننتھ
موٹھ کھنڈ کڈُنی ـــ

اَکھہٕ کھاو ـ اَکھہٕ کھبنہٕ وول ـ تھپل ـ
اَکھس تھپہ دِنہٕ وول ـ کاٗنسہٕ ہنٛدِ اَکھہٕ
پلیٹھ کھبتھ ژھنن وول ـ

اَکھہٕ کھنٛڈرن ـ اَکھہٕ باگے ـ اَکھہٕ ءِ ستہ
پھالومن ـ اَکھہٕ ءِ ستہ کھوٹھ کرُن، خراب
کرُن، نوقصان کرُن ـ

اَکھہٕ کھہہ ـ (۱) اَکھس ژِل (۲) اَکھہٕ ءِ ستہ
ژِل یا اَکھک ژِل ـ

اَکھہٕ کھوٗل ـ یُس اَکھہٕ دٔہرِتھ آسہ



یُس اَکھہٕ دٔہرِتھ آسہ ـــ فراخ دِل ـ
دٲنی ـــ

اَکھہٕ کھوٗر = اَکھہٕ کھوٗر ـ اَکھہٕ تہٕ کھوٗرٕ
ورگہٕ ژُھ زنٛگ ـــ

اَکھہٕ کھوٗر پھلنہٕ ـ اَکھہٕ کھوٗر ژھینتھ پینٛز ـ
کاٗم کرنہٕ ستہ اَکھہٕ کھوٗر تھکنہٕ ـ ورگہٕ کاٗم
کرِتھ نہٕ وَٹھتھ ـ

اَکھہٕ کھوٗر لگُن = اَکھہٕ کھوٗر لگنہٕ ـــ
(۱) بال بچہٕ لگُن (۲) ژھُو زنٛگ بکار ییٛنہٕ ـ

اَکھہٕ کھوٗر مارٕنی ـ ستھاٹا کوٗشش کرٕنی ـ
پرٛتھ طرفہٕ کوٗشش کرٕنی ـ

اَکھہٕ کھوٗر نہٕ لگُن ـ (۱) بال بچہ نہٕ لگُن ـ
(۲) کنہٕ نہٕ بیٚیہ آسُن (۳) کنہٕ نہٕ برابری
ییٛنہٕ ـــ اَکھہٕ کھوٗر وَہرٕنی ـ کھلہٕ ڈلہٕ
ڈٕکھتھ بہتھ ہیکُن ـ آرامس منز آسُن ـ
رُکاوٹ ورأے آسُن ـ یُہنٛد خوف
آسہِ تہٕ تَل کرِتھ بےٛ پھرک پاٹھو زِندگی
گذارٕنی ـــ

اَکھہٕ کھڑاو ـ ژٕڈ زنگو شند اَکھہٕ بیہہ ـ

اکہِ قسمچ کھراو یوس ژٔد رنگہٕ پکنہٕ دِزِ اَتھو سیتۍ دکھراوان چھہ۔

**اَتھ کھیاوُن۔** بیٚنِس کینہہ دِتھ تَس بیٚنہِ تہٕ بیٚنہِ منگنچ ٹال کرٕنۍ۔ کاٚنسہِ پَنُنۍ سیتۍ تَس اتھ تلیتھ تہٕ رَولد ناوُن یُتھ سہٕ گرِ گرِ پتے روزِ۔ کاٚنسہِ کُنچ ژاپھ ژانتو، یُتھ سہٕ پتہٕ اگادِ گژھِ۔

**اتھ کھیوٚن۔** اتھس ژوٚپ ہیوٚن۔ پننہٕ اَتھہٕ سیتۍ کھیوٚن۔ اتھہٕ سیتین کھیوٚن (گرِیرسن)

**اَتھ گژھُن۔** اَتھہٕ اُندرٕ نیرُن۔ اکہِ شنہِ قبضہٕ منزٕ نیرِتھ دوٚیمہِ سندس اتھس تل لگُن۔ آزاد سپدُن۔ یکہٕ گژھُن۔ (غوٗلام سُند) قبضس تل نہٕ روزُن۔ (پرژِ یا وآلہِ وینہٕ) اڑ لیوٚک گژھُن؛ چھوٚٹہٕ گژھُن، وقتس آسنے بچھہ زیوٚن۔ نامٕٹھ پتیاو گژھُن۔

**اتھ گنڈٕ۔** اتھس پیٹھ کھوٚتمٕت پھٹل ہیوٚ۔ اتھس گنڈ ہیوٚ تمٕت (رٕز سیتۍ

گنڈ کرنہٕ بدلہٕ) اَتھہٕ سیتۍ پھٹچہ ہُنڈ گوٚل وُلِتھ مُلِتھ رٕٹُن۔

**اتھ گاڈٕ۔** سوٚ گاڈ یوس اتھہٕ سیتۍ چلاوان چھہ۔ سہٕ ریڑٕ بیترِ یُس اتھہٕ سیتۍ پکناوان چھہ۔ اتھ ریڑٕ۔ سوٚ گاڈ یَتھ منز باغوان تہٕ واٹَل بیترِ مَل تہٕ میٚژ بیترِ ساران چھہ۔

**اتھ گامژ۔** سوٚ یَس (زنانہٕ یا چاروائریس) اڑ لیوٚک آسہِ گومٕت، چھوٚٹہٕ گامژ۔ سوٚ یَس نامٕٹھ پتیاو آسہِ گومٕت۔

**اَتھ گمُن۔** یَس گمہٕ لد اَتھہٕ آسَن۔ یَس گمہٕ ہیتۍ اتھہٕ آسَن۔ یَس کانہہ گنڈ یا یچھ کام کرنہٕ سیتۍ اَتھہٕ ٹکرہٕ آسَن گامتۍ۔

**اتھ گمیٖنیار۔** اَتھہٕ گمہٕ ہشر۔ اَتھہٕ کرژر۔ اَتھہٕ ملیٖشُن۔ اتھہٕ ٹکریر۔

**اَتھ گوٚد۔** اَتھک زوٚد۔ اتھس زوٚد آسُن۔ اتھس منزٕ نہٕ پانٕسہِ روزُن۔ اتھہٕ نہٕ پانٕسہِ آسُن۔ پَرنہٕ پیٹھو خرچنس ہاٚل۔ پانٕسہِ کَرنس ہاٚل۔

اَتھہ گومُت۔ اَتھہ منٛز دٕرامُت — یِلہِ گومُت۔ یٔنہِ اَتھہ منٛز نیرِتھ بنٛیس اتھہ لوٗگمُت۔ پانَس تام نہٕ رُوٗدمُت — نافرمان برٕدار۔ نہٕ یوٗزُن ہار۔

اَتھہ گو ببر۔ اَتھک گوٚب آسُن — اَتھس کیتھہ سبٹھا آسُن۔ دِنس کیٛٹھ اَتھہ دوٚتھ آسُن۔ اَتھہ وَژھر۔

اَتھہ گرٕدٕ۔ سہٕ گرٕڈٕس اَتھہ سیتی چلاوان چھِہ (پال گرٕڈٕ نٕو)

اَتھہ لگہِ۔ ییتی ییٚر اَتھس منٛز اُڈنگِہ چھہ تہِ گوٚز پانٛژھ۔

اَتھہ لَم۔ اَتھہ دٕژِہ۔

اَتھہ لَمہٕ ۱۔ کانٛسہِ ہٕندِس اَتھس یا یہ اَتھس اندرٕ آسبس تَتھ دٕژِہ دیُن۔

اَتھہ لَمہٕ ۲۔ اَتھہ سو ژٕر۔ کایان تہٕ کشان اَتھہ دوتھُن۔ اَتھک سوٚت تہٕ لوٚت دوتھُن۔ اَتھہ سوٚتی آسُن — اَتھہ چھہ کامہِ منٛز ہیٚنٛمٕ — اَتھہ گوٚب دوتھُن

اَتھہ لَمہٕ ڈُن۔ اَتھس اَلوند۔ یمہِ سیتی اَتھس دٕژِہ دِنہٕ

اَتھہ لاگُن۔ کنہِ سیتی یا کنہِ پیٹھ اَتھہ تھوٚن۔ اَتھہ سیتی کنہِ چھِہ دِنی۔ کانٛہہ کام ٹِلُن۔ کانٛہہ کام کرٕنی ہیٚنٛز۔ اَتھہ ژھٕنُن دٔخل دیُن۔ منٛز اژُن۔

اَتھہ لایُن۔ اَتھہ سیتی ٹاس دیُن۔ اَتھہ ژُنٛڈ۔ اَتھہ مارُن۔ تھپھ لاینہٕ۔ تھپھ دِنی ——

اَتھہ لوٗن۔ اَتھہ سیتی یوت لوٗنُن۔ اَتھہ سیتی یوت فصِل ٹِلُن (دٕراتہٕ واتہٕ روٚستے)

اَتھہ لوٗنہٕ وَنی۔ اَتھہ سیتی لوٗنہٕ ہٕنٛج مزدوٗری۔ اَتھہ سیتی لوٗنتھ ہیٚبتھ دوٚتمُت (گرِیرسن)

اَتھہ لیوُن۔ اَتھس لیوُفی دِنی۔ اَتھہ ژھٕہُن۔ کھبتھ کرِتھ پتہٕ منٛز باپتھ اوٚنگجن ژھٕہ دیُن ——

اَتھہ مَلُن۔ ا۔ ل۔ م۔ اَتھس تہٕ اَتھس پھش پھش دیُن۔ اَتھہ مٕرٕنی — گو مٕرٕنی۔ افسوس کھیوٚن۔ پشتاوُن۔

اَتھہ مَلیٛن۔ یَس ماَلہِ اَتھہ آسن یٚیس اَتھن مَل آسہ۔ مَل کیتھ اَتھہ ودل۔

اَتھہ مملوٗن، اَتھہ مملوٗن۔ اَتھہ نیٚتھ

سوٚ یتھ گژھن۔ اَتھَس نبتہٕ سوٚتی گژھنہٕ
اَتھَس نبتہٕ سوٚ یتھ گژھنہٕ سیتی تہٕ سی
ہوٚد لگنہٕ ——

اَتھہٕ منزٕر، اَتھہٕ مشٕنزٕر۔ اَتھہٕ موٚنجر
اَتھہٕ سوٚ ژُر۔ اَتھَک کوٚ ٹینگ۔ اَتھَک
ہوٚنڈ آسُن۔ اَتھَک لگہٕ ہارنہٕ آسُن
اَتھیچ ناقابِلِ یتھ یا اَتھہٕ کھوٚ ٹھ آسُن۔

اَتھہٕ مارُن۔ اَتھَک ٹاس۔ اَتھہٕ سیتی
ٹاس دیُن علاوَن۔ یا تَل دیُن ——
غبن کرُن۔ ژُور ژھینیہ کینہہ نِنُن ——
ناجائِز پاٹھی کینہہ پانَس کُن کرُن۔
اَتہٕ گٹہٕ یا کھٹیتھ رۆز تھ ہتھیار ہیتھ
حملہٕ کرُن ——

اَتھہٕ مانڈ۔ اَتھہٕ سیتی مانڈُن ــ اَتھہٕ
سیتی مَڈرُن (اوٹ یا زبن بیتر)

اَتھہٕ ماو۔ (۱) اونگجہ تہٕ اوتھ اَتھہٕ۔ (۲)
رکہٕ (۳) ہندٕ طرفہٕ اَتھیچ ڈُنڈر۔

اَتھہٕ ٹلی نیار۔ اَتھَن ہُند ٹکریر ——
اَتھَن ہُنز ناصافی۔ اَتھہٕ ماِلہٕ آسنہٕ۔
اَتھَن مَل آسُن۔

اَتھہٕ ملہٕ وَن۔ (۱) اَتھہٕ واس۔ اَتھَس
اَتھہٕ دیُن (۲) اَتھَو سیتی ژُونی ہینہٕ ——
اَتھَو سیتی لایہٕ لاے کرنٕی (۳) ڈَبہٕ ڈَب
کرنٕی ہینہٕ۔ ڈَبہٕ ڈَبہٕ باپتھ اَتھہٕ ملہٕ ناونی۔
نظرِ باپتھ اَتھَن ٹکیپھ کرنی۔

اَتھہٕ ملہٕ وُن، اَتھہٕ ملہٕ ناونی ——

اَتھہٕ ملوَن ——

اَتھہٕ میٹھ۔ سوٚ یُس اَتھَن ہوٚد دیر آسہٕ۔
سوٚ یُسنٕدِس اَتھَس میچھر آسہٕ ــ سوٚ
یُسنٕدِس زُنٕ ہتھس چیزِس سواد ییہٕ ——
میٹھ ٹھہ تہٕ مزدار رَنن واجنہٕ۔ سوٚ یُس
سوٚنہٕ یسنٕد گُل آسن۔ یوٚس جان
پاٹھی زاوُج کام ہیکہٕ کرِتھ ——

اَتھہٕ مُھن، اَتھہٕ مُھتھ نیُن۔ اَتھہٕ منزٕ
ٹکیپھ دِتھ نیُن۔ اَتھہٕ منزٕ موٚرِتھ نیُن ——

اَتھہٕ موٚر ۱۔ سوٚ لورِ تلِم یوٚس رِکیچ کام
دِوان چھے یا چھانڈہٕ بدل رچھ اَتھَس
کیتھ ٹھوان۔ اَتھَس کیتھ ہیُر ہنز لورِ تلِم۔
رژھا زیٹھہٕ تہٕ زاوج کلچ لاو ئنڈ،
یتھ گرُس کھسنہٕ وزِ کیچ کام ہیوان چھہ۔

اَتھ موٗرن ۱ - اَتھ سیتھ موٗرِ موٗرِ کٕنہِ ڈبل بیترِ ژلُن (مکایہِ، چھنس بیترِ)

اَتھ موٗر ۲ - اَتھ سیتھ چیر- اَتھس چیر- اَتھ اَندر ژھیتھ نیُن-

اَتھ موٗرن ۳ - اَتھس ڈُھنہٕ دِنہٕ- اَتھ سیتھ ڈُھنہٕ دِنہٕ- (خاص کٕرِتھ کینہہ اَتھ منز نیٖنہٕ باپتھ)

اَتھ موٗرُن - اَتھ مَلُن- افسوس کھیوٗن- پشتاوُن- اَتھ ڈُھٹُن- اَتھس ڈُھٹَن دِنہٕ- تِچھ آسنہٕ کنہٕ اَتھس زوٗر زوٗرِ پھش دیُن-

Thought the plural

اَتھ موٗٹ - اَتھ ویوٗٹھ- یُس اَتھ پوٗٹھو آسَن- یُس اَتھ ویٹھو آسَن- یُس اَتھن مو چُر آسہِ- یُس دوٗنوٗے ہوی اَتھ آسَن ——

اَتھ موٗنٛد- یُس نہٕ اَتھ لگہِ ہار آسہِ (دادِ دادِ کنہٕ)- یُس اَتھ سوٗت دوٗنہِ یُس نہٕ اَتھ تیز دوٗنہِ ہان آسہِ- یُس نہٕ اَتھ ژوٗترُ آسہِ ——

اَتھ موٗنٛڈ- یُس اَتھس منٛڈُن آسہِ

گوٗمٹ- یَنٛدِ اَتھو اوٗنٛٹھر کھوٗنٛٹھر کائمے یاژ نیر- یُس گو بہٕ ہان اَتھ دوٗنہِ- یُس اَتھ سوٗت آسہِ-

اَتھ مو چَر- اَتھ ویٹھر- اَتھ پوچھر- موٗٹ اَتھ آسُن- اَتھکہِ مو چَر- اَتھس یوتا موٗٹ-

اَتھ مو نجر- اَتھ منزر- اَتھ مینٛزر اَتھ سنو ژر- اَتھک کوٗنٛگ- اَتھک موٗنٛڈ آسُن- اَتھک لگہِ ہار نہٕ آسُن اَتھچ ناقٲبِلیت یا اَتھ کھوٗٹھ آسُن-

اَتھ میچھر- اَتھ میوٗٹھ آسُن- اَتھ سیتھ میوٗٹھ کھبن یا مزدار کھبن بناوُن تگُن- جان رَسوے کرِ تگنہٕ-

اَتھ میلُن- اَتھس منز اَتھ دیُن-

اَتھ واس سپدُن- اَتھو سیتھ ہَر دوٗنہٕ- اَتھو سیتھ ژُونی ——

اَتھ مین- اَتھ سیتھ مینُن- اَتھ سیتھ یادِ یادِ میٖنہِ ہیوٗن-

اَتھ میٖل- جاٲنی یارز- سخ یارز- اصل دوستی- پانہٕ وٲنی گنٛڈے آسُن-

اَتھہٕ میوٗٹھ۔ سُہ یُس اَتھَن مۆدریر آسہِ۔ سُہ یُس سِندِس اَتھَس میٖچھر آسہِ۔ سُہ یُس سِندِس زُنیٖمتِس چیٖزس مزٕ پیہِ۔ میوٗٹھ تہٕ مزٕدار رَنَن وول۔ سُہ یُس سوٗنہٕ سِندی گُو آسَن۔ یُس جان یا ٹھوز اَدِج کاٗم ہیٚکہِ کٔرِتھ۔ م:۔ اَتھہٕ میٖٹھ۔

اَتھہٕ نَٹھ — اَتھَس تھَر تھَر (تیٖرِ سیٖتی، کھوٗژِ نہٕ کِنہِ یا قدرتی)

اَتھہٕ نَم — اَتھہٕ چہٕ اوٗنگجہ ہُند نَم۔

اَتھہٕ نیوٗٹھ۔ کِہِ مُقابلہٕ بیٚیہِ اَندِج اِتھج وُیٹھ تہٕ ژھوٗٹ اوٗنگج، اَتھہٕ چھہٕ نٔزے گنڈ آسان۔ اِتھج سوٗ اَندِم وُیٹھ تہٕ ژھوٗٹ اوٗنگج یوٗسہٕ بیٚیَن اوٗنگجن سیٖتی مُقابلہٕ اَنِتھ کانہہ چیٖز چھہٕ رَٹنہٕ یوان۔

اَتھہٕ نیٖرمُن — پَننہٕ اَتھہٕ کٔرُن۔ پَننہٕ اَتھہٕ کَڈُن یا موکلاوُن۔

اَتھہٕ نَبھتھ — اَتھہٕ سیٖتی گَٹس بیٖترِ موٗن ہیٚنُن (کاتِرِ بیٖترِ سیٖتی نہٕ)۔ تیٚتھ موٗن ہیٚتھ اَتھہٕ سیٖتی آسہِ بیٚیُر وُشُر

اَتھہٕ نَنڈ، اَتھہٕ نیٚنڈ۔ دانہٕ کِس گوڈٕ رُدِس منٛز بوٗن نَمتھ اَتھو سیٖتی کچہٕ بیٖترِ کَڈِتھ نیٚیُن۔ اَتھہٕ سیٖتی دانس کچہٕ بیٖترِ کَڈُن تہٕ مُسٹھ بناوُن۔

اَتھہٕ نیاگ۔ یُس اَتھہٕ نٔکی آسَن۔ (جِسمہٕ کِس دوٚیِمِس اَنگَن مُقابلہٕ) یُس لوکٕٹ اَتھہٕ آسَن۔ م:۔ اَتھہٕ رِنج۔

اَتھہٕ وَٹُن — اَتھہٕ بَند کٔرُن۔ اَتھہٕ پَتھ رَٹُن۔ اَتھہٕ نہٕ وٕہتھ تھَووُن۔ دیٖن بَند کٔرُن۔ کانہہ کام بیٖترِ کرنہٕ نِشہٕ پوٚت ہیٚوُن۔

اَتھہٕ وَر — اَتھہٕ سیٖتی وُٹھُن — اَتھہٕ سیٖتی وُٹھَن دِنی۔

اَتھہٕ وَرآے۔ اَتھہٕ روٗس۔ اَتھہٕ نہٕ آسُن۔ یُس نہٕ کانہہ پَلنس آسہِ۔

اَتھہٕ وَژھر — اَتھہٕ وٕہتھ آسُن۔ فراخ دِلی — اَتھہٕ وَہارُن — (۱) اَتھہٕ مُژرُن، (۲) اَتھہٕ بڑوٗنہہ کُن کَڈُن — نوِ نوِ کامہِ پَننِس اَتھَس منٛز نِنہِ۔ اَتھہٕ زیٖٹھراوُن، پٔتھ اَفَدخلِ تہٕ یوٚت پلہٕ تیوٗت پاتھَس

تَل کرُن (۳) کوٗژھ رٹُن ہیوٚن۔

**اَتھ وَے** — اتھ سیتۍ لوٗنتھ چاروان کیٚتُ گاشک راٗتب۔

**اَتھ واٹھ** — اَتھ سیتۍ کُنکو نٕ ٹُکہٕ اکھ اَکِس سیتۍ ملہٕ ناوِنی یا جوٗرِتھ تھوٗنی (خاص کرِتھ کاکد یا بیتی کُنہٕ چیز کہٕ)

**اَتھ واجَن** — اکِہ گامُک ناو۔ یہِ چھُ سرینگرس ہیوٚر کُن ژٕ کرٛوہ دوٗر۔

**اَتھ واس** — اَتھ میٖلُ۔ اتھس منٛز اَتھ تھوٗن — لُگنَس پیٹھ مہرِ نٕ تہٕ مہرازٕ سُند اکھ اَکِس سٕندٕ ن اتھن منٛز اتھ دِنی۔ اکھ اَکِس سٕندٕ ن اتھن تھیکہ کرِنی (نٔشنَس تہٕ ہکٹ بیٚتر کرنَس منٛزٕ)۔ **اتھ واس روزُن**۔ اتھ میٖلُ پوٗشُن۔ پانٕ وِنی ملٔزار پوٗشُن۔ باٗژن دوٚن نٕ ژھین گژھن۔ جُدائی نٕ گژھنۍ۔ اِکہِ وَٹہِ روزُن۔ پانٕنیار پوٗشُن، دوستی یا میٖترُت موٗجوٗد روزُن۔

**اَتھ واس کرُن** — اَتھس منٛز اتھ

دِیُن۔ اَتھ ملہٕ ناوِنی۔ باٗج یَتھہٕ کرُن۔ کُنہِ کامہِ باپتھ سَمُت کرُن۔

**اَتھ واسہٕ** — دارِ ہنٛز یا دروازٕچ تھَمہٕ

**اَتھ والُن** — کھینہٕ بانَس منٛز اتھ ژاوُن۔ کھیوٚن ہیوٚن ——

**اَتھ وایُن۔** (۱) اتھ چَلاوُن (۲) اتھ دُچھُن بنُن (۳) اتھ سیتۍ ناو چَلاوِنی (کھورِ وورِ سیتۍ نٕ)

**اَتھ وُتر** — اَتھ وَرُق — اتھ چیٖری۔ دُستی رُسید۔

**اَتھ وُٹھُن** — ماوِ سیتۍ وَر دِیُن۔ (پٔنس یا رزِ بیٚترِ)

**اَتھ وُٹھنۍ** — اتھ سیتۍ پٔنس یا رزِ وُٹھن دِنی، وَر دِیُن۔

**اَتھ وُٹھُن** — کاٗنٛسہِ اتھس وَر دِیُن۔ اتھس یا ہٕنٛزِس وُٹھن دِنی — اتھ یا ہوٚژ وُٹھُن۔ اتھ یا ہوٚژ ہوٚرُن۔

**اَتھ وُژھ** — اتھ ژوٗتریر — کانہہ کام موہ کلاوس منٛز دُلی دُلی اَتھ تُلُن۔

جَل جَل کاٗم کوٗٹ مو کلاوُنہٕ خاطرٕ اتھہ
ٹُلُن ـــــ اَتھہ وُژھہ ـــــ اَتھہ
ژُوٗتُر ـ کُنہ کامہٕ بیتر جَل جَل اَتھہ ٹُلُن
ووَل ـ جَل جَل کاٗم مو کلاوَن ووَل ـ
اَتھہ وُشناوُن ـــ اَتھس وُشنیر
کرُن ـ اَتھس گرمی کرٕنی ـ بیٚیہِ سِنٛدِ
دَوکھہٕ سیتی شیٚہلتھہ پیٚنۍ ـ م :- اَکِس
دزان دارٕ بیاکھ وُشناوان اَتھہ ـــ
بیاکھ تنگ کرِتھ خوش گژھن ـــــ
اَتھہ وُشنیر اتھہ وُشُن آسُن ـ
اَتِھچ گرمی ـ دْیارٕ آسنۍ ـ مَنٛزرٕتھ آسنۍ ـ
بجا آسُن ـ آسَن ووَل آسُن ـ
اَتھہ وَوٗتھ ـ یِس اتھہ دَوٗتھ آسہِ ـ
یُس نہٕ کَونٛڈ آسہِ ـ یِس بوٗڈ دِل آسہِ ـ
جِگرٕ ووَل ـ م :- اتھہ دُژھہ ـ
اَتھہ ووَل ـ (۱) یِس پھِرُوٗژ اتھہ
آسہِ ـ (۲) باگوان ـ ڈیکہٕ بوٗڈ ـــ (۳)
یُس یِس تہٕ سوورُے کینٛہہ آسہِ پیٚمٕٹُک
تُس مَنٛورُن تہٕ پیٚنۍ ـ یِس اَتھس منز

سوُرُے آسہِ ـ م :- اتھہ واجنۍ ـ
اَتھہ ووکھر ـــ اتھہ سیتی ووکھر کرُن،
اتھہ سیتی پھیٚر دِیُن ـــــ
اَتھہ وٚسر ـ اَتھس نہٕ سور آسُن ـ
اَتھس نہٕ حِس آسُن ـ اتھہ منزٕ چیٚز
نیرِتھ ژلنۍ ـ اَتھہ منزٕ ک وُسی پیٚوُن ـ
نہٕ لگہٕ ہار اَتھہ ـــــ
اَتھہ وٚسرُن ـــ اَتھس تہٕ سور روزُن
اَتھس نہٕ حِس روزُن ـ اَتھہ منزٕ ک
وُسی پیٚوُن ـــــ
اَتھہ ہیٚنٛڈ ـ اَتِھچ لَستہٕ ـ اَتھک پھکٕٹھ ـ
اتھہ ہَچر ـــ ہلو اتھہ آسنۍ ـ اَتھک
لوٗقُص ـ کامہٕ کارس لایق نہٕ اَتھہ آسنۍ ـ
سِیُز کاٗم نہٕ تگنۍ ـ کاٗم غلط گژھنۍ ـ
ہیٚچ کاٗم گژھنۍ ـــــ
اَتھہ ہَن دِنۍ ـــ ہَنا ہَنا اَتھہ ژانُن ـ
رٕژھا رٕژھا ہیٚتھ ژلُن ـ وارٕ وارٕ
اتھہ مارُن، پھرُن ـــ
اَتھہ ہارُن ـ (زارس منز) بازہ ہارُن ـ

باز ہٕ زینُن ——

**اَتھہ ہاوان گرٕھن** ۔ گرٕھنہٕ ورِزٕھرِ اَتھہ تُنُو تھٲوِتھ۔ کانہہ خاص کٲم اندٕ واتناوِنے مرمن — کینہہ وٕٹھتھ پینہٕ رٕوستے مرن۔ وٲنِس پوٗرِ نے مرن۔ کتہٕ کنہٕ نٕہ کھسن تہٕ مرِتھ گرٕھن — ناکام تہٕ نا مُراد پاٹھی مرن ——

**اَتھہ ہاوُن** ۔ (۱) اتھہ وچھن وٲلِس بڑٕ نہہ کنہٕ اَتھہ واہراوُن، حکیمس بیترِ۔ (۲) بٔیِس پنُن طاقتھ ہاوُن۔ زور ہاوُنی (۳) دنٛد ہاوِنی۔ ترٲس بیٚہناوُن — (۴) بٔیِس یہ ہاوُن زِ اَتھہ چھُم چھوٚن۔ (۵) اَتھہ منٛز کیا تاسہ پتہٕ ہاوِنی۔

**اَتھہ ہیٚچ** —— سوٗیس اتھہ ہیٚچ آسن۔ سوٗیس اتھن کوس آسہِ۔ سوٗیس کامہِ کارس لایق اتھہ آسن ہٕ رٕوزِ متہِ۔ یس کامہِ لانجہ ییہِ۔ یوٚسہٕ کوٗ کار کرنس کِتہٕ ژوٚتہٕ آسہِ۔ لنا۔ اتھہ ہوٚل

**اَتھہ ہنٛدٕ ڈرٛش** —— نٲوُلِ بیٚت

کرِتھ اَکھ لوکٹ چھوٗٹ (کٲری گرٕن تہٕ سوٗرٕن بیترِ نِکہ نِکہ سوٗہٕ تہٕ روپہ پیٚنٛتھ ٹِکہٕ نِس منٛز بکار یِوان)

**اَتھہ ہیٚشر** —— (۱) ہیوٗی اتھہ آسنی۔ اتھن منٛز ہیٚشر آسن (۲) کینٛژن ہُنٛد کامہِ کیٚتھ ہیٚیوُے اتھہ آسن۔ کینٛژن ہنٛز کٲم اکھ اکِس سیٚتھ دلیٖلنی (۳) وقتہٕ وقتہٕ کرِ مژ کامہِ ہُنٛد سمبر —— کامہِ ہُنٛد کھبہ وٕسہ آسنی ——

**اَتھہ ہلِنی** —— (۱) اتھن ہٲل گرٕھنی —— (۲) اتھہ ورُن، کٲم ہیٚچھنی۔ کانہہ کٲم کوٗٹ گرِ تہٕ گرِ کرنہٕ سیٚتھ اَتھہ اہل گرٕھن (۳) ژوٗر ووٗر کرنس نِہ رِوینُن (۴) کٲنِسہ پیٹھ اَتھہ ورُن۔ کانہہ تنگ کرنس منٛز نِہ رٕو کڈُن۔

**اَتھہ ہیٚتُرُ** —— یس اَتھس ہیٚتھر آسہِ۔ م :- اتھہ ہیٚترِ۔

**اَتھہ ہیٚوُن** ۔ مدتھ ہیٚوُن۔ اَتھہ ہٕ یاپینہٕ کرنُن بیٚتھ مدتھ منگُن۔

**اَتھہ پایُن** ــــ (۱) اَتھہٕ پلُن ــ (۲) کینہہ کرُنس پوشُن۔ (۳) سودا جان پاٹھو بٹُن ــــ

**اَتھہ یار** ــــ نائبی یار۔ تیتی کالک یار بیتِس کاس اَتھس منز رو پےٚ چھےٚ۔ مطلبُک یار۔

**اَتھہ یارٕز** ــــ پننہٕ مطلبچ یارٕز۔ نائبی یارٕز۔ اَپزٕ ے دوستی۔

**اُتھک** ــــ یہ اَتھس کبتھ آسہِ۔ یہ کائنہِ ہندِ اُتھو کرنہٕ آمت آسہِ۔

**اُتھک مازٕ**۔ سُہ مازٕ یُس اَتھس آسہِ۔ سِکہ زوٗ جان ژٕلتھ زیٛوٗمت پائنہِ ٹوٗنک۔

**اُتھو** ــــ اَتھہٕ سیتۍ۔

**اُتھو اُتھو** ــــ ژٕوٗ ترٕژٕوٗ ترٕ۔ وُلو وُلو۔ جل جل۔ یک دَم

**اُتھو اُتھو کرُن**۔ ہلہٕ کرُن۔ ژٕلیتھ کام کوٗٹ کرُن۔ اِکہٕ وٕڈہٕ کام کار کرُن۔

**اُتھو اُتھو نیٛنُن** ــ وُلو وُلو نیٛنُن۔ جل جل نیٛنُن (گوٗب بور بیترِ) اَتھہ سأر لاگُن۔ اَتھہ بیٹھ اَتھس پیٹھ نأوِتھ نیٛنُن۔

**اَتھوٗل** ــــ (ن۔ک۔ اَکھوٗل۔ موٗل: اَثقل) ثقلنے۔ لَنجہ ژٕٹہٕ نے۔ باچہ کرُنے (دگل) م۔ اَتھجہ ــــ

**اَتھہ ژٕھن بلاے یِتھہ ژٕھن چوٗنچہٕ** ــــ (ل۔م۔ بیٛے سُندِس بأنس منٛز ترٕاوِتھ میٛے ترٕاوِتھ چوٗنچا۔)

یہ محاورٕ چھہ سالہٕ بیٹھ دٕرامت، یُتھ پٕرٕتھ کانہہ پوٗژھ پانیٛو پانیٛو آسہِ کران۔ یہ چھہ وَنان تیٛلہِ یلہ کانٛسہِ پانہٕ سےٚ کُنہ آسہِ پوٚت بیٛے سُندِ کرِ ہنہٕ رٕژھہ ترٕ خیال۔

**اَتھہ شۆبہٕ زوٗ کوتا لۆبہٕ**

یہ چھہ ہنٛزِلہٕ پاٹھو وَنان تُس یُس نہٕ کانہہ شوٗب آسہِ، وارکہٕ اموٚب چھےٚ بُڈ شوٗب۔ م۔ تلہٕ دِیٛدۍ وُچھتےٚ پننہٕ ہن عأبن ژٕےٚ تہٕ پأنٛزن ییٚن کأم کیا چھکھ

اَتھہ وَتھہ- (م-ک- اَتھہ وَتھہ- مول: اَتھہ
وَت- (س: ہستہ+ پتھہ-)
دار وِستار-
اَتھہ وَتھہ ہنز- دار وِستار ین-کرمن
تگن- بوزمنز اَژن-
اَتھلِہ کو تھلِہ- بو کھچہ کرِتھہ یا بو کھچکو پائکھو
اَتھو سیتھ تھوٗد تلن- ییتھہ تیتھہ-
اَٹل- (م/ن-ک- اَ+ ٹل- مول:
اَٹل- (س: اَٹل- پراکرت: اَ+ ٹل)
اور یور نہ ڈلون- اَکہ سے جایہ یا
اَکہ سے حالژمنز روزن ون- پَننہ ہَنہ نہ
پھیرتھہ گژھون-
اَٹلہ پَد- تیتھہ رُتبہ یا تِژھ جاے یوس
نہ ڈلِہ- تیتھہ رُتبہ ییتھہ نہ کانہہ فرق ییہ-
اَٹلہ راج- سُہ راج یُس پھیرِ پتھہ
پھیرِ پوشِہ- سُہ راج ییتھہ نہ زوال
ییہ- پوشون راج-
اَٹاٹُے- (ن-ک- اَٹاٹُے (اَٹاٹُے!
(؟ س: اَٹاٹا)
ییتھرِ پیون- کُنہہ اِلتھہ نہ روزن-

ٹھاسان ٹھاسان بون پیون-
اَٹاٹیس واتن- سیٹھاہ گژھن-
نَلہٖ گژھن- سیٹھ زلالتھ گژھنی- پھاگس
گژھن-
اَٹاٹھنیار- (ن-ک- اَ+ ٹاٹھ+ نیار-
مول: اَٹاٹھنیار (س: اَ+ تاتہ+
ک- پوت لوگ نیار)
کانٹرِ ہنز ماے نہ آسنی- کانٹرِ ہنز
دیر نہ آسنی-
اَٹاچر- (ن-ک- اَ+ ٹاچر- مول: اَٹاچر
(س: اَ+ تاتہ+ ک پوت لوگ آر)
ٹاچر نہ آسُن- ٹوٹھ نہ آسُن-
اَٹوٹھ آسُن- ماے نہ آسنی-
اَٹھ، اَٹ- اَٹھ لفظک مول- پھیوک-
نکھ- اَٹھ- اَکھ بڑ ونہہ لوگ-
(۱) پھیکیُک، م: اَٹھ وازِ- اَٹھ رز-
(۲) نکھن پیٹھ بورسار پنچ رز- اَٹس
تُلنچ رز- (۳) پھیکِہ پیٹھچ مس لَنٹر-
(۴) ڈیچھ ہارنیُک دِژ سہ رَٹنہ باپتھ رز-
اَٹس کھسُن- (۱) نکھس کھسُن-

(۲) زٕ رٕو لدُن ۔ بارِ ہیوٚن ۔ تھیمہٕ گژھنُو
اگادِ گژھن ـــــــ

اَٹہٕ بارِ بٔرہمُن ۔ ژوٗ رُنگ بیٚچھ وُن ۔
یُسُنٛد زٕرٕ زٕرٕ گژھِہ تہٕ کانٛہہ واتنا وِس
اَٹس لدِتھ گرِ تہٕ پتہٕ وسی نہٕ بوٗن ۔
ورگہٕ زٕرٕ زٕرٕ گژھنہٕ کِنہٕ اگادِ گومُت ،
مٔٹہٕ کھوٚتمُت ـــــــ

اَٹہٕ بارِ کھسُن ۔ (۱) پھیٚکِس پیٹھ
کھسُن ۔ بور ہیٚوہ کانٛسہِ ہٕنٛدِس نکھن
پیٹھ کھسُن ۔ یُتہٕ کِنہٕ سوارِ کھسُن ـــ (۲)
نکھس کھسُن ۔ (کانٛسہِ اِزٕ بٔڑی سُنٛد)
نَم لدُن ۔ اِزٕ بٔڑی سُنٛد زٕرٕو لدُن ۔

اَٹہٕ بارِ ہیوٚن ـــ اَٹس پیٹھ پکناوُن ،
نکھن پیٹھ تُلُن ۔ ورگہٕ مٔٹہٕ ہیوٚن ـــ
پانس نِش رٹُن ۔

اَٹہٕ بور ـــ (۱) اَٹس کھوٚتمُت بور ۔
سُہ بور یا سامانہٕ بیترِ یُس پھیٚکِس پیٹھ
سارنہٕ ییہِ ۔ (۲) ؟ بیگارہی ۔

اَٹہٕ پوٚت ـــ سُہ شُریُس نکھس
پیٹھ سوارِ ییہِ دِنہٕ ۔ (پھیٚکِس پیٹھ شُر
اَکہٕ شُرِ گنٛڈُن ـــــــ

اَٹہٕ پوٚر ـــ اَکہٕ شُرِ گنٛڈُن ، یتھ
منٛز شُرِ اَکہٕ اَکِس اَٹس کھسان چھہٕ ۔
کھاسِن گنٛڈُن ۔ م : ۔ کھاسِن گنٛڈٕ دِنی
اُسہٕ آسنے (پٔرِ مانند)

اَٹہٕ رَز ـــ سوٗ رَز یمہٕ سیٚتۍ
پھیٚکِس ہُنٛد بور گنٛڈنہٕ چھہٕ یِوان ۔ سوٗ
رَز یمہٕ سیٚتۍ بور پھیٚکِس پیٹھ تُلنہٕ چھہٕ
یِوان ـــ اَٹہٕ کرُن ـــ اَٹس
کیٚتھ تُلُن ۔ ہیمُت سمُت کرُن ۔

اَٹہٕ کرنہٕ ـــ (۱) پھیٚکِس پیٹھ بور
چیر گنٛڈُن ۔ اَٹہٕ لدٕ نہٕ چارنہٕ ـــ (۲)
کوٚمہٕ کرنہٕ ـــ

اَٹھ ـــ نکھ ۔ پھیٚوک ۔

اَٹھ دِنی ۔ اَٹھ دیُن ـــ کامہِ رٕلہٕ
کرُن ـــ کانٛہہ کاٖم بیترِ اَنٛد واتناوِنی ۔
کِنہٕ کامہِ کارِس نکھ دیُن ۔ کانٛہہ کاٖم پوٗر
کرِنی ۔ کانٛہہ سخ کاٖم بیترا وِنی ، وبتراوِنی ۔

اَڑِ سٕٹہٕ۔ دک۔ اڑِ ہسٕٹہٕ۔ (س: اَشٹہٕ
ششٹہٕ ـــ ؟)
نیٖٹھو اَڈ تِگِچھ۔ اَندازَن۔ لگ بگ پانٹھو۔
اَڑِ نیٚوُر ـــ نیٚوُر یا مرگ یتھ اڑِ گاسہٕ کھیہٕ۔
ہ اَکہٕ قسمُک پہاڑی گاسہٕ، دہان چھ آمہٕ
سیتھ چھ مٕسُس گٕنان تہٕ نرم روزان۔
اَڑِ دانہٕ ـ ہ نہٕ زانن دول۔ اَنارُک ـــ
ان ہینچھہٕ ـــ
اَڑِ ہُری ـــ اَڑِ رَتہٕ۔
اَڑوٗک ۔ (ن۔ک۔ اَڑوٗک۔ مٔول: اَٹک)
ڈَنڈَو سیتھ نہٕ ٹُکمُت ۔ ڈَنڈَو سیتھ تہٕ
برٛوکمُت ۔ (کُل بیترِ) یتھ نہٕ ٹھکہ آسہٕ
آمُت دِنہٕ ۔ یتھ نہٕ ٹھکہ آسہٕ دِیُمُت ـــ
یُس نہٕ ژٹنہٕ آسہٕ آمُت ۔ یتھ نہٕ لٹھ
آسُن ہیٚنہٕ آمُژ ۔ م ۔ اَڑٕژ ۔
اَڑوٗل ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ڈُل۔ مٔول: اَٹل
(س: اٹل )
یُس نہٕ پٔنہٕ جایہٕ ڈٔلہٕ ۔ یُس نہٕ پٔنہٕ جایہٕ
ہلہٕ ۔ یُس اَکہٕ سے جایہِ قرار کرِ ـــ

یُس نہٕ پٔنہٕ ہنہٕ پھیرِ ۔ م: اَڑٕژ
اَڑوٗٹھ ـــ (ن۔ک۔ اَ+ ٹوٗٹھ۔ مٔول: اَتاٹھ
(س: اَ+ تاتہ )
یُس نہٕ ٹوٗٹھ آسہٕ ۔ یُس نہٕ ژ مائے آسہٕ ۔
یُس نہٕ خوش کرِ ۔ م: اَٹاٹھ ۔
اَڑوٗکو ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ٹُکو ۔ مٔول: اَٹکو
(پراکرت ۔ اَ+ ٹُکھ (س: توکش ؟)
ٹوکنے ۔ (ترام یا سون بیترِ) ٹوکنہٕ
سیتھ نہٕ دوکمُت یا نرموومُت ـــ
م: اَڑوٗکو ـــ
اَڈھ ۱ ـــ بکہٕ (پانیُک وانیُک، رٔدُک بیترِ)
(۱) پان اَڈھ ۔ رَڑ ۔ بکہٕ ۔ یپ (پانیُک
بیترِ) (۲) رَتہٕ اَڈھ ـــ رَتہٕ بکہٕ ـــ
ٹکو ٹکو رَتھ نیرن ۔ رَتہٕ سُہلاب ـــ
(۳) رٔدِ اَڈھ ۔ سبٹھا رٔد ـــ رَزَو
رَزَو رٔد ـ رٔدِ سُہلاب ۔
اَڈھ ءٕ ۲ ۔ ڈیچہٕ ہارُک دٔرِ سہٕ رَٹنچ رز ـــ
(سونہٕ سُنز، روپہٕ سُنز یا پٔنچ)
اَڑِ پھوٗل ہٕٹہٕ پھوٗل ـــ نیترِ وِ زِ

زنانہٕ نالی ترٛاوُمت پَن ــــ ہُنٛدِس گنٛڈِتھ
سۄنٛزِ پھوٗل یا ٹِکھ، یہِ چھُ زنانَن
نیترِک نِشانہٕ ــــ

اَٹھٕ کانہر ــــ اَٹھن ہُنٛد پَن یٕ سۄم وٕرٹھتھ
آسن ۔ اٹھن ہنٛدِس پنٛس آمُت کھر۔

اَٹھٕ ہۄر ــــ اَٹھٕ جوٗرِ ۔ ڈیچہِ ہُرِ کنٛن
دوٚن ہٕنٛدی تہٕ اَٹھ ۔ دوٚن اَٹھن ہنٛز
تِلم جالاہ جوٗرِ ــــ

اَٹھ ۳ ۔ (ن۔ک۔ اَٹھ ۔ مۄل : اَٹ ــــ
(س : اَٹہ)
اکھ بڑ وٚنہٕ نوگ یمِک مانے بازر چھُ۔

اَٹس بہُن ــــ (۱) بازرس منٛز بِہُن۔
دَتہٕ پیٹھ بِہُن (۲) گانہہ وان تراوُن۔
گانٛز یا تھیٚنہٕ بَنُن ــــ گانہہ کار کرُن۔
گانٛز لاگُن ــــ

اَٹھٕ منٛز ــــ ژُ وٕنٛت ۔ بازر ۔ منٛز بازر

اَٹھٕ وانٛز ــــ اَٹھنی وانٛز ۔ دوٕہ ہُنٛد دۄرِ
وانٛز ۔ سہٕ وانٛز یُس دوٚستس پٕلزٕ ــــ
(اَٹھ دِیہ یا اَٹس کیتھ یا گرہٕنیا یتھ

بُتھہٕ سیٖنُن سارِ)

اَٹھٕ ہار ــــ بازر ۔ لوٗکہٕ جسٕر ۔ سوداے
ہیٚتہٕ لوکھ ژُرستھ آسن آمتیہ۔

اَٹھ ۲ ۔ اکھ پوٚٹ لوٗگ ۔ مثلن واٚنس =
وانٛسہ ٹھ پرٛش = پرٛشٹھ۔

اَٹھوس ــــ (ن۔ک۔ اَ + ٹھوس ۔ مۄل : اَٹھاس
م : ہندی اٹھوسنا)
(۱) نہٕ ٹھکمُت (کیٚل ، کٕج ، ٹھم بیترِ) ــــ
(۲) پتھرٕ نہٕ لوے مت ۔ پتھرٕ نہٕ لجہِ تھ دٕتمُت
پتھر نہٕ دارِتھ دٕتمُت ۔ م : اَٹھاس۔

اَٹھوُوہ ــــ (ک ۔ اَٹھوُوہ ۔ (س : اشٹاوِ مشتہِ)
وٕہ تہٕ اَٹھ ۔ اَٹھٕ ہیٚٹھ وٕہ۔

اَٹھوُوہیُم ــــ (ن۔ک۔ اَٹھوُوہ + یُم ۔ مۄل :
اَٹھوُوہم (س : اشٹاوِمشتہِ تمَ)
ییٚمہ یاسہ اَٹھوُوہس پیٹھ وارِ ییٚہ۔
ستوُوہس پتے آسہ وُن ۔ م ۔ اَٹھوُوہِم

اَٹھکل ــــ (م۔ک۔ اَٹھکل ۔ مۄل : اَٹھکل۔
(ہ ۔ اَٹکل (س : اَرتھ + کلنَ)
(۱) اَعمالی ۔ اَنٛداز (۲) کَل ۔ گانٛنگل ــــ

پریشانی (شوپرنے — پرماننک)

اَٹھکاو — (ن۔ک۔ اَٹھکاو۔ مۆل : اٹھکاو۔
(ہ : اٹکاو (س : ارتھ + ک + پوّت
لوگ آئو)
ہیٹھ۔ رُکاوٹ۔ رکھ۔ بِہ بِہ۔ دَرِ دَرِ۔
(کُنہہ کامہِ کارس منز)

اَثَر — (ن۔ک۔ اَثر۔ مۆل : اثر۔ (ع۔ اثر)
نِشانہِ۔ علامتھ۔ تاثیر۔ نتیجہ۔ کتھ ترٛنی۔

اَثاثہٕ — (ن۔ک۔ اثاثہٕ۔ مۆل : اثاث۔ (ع
اَثاثہ (ع۔ اثّ)
ونِژُ پوژھ۔ جاداد۔ سمپتھ

اَثاثُ البیت — (ن۔ک۔ اثاثُ البیت۔
مۆل : اثاثُ البیت (ع : اثاث +
اُل + بیت)
گرویٹھ ـــــ

اَجُر — (ن۔ک۔ اَجر۔ مۆل : اَجر۔ (ک۔
اَڈ + یر (س : اردھ + پوّت لوگ یر)
(۱) اَڈِ ڈُے آسُن۔ پوٗرٕ نہٕ آسُن ـــــ
(۲) اَڈِلیچُر۔ اَنگہ ہینُر۔ اَدبرہ نہٕ آسُن۔

اَجُس — کُشیر ہنٛد اکہ گامُک ناو۔
(ن۔ک۔ اَ + جُور۔ مۆل : اَجُر (س : اَ + جَٹ)

اَجوٗر — جُرنہٕ ورأے۔ یتھ نہٕ چوٗنہٕ کرانکھ یا سون
بیترِ جُرتھ آسِہ۔ ساد۔ م : اَجُر۔

اَجوہٕنٛد — اَجوبن۔ (ن۔ک۔ اَجوہٕنٛد۔ مۆل:
اَجوہٕنٛد۔ (ہ : اَجوان، اَجواین (س :
یوانی)
جاوہٕنٛد، اکہِ لوٗٹہِ ہُنٛد ناو، یہِ چھے بدٕ ہضمیہ
دوا ـــ

اَچُھکوو — (ن۔ک۔ اَ + چُھکوو۔ مۆل : اَچُھکاو۔
(ہ۔ اکرت۔ اَ + چُھکہ (س : چیُت +
کرِ ـــ)
چُھکاونے۔ چُھکاونہٕ روٗستُے۔ مول موٗزوٗرٕ
طے کرنے ـــ م۔ اَچُھکاو

اَچوٗر — (ن۔ک۔ اَ + چوٗر۔ مۆل : اَچیر)
چیرنے (پکو بیترِ)۔ یہِ نہٕ چوٗر مُت آسِہ۔
یتھ نہٕ چیر دِتھ آسِہ سرٛہِیہ کوٗڈمُت۔

اچور — (ن۔ک۔ اَ + چور۔ مۆل : اَچار)
یہِ نہٕ چاۓرِتھ آسِہ گوٗنڈمُت۔ ڈیوٗل گوٗنڈمُت۔
چارنے۔ م : اَچاۓر۔

اَچوو -(ن۔ک۔ اَ+ چوو۔ مۆل : اَچاو۔)
سُہ ووٚژھ یُس گاو وُنہٕ دوٗد آسِنہٕ
چھنہٕ دِیٚمُت۔ چاوِنے ووٚژھ۔

اَچاو۔ دوٗد ہیٚنے گاو۔

اَچھ دأر۔ (م۔ک۔ اَچھ دأر۔ مۆل : اَچھ
دار۔ (س : اَچھ + دارُ + ک)
(کورِ یا زنانہٕ شکلِہ بنوومُت) شُری مُنٛد
گِنٛدن تماشہٕ۔ وَرگہٕ سوٗ یوٗسہٕ سوٗ نٛدر
آسہِ، م : اَچھ دأرٕہِش زنانہٕ۔

اَچھر - ییرِ ڈیٚنگج لوکٹ اُٹ یوٗس پرٛیٚتِس
ببیٹھ کھاران چھہ۔

اَچھن ترٛے۔ بٹن ہُنٛد اکھ بوٚڑ دوٗہ، یہٕ
چھہ آسان وَہکہٕ زوٗنہٕ پچھہ ترٛیٚشہِ دوٗہ۔

اَچھیٹھ، اُچھیٹھ۔ م/ن۔ک۔ اَچھیٹھ۔
مۆل : اَچھیٹ۔ (س : اَکشہَ +
؟ ایرِشیا + پٔرت لوٗگ اِٹ)
اَزرَ وِدٕلہ۔ یُس ہٕبیےٚ مُنٛد خوش
پیٚیرِ یُسنٛدِ وُچھنہٕ نظر لگہٕ ــــ

اَچھ پوٗش۔ (ن۔ک۔ اَچھ پوٗش ــ مۆل :
اَچھ پوٗش۔ (س : اَرچھہ ؟ + پُشپیَ۔)
اکہٕ قسمُک سفید (رنگہٕ) پوٗش۔

اَچھہٕ وَل۔ (ن۔ک۔ اَچھہٕ وَل۔ مۆل : اَچھ
وَل ــ (س : اکشہ وَلہ)
کٔشیرِ منٛز اکہٕ جایہٕ ہُنٛد ناو۔ اَتھ چھہ اَچھ
بَل تہٕ وَنان۔ یہٕ چھہ مُسبٹھا سوٗ نٛدرَ تہٕ
موشوٗر علاقہٕ ــ

اَچھر۔ (ن۔ک۔ اَچھر۔ مۆل : اَچھر۔ (س :
اکشرہ)
حرُف۔ لیکھنہٕ پرنہٕ کِین نِشانن ہُنٛد کانٛہہ
کُن (اِکائی)

اَچھر پوٗچھ۔ یُس واریاہ پرِنہٕ پتہٕ تہٕ حرف
مَشن۔ یُس لیکھنہٕ وِزِ لفظس غلط حرف
لیکھہِ ـــ اَچھر پتھ اَچھر ـــ
حرفہٕ حرفہٕ۔

اَچھل۔ (ن۔ک۔ اَ+ چھل۔ مۆل : اَچھل)
کُنٛڈ ٹلنے۔ ہوٗرنے۔ (چھس، مکایہٕ،
ڈوٗنس بیترِ)

اَچھوٗل۔ (ن۔ک۔ اَ+ چھوٗل۔ مۆل : اَچھل۔

(س : آ + کشَل - > کشالِتَہ)
یہِ ہُنز چھوٗلمُت آسِہ - یہِ کینژھا چھلہِ نے
آسِہ - چھلنے - مُٲلِہ - مَل کوٗت - م : اَچھُل
**اَچھلہِ بُتھہِ** - بُتھ اَتھہِ چھلنے - اَتھہِ بُتھ
صاف کرنے ـــــ
**اَچھوٗمب** ـــ چھوٗمبنے - چھوٗمبنہٕ ورأے
دانہٕ الگ کرنہٕ بابتھ دان لأوی کُنہٕ سیتی
چھاونے - داں لاوہن دانہٕ الگ کڈنے -
**اَچھوٗن** - (ن - ک - آ + چھوٗن - مؤل : اَچھن -
(س - آ + کشینہَ)
یہِ ہُنز چھینیوٗمُت آسِہ - یِتھ (وزن سِ بیترِ
منز) کمی آسِہٕ گأمژ - یہِ پوٗرِ آسِہ ـــ
وَزنہٕ برابَر ـــ تولہٕ برابَر - م : اَچھنی -
**اَچھوٗن** - (ن - ک - آ + چھوٗن - مؤل : اَچھان
(پراکرت آ + چھنہٕ - (س : سینہٕ)
(۱) یہِ ہُنز چھوٗنمُت آسِہ - چھانہٕ نے ـــ
چھانُنہٕ ورأے - یرِ ہنہ بیترِ کڈنے ـــ
(۲) میوٗ بیترِ والنہٕ بابتھ کُلس دِنہِ دِنے -
کُلس میوٗ والنے (لانژ وانژ سیتی)

م - اَچھأنی ـــ
**اَچھوٗو ۱** - یہِ ہُنز چھوٗومُت آسِہ - یہِ ہُنز پھالوٗمُت
آسِہ - یہِ وَرتاوِنے آسِہ - یہِ ہُنز گَس
آسِہ لوگمُت - نوٗوُے (پلو بیترِ) -
م : اَچھاو ـــ
**اَچھوٗو ۲** - (ن - ک - آ + چھوو - مؤل : اَچھاو
(بَتہٕ بیترِ) یِتھ چھاوِ آسِہ ہُنز آمُت ـــ
چھاوِ اَننے - چھاوِ دِنے - ٹھیکھ یا ٹھوٗ ہُنز
رُوٗنمُت - دَمہٕ دِنے ـــ
**اَچھوکوٗ** - (ن - ک - اَچھوکوٗ - مؤل : اَچھوکوٗ -)
یِتھ چھوکھ آسِہ ہُنز کوٗڈمُت - چھوکھ کڈنے
چھلِتھ گرأے کڈنے - کھوٗ کھلاونے ـــ
(پلو بیترِ) - م : اَچھوکوٗ -
**اَچھیٹوٗ** - (ن - ک - اَچھیٹوٗ - مؤل : اَچھو -)
لیس ہُنز چھوٹوٗمُت آسِہ - سُہ مَرد لیس
ہُنز زنانہٕ پیٹھ تنشیلوٗمُت آسِہ - سُہ نَر
لیس ہُنز ماوِ سِندِ بابتھ تنتیوٗمُت آسِہ،
م : اَچھو ـــ
**اَخرُچ** - (ن - ک - اَ + خرُچ - مؤل : اَخرچ

(اَ + ف خرچ - (ع خرج -)
خَرچنٕ - یہٕ نہٕ خرچ وُمُت آسہِ - اُتی
ٹھوٗمُت، رُچھِتھ ٹھوٗمُت - تِم ڈیار
یِم نہٕ کٔنہہٕ پٮ۪ٹھ لاگہٕ مِتہِ آسَن - یہٕ نہٕ
وَرتوومُت آسہِ (آب بیترٕ) ——
م : اَخرٕچ ——

اَدَب - (ن - ک - اَدَب - مۄل : اَدَب -
(ع : اَدَب)
(۱) ہرٕ وُدٕبٕتھ بیٹھ - تمیز دار وُدٕبٕتھ بیٹھ -
وُدٕبٕتھ بیٹھ ہنٛز پابندی - (۲) کاٗنٕسہِ
ہُنٛد پاس، کاٗنٕسہِ ہُنٛد لحاظہٕ (خاص کٔرتھ
زٕٹھو سٕنٛد) (۳) تھدِ پایکہٕ لیکھ ——
ساہتیہٕ - لِٹریچر ——

اَدٕل بَدٕل - (ن - ک - اَدٕل + بَدٕل - مۄل:
اَدٕل بدٕل - (ع : بَدٕل)
اَکِس چیزس بیاکھ چیز ٹھونٛ یا ہیوٚن -
غلطی یا اَشرٕ کِہِ سببہٕ اَکھ اَکِس سٕنٛد
چیز یا پلو بیترٕ نیوٚن، دیُن یا لاگُن
بیسترٕ

اَدٕل بدٕل دیُن - اَکِس چیزس بَدٕل
بیاکھ چیز دیُن - چیزس بدلہٕ چیز دیُن -
اَدٕل بَدٕل وَنُن - اکہٕ کتھہٕ بَدٕل بیاکھ
کتھ وَنٕنۍ - یہٕ نہٕ وَنُن اوٚسُے تہٕ وَنُن -
اورٕک یور وَنُن ——

اَدٕل وَدٕل - (۱) بیٚہوٗدی - بُتھِس
اکہٕ رنگہٕ بیاکھ رنٛگ گژھُن - (۲) پریشانی
بوٚدراوٕنۍ - دُنہٕ وَسُنۍ ——

اَدَم - (ن - ک - اَدَم - مۄل : اَدَم ——
(س : اَدھمہٕ)
نیٖچٕ - وُسی پایہٕ - کمینہٕ - کَم ذاتھ -
اَنتہٕ ذاتھ ——

اَداٗے رُسے - داٗنۍ بۄنہٕ روٗس - یوسٕ شوٗترٕ
ورأۍ - ڈیان دِنہٕ روٗستے —— وُچایہٕ
پائٹھۍ ——

اَدِکاٗرۍ - (م / ن - ک - اَدِکاٗری - مۄل:
اَدِکاری - (س : اَدِھکاری (اَدِھکارِن)
یِختیارٕ دوٗل - اَفسر، حاکِم ——

اَدٕ (ک اَدٕ - (س : اَدٕ)

(۱) پُتر۔ تِو پِتر۔ تیٚلہِ۔ اوٚ موکھ۔ اوٚ کنز

(۲) کینٛہہ پَرٛزٕ ھنہٕ یا پَتھ گوڈ لفظ ——

مِ :- اَدِ کوٚت۔ (۳) اکھ مُتھو لوٚگ = اوٚ

مِ :- اَدِ سأ۔ اَدِ بنز ——

اَدِبا - کأنٛسہِ موٚہنوس آنٛکار کرنہٕ وِزِ وَننہٕ یوان - آہن با - اَدِ ——

اَدِ بنز - کأنٛسہِ زَنہٕ آنٛکار کرنہٕ وِزِ وَننہٕ یوان - آہن بنز ——

اَدِ سأ - کُنہٕ کتھِ بیترِ پیٹھ آنٛکار کرنہٕ وِزِ اَدِ بہ سان وَنان ——

اَدِ کتہٕ - بییہِ کتہٕ - تیٚلہِ کتہٕ - تتہٕ نے تہٕ کتہٕ -

اَدِ کتہٕ سنا - تمہِ ساتہٕ یوان وَننہٕ یلہِ زور دِتھ آسہِ وَنُن "اَدِ کتہٕ"۔

اَدِ کوٚ - اَدِ کیازِ - تمہِ کنزنے تہٕ بییہِ کمہِ کنز -

اَدِ کأتیا - تیتہٕ نے تہٕ تیٚلہِ کأتیا - تیٚلہِ کُژ -

اَدِ کأتیا سنا - تمہِ ساتہٕ یوان وَننہٕ یلہِ زور دِتھ یا واد کرِتھ آسہِ وَنُن "اَدِ کأتیا"۔

اَدِ کیتھ - اَدِ کأتیا - اَدِ کُژ

اَدِ کیتیُن - تہٕ نے تہٕ کوت کُن - تیسے تہٕ کس کتھ موٚکس -

اَدِ کیتیُن سنا - تمہِ ساتہٕ وَنان یلہِ زور دِتھ آسہِ وَنُن "اَدِ کیتیُن"۔

اَدِ کُس - سہٕ نے تہٕ بییہِ کُس - سُے - سُے یوت

اَدِ کُس تہٕ اَدِ کُس - تیٚلہِ کُس تہٕ تیٚلہِ کس -

یہ تام کانہہ کأنٛسہِ ہنٛدِ چھُ تہٕ تام پزِ تُسی -

اَدِ کُس سنا - بییہِ تیا کانہہ - سُے تہٕ بییہِ نہٕ کانہہ -

اَدِ کوٚت - بییہِ کوٚت - پَتھ کُن کوٚت - تیٚتُے تہٕ بے - تیٚتُے یوت -

اَدِ کوٚت - تیٚلہِ کتھ جایہِ - توٚت نے تہٕ کوٚت - بییہِ کور - توٚتے بییہِ نہٕ کُن -

اَدِ کوٚت کُن - تیٚلہِ کتھ طرفس - تیٚلہِ کور - تیٚلہِ کیا آرہ - توٚرِہ تہٕ بییہِ کوٚت -

اَدِ کوتا - پتھ کُن کوتا - تیٚلہِ کوتا - تیٚتُے یوتا - یوٚت نے تہٕ تیٚلہِ کوٚت -

اَدِ کوتا سنا - تمہِ ساتہٕ وَنان یلہِ زور دِتھ وَنُن آسہِ "اَدِ کوتا"۔

اَدِ کوٚت یا کوٚت - تیٚلہِ کمہِ طرفہٕ - تیٚلہِ

کیاُرۍ - توٗرۍ -

اَدِ کورِ کَنہٕ - تیٚلہِ کمہِ پاسہٕ - تیٚلہِ کمہِ طرفہٕ پیٹھٕ - یَتھ کُن کمہِ جایہِ پیٹھٕ - یَتہٕ کیاُرۍ - ورگہٕ تمی جایہِ پیٹھٕ، تیاُرۍ -

اَدِ کورِ کُن - تیٚلہِ کتھ طرفس - یَتھ کوٗت کُن - تورِ نہٕ تہٕ کور ——

**اَدِ کیا** - (س: اَتہٕ + کِم)

(۱) اَچھا - ٹھیکھ چھُ - پوٗز چھُ - مونُم - جان گو —— (۲) تیٚلہِ کیا - یَتھ کیا - ترِنے ترِ کیا - ہرِ زِ پاُٹھو گو —— تی ترِ بے، اَدِ تی ——

اَدِ کیا با - آہن با - جان ہبا گو - ٹھیکھ ہبا گو - مونُم ہبا - تی ہبا کرِ - (با = بایہِ لفظک ژھوٚٹ)

اَدِ کیا ہنز - آہن ہنز - جان ہبی گو —— ٹھیکھ ہبی گو - رُت ہبی گو - مونُم ہبی - تی ہبی کرِ - (ہنز = ہینی لفظک ژھوٚٹ)

اَدِ کیتھہٕ - اَدِ کیتھہٕ - تیٚلہِ کمہِ طریقہٕ - یَتھ کیتھہٕ کنہٕ - اگر نہٕ یتھہٕ پاُٹھو تیٚلہِ کتھہٕ پاُٹھو

امہِ رنٛس چھنہٕ باسان بیاکھ وتھ —— یتھے پاُٹھو ——

**اَدِ کیتھہٕ پاُٹھو (پاُٹھن)** - وُچھو "اَدِ کیتھہٕ" -

**اَدِ کیتھہٕ سنا - اَدِ کیتھہٕ پاُٹھو سنا** -

یِلہِ "اَدِ کیتھہٕ"، "اَدِ کیتھہٕ پاُٹھو" آسہِ زور دِتھ وَنُن - تیٚلہِ چھُ یمن "سنا" ترِ یتہٕ لگاونہٕ یوان - (سنا = چھُ ممکن، ہیٚکہِ بنِتھ) - م :- اَدِ کیتھہٕ سنا = اَدِ کیتھہٕ ہیٚکہِ بنِتھ ——

اَدو - آہنٛو - اَدِ -

اَدو - یہِ چھُ "اَدو" بدل تیٚلہِ یوان آواز زیٛٹھراونہٕ باپتھ وَننہٕ یِلہِ بوزَن وول دوٗرِ آسہِ ——

اَدے - آہنی - اَدِ - (یہِ چھُ یوان تَس وَننہٕ یُس نہٕ تَس منز پانَس کھسِتھ آسہِ)

اَداٗے - یِلہِ کانٛہہ زٕنہٕ دوٗرِ آسہِ تیٚلہِ چھِ آواز زیٛٹھراونہٕ باپتھ "اَدے" بدلہٕ اداٗے وَنان -

اَدا - آہنی - اَدِ - (یہِ چھُ تَس یوان وَننہٕ

یُس مِتِبس منز پانَس کھسِتھ آسہِ ہُ۔)

**اَدا ۲۔** (ن۔ک۔ اَدا۔ مؤل: اَدا۔ (ع: ادا)
ہورُن۔ نکھہ والُن۔

**اَدۄن۔** (ن۔ک۔ اَ+ دۄن۔ مؤل: اَدون۔
(پرٛاکرت اَ+ دُھن (س: دھوٗنہ)
دونہِ نے۔ دونہِ روٗس۔ یہِ دونے آسہِ۔
یِنہ دۄنمت آسہِ۔ (سِتھر، پکھٕب بیترِ)

**اَدۄپ۔** (ن۔ک۔ اَ+ دۄپ۔ مؤل: اَدَپ
(س: اَ+ جپ)
دَپنے۔ وَننہ نے۔ کینہہ وَننہ روٗستے۔
پانے دَپنہ روٗستے۔

**اَدۄد۔** (ن۔ک۔ اَ+ دۄد۔ مؤل: اَدَد۔
(س: اَ+ دگدھ)
یہِ دۄدمُت آسہِ ہُ۔ نہ دۄدمُت۔
یِتھ ہُ ژھکھ آسہِ لۄگمُت۔

**اَدۄر۔** (ن۔ک۔ اَ+ دۄر۔ مؤل: اَدَر۔
(س: اَ+ درِڈھ)
(۱) یہِ دۄد آسہِ ہُ۔ (۲) کمزور۔ ڈیٚول۔
زیٚرِ سیتھ وُسہِ ہیوٗن۔ (۳) نہ دَرِ وُن۔
نہ رُکہِ وُن۔ بٹھہ ہُ گژھہ وُن (شِین،
رۄد بیترِ)۔ (۴) نہ پوشہِ وُن۔
یُژکال نہ دَرِ وُن (مال بیترِ)۔

**اَدۄرمال۔** (ن۔ک۔ اَدۄر+ مال۔
مؤل: اَدۄرمال۔ (س: اَدرِڈھ+
ع مال)
سُہ مال (چادرِ، میوٕ بیترِ) یُس
نہ دَرِ وُن آسہِ۔ یِیٚنہ زِندگی پیٹھ
وَسا آسہِ ہُ۔ یہِ کینژھا نہ ژُ رِس
کالس روزِ۔

**اَدۄگ ۱۔** نہ مُنمُت۔ یِتھ ہُ دۄگ آسُن
پیمِتھ۔ دۄگہٕ نے (دانہٕ بیترِ)

**اَدۄگ ۲۔** (۱) یہِ ہُ دۄگمُت آسہِ۔ (مانز
بیترِ مژھہ بناونہ باپتھ) ژٕٹھو نے —
(۲) ٹاس لایہٕ نے۔ مُکالہِ لایہٕ نے۔

**اَدۄل۔** (ن۔ک۔ اَ+ دۄل۔ مؤل: اَدَل۔
(س: اَ+ دَل (دَلتہ)
دَل دِنے۔ منٛہ نے۔ دۄگونے —
سوٗتُر بناونے (ہنٹ بیترِ)

اَدوٗم - (ن-ک- اَ+ دوٗم - مۆل: اَدَم-
(س: اَ+ دَهم - م: ف دَم)
دَمهٕنے - پھو کھ دِنے - پھُکہٕ نے -
(دَمَن ہالہِ یا پھوکہٕ نارِ سیتی)

اَدور ۱ - (ن-ک- اَ+ دور — مۆل:
اَداَر - (س: اَ+ دھیریہٕ)
دأرِ روٗس — ہیمتہٕ روٗس —

اَدور ۲ - (ن-ک- اَ+ دور - مۆل: اَدار
(س: اَ+ دھار (دھارِنہٕ)
(۱) ہِمتہٕ ہٕ بیترِ دارَن آسہٕ کوٗرمُت -
(۲) دوٗ زُم ہٕ کوٗرمُت - دوٗ زُم ہٕ نیوٗمُت -
دوٗ زُم ہٕ تھوٗمُت - (۳) کینٛہہٕ رٹہٕ
باپتھ باہٕ ہٕ اَکھہٕ تلہٕ کنہٕ ہٕ تھوٗمُت ،
ہٕ دورمُت —

اَدوے ۱ - (ن-ک- اَ+ دوے - مۆل:
اَدوے - (س: اَ+ دُوِتی یہٕ/ دوٖیت)
ہیتُوے - کُنُے - دُیی روٗس —
یتھ ہٕ ژھلہٕ آسن گأمژ - م: کینٛشرَن
اَدوے مَن سأتھٕ پُن (دٗلی دیہ)

اَدوے ۲ - (ن-ک- اَ+ دوے - مۆل:
ادوے - (س: اَ+ دویت)
دوٗیتہٕ روٗس - سُہ گیان یتھ منز سورُے
پیہِ کنُے مانٛنہٕ (مثلَن ویدانت بیترِ)

اَدویتھ - (ن-ک- اَ+ دویتھ - مۆل: اَدویت
(س: اَدویت)
ویدانت - سُہ شاستر یمہٕ مۆجوب سورُے
کُنُے چھُ —

اَدرکھ - (ن-ک- اَدرکھ - مۆل: اَدرک -
(ہ: اَدرک (س: آدرک)
نیوٗل ، ہیٚج شوٗنٹھ —
اَدرکھ موٗنڈ - نٕپلہٕ شوٗنٹھک و وٗر -
شوٗنٹھ گُلیک گنڈِ ہیتھٕ مۆل -

اَدناو - نیوٗژ - وُسی پایہٕ - کم ذاتھ - نانگار -

اَدوَل - (ن-ک- اَدوَل - مۆل: اَدوَل -
(س: اردھ + پلہ)
اڈٕ پل - ہٕ تولہٕ —

اَد دوے - آرِ - وزال (خلہٕ دأری ہُنٛد)

اَڈیاے - (م ک- اَڈیاے - مۆل: اَڈیاے -

(س: ادھیاے)

اڈیا۔ پوتھِ ہُنٛد اکھ حِصہٕ، کِتابہِ ہُنٛد اکھ باب ——

اَڈ ۔ (ن۔ک۔ اَڈ۔ مول: اَڈ۔ (س: اردھ)

اوٚڈ۔ دوٚ یوٚ باگو منٛز اکھ۔ اکھ کھنٛڈ۔

اَڈاَڈٕ اَڈی۔ برابر برابر زٕ باگہٕ۔ حِصہٕ بٲگے چھلہٕ۔ ٹُکرٕ (کرٕنی) یہٕ چھُ ووٚہوٚ——

م :۔ زِنٛدٕ تراوِس زٕ اَڈ اَڈ کرِتھ۔

اَڈاَڈٕ ۲ اوٚڈ تہٕ اوٚڈ۔ اَڈٕ اَڈٕ۔

اَڈبڈ اَڈوَر۔ یُس جوٲنی آسہٕ گٲمُت۔ یُس وٲنٛس ژٕ تجھہِ بیٚٹھہٕ پنٛژاہَن تام آسہٕ۔

اَڈ دِگر۔ پوٚت شیٚہلِن۔ منٛدیُن ڈلِتھ۔

اَڈ دوٚنژھہٕ۔ اَڈ لیوکُے دوٚنمُت —— پوٚرٕ پٲٹھی زٕ دوٚنمُت۔ ووٚسرِ گوٚسر۔ اُڈا دوٚنژھ دِتھ۔ رَژھا چھلِتھ چھانٛگرٕ کوٚرمُت۔ وارٕ زٕ بیوٚن بیوٚن کوٚڈمُت۔

اَڈ دوٚیرٕ۔ پوٚرٕ پٲٹھی زٕ دوٚبرِتھ ۔ وارٕ پٲٹھی زٕ تَل کوٚرمُت

اَڈراتَس۔ اَچھ رٲژکیٛت۔ اَڈ راتھ گژھنہٕ ورٕ ——

اَڈراتَس باگی (باگن)

اَچھ رٲژ ہیٚوٚہ۔ لگ بگ اَچھ رٲژ۔

اَڈراتَن ۔ اَچھ رٲژکیٛت۔ اَڈ راتھ گژھنہٕ ورٕ ——

اَڈراتَن باگہٕ (باگن)

اَچھ رٲژ ہیٚوٚہ۔ لگ بگ اَچھ رٲژ۔

اَڈ راتھ۔ نصف راتھ۔

اَڈ ژرٕ —— اَڈٕ پوک۔ یہٕ پوٚرٕ پٲٹھی رَنٛنہٕ آسہِ زٕ آمُت۔ پوٚرٕ پاکہٕ ینے۔ ژرٕ بیٚٹھہٕ وولمُت ؟——

اَڈسَتَن گژھُن —— اوٚرِ زٕ یوٚرِ آسُن۔ فِکرن اَڈُن۔ ترٛن تہٕ ترٛوٚہن گژھُن۔ غوطن گژھُن ——

اَڈسارِ مَڈسارِ۔ ہتہٕ تَھپھ دِتھ یتہٕ تَھپھ دِتھ ——

اَڈسور۔ (ن۔ک۔ اَڈہسور۔ مول: اَڈسار۔) اَڈٕہُس کوٚرمُت۔ لاکِہ زٕ پوٚرٕ اَڈنمُت۔

آڈلیٹکو باٹھو سوٚمبرٕمُت۔ م : اَڈسار۔

اَڈشہل۔ (۱) (گرٚشمس منز) پوٚت منزِ نیک کم کاسہ شیٚہجار۔ (۲) اوڈٕلے شیٚہلیو مُت ۔۔۔۔

اَڈشیٚہلن۔ پوٚت منزِ ہن۔ سنزٕ یاہن برٛوٚنہہ۔ دِگرس باگ ۔۔۔۔

اَڈشیٚہلن باگ (باگن) پوٚت منزِ ہن ہیٚوہ۔ سنزیاہن برٛوٚنہہ ہٕہن ۔۔۔۔

اَڈکوج۔ گاش پھولنس تہٕ کامجس درمیان ۔۔۔۔

اَڈکھشہٕ۔ یَس پوٚرٕ کھش آسہٕ نہٕ وۄتھمُت کوٚزمُت۔ اڈمور۔ مرنہٕ سر۔

اَڈکھوٗر۔ (ن۔ک۔ اَڈکھور۔ مؤل: اَڈکھار) کھوور یوٚمُت ہیٚوہ کھوژٕ بٹ۔

اَڈکھوربؚ۱۔ (ن۔ک۔ اَڈکھور۔ مؤل: اَڈکھار) اَجہ کھار ہندِ وزنہٕ۔ اُڈکھار۔ اَمٕہ ترٛوک۔ م :۔ اَڈکھار۔

اَڈکھوربؚ۲۔ (ن۔ک۔ اَڈکھور۔ مؤل: اَڈکھار) اَڈلیٚوک۔ کم زور۔ (ہیٚتھے زامُت یا پیٚترٕ یُتھ گومُت) اڈک کانیل۔ م : اَڈکھار

اَڈکھبو۔ کھبیتھ کھیوٚمُت۔ گوٚلہٕ مُت۔ کھوبٹھ زرد گومُت۔ اَنگہٕ ہیٚوٚن گومُت۔

اَڈگز ماہنز ڈوڈ گز پوٚژ۔ (۱) لوٚک آسہٕ بجہ بجہ کتھہٕ کرٕ ون۔ (۲) پنٕنہِ قدرٕ یا مقدوٗرٕ کھوتہٕ ژرس ڈرسہ دِنہٕ وول ۔۔۔۔

اَڈلابرٕ۔ (ن۔ک۔ اَڈلابرٕ۔ مؤل: اَڈلابرٕ) پوٚرٕ نہٕ سوٚترٕ۔ یتھ کم زیادٕ کھسہ وس آسہ (زمین بیترِ)۔ م : اُڈلابرٕ ۔۔۔۔

اَڈموہنیؤ۔ اَڈلیٚوک۔ نیٚننہِ مہ۔ بیٚوک۔ یُس دادِ دِگرِ سیتی کم زور تہٕ نیک آسہٕ روٗدمُت۔ یُس زُوٕ کنہٕ دوٕ تلیوٚمُت آسہ نہٕ۔ بیوٚت۔ بژ۔ سوٚ زنانہٕ یُس مردن منزی موی وُطی آسن۔ مردہش زُنی۔

اَڈمولہ۔ نِصِف قیمتس ــــــ

اَڈموٗلجہ۔ کم مولہ۔ کم قیمتہٕ۔ شژٕرہ گرٕ ــــ

اَڈنَبر۔ ع۱ نَیِ، زوٗن یا تارُکھ بیترِ اوٗڈُے نوٗن آسُن۔ سورُے نہٕ اوٗبرس ووٗبرس تَل آسُن۔ ع۲ کتھِ نہٕ پوٗرٕ نَبر گومُت آسُن۔ کتھ نہٕ لوٗکن پیٹھ پوٗرٕ پیمِژ آسنی۔ کتھِ نہٕ پوٗرٕ داشِگاف آسُن گومُت۔ اُڈِے کتھ نیٚرٕ نی ــــــ

اَڈوٚرٕ۔ اَڈبدٕ۔ یُس جوآنی گاہِژ آسہٕ۔ وآنسِہٕ کِنِ ژٕ تجھَن تہٕ پنشراہَن منزٕ باگ ہیٚوٚہ

اَڈوٚون۔ سیوٚدُے وَسہٕ وُن ہزم پہَن بوٚٹھ ــــ

اَڈہَن۔ کُتیک اوٚڈ۔ رَژھا پیوٗنتا ــــ

اَڈٕ۔ اکھ بڑِوٚغہٕ لوٗگ ــ اوٚڈ۔ اَڈ ــــ

اَڈٕاوم۔ (ن۔ک۔ اَڈٕ+اوم ــــ موٗل: اَڈٕ آم۔ (س۔ اَردھ آمہٕ۔)

پوٗرٕ نہٕ پَپیوٗ مُت۔ (میوٕ بیترِ)۔ پوٗرٕ نہٕ پاکومُت۔ (ٹھوٗل، تیل بیترِ) اوٚڈُے آمُت ــ م۔ اَڈٕ ام۔

اَڈبُز۔ اوٚڈُے بُزمُت۔ پوٗرٕ پاٹھی نہٕ توٚومُت ــــ

اَڈبژوٚک۔ (ن۔ک۔ اَڈبژوٚک۔ موٗل: اَڈبژک۔)

(۱) پوٗرٕ نہٕ بڑوٗکمُت۔ اوٚڈُے ژومُت (۲) اَڈ ژیوٗٹ۔ م۔ اَڈ بُرچ ــــــ

اَڈپچوٚر۔ (ن۔ک۔ اَڈپچوٚر۔ موٗل: اَڈپُچَر ــــ)

اوٚڈُے پُچَر وومُت۔ وارٕ پچَراونے۔ ژوٚپ دِتھ پوٗرٕ پاٹھی آندرکُن پھُٹرآوِتھ نہٕ تھوٚومُت۔ م۔ اَڈپُچرُ۔

اَڈپوٚپ۔ (ن۔ک۔ اَڈ+پوٚپ۔ موٗل: اَڈپَپ ــــ)

پوٗرٕ نہٕ پَپیوٗ مُت۔ اوٚڈا پوٚپ تہٕ اوٚڈا نیوٗل۔ م۔ اَڈپُپ ــــ

اَڈپوک۔ (ن۔ک۔ اَڈپوک۔ موٗل: اَڈپاک۔)

وارٕ نہٕ روٚنمُت۔ پوٗرٕ نہٕ پاکومُت۔ م: اَڈپاچ ــــ

اَڈِ پرٛوٚن ۔ (ن۔ک۔ اَڈِ پرٛوٚن ۔ مۆل:
اَڈِ پرٛن۔)

کمِہ پرٛیتِہ سان۔ پۆرِ نہٕ پرٛوٚن۔ پۆرِ نہٕ
صاف۔ م: اَڈِ پرٛنی۔

اَڈِ پرٛوٚن۔ (ن۔ک۔ اَڈِ پرٛوٚن۔ مۆل:
اَڈِ پرٛان۔)

کم زیادٕ پرٛوٚن۔ نہ زیادٕ نوٚو تہٕ نہ زیادٕ
پرٛوٚن۔ م: اَڈِ پرٛاٗنی ـــــ

اَڈِ پھوٚٹ۔ (ن۔ک۔ اَڈِ پھوٚٹ۔ ـــ
مۆل: اَڈِ پھٹ)

(۱) پۆرِ نہٕ پھوٚٹمُت۔ اوٚڈُے پھوٚٹمُت۔
(کانٛہہ ہیچھُ چیز بیترِ) (۲) اوٚڈُے کھوٚتمُت۔
وارِ نہٕ دژامُت (میٚثر منٛز بیوٚل بیترِ) اَڈِ
زووٕ۔ (۳) اوٚڈُے دژامُت۔ پۆرِ نہٕ دژامُت۔
وانٛژِ نہٕ دژامُت۔ (۴) اوٚڈُے بوڈیومُت۔
پۆرِ نہٕ بوڈیومُت۔ (۵) واٗنِسہٕ واتنے۔
واٗنِسہٕ پکنے (مرنہٕ برونٛہہ)۔ اَڈِ ژوٚٹ۔
م: اَڈِ پھٹ۔ اَڈِ پھوٚل ۱ (ن۔ک۔
اَڈِ پھوٚل۔ مۆل: اَڈِ پھوٚل۔)

پۆرِ نہٕ پھوٚلمُت (پوش بیترِ۔) ٹوٗرِ
منٛزِ نہٕ دژامُت۔ گاش پھوٚلنس سٟتی نہٕ
وارِ پھوٚلمُت۔ (یُس پوش یُس راتَس
وٚٹِتھ چھُ یِوان۔ مثلن گلِ آفتاب) (گُلِ
دُپہر)۔ م: اَڈِ پھُج ـــــ

اَڈِ پھول ۲ (ن۔ک۔ اَڈِ پھول۔ مۆل:
اَڈِ پھال۔)

پۆرِ نہٕ پھالیومُت۔ کم زیادٕ پھالیومُت
(پلوٚ بیترِ نالِ ژھٹی ژھٹی)۔ نہ نوٚو تہٕ نہ
پرٛانیومُت پلوٚ۔ اَڈِ پھوو۔ م: اَڈِ پھُج۔

اَڈِ پھیوٚر ۔ (ن۔ک۔ اَڈِ پھیوٚر۔ مۆل:
اَڈِ پھیار ـــــ)

وارِ پھیارنے۔ اوٚڈُے پھیوٚرمُت
(دوٚد۔ وٚدٕ)۔ سوٗرُے اَنی مہٕ نہٕ کوٚڈمُت۔
یتھ پھیار رٕتھ اوٚڈُرس یا ژٟری اَنڈِ رے
آسہٕ روٗزِتھ (شیٖرِ بیترِ) م: اَڈِ پھیار۔

اَڈِ توو ۔ (ن۔ک۔ اَڈِ توو۔ مۆل: اَڈِ تاو۔
یتھ پۆرِ تاو آسہٕ نہٕ آمُت۔ یتھ نہٕ وارِ
تاو آسہٕ لوٚگمُت۔ یہٕ نہٕ وارِ تیوٚمُت آسہٕ۔

م : اَڈٕتاو - **اَڈٕ ترٗک** - (ن ک - اَڈٕ+
ترٗک - موٗل : اَڈٕ ترٗک ــــ)
اوڈُے ترٗکمُت - سورُے نہٕ دٔنٛدٕ وٕ سیتٕ
ژٕٹھ نیوٗمُت - پوٗرٕ نہٕ ژوپمت - م : اَڈٕ ترٗچ
**اَڈٕ ترٕوٗش** - (ن ک - اَڈٕ ترٕوٗش -
موٗل : اَڈٕ ترٕوٗش -)
(۱) یہ نہٕ پوٗرٕ ترٕوٗش آسہ - (۲) پوٗرٕ نہٕ
ترٗکنس لایق - (۳) زٕرھا موٕیا ترٗکرٕ، پوٗرٕ
نہٕ + ہوٗکھی ہوٗکھی اوڈُے ترٗکریوٗمُت -
م : اَڈٕ ترٗش ـــــ
**اَڈٕ تھوٗل** - (ن ک - اَڈٕ+ تھوٗل - موٗل :
اَڈٕ تھَل ـــــ)
پوٗرٕ نہٕ تھوٗلمُت - اوڈُے تھوٗلمُت -
یتھ نہٕ پوٗرٕ باچھ آسن کرمژٕ - یتھ اکھ لنجہٕ
آسن ہینہٕ آمژٕ - م : اَڈٕ ٹیچ ـــــ
**اَڈٕ چوٗر** - (ن ک - اَڈٕ چوٗر - موٗل : اَڈٕ چیر)
(۱) وارٕ نہٕ چوٗرمُت - (اوڈُر پکوٗ بیترِ) پوٗرٕ
سرٕ ہینہٕ نہٕ کوٗڈمُت - (۲) اوڈُے رَس کوٗڈمُت -
(۳) پوٗرٕ نہٕ چیرنہٕ آمُت (لیٛتر سیتیٕ کوٗٹ بیترِ)

اُڈی سے لیٛتر وٗلسے ہمژٕ - م : اَڈٕ چیرٕ
**اَڈٕ چھوٗت** - (۱) پوٗرٕ نہٕ چھنیتیوٗمُت
(مَس بیترِ) (۲) اُڈٕس سفید تہٕ اُڈِس نہٕ -
ہور، م : ہور کاوِیا ہارگاو - (۳) ل کوٗت
سفید رنٛگہٕ - **اَڈٕ چھوٗن** - (ن ک - اَڈٕ+
چھوٗن - موٗل : اَڈٕ چھان -
وارٕ پاٹھی نہٕ چھوٗنمُت - اوڈُے چھوٗنمُت -
پوٗرٕ نہٕ پرٕ نہٕ کوٗڈمُت - سہ کُل یتھ نہٕ سورُے
ہیوٗ آسہ وولمُت - (دِزِن دِتھ - لانہ سیتیٕ
بیترِ) م : اَڈٕ چھانٛ ـــــ
**اَڈٕ چھووع۱** - (ن ک - اَڈٕ چھوو - موٗل :
اَڈٕ چھاو ـــــ)
یتھ پوٗرٕ چھاوٕ آسہٕ آمُت - یتھ وارٕ
دٔم آسہ نہٕ دیتمُت - اَڈٕ پوک ـــــ
م : اَڈٕ چھاو ـــــ
**اَڈٕ چھووع۲** - (ن ک - اَڈٕ+ چھوو -
موٗل : اَڈٕ چھاو -)
اوڈُے پھاوٗمُت ـــ **اَڈٕ پھوٗل** -
ناٗلی ژھنٛز ژھنز نہٕ پوٗرٕ پھیوٗمُت  پیا

ژھینُمت ۔ م : اَڈٕ چھاو۔

اَڈٕ خام ۔ اَڈٕ پوٚپ ۔ وارٕ نہٕ پێشومُت ۔
اَڈٕ پوٚک ۔ رژھا کوٚچ ۔

اَڈٕ دوٚد ۔ اوٚڈُے دوٚدمُت ۔ پوٚرٕ
دزِنَے ۔ پوٚرٕ نہٕ سوٚری گومُت ۔ یہ چھُ
دوٚہو تہٕ ۔ م : گوٚ اَڈٕ دوٚد ۔

اَڈٕ دوٚگ ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈٕ+دوٚگ ۔
موٚل : اَڈٕ دَگ ۔)
وارٕ نہٕ دوٚگمُت ۔ پوٚرٕ پاٹھی نہٕ
دوٚگمُت ۔ اَڈٕ ژیوٚٹ ۔ اَڈٕ پھٹ ۔
م : اَڈٕ دُج ــــ

اَڈٕ دوٚل ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈٕ+دوٚل ۔
موٚل : اَڈٕ دَل)
(۱) اَڈٕ کاچھُر ۔ اوٚڈُے مُنمُت ۔ یَتھ
نہٕ پوٚرٕ دَل آسَن ییمتی ۔ (۲) اوٚڈُے
ژٕرٕ ٹمُت ۔ اوٚڈُے سوٚتُر کوٚرمُت ۔
(کوٹ، تختہٕ بیترِ تورٕ دورِ عستی) ــــ
م : اَڈٕ دُج ــــ

اَڈٕ دوٕ دُر ۔ کم زیادٕ دوٕ دِریومُت ۔
پوٚرٕ نہٕ دوٕ دُریومُت ۔

اَڈٕ ڈوٚکھ ۔ اَڈٕ ڈوٚنگ ۔ پوٚرٕ نہٕ وارٕ ل
ڈوٚکھ ۔ یَتھ پوٚرٕ ڈکھٕ آسِنہٕ ۔ سُہ
ڈوٚکھ یُس نہٕ ڈَنجہٕ آسہِ ــــ

اَڈٕ ڈوٚنگ ۔ بٔے سوٚم پوٚتھرُ ،
یَتھ پیٹھ نہٕ کانہہ چیز وارٕ پاٹھی ڈرِتھ
ہیکہِ ــــ

اَڈٕ ڈیوٚنگ ۔ اَڈٕ ڈنجہٕ ۔ بٔے سوٚم
تہٕ یَتھ پیٹھ نہٕ چیز وارٕ پاٹھی ڈرِ ۔ یَتھ
پیٹھ نہٕ چیز اَکی ڈنجہٕ رُوزِتھ ہیکہِ ۔
یَتھ پیٹھ چیزس پینک یا پھیرنُک
خوف آسہِ ۔

اَڈٕ ڈیوٚل ۔ (۱) رژھا ڈیوٚل ۔ وارٕ نہٕ
چاٹھتھ یا گنڈِتھ ۔ (۲) وارٕ نہٕ ۔ ٹھیکھ
نہٕ ۔ (تُرو ژنگی)

اَڈٕ ڈیوٚنگ ۔ اَڈٕ ڈُنگِس پیٹھ ۔
یَتھ تلہٕ سوٚتھر جاے آسہِ نہٕ ۔ یہ نہٕ ڈنجہٕ
آسہِ ۔ وارٕ نہٕ ڈیکھِس پیٹھ ۔

اَڈٕ زامُت ۔ (۱) وُزوو ۔ پوٚرٕ نہٕ

زامُت - اَڈٕ زوم - (دود بیترِ)
(۲) اَڈٕ پھوٗٹ - پۄرِ ہنٛ زمینہٕ تلہٕ کوٗٹ
زامُت - اَڈٕ زوٗو - زمینہٕ ہنٛ وارٕ پۄرٕ
پھوٗٹمُت - (کُل کوٗٹ بیترِ)

**اَڈٕزمُت - اَڈٕ زموٗت -**
(۱) اوٚڈا زنہٕ ریوٚمُت، ہوٗکھِتھ پیوٚمُت،
(کُل، کوٗٹ، پَن، بیترِ) (۲) زوٗ کینژ
ہنٛ پۄرٕ ٹھیکھ - (۳) اَڈٕ مور - (عُمرِ ہسنٛتھ
مار پینہٕ سیتی بیترِ) -(۴) ہنیوٚمُت
(بلوٚ بیترِ) [گریرسن]

**اَڈٕ زوو** - (ن-ک- اَڈٕ ہنٛ زوو-
مؤل: اَڈٕ زاو)
(۱) پۄرٕ ہنٛ زامُت - اوٚڈُے زامُت -
(۲) وارٕ ہنٛ کھوٗتمُت (ووٗمُت بیوٚل
بیترِ) اَڈٕ پھوٗٹ - (۳) وارٕ ہنٛ زوٗو دِنہٕ
آمُت - وُ زوٗو (دود) (۴) وارٕ ہنٛ
زبہِ تہٕ گومُت - ژُ نِہن ہنٛ وارٕ ہیوٚتمُت -
م: اَڈٕ زاو —

**اَڈٕ ژوٗٹ** - (ن-ک- اَڈٕ ہنٛ ژوٗٹ -
مؤل: اَڈٕ ژَٹ -)
(۱) پۄرٕ ہنٛ ژوٗٹمُت - (۲) جانٛہٕ مرگ —
واَعنٛس کڈنے موٗمُت - لوٚکٹُے موٗمُت -
اَپہٕ مرِنیتھ گومُت - (۳) اَڈٕ ژوٗٹ چھُہ
دوٚہ ہوتہٕ - م: اَڈٕ ژوٗٹ گژھِتھ تن -
م: اَڈٕ ژَٹ -

**اَڈٕ ژوٗم** - (ن-ک- اَڈٕ ہنٛ ژوٗم —
مؤل: اَڈٕ ژام)
کم پہن ژمیوٗمُت، ژمٹیوٗمُت - پۄرٕ
ہنٛ ژمیوٗمُت - م: اَڈٕ ژُم -

**اَڈٕ ژوپ** - (ن-ک- اَڈٕ ہنٛ ژوپ -
مؤل: اَڈٕ ژاپ -)
اَڈٕ برٛوٗک - وارٕ ہنٛ ژوپمُت - اوٚڈُے
ژوپمُت - رَژھا ژٕاپتھ ترٛووُمُت -
(نابدٕ بُجٕ بیترِ) - م: اَڈٕ ژاپ -

**اَڈٕ ژور** - (ن-ک- اَڈٕ ژور - مؤل:
اَڈٕ ژاو)
وارٕ ہنٛ ژورمُت - ٹھیکھ پأٹھو ژارٕنے
(توٗل بیترِ) - م: اَڈٕ ژار -

**اَڈِژوش** ۔ (ن۔ک۔ اڈِژوشں۔
مۄل: اَڈِژاش)
(۱) ژور کرِسان ۔ رَژھا ژۄک ــــ
(۲) کھارِ (آب بیترِ)۔ م: اَڈِژاش
**اَڈِژیوٗٹ** ۔ (ن۔ک۔ اڈِژیوٹ۔
مۄل: اَڈِژیٹ۔)
اَڈِ دۄگ۔ اوڈُے ژیٚوٗٹمُت۔
پۄرِ ہٕ ژیٚوٗٹمُت۔ وارِ ژیٹنے۔ وارِ ہٕ
دۄگمُت۔ م: اَڈِژیٹ۔
**اَڈِسۄر** ۔ (ن۔ک۔ اَڈِسۄر ــــ
مۄل: اَڈِسور)
(۱) پۄرِ ہٕ موکلیومُت۔ لگ بگ
سورٕیومُت۔ سورٕنس ووتمُت ــــ
(۲) اوڈُے خرچمُت۔ (۳) لگ بگ
پھالومُت۔ م: اَڈِسورِنیٚ۔
**اَڈِسور**۔ (ن۔ک۔ اَڈِسور۔ مۄل:
اَڈِسار)
(۱) لاکِہ لاکِہ اوڈُے اونمُت۔ اوڈُے
سوٚمبرُمُت۔ پۄرِ ہٕ سوٚمبرِمُت ــــ

ٹھیکہ یا اَٹھو ہٕ سوٚمبرمُت۔ (۲) پۄرِ
ہٕ اتھہٕ سیتھ ژیٚوٗنمُت۔ پۄرِ ہٕ پھٔشہٕ
سیتھ ژیٚوٗنمُت۔ م: اَڈِسأر۔
**اَڈِسوو** ــ (ن۔ک۔ اَڈِسوو ــ
مۄل: اَڈِساو)
(۱) اَڈ نیٚنٛدرِ۔ یس پۄرِ نیٚنٛدرِ آسہٕ ہٕ
پیمژ ــ (۲) نرٕ ژنگ وارِ وٕہراوِ نے
سوومُت۔ (۳) پۄرِ ہٕ لَرِ ترٛوومُت
(کوٚٹ بیترِ)۔ م: اَڈِساو۔
**اَڈِسیٖو** ۔ (ن۔ک۔ اَڈِسیٖو۔ مۄل:
اَڈِسیو)
(۱) پۄرِ ہٕ سیونہٕ آمُت۔ وارِ ہٕ سیٖومُت
کاتھہ چیز بانَس منٛز اوڈُے گژھِتھ پۄرِ
نوومُت۔ (۲) ٹھیکہ یا اَٹھو سیوی ہٕ
گومُت۔ (جانور بیترِ)۔ وارِ ہٕ ہلرِ دومُت
وارِ ہٕ وَترٕ اونمُت۔ م: اَڈِسیو۔
**اَڈِسیٖون** ۔ (ن۔ک۔ اَڈِسیٖون۔
مۄل: اَڈِسین۔)
(۱) اوڈُے سیٚنیومُت۔ وارِ ہٕ

گوٚلمُت ۔ (سیٖن بیترِ) ۔ (۲) یتھ اوٚڈُے نوٚن آسہِ ترٛاوومُت ۔ یتھ نہٕ پوٚرٕ نوٚن آسہِ ۔ پوٚرٕ نوٚنہٕ دادِ بےٚ مزٕ گومُت ۔۔۔ (سیٖن بیترِ) ۔۔۔ م : اَڈِسیٖنی ۔۔۔

**اَڈِسیوٚن مَڈِسیوٚن** ۔۔۔ یُتھ تیٖتھ روٚنمُت ۔ وارٕ نہٕ روٚنمُت ۔ بےٚ مزٕ ۔

**اَڈِشہُل** ۔۔۔ اوٚڈُے شیٖہلیوُمُت ۔ یَتھ نہٕ تٔرٛ پوٚرٕ آسہِ درٛامُت ۔۔۔ سوکھ وُشُن ۔۔۔

**اَڈِشوٚر** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِشوٚر ۔ موٚل : اَڈِشیر)

پوٚرٕ نہٕ شوٚرمُت ۔ اوٚڈُے مرمَتھ کوٚرمُت ۔۔۔ اوٚڈُے شوٚرمُت ۔ وارٕ نہٕ شوٚرمُت ۔۔۔ م : اَڈِشیر ۔۔۔

**اَڈِکاچھُر** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِکاچھر ۔۔۔ موٚل : اَڈِکاچھر ۔)

**اَڈِدوٚل** ۔۔۔ دوٚگہِ بوٚچھ ۔ اَڈِدوٚگ ۔ وارٕ نہٕ مُنمُت ۔ پوٚرٕ نہٕ دوٚگومُت ۔۔۔

م : کاچھر ۔۔۔

**اَڈِکاشہُل** ۔۔۔ اوٚک کانہہ ۔ نہٕ ہیٚکن وول ۔ یَس نہٕ ہیٚکتھ آسہِ ۔۔۔

**اَڈِکایُر** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِکایُر ۔ موٚل : اَڈِکایَر ۔)

نہٕ ہیٚکن گوٚر ۔ لِسہٕ ۔ آہرٛشی ۔۔۔ یُس کایان کشان کام کرِ یا ووتھرٕ بیٚہہ

م : اَڈِکایر ۔۔۔

**اَڈِکاشُر** ۔۔۔ (۱) پوٚرٕ کاشُر نہٕ آسُن ۔ اوٚڈا کاشُر تہٕ اوٚڈا یارِیُم ۔۔۔ (۲) گولہِ یارِیُم ۔ اَڈِکاشُر تہٕ اَڈِ یارِم بوٚل ۔۔۔

**اَڈِکوٚل** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِکوٚل ۔ موٚل : اَڈِکل ۔)

یَس کتھ کچھ آسہِ ۔ یَس کتھ کچر آسہِ ۔ یَس نہٕ کتھ صاف آسہِ گژھان ۔ م : اَڈِکیچ ۔

**اَڈِکور** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِکور ۔ موٚل : اَڈِکار ۔)

وارٕ نہٕ کورمُت ۔ اوٚڈُے گرٛ کرٕ نوومُت ۔ م : اَڈِکار ۔۔۔

**اَڈِکوس** ۔۔۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِکوس ۔ موٚل : اَڈِکاس ۔۔۔)

وارِ نہٕ کوسمُت ۔ اوٚڈُے کوسمُت ۔
اکی طرفہٕ کوسمُت تہٕ اکہِ طرفہٕ نہٕ (مسَ)
اوٚڈُے کھوٗر ڈولمُت ۔ م : اَڈِکامس ۔
**اَڈِگشَل** ۔ اوٚڈگُہنہٕ آمُت ۔ اوٚڈ
گسہٕ آمُت ۔ سُہ سِکھ پیٖتھ نانک نِہناونہٕ
ہیٚتھوٚہ آسہ آمُت ۔
**اَڈِگُہہ** ۔ وارِ نہٕ گُہمُت ۔ اوٚڈُے
گسَ دیٚتمُت ۔ (کونگ، ژَندُن، دوابیتر
(مُسکہٕ ستی مَنرِن گسَ دِتھ) پوٗرِ روشَن
نہٕ کوٚرمُت ۔ وارِ نہٕ چمکوومُت ۔
**اَڈِگوٚر** ۔ پوٗرِ نہٕ گوٚرمُت ۔ اوٚڈُے
بنوومُت ۔ اوٚڈُے گوٚرمُت ۔ اَڈِلیوٚکُے
بنوومُت ۔ (گُہنہٕ، ہیٚچہ سامانہٕ یا بانہٕ بیتر
پوٗرِ نہٕ شکلہِ منٛز اونمُت ۔
**اَڈِگوٚس** ۔ اَڈِگُہہ ۔
(مَنرِن) مُسکہٕ ستی وارِ نہٕ پشلوومُت
یا چمکوومُت ۔
**اَڈِلابُر** ۔ اوٚڈ ابُر ہیٚتھوٚہ زمین ۔ سوٗ زمین
یوسہ نہٕ پوٗرِ سوٚتر آسہ ۔

**اَڈِلیوٚدُر** ۔ کم زیادِ لیوٚدُر ۔ لیُدریرِ
سان ۔ اوٚڈ الیُدرِ رنٛگہٕ ۔ کینٛژھا لیُدرِ
رنٛگہٕ ۔ **اَڈِلیوٚک** ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ
لیوٚک ۔ موٗل : اَڈِلیکو ۔ <س ۔ اردھَ +
ک ۔ لیوٚک ۔)
(۱) اوٚڈُے ۔ پوٗرِ نہٕ کوٚرمُت ۔ اَنٛد
واتناوِنے ۔ نامکمل ۔ (۲) نہٕ ہیکَن وول ۔
کمزور ۔ (۳) ناکھِہِ پیاو ۔ وَقتس آے سنٛے
پژسُن ۔ م : اَڈِلیٚچ ۔
**اَڈِلیوٚک گَژھُن** ۔ (۱) اَڈکھبوگَژھُن ۔
کھوٹھہ زَد گژھُن ۔ کامہٕ کارس لایَق نہٕ
روزُن ۔ (۲) ناکھِہِ پیاو گژھُن ۔ وَقتس
آسنہٕ برونٛہہ ٹھُے پژسُن ۔ چھوٗنٛٹہٕ گژھُن ۔
ڈٔب اَتھہٕ گژھُن ۔
**اَڈِمَنہِ** ۔ وَزنہٕ تَلہٕ اوٚڈمَن ۔ وِرکہٕ
سیٹھا ۔ واریا ۔
**اَڈِموٗر** ۔ پوٗرِ نہٕ موٗرمُت ۔
وارِ نہٕ دِہل تُلمُت ۔ (عَینس ہیترِ) ۔
**اَڈِموٚنٛڈُما** ۔ توٚن وِگرِ ۔ مایہٕ ۔

اَڈِموٗنڈِ ۲ وارِ نہٕ موٗنڈمُت ۔ (یتھ نہٕ ووکھلس یا کَنزس بیترِ مٔژ) چھلنہٕ وِزِ وارِ پاٹھؠ لتھ آسہِ دِژمٔژ ۔ (پٹی پلوس بیترِ) ۔ اَڈِموٗنڈ بترِ ۔ پننہٕ بترِ ۔ نرم بترِ ۔۔۔۔۔۔

اَڈِمور ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ ہٕ مور ۔ موٗل: اَڈِ مار ۔)

یَس سٕنح آسہِ لویمُت ۔ یُس لاَے لاَے موٗمُت ہیُوٗہ آسہِ گومُت ۔ م: اَڈِ مار ۔۔۔۔۔۔

اَڈِنیوٗل ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ ہٕ نیوٗل ۔ موٗل: اَڈِ نیل ۔)

(۱) پوٗرِ نہٕ نیوٗل ۔ (۲) اوٚڈا نیلہِ تہٕ اوٚڈا بیٚیہ کُنہِ رنگہٕ ۔ پوٗرِ نہٕ ہوٚکھمُت تہٕ اوٚڈ نیوٗلے روٗدمُت (گاسہٕ بیترِ) (۳) اَڈِ پوٚپ ۔ م: اَڈِ نیج ۔۔۔۔۔۔

اَڈِ وٕہور ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ وٕہور ۔ موٗل: اَڈِ وٕہر ۔۔۔۔۔۔)

یہٕ وارِ پاٹھؠ وُہر تھ آسہٕ ۔ پوٗرِ نہٕ وٕہورمُت ۔ ژھیکھ پاٹھؠ وٕہراوِنے ۔ م: اَڈِ وٕہٕر ۔۔۔۔۔۔

اَڈِ وُٹھ ۔ پوٗرِ پاٹھؠ نہٕ وُٹھمُت ۔ کھٕے وَرِ دِتھ ۔ (رز بیترِ) ۔

اَڈِ وُشن ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ وُشن ۔ موٗل: اَڈِ وُشُن ۔)

سوکھہٕ وُشُن ۔ کھٕے وُشن ۔ پوٗرِ توٚت نہٕ ۔ م: اَڈِ وُشنٕ ۔

اَڈِ ووٗن ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ ووٗن ۔ موٗل: اَڈِ ووٗن ۔)

پوٗرِ نہٕ ووٗنمُت ۔ اَڈِ لیوٚک ووٗنمُت ووٗنتھ اَڈِ لیوٚک ترٛووُمت ۔ م: اَڈِ ووٗنٕ ۔

اَڈِ ووٚتھ ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ ووٚتھ ۔ موٗل: اَڈِ وُتھ ۔)

پوٗرِ نہٕ ووٚتھ ۔ اوٚڈے مُژرِ تھ ۔ اوٚڈا دِتھ (بنٛڈ) تہٕ اوٚڈا ایلہٕ ۔ م: اَڈِ وُتھ ۔

اَڈِ ووہ زُل ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈِ ووہ زُل ۔ موٗل: اَڈِ ووہ زَل ۔)

(۱) پوٗرِ نہٕ ووہ زُل ۔ کم زیادٕ ووہ زلہِ رنگٕ

(٢) کانٛہہ حِصہ ووٗ زُل تہٕ کانٛہہ حِصہ نہٕ ۔
م : اَڑُ وو زٕج ______

اَڑُوہِرٛتھن ___ پۄرٕ نہٕ وہرٛتھنووٗمُت ۔ اوٚڈُے وہرٛتھنمُت (پھمب بیترِ) ۔ پۄرٕ یا اَٹھ نہٕ سمبھووُمُت ۔ پۄرٕ وکھنیہِ روٚس ۔ م : اَڑُ وہرٛتھنی ______

اَڑُوہنٛوٗر ___ یتھ اوٚڈُے ژاٗرِ کوٚڈمُت آسہِ ۔ پۄرٕ نہٕ نکرووُمُت ۔ پۄرٕ نہٕ مکرووُمُت (گاسس بیترِ) م : اَڑُوہنٛوٗر ۔

اَڑہوٚت ___ (ان ۔ ک ۔ اَڑہوٚت ۔ موٗل : اَڑہت ۔)
پۄرٕ نہٕ ہوٚتمُت ۔ رژھا خراب گومُت پھیوٗرمُت ۔ م : اَڑہوٚژ ______

اَڑہوٚکھ ___ (ان ۔ ک ۔ اَڑہوٚکھ ۔ موٗل : اَڑہوکھ ۔)
(١) وارٕ نہٕ ہوٚکھمُت ۔ اوٚڈُے ہوٚکھمُت (وڑی یاو ، نالہِ بیترِ) ۔ (٢) یتھ نہٕ سورُے رس ہوٚکھمُت آسہِ ۔ (مہوس بیترِ) ______
(٣) اَڑزُمُت ۔ (کُل ، لنٛڈ بیترِ) م : اَڑہوچھ ۔

اَڑہوٚل ___ (ان ۔ ک ۔ اَڑہوٚل ۔ موٗل : اَڑہَل ۔)
(١) یہ نہٕ پۄرٕ سیوٚد آسہِ ۔ (٢) یُس نہٕ پۄرٕ سیوٚد آسہِ ۔ یُس رژھا ہوٚل آسہِ ___
یُس نہٕ پۄرٕ شوٚد آسہِ (مزاجہ کِنی) ___
م : اَڑہُج ______

اَجہ اُچھ گاش آسُن ___ کُنے پیچھو آسُن ______

اَجہ میٚنگہِ دستار ___ اوٚک طرف دستار ۔ ورگہِ اڑٕ ژھوکھس سیتی آسُن ۔
ناحقک دزٕبُز ______

اَڈم زڈٕ ___ (ان ۔ ک ۔ اَڈم + زٕ + اَڈ ۔ موٗل : اَڈم زڈٕ ۔ < سن اَردھم + ک زٕ + اَردھ ۔)
سیٹھا اکم مو ژُن ۔ تمہِ ووزِ ونتہِ یوان یلہِ سیٹھا سوٚمبرآوِتھ تھومتہِ منز کُھے اُکھ لگہِ تہٕ باقی حِصہ دیا خراب گژھہ یا دوٚیمین ہنٛد بُزی سپد ۔

اَڑہِن حِساب ہیوٚن ___ پٔیشتِن حِساب ہیوٚن

اَڈٕن عَش تہٕ اڈٕن کھش۔
ہیٚوٗمٕے نہٕ پکُن۔ سخ بےٚ اِنصافی کرٕنۍ۔

اَڈاو ۱۔ (ن۔ک۔ اَڈاو۔ مۆل: اَڈاو — (ف: عدٗو)
اَداو۔ عداوتھ۔ ضِد۔ حسد۔

اَڈاو ۲۔ (ن۔ک۔ اَڈاو۔ مۆل: اَڈاو۔ (س ؟ آ + ورنَم)
اَڈکُش گاڈٕ۔ سہٕ ژوک تہٕ تمہٕ چہٕ تھمی چھ
یمن منٛز کوٹ بیترِ بنٛد تھوٗتھ چیران چھ۔

اَڈٕ ۔ (م۔ک۔ اَڈٕ۔ مۆل: اَڈ۔ (س: اَستھِ/ہَڈّہ)
اُڈۍ چھ (خاص کٔرتھ نرٛبن ہنٛز تہٕ نلہٕ چھ)۔
بجہٕ بجہٕ اُڈۍ چھ —

اَڈٕ ترٛکٔرٕ — سہٕ یُس اُڈۍ چھ دٔرِ آسن۔
(خاص کٔرِتھ نرٛبن زنگن ہنٛز)

اڈٕ سوٗر۔ اُڈۍ چھ ژٕرن۔ سخ مار یُتھ
سیٚتۍ اُڈۍ جَن چوٗرِ گژھن۔

اَڈٕ ۔ (ن۔ک۔ اَڈٕ۔ مۆل: اَڈ۔ (س:
اَشٹھِکہ)

سِمنٛج جاے۔ سو جاے یِتیتھ ٹانگہٕ،
لاری یہٕ تہٕ موٹر بیترِ سوارٕن ہیٚنٛدِ باپتھ
آسان آسن۔ بیکارٕن ہنٛز بیٹھ لاگنٛج
جاے۔ بیکار موٗنڈ چھ ہنٛز جاے۔

اَڈُن ۱۔ (ن۔ک۔ اَڈُن۔ مۆل: اَڈن۔
(س: اَردھ + کرٕ (اَردھی کرٕ)
ہو کھُن تہٕ لیوٗز سیدُن (دادِ دکرٕ
یا بجُر بیترِ کنی)

اَڈُن ۲۔ (۱) کنہٕ جایہٕ ٹھیکُن۔ قدم تھاوُن۔
دوٚ دۆنۍ روزِتھ پرٛارُن۔ (۲) ہڑکرُن۔
ڈٕٹھتھ روزُن۔ کُنہٕ کامہٕ پتہٕ روزُن۔

اَڈُو۔ ڈُونے۔ پھش دِنہٕ لگار۔ ڈُوہٕ ورائے۔
سو جاے بیترِ یتھ ڈُوہٕ آسنہٕ آمُت۔

اَڈوٗر۔ (ن۔ک۔ اَ + ڈوٗر۔ مۆل: اَڈر۔
(پراکرت: اَ + ڈرو (س: دَرہ)
نہٕ کھوژوُن۔ یُس نہٕ کھوژان آسہ۔
بےبَے۔ بے خوف۔ بوٗہدُر۔

اَڈوٗکھ۔ (ن۔ک۔ اَ + ڈوٗکھ۔ مۆل: اَڈکھ۔
ڈکہ ورٲے۔ ڈکھ روٗژھ۔ یُس پتہٕ

کٲنٛسہٕ ہُنٛد ڈوٗکھ آسُن۔

**اَڈول** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ڈول۔ مٔول : اَڈال۔
(س : اَ+ دول (دولایتہ)
یِنہٕ ڈولمُت آسہِ (چیز بیتر یِنہٕ جایہِ پیٹھ)۔ یہِ یِنٛنی جایہِ آسہِ۔ توٚمُل، وُشکہٕ بیتر یِتھہٕ کٕنہٕ دَرٕ ہیٚنہٕ آسن آمتی ـــ ژَھٹہٕ نے۔ ژَھٹھ کڈہٕ نے۔

**اَڈٕیُل** ۔ (ن۔ک۔ اَڈٕیُل۔ مٔول : اَڈیل۔
(س : ہُدّہ + ک پوٚت لوٗگ پیل)
ہُڈ۔ بُڈ تہٕ ڈیٹھ اُڈج۔ اُڈٕہی جِہ گوٚگُل ـــ

**اَڈیوٗٹھ**۔ (ن۔ک۔ اَ+ ڈیوٗٹھ۔ مٔول : اَڈیٹھ
(س : اَدرِشٹ)
(۱) ڈیشنَے۔ وُچھنہٕ روٚستے۔ یہِ نہٕ وُچھمُت آسہِ ـــ

**اَذان** ۔ (م۔ک۔ اَذان۔ مٔول : اَذان۔
(ع : اَذان)
بانٛگ۔ (نماز پرنہٕ باپتھ)

**اَرٕ ۱**۔ (ن۔ک۔ اَر۔ مٔول : اَر۔ (س ؟
اَرا) ـــ اورُت۔ بےٚ وُسیلہٕ۔
عاجز ـــ (گرٕیرسن)

**اَرٕ اَنُن** ۔ تنگ کرُن ۔ ژٕنہٕ اَنُن ـــ

**اَر دٕچھ** ۔ یَنہٕ غرضہٕ کٲنٛسہٕ پتہٕ لگُن۔ مطلب کڈنہٕ خاطرٕ کٲنٛسہٕ اُدرٕ زٕٹ ہیٚوٕہ اَگادِگرُ ژھن۔

**اَرٕ ۲**۔ (ن۔ک۔ اَر۔ مٔول : اَر۔ (س : ہرہ؟
ڈرٕسہٕ۔ لمہٕ (کینٛہہ موٗلے کڈِتھ اَنٛنہٕ باپتھ)

**اَرٕ ۳** ـــ (ن۔ک۔ اَر۔
مٔول : اَر۔ (س : آرہ)
بُڈ لِتر ـــ

**اَرکَش ۔ اَرٕہی کَش** ۔ (ن۔ک۔
اَر+ کَش۔ مٔول : اَرکَش۔ (س : آرہ+ کرشہ / ف : کَش)
لِترٕ وایِن وول ۔ ہُٹ چیرن وول۔

**اَرٕ ۴** ۔ اَکھ پوٚت لوٗگ یمہٕ سیٚتی کُنٛج کانٛہہ حالتھ ہاوٕنہٕ چھےٚ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھہ "اَر" "آر" تہٕ بنان۔ مثلن : (۱) دوٕ زُل = دوٕ زجار کرُن = کٕزہینیار ۔(۲) نیٚنگ =

رِنچر، بوٗڈ = بجُر ـــــ

اَرَب ـ (ن ـ ک ـ اَرَب ـ موٗل : اَرَب ـ
(س : اربُد)
ہتھ کو رور ـــ ... ... ...ا

اَرَم ـ (م ـ ک ـ اَرَم ـ موٗل : اَرَم ـ)
ژلاپنُک دَنٛد ـــــ

اَرمِہ چھَل ـ ارمِہ ہنٛز کھنٛڈ ـ

اَرمِہ موٗل ـ اَرمہ ہنٛد سُہ حِصہٕ یُس
مانٛزبیرِ اندر چھُہ آسان ـ

اَرمِہ ژاپنہٕ ـ دَنٛد چاپنی ـ لٹاپہِ ہنٛد سنٛز کرُن

اَرم تاَج ـــــــ (م ـ ک ـ اَرَم
+ تاَج ـ موٗل : اَرَم تاج ـ (س : ؟ :
اَرَم + تا )
بجَر ـ تھزر ـ زِچھَر (رُتبہٕ کنِہ یا دیارَو
سَببہٕ) [گریَرسن]

اَرنی ـ (ن ـ ک ـ اَرَنی ـ موٗل : اَرنی ـ (س : اَرنیہٕ)
وَن ـ جنگلُ ـ یہِ چھُہ بڑُوٗنہہ لوٗگ ـــــ
مِ : اَرَنی کاٹھ ـ

اَرنی رو تھ ـ (ن ـ ک ـ اَرَنی + روتھ ـ
موٗل : اَرنی روت ـ (س : اَرنیہٕ وٗرتٛ)
بَٹن ہنٛد اکھ رسِم، یوسہٕ ژھِنتھ شُر
گورس تِس وَن سوزنُک رسِم ـ پوٗرٕ لفظ
چھُہ "اَرَنی وٗرِیتھ"

اَرنِچ کاٹھ ـ تِمہِ ترِشہِ یِس اکھ اَکِس
سیتی گُکھر دِتھ اُسی ہوَنہٕ باپتھ وَنس
منٛز نار بناوان ـ

اَرابہٕ ـ (ن ـ ک ـ اَرابہٕ ـ موٗل : اَراب)
کوٗل گَنڈنہٕ باپتھ کنِہ ڈیر لدُن ـ کنِہ
وٗوٚت یا گولہِ وٗوت ـ

اَراتھ ـ (م ـ ک ـ اَ + راتھ ـ موٗل : اَرات ـ
(س : اَردھ راترِ)
اَڈراتَن بڑٕ وُنٹھ ـ سرِشام ـ راتھ ہنٛد
گوڈنیُک حِصہٕ ـ (گریَرسن)

اَراتَن ـ اَڈ راتھ بڑٕ وُنٹھ ـ راتھ ہنٛدِ
گوڈنکہِ پہرِ ـ خوفتنَس ـــــ

اَراتن باَگی ـ اَراتَن وِزِ ـ خوفتنَس ـ

اَرِش ـ (م ـ ک ـ اَرِش ـ موٗل : اَرِشس ـــ
(س : اَرش)

الہ دود، بواسیر (گریرسن)۔

اَرٕنی۔ کھارٕ سنٛز ییرٕن۔

اَرٕنبن کالن۔ (ن۔ک۔ ارٕنبن + کالن۔
مۆل، اُمرٕ کال۔ (س: ارٕنی کال +
ک پوٚت لوٚگ ان)

کو دٔقتہٕ۔ وُلہٕٹہٕ ؤقتہٕ۔ ناکارٕ سمیہٕ۔
ہٕرٕ وزٕ۔ لڑایہٕ وزٕ۔ یمہٕ ستہٕ کینٛہہ پھُنڈٕ
یا شامتھ آسہٕ۔

اَری پٔری۔ بجرِچ یا تھزرٕچ ہوگ۔

اَرٕ پژر۔ (ن۔ک۔ اری ژر۔ مۆل: اری ژر۔
(ک آر + ژار)۔

آرٕ ژار۔ آرٕ ژار۔ دال ڈود یو منز کچھ
گڈن گوٚ ڈیچ نبند۔

اَرٕ ع۱ ۔ (ن۔ک۔ ارٕ۔ مۆل: آر۔ (س۔ ارا)
لِترٕ وانہٕ۔ لِترٕ ہنٛد وایُن۔

اَرٕ اَڈاو۔ آرکُش گاژ۔

اَرٕ چیر۔ لِترٕ وانہٕ۔ لِترٕ ہیوٚر یا بون
والنٕ (کُنٛز)۔

اَرٕ کوٚش۔ لکرٕ لِترٕ وانہٕ ستی یُس کوٚشش
نیران چھُ۔

اَرٕلِتر۔ آری کش لِترٕ یا زیٹھ لِترٕ۔
(یمہٕ ستی بڈٕہن بڈٕہن موٗنڈٕہن تختہٕ چھ ژٹنہٕ
یوان)۔ اَرٕ والنی۔ لِترٕ ستی کوٗٹس
پچہٕ کرنہٕ یا ٹکرٕ کرنی۔

اَرٕ ع۲ ۔ (ن۔ک۔ ارٕ۔ مۆل: ارٕ۔ (س: آرا)
(۱) کانٛہہ گوٚب تہٕ بوڈ چیز ینٛنہٕ جایہٕ ڈالنہٕ
باپتھ ہلہٕ، مرٕ: پلس ارٕ کرٕن = (۲) اَرٕگرنگ
اوزار، سنٛبل بیترٕ ہیٚوہ۔ کانٛہہ گوٚب چیز،
ڈولناونہٕ باپتھ لگٹر۔ (۳) اکہٕ قسمُک پیوند
یُس کُلس تراونہٕ چھُ یوان۔

اَرٕ ع۳ (م۔ک۔ ارٕ۔ مۆل: ار۔)
ڈکس پیٹھٕ کینٛنگ مس۔ بڑوٗنہہ کینٛنگ
مس۔ اَرٕ کاسنہٕ۔ (گوڈنچہٕ لٹہٕ) بڑونٛہہ
کنٛنگ مس ہیوٚن۔

اَرٕداہ۔ (ک۔ ارٕ + داہ۔ مۆل: ارٕ داہ۔
(س: اشٹادش۔)
اٹھِ پیٹھ داہ۔ دہ یہٕ کم دُہہ۔

اَرٕدٕہی۔ (ن۔ک۔ ارٕدٕہی۔ مۆل: ارٕ داہ۔ (س

اَشٹادشہ+ک۔ی۔)

اَرداہِس پھر۔ ضرب دِنہٕ یا گونہٕ وِزِ

ونان۔مر: نٕہ اَرِ دٔہس شیٚیہ ترٕہ۔

اَرداہیُم۔ (ک۔اَرداہیٖم۔مؤل: اَرداہِم۔

(س: اَشٹادشہِ تمہَ۔)

تِیٚچھ وآری اَرداہَس پیٚٹھ ییہِ۔ اَٹھِ

پیٚٹھی دٕہیُم۔ سَداہِس پتہٕ آسہٕ وُن۔

اَرتاجِہ عا (م۔ک۔اَرتاجِہ۔مؤل: اَرتاجِہہ

(ک ژھوٚٹ اَرم تاج (س؟ اَرم+تا)

اَرم تاج۔ بجر۔ تھزر (رہ پیوٚ کنی یا

بٔڑ رُتبہٕ کِنی [گریرسن]

اَرتاجِہ عا ۲۔ (ک۔اَرتاجِہ۔مؤل: اَرتاجِہ۔

(س: اَشٹہ چتوارِم شت)

اَٹھِ پیٚٹھی ژتجِہ۔ ژور دٔہی تہٕ اَٹھ۔

ژتجِہ تہٕ اَٹھ۔ دہ ییہِ کم پنژاہ۔

اَرتاجِہیُم۔ (ک۔اَرتاجِہیٖم۔مؤل: اَرتاجِہِم۔

(س: اَشٹاچتوارِم شتہِ تمہَ۔)

تِیٚچھ وآری اَرتاجِہس پیٚٹھ ییہِ۔ اَٹھِ پیٚٹھی

ژتجِہیُم۔ سَتہٕ تاجِہس پتہٕ آسہٕ وُن۔

اَرِترٕہ۔ (ک۔اَرِترٕہ۔مؤل: اَرِترٕہ (س۔

اَشٹاترِم شت۔)

اَٹھِ پیٚٹھی ترٕہ۔ ترٕیِہ دٔہی تہٕ اَٹھ۔

ترٕہ تہٕ اَٹھ۔ دہ ییہِ کم ژتجِہ۔

اَرِترٕہیُم۔ (ک۔اَرِترٕہیٖم۔مؤل: اَرِترٕہِم۔

(س: اَشٹاترِم شت تمہَ)

تِیٚچھ وآری اَرِترٕہَس پیٚٹھ ییہِ۔ اَٹھِ

پیٚٹھی ترٕہیُم۔ سَتہٕ ترٕہس پتہٕ آسہٕ وُن۔

اَرِستَتھ۔ (ک۔اَرِستَتھ۔مؤل: اَرِستَتھ

(س: اَشٹاسپتتِ۔)

اَٹھِ پیٚٹھی سَتتھ۔ سَتھ دٔہی تہٕ اَٹھ۔

سَتتھ تہٕ اَٹھ۔ دہ ییہِ کم شیٚتھ۔

اَرِستہٕ تیُم۔ (ک۔اَرِستہٕ تیٖم۔مؤل:

اَرِستہٕ تِم۔ (س: اَشٹاسپتتہِ تمہَ۔)

تِیٚچھ وآری اَرِستہٕ تھس پیٚٹھ آسہٕ۔

اَٹھِ پیٚٹھی سَتہٕ تُھک۔ سَتہٕ سَتتھس پتہٕ

آسہٕ وُن۔

اَرِسَر۔ (ن۔ک۔اَرِ+سَر۔مؤل: اَرِسَر۔

(س: اَرِ+سَر۔)

کوٚنٛجہ ۔ ژھرٕ کٕھ ۔ کامہٕ ستی یہٕ دِل لگُن
ترٕ فوضُول حرکٔژ کرٕنہٕ ۔ یہٕ یہٕ ترٕسُن فکرٕ زٕ کرٕ
کیا ترٕ بٕلی کیشہٕ نترٕ کیشہٕ کرُن ۔

**اَرٕسرٕ دِنۍ** ۔ ژھرٕ کٕھ دٕنۍ ۔ کوٚنٛجہ کرٕنہٕ ۔

**اَرٕسیتھ** ۔ (م ۔ک ۔ اَرٕسیتھ ۔ موٗل : اَرٕسیت
(س: اَرٕ + پراکرت سناو + س سنتاد
یا س سپد ۔)

تھوس ۔ بٕلی زوٗ ژُ ۔ تی کرُن یتھ یہٕ
کیشہٕ نیرِ ۔

**اَرٕسیتھ لَد** ۔ یُس اَرٕسیتھ آسہٕ ۔ یُس بٕلی
آسہٕ ناممکِن کامہٕ منٛزٕ ہیوان ۔ بٕلی یانس
تھوس اَنَ وول ۔

**اَرٕشیتیُم** ۔ (ک ۔ اَرٕشیتیُم ۔ موٗل : اَرٕشیتیم ۔
(س: اَشٹاشیتہٕ تمہٕ ۔)

ترٕنٛچ وٲری اَرٕشیتس پٮ۪ٹھٕ ییرِ ۔ اَٹھہٕ
پٮ۪ٹھٕ شیٹک ۔ ستہٕ شیتھ پتے آسہٕ وُن ۔

**اَرٕشیتھ** ۔ (ک ۔ اَرٕشیتھ ۔ موٗل : اَرٕشیت ۔
(س: اَشٹاشیتہٕ ۔)

اَٹھہٕ پٮ۪ٹھی شیتھ ۔ اَٹھ دُہی ترٕ اَکٕھ
شیتھ ترٕ اَٹھ ۔ دوہ یہٕ کم نمتھ ۔

**اَرٕگ** ۔ (ن ۔ک ۔ اَرٕگ ۔ موٗل : اَرٕگ ۔
(س اَرگھ ۔)

پوٗزایہٕ کیُت توٚل ترٕ وُشکہٕ بیترِ ۔
اَہوتھ دِنہٕ باپتھ توٚل ترٕ وُشکہٕ بیترِ یہوٗنس
ترٲوُنک توٚل ترٕ وُشکہٕ بیترِ ۔ توٚلی ۔ ترٕ
وُشکہٕ بیترِ ۔ یتھ کرٕنہٕ باپتھ اَرپن کرُن ۔

**اَرٕگ پوش** ۔ اَرٕگ ترٕ پوش بیترِ ترٕ بُتھ
گو پوٗزایہٕ لاگنک سامانہٕ ۔

**اَرٕگ لدُن** ۔ کٲنٛسہٕ پٮ۪ٹھٕ بٕلی دِنہٕ باپتھ
اَرٕگ ترٲوُن ۔ بٕلی دِیُن ۔

**اَرٕگ لدِتھ تھوٗن** ۔ زانٛن زٕن ترٕ موٗد
مُتے چھُہ ۔ پٔنٛنی کنۍ موٗمُت زانُن ۔ خیالہٕ کنۍ
مارِتھ تھوٗن ۔

**اَرٕگہٕ پھوٚل** ۔ اَرٕگہٕ موٗٹھ ۔ اَتھہٕ پھوٚل ۔
سُہ سوٗرے اَرٕگ یُس ہوٗنس یا پوٗزایہٕ
کیُت آسہٕ تھوٚدمُت ۔

**اَرٕگہٕ ژال** ۔ اَتھہٕ پھوٚل ۔ اَتھس کیتھ اَرٕگہٕ
موٗٹھ (اَگنس ترٲونہٕ باپتھ ۔)

**اَرِلاتھ** ۔ (م ۔ک ۔ ارِلاتھ ۔ مؤل : ارِلات ۔)

مُفت باگرواٮ۪ن باپتھ یا دان دِنہٕ باپتھ دِیار ، پلو ، توٗلُل بیتر ۔

**اَرِلانٹر** ۔ (ن ۔ک ۔ اَرِلانٹر ۔ مؤل : ارِلانٹر ۔ (س: اَرِ + ک لانٹر ۔)

اَکِہ بانہٕ ہُنٛد لانٹر ۔ اَکِہ بانہٕ ہُنٛز لانگ ۔ اَکِہ بانہٕ ہُنٛد برونٛہہ کُنیک نوٗمرِتھ ترٛمدار زیوٗٹھ ڈنٛڈ ۔

**اَرِنمتھ** ۔ (ک ۔ اَرِنمتھ ۔ مؤل : ارِنمت ۔ (س: اشٹ نوتہٕ ۔)

اَٹھِ پیٹھی نمتھ ۔ نو دٕہی تہٕ اَٹھ ۔ نمتھ تہٕ اَٹھ ۔ دو یِہ کم ہتھ ۔

**اَرِنمتھیُم** ۔ (ک ۔ ارِنمتھیُم ۔ مؤل : ارِنمتیم ۔ (س: اَشٹ نوَتہِ تمہ ۔)

تیٛچھ وٲری اَرِنمتھس پتہٕ آسہٕ ۔ اَٹھِ پیٹھ نمتھک ۔ ستنمتھِ پتے آسہٕ وُن ۔

**اَرِناو کرِناو** ۔ (ن ۔ک ۔ اَرِناو + کرِناو ۔ مؤل : ارِناو کرِناو ۔ (ک ارِناو + کرِناو ۔ (کرناہ جاین ہُنٛد ناو)

ییتہٕ تیتہٕ ۔ پرِتھ جایہ ۔ پرِتھ شایہ ۔ [ "کرِناو" چھے کٲشرِ اکِہ انٛد اکھ جاے تہٕ "ارِناو" (زینتہٕ) چھ بیٚیہ انٛد ]

مُ : کھنہٕ بلہٕ کھاڈنی یار

**اَرِونٛزاہ** ۔ (ک ۔ اَرِونٛزاہ ۔ مؤل : ارِونٛزاہ ۔ (س: اشٹاپنچاشت ۔)

اَٹھِ پیٹھی پنٛزاہ ۔ پانٛژھ دٕہی تہٕ اَٹھ ۔ پنٛزاہ تہٕ اَٹھ ۔ دو یِہ کم شیٹھ ۔

**اَرِونٛزاہیُم** ۔ (ن ۔ک ۔ اَرِونٛزاہیُم ۔ مؤل : اَرِونٛزاہِم ۔ (س: اَشٹاپنچاشت تمہ) ۔ تیٛچھ وٲری ارِونٛزاہس پتہٕ یِیہ ۔ اَٹھِ پیٹھی پنٛزہک ۔ ستہٕ ونٛزاہس پتے آسُن

**اَرِہٹھ** ۔ (ن ۔ک ۔ ارِہٹھ ۔ مؤل : ارِہٹ (س ار + گھٹ ۔)

کرٛیرِ منٛز پونی کھارنُک یُنٛڈر ، اَتھ چھ واریا زُڈی گنٛڈِتھ آسان ییمو کِنی اَکی لٹہِ واریا پونی کھارنہٕ چھُ یوان

**اَرِہاکھ** ۔ اَرِہکھ ۔ (ن ۔ک ۔ ارِہاکھ ، ارِہکھ ۔ مؤل : ارِہکھ (ک ار + س شُشک)

ہُکھ - اَڑٕ ہُکھ ؟ - تِم ہیچِہ پنٕتھ ییم جنگکہٕ
پٹھٕ پیٹھ آسَن وُتھتھی ——

**اَڑہاٹھ** — (-ک - اَڑہاٹھ - موٗل : اَڑہاٹھ -
(س: اَشٹہ شَشٹِ -)

اٹھِ پنٕٹھ شیٹھ - شتےٚ دُہہ تہٕ اٹھ -
شیٹھ تہٕ اٹھ - دوٚہ یِہ کَم سَتھ ——

**اَڑہاٹھیُم** — (ک - اَڑہاٹھیُم - موٗل : اَڑہاٹھِم
(س: اَشٹہ شَشٹہ تمہ -)

ترٛیٚچ وٲرۍ بیتر اَڑہاٹھس پیٹھ ییہ -
اٹھِ پنٕٹھ شیٹھک - سَتہٕ ہاٹھِ پتے
آسہٕ وُن ——

**اَرُت** — (ن -ک - اَ + رُت - موٗل : اَرُت
(س: اَ + رِت -)

رُت نہٕ آسُن - ٹھیکھ نہٕ آسُن -
(وُچھنَس مَنٛز یا اَطوار وکِنی -) لگہٕ ہار
نہٕ آسُن ——

**اَرُن** — (ن -ک - اَرُن - موٗل : اَرن - (س
اَرُن ——)

گاش پھوٗلُن ییُگمَنٛر ناہ پھوٗلُن ——

**اَرُن دُتی** — (م -ک - اَرُن دُتی - موٗل : اَرُن
دُتی - (س: اَرُن دھتی -)

(۱) اکہٕ تارگک ناو - (۲) وِسشٹھ رِشنٕز
زنانہٕ ہُنٛد ناو ——

**اَرُو** — (ن -ک - اَ + رُو - موٗل : اَرُو - (س:
اَ + رُہ -)

نہٕ رُومُت - یہِ رُونے آسہ - رُونے
تھل کرنے - وونے - پانے کھوٗتمُت ——

**اَروٗژ** — (م -ک - اَ + روٗژ - موٗل : اَروٗژ ——
(س اَ + روچ < رُچ —)

یہِ نہٕ روٗژِ - یہِ نہٕ خوش ییِہ - یہِ نہٕ
پسند کھیہِ - نہٕ پژ ییہِ وُن ——

**اَروٗژھ** — (م -ک - اَ + روٗژھ - موٗل : اَروٗژ -
(س اَ + روچ < رُچ -)

گژانہٕ - مال نہٕ آسُن - بوچھہ نہٕ آسنی -

**اَروٚس** — (ن -ک - اَ + روٚس - موٗل : اَرس -
(س اَ + رَس -)

یتھ نہٕ رَس آسہ - یتھ نہٕ ترۍ آسہ -
ہوکُھ مُت ——

**اَرٕوٚنگ** — (ن۔ک۔ اَ + رٕوٚنگ۔ مؤل: اَرٕنگ
<س اَ + رنگ < رَنج۔)
یتھ نہٕ رٕنگ آسہِ۔ رٕنگہٕ روٚس۔
یَتھ نہٕ رٕنگ آسہِ دٕیتمُت۔

**اَرہٕر** — (ن۔ک۔ اَرہٕر۔ مؤل: اَرہٕر —
<ک اَر + پوٚت لوٚگ یر)
اوٚڈر آسُن۔ سرٕ ونٹھ آسُن۔ پھُٹھ
پھرٕاٹھ نہٕ آسُن۔ وارٕ آسُن۔ زُو اوٚر
آسُن۔ بیمار نہٕ آسُن۔ صحتس منٛز آسُن۔

**اَرہٕر دَرہٕر** — (ن۔ک۔ اَرہٕر + درہٕر۔
مؤل: اَرہٕر + س دڑٕڈ + ک یر)
وارٕ کارٕ آسُن۔ زُو دار آسُن۔

**اَرباب** — (ن۔ک۔ ارباب۔ مؤل: ارباب
<ع ارباب < رَب۔)
زِٹھی۔ سردار۔ مالکھ۔ رچھن والی۔
بُڈٕی۔ تھدِ پایکی۔

**اَربُتھ** — (ن۔ک۔ اَربُتھ۔ مؤل: اَربُتھ
<ک اَر + س بُدھ۔ ف بُت؟)
بومہٕ لدٕ بُتھ۔ دٕیہ وُن بُتھ۔

**اَربُتھ آسُن** — بوم آسُن۔ بُتھ لدِتھ
آسُن۔ ہوٚپ تہٕ دوٚپ آسُن —

**اَربود** — (ن۔ک۔ اَربود۔ مؤل: اَربود۔
اَکھ دود یتھ منٛز لنگن بٕجہٕ ہشہِ نیران
چھےٚ، دَپان چھ یہِ دود چُھ نہٕ بلان —

**اَربُہ** — (ن۔ک۔ اَربُہ۔ مؤل: اَرنب —
<س: آرنیک —)
اَرچوک — وُنہہٹھ۔ یس بُہ پانس بیٹھ
گُمان آسہِ تہٕ ہیٚیہِ تِم کار کرٕنی یِم تَس
پُتہٕ اُنٛزٕ دٕاوِتھ ہیٚکہِ —

**اَرپَن** — (ک۔ اَرپَن۔ مؤل: اَرپَن۔ <س:
اَرپَن —)
اَپنَن۔ کانٛسہِ ہنٛدٕ ناوی کینٛہہ تھوٚن
کانٛسہِ یٕژتھ کرنہٕ باپتھ کینٛہہ دِیُن —
نذر — نیاز —

**اَرپاو** — (ک۔ اَرپاو۔ مؤل: اَرپاو۔ <س:
اَر + پات —)
داٗرِتھ دِیُن۔ تھزٕ پیٹھٕ بوٚن برٕتھ
دِیُن۔ ہیٚرٕ پیٹھٕ بوٚن یُرتھ دِیُن۔ ہیٚرٕ پیٹھٕ

بوٗن لاین ——

اَرپاوُن — اِک - اَرپاوُن - مؤل - ارپاو -
(ھِنٛ ارپاو + اُن (س: ار + پات + ک اُن)
(۱) پَتھر ترٛاوُن - بوٗن دارِتھ دیُن -
ہُکپاوُن — (۲) پَتھر پیوٗن - (دادِ وادِ سِتی)

اَرتَل — (م - ک - اَرتَل - مؤل : اَرتَل -)
سوٗنہٕ وَرُق، روٗپہٕ وَرُق یا کَلایہِ
وَرُق بیترِ ——

اَرتھ — (ن - ک - اَرتھ - مؤل : اَرتھ ——
(س : اَرتھ —)
(۱) مانے - مَطلب - (۲) مُدا - لاب -

اَرتھاتھ — (ن - ک - ارتھاتھ - مؤل : اَرتھات
(س : ارتھات -)
یانے کِہ - تہِ دُپھتھ گو - اَمیک مانے
چھُ - وَرگہِ ——

اَرتھی — (م - ک - اَرتھی - مؤل : اَرتھی ——
(س : اَرتھی —)
جنازٕ - پٹ (نیرٕنی) ——

اَرچکھ — (ن - ک - اَرچکھ - مؤل : اَرچک)

قیدِ ین ہنٛز ہٹ ہانکل - سوٗ ہانکل یوٗس
قیدِس گردَنہِ چھےٚ یوان ترٛاونہٕ ——

اَرچوب — (ن - ک - اَرچوب - مؤل : اَرچاب
(ار + ف چوب ؟)
اکہِ قسمچ کنھٕ یمہِ سیتھ کھنان چھ ——

اَرچوک — (ن - ک - ارچوک - مؤل : ارچاک
ارِنٛگ - وُنٛٹھ - مُجہِ ووٗنٛٹھ -

اَرد — (ن - ک - ارد - مؤل : ارد - (س:
اَردھ)
اَڈ - اوٗڈ - نِصف -

اَردَل - (م - ک - اَردَل - مؤل : اَردَل -
(اَنٛگ آرڈرلی -)
(ہٕنٛدِ سِنٛدی سُند) آفس کرُس بٕرونٛہہ
بٕرونٛہہ دورُن ——

اَردابہٕ — (ن - ک - اردابہٕ - مؤل : اَرداب -
(س: اَردھ + ک دَب (پڑاکرت
دو (س دَم -)
دُکھانٹھ کرِتھ داہنہٕ (گرُس بیترِ پاپھتھ)

اَرُدلی - (ن - ک - اَردلی - مؤل : اَدلی (اَنٛگ آرڈرلی -)

سُہ پیادٕ یا چپرآسی بیتریُس پٮ۪نٕ نِس
ٲکِس یا اَفسرس سیتی رِوز یا بروٗنٹھ
بروٗنٹھ نیران آسہ ۔

**اَرد شُرپر** ۔ (ن ک ۔ اَردٕ شُرپر ۔ موٗل :
اَرد شرپر ۔ (س اردھ + شرپر ۔)
اوٚڈ شُرپر ۔ شُرپُرک اوٚڈ باگ ۔
نِصف پان، تہٕ گوٚڈنُک اَڈ، رٗون یا کوٚٹھ ۔

**اَرد ناریشور** ۔ (ن ک ۔ اَرد ناریشور ۔
موٗل : اَرد ناریشور ۔ (س : اَردھ
ناریشور ۔)
دیہ سُند سُہ رٗپھ یتھ منٛز سُہ
پانے نَر تہٕ چھُ تہٕ ناری تہٕ چھُ، مَرد تہٕ
چھُ تہٕ زنانہٕ تہٕ چھُ ۔

**اَردو پھ** ۔ (ن ک ۔ اَردو پھ ۔ ( اَر + دوٗپھ
پنٛچ آواز ۔)
پٮ۪نہٕ سیتی دوٗپھ گرٛزُھن ۔ گوٚبہٕ چیز کہٕ
پتھر پیٚنٛچ آواز ۔

**اَرزتھ** ۔ (م ک ۔ اَرزتھ ۔ موٗل : اَرزت
(س : اَرجت ۔)

کمکٕ ۔ یہ اَتھ آسہ آمُت ۔ وٕٹھتھ زی ۔

**اَرزان** ——— (ن ک ۔ اَرزان
موٗل : اَرزان ۔ (ف اَرزان ۔)
سَستہٕ ۔ کم موٗلہٕ ۔

**اَرزانٕی یلتھ** ۔ (ک ۔ اَرزانٕی یلتھ ۔ موٗل :
اَرزانٕی یلت ۔ (ف اَرزان + ع علت)
کُنہٕ لایق نہٕ ۔ کُنہٕ نہٕ لگہٕ ہار ۔ کُنہٕ
کارُک نہٕ ۔

**اَرزُن ع۱** ۔ (ن ک ۔ اَرزُن ۔ موٗل : اَرز ۔
(س : اَرجن ( اَرج + ک اُن ۔)
(۱) زیٖنُن ۔ کماوُن ۔ (۲) پٕراوُن لبُن ۔

**اَرزُن ع۲** ۔ (ن ک ۔ اَرزُن ۔ موٗل : اَرزن
(س : اَرجُنہٕ ۔)
اَکھ ناو ۔ اَکِس پانڈوٕ سُنٛد ناو ۔

**اَرژن** ۔ (م ک ۔ اَرژن ۔ موٗل : اَرژن ۔
(س : اَرچنا)
پوٗزا ۔ گوٗن گیوٕنی ۔ آرادنا ۔

**اَرژکال ۔ اَرس کال** ۔ (ن ک ۔ اَرژکال
اَرس کال ۔ موٗل : اَرژکال، اَرس کال ۔

(اَنگ ایکس کال۔)

انگریزی لفظ ایکس کال۔ (EX-CALL)
یہ اوس آسان سرکارکہِ طرفہٕ گلگتس منز
اکھ خاص افسر، اَمی سٕنز کام آس گلگتس
تہٕ سرحدِ نبر نگرانی تھاوٕنۍ۔

**اَرژُن**۔ (ن۔ک۔ اَرژُن۔ مؤل: اَرژ۔
(س: اَرجن + ک پوّت لوٗگ اُن)
پوٗزا کرٕنۍ۔ آزاد ناکرٕنۍ۔ دے گاژُن۔
دٔیہِ سٕندی گوٗن گیوٗنۍ۔

**اَرساتھ ع۱**۔ واو۔ مُفلِسی۔ (گریس)

**ارساتھ ع۲**۔ بہر۔ جبر۔

**اَرسرٕیٹھ**۔ (ن۔ک۔ ارسرٕیٹھ۔ مؤل: ارسرٕیٹھ
(اَر + سرٕیٹھ (ع اَل + س شریشٹ)
بوٚز روٚس وہٹھہٕ۔ چربر دانٛد، تہٕ دُپھ
گوسنٕز دیوٚٹھ۔ اَلہِ بٲل۔

**ارسرٕیٹھ ہیوٗہ**۔ اَلہِ بٲل ہیوٗہ۔ چربر
دانٛد ہیوٗہ۔

**اَرکھر**۔ (م۔ک۔ اَرکھر۔ مؤل: ارکھر۔
شاردا اَچھرن ہنٛز "ع۱" علامتھ۔

**اَرکھور**۔ (ن۔ک۔ ارکھور۔ مؤل: ارکھور۔
(ارکھور= اکھ کُل یتھ اتھہٕ لاگنہٕ بستہٕ
چھے کھسان۔)
کھوکھُس، سیتھ۔ اپھری۔

**ارکھور آسُن**۔ کھوکھُس آسُن۔ سیٹھ
آسنہٕ۔ ژھرٕ ٹھ آسنہٕ۔ اپھری آسنہٕ۔

**ارکھور لَد**۔ کھوکھہٕ لَد۔ سیٹھ لَد۔
اپھری لَد۔

**اَرکھول**۔ ارکھوٚر۔ ارکھہٕ لد۔
اَکِھ کُلیک ناو۔ یہِ چھہٕ بالن پیٹھ کھسان
تہٕ اَتھ اَتھہٕ لاگنہٕ چھے بستہٕ کھسان۔

**ارکھوٚرِس سَگ دِیُن**۔ تمھیس کُلس
سگ دیُن یمہِ سیتی ذکھے واتہِ، وَرکہِ کانھہ
یچھ اِنسان رٕھٕن یُس پوّتُس اوّرے بچہٕ
م۔ سرلس دود دیُن۔

**اَرِگج**۔ (ن۔ک۔ ارگج۔ مؤل: اَرگج۔
(ہ: اَرگجا۔ ف ارگج۔)
اکِھ خوشبوٗیہ ہُنٛد ناو۔ یہِ چھہٕ ژَنٛدُن،
کوفوٗر، کوٗنگ، وُدِ تہٕ نافہٕ ملوٗرلاونہٕ

ستھٕ بناوان —

**اَرگون** — سُہ یُسٕنٛد مول کاشُر تہٕ ماج پارٕم
آسہِ - دوگلٕہ —

**اَرمان** — (ان - ک - ارمان - مۆل : ارمان —
(ف ارمان —)
شَر - پۆرٕ گژھنے طماہ -

**ارمانٹھ** — شاردا اَچھرن منٛز "ٹ" اَچھرس وَنان

**اَرمائے دَرمائے** ——
(ک - اَرمائے + دَرمائے - (ک اَرمائے +
س: دھرمایہ —)
دَیہ یسٕنٛدی ناوی (دان ' خَیراتھ)'
یہ چھِ ہرزٕ پاٹھۍ وَنان تمہِ ساتہٕ تس یس
تل کینٛہہ لگہِ تہٕ پتہٕ تُسی تراوی زِ —

**اَرمِتھر** — شاردا اَچھرن منٛز "ی" اَچھر —

**اَرنہٕ** — (ان - ک - اَرنہٕ - مۆل : اَرن —
(س : آرَنیہ —)

**اَرچوک** - وُنٛٹھ - یُلی بجن کامہِ منٛز
دٔزسہِ دِنہٕ وول —

**اَروَر** — (ک - اَروَر - (اَر + س پرہَ یاس:
پاراوار —
ہُمہِ تہٕ یمہِ اَنٛدٕ - ہُمہِ یمہِ طرفہٕ -
ہوٕر یوٕر - اَپار یَپار - لگ بگ روقہٕ

**اَرٕوَر** — (ک - اَرٕوَر - (اَر + س پرہَ - یا
س : پاراوار —)
اَپار پٔٹھٕ یپور تام - ہُمہِ طرفہٕ پٔٹھٕ
یتھ طرفس تام - پۆرٕ پاٹھۍ -

**اَرونٛز ہَن خبرٕ تہٕ روزٕ نی** — تِتھ کنۍ اَتھ کرن
زِ کانٛہہ روزِ نہٕ خبرے -

**اَرہر** — (ان - ک - اَرہر - مۆل : اَرہر - (س:
آڈھکی —)
اکہِ قسمچ دال ' اَتھ چھِ ہر ہَر تہٕ وَنان -

**اَزعا** — (ک - از - مۆل : از - (دیٛراکرت اَجّہ -
(س : اَدیہٕ —)
یہِ دوہ - یتھ وقتس پٔٹھ - مِہ - از
چھِنہٕ پرٛانی کتھ + ووہ نی مِہ - از آیہَ
ژٕ خبر کُس ——

**اَزٕ بجر** - تازٕ بجر - تازٕ اُمیری - نوہ مِہ نے
دوٚہن ہُند بجر (پتہٕ وتھ پٔٹھ نہٕ) -

**اَزِ بوڈ** - تازٕ بوڈ - تازٕ آمیر - یُس دوہ نٔو آسہ بوڈ بنیوٚمُت پتہٕ وترِ نہٕ - سُہ بوڈ موٚنیو یُس تہٕ کانٔی آسہ -

**اَزِ ووت** - اَزِ وود - (۱) یُس اَزی آمُت آسہ - (۲) یِیمہٕ اَزی پوٚر گاٹہٕ ڑیا زان بیترِ آسہ پڑاوِمژ - (۳) یَتھ اَزی وآری یا وَق آسہ دومُت - جر - وُہر ووت یا وُہرِ وود + (۴) یُس نہٕ بکسپین آسہ - یُس نوٚوُے آسہ روز نہٕ آمُت - یُس نہٕ پینڈ پرُمن آسہ —

**اَزِ پیٹھہ** - اَزہٕ پیٹھن - یِمہٕ دوہ پیٹھہٕ - یِمہٕ دوہ بزونہہ کُن - یِتہٕ یور —

**اَزِ تام** - اَزِ تامَت - اَزِ تانیٹھہ - یَتھ دوہس تام - وُنہٕ - وُنِستام - نومَن دوہَن تام —

**اَزِ راتس** - (۱) یوٚہس راتھ گیہٕ، گامژِ رآژ - (۲) یوٚہس راتھ یِیہٕ، یوٚوِ نہٕ رآژ - (صُبحس چھُ اَتھ مانے "یوٚسہٕ راتھ گیہِ" تہٕ شامَن دوٚیم مانے "یوٚسہٕ راتھ یِیہٕ -")

**اَزِ شامَس** - یِمہٕ دوہ شامَس باگی - اَزِ شام ویلَس ——

**اَزِ صُبحن** - یِمہٕ دوہ صُبحس باگی - اَزِ صُبحکہٕ ویلہٕ - اَزِ کنہٕ - اَزِ کِنہن - لگ بگ یِمہٕ دوہس سِہ بھوٚرے انہٕ مِشِیوہ -

**اَزِکال** - ل - م - یِہ دوہ تہٕ یِگاہ - نومَن دوہَن - نومِ دوہ - یِم دوہ -

**اَزِکالا** - نومِہ دوہن اکہٕ کٹہٕ - اَزِ صرِف اکہٕ ساتہٕ - کانہہ کٲم بیترِ اَزی کہٕ دوہ صرِف اکہٕ پھرِ کرُنی —— [گریرسن]

**اُزی** - یُتھی دوہس پیٹھہ - نوٚمِے دوہس - اُزی پیٹھہٕ - نوٚمِے دوہس پیٹھہٕ - اُزی کی دوہس بزونہہ کُن + وُنی کی پیٹھہٕ —

**اُزی تام** - اُزی تامَت - اُزی تانی - اُزی تانیٹھہ - (۱) یُتھی دوہس تام " مِ: اُزی تام چھُس وار — (۲) یَتھ دوہس تام تہٕ ——

**اُزی کالہٕ** - اُزی کالی - نوٚمِے دوہَن -

پِہنِہ دوہَن منز ۔ یتھو وقتس منز ۔

**اُزِہ کِہ پیٹھ** ۔ اَز پیٹھ ۔ از برونٹھہ کُن ۔

نو میرِ دوہہ برونٹھہ کُن ۔

**اُزِیک** ۔ یمِہ دُنیک ۔ نو میرِ دُنیک ۔

**اَز ع۲** ۔ نشہِ ۔ پیٹھ ۔ (فارسی پاٹھی)

**اَزپا** ۔ اکھِ منزُک تہ پھیرُس اُندری چھُہ
یِوان کرنہ ۔ اکِہ قسمچ ذکر یُس سہ اُندری چھےٚ
یِوان کرنہ ۔ تیُتھ ژُن یتھ نہ کینہہ زیر
نے آسہ ۔ مِہ ۔ تیُتھ مے زیر ناو یتھ
نہ آسہ ژُپنے کینہہ (پرماتما) ۔

**اَزَر** ۔ (ن ۔ک ۔ اَزر ۔ مُول : اَزر ۔ س :
اجرا ۔)

زانہہ نہ بُڈرُون ۔ زانہہ نہ سورُون
شِو سُند اکھ ناو ۔

**اَزرُون** ۔ (ن ۔ک ۔ اَزرُون ۔ مُول : اَزرون
ا + ک زِرَو + ک اُن ۔)

(۱) اُچھیٹھ ۔ یُس نہ بیٚیِس سُند زِرو ۔
یُس نہ بیٚیِس سُند خوش یِیہ ۔ مِہ ۔ سُہ چھُہ
اَزرُون ۔ (۲) اَزروُنبر ۔ بیٚیِس سُند نہ
خوش یِیُن ۔ م : تس چھُہ اَزرُون ۔

**اَزروُنبر** ۔ (ک ۔ اَزروُنبر ۔ مُول :
اَزروُنبر ۔ (ا = نہ + ک زِرون + پوت
لوگ یر ۔)

اَزرُون آسُن ۔ اَزرُون آسنچ حالتھ ۔
اُچھیٹھ آسنچ حالتھ ۔ بیٚیِس سُند رُت
نہ زرِتھ ہیکُن ۔

**اَزَل ع۱** (ن ۔ک ۔ اَزل ۔ مُول : اَزل ۔ ع
اَزل ۔)

دوہے ۔ ہر ہمیشہ ۔

**اَزلے** ۔ گوڈ پیٹھے ۔

**اَزَل ع۲** (ن ۔ک ۔ اَزل ۔ مُول : اَزل ۔
ع اَزل ۔)

لون ۔ نصیب ۔ قسمتھ ۔

**اَزل پیٹھ** ۔ یُس پیترا وُن پیٹھِ ۔
یُس بیٚیِن بوڑ آسہ ۔

**اَزار** ۔ (ن ۔ک ۔ اَزار ۔ مُول : اَزار ۔ ف
آزار ۔)

(۱) دود ۔ دگ ۔ تکلیف ۔ اِذا ۔

(۲) پرٛسنگ دود رسہ دود یُس زنانہِ شُر زہنہٕ برٛونٛہہ کران چھُ ـــ

**ازاٗنی** ــ (ک ـ اَ + زاٗنی ـ موٗل : ازانی ـ (س اَ + جانِتہَ ـ)

یُس نہٕ زاٗنی کار آسہ ـ فاٗر زاٗنی ـ بےٚ زاٗنی ـ وِدہ پرَ ـ وُچھو (ازون تہٕ)

**ازان پاٹھو** ــ بےٚ خبر پاٹھو ـ نَن نہٕ خبرِ آس ـــ

**ازون** ــ ک ـ اَ + زون ـ موٗل : ازان ـ (س اَ + جانِتہ ـ)

(۱) بےٚ زاٗنی ـ یُس نہٕ زاٗنی کار آسہ ـ یَس سیتی نہٕ زان آسہ ـ یَس سیتہ نہٕ واقفیت آسہ ـ وِدہ پرَ ـ پاٗریُم ـــ

(۲) ناواقف ـ یَس نہٕ کیٛنٛہہ خبر آسہ ـ

**ازٕبُن ترٛاگ** ــ (ک ـ ازٕبُن ترٛاگ ـــ (ک ازٕبَ + س تڑاگ ـ)

سرِینگرس منٛز مہاراج گنٛج برٛونٛٹھِم ناو ـ اَتھ لفظس چھُ ملنے ازٕبنہٕ پوٚکھر یا ازٕبُن ناگ ـ

**ازوگ** ــ (ن ـ ک ـ اَ + زوگ ـ موٗل : ازاگ (س اَ + پرٛاکرِت جگہٕ (س : جاگرَ ـ)

یُس نہٕ زاگہِ آسہ ـ یمہٕ نہٕ ڈیان آسہ تھوٚو مُت ـــ

**ازوگےٚ** ــ زاگنہٕ روٗستے ـ جیس تھونہٕ روٗستے ـ ڈیان دِنے ـــ

**ازول** ــ (ن ـ ک ـ اَ + زول ـ موٗل : ازال ـ (س : اَ + جوالتہَ ـــ)

یتھ نہٕ ژٕکھ آسہ ڈیتمُت ـ نہ زولمُت ـ یہ نہٕ زولمُت آسہ ـ زلنے تھوٚومُت ـ یہ یا یُس نہٕ پوٚزٕ آسہ دوٗرمُت ـــ

**ازوو** ــ (ن ـ ک ـ اَ + زوو ـ موٗل : اژاو ـ (س اَ + جادجَن ـــ)

یہ نہٕ وُنہٕ زامُت آسہ ـ [مثلَن ـ اوم دوٗد] زیٛو رادِنے (دوٗد بیترِ ـ)

**ازحد** ــ (ف ـ از + ع ـ حد ـ)

گنڈٕ روٗس ـ بےٚ گنڈ ـ حدٕ روٗستے ـ یتھ نہٕ کانٛہہ حدٕ آسہ ـــ

واریا۔ سیٹھا۔

**اَزٕماوُن** ۔ (ن۔ک۔ ازماوُن۔ موٗل: آزماو۔ ﴿ف: آزما﴿ آزموٗدَن۔)

پرکھاوُن۔ آزمایش کرٕنی۔ سَرٕ کرُن۔ وُچھُن کیُتھ نیرِ۔

**اَزٕمووُمُت** ۔ (۱) پرکھوومُت۔ سَرٕ کوٚرمُت۔ وُچھمُت زِ کیُتھ نیرِ۔

(۲) یُس لیس وارٕ وارٕ زٕ رُو آسہ لوٚدمُت۔ یَس گرٕ آسہ کرٕمژ۔

**اَزٕمٲیِش** ۔ (م۔ک۔ ازمایش۔ موٗل: ازمایش۔ ﴿ف۔ آزمایش۔)

پرکھاہی۔ پرکھاو۔ سَرٕگی۔

**اَزیوٚن** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ زیوٚن۔ موٗل: اَزیٚن۔ ﴿س: اَ+ جر+ک اوٚن۔)

یہِ یا یُس نہٕ زیوٚنمُت آسہ۔ یہِ یا یُس نہٕ پترٕ لِس اَتھس منز اوٚنہٕ مُت آسہ۔ زینہٕ نے اَتھِ لوٚگمُت۔

**اَژٕر** ۔ (ن۔ک۔ اَژٕر۔ موٗل: اَژٕر۔ ﴿س: اَ+ چٕر۔)

نہٕ ڈلوُن۔ زٕڈ۔ بے زوٗ۔

**ژٕر اَژٕر** ۔ (ن۔ک۔ ژٕر+ اَ+ ژٕر۔ موٗل: ژٕر اژٕر ﴿س: چراچرٕ۔)

زُودار تہٕ بے زوٗ (ساری) + دُنیا۔ سوٗرُے زٕگتھ۔

**اَژھٕر** ۔ (م۔ک۔ اَ+ ژھٕر۔ ﴿اَ+ ژوٗر کھٔنی)

اَنٕہٕرِش۔ یوس نہٕ ہٕرِ شاوٕنہٕ آسہ آمژ۔ کرٕ۔ سوکٕٹ یا مادٕ یُمِہ نہٕ ژر آسہ وُچھمُت۔

**اَژُن** ۔ (اژ+ اُن ﴿س: اَچ+ک۔ اُن)

اَندرٕ ین۔ اَندر گژھُن۔

**اَژٕنیر** ۔ یہٕ تہٕ گژھ۔ اَژُن تہٕ نیرُن۔

م: بِچارِس لوٚگُس اَژٕنیر۔

**اَژوٚٹ** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ژوٚٹ۔ موٗل: اَژٹ۔ ﴿س: اَ+ چٹ۔)

نہٕ ژوٚٹمُت۔ ٹٕھٕٹٕنے۔ سرٕنتھ۔

م: اَژُٹ۔

**اَژوٗم** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ژوٗم۔ موٗل: اَژم۔ ﴿س: اَ+ چرم۔)

اژ = come

(۱) یِہ ہِنز ژَمیوٗمُت آسِہ - یِہ ہِنز ژامُت
آسِہ - (کپُر بیتر) یِہ شرٛوٗ کیوٗمُت آسِہ
ہِنز - (۲) گرِٛگر ناو ہِنز سیٖتی کم ہِنز گوٗمُت -
(دود بیتر) موٗژرنے - (۳) یِہ ہِنز مَنَس
وٚیژر - یِہ ہِنز ژرمہ - یِہ ہِنز مَنَس بیٹھیہ -
م : اَڑُم ---

**اَڑۄمب** - (ان ک - اَ + ژۄمب - مۄل :
اَڑۄمب --)
نہ ژۄمبُت - ژمبنَے - شرٛوٗ کرنَے -
زۄد کرنَے - (کَنَس، نَستہٕ - موٗکھتس بیتر)
م : اَڑُمب ---

**اَڑۄپ** - (ان ک - اَ + ژۄپ - مۄل : اَڑاپ -
(اَ + پراکرِت چاو (س: چرو + آیرتی)
یَتھ ہِنز ژاپھ آسِہ دِژمژ - یِہ ہِنز
ژوپمُت آسِہ - ژاپنَے - ژاپنہٕ ورٲے
بڑکہٕنَے - دَند دِنَے - م - اَڑاپ -

**اَڑۄر** - (ان ک - اَ + ژۄر - مۄل : اَڑار ---
(س : اَ + چیتہٕ -)
ژارنَے - یِہ ژارنَے آسِہ ...

ژورمُت آسِہ - یَتھ ہِنز کَنہٕ، کُنڈٕ - یا
کُنی بیتر آسِہ ہیٚنٛز مژ - م - اَڑآر -

**اَڑہیتھ** - (ان ک - اَ + ژہیتھ - مۄل : اَڑہیت
(س : اَ + چیت --)
ژہیتہٕ روٗس - زَڈ - بےٚ زۄ - بےٚ جان
یُس ہِنز نۄ آسِہ - یُس یا یَتھ منٛز ہِنز
زِندگی باسِہ --

**اَڑدَھا - اجدَہا** - (ان ک - اَڑدھا - مۄل :
اَڑدَھا - (ف : اژدھا - (پہلوی اَژی
(س : اَہِر + پہلوی دَہا - س دَہکہ)
اُچھدَر - اَکھ بوڈ سرٛپھ یُس بڈین بڈین
جانوارن نال وَلان چھُ تہٕ ہٮ۪نگلان چھُ -

**اَڑیوٗٹ** - (ان ک - اَ + ژیوٗٹ - مۄل :
اَڑیٹ - (س : اَ + چٹ -)
نہ ژیوٗٹمُت - یِہ ہِنز ژیوٗٹمُت آسِہ -
ژیٹنَے - ژیٹنہٕ ورٲے - یِہ ہِنز دۄگمت
آسِہ - دَگنَے تھوٚومُت - م : اَڑپٹ ---

**اَڑیوٗن** - (ان ک - اَ + ژیوٗن - مۄل : اَڑین
(س : اَ + جیت -)

یہِ ہٕز ژلوٗمُت آسہِ ۔ ژیچھ ہٕز خبر آسہِ

رٕوٗزمِژ ۔ (کُنہِ کہِ ٹاسِچ ، دَرٕچ یا بُنہٕ ریچھ ۔

بیترِ) ۔م ۔ اَژپِن ۔

**اَژلوٗت** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ + ژلوٗت ۔ موٗل :

اَژبت ۔ (س : اَ + چیت ۔)

(۱) مُژٕ ۔ بوٗز روٗس ۔ (۲) بوٗز نیبر ،

بوٗز تھوٗو یا دَے ۔ ۔م : اَژیُژ ۔

**اَژلوٗل** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ + ژلوٗل ۔ موٗل : اَژٕل ۔

سُتہٕ نَے ۔ ڈُسہٕ نَے ۔ ژٕل دِنہٕ تھوٗو نَہٕ مُت ۔

ژہلہِ نَے ۔ یَتھ ہٕز ژٕل آسہِ دِتیمُت ۔م : اَژیٖچ ۔

**اَژھر** ۔ (ک ۔ اَژھر ۔ موٗل : اَژھر ۔ (ک اوٗژھ

(اَژھ + اَر ۔)

(۱) آدی جار ۔ زآدی جار ۔ اوٗژھ آسُن

(یکوٗبیترِ) (۲) لبرٕ ۔ اوٗژھ آسُن ۔ (نُوٗرکنی)

**اَژھن** ۔ کُشیرِ ہِنٛدِ اکہِ گامُک ناو ۔ برٛوٗنٛہہ کالہِ

اکہِ پرگنُک ناو ۔

**اَژھہِ رَژھہِ** ۔ (م ۔ک ۔ اَژھہِ رژھہِ ۔ موٗل :

اَژھہِ رژھہ ۔ (اپسرا)

سورگہِ پرٛی ۔۔۔ اَژھہِ ۔۔۔

سورِگس چھہ وُسرِتھ دارِ تہٕ بَرٕ

اَژھہِ رَژھہ نَژٕونٕ تُتھی اَنٛدرٕ

ہرِیس تھرِ گُل کرِ کتھ کرٛاو

دِیہ نَے داتہٕ یس منٛگہٕ نَے دٕرٛاو (پرمانند)

**اَژھُن** ۔ (ن ۔ک ۔ اَژھُن ۔ موٗل : اَژھُن ۔

(اوٗژھ (اَژھ + اُن ۔)

(۱) اوٗژھ گرژھُن ۔ تٔنُن ۔ کمزور گرژھُن ۔

(یکوٗبیترِ) (۲) لیوٗژ گرژھُن ۔ زُوٕ نٕنہٕ ڈلُن ۔

**اَژھوٗٹ** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ + ژھوٗٹ ۔ موٗل :

اَژھٹ ۔ (پراکرت اَ + چھٹّہ ۔)

ژھٹہِ نَے ۔ نَہ ژھوٗٹمُت ۔ ژھٹنے

تھوٗومُت ۔ یہِ ہٕز ژھوٗٹمُت آسہِ ۔

ڈالہِ نَے (اناج بیترِ ۔) م : اَژھُٹ ۔

**اَژھوٗر** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ + ژھوٗر ۔ موٗل : اَژھر

(اَ + م : پیتچا بی چھرا ۔ (س : چھرد ۔)

ژھوٗر ہٕز آسُن ۔ برِتھ آسُن ۔۔

(باتہٕ بیترِ ۔) م : اَژھُر ۔

**اَژھوٗل** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ + ژھوٗل ۔ موٗل :

اَژھل ۔ (س : اَ + چھلہ ۔)

ڑھلوولۓ ۔ ڑھلورُوستے ۔ سیوُد ۔ شوُد

اُڑھونڈ ـــــــ (ان۔ک۔اُ+

ڑھونڈ۔ مؤل: اُڑھانڈ۔

ڑھانڈُنے۔ نہ ڑھونڈمُت۔ یہ نہ

ڑھونڈمُت آسہ ۔م: اُڑھانڈ ـــ

اُڑھونڈُے ـــ ڑھانڈنے ۔ تلاشہ

رُوستے ۔ ڑھانڈ روّستے۔

اُڑھیوٹ ـــ (ان۔ک۔اُ+ڑھیوٹ ۔

مؤل: اُڑھہٹ ۔(س: اُ+(اُت)

چھشٹ ۔)

شروُو ۔ ڑھیڑاونے ۔ ڑھہٹنے۔

پاکھ ۔م: اُڑھیٹ ۔

اُڑھیوٗن ـــ (ان۔ک۔اُ+ڑھیوٗن۔مؤل:

اُڑھہن ۔(س: اُ+چھِنہ۔)

(۱) اوٗر ۔ یہ نہ ڑھیوٗنمُت آسہ۔

یہ ڑھہنے آسہ ۔ یتھ نہ ترآسہ

وڑھمژ ۔ (۲) ڑھہنہ روّس ۔ تھکہ گژھنہ

روّس ـــ

اُڑھہنہ دارا ـــ (م۔ک۔اُ+ڑھہنہ دارا

مؤل: اُڑھہنہ دارا ۔(س: اُ+چھِنہ+دھارا)

تھکہ ورآے دار۔ (تبلیغ یا رُود ِچ بیتر)

لگاتار دار ۔ ڑھہنہ روّس دار ـــ

اُس ع۱ اکھ پوّت لوگ یمیک مانے چھُ "مے"

یا "بہ" م ۔ مار کریوٗتس ـــ

اُس ع۲ ۔ اکھ پوّت لوگ ۔ یمیک مانے چھُ "تَس"

م: کرس = کرتَس ـــ

اُس ع۳ (ان۔ک۔اُس۔ مؤل: اُس۔(س:

ہس ۔)

ژ اُس ۔ خوش آسنچہ آواز کڈ ـــ

اَستھ ـــ (ان۔ک۔اُ+ستھ۔مؤل: اَست

(س: اُ+سیتم (ستد۔)

اُپز ۔ یہ نہ پوز آسہ ۔ یتھ منز نہ کینہہ

پزر آسہ ۔ یہ نہ آسہ ـــ یہ نو پچھ ـــ

اَسکھر ـــ (ان۔ک۔اُ+سکھر۔مؤل: اَسکھر ـــ

نسکھرنے ۔ سکھر بیتر کرنے ۔ کُن جاۓ نیرنے ۔

اورے وومُت ـــ م: اَسکھر ـــ

اَسمکھ ـــ (ان۔ک۔اُ+سمکھ۔مؤل: اَسمکھ۔

(س: اُ+سنکھ)

(۱) یہ نہ ٹُھتھ آسہ پیوٗمُت - یُس نہ
ٹُکھمُت آسہ - یُس نہ وُچھمُت آسہ -
(۲) یہ نہ بَنیوٗمُت آسہ یا بُنتھ آسہ
آمُت - ہم - اَسِچھ -

**اَسَمبر** - (ان - ک - اَ + سمبر - مؤل : اَسَمبر -
(س : اَ + سم + ک پوٗت لوٗگ یر -)
بےٚ سمبر - سوٚم نہ آسُن - سوٚتُر نہ آسُن -
ہشَر نہ آسُن - برابر نہ آسُن -

**اَسَمشار** - (ان - ک - اَ + سمشار - مؤل : اَسمشار
(س : اَ + سم + ک پوٗت لوٗگ شار -)
(۱) سمُت نہ آسُن - راے نہ میلنۍ - کُنی
راے نہ آسنۍ - (۲) ہشَر نہ آسُن - (۳)
بےٚ سوٚم آسُن - بےٚ سمبر -

**اَسَمبول** - (ان - ک - اَ + سنبول - مؤل : اَسنبال
(س : اَ + سمبھار < بھرِ -)
سَنبالنے تھوٚوُمُت - سنبالنہٕ ورگے -
شیر نے کرنے - وارِ پاٹھۍ نہ تھوٚوُمُت -
(۲) اُچھتھ نہ تھوٚوُمُت - ژُھرِتھ نہ
تھوٚوُمُت - جان ...

سنبالِتھ نہ تھوٚوُمُت - ہم : اَسنبالج -

**اَسَنٛدور ع۱** (ان - ک - اَ + سندور - مؤل :
اَسنٛدار - (س : اَ + سمنٛدھ > سِمدھ
یا بسنٛدھ -)
سُندراوِ نے - (دان - بیتر) یتھ مَنز
نہ وُنہ سُندراو نہ آسہ آمُت، نار آسہ
زوٚوروٚومُت - اوٚگُن دِنے - ہم - اَسنٛدار

**اَسَنٛدور ع۲** (ان - ک - اَ + سندور - مؤل :
اَسنٛدار - (س : اَ + سندھارِ نہ اسنٛدھ)
یُس پوٗرِ بلہِ نے آسہ - یمہِ دادِ پیتر زوٗ
زبتہ آسہ نہ کوٚرمُت - ہم : اسندآر -

**اَسُہن** - (ان - ک - اَ + سُہن - مؤل : اَسہن
(س : اَ + سہنَم -)
(۱) زُرِتھ نہ ہیکُن - زرِتھ نہ ہیکُن -
اَزرُن - (۲) شاٚلِتھ نہ کرِتھ ہیکُن -

**اَسار** - (ان - ک - اَ + سار - مؤل : اَسار -
(س : اَ + سارہ -)
(۱) نہ پوشہ دُن - نہ روزُن - (۲) یتھ
... کِنہ آسہ - یُس نہ دوٚر آسہ -

یِتھ منٛز نہٕ کٲنٛہہ آسہِ ـ بےٚ مایہ ـ

اَسادِوُیٚژ ـ (م ـ ک ـ اَسادِوُیٚژ ـ موٗل : اَسادِ
وِہت ـ <س : اَ + سادھیہٕ + یُت ـ)
گرَبیٚنٛی زنانہٕ ـ بُرٕژ ـ گوبرِ کھوٚر ـــ

اَساوِدان ـــ (ن ـ ک ـ اَساوِدان ـ موٗل :
اَساوِدان ـ <س : اَ + ساودھان ـ)
ڈِیانہٕ روٚس ـ یُس نہٕ جٲن آسہِ تھوٚدمُت ـ
بےٚ پروا ـــ

اَسامی ع۱ ـ (م ـ ک ـ اَسامی ـ موٗل : اَسام ـ
<ع اَسامی < اَسما ـ)
یَسٕندِ ناوٕ زمین آسہِ ـ (۲) یَس سٟتی
کینٛہہ کام آسہِ ـ یَس سٟتی ہیوٗن دیُن آسہِ ـ

اَسامی ع۲ ـ (م ـ ک ـ اَسامی ـ موٗل : اَسام ـ
<ع اَسامی ؟ )
چھوٚمبن موٗنٛڈِس بڑوٗنہہ کنہِ چھوٚمبتھ
سٟموٗمُت دانہِ وانہِ ـــ

اَسُر ـــ (ن ـ ک ـ اَسُر ـ موٗل : اَسُر ـ <س :
اَسُرہ ـــ)
راکھٕشس ـ دیو ـ جِن

اُسن ـ (ن ـ ک ـ اَسُن ـ موٗل : اَسن ـ <س :
ہَسنَم < ہَس ـ)
(۱) اَس منٛزٕ تہٕ خوٗشی ہٕنٛز آواز کڈنہٕ ـ
کھِکھِر ہارنہٕ ـ وُٹھ کُملاوٕنی ـ (۲) ہیڑُن ـ
ہیٚڈ نہٕ گیلنہٕ کنی اُسن تراوُن ـ تھی تھی کرُن ـ

اَسَن وِلہٕ = اَسَن لِلہٕ ـــ اَسُن تہٕ اَسُن
یُن ـ اَسنَس کُنے یوت گژھُن ـ ژاکھ
ژاپنی ـ پھولان اسُن ـــ

اَسان اُسان ـــ (۱) اَسنہٕ وِزِ ـ اَسَن
وِزِ ـ (۲) خوش خوشحال پاٹھی ـ گنٛدان
گنٛدان ـــ مَزَس منٛز ـــ ورگہٕ جَل جَل ـ
دُلہ دُلہ ـــ

اَسہِ نے لَسہِ کیتھہ ـ زِنٛدٕ روزُنہٕ باپتھ
چھُہ فکرِ منٛز تہٕ پیوان خوش روزُن ـــ

اَسناوُن ـــ (۱) یُس اَسناوِ ـ
کھولی ـ (۲) یَس پٟٹھ اُسن ییہِ ـــ

اَسناوُن ـ تیٚتھ کینٛہہ کرُن ـ یا
وَنُن یُتھ بیاکھ اَسہِ ـ بٟنیس اُسن ـ
لَگُن

اُسوٗن ـــ یُس اَسان آسہِ ـــ
سومو کھہ ـ پھولہٕ وُن ـــ خوش طبع چھہ ـ
یُس نہٕ وِیہِ وُن آسہِ ـ یَس نہٕ بُتھِس
پیٹھ دِژہ آسہِ ـــ

اُسن گیلُن پانَس میلُن ـــ
بلیِّس ہیہِ نہٕ چھُ پانَس تہٕ بُنتھ یِوان
یہ چھہ مِثالِہ پاٹھی وَننہٕ یِوان ـ

اُسی اُسی ـــ اَسان اَسان ـ خوش
خوشحال پاٹھی ـ اَسان تہٕ گِندان ـ ورگہ
جل جل ، وُلی وُلی ـــ

اوٗس ـ اُسن تژوو ـ اُسن کوٗر ـــ

اوٗسم ـ مے اوٗس ـ مے تژوو اُسن ـ
مے کوٗر اُسنا ـــ

اوٗسُن ـ تمہ اوٗس ـ تمہ تژوو اُسن ـ
تمہ کوٗر اُسنا ـــ

اَسنہٕ ہنا ـــ اَسن پیٹھ نا ـــ
اَسن ژھا ـــ

اَسنہٕ ہنا کرُن ـ رژ کھنڈ اُسن ـــ
پروائے نہٕ کرُن ... گژھن

اَسو ـــ (ان ـ ک ـ اَ + سو ـ موٗل : اَسو ـ
(س : اَ + شِو ـ (سِو ـ)
نہٕ سومُت ـ سونے ـ سونے تھوو میُت ـ
یِتھ نہٕ تژوپ بیتر دیٹمُت آسہِ ـ

اَسوٗر ـ (ان ـ ک ـ اَ + سوٗر ـ موٗل : اَسار ـ
(س : اَسار ـ)
یہ نہٕ سوریوٗمُت آسہِ ـ یہ نہٕ
موکلیوٗمُت آسہِ ـ سورُے نہٕ خرچ وُمُت ـ
یہ نہٕ سورُے خرچاو نہٕ آسہِ آمُت ـ

اَسوٗز ـ (ان ـ ک ـ اَ + سوٗز ـ موٗل : اَسوز ـ
نہٕ سوٗزمُت ـ سوزنے ـ یُس نہٕ کانٛسہِ
سوٗزمُت آسہِ ـ پانَے ووتمُت ـ یُس
پانَے ییہِ ـــ

اَسوٗر ـ (ان ـ ک ـ اَ + سوٗر ـ موٗل : اَسور ـ
(س : اَ + سمرِتہٕ ـ (سمر ـ)
یہ نہٕ سَرو ـ یہ نہٕ یاد آسہِ ـ یہ نہٕ
ژہٕتس آسہِ ـــ

اَسوٗرش ـــ (ان ـ ک ـ اَ + سوٗرش ـ موٗل :
اَسورش ـ (س : اَ + سپرشا ؟)

شورشاونے ۔ نہ سورشوومُت ۔ نہ
پُھٹرمُت ۔ پُھٹرنے ۔ صاف کرنے ۔ نہ چھولمُت ۔
مُئے تھوومُت ۔ گنٛد ۔

**اسوٛگ** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سوٛگ ۔ مؤل : اَسگ ۔
(س : اَسکتہَ ۔)

یَتھ نہٕ سَگ آسہِ دیتمُت ۔ یَتھ سَگ
دِنے آسہِ ۔ سگوِتے ۔ یَتھ نہٕ پونی آسہِ
دیتمُت ۔ (کُل بیترِ ۔)

**اَسوٛم** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سوٛم ۔ مؤل : اَسَم ۔ (س :
اَ+ سَم) ۔

یہِ نہٕ سوٛم آسہِ ۔ یَتھ نہٕ سَمبر آسہِ ۔
یَتھ ہیوٛر بوٛن آسہِ (لوٛتُھر بیترِ) یُس یا
یہِ نہٕ کُنہِ برابر آسہِ ۔ یَتھ نہٕ بٔیس سیتی
ہِشر آسہِ (واٛنِہ یا لیا قُژ منز)

**اَسود ع۱** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سود ۔ مؤل : اَساد ۔
(س : اَسادِھتہَ < اَ+ سادھ) ۔

(۱) یہِ نہٕ سادنہٕ آسہِ آمُت ۔ یہِ نہٕ
سوٗدمُت آسہِ ۔ یہِ نہٕ پُوٗرِ آسہِ کوٗرمُت ۔
یہِ نہٕ اَنٛد آسہِ واتنوومُت ۔ ریٛچھ رٛا ضِتھ

آسہِ نہٕ کرُمُژ ۔ (۲) یَتھ نہٕ کینٛہہ تہٕ ہیکو
زِکرُتھ ۔ یَتھ نہٕ پاے آسہِ ۔ سُہ دود
بیترِ یُس نہٕ ہُرآوِتھ ہیکو زِ ۔

**اسود ع۲** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سود ۔ مؤل : اَسواد
(س : اَ+ سواد ۔)

یَتھ نہٕ سواد آسہِ ۔ یَتھ نہٕ مَزٕ آسہِ ۔
یہِ نہٕ میوٛٹھ آسہِ ۔ یہِ سیوٛن کیوٛن آسہِ ۔
بے مَزٕ ۔

**اَسور ع۱** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سور ۔ مؤل : اَسار ۔
(س : اَ+ سارَہ ۔)

یَتھ نہٕ سار آسہِ ۔ یہِ نہٕ روزٕ دُن
آسہِ ۔ یہِ نہٕ پوشِوُن آسہِ ۔ کھِکے کالس دَرٕ دمن

**اَسور ع۲** ــــــــــــ ان ۔ک ۔
اَ+ سور ۔ مؤل : اَسار ۔)

یَتھ نہٕ سار آسہِ کرُمُژ ۔ یہِ نہٕ
سورمُت آسہِ ۔ (اَتھہِ بیترِ سیتی ۔) ۔
یَتھ نہٕ اَتھہِ آسہِ لوگمُت ۔ یَتھ نہٕ چھہ
آسہِ لجہ مُژ ۔

**اَسور ع۳** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ سور ۔ مؤل : اَسار ۔

(س : اَ+ سَرِ ـ)

یہِ ہِنز ساَرِتھ آسِہ تھوٚوِمُت ـ یہِ ہِنز لاکہِ اُنتھ آسِہ سوٚمبرٕوومُت ـ سوٚمبرٲوی سوٚمبرٲوی اَمبلٕس ہِنز تھوٚوِمُت ـ

**اَسورِوُن** ـ (ن ـ ک ـ اَ+ سورِوُن ـ مؤل : اَسور ـ (س : اَسار+ک وُن ـ)

نہٕ سورِوُن ـ یہِ ہِنز سورِ ـ یہِ ہِنز موکلِہ ـ اَنتہٕ رٕوس ـ یِتھ ہِنز اَندٕ ے آسِہ ـ

**اَسوُرُن** ـ (ن ـ ک ـ اَ+ سوُرُن ـ مؤل : اَسور ـ (س : اَسار+ک اُن ـ)

یہِ ہِنز سوُرُن گرِتھ ـ یہِ ہِنز موکلُن گرِتھ ـ نہٕ نرچُن ـ نہٕ موکلاوُن ـ [ گرٕیرٕسن ]

**اَسورہنی** ـ (م ـ ک ـ اَسورہنی ـ مؤل : اَسرٕہنز ـ (س : اَسُر+ک ہنز ـ)

راکھِشنی ـ دیوٚتی ـ جِنٕہ باے ـ

**اَسوٗندر** ـ (ک ـ اَ+ سوٗندر ـ مؤل : اَسوٗندر (س : اَ+ سُندرہ ـ)

نہٕ سوٗندر ـ کوٗ کور ـ بےٚ شوٗب ـ کوٗبُتھ ـ بدٕ صوٗرتھ ـ اوٗنٹھٕ کھونمٹھُر ـ

**اَسید** ـ (ک ـ اَ+ سید ـ مؤل : اَسید (س : اَ+ سِددھ ـ)

یہِ ہِنز سِد آسِہ ـ یہِ ہِنز سِیدِ ـ یِتھ ہِنز سیٚدی آسِہ گامُت ـ یہِ ہِنز پوٗر آسِہ گومُت ـ یہِ ہِنز باٲل آسِہ آمُت ـ ناکام ـ

**اَسبرگ** ـ (ن ـ ک ـ اَس + برگ ـ مؤل : اَسبرگ (س : ہَس + ف برگ ـ)

اکھ پوشہ ذاتھ ـ

**اَسباب، اَسبابہٕ** ـ (ن ـ ک ـ اَسباب ـ مؤل : اَسباب ـ (ع : اَسباب)

(۱) سامانہٕ ـ ڈیرٕ ڈگہٕ ـ (۲) ہتھی یار تہٕ اوزار بیترِ ـ)

**اَستر ۱** ـ (ن ـ ک ـ اَستر ـ مؤل : اَستر ـ (ف : اَستر، آستر ـ)

پوٚس اُندری یا ٹُلی کِنی لوگمُت کپُر ـ اَہتر

**اَستر ۲** ـ (ن ـ ک ـ اَستر ـ مؤل : اَستر ـ (ف : اَستر ـ (س : اَشوٗترہ ـ)

کاٹُر ـ خچُر ـ

**اَستان** ـ (ن ـ ک ـ اَستان ـ مؤل : اَستان

(ف: آستان - آ + پہلوی ستان -
س: ستھان -)
زیارتھ - کانْسہ پیرٕ سٕنٛز مزارکھ ستر
جاے - **اَستان لَدُن** - زیارتَس نذر
پیش کرُن - ہرزٕ پاٹھو گوٚ کُنہ مجبوٗری آسنہٕ
کانْہہ کتھ فرض زانِتھ یمہٕ اَندرٕ کانْہہ جائی نیرِ
م ہ۔ بٕ کیاہ زٕ دِمَس اَستان چھم لَدُن -

**اَستہٕ ع۱** (ا ن - ک - اَستہٕ - موٗل: اَست -
(س: ہستہ -)
زیٖن مینٛک اکھ پیٛون مِشر -

**اَستہٕ ع۲** (ا ن - ک - اَستہٕ - (ف: آہستہ -
لوٚتہٕ - لوٚتہٕ پاٹھو -
**اَستہٕ اَستہٕ** - وارٕ وارٕ - لوٚت لوٚت -
لوٚتہٕ لوٚتہٕ - ہَنہٕ ہَنہٕ -

**اَستہٕ وٕلِستھ** - (ک - اَستہٕ + وٕلِستھ - موٗل:
اَستہٕ وٕلست - (س: استہ ویست)
پھکرتھ آسُن - بے ترتیب آسُن - چھلہٕ
چھانگرِ آسُن -

**اَستوتھ** - (ا ن - ک - اَستوتھ - موٗل: اَستوت
(س: اَستیتہٕ -)
شُکُر - حمُد -

**اَستھ** - (ا ن - ک - اَستھ - موٗل: اَست - (س:
اَستہٕ -)
(۱) لوسُن (زوٗن ، آفتاب ، تارُکھ بیترِ)
(۲) گرِیٛہد پن ہندِ اَستِس گژھنٕک کال ،
اَتھ اَندر کانْہہ نوٚ کام کرنٕی چھنہٕ پھرزٕ یوان
مانِنہٕ - **اَستھ کرُن** - (۱) لوسُن -
آفتابَس پتھ کُن گژھُن - (۲) تَل گژھُن -
تَل یُن (کمزور سُند طاقتہٕ واَلِس تَل -) -
پتُھ کرُن -
**اَستِس کرُن** - تَل کرُن - پتھ کرُن -
ہارناوُن - (واد وادَس یا ہُر اَندرَ -)
**اَستِس گژھُن** - (۱) تَل یُن - ہارُن -
ہار سپدٕنی - (۲) کینْہہ نہٕ کرُن تگُن -
(۳) شِکَس یُن - واو پیوٚن -

**اَستھاپَن** - (ا ن - ک - اَستھاپَن - موٗل: اَستھاپَن
(ف: اَستھاپَن (س: ستھاپَن -)
دیوی دار - دیواَلے - سوبہ جاے یوسہ

دِ تامَن ہێنٛدِ ناوی آسہٕ ۔

**اَسرٕ وٕلسر** ۔ (م۔ک۔ اَسرٕ وٕلسر۔ موٗل: اَسرٕ وٕلسر
< س: اَ+ سمر + وِسمر ۔)

ہٕتہٕ ہوشیار ۔ تیز زٕنگہٕ لوسنہٕ ۔ جس ہوش
نہٕ روزِنی ۔ وُسی وُسی پیوٚن ۔

**اَسمان** ۔ (ن۔ک۔ اَسمان۔ موٗل: اَسمان ۔
< ف: آسمان، اَسمان۔ پہلوی اَشمَن ۔
س: اَشمن < اَش ۔)

نَب ۔ آکاش ۔۔۔

**اَسمانَس سٟتی بٕزی بٕزی گاڑ کھینہٕ** ۔
تھدین گرٕین کھسُن ۔ زٕوٗن کھینہٕ کھسُن ۔
کانِہہ یا کیٚنِہہ نہٕ فکرِ کھسُن ۔ اَسمانی وُچھُن ۔
پَنُن پان کیٛا تام زانُن ۔ اُچھِن کھسُن ۔

**اَسمانہٕ پیوٚن** ۔ (۱) اَسمانہٕ پیٹھہٕ بوٚن
لایِنہٕ یُن ۔ ہیرِ پیٹھہٕ پتھرس پیٹھ وُسِتھ
پیوٚن ۔ (۲) سیٹھا پایرِ جا آسنہٕ پتہٕ پتھر
لایِتھ گژھن ۔ (۳) ہاران گژھن ۔۔۔
آشر گژھن ۔۔۔

**اَسمانی** ۔ (۱) اَسمانک (۲) ہیرِی ہیرِی
پیٹھ کِنی ۔ یتھ اَسمانک ہیُوٗ رنگ آسی
نیوٗل ۔ **اَسمانی بوٗٹۍ** ۔ اکِہ رٕاٹھ ہُنٛد
ناو ۔ اَسمان بَل ۔۔۔

**اَسمانی رنگ** ۔ سہٕ رنگ یُس اَسمانس
آسان چھُ ۔ تیتھے رنگ یُتھ اَسمانس
آسان چھُ ۔ اَسمانک ہیُوٗ نیوٗل رنگ،
پیرٛوزی رنگ ۔۔۔

**اَسمانی رنگہٕ** ۔ پیرٛوزی رنگہٕ ۔ اَسمانکہِ
رنگہٕ ۔ اَسمانی رنگَس پیٹھ ۔ تِتھی رنگہٕ
یُتھ اَسمانَس آسان چھُ ۔

**اَسیوٗد۱** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ سیٛوٗد۔ موٗل:
اَسیو ۔ < س: اَ+ سِود)
سوٗنے ۔ سیٖوٗمت نہٕ آسُن ۔ سِینے
تھوٚوٗمت ۔ آبَس منٛز گژھکہٕ ناوتے ۔

**اَسیوٗد۲** (ن۔ک۔ اَ+ سیٛوٗ ۔ موٗل:
اَسیو ۔ < س: اَ+ سیوِتر < شِو = سیو)
سیوی نہٕ کوٗرمت ۔ سیوی نہٕ گومت ۔
نہٕ ہلرووُٹ ۔

**اَسیوٗد** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ سیٛوٗد ۔ موٗل:

اَسِد -(س : اَ+ سددھ)

(۱) یہ نہٕ سیوٗد آسہِ - یتھ نہٕ سبزٕ آسہِ - ہوٗل، یتھ ڈوکھ آسہِ -(چیز بیترِ) (۲) کھوڑٕ پھیچل، دردار، ورٕ ہوٗل کھوٗٹ (انسان بیترِ) -

**اَسیوٗن** -- (ان -ک - اَ+سیوٗن - مؤل : اَسین -(س : اَ+ سِوئنہ -)

یہ رُنتھ دوٗرٕ آسہِ رُود مُت - یتھ نہٕ پوٗر پاکھ آسہِ لوٗگمُت -- یہ نہٕ سیٚنیومُت آسہِ -

**اَشَبد** - (ان -ک - اَ+ شبد - مؤل : اَشبد -(س : اَ+ شبد -)

(۱) یتھ نہٕ صدا گژھہِ - یتھ نہٕ آواز آسہِ - (۲) سُہ لَیِنٛدِ یا یتھ نہٕ کانٛہہ لفظے چھُ، تہٕ دُپتھ گو "دے" -- (اشو پرنٛئے)

**اَشکتھ** -- (ان -ک - اَ+ شکتھ - مؤل : اَشکھت -(س : اَ+ شکستہ -)

شکتھی رٕوس - ہیکٕہ رٕوس - نہ ہیکہٕ

وُن - لیوٗژ - (اشو پرنٛئے) -

**اَشَم ۱** -- (ان -ک - اَشم - مؤل : اَشم -(س: اَشمرہ -(اَشمن = کنی، پاتھر -)

کُشیرِ منز ویتھِ بُٹھس پیٹھ اکھ گامک ناو -

**اَشَم ۲** اکھ زنانہٕ ناو -

**اَشنار** -- (ان -ک - اَشنا - مؤل : اَشنار (س : اَشو + ناڑہ -)

کُشیرِ ہنٛدِ اکھ گامک ناو -

**اَشہُل** -- (ان -ک - اَ+شہُل - مؤل : اَشیہل (س : اَ+ شِشرہ یا شیتلہ)

(۱) یہ نہٕ شہُل آسہِ - یتھ نہٕ شیہجار آسہِ - (۲) توت - گرم - (۳) بدمزاج یُس نہٕ دیا یا رحم آسہِ -- ہم : اَشیہج -

**اَشُد** -- (ان -ک - اَشد - مؤل : اَشد -- (س : اَو شدھ -)

(۱) دوا - اُچھ داد ٹھیک اکھ دوا تاچھ (یہ چھےٚ پھیکہٕ آسان -) (۲) سوہ جنگلی گاسہِ ذاتھ یُمہِ سیتی نشہِ کھسان تہٕ بنے

ہوش گژھان چھ ۔

**اَشدٕ پٹ** ۔ دوا پٹ ۔ لتہٕ (دوٚ ہیچہٕ ،
ژٕنڈ بچہٕ بیترٕ)

**اَشدٕ تج** ۔ **اَشد تُل** ۔ اَشد لاگنچ تج ۔
اُچھن دوا لاگنک تُل ۔ تاچھ لاگنچ تج ۔

**اَشد گرٕ وان** ۔ (۱) اَشُد کنن وٲلی
سُنٛد وان ۔ (۲) وَرگہ یا ہٹی سوٚ جاے
یتہٕ لس شرٕ پو آسہ وَدن وان تو گمتٕ ،
یہ چھ اوٚ کنہٕ وَنان تہٕ کیازِ اَشد گرٕ
سُندِ گرِ آسی اُچھ دٲدی لدٕ سُشرٕ
شُشرٕ ودٕ تھنہٕ کنہٕ وُدی وُعی ہے تلان ۔

**اَشد گور** ۔ اُچھ دوا بناوَن وول ۔
اُچھ دوا دِنہٕ وول ۔

**اَشد گوہکھ** ۔ اُچھن لاگنک اَشدی
پھوٗل ۔ **اَشد وان** ۔ دوا وان ۔
بُہرٕ وان ۔ (یتھ اَشد کِننہٕ آسہ یوان)
اَشد گرٕ سُنٛد وان ۔

**اَشد وونی** ۔ اَشُد کِنن وول ۔ بُہرُ
(یس نش اَشد تہٕ کُنن آسہ ۔)

**اَشُد لگُن** ۔ اَشدٕکِ اثر گژھن بچکس
منز پھیرنہٕ کنہٕ کینژو جنگلی بوٗٹو سیتی نشہٕ
لگُن ۔ بے ہوش گژھن یا گیرٕ تہٕ گتہٕ ینہٕ ۔

**اَشد لاگُن** ۔ اُچھ دٲدی لدٕ سُنٛد اُچھن
اَشُد تراوُن ۔ اُچھ دٲدی لدس اُچھن
اَشدی پھیکھ تراوُنی ۔

**اَشوٗب** ۔ (ن ۔ ک ۔ اَ + شوٗب ۔ موٗل :
اَشوٗب ۔ < س : اَ + شوبھا ۔)
(۱) بےٚ شوٗب ۔ یہ نہٕ شُبی دار آسہ ۔
یہ نہٕ شوٗبوُن آسہ ۔ یہ نہٕ خوشوٗن آسہ ۔
یہ نہٕ شوٗبہٕ ۔ (۲) شوٗب نہٕ آسنہٕ ۔ بےٚ
دِوتی ۔ بےٚ شوٗبی ۔

**اَشوٗر** ۔ (ن ۔ ک ۔ اَ + شوٗر ۔ موٗل : اَشیر
< س : اَ + شیرٕ ۔)
شیرِ نہٕ ورآے ۔ شیرتے کرنے ۔ یہ
نہٕ شیوٗر مُت آسہ ۔ یہ نہٕ سنبولمُت
آسہ ۔ یتھ نہٕ مر متھ بیترٕ کوٗرمُت آسہ ۔
م : اَشیر ۔

**اَشوٗنک** ۔ (ن ۔ ک ۔ اَ + شوٗنک ۔ موٗل :

اَشوٗنک ـ (س : اَ+شنکتہِ (شنک) شنکا تراوِتھ ـ بیہ روٗس ـ بے وایہ پاٹھو ـ [گریرٚسن]

اَشوٗژھ ـ (ن ـ ک ـ اَ+شوژھ ـ موٗل : اَشوٗژھ ـ (س : اَ+شوچہ ـ)

ہوٗنژھ ـ (ہوٗنژھ گوٗ کانٛسہ ہٕندِ مرنہٕ یا زہتہٕ پتہٕ کاہَن دوٚہَن تتھ گرس منٛز ژھیٚپچر مانٛنہٕ یُن یتہ یُتھ کینٛہہ سٕیدمُت آسِہ ـ یہ چھُ اکھ قسمُک کوارٹین لاگہٕ لٕنہٕ بچنہٕ باپتھ ـــ

اَشوٗب ـ (ن ـ ک ـ اَ+شوب ـ موٗل : اَشوٗب ـ (س : اَ+شُب ـ)

شوب نہٕ آسُن ـ آپدا ـ مُصیبتھ ـ بَناوَتھ ـ خاٛر نہٕ آسُن ـ ہُرزر نہٕ آسُن ـ

اَشود ـ (ن ـ ک ـ اَ+شود ـ موٗل : اَشود (س : اَ+شُددھ ـ)

(۱) یہ نہٕ شود آسِہ ـ یہ نہٕ صحی آسِہ ـ یہ غلط آسِہ (خاص کرتھ غلط لیوٗکھمُت ـ) (۲) تیتھ لیوٗکھمُت یہ نہٕ دوتھ ـ (۳) ناصاف ـ ژھیوٗٹ ـــ (۴) ناشائِستہٕ کَلا ہو ـــ

اَشوٗدی ـ غلطی بیترِ (لیکھنس کرنس منٛز) ـ اَشوٗدی کَڈٕنی ـ غلطی ہاوِتھ دِنی ـ غلطی دوٗر کرٕنی ـ

اشوزَر ـ (ن ـ ک ـ اَ+شوزر ـ موٗل : اَشوزر (س : اَشدھ+ک ار ـ)

(۱) شود نہٕ آسُن ـ شودنہٕ اَسِنچ حالتھ ـ ٹکریر ـ (۲) مزاز کِنہِ یا شُرپرِکِنہِ اوٚری نہٕ پوٗرہ آسُن ـ (۳) کھوٗٹھ کھٹائی ـ منک کھوٗچر ـ

اَشون ـــــــ (م ـ ک ـ اَشون موٗل : اَشون ـ (س : اَشونی ـ)

ستوٗوہو نیٚچھترو منٛز گوڈنیک نیٚچھتر ـ اکھ نیٚچھتُر ـ اکھ ساتھ ـ

اَشووار، اَشوٕدار ـــ (ن ـ ک ـ اَشووار ـ موٗل : اَشووار ـ (س : اَشوٕ + وارہ)

گرٕ سوار ـ چوٗبک سوار ـ گرُس نَحطہِ کڈَن وول ـــ

اَشٹمی ـــ (م ـ ک ـ اَشٹمی ـ موٗل : اَشٹمی ـــ

(س : اَشٹمی ۔)

آٹھم ۔ پچھک اِٹھم دوہ ۔۔

**اَشٹاوُکرُ** ۔ (ن ۔ک ۔ اَشٹاوُکرُ ۔ مۆل : اَشٹاوُکرُ ۔ (س : اَشٹاوُکرُ ۔۔)

اُکِس زُنی سُند ناوِیس اَٹھوَ ۔۔ اَنگ ہِلی آسی ۔ ورگہِ وُکرُ اِنسان ، راکھِیس ، ہیُوہ اِنسان ، کوہ کور تہٕ بیکوٗد اِنسان ۔

**اَشٹاوُکرہ** ۔ کوہ کاٗر تہٕ بیکاٗر زنانہٕ ۔۔ راٗنٹس ہیش زنانہٕ ۔۔

**اَشٹہٕ** ۔ اَشٹہٕ = آٹھ ، اَکھ بڑوٚنہہ لوٚگ آٹھ ۔ اَکھ گوڈٕ لوٚگ یُس یمَن سِتی تہٕ لگان چھُ ۔۔ ہم : (۱) اَشٹہٕ دِلہٕ ہٕرٕدے (آٹھٕ وُٹھرٕ پمپوش ہیُوہ دِل ۔) (۲) اَشٹہٕ موٗرتی (سُہ یُس آٹھ رٕپہ چھہ ، تہٕ دُیچھ گوٗ شِو ۔۔) ۔

**اَشٹہٕ دَشہ** ۔ (ک ۔ اَشٹہٕ دَشہ ۔مۆل : اَشٹہٕ دَش ۔(س : اَشٹادِشہ)

اَرداہ ۔ آٹھٕ پیٹھی داہ ۔ دِعہ یہ کم وُہہ (شوٗ ہِرِنے ۔)

**اَشراف** ۔ (ن ۔ک ۔ اَشراف ۔ مۆل : اَشراف (ع : اَشراف)

شریف موٚہنیو ۔ شریف موٚہنوی ۔ بوٚڈ موٚہنیو ۔ بُڈی موٚہنوی ۔ رٔیس ۔

**اَشرافی** ۔ شرافتھ ۔ شریف آسُن ۔۔

**اَشرٔفی** ۔۔ (م ۔ک ۔ اَشرٔفی ۔مۆل : اَشرٔفی (ف : اَشرٔفی ۔)

سوہنہٕ ہُنٕز موٚہر ۔۔۔

**اَشکل** ۔۔ (م ۔ک ۔ اَشکل ۔مۆل : اَشکل ۔۔ (س : اَش ۔ (پِراوُن ، ہیٚچھُن ۔) + کل ۔) ، ہیٚچھناوُنہٕ وِزِ ۔ دِہٕ دُشرِس بڑوٗنہہ کنہٕ نمُن ۔ نمسکار کرُن یا سلام کرُنی ۔۔

**اَشکہ ع۱** ۔ (م ۔ک ۔ اَشکہٕ ۔مۆل : اَشک ۔) اُڈی جَن ہِندی گنٛڈ ، بوڑ ۔

**اَشکہ ع۲** ۔ گیُٹن ، ہُنٛزَن پِراٹَن اُنٛدری مازٕدی گنڈی ہوی ۔

**اَشکہٕ پینٕر** ۔ اَشکہٕ پھولہٕ تہٕ ، ہیٚتہٕ ہٕ ۔ اَشکَن دود کرُن (اَتھ دآدِس منٛز چھتہٕ چار وُلیس گاسہٕ ، دانہٕ بیترٕ کھیٚوٗن بنان ۔

**اَشکھاش** ۔ (ن۔ک۔ اَشکھاش۔ مؤل :
اَشکھاش ۔(ف : (غدر) اشخاص لفظُک
ژھوٗٹ ۔) ؟
سَم سوٚتُر ۔ لۆر پار ۔ ڈُبہٕ ڈاس ۔ ڈاکھ،
سَتیا ناس ۔ ناش ۔ یہِ چھُ اَکھ دوٚہو۔ م :
تِمَن گژھن اَشکھاش یِمَن سون تیوٚل چھُ۔
**اَشکھاش گژھن** ۔ سَم سوٚتُر گژھن۔
دُبہٕ ڈاس بیترِ گژھن ۔
**اَشوٗل، اُشوٗل** = (م۔ک۔ اَشوٗل، اَشوٗل۔
مؤل : اَشوٗل، اَشوٗل (ع : عیش +ک
پوٚت نوٗگ وَل ۔) ؟
سوٚ یوٚسہٕ نٕہ نَنی پاٹھی پانٕتھیٚنی یا گاٹی
آسہِ ۔ مگر یارٕ مُش آسہِ ۔ یوٚسہٕ ژۆر ژۆرِ
بدکاری آسہِ کران ۔ اُشہٕ مُش ۔
**اَصِل** ۔ (ن۔ک۔ اَصِل۔ مؤل : اَصِل ۔ (ع :
اَصل ۔)
پوٗز ۔ یہِ یا یُس نہٕ کیٚٹھ آسہِ ۔ مؤلہٕ تلہٕ ۔
اَہَم ۔ یتھ کانٛہہ ووٚجوٗد آسہِ ۔ بوٚڈ ۔ جان
نَسٕلک ۔ شوٚہ زٕ موٚاَژ ہُنٛد ۔ شوٚد ۔ یتھ نہٕ ملہٕ
مِشہٕ آسہِ ۔
**اصالتھ** ۔ (م۔ک۔ اَصالتھ ۔ مؤل : اَصالت
(ع : اَصالت ۔)
شرافت ۔ ذاتٕچ آسُن ۔
**اَصِل اَصِل ہوٗدی باقی پھیٖرِال روٗدی** ۔
یہِ چھُ یِوان ٹیٚلہِ ہَرزِ پاٹھی وَننہٕ یلہٕ کانٛہہ کم
ذاتھ یا کمینہٕ بارٕسس یِیہ تہٕ یِمن یُتھ رُتبہ
پٕرِہے تہٕ تَم گژھن پتھ یا پھٕکی ۔
**اَصلِکی صاف یُن** ۔ لاب نہٕ کُنہِ تہٕ مؤلہٕ ہسے
چھوٗنُن ۔ فائدٕچ نہٕ کیٚنہہ دِیھ یِمنہٕ ۔ ہسے گاٹھ
**اَصلی** ۔ (ک۔ اصلی ۔ مؤل : اَصلی ۔(ع : اَصلی۔)
مؤلہٕ تلہٕ ۔ پوٗز ، کیٚنہہ نہٕ ۔ نقل نہٕ ۔
**اَطراف** ۔ (ن۔ک۔ اطراف ۔ مؤل : اطراف ۔
(ع : اطراف ) طرف ۔)
طرف لفظُک جمع ۔ بَنہٕ ۔ اَنٛد ۔ اُنٛدی پوٚکھ
دۆرِکی مُلکھ ۔ م : سُہ چھُ اَطرافَن پھیٖرِتھ
آمُت ۔ (شو پرنے ۔)
**اَطوار** ۔ (ن۔ک۔ اَطوار ۔ مؤل : اَطوار ۔ (ع :
اَطوار ) طور)

طور طرز - کرتوتھ - کردار - پھیچہ - کوڈر۔
یہ لفظ چھُ ژُرہی پاٹھو کامہِ نیہ - ہنز بُدی
ہاوِ نہ وِز وَننہ یوان - م: تیزندی
اطوار وُچھتھ چھُ اِنسان تژیھان —

**اعمال** - (ن-ک - اعمال - مؤل: اعمال -
<ع: اعمال < عمل)-
کرتوتھ - کامہ - اطوار -

**اعمال نامہ** - کرتوتن ہُند لیکھیتُت -

**افٲیی** - (ک - افٲیی - مؤل: افاٲے - <ع:
افواہی - < افواہ -)
شاوُے یا شوو یہ پاٹھو - لوکن نِش
بوزنہ پاٹھو (مگر سہر کرنے -)-

**افسر** - (ن-ک - افسر - مؤل: افسر - <انگ:
آفیسر -)
دفترُک زیٹھ - سُہ یُس تل کاتھہ آسہ
کام کران —

**افسانہ** - (ن-ک - افسانہ - مؤل: افسانہ —
<ف: افسانہ - ژند ' ایسپہ + سانہ (شا -
<س: ابھشا -)

یناوُتن ہنز کتھ - دِل لگہِ نچ تہ دِل
پھُٹرِنچ کتھ - داستان -

**افسوس** - (ن-ک - افسوس - مؤل: افسوس -
<ف: افسوس -)
(۱) ہے ہے - ہاے - ہے کیا گوس -
(۲) دوکھ - غم - فِکر - ماتم -

**افسوس لارُن** - کوٗرمُت کولہِ گرژھُن -
گرتھ راوُن - وٹھتھ نہ کھسُن - کینہہ نہ
اَتھِ یُن - کُنی کُنی اکُت گژھُن —

**اِفشان** - (ن-ک - اِفشان - <ف: افشان
ژند 'ایسو + شہ = س: ابھہ چیو -)
مُکوش - سوہ نہ وُتھرک ژن -

**افضلن چیہ بنگہ چلمہ کھرشہ کاف** - (یا کانگر
کھرشہ کاف -) کُنی تام کوٗر اتُر تہ کُس تام لوگ
بلی - کُس تام راہ تہ کُس تام لاجِکھ ماٹرھ -
م: اُشتر بلا یہ ٹُٹ -

**افغان** - (ن-ک - افغان - مؤل: افغان -
<ف: افغان -)
افغانستانُک روزن وول - پٹھان -

**اَفغانِستان** ۔ (ن ۔ک ۔ افغانِستان
مۄل : افغانِستان <ف : افغانستان
<افغان + ستان ۔)
اَفغانَن ہُند مُلک ۔

**اَفغانی** ۔ (ن ۔ک ۔ اَفغانی ۔ مۄل : اَفغانی ۔
<ف : اَفغانی ۔)
افغانِستانُک ۔ پٹھان ۔ اَفغانَن
ہٕنز زبان ـــ

**اَفلاطوٗن** ۔ (ن ۔ک ۔ اَفلاطوٗن ۔ مۄل :
اَفلاطوٗن <ع : اَفلاطوٗن <یوٗنانی پلیٹو)
اَکس موشوٗر یوٗنانی فلسفی سُند ناو ۔
ہَرِ پاٹھۍ تَس وَنان لُیں گاٹہٕ جارَس
درٚسہ دِیہِ ـــ

**اَفواہ** ۔ (م ۔ک ۔ افواہ ۔ مۄل : اَفواہ ـــ
<ع : افواہ <فوہ ۔)
شاوَے ۔ شوٗوَے ۔ ہوگ ۔

**اَک** ۔ (اَک ۔ مۄل : اَک ۔ <س : ایکہ ۔
ف یَک ۔)
اَکھ ۔ یہ چھُ گَنَن مَنٛز لفظی سیتۍ

بۆڈٕنہٕ لوٗگ بَنان ۔ وُچھو "اکھ" تہٕ ۔

**اَکہِ ناَنی** ۔ (م ۔ک ۔ اَکہِ ناَنی ۔ <ک ،
اکھ <اَک <س : ایکہٕ + نان <س نابھ
ناکہ ۔)
سہ زَنانہٕ یَس اکھ اَکس بیتہٕ کور بے
کورِ یا نیچوی نیچوِ زینہِ ـــ

**اَکہِ نالہٕ پھیرِن کدُن** ـــ اکھ اَکس لارِ تھ
آسُن ۔ ہَاَنی یار آسُن ۔ پانہٕ وَنی کُنے
آسُن ، بِنہٕ نہٕ آسُن ـــ

**اَکہِ وانہٕ نوٗن تیل** ۔ اَکۍ وُسیلہٕ آسُن
اَکِسے نِش پرٛتھ حاجتہٕ گَژھُن ـــ

**اکہِ تاَجھہ** ۔ (مۄل : اَکہِ تاَجھہ ۔ <ک ،
اک + ژَتجِھہ ۔ <س : ایکہ چتوارِ مشت)
اکہِ پیٹھۍ ژَتجِھہ ۔ ژور ڈُہ تہٕ اکھ ـــ
ژَتجِھہ تہٕ اکھ ۔

**اکہِ تاَج ہیُم** = **اکہِ تاَج ہم** ـــ ترٛیِچ واَرۍ
یا وِزِ بیترِ اکہِ تاَج ہَس پیٹھ ییہ ـــ اکہِ
پیٹھۍ ژَتجِھہ ہیُم ۔ ژور ڈُہ تہٕ اَکیُم ـــ
ژتجِھہ بَتے آسوُن ـــ

اکہ ترٗہ — (اک + ترٗہ — دس : ایکہ ترٗمشت —)

اکہ پیٚٹھ ترٗہ — ترٗے ڈُہی تہ اکھ — ترٗہ تہ اکھ —

اکہ ترٗہیُم — اکہ ترٗہِم — ترٛیچ وآری یا وِزِ بیتر اکہ ترٗہس پیٚٹھ پیہ — اکہِ پیٚٹھ ترٗہیُم — ترٗہہ پتے آسہ وُن —

اکہ ستتھ — (اک + ستتھ — دس : ایکہ سپتتہِ —)

اکہ پیٚٹھ ستتھ — ستتھ ڈُہی تہ اکھ — ستتھ تہ اکھ —

اکہ ستتیُم — اکہ ستتِم — ترٛیچ وآری یا وِزِ بیتر اکہ ستتھس پیٚٹھ پیہ — اکہ پیٚٹھ ستتھک — ستتھِ پتے آسہ وُن —

اکہ شیٖتھ — (اک + شیٖتھ — دس : ایکا شیتہِ —)

اکہ پیٚٹھ شیٖتھ — أٹھ ڈُہی تہ اکھ — شیتھ تہ اکھ —

اکہ شیتیُم — اکہ شیتِم — ترٛیچ وآری یا وِزِ بیتر اکہ شیتس پیٚٹھ پیہ — اکہ پیٚٹھ شیتک شیتہِ پتے آسہ وُن —

اکہ نمتھ — (اک + نمتھ — دس : ایکہ نوتہِ —)

اکہ پیٚٹھ نمتھ — نو ڈُہی تہ اکھ — نمتھ تہ اکھ —

اکہ نمتیُم — اکہ نمتِم — ترٛیچ وآری یا وِز اکہ نمتھس پیٚٹھ پیہ — اکہ پیٚٹھ نمتھک — نمتھِ پتے آسہ وُن —

اکہ نٔنڈُن — (ن — ک — اکہ نٔنڈن — مؤل : اکہ نٔنڈُن — دس : ایکہ + نٔندن) کٕنے ٹوٚٹھ گوٚبُر —

اکوُنزاہ — (اکہ وُنزاہ — داک + پٔنزاہ دس : ایکہ پنچاشت —)

اکہ پیٚٹھ پٔنزاہ — پانژھ ڈُہی تہ اکھ پٔنزاہ تہ اکھ —

اکوُنزاہیُم — اکوُنزاہِم — ترٛیچ وآری یا وِزِ بیتر اکوُنزہس پیٚٹھ پیہ — اکہ پیٚٹھ پٔنزاہیُم — پٔنزاہہ پتے آسہ وُن —

اکہ وُہہ — (اکہِ وُہ < اک + وُہ —

< س : ایکہ وِمشتہِ —)

اکہِ پیٹھ وُہہ — ژٕ وُہی تہٕ اکھ —

وُہہ تہٕ اکھ —

اکہ وُہیُم — اکہ وُہم — ترٛیٚچ واٲرٕ یا

وِزِ بیتر اکہ وُہس پیٹھ پیہ — اکہِ پیٹھ

وُہیُم — وُہہ پتے آسہ وُن —

اکہ ہاٹھ — (اکہِ ہاٹھ < اک + شیٹھ

< س : ایکہ ششٹھِ —)

اکہ پیٹھ شیٹھ — شیٹھ تہٕ اکھ —

شےٚ ژُہی تہٕ اکھ —

اکہ ہاٹھیُم — اکہِ ہاٹھم — ترٛیٚچ واٲرٕ اکہ

ہاٹھس پیٹھ پیہ — اکہِ پیٹھ شیٹھک —

شیٹھہِ پتے آسہ وُن —

اَکتوٗر — (ن ـ ک ـ اَ + کتوٗر ـ مؤل : اَکترَ ـ

< س : اَ + کرتن لفظک پھر تھر —)

یہ نہٕ کترمت آسہ — یہ نہٕ کیٹھو مت

آسہِ — (میوٕ بیتر) — یہ نہٕ کتراو نہٕ آسہ

آمُت — یتھ نکار آسہ نہٕ آمت کرنہٕ —

اکرپھوٗ (ن ـ ک ـ اکرپھوٗ ـ مؤل : اکرپھوٗ ـ < اکر < س :

انکہ + کر + ک پھوٗ = پھوٗ کرُن ـ)

ژھوکھ ـ وَزِ بُز ـ وِہ ترٛاوُن —

اَکنا — شاردا اگرٚٹنز پاٹھو گوٗ اکھ" —

اَکال — (ن ـ ک ـ اَکال ـ مؤل : اَکال ـ < س :

اَکالہ ـ)

کالہِ روٚس ـ کالہِ نیبرٚ ـ لازمال ـ زانٛہہ تہٕ

مرُون ـ لافانی ـ دوٚہے پوٚشہِ وُن ـ

بگوان شوٗسُند اکھ ناو —

اَکرٕ ـ اکرٕیے — (ن ـ ک ـ اَکرٕ ـ < س : اَ +

کرٛیہ —)

(۱) بےٚ کار ـ کارِ روٚس ـ لیُس تہٕ کارٕس

گگہِ ہار آسہ —

م : کینہہ چھے سنان کرِتھ اَپتی

کینہہ چھے گرٕہہ بُزِتھ اکرٕیے (للہ دید)

(۲) یمہ سہ کام کرنے رو زِ —

اَکن گوم — (ن ـ ک ـ اکنِ گوم ـ مؤل : اکنِ گام

< ک اکن + س گرامہ ـ)

کشیرِ منز مرازس اندر اکھ گام —

اکہ ہار — (ن ـ ک ـ اکہ ہار ـ مؤل : اکہ ہار — < س :

اکشہ واہیط -)

اکھاڑ - پہلوانن ہندِ دبہ دب کرنچ جاے

**اکہ ہوت** - (ن-ک - اکہ ہوت - مؤل :
اکہ ہت - (س اُتکہ + ک ہوت (س:
ہتہ -)

سیٹھا دُکھی - پریشان - دِل ملؤل -
کھین - لتہ تل گومُت -

**اکُت** - (ن-ک - اَ + کُت - مؤل : اکت -
(س : اَ + کلِد ؟)

یہ نہٕ کرِشوُ نہٕ آسہ آمُت - یہ اُدراو نہٕ
آسہ نہٕ آمُت - یہ ہوٚکھے آسہ -

**اکوٚر** - (ن-ک - اَ + کوٚر - مؤل : اکوٚر - (س:
اَ + کرِشٹ ؟)

کوٚر نَے - یہ نہٕ کوٚرمُت آسہ - پزاٹھ نَے -
یہ نہٕ نرماو نہٕ آسہ آمُت - (مثلن کاسنہٕ
بروٚ ٹھہ وال) - گوٚج دوٚج کڑنے (مثلن -
ڈوٚن، گور تہ آنٹھ بیتر -)

**اکوٚت** - (ن-ک - اَ + کوٚت - مؤل : اکت -
(س : اَ + کرِت ے پزاکرِت کت -)

یہ کتنہٕ آسہ نہٕ آمُت - یہ نہٕ کوٚمُت
آسہ - کتہٕ نَے -

**اکوٚنز** - (ن-ک - ا+ کوٚنز - مؤل : اکنز
(س : اَ + کُنچہ -)

یہ نہٕ کوٚنزمُت آسہ - یہ کینژھا
کنزِ نَے آسہ - یہ کینژھا جھَد تیر بیترِ
زالنہٕ باپتھ نارس آسہ نہٕ ہووُمُت.
(مثلن پُچھین، پاچ، کلہ ہیر بیتر -)

**اکور** - (ن-ک - اَ + کور - مؤل : اکار -
(س : اَ + کرِشٹ -)

یہ نہٕ کورمُت آسہ - یہ کینژھا گرٕ کہ
ناوٕ نَے آسہ - اوٕمے -

**اکول** - (ن-ک - اَ + کول - مؤل : اَکال
(س : اَ + کالہ -)

بے موقہٕ - غار موقہٕ - وقتس پیٹھ نہٕ

**اکاکی پوش** - (۱) بے موقہٕ پھوٚلمُت پوش -
سیٹھا بُڈِس زامُت شُر - جوانی ڈلِتھ
زامُت شُر -

**اکاکی مرن** - وقتہٕ بروٚنٹھے مرن -

سمے واتہٕ برونٛٹھے مرُن ۔ بےٚ موقہٕ
مُرتھ گژھن ــــ
**اَکٲلۍ وَرشُن** ۔ بےٚ موقہٕ رۄد پیوٚن۔
یمہِ وِزِ گوٚژھ تمہِ وِزِ نہٕ تہٕ یمہِ ساتہٕ
نہٕ پیزِہے تمہِ موقہٕ رۄد پیوٚن۔ وَقتہٕ برونٛہہ
یا وقتہٕ پتہٕ رۄد پیوٚن (یمہِ سِتۍ فصلس
نوقصان واتہِ ۔)
**اَکوٗنٛچھ** ۔ (ن۔ک ۔ اَ+ کونٛچھ ۔ مۄل : اگانٛچھ
(س : اَ+ کانکش ۔)
یہ کونٛچھمُت آسہِ نہٕ ۔ یُس ژھنے ۔ یہ کینٛژھا
یوٚژھمُت آسہِ نہٕ ۔
**اَکولیُن** ــــ (ن۔ک ۔ اَ+ کولیُن ۔ مۄل :
اَکولیُن ۔ (س : اَ+ کُلہ + ک اُن ۔)
یُس نہٕ تھدِ کولُک آسہِ ۔ یُس وٕستھ
کولہٕ منٛز آسہِ ــ یُس لوکٹہٕ خاندانُک
آسہِ ــ
**اکڈایہِ ماسِم** ــ (ک ۔ اکہٕ + ڈاے + ماسِم ــ
(س اکیہ + پراکرِت اڈڈھایا ، س:
اَردّدھ ترِتیا)

ہرزہٕ پاٹھۍ تس یوان وَننہٕ یُس بوٚڈ
اَستھ لوکُٹ لاگہِ ــــ
**اَکلہٕ بگل** ــ (م۔ک ۔ اکلہٕ بگل ۔ مۄل : اَکلہٕ بکل
پریشانی ۔ ہوش راوٕنی ۔ حیبہٕ ولسرُن ۔
**اَکھ** ــ (اَکھ ۔ مۄل : اک ۔ س : ایکہ ۔ ف :
یک ۔ یونانی اے کوس ۔ لاطینی اے کوس)
گرزنن منز گوڈنیُک ہنٛدسہٕ ۔ (۲) کُن
ہِم : سُہ چھُ اَکھ زوٚن یُس اَمنیُک یلاج
زانان چھُ ۔ (۳) کانٛہہ ہِم اَکھ پییہ تن ــــ
(۴) (ہرزہٕ پاٹھۍ) یُس نہٕ جورہٕ آسہِ ۔ ہِم:
سُہ چھُ اَکھ اڈہ زڈٹا ۔
**اَکھ اَکھ** ــ ساری ۔ پتہٕ تھ کانٛہہ ۔ اکھ
اَکھ کرِتھ ۔ اَکِس پتہٕ اَکھ ۔ اَکھ اَکِس
پتہٕ ــ
**اَکھ اَکی کیا نام اَکھ** ــ اَکھ اَکی اَکھ ۔
اَکہِ گوٚن اَکھ ۔ اوٚگُن اَکھ ۔ (پہاڑ پرنہٕ
وِزِ ونان ۔)
**اَکھ ترِپنِنۍ** ــ پانٛژھ یا نیوٗ کرُن ۔ پینہٕ
نۍ یوت پان گُنزرُن ۔ اَن کتھ پنٕنہِ

دڑاڈِ ٹوکھ دیُن - صِرف یُنٕ خیال
آسُن - اکھ تہٕ نہٕ کران - سیٹھا ؤلی
ؤلی - جل جل - دُچھان وُچھان - یمَن پیٹھ،
یکدم - اکھ جورٕ - نہٕ - دُچ - ہُر -
ہوٗر - اکھ ؤکرُ بیٹھِ ترٛ گرُ - (۱) اکھ بہٕ
دارُل بیٹھِ اورے نکٕلکران - اکھ آسہِ اورٕ
لوٗنگ لیوٗژتہٕ بیٹھِ ہاوِ میٹنگ (تہٕ پینہٕ
نِس عاٗبس کُن گژھہ نہٕ -) - (۲) اکھ چھُس
راہ تہٕ بیٹھِ چھُ بُکرِ ی دوٗر -

اکھ ہتھ - اکہِ پھرٕ ہتھ - دہ دُہی -

اکھ ہوٗر - جوٗری - نہٕ - م : اَکھ ہوٗر،
دانٛدہٕ ہوٗر - پلہٕ ہوٗر -

اکھا - (اکھاہ - مؤل : اَک + آہ - دِس : ایکہ +
ک آہ -)

اکھ - اکھ یوتا - کاتھہ اکھ -

اکھا کھنڈٕا - یہوے اکھ ہیتھ لگ بگ
اَکس برابر -

اکہِ اکہِ - اکھ اَکس پتہٕ - اَکس پتہٕ اکھ -
اکھ اکھ کرِتھ - اکہِ پھرِ اکھ - وار وار

اکہِ پارٕ - اکہِ پاسہٕ - اکہِ اَنٛدٕ -

اکہِ پاٗری - اکہِ پاسہٕ کُنی - اکہِ اَنٛدٕ کُنی -

اکہِ چالہِ - کُنہِ اکہِ طریقہٕ - کُنہِ اکہِ وقتہٕ -

اکہِ چالہِ اکہِ - کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ - کُنہِ
نتہٕ کُنہِ وتہٕ - کُنہِ نتہٕ کُنی کُنی -

اکہِ دوٚہہِ - گُنڈِتھ کُنہِ دوٚہہِ - کُنہِ
دوٚہہِ - اکہِ دوٚہہِ اکہِ - کُنہِ نتہٕ کُنہِ
دوٚہہِ - اکہِ نتہٕ اکہِ دوٚہہِ - م : اکہِ
دوٚہہِ اکہِ کرِ پانٛسے سہ یہ کام - کُنہِ دوٚہہِ آرٕ

اکہِ ڈنٛگہِ - اکہِ چالہِ - اکہِ حسابہٕ - اکہِ
طریقہٕ، وتہٕ -

اکہِ ریتہٕ اکہِ - کُنہِ نتہٕ کُنہِ ریتہٕ -
اَکِس نتہٕ اَکِس ریتَس منٛز - اکہِ نتہٕ
اکہِ ریتہٕ -

اکہِ سمیہِ اکہِ - (۱) اکہِ زمانہٕ - کاتھہ
وقتا اوس یلہِ - (بتھ کالہِ) (۲) کُنہِ
نتہٕ کُنہِ وقتہٕ (یژھہٕ کُن -)

اکہِ لٹہِ - (۱) اکہِ وزِ - اکہِ پھرٕ - کُنہِ
سا تہٕ ... اکہِ پھرِ - اکھ لٹھ کرِتھ -

اکہِ لٹہِ اکہِ — (۱) اکہِ وِزِ — اکہِ سمیہِ
اکہ — اکہِ وقتہٕ — (۲) اکھ لٹھ کرنہٕ وِزِ
اُکس پھیرس منز — اکہِ پھیرِ —

اَکی پارٕ — اَکی یوت پاسہ — اَکی
یوت طرفہِ — اکی کُنہِ —

اکی پھِر — اکی وِزِ یوت — م — سُہ
بلبو اَکی پھِر دوا چیتھ — کُنی لٹہِ — م:
اکی پھِر سورتھ سوُرے ساماتہٕ ——

اکی لَر — (۱) اکی پاسہ — دُچھن ی یا
کھووُر اُکی ہے طرفس بیٹھ — (۲) اکہِ
لبہ — م : ناد چھے اکی لبر —

اکی لرِ تہٕ اکی شانٹِ — لرِ تہٕ شانٹ بدلاونے
بِہتے یا ٹھو اوس تِھتے یا ٹھو — زَن نہٕ
زُوے اوُسس — (وونی مہ میٹر ھنس
تھوُد دوھن) یہ چھُ یوان اکھ ووُ ہو
مانہٕ — م : گرٕ ھِتین اکی لرِ تہٕ اکی شانٹ

اکے — صِرف اکھ ، کُنے — نہ اکہِ زیادٕ
تہٕ نہ اکہِ کم ——

اُکس دزان دا تہٕ بیا کھ

وشناوان اکھ — اُکس گرٕھان
نوقصان تہٕ بیاکھ بوزان مساوی — کانٛسہ
واتان زکھ تہٕ کانہہ چھس ترٛاوان اُسنا —

اُکس موٗٹھ نہ لچھِ دود بیٚیس موٗٹھ نہٕ
بچھ دود — یُتھ کانٛسہ چھُ پننے پکنے
دود زہ تیس — یُتھ کانہہ چھُ پننس پننس
داُدس وَدان ——

اُکی زُٹ سُم تہٕ ساس گو کولہ — اُکی
سِنٛدِ کدِل پھُٹراونہٕ چھ ہیتہٕ بڈی کولہ
گرٕھان ، ورگہ اُکی سِنٛدِ پایہ چھ ساس
ولنہٕ یوان —

اُکی منز دژہ کھ بیٚیے سُنٛد غذا —
یہ اکھ ترٛاوتھ ژھنہٕ تہٕ چھُ بیاکھ
زنتہٕ لبان —

اُکی سُنٛد نہٕ دزان تیل بیٚیے سُنٛد دزان
آب (پوٗنی) — کانٛسہِ چھُ نہٕ سیٹھا
خرچ کرِتھ یا ٹنگہٕ ٹنگ کرِتھ تہٕ کینٛہہ
اتھہٕ یوان تہٕ کانٛسہ چھُ بیتھے پنُن مطلب
نیران — اُکی کیا نام — اکہِ سیتی گو نہٕ ٹنگ

پہاڑٕ ۔ م : اُکی کیٚا نام اکھ ۔ گو ١×١=١

زٕ اُکی کیٚا نام زٕ ۔ گو = ٢×١ = ٢

**اُکیُم** — گوڈنیُک ۔

**اَکھُنٛز** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ کھُنٛز ۔ مۄل : اَکھٕنٛز ۔ <س : کُنٛچ ؟)

لُس ہٕنٛز کھُنٛز مُت آسہٕ ۔ یُمِس وال یا تیٚر بیتر کڈنے آسَن ۔ (پچھِن بیتر)

**اکھوٗل** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ کھوٗل ۔ مۄل : اَکھول ۔ <س : کھول < کھوڈ < کھُڈ ۔)

یہٕ ہٕنٛز کھولنہٕ آسہٕ آمُت ۔ یہٕ ہٕنٛز مُژرٕنہٕ آسہٕ آمُت ۔ یہٕ بَنٛد آسہٕ ۔ مُژرٕنے یتھ وُنہٕ (گنٛڈ بیترِ) مُژرٕنے آسہٕ ۔

**اَکھوٚن ١** ۔ (ن ۔ک ۔ اَ+ کھوٚن ۔ مۄل : اَکھَن ۔ <س : اَ+ کھَن ۔)

یتھ کھَننے آسہٕ ۔ یتھ ہٕ کھوٚمُت آسہٕ ۔ کھَننے تھوٚو مُت ۔ کھنہٕ نے ۔

**اَکھوٚن ٢** (ن ۔ک ۔ اَ+ کھوٚن ۔ مۄل : اکھَن) نیتھ نوٚنے ۔ ننگے ۔ نوٚنے ۔ دُرنہٕ وَتھر ہٕ رُوس

**اَکھتُے** ۔ (ک ۔ اَکھتے ۔ <س : اَدھکِم+ تُتہٕ) یہٕ اُستھ تہٕ ۔ اَمِہ پَتہٕ تہٕ ۔ توتہٕ ۔ بیٚییہ تہٕ ۔

**اکھیٚون** ———— (ن ۔ک ۔ اَ+ کھیٚون ۔ مۄل : اکھین ۔ <س : اَ+ کھاو نہٕ ۔)

(١) نہٕ کھیٚون ۔ کھین ہٕ لگُن ۔ کھیتھ ہٕ ہیکُن ۔ یہٕ چھے اکھ بیمارٕ یتھ اَندر مال رٹان چھُ ۔ (٢) یس ہٕ پٔننِس ذی بیترِ چھاوٕنی ییٚرِھ ۔ یس اُنِتھ زٕ پٔنتھِ نہٕ آسُن گرِٹھ ۔ یہٕ چھُ اکھ ووٚہوَ تہٕ م : تَس گرٔشِتھ اکھیٚون یُمہٕ اُپزوٚن

**اَگ** ۔ (ن ۔ک ۔ اَگ ۔ مۄل : اَگ ۔ <س : اَگر ؟ ۔)

ٹکرِ منز دَتھ یا وَٹنہٕ آمُت دوہ گُل ہیٚوٕ ۔ ٹکرِ اُندری کِنی وَٹنہٕ آمرٕ سَبس ہِش — **اَگُل** ۔ اگرٕ دار ۔ یتھ اَگ آسَن — **اگہٕ زُیٚن** — اَگو بَرِتھ زُیٚن ۔ زُیٚن یتھ دار یا اَگ آسَن —

**اَگَر** ۔ (ن ۔ک ۔ اَگر ۔ مۄل : اَگر ۔ <ف : اَگر)

ہرگاہ - یوٚد - یوٚدوٕے —

**اگرچہ** — یوٚدوٕے زَن - حالانکہ —
پٕراُستھ تہٕ - تہٕ کرِتھ تہٕ —

**اگستہٕ پوش** — (ن ک - اگستہٕ پوش -
موٗل: اگستہٕ پوش - (س: اگستہ =
بال - کوہ + پُشپہ —)
ہردِ بھِہ لوٚ بہٕ اکہِ خوشبودار کُلیک ناو
یَتھ کِم کاسہٕ پٔرتھ کنہ رنگہٕ پوش پھولان
چھُ - یہ چھُ دوہس تہٕ لگان —

**اگل مگل** — (ن ک - اگل + مگل - موٗل:
اگل مگل - (ک اگ + اَل + مگل وزنہٕ
بایتھ — ؟)
(۱) سُہ لیکھنیت یَتھ براُدٕ آسُن وُٹھ
متھ - (۲) سُہ چیز یتھ جان اُستھ گند وَتدٕ آسہٕ
لاریشر - **اگن** — (ن ک - اَگن - موٗل:
اگن - (س: اکہِ گنا + اکہِ + گوٗن -)
اکہِ گوٗن - یَتھ اکے تاہ آسہٕ، دوٗگن
ترٛوٗگن آسہٕ نہٕ گوٗرمُت -

**اگنس دوٗگن** — اکس دوٗگنہٕ - یہ

شوٗبہٕ تمہٕ دوٗگن -

**اگن بوٹ** — (ن ک - اگن بوٹھ - موٗل:
اگن بوٹ - (س: اگنہٕ + انگ بوٹ)
موٹر بوٹ - سوٗ ناو یوٗس مشینہٕ سٍتی چلیہ

**اگاد** ——— (ک - اگاد - موٗل: اگاد
(س: اگادھ -)
(۱) اُنتہٕ روٚس - (۲) یَتھ نہٕ ووٚشتھ
آسہٕ ہسبٹھا سٔرِدُن - (۳) سوٗن تہٕ گوٚب
موٚہنیٚو - اگادِ گرٛھن — (۱) تمہِ وِزِ زٕ
یوان یلہ کاتہہ سٔتُسہِ برابر تیتس کالس
پتہٕ لگہِ یوٗتام سُہ پتہِ کام کرِتھ نیِہ -
پتہٕ لگُن - تھپھ نہٕ تھلنہٕ - (۲) ٹلہِ ردُن -

**اگال مگال** — (ن ک - اگال + مگال - موٗل:
اگال مگال - (س: اُدٕ + گار + اگال +
مگال وزنہٕ بایتھ —)
(۱) بلاے ٹلہٕ ہتھ - (۲) تیتھ لیکھنیت
یتھ براُدٕ آسُن وُٹھ متھ - اشود لیکھنیت
غلطیوٚ پرِتھ لیکھنیت -

**اگنٹرُ** — (ن ک - اُ + گنٹرُ مُت - موٗل: اگنٹرُ -

(س : اَ + گن + ک مُت -)
نہ گُنزرُمُت - یہ کینژھا گُنزروومُت
آسہ نہ - گُنزرِنَے -

**اَگرُ** - (ن-ک-اَگرُ-موٗل : اَگرُ-(س :
اَگرُ-)
اکِہ قسمُک نوٗ شبوٗدار کُل - اتھ چھُ
(صبر) دَوا بنان -

**اَگر کاٹھ** -(س : اَگرُ + کاشٹھ-
اَگرَ کُلُک کاٹھ - اَگرَ کُلِچ لکِر-

**اَگُہہ** - (ن-ک-اَ+ گُہہ-موٗل : اَگہہ-
(س : اَ+ گھرِش -)
(۱) گہنہ روستُے - گہنَے - نہ گہمت -
(۲) یتھ نہ گس آسہ دیٛتمُت - (۳) یہ
نو گہنہ سیتی روشن آسہ کوٚرمُت -

**اَگوٚڑ** - (ن-ک-اَ+ گوٚڑ-موٗل : اَگر-(س
اَ+ گھٹ > پراکرت اَ+ گھڈ-)
گرنَے تھوٚومُت - گرنَے - یتھ نہ
کُنسِکل آسہ دِژمِژ - یہ گوڑمُت آسہ
نہ - (گھنہ بانہ بیترِ)

**اَگوٚنڈ** - (ن-ک-اَ+ گوٚنڈ-موٗل : اَگنڈ-
(س : اَ+ گرنتھ -)
یتھ نہ گنڈ آسہ - مُژُھٹھ - یلہٕ-
یہ گوٚنڈمُت آسہ نہ - گنڈنَے - گنڈ نہ دِرائی

**اَگور ۱** ——— (ن-ک-اَ+ گور-
موٗل : اَگور -(س : اَگھورہ -)
شِوُنند اکھ ناو -

**اَگور ۲** (ن-ک-اَ+ گور-موٗل : اَگار-
(اَ+ گھرِینہ ؟ -)
نہ گورمُت - نہ ژھورمُت - یہ کینژھا
ژھارِ نہ آسہ آمُت یا ژھارِ نہ ییہ نہ-
(۲) مُشرومُت -

**اَگول** - (ن-ک-اَ+ گول-موٗل : اَگال-
(س : اَ+ گل -> اَگال -)
یہ گالنہ آسہ آمُت - گالنَے - یہ
کمُلومُت آسہ نہ -

**اَگیان** - (ن-ک-اَ+ گیان-موٗل : اَگیان-
(س : اَ+ جنیان -)
گیان نہ آسُن - زان نہ آسُن - ناواقفیت -
مُرکھت

**اَل ۱** ـــــــ (۱م ـ ک ـ اَل ـ مۆل :

اَل ـ (س : اَلابُہ ـ)

(۱) اَکہ قسمچ رٲنٛتھ یَمہٕ کِس میوٕ س ترکاری بناوان چھِہ (۲) لاٚرِمِش اَکھ سبزی یَتھ کٲشُر اَل چھ دنان ـ ہیٚنٛدٕ وہیٚنٛد شکلہٕ اَکھ سبزی یَتھ یارِم اَل چھ دنان ـ

**اَلہٕ بَرگ** ـ اَلہٕ دُہتھر ـ اَلہٕ کُلیک پَن ـ

**اَلہٕ بیٚوٗل** ـ اَلہٕ ہُنٛد بیٚوٗل (یہِ چھ اَلہٕ اُنٛدری کنی آسان ـ)

**اَلہٕ پوش** ـ سُہ پوش یُس اَلہٕ کُلِس پھولان چھُ ، یہِ چھ کھیوان تہٕ ـ

**اَلہٕ پوشہٕ موٗنٛڈ** ـ اُلِس سیٚتی یلہٕ نٲوِتھ اَلہٕ پوشن بنومُت وڈٕر ـ اَلہٕ پوشہٕ وڈٕر ـ

**اَلہٕ پھاہار** ـ رُنتھ اَل ـ یہِ چھ کینٛہہ لوٗکھ تمہِ وٕزٕ کھیوان یلہِ فاقہٕ آسہِ دوٗرمُت ـ

**اَلہٕ تیل** ـ سُہ تیل یُس اَلہٕ بیالہِ منٛز کڈنہٕ چھُ یِوان ـ اَلہٕ بیالِس کوٚڈمُت تیل ـ

**اَلہٕ ٹھیٚچھ** اَلہٕ پاہار چھ پھیرِ تیارِ تہٕ ...

اَلہٕ پھلہار یۄت اَتھس منٛز کھیٚنہٕ باپتھ تُل وِ ـ ورگہٕ وار یا پنہٕ دُہتھر تہٕ کاکذ پرنہٕ بیترِ یمن واٹھ ہیٚوٗہ پانہٕ دِنی لوٚگمُت آسہِ یمن ژرژوٗٹ آسہِ گومُت ـ

**اَلہٕ دٕل** ـ اَلہٕ ہُنٛد دٕل ـ اَلن ہِشہٕ پیٚٹھم کُنٛڈ ـ اَلہٕ کٔگر ـــ

**اَلہٕ زٕلن** ـ اَلہٕ ہُنٛدُ سُہ حِصہٕ یُس نہٕ زِنہٕ یِیہِ ـ (مثلن دٕل ، ہوٚتمُت تہٕ خراب گومُت حِصہٕ تہٕ بیالہٕ بیترِ ـ) اَلہٕ ژھوٗٹھ ـ

**اَلہٕ ژٕوٗر** ـ (۱) اَلہٕ کُلِس ژٕوٗر دِنی ـ ژٕوٗر کرِنی گیہِ کُلِس اُنٛدہٕ اُنٛدہٕ کھچھ بیترِ کڈِتھ نیُن تہٕ مُشروٕ پھرٲوِتھ تھٲوِنی ـ (۲) یُس اَلہٕ ژٕوٗرِ نیِیہِ ـــ

**اَلہٕ کٔگر** ـــ اَلہٕ کُنٛڈ ـ اَلہٕ دٕل ـ

**اَلہٕ کانٛج** ـ اَلہٕ کُلی چہٕ تھیٚچہٕ یِم رُنتھ کھیوان چھ ـ اَلہٕ کانٛل ـ اَلہٕ کُلی چہٕ لٔشہٕ ـــ

**اَلہٕ کُنٛڈ** ـــ اَلہٕ کٔگر ـ اَلہٕ دٕل ـ

**اَلہٕ کُل** ـ اَلہٕ رٲنٛتھ ـ سُہ کُل یَتھ اَلہٕ تیار ...

اَلہٕ کُلِس تُلہٕ کُل — یوٗکچہٕ کتھہِ بُڈٕ ہن کرٕنۍ۔ تَلہٕ کَنہِ ہٕنہٕ کہنِ کتھہ تہٕ تتھہ بُلہٕ تھر کھارٕنۍ۔ پُزٕس اَپُزٕ تہٕ اَپزٕس پوٗز کرِتھ یوٗکچہٕ کَتھہِ زیچھر دیُن —

اَلہٕ گُھنڈٕ — اَکھ اَلہٕ ژُکُل۔ یوٗکُٹ اَلہٕ ٹُکرٕ — اَلہٕ گڈٕرٕ — کوٗرِتھ کھوکھر کرٕمژ اَل، اَتھ چھِ بانہٕ بَدَل تہِ کینٛہہ لوٗکھ وَدٕ تاوان —

اَلہٕ گڈٕ — ہوٗ چھمٕژ کھوکھرٕ اَل یتھ منٛز چیزیِن تھوٚنہٕ۔ چیز تھوٚنہٕ خاطر کھوکھر اَدٕمژ اَل — اَلہٕ نوٗو — گوڈنیُک اَلہٕ سیُن کھیٚنک دوہ۔ وُری یک سہٕ دوہ ییلہِ گوڈنیچہٕ لٹہِ اَلہٕ کھیٚنہٕ —

اَلہٕ وانٛگُن — اَلَن تہٕ وانٛگنَن ہُشد یکجا روٗنمُت سیُن۔ اِکہٕ وَٹہٕ رُنمتۍ اَلہٕ تہٕ وانٛگن

اَلہٕ وُتھر — اَلہٕ کُلنیُک پنہٕ بَرگ —

اَلہٕ وآر — اَلہٕ بارغ۔ سو جاے یتہٕ اَسے یاژٕ وہ پداوہٕ یِن — سہٕ زمینہٕ ژُکُل۔ ییتھ اَسے یاژٕ دٕ دِہٕ آسن آمٕرٕ —

اَلہٕ ہچہٕ والنہِ — (۱) ہوٗکھناوُنہٕ باپتھ اَلہٕ کھنٛجہٕ کرنہِ — (۲) ناٗلی پوٚس تہٕ کرنہٕ تہٕ والنہٕ —

اَلہٕ ہٹ — (۱) ہوٗکھناوِتھ اَلہٕ کُھنڈٕ۔ (۲) ڈابرِ شکلہِ اَل، یہِ چھے ہرٕدِ یَپان تہٕ چھے دِل ٹلتھ وَنہٕ باپتھ ہوٗکھناونہٕ یوان۔

اَلہِ تہِ شاپھہ بلہِ تہِ شاپھہ — ل۔م — اَل اُنیٚ تَن تہٕ تھوکے پان دِیہِ تَن۔ بلایہِ توتہِ تھوکے۔ نہ ہُتھ وار تہٕ نہ یتھ وار۔ گرٕ کھوٚت نہٕ پآزار تہٕ گرِ دوٚتھ نہ پآزار۔

اُلۍ اُلۍ کھسُن — اَلہٕ کُلکہٕ پآٹھۍ ہیوٚر ہیوٚر کھسُن، تہِ دُپتھ گوَ وہُٹُن تہٕ جُسوار بنُن۔ مازلدُن —

اَل عٕ۲ یا اَلہٕ عٕ۱ — (اَل + بآل درع : اَل + ک بآل —)

اَکھ بڑوٗ تھہٕ لوٗگ۔ م : اَل بآل —

اَل عٕ۳ — اَکھ پوٚت لوٗگ یمہٕ منٛز معلؐ مانے چھُ نیران۔ م۔ دارِل (دارِ وول) تیٚکۍ ژٕل (تیکَن وول) کھنِل (کھنہٕ وول)

اَلبد ـ دَسخط ـ (فارسی لفظ "العبد" منز دٔاُمت)
اَلبد کرُن ـــ دَسخط کرُن ـ تلہٕ کُنہِ
پنُن ناو لیکھُن ـــ
اَلکھ ـــ (ک ـ اَلکھ ـ مۆل : اَلکھ > اَلکھ
> س : اَلکشیہ ـــ)
(۱) اَدٕ ریشٹ ـ یُس نہٕ بوز نہٕ ییہِ ـ یُس
نہٕ زانہٕ ییہِ ـ دٕے ـ (۲) شوٗسُند اکھ
ناو (شوٗ پیرِ تے ـ) ـ
اَلم گلم ـ (ن ـ ک ـ اَلم + گلم ـ مۆل : اَلم گلم ـ
> ہ : اَلم گلم ـ ف : اَلم غلم ـ)
اَنگمُ پانگمُ ـ اَنگُ پانگُ دُنتھ
یِپ کرُن ـــ
اَلمنور ـ کٔشیرِ منز دوہ لرِس نِش اکھ گام
اَلاپچھ ـ (م ـ ک ـ اَلاپچھ ـ مۆل : اَلاپچھ
> ک : اَلا + س : تکشہ ـ)
پھنبزار (دِتی) ـ بےٚ تٲبی ـ کُنہِ چیزٕ
باپتھ رَنگ دوڑِ دوڑھ ـ
اَلاٹٲسہٕ ، اَلاٹوٗسہٕ ـ کُر ـ بےٚ فٲیدٕ ـ ییتھ نہٕ
کینٛہہ نیرِ ـ

اَلاٹوٗسہٕ دوٗہ کرٕ لوٗسہٕ ــ ژھرٕ بٹھ
دِنتھ دوہ گُساوُن ـ کینٛہہ کرٕ نے پزارُن
زِ دوہ کرٕ لوٗسہٕ ــــ
اَلال خان ــ (ن ـ ک ـ اَلال + خان ـ مۆل :
اَلال خان ـ)
بوڈٕ موٚہنیوٗ ـ راز کوٚٹ ـ راز شُر ـــ
(اَلال خان ماچھہِ کُس تامہ بوڈٕ موٚہنیوٗ اوسمت)
اَلال خانَن نہٕ کونچ تہٕ پرٕزنَن ہمُز ـــــ
یمَن پیٚز تمَن نہٕ کانٛجک پتہٕ مگر دوہ پرٕن
ترٕیِیم نہ بند تہٕ ـ (ہارِ پاٹھی) یمَن شوٗ یہٕ
ہے تمَن نہٕ دوہ نیا تمَن یمَن نہٕ پیٚز ـــ
اَلاو ــ (ن ـ ک ـ اَلاو ـ مۆل : اَلاو ـ > س :
اَلات ـ ہ : اَلات ـ ف : آلاو ـــ)
گنگ ـ تَتہِ رَس نوٚلمُت نار (تماشہِ
یا وُشنیر باپتھ ـ)
اَلاو تہٕ جلاو ــ (۱) تیتھ سَخ نار ییتھ
رِیہہ ہیوٗر آسہ کھسان ـ (۲) زبردس
تیہ ـ سبٹھا تھوٗد تیچھ ـــ
اَلاے بلاے ـ (م ـ ک ـ اَلاے + بلاے ــ

مۆل : اَلاے بَلاے ۔ (ف : بلا ــــ وَزنہٕ باپتھ اَلاے بَلاے ۔)

(۱) بَلاے بُلی ہتھ ۔ (۲) ژٕنڈ ـــــ مُصیبتھ ـــــ

**اَلایہ بَلایہ کَڈُن** ۔ گُسہٕ میتر ، ادِ دِکہٕ مٔنز تُشر کوٗٹ کَڈُن ۔ آپدا یوٗ نِشہٕ تُشر کوٗٹ بچاوُن ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد مُصیبتھ پانٛس پٮ۪ٹھ ہیتھ سُہ رَچھُن ۔

**اَلایہ بَلایہ نِشہِ رَچھُن** ۔ ناگہانی بَلایو نِشہِ بچاوُن ۔ بَلایہِ بُلی ہتہ نِشہِ رٔژھرُن تکلیفو تہٕ مُصیبتو نِشہِ دوٗر تھوٗن ـــ

**اَلی پَلی** ـــ اکِہ سبزی ہُنٛد ناو ـــ

**اَلہِ عا** ۔ (ان ۔ ک ۔ الہِ ۔ مۆل : اَلہِ ۔ دس : ہَلہَ ـــ)

اَکھ آلہِ یُمہِ سِتی زُمین وایان چھِ ۔ (اَز کَل چھِ اَتھ زمین وایِنہٕ کِس سازی ہٕسے آلس اَلہِ بانٛی تہٕ وَنان ۔)

**اَلَس چھُ پھَل** ـــ محنتس چھےٚ مۆزوری ۔ یِژھ محنت کَرِی تِیُتھ پھَل بُلی ژٕ ـــ

(یِہ چھےٚ گرِیسِتین ہٕنز کتھ ، تہٕ گوٗیس زمین وایِہ سُہ تِمہِ فصل ۔)

**اَلہِ بانٛ ۔ اَلہِ بانٛی** ۔ اَرلِچ پیٹھ ۔ زُمین وایِنہٕ کِہ آرلِچ سوٗیٹ یوس داندن ہٕنز گردَنہِ پٮ۪ٹھ چھےٚ یِوان تھوٗنہٕ ۔ (اَتھ زمین وایِنہٕ کِس سازی ہٕسے آلس تہٕ چھِ وَنان "الہِ بانٛی ۔")

**اَلہِ پھال** ۔ (۱) الہِ بانہٕ ہُنٛد تیغ ۔ اَلہِ بانہٕ ہُندس سُہ حِصہِ یتھ شستر لاگتھ آسان چھُ تہٕ یُمہِ سِتی کھنہٕ چھُ یِوان ۔ (۲) سُہ سوٗرُے اسبابہ یُمہِ سِتی زُمین چھےٚ یِوان وایِنہٕ ، ہِم : اَلہِ بانٛی ، داند ہٕوز بیتر ۔

**اَلہِ دیُن** ۔ زمین اکِہ لٹہِ واَیِتھ بٮ۪یِہ وایِنہٕ دِیان چھِ زٕ اَلہِ دِنہٕ سِتی چھےٚ زمین مٮ۪ٹھان تہٕ وٮ۪نچھ وٮ۪چھ ترٛاٹہِ چھِ پھُٹان ـــــ

**اَلہِ سود** ۔ الہِ بانہٕ باپتھ داندس اَکھ اَکِس یکزُن ۔ زمین وایِنہٕ باپتھ اکھ اَکِس سِتی داند باگ بَٹھ ۔

اَلہِ سٕروٗد = اَلہِ سود ۔ الہِ بانہٕ باپتھ

دانَدن ہُنٛد سرزٕ دیُک استعمال۔ اَکھ اَکِس زیٖن وایِنہٕ باپتھ دانٛد دِتھ پکنُن۔

اَلہٕرکچ — آرکچ۔ پیٚٹھ تہٕ لانٛز جور وَنہٕ باپتھ کچ۔

اَلہٕ وَتھ — سوراٹھ پیارٕ اَلہٕ بأذی اَسہٕ پکناوُن

اَلہٕ۲ ——— (ن۔ ک۔ اَلہٕ۔ مؤل:)

(اَلہٕ۔ (س : ہول۔)

(۱) ہلہٕ۔ ہلہٕ زلہٕ۔ (۲) کانٛبھ —

اَلہٕ اَلہٕ — تھر تھر۔ نَٹھ نَٹھ۔ سَخ اَلہٕ ڈلہٕ —

اَلہٕ اَلہٕ اَژُن — (۱) تھر تھر کرٕنی — تھر تھر اَژنی۔ نَٹھ نَٹھ وِدہ تھنی۔ نَٹھ اَژنی۔ اَلہٕ ڈلہٕ گژھن۔ (۲) بیہ اَژُن — کانٛپھ اَژُن۔ تھر وِدہ تھنی۔ ہیر کھسنی —

اَلہٕ اَلہٕ ژانُن — (۱) تھر تھر ژانٛنی — نَٹھ نَٹھ ژانٛنی۔ (۲) کھوژ ناوُن — ترٛہراوُن۔ کانٛپھ ژانُن —

اَلہٕ ڈلہٕ — اَلہٕ اَلہٕ۔ پَننہٕ جایہٕ ہنٛدٕ ڈرُن ہُن۔ گواے لگنی۔ گوٚر گوٚر —

اَلہٕ ژانُن — اُلراوُن۔ اَلہٕ اَلہٕ کرُن۔ ہلاوُن — کانٛپھ ژانُن۔ بیہ ژانُن — خوف بیٚہناوُن —

اَلہٕ گزار نہٕ گژھُن — کچہٕ کچہٕ نہٕ گژھُن۔ رَژھ نہٕ اَتھ گژھُن۔ کھینہٕ نہٕ فکرِ کھسُن۔ کانٛہہ کتھ نہٕ ترٛنی —

اَلہٕ ناوُن — اَلہٕ ڈلہٕ کرُن۔ گوٚر گوٚر کرُن۔ اُلراوُن —

اَلہٕ وُن — یہ ڈنٛجہ آسہ نہٕ — یہ اَلان آسہ۔ یتھ اَلہٕ ڈلہٕ آسہ گژھان — ڈلہٕ وُن۔ یُس نَٹھ آسہ۔ یُس تھر تھر آسہ۔ نَٹھ نُنٛس —

اَلروُن — اُلراوُن۔ اَلہٕ ڈلہٕ کرُن ہلاوُن۔ (گگوٚس بیترِ)۔ یتھ اَلہٕ ڈلہٕ آسہ گژھان —

اَلروون — یتھ اَلہٕ ڈلہٕ آسہ گژھان۔ یہ پایُس نہٕ پَننہٕ جایہٕ ڈرِتھ آسہ۔ یُس زیر ہُنٛد آسہ۔ یُس پایتھ نہٕ آسہ —

**اَکرٕونین کنٛین** - کنٕہ جایہِ اَپزٕ ے آسُن - ڈٕلہٕ وُن آسُن - دوٗر تہٕ دُرِتھ ہٕز آسُن - تیٚلتھٕ آسُن نہِ اَزٕ چھُ تہٕ پگاہ آسیا —

**اَلُن** — (۱) ڈٕلُن - ہلُن - حرکتھ گژھنہٕ گرٛاے لگنہٕ - (۲) کھوژُن - نٕنٕھ اَژِ نہِ -

**اَلرَن** — (۱) الہٕ ڈٕلہٕ - گوٗزٕ گوٗز —
(۲) تیٚر کھسنہٕ - نٕنٕھ نٕنٕھ اَژِ نہِ —

**اَلراوُن** - (۱) گوٗزٕ گوٗزٕ کرُن — ہلہٕ ڈٕلہٕ کرُن - (۲) کھوژٕ ناوُن — کانٛہہ ناوُن - کانٛسِ بیٚکہِ ژٕراوُن — وُچھِو "اَلرُن" تہٕ —

**اَلرُن** — اَلہٕ ڈٕلہٕ کرُن - ہلاوُن — تھٕرٕ تھٕرٕ ژرانہٕ - دِنَن کہِ نہِ —

**اَلہٕ باَل** - (ن - ک - اَلہٕ + باَل - مۄل : اَلہٕ باَل - (س : آلابُ + بٕلی - بٕلی دَردٕہ (۱) سہٕ اِنسان یُس پانٕے یوت آسہِ ڈیٚٹھرٕ وُمُت - مادٕسرٕ نٕنٛڈٕ - (۲) نٕنٛڈٕ - ہٕانٛدٕ ہیٚتھٕ اِنسان - مُچھِہٕ دوٗ نٕنھ -

**اَلہٕ پلہٕ** - (ک - الہٕ پلہٕ - (س : پٕلہٕ + ک اَلہٕ وَژنہٕ یا پتھ -)
لگ بگ - اَنٛدٕ نٛدٕ - سورُے کینٛہہ بوٗزِتھ - کُل مِلاَوِتھ - لگ بگ سایِلم -

**اِلتموٗن** - (ن - ک - اِلتموٗن - مۄل : اِلتمن (ع : اَل + س تمہٕ + ک اوٗن -)
بیٛموٗدی - کالہٕ کرٕ نٕھ ہیٚتھٕ آسُن - کو کور —

**الہٕ ترانٛگرُ** - (ن - ک - الہٕ ترانٛگرُ — مۄل : الہٕ ترٛنگر - (ک : اَلہٕ + ترٛنگرُ)
سیٛٹھا جنٛجال —

**اَلترٕوچہٕ** - (ک - الترٕوچہٕ - (ک الوٗنٛدٕ + ترٕوچہٕ ؟)
تھامہٕ - آچھہٕ - کنٕہ چیز باپتھ الوٗنٛدٕ گژھُن - کنٕہ چیز خاطرٕ پریشان سپدُن —

**الہٕ دلو** - (ن - ک - اَلہٕ + دلو - مۄل : اَلہٕ دلو - (س : آلابُ + ف دلیو)
(۱) اَلہٕ باَل - یُس مازٕس کُنُے یوت

آسہِ کوٗرمت۔ ماز سرنٛدٕ۔ مُشران ہیوٗہ

اِنسان۔ (۲) یُس نہٕ کُنہِ لگہٕ ہار آسہِ۔

مُرکہٕ موٗنڈٕ۔۔۔

**اَلہٕ شہر۔** سوٚ جاے یتہٕ بےٚ بوٗج تہٕ

ناپرسان آسہِ۔

**اَلہٕ گڈٕ تہٕ ملہٕ گڈٕ تکنہٕ۔۔۔** (س: ملہٕ

= پہلوان + گٹھ + اَلہٕ گڈٕ ونہِ باپتھ)

دٕبہ دٕب ملناوٕنی۔ وُتہٕ بُنیل ملناوُن،

طوٗفان مچاوُن۔۔۔

**اَلہٕ وان۔** (ن۔ک۔ اَلہٕ وان۔ موٗل:

اَلہٕ وان۔ (ع: اَلوان < لون)

پشمینہٕ کپُر۔ کیٛلی پھمبس ووٗنمت

کپُر۔۔۔

**اَلوٗن۔** (ن۔ک۔ اَ + لوٗن۔ موٗل:

اَلون۔ (س: اَ + لوٗنہٕ

یہ نہٕ لوٗنمت آسہِ۔ لوٗنہٕ نہٕ

فصل بیترِ ژٕرِ نے۔۔۔

**اَلوٗگ۔** (ن۔ک۔ اَ + لوٗگ۔ موٗل: اَلگ

(س: اَ + لگنہٕ

نہٕ لگہٕ ہار۔ کُنہِ کامہِ ہُند نہٕ۔

**الوٗم۔** یتھ نہٕ لمنہٕ آسہِ آمُت۔ لمہٕ نے۔

دٕرٕسہِ دٕلے۔ یہٕ کینژھا لمتھ سیوٗد

آسہِ نہٕ کوٗرمت۔ یہ لمنہٕ سیتی زٕ یٹھ روٗد مت

آسہِ نہٕ۔۔۔

**اَلور۔ الوٗہر۔** (ن۔ک۔ الور۔ موٗل:

اَلہر۔ (ک: اَ + لہرُن > لہر)

لہر نہٕ روٗستے۔ یتھ نہٕ لہر نہٕ آسہِ

آمت۔ موٗہر روٗستے۔ یتھ موٗہر

آسہِ نہٕ دِتمُت۔۔۔

**الوٗنت۔** (ن۔ک۔ الوٗنت۔ موٗل: اَلانت

(س: اَو + لمب)

اَویزان۔ اَلہٕ ہُند۔ اَلوٗند۔

**اَلوٗند۔** (ن۔ک۔ الوٗند۔ موٗل: اَلانٛد۔

(س: اَو + لمب)

اَویزان۔ اَلہٕ ہُند۔ الوٗنت۔

**اَلاندٕ ین تھپہٕ کرنہٕ۔۔۔** آوٕ سیمتس

چیزس بیترِ تھپہ کرٕنی۔ تتھ تیمہ دِنی

یہ نہٕ پانہٕ دُر تھ آسہِ۔ گاسہِ کرٕ نیچن

تھٔپیہ دِنہٕ۔ ترٛژھ حالتہٕ پأدٕ گژھنہٕ
نیٚتیجہ کمزورن نشی مدتہ ژھارُن
پیٚیِہ۔ بےٚ پاین نشہٕ وو پاےٚ
ژھانٛڈُن ـــــ

الونٛد ژھانٛڈُن ـــــ توٚتہ واتنٕچ
کوٚشش کرٕنی یوٚت نہٕ پلٕ نہٕ۔ یہ نہٕ
اَتھٕس منٛز ہیٚکہٕ ییتھ تہٕ ژھانٛڈُن۔

اَلےٚ بَلےٚ۔ ہٕنگہٕ منٛگہٕ۔ آتےٚ تاتےٚ۔
کُنہٕ کارنہٕ روٚستےٚ۔ بےٚ وجہ۔ بُلہٕ۔

اَلےٚ پٔڑلےٚ کوٚلےٚ ٹاس۔ فوٚمنوٗل پاٹھۍ۔
تِتھہٕ پاٹھۍ یُس منٛزٕ نہٕ کینٛہہ نیرِ۔ کینٛہہ
چیز کوٚلہٕ بۄزی کرُن۔ یہ چھہ شرٕح
تمہٕ وِزِ ونان ییلہٕ کانٛہہ چیز آلہٕ دِتہٕ چھہ
گنٛڈان گنٛڈان کوٚلہٕ دوان بۄرُتھ۔

اَل بأنٛز۔ وُچھِو "اَلہٕ"
اَل بأنٛز = اَلہٕ بأنٛز

اَل پَل۔ (ن۔ک۔ اَل پَل۔ موٗل: اَل
پَل۔ (ک اَل = شراب، مس +
ک پَل = ماز)
شراب تہٕ ماز بیترِ۔ ورگہٕ ناکارٕ
تہٕ ژھیٚٹھ چیز ـــــ

اَل پَل تہٕ مَل۔ ذٕلٕژلد تہٕ ناکارٕ
کھین یمہٕ سیتی بیمأری ووتھہٕ ـــــ
گنٛدٕ کھین ـــــ

اَلخالِق۔ (ن۔ک۔ الخالِق۔ موٗل: الخالِق
(ترُکی الخالِق)
اَرِقسُک کھُلہ ڈلہٕ ڈوٗپۍ پھُلو دار
چوغہٕ ـــــ

اَلدو بُری۔ بےٚ شونکی پاٹھۍ۔ ژوٗرِ پاٹھۍ۔
تِتھہٕ پاٹھۍ یُتھ نہٕ بیٚیِس خبر لگہِ۔
تِتھہٕ کنۍ یُتھنہٕ وُچھ گژھہِ۔

اَلسیٹھ، الشریٹھ۔ (ن۔ک۔ اَل
سیٹھ۔ موٗل: اَل سیٹھ۔ (ع:
اَل + س۔ سرِشٹھ)
(۱) سٕنح ویوٚسٹھ۔ وبتھہِ۔ لیس سبتھا
ماز آسہٕ کموٚتمُت۔ ناتہٕ داند ـــــ
(۲) ورگہٕ مجہ ووٚشٹھ۔ مُڑ۔ کُنہٕ کامہ
ہُشنٛد نہٕ۔

اَلسٕر یٹھ ہیٚتھ۔ اَلہٕ باٗل ہیٚتھ ناہٕ
دانٛد ہیٚتھ۔ یِتھٕ پیٚتھنہٕ زَن کُنٛہ گٔگی۔

اَلقاب۔ (ن۔ک۔ اَلقاب۔ مۆل:
اَلقاب۔ (ع: القاب (لقب)
لقب۔ خطاب۔

اَلگائبہٕ۔ (ک۔ الگاٮ۪ہٕ۔ (ع: اَل+غیب)
بےٚ شوٗنٛگی پاٗٹھۍ۔ بےٚ خبر پاٗٹھۍ۔
یہٕ تہٕ زانِتھ ماٗنِتھ آسِہ۔

اَلمدتھ۔ (اَلمدتھ (ع: المدد)
شاباش کرنٕک اکھ لفظ۔
(کٔنہِ کامہِ منٛز ہیٚتی باجن دٔرہ کرنس
منٛز یا ہیمتھ بیتر بُڈراوِنہٕ وِزِ وَننہٕ
یوان)

اَلماس۔ (ن۔ک۔ اَلماس۔ مۆل: الماس
(ف: اَلماس)
اکہ جواہرٕک ناو۔

اَلوداع۔ (ن۔ک۔ اَلوداع۔ (ع:
الوداع)
نیرنٕک اجازتھ۔ یہٕ چھہ نیرنہٕ وِزِ

اکھ اَکِس وَنان۔

اَلیُوٗ۔ (ن۔ک۔ اَ+لیُوٗ۔ مۆل: اَلو۔
(س: اَلِپتہٕ)
یُتھ لیُوٗ مُت آسِہ نہٕ۔ یِہ لِوِنہٕ
آسِہ۔ لِوِنے کھوٚ مُت۔ لِوِنہٕ ورأے
لِوِنے۔ یُتھ نہٕ ہُر آسِہ پھیٚرِ مُت۔

اَلیُوکھ۔ (ن۔ک۔ اَ+لیُوکھ۔ مۆل:
اَلیکھ۔ (س: اَ+لکھ
(۱) یِہ نہٕ لیُوکھمُت آسِہ۔ یِہ لیکھنے
آسِہ۔ لیکھنے کھوٚ مُت۔ لیکھنہٕ ورأے
لیکھنے۔ (۲) یُتھ پیٚٹھ لیُوکھمُت آسِہ نہٕ۔

اَلیُوٚو۔ (ن۔ک۔ اَ+لیُوٚو۔ مۆل: اَلیو۔
(س: اَ+لینہہ (رلہہ
یُتھ نہٕ لیُوٚو مُت آسِہ۔ یُتھ نہٕ ذیوٚرِ
سیتی آسِہ پھیش دِتھمُت۔

اَم ۱۔ [اَم۔ (اَمس وٕٹنہٕ چھہ آواز پیٚٹھ)]
گرٕدِ یِیہ۔ اَمِس اَندر ہیو نٕڈر رُتُن۔
یہٕ چھہ اکھ شرٛی لفظ۔

اَم کرُن۔ گرٕدِ پیس لدُن۔ اَمِس

منز میوٗنڈ ردٕ ٹن ــــ

**اَمٹھور** ۔ (ن۔ک۔ اَ + مٹھور ۔ مۆل : اَمٹھار ۔ (س : اَ + مرشٹھ ؟)
یہ ہٕ مٹھورمُت آسہِ ۔ یہ ہٕ سۆم آسہِ کوٗرمُت ۔ سۆتُر ہٕ بنوومُت ۔ بٹھ بیتر ہٕ کوٗڈمُت (ٹھاٹھ نٹھرن دوکرِ بیترٕ سیتی بانس بیترِ) ــــ

**اَمر** ۔ (ک ۔ امر ۔ مۆل : اَمر ۔ (س : اَمرہ)
نہ مرن وٗن ۔ دۆہے آسن وٗن ــــ شو سُنٛد اکھ ناو ــــ

**اَمر** ۔ اکھ پۆٹ لوٗگ یُس گۆڈنٕرٕ سیتی لگان چھُ ۔ مطلب لگ بگ ۔ م : اُہٹھ مرٕ نوٕ مرٕ ــــ

**اَمربُوٗتھ = اوٗمبربُوٗتھ** ــــ
(ن۔ک۔ اَمربوٗتھ ۔ مۆل : امربوٗتھ ۔ (س : اَمر + ابھوٗتہ)
امرناتھک گُپھِ کَنِہ ہُنٛد بسم یُس یاترِی بانس مُتھان چھُ ــــ

**اَمرناتھ = امبرناتھ** ــــ (ن۔ک۔ اَمرناتھ ۔ مۆل : اَمرناتھ ۔ (س : اَمرہ ناتھ)
(۱) نہ مرن وٲلین دیوتاہن ہُنٛد زیٹھ ۔ شو سُنٛد اکھ ناو ــــ (۲) کٔشیر ہُنٛد اکھ مشہور تیرتھ ، یوٗت پزتھ جایہِ پیٹھ یاترِی واتان چھِ ــــ

**اَمنٛدوٗچھ** ۔ (ن۔ک۔ اَ + منٛدوٗچھ ۔ مۆل : اَمنٛدچھ ۔ (س : اَ + منٛد + اکشہ)
یُس نہ منٛدچھ آسہِ ۔ یُس نہ منٛدچھ ۔ بےٚ منٛدچھ ۔ بےٚ شرم ــــ

**اَما ۱** ۔ (اَما (ع : اَمّا)
دلیو ۔ کیا ستا ــــ

**اَما ۲** ۔ (اَما (ع : اَمّا)
مگر ۔ امہِ ہلاوٕ ۔ یہ اُستھ تہٕ ــــ

**اَماپوٗز** ــ مگر ۔

**اَماس** ۔ (ن۔ک۔ اَماس ۔ مۆل : اَماس ۔ (س : اَ + ماسہ = اَپُز ماز)
پھوکہِ ماز ۔ مازس کھوتمُت پھوکھ ۔ ہُنبر ۔ اَپُز ماز ۔ مازک شہ ویچھر یُس ناہ انسانس کیٛت جان آسہِ ــــ

**اَمانتھ** - (ن-ک-اَمانتھ-مؤل: اَمانت-
(ف: اَمانت (ع: اَمانۃ)
پرٛتھ بیٚیہٕ کانٛہہ نِش تھوٚوٕمُت کانٛہہ
چیز بیتر- حوالہٕ تھوٚوٕمُت چیز-----

**اَمانتَس خیانتھ** - اَمانتس یَب-
اَمانژ نَلم کرُن- حوالہٕ تھوٚوِمتس چیزس
بیتر اَلم گلَم کرُن ---- اَمانتھ تھوٚوٕمُت
چیز کھیوٚن----

**اَمانتھ چیز** ---- تِم کاکذ یِمَن پیٚٹھ
اَمانتھ تھوٚوِمتی چیز بیتر درج آسن-

**اَمانتھ دِیُن** ---- (۱) اَمانتھ واپس
کرُن- حوالہٕ تھوٚوٕمُت چیز واپس
دِیُن- (۲) مرُن ----

**اَمانتھ گُذار** ---- یُس نِش کینٛہہ
حوالہٕ تھوٚوِنہٕ ----

**اَماوَس** - (م-ک-اماوس- مؤل: اَماوَس
(س: اَماوسیا)
ماوس- گٹہٕ پچھُک پُنٛتِمُ دۄہ-

**اَمانی** - (ک-اَمانی- مؤل: اَمانی- (ف:
اَمانی)
اکھ قِسمُک بوٚنٛدبست یتھ مُطابِق سرکار
فصلُک اکھ حِصہٕ نِوان چھُ ----

**اَمہِ** - (م-ک-اَمہِ- مؤل: اَمہِ- (س: اِم)
(۱) یوٚس وُچھِتھ آسہِ تمہِ- یوٚس خبرِ
تلےٚ آسہِ تمہِ- یوٚس نظرِ تل آسہِ تمہِ ----
(۲) یوٚس یہ چھےٚ- یوٚس یہ وَنِتھ آیہِ-
تمہِ کتھہِ یا چیزٕ کِنہِ- م: اَمہِ موکھہِ-
اَمہِ کتھہِ، اَمہِ جایہِ ----

**اَمہِ اَپارِ** ---- اَتھ اوٚری- اَتھ بڑوٚنٛہہ
کُن- امہِ پتھ کُن- یہ منٛز ترٛاوِتھ
بیٚیِس طرفَس ----

**اَمہِ اَپارِ کِنہِ** - اَپاری ہور کُن- اَپاری
بڑوٚنٛہہ کُن برابر- اپاری پتھ کُن برابر-

**اَمہِ اَپاری کِنہِ** ---- امہِ کِہ بیٚیہِ طرفہٕ-
اتہِ پیٚٹھہٕ بڑوٚنٛہہ کُن- اتہِ پیٚٹھہٕ بڑوٚنٛہہ-
اَتہِ اوٚری- اَتھ اوٚری- اَتھ جایہِ
اوٚری ہُنٛد ----

**اَمہِ اَپارِیمُ** ---- اَتھ ہورِ گژھنُک-

اَتھ اَپارٕ تیُم ــــ

**اَمہِ اَپور** ــ (۱) امہِ برٛونٛہہ کُن ــ
امہِ پَتھ کُن ــ اَتھ اوٚری کُن ــ ہو جلے
تُراوِتھ برٛونٛہہ کُن بیٚیِس جایہِ ــ (۲) امہِ
عَلاوٕ ــ م : امہِ اپور زانہِ خوٚ ہا ــ

**اَمہِ اپور کُن** ــ (۱) امہِ کِس ہور کِنہٕ
کِس طرفس ــ وُچھو "امہِ اپور" تہٕ ــ
(۲) امہِ علاوٕ ــــ

**اَمہِ اَنٛدرِ ی** ــ امہِ مَنٛزٕ ی ــ

**اَمہِ اَنٛدرٕ** ــ (۱) امہِ مَنٛزٕ یُس چیز
نَظرِ تَل یا خبرِ منٛز چھُہ تمہِ منٛزٕ ــ
م : امہِ اَنٛدرٕ ڈرام کیوم ــ (۲) اَمیُک
کانٛہہ بوگ، اَمیُک کانٛہہ حِصہٕ الگ گژھتھ
یا بوٗزِتھ ــ م : امہِ اَنٛدرٕ گژھہ ہیٚے
تہٕ رٕژھا ــ امہِ اَنٛدرٕ کیٛاہ زونُتھ دوہی ــ

**اَمہِ باپتھ** ــ اَوٕ موکھہٕ ــ اوٕ کِنہٕ ــ امہِ
سَبَبہٕ ــ امہِ غرضہٕ ــ اَتھ کُن نظر تھوٗوِتھ ــ
امہِ پَتہٕ ــ یہِ سپدِتھ ــ یہِ کرِتھ ــ یہِ
کرنہٕ پَتہٕ ــ یہِ موکلاوِتھ ــ

**اَمہِ پَتھ کُن** ــ (۱) امہِ کہ پُتہٕ مہِ طرفہٕ ــ
(۲) امہِ اپور ــ امہِ عَلاوٕ ــ م : امہِ
پَتھ کُن زانہِ خوٚ ہاے ــ

**اَمہِ پارٕ ریک** ــ امہِ طرفُک ــ یہِ امہِ طرفُک
آسہِ ــ امہِ جایہِ مُتھنٛد ــ

**اَمہِ پِتیُم** ــ (۱) یُس امہِ پتہٕ زامُت
ڈرامُت یا آمُت بیتر آسہِ ــ
(۲) یُس اَتھ پتہٕ واریہ آسہِ ــ

**اَمہِ پاٗرٕ ی** ــ امہِ طرفہٕ ــ امہِ اَنٛدٕ ــ
اَپارٕ ی ــ **اَمہِ پٮ۪ٹھی** ــ امہِ موکھہٕ
ــ امہِ سَبَبہٕ ــ اَوٕ کِنہٕ ــ

**اَمہِ پٮ۪ٹھ کارٕ** ــ پتہٕ باٗٹھو ــ یمہِ طریقہٕ ــ
امہِ پٮ۪ٹھ کاری ــ امہِ پٮ۪ٹھ کارٕ ــ امہِ طریقہٕ ــ

**اَمہِ خاطرٕ** ــ امہِ موکھہٕ ــ امہِ باپتھ ــ
امہِ سَبَبہٕ ــ اوٕ کِنہٕ ــ

**اَمہِ رنٛگہٕ** ــ (۱) امہِ رنٛگُک ــ اَتھ
رنٛگس پیٹھ ــ (۲) امہِ طریقہٕ ــ امہِ
جایہِ ــ امہِ وَتہٕ ــ

**اَمہِ ریٖشہ** ــ (۱) امہِ طریقہٕ ــ امہِ وَتہٕ ــ

امہٕ جایہٕ - امہٕ پٔژکأری - امہٕ چالہٕ — (۲) امہٕ رسمہٕ - امہٕ رسمہٕ موٗجوٗب —

**اَمہٕ سستی** — (۱) امہٕ کرٕ ذرٕ ی یہٕ — (۲) اَوٕ کنۍ - م : امہٕ سستی کیاہ گو —

**اَمہٕ طرفہٕ** — امہٕ اندٕ - امہٕ وَترٕ - اپأری - اپأری کنۍ —

**اَمہٕ طرفُک** — اَپأریُم - اپأری کنیُک امہٕ اندٕ مُک —

**اَمہٕ کنہٕ** — (۱) اَوٕ کنۍ - اَوٕ سببہٕ — اَوٕ موکھہٕ — (۲) اَکھ بدلہٕ - م : امہٕ کنہٕ گوٗڈہ نقدٕ ے واتُن — (۳) امہٕ کھوتہٕ - م : امہٕ کنہٕ اوٚسُس مَرنُے جان —

**اَمہٕ کارنہٕ** — امہٕ وَجہ کنۍ - اَوٕ کنۍ — اَوٕ موکھہٕ - اَوٕ سببہٕ —

**اَمہٕ کنۍ** — اَوٕ کنۍ - اَوٕ موکھہٕ - اَوٕ موٗجوٗب

**اَمہٕ موٗجوٗب** — امہٕ وَجہ کنۍ - اَوٕ موکھہٕ اَوٕ سببہٕ - اَوٕ کنۍ - امہٕ کارنہٕ —

**اَمہٕ موکھہٕ** - یہٕ وَجہ آسنہٕ کنۍ — یہٕ کارن آسنہٕ سببہٕ - اَوٕ خاطرٕ —

**اَمہٕ وُشأرٕ** - امہٕ وَجہ کنۍ - امہٕ سببہٕ - اَوٕ موکھہٕ —

ای **اَمےٚ ع۱** - یوسہٕ یہٕ ژھےٚ تمےٚ —

امی **اَمےٚ ع۲** - اَوٚ ے - اَوٚ ے کنۍ — امےٚ سببہٕ - اَوٕ موکھہٕ —

**اَمےٚ پاپتھ** — یہوٚ ے وَجہ آسنہٕ کنۍ - اَوٚ ے کنۍ - اَوٚ ے موکھہٕ - اَمےٚ خاطرٕ - اَمےٚ پٔژھو (بیٚیہٕ نہٕ کُنہٕ کنۍ)

**اَمےٚ پیٚترٕ** - یمےٚ سٟید تھٕ - یمےٚ کرٕ تھٕ - یمےٚ سٟیدنہٕ پیٚترٕ - یمےٚ کرنہٕ پیٚترٕ - اُتھۍ یوت پیٚترٕ —

**اَمےٚ پاریُک** — اَمےٚ طرفُک — اَمےٚ جایہٕ ہُنٛد یوت - اپأری مےٚ یوت - اترٕ کُ —

**اَمےٚ پأری** — اَمےٚ یوت اَندٕ — اپأری مےٚ یوت - خاص امےٚ جایہٕ ہُنٛد -

**اَمےٚ پٔژکارٕ** - یتھےٚ پاٹھۍ - یمےٚ طریقہٕ - یمےٚ چالہٕ -

**اَمےٚ پٔژکأری** — وُچھو "امےٚ پٔژکارٕ"

اَمِہ خاطرٕ — اَمِہ موکھہٕ - اَمِہ سَببہٕ
یہوٗے وَجہ آسنہٕ کِنہٕ - اَمِہ کارنہٕ -

اَمِہ رٔنگہٕ — (١) اَمِہ رٔنگک - اُتھ
رٔنگس پیٹھ — یتھ یہوٗے رٔنگ
چھُ — (٢) اُتھ طرٟقس منز - اَمِہ
خاص طرٟقہٕ - اَمِہ طرٟقہٕ یوت —
اَمِہ وَتہٕ یوت —

اَمِہ رٟتہٕ — (١) اَمِہ طرٟقے - اَمِہ
وَتہٕ یوتے - اَمِہ یوت چالہٕ - اَمِہ
یوت پڑکارٕ - (٢) اَمِہ یوت رَسمہٕ
کِنہٕ - اَمِہ یوت رٟواجہٕ —

اَمِہ سٟتی — اَمِہ کِنہٕ - اَوَے کِنہٕ -
یہوٗے وَجہ اوس —

اَمِہ طرفہٕ — اَیٲرٕ کِنہٕ - اَمِہ اَنٛدٕ -
اَیٲرٕ یوت —

اَمِہ طرفک — (١) اَمِہ اَنٛدک -
اَیٲرِمُے - (٢) اَمِہ پَکھٕچیک - اَمِہ
درٕمیک —

اَمِہ کِنہٕ — (١) اَوَے - اَوَے سَببہٕ -
اَوَے موکھہٕ - اَمی سٕنٛدی باپَتھ یا
اَمِہ باپتھ ییتر - (٢) اُتھ بدلہٕ —
(٣) اَمِہ اَنٛدٕ - ح: اَمِہ کِنہٕ ہیٚیو میٚنٛز -

اَمِہ کِنی — اَوَے موکھہٕ - اَمِہ سَببہٕ -
یہوٗے وجہ آسنہٕ کِنہٕ - اَمِہ موٗجوٗب -

اَمِہ موٗجوٗب — اَمِہ کِنی - اَوَے
موکھہٕ - اَمِہ سببہٕ - یہوٗے وجہ
آسنہٕ کِنی —

اَمِہ موکھہٕ — خاص کٔرتھ اَوَے سببہٕ
صرف اَمِہ موٗجوٗب - اَمِہ کِنہٕ —
اَوَے کِنی —

اَپارِ کَنٛٹیک — (ن - ک - اَپارکَنٛٹیک
موٗل: اَپارکَنٛٹہٕ <س: اَپارہٕ + کرتے)

اَپٲریُم — ہُمہِ طرفک - ہُمہِ اَنٛدک -
ح: اَپارِ کنٛیُن —

اَتھہ برابر — <س: ایتتھ + ف. برابر
یہوٗے یوتا - یوتا یہ چھُ تیوٗتے —
یوتا یہ وُ تیوٗتے —

اَتھہ پیتر — <س: ایتتھ پشچات)

اَمہِ پَتہٕ - یہٕ سَپِد تھ - یہٕ کرِتھ -
یہٕ کرِنہٕ پَتہٕ - یہٕ موکلاوِتھ -

**اَتھ کُن** - (س: ایتتھ + کون -)
اور کُن - اَتھ طرفس - اَپارِ -

**اُسُنڈ** - اُمی سُنڈ -

**اَوے** - (اَوے دک اَ = یہٕ +
س: اَے وآ -)
اَمے - اَمے موکھہٕ - اَسے کِنہٕ -
اَمے سَبَبہٕ -

**اَوے باپتھ** - یہوے وَجہ آسنہٕ
کِنہٕ - اَمے کِنہٕ - اَمے موکھہٕ - اَمے
غاطرٕ - اَمے پُڑھو -

**اَوے غاطرٕ** - اَمے موکھہٕ - اَمے
سَبَبہٕ - یہوے وَجہ آسنہٕ کِنہٕ - اَمے
کارنہٕ - اَوے کِنہٕ - اَمے -
اَمے سَبَبہٕ - اَمے موکھہٕ -

**اَوے کارنہٕ** - اَمے وَجہ کِنہٕ -
اَمے موکھہٕ - اَسے سَبَبہٕ - اَمے
کارنہٕ

**اَوے کِنہٕ** - اَمے موکھہٕ - اَمے سَبَبہٕ
یہوے وَجہ آسنہٕ کِنہٕ - اَمے موجوٗب

**اَوِ اَپور** - (۱) اَمہِ اَپور - اَتھ اوٗرِ
کُن - اَمہِ بٔرونٛہہ کُن - اَمہِ پَتھ کُن -
ہو جاے تہٕ اَوِ تھ برونٛہہ کُن بیٹھس جایہِ
(۲) اَمہِ علاوٕ - ہم: اَوِ اَپور زانتہٕ سُے -

**اَوِ اَپور کُن** - (۱) اَمہِ اَپور کُن -
اَتھ ہور کِنہٕ - (۲) اَمہِ علاوٕ - وُچھو
"اَمہِ اپور کُن" تہٕ -

**اَوِ باپتھ** - اَمہِ باپتھ - اَوِ موکھہٕ -
اَمہِ کِنہٕ - اَمہِ سَبَبہٕ - اَمہِ غرضہٕ - اَتھ
کُن نظر تھوٗوِتھ -

**اَوِ پَتہٕ** - اَمہِ پَتہٕ - یہٕ سَپِد تھ -
یہٕ کرِتھ - یہٕ کرِنہٕ پَتہٕ - یہٕ موکلاوِتھ -

**اَوِ پَتھ کُن** - (۱) اَمہِ پَتھ کُن -
اَمہِ کرِ پُتہٕ مہٕ طرفہٕ - اَمہِ ہِپارِ - اَمہِ
ہور - (۲) اَمہِ اَپور - اَمہِ علاوٕ -
ہم: اَمہِ پَتھ کُن زانتہٕ دے -

**اَوِ پُڑھی** - اَمہِ پُڑھی - اَمہِ کِنہٕ -

اَمہِ موکھٕ ۔ اَمہِ سَبَبہٕ ـــ

اَوٕ خاطرٕ ـــ اَمہِ موکھٕ ۔ اَمہِ باپتھ ۔

اَمہِ سَبَبہٕ ۔ اَمہِ کِنی ـــ

اَوٕ کِنہٕ ـــ (۱) اَمہِ موکھٕ ۔ یہوٗ سے

سبَب آسنہٕ کِنی ۔ اَمہِ کِنی ۔ اَمہِ کِنہٕ ۔

(۲) اَتھ بَدلہٕ ۔ (۳) اَمہِ کھوتہٕ ـــ

م : اَوٕ کِنہٕ اوسُس مَرنے جان ـــ

اَوٕ کارنہٕ ـــ اَمہِ کارنہٕ ۔ اَمہِ سببہٕ ۔

اَمہِ موکھٕ ۔ اَمہِ کِنی ـــ

اَوٕ کِنی ـــ اَمہِ کِنہٕ ۔ اَمہِ موکھٕ ۔ اَمہِ

سَببہٕ ـــ

اُتھی ـــ (اُتھی ک : اَ = یہِ + تھ

ـ ہی ـــ)

یُس یہِ چھُ تِتھی ـــ

اُتھی برابر ـــ یُس یہِ چھُ تیوٗتُے ـــ

یُوتا یہِ چھُ تیوٗتُے ۔ یوٗت یہ یوٗتیوٗتے ۔

اُمی ـــ اَمی ۔ (ک : اَ = یہِ + م + ی)

یُس وَنہٕ چھُ تمی ۔ یَیہٕنز کتھ چھےٚ

تمی ۔ اُوٕ سُند ـــ اَسُند ۔ یُس وَنہٕ

چھُ یا یَیہٕنز کتھ چھےٚ تَسُند ـــ

اُمی سُندُے ـــ اَسُند ۔ اَسُندیوٗت ۔

اُمے ۔ تمی یَیہٕنز کتھ چھےٚ یا یُس

وَنہٕ چھُ ۔ صرف اُمی ـــ

اَمہٕ ـــ (م ۔ ک ۔ اَمہٕ ۔ مؤل : اَم ۔ ع :

اُمّ ۔)

(۱) دید ۔ ماج ۔ ماجہِ برابر گرِچ کانہہ

زنٛانہٕ ۔ (۲) گانَن ہٕنز زیٛو گو اَمہٕ پھاپھا

گُتھی یا بُڈٕ گانی ـــ

اَمہٕ راٰئی ـــ (م ۔ ک ۔ اَمہٕ راٰئی ۔ مؤل : اَمہٕ

راے ۔ (س : اَمرَہ + پراکرت اِکا ۔)

اکھ کُلِ ذاتھ ـــ

Arabic ع ـــ اَمن

اَمن ـــ (ن ۔ ک ۔ اَمن ۔ مؤل : اَمن ۔)

گرٕ بڑ نہٕ آسُن ۔ جنگ ۔ بیترٕ نہٕ آسُن ۔

شانتی آسنی ـــ

اَمہٕ نے ـــ (ک ۔ اَمہٕ نے د آوازٕ بیٹھ ۔

کھسنس چھِ ونان اَم ۔)

تمہ ساتہ یوان وننہٕ یلہِ شُرِس کیشہہ آران

چھ - اکھ شرٗی لفظ - وُچھو "امہ" ء" تہ
اَمہِ نے تہ گرٗدٹھ - شُرُس کینٛہہ آپرٛنہٕ
وِزِ وَننہٕ یوان "تہِ دُیتھ گوٗ اُس دار
تہ ہر وال" اکھ شرٗی لفظ -

اَمہِ نے گمہ نے - اک - اَمہِ نے گمہ نے ---
(س : اَ+مَن +وزنہٕ بابتھ گمہ نے -)
ٹاکین واہراونہٕ آمُت - من اور نہٕ
یور آسُن - مَن دِیا کُل آسُن - پریشان
آسُن - [گریرسن]

اَمہِ ہور - (ن - ک - اَمہِ ہور - مؤل : اَمہ ہارا
شرٗنٛٹے دتھ - بیوان بیوان یا دانہٕ
دانہٕ گژھنہٕ وراٴے - (بتہ "مؤد ریربتہ)
(گریرسن) ----

اَپُھ - (ن - ک - اَنچھ - مؤل : اَپچھ ---
(س : اَ+ پچ -)
(۱) فاقہٕ بتہٕ پچھِ نے ترٛوومُت "
تہ گوٗ فاقکو رسم پوٗر کرنے تھوی میٖتہ ---
(۲) یمہِ سِتہٕ فاقچ پانٛدی دوٗ تھرٛسہ
رسم کرنے تھوومُت - ہم : اَنچھ کاہ -

اَمُن - (ن - ک - اَ+ مُن - مؤل : اَمُن ---
(س : اَ+ مردن --)
مُنہٕ تے - دوٗ ہنے - توٗل کڈنے
دانہٕ بیتر - کنٛز کڈنے -

اَموٗر - (ن - ک - اَ+ موٗر - مؤل : اَموٗر -
(س : اَ+ مرشنٛد --) ?
یتھ نہٕ موٗرن آسہ دِژمرٕ - یہ نہٕ
موٗر مُت آسہ - موٗر نہٕ وراٴے - موٗرنَے
یتھ نہٕ پھشہِ سیٖتی دِل آسہ تُلمُت -

اَموٗنٛتُر - (ن - ک - اَ+ موٗنٛتُر - مؤل : اَمانٛتر
(س : اَ+ منترِ + تھہ --)
مانٛترنے - یہ یا لیٖس مانٛتراونہٕ آسہ
نہٕ آمُت - مانٛتراوُنے تھوومُت ---
مانٛترنہٕ وراٴے - مانٛتھرِ یا منٛترَ
پرنہٕ وراٴے ---

اَموٗتھ - (ن - ک - اَ+ موٗتھ - مؤل : اَمتھ
(س : اَ+ متھ --)
(۱) یہ نہٕ موٗتھمُت آسہ - یہ نہٕ
موٗلمُت آسہ - (۲) یتھ نہٕ کینٛہہ

موٗتھمُت آسہِ ۔

**اموٗل ع۱** (ن۔ک۔ اَ+ موٗل ۔ موٗل : اَمَل
(پراکرت اَ+ مَل ۔ (س : اَ+ مرِد)
یہِ ہُنہٕ موٗلمُت آسہِ ۔ یہِ ہُنہٕ موٗتھمُت
آسہِ ۔ (۲) یتھ ہُنہٕ کیتھہ موٗتھمُت آسہِ ۔

**اموٗل ع۲** (ن۔ک۔ اَ+ موٗل ۔ موٗل : اَمل ۔
(س : اَ+ مولیہ ۔)
(۱) مولہٕ روٗس ۔ مُفتُک ۔ پیتھے ۔
ہارو روٗستے ۔ (۲) تیوٗت موٗلُل زِموٗہے
یَیس ہُنہٕ کرہُنہٕ ۔ سیٹھاہ موٗلُل ۔

**اموٗنڈ** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ موٗنڈ ۔ موٗل : اَمنڈ ۔
(س : اَ+ منتھ ۔)
(۱) یہِ چھو کُنے آسہِ ۔ یتھ ہُنہٕ چھوٗپ
آسہِ ڈیتھمُت یا ڈیاہُنہٕ سِلتی آسہِ منڈِ نے ۔
یہِ ہُنہٕ موٗنڈمُت آسہِ ۔ یہِ منڈ نے آسہِ ۔
(مشکل دوہ دِیتر) (۲) یتھ پلیٹھ ہُنہٕ
واہِ سوٗنچمُت آسہِ ۔ یتھ ہُنہٕ واہِ دِل آسُن
آمِتی دِ ہُنہٕ ۔ یتھ ہُنہٕ چھٹھ آسہِ کُڈرش ۔
یہِ وبڑھناونے آسہِ ۔

**اموٗنڑ** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ موٗنڑ ۔ موٗل : اَمنڑ ۔
(س : اَ+ مرِد ۔)
یہِ ہُنہٕ لتھ دِتھ چھوٗلمُت آسہِ یا ڈوٗمرِ ووٗمُت
آسہِ ۔ یہِ ہُنہٕ موٗنڑمُت آسہِ ۔
منڑنے تھوٗومُت ۔ منڑنے ۔

**اموٗنگ** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ موٗنگ ۔ موٗل :
اَمنگ ۔ (پراکرت اَ+ مگہ ۔ (س : مارگہ)
منگہِ نے ۔ یہِ ہُنہٕ موٗنگمُت آسہِ ۔
یہِ منگہِ نے میلہِ ۔

**اموب** ۔ (ک : اموب ۔)
ژُرِہ پاٹھی ۔ یُژ پاٹھی ۔ م : اموب
ڈیٹھ مَس سوے لادن ۔

**اموٗنج** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ موٗنج ۔ موٗل : اَمانج ۔
(س : اَ+ مارج (مرج ۔) پراکرت
منج ۔)
مانجہ نے ۔ صاف کرنے ۔ (بانہٕ بیتر)
یہِ ہُنہٕ موٗنجمُت آسہِ ۔ یہِ مانجنے آسہِ ۔
مانجنے تھوٗومُت ۔ یتھ ہُنہٕ صاف کرنہٕ
باپتھ گَس آسہِ دِنہٕ آمُت ۔

اَمونٛڈ ـ (ن-ک-اَ+ مونٛڈ- موٗل : اَمانٛڈ
(س : اَ+ مرٗد-)
یِہ مانٛڈِتھ آسہِ تہٕ آمُت مانٛڈنَے
تھوٗمُت - یہ نہٕ مانٛڈِتھ آسہِ - یَتھ
نہٕ موٗتھ آسہِ دِرٛمرٛ- (اوٹ بیترٕ)
اَمٕب ع۱ - (م-ک-اَمٕب -موٗل : اَمٕب-
(س : آمرہ > پرٛاکرِت اَمٕب-)
اکِہ میوٗک ناو، اکِہ پھلک ناو ـــ
اَمٕب ع۲ - اکِہ قِسمکہ کُنڈی دوٗہ نُک یا
زَنٛڈٕ لک ناو - (اَلمزی)
اَمبَر ع۱ (ن-ک- اَمبَر- موٗل : اَمبر- (ف :
اَنبار-)
بوٗڈ ڈیر- لود- بنار ـــ
اَمبَر کرُن ـ ڈیر کھارُن - ڈیر بناوُن
لود لدُن ـ
اَمبَرس آسُن ـ قِسمکس ڈیرس منٛز
موٗجود آسُن - (آسے - وانٛس بیترٕ-)
اَمبَرس کرُن - کُنِہ چیزُک ڈیر بناوُن
لود کھارُن ـ

اَمبَر ع۲ پلو، پوشاکھ -
اَمبار - (ن-ک-اَمبار- موٗل : اَمبار ـــ
(ف : انبار-)
بوٗڈ ڈیر- لود- بنار- وُچھو "اَمبَر" تہٕ
اَمبرٕ - (ن-ک-اَمبرٕ-موٗل : اَمبر ـــ
(س : اَمَر-)
اکھ خاص مُشک دار میوٕ- یہ چھُ
کیٛنٛژن لفظن سیتی برٛوٗنٛہہ لوٗگ بنان-
م : اَمبرٕ ترٛیل - اَمبرٕ ژوٗنٛٹھ بیترٕ-
اَمبرٕ ترٛیل - اکہ قسمُک لوکُٹ ژوٗنٛٹھ
یَتھ اکھ خاص خوشبوٗ آسان چھےٚ -
اَمبرٕ ژوٗنٛٹھ - تھدِ قسمِچ اکھ ژوٗنٛٹھ
ذاتھ یوٚس بادرٕی پیٚٹھس منٛز پیپان چھےٚ
اَمبر چھُ داریاہس کالس روزِتھ ہیکان-
اَمبوٗرٕ - (ن-ک-اَمبوٗرٕ-موٗل : اَمبوٗر-
(ف : دمبوٗر-)
(۱) زوٗمبوٗرٕ- دَنٛد کرٛٹنک شَرٛنٛز ـــ
(۲) شہ لوکُٹ شرٛنٛز یمہِ سیتی سونَر
تار چھ لُمتھ زٕیچھراوان ـــ

اَم دَم - (ک - اَم دَم - (ع : عمداً -) زانِتھ مانِتھ -

اَمرِ یتھ - (ن - ک - اَمرِیتھ - مؤل : اَمرِت - (س : اَمرِتہ -)

لَسن ووفی - آبِ حیات - سہ آب یُس چیتھ وَنتہٕ پأٹھۍ مَران چھنہٕ -

اَمرِیتہٕ نَل - اَمرِیتھ - اَمرِیتہٕ ووفی -

اَمیوٗل - (ن - ک - اَ + میوٗل - مؤل : اَمیل (س : اَ + مِل -)

(۱) یِہ نہٕ میلِہ - یہ نہٕ بٔییس چیزس سیتۍ حل سپدِ - (۲) یِہ نہٕ ہِشر کھیٚیہ - یِہ نہٕ کُنہِ دوٚیمِس چیزس سیتۍ رَلِہ - (۳) یِہ نہٕ میلوٗن آسہِ - نایاب -

اَمیوٗن - (ن - ک - اَ + میوٗن - مؤل : اَمین دس : اَ + مِہ (ما -)



یِہ نہٕ میٚنِتھ آسہِ - یِہ نہٕ توٗلِتھ آسہِ - میٚشرہِ ہینے - میٚشرِ ورأے -

اَن ۱ (ن - ک - اَناج - مؤل : اَناج - (س : اَنّہٕ -)

اناج - کھیٚن - کھیٚنہٕ باو - (بتہ - زوٗٹ بیترِ -)

اَنہٕ پان - کھیٚن چَن -

اَنہٕ پراشُن - شُرِس گوڈنِکہِ پھِرِ اَن دِنُک رسم - اوپ زوپ -

اَنہٕ کَن - اَناج - بَتہٕ بیٚنڈ - اَنہٕ مایہ -

اَنہٕ گگرُ - اَکِہ قِسمُک گگرُ - یُس پھکھ یِوان چھُ -

اَنہٕ مایہِ - سُہ کِمے کھیٚن یُس بیرِ امِس بوچھِہ ژٕلراوِنہٕ باپتھ دِوان چھِہ -

اَنہٕ موٗر - اَکِہ قِسمُک داں گگرُ -

اَنہٕ موٗرِ شتر نز - لوکُٹ شترنز یُس اَنہٕ موٗرِ ہِشر شکلِہ چھُ آسان -

اَنہٕ موٚٹھ - موچھِہ سوٚمب توٗلُ یا اوٚٹ بیترِ - کم یہَن اَناج - اناجہ رژھا -

اَنہٕ میٚٹ - اَنہٕ پیٛوٗشتا - بَتہٕ موٚ یار - میٚنڈِس سوٚمب بَتہٕ رژھا -

اَن پَن - اَناج بیترِ - کھیٚن بیترِ -

اَن کرُن - بتہٕ کھیٚون - خاص کرِتھ تِمہِ ساتہٕ یوان وَننہٕ یلِہ کانٛسہِ بزرگس

وُنُن آسہ زِ "تَوہہ کھیوٗوِ کھیٚن"۔

**اَن کاٹھ** ۔ اَناجکو وُستھ قسم۔ یِم غریب لُوکھ کھیوان چھہ (دال، وشکہ بیتر)

**اَن کِتری** ۔ اکھ دان گگر ذاتھ۔

**اَن کوٗٹھ** ۔ سُہ غارا تھ یتھ منز اناج باگرنہٕ چھہ یِوان۔ سُہ خاص بوٗدُ دوہ ٹیلہ توٗل، مِٹھائے تہٕ باقی کھینہٕ چیز مُفت باگرنہٕ چھہ یِوان۔

**اَن ۲** ۔۔۔ (ک۔ اَن۔ موٗل : آن۔ (س : آنَے۔)

بیٚیہ جایہ پیٹھہ واتناو۔

**اَنہٕ ناوُن** ۔ کانٛسہ اَتھہِ کینٛہہ پانَس نِش واتناوناوُن۔۔

**اَنہٕ وُن** ۔ آنَن وول۔ ڈینہٕ وُن۔ کماوَن وول۔۔

**اَنُن ۱** ۔ (ک۔ اَنُن۔ موٗل : اَن (س : آنیہَ + ک اُن۔) سُہ اَنُن تہٕ۔ ژواتناوُن سُہ یور۔ ژَ ان یِہ ماتہ۔ وُچھو "اَنُن ۲" تہٕ۔

आनवमत

**اَنُن ۲** (۱) کانٛہہ یا کینٛہہ واتناوُن (۲) کانٛسہ یَنُن گرینہٕ خاطرٕ ژٕھن۔ م : سالہٕ اَنُن۔ (۳) کانٛہہ کتھ بیتر کنہٕ اَندرٕ کڈُنی۔ م : یہٕ خیال پیٚیہ نوٗس باعثس منز اَنُن۔

**اَنہٕ مَرٕ ہُنٛد ژومُت** ۔ تَس زَنانہٕ ہُنٛد شُرِیو سہ نہٕ کینٛہہ واتہ مگر گرَس منز آسہ کام کوٚرٹ کران۔ تہٕ گوٚ زِ سہ سُریٚس نہٕ پوٗرٕ یخنیاد یا وُتہٕ آسہ۔

**اَوٛنمُت** ۔ (۱) اُنتھ تھوٗمُت۔ واتہو مُت۔ (۲) اوٚرسے اَوٛنمُت۔ گرِنیک بأژنہٕ۔ (نوکر بیتر)

**تاب اَنُن** ۔ ژیڈ کرُن۔ ژالُن۔ کنہٕ بژوٗہہ کنہٕ دَرُن۔

**نادِ وِتھ اَنُن** ۔ آکو دِتھ اَنُن۔ بلاوِتھ اَنُن۔

**اَنتھ** ۔ (ن۔ک۔ اَنتھ۔ موٗل : انت۔ (س : اَنتَر) اکھ گٕہنہٕ یُس سرٕ پیٚہ اَرٕ ہیٚتھوہ آسان چھہ۔ یہٕ چھہ زنانہٕ کنَس ژھاوان تہٕ مرد چھہ مزٕہ لنڈان۔ یہٕ چھہ اَنٛنت یا شیشہٕ ناگ سرٕ پیٚہ ہُنٛد نِشانہٕ۔

**اَنتھ ناگ** ۔ (ک۔ اَنتھ ناگ (س : اَنَنتَ ناگَر) (کٔشیرِ منز) مرازس منز اکہٕ قصبیک ناو۔ اتہٕ کِس اَکِس بڈٕلِس ناگس تہٕ چھہ اَنتھ ناگ ناو۔ اَتھ قصبَس چھہ اِسلام آباد تہٕ وَنان۔

**اَنَل** ۔ (ن۔ک۔ اَنَل۔ موٗل : اَنَل۔ (س : اَنکر) نار۔ ریٛہہ۔ ژٕونگ۔ یتھ منز

انل

نہ اَپنہِ خاصیتہ آسِہ — (یِہ چھُ خاص
کراڈُک لفظ)

اَنَم — (ک-اَنَم- (مُتراکرت: اَنِہ اَم-
(س: اَنی یم)

اکھ بڑ ڈُبھ رُوگ- م: اَنَم نبنَم-

اَنَم نبنَم — میننہٕ تے تولنے- بے
حساب- سوچنے سمجنے —

اَنَم نبنَم پاٹھی — میننہٕ نے کرنے-
بے حساب پاٹھی- اوگ بوگ وُچھنے-

اَننتھ — (ن-ک- اَننتھ- مؤل: اننت-
(س: اَننتہ)

(۱) اَننتہٕ روٗس- حد روٗس- بے
گنڈ- گنڈ روٗس- (۲) دَیہ سُند
اکھ ناو —

اَنے- اکھ پوٗت لوٗگ- اَمیُک مطلب چھُ
روٗس، وراے بیتر —

م: کرنے = کرنہٕ روٗس — ہونے =
نِہ روٗس —

اَناتم — (ن-ک- اَناتم- مؤل: اَناتم-
(س: اَن + آتما)

(۱) پانیٖو پانیٖو روٗس- خوٗدی روٗس-
(۲) پَنِنہٕ پانہٕ زان نہٕ آسِنہٕ- آتمِچ خبر
نہٕ آسِنہٕ —

اَناتھ — (ن-ک- اَناتھ- مؤل: اَناتھ —
(س: اَناتھ)

یَتیم — یَس ماجہ روٗس- یُس نہٕ کانٛہہ
ہُند آسہِ- یُس نہٕ کانٛہہ مالِکھ آسہِ —
بے خاوند- یُس نہٕ کانٛہہ ہُند ڈوکھ آسہِ-

اَناج — (ن-ک- اَناج- مؤل: اَناج-
(س: اَن + آدِ)

اَن بیتر — دانہٕ کُنکھ، مَکاے،
وُشکہٕ بیتر —

اَنادَر — (ن-ک- اَنادر- مؤل: اَنادر-
(س: اَنادرہ)

آدر نہٕ کرُن- مان نہٕ کرُن- بے واَری،
بے مودی —

اَناسپر — (م-ک- اَناسپر- مؤل: اَناسپر
(ع: عناصر) وُچھو "عناصر" تہٕ-

تِم توتھ یِموٗ سیتھ اِنسان بَنیوٗمُت چھُ۔
(م : ہَوا، پۄنی (آب)، نار، میٗژ)

**اَناسیر ڈُنجہ روزُن** ـــــ
تِم چیز یا توتھ ڈُنجہ روزنی یِمن
ہُنٛد اِنسان بَنیوٗمُت چھُ۔ جِسس ٹھیکھ
روزٕنی۔ ہوشہِ نٕہ ڈٕلُن۔ مَنس
قرار روزُن ـــــ

**اَناشُن** ـــ (ن۔ک۔ اَناشُن۔ مؤل :
اَناش۔ (س : اَنٛاشنَ)
کھبناشُن۔ نٕہ کھیوٗن۔ اکھیوٗن۔
وۄپٕسُن۔ کھبن رٔٹُن ـــــ

**اَناہَتہٕ شَبد** ـــ (ن۔ک۔ اَناہَتہٕ شَبد۔
مؤل : اَناہَتہ شَبد۔ (س : اَناہَتہ شَبدٕ)
(۱) سو آواز یُس سِروانہٕ وَزنہٕ
یا وَنٕنہٕ روٗستے (وَنٕنہٕ پٲٹھۍ) پانے
چھےٚ گژھان ـــــ (یِہ چھُ یوٗگِین ہُنٛد
اکھ لفظ) ـــــ

**اَنائِتھی** ـــ (ک۔ اَنائِتھی۔ مؤل ـــ اَنائِتھو۔
(س : اَنائِتھ + ک ی)

یَتیٖمی ـــ بےٚ خاوِنٛد آسنٕچ حالتھ۔
وُچھو " اَنائِتھ " تہٕ ـــــ

**اَناڑی** ـــ (ک۔ اَناڑی۔ مؤل : اَناڑو۔
(س : اَن + آریَّہ)
آچھُر۔ یِمہ نہٕ وارٕ ہیوٗچمُت آسہِ۔
نہٕ لگہٕ ہار۔ نہٕ تگُن وول ـــ ناواقِف
ناتجربہٕ کار ـــ وُچھاپہٕ ـــــ

**اَنٛز** ـــ (م۔ک۔ اَنٛزٕ۔ مؤل : اُنی)
اکھ لوکُٹ کیٖمہ ذاتھ ـــــ

**انٛزٕ ژھا = اَن یَژھا** ـــ (س : اَن + اِچّھا)
(۱) نہٕ یَژھُن۔ یَژھ نہٕ آسٕنۍ۔ یَژھا پہٕ
رٕژھر ـــ (۲) اوٚرُے کیٚنٛہہ واتُن ـــــ
(مرضی بغٔر خلاف یا بےٚ خبر پٲٹھۍ)

**اَنٛزٕ پوٗر** ـــ (ن۔ک۔ انٛزٕ پوٗر۔ مؤل : انٛزٕ پوٗر۔
(س : کَنہٕ + پوٗرنا)
شٔرادٕ کِس موقس پیٚٹھ بَتک سٕہ پینٛڈ
یَتھ اَنٛز پوٗرنا دِلوی ہِنٛز شکل چھےٚ بناونہٕ
یِوان۔ تہٕ پَتہٕ چھےٚ پوٗزا یِوان کرنہٕ۔

**اَنٛزٕ ریبےٚ** ـــ (م۔ک۔ انٛزٕ ربے۔ مؤل : اَنٛزٕ

ربے۔ (س: اَندھ+ک ربے —
(س یِ)
رَتہٕ گنڈِس ہیٹہٕ بیبر یتھ ڈگ چھے
آسان —

**اَنہٕ مان**۔ (ن۔ک۔ اَنہٕ مان۔ مؤل: اَنہٕ مان۔
(س: اَنُمان)
اَنُو وَتھ —

**اَنہٕ موٗرگ** — (ن۔ک۔ اَنہٕ موٗرگ۔ مؤل:
اَنہٕ مرگ۔ (س: اَندھ+ف مرغ =
س مرِگ)
اَنہٕ چھ۔ سہٕ گگرٕ یس لو کٹین لو کٹین
ٹکین چھُ تہٕ قصان واتناوان —

**اَنہٕ بو** — (ن۔ک۔ اَنہٕ بو۔ مؤل: اَنہٕ بو۔
(س: اَنہٕ بھو)
زان۔ تجربہٕ۔ تجربس تل یُن —

**اَنہٕ بو باو** — اَنہٕ بوٗدی آسنچ حالتھ۔

**اَنگُرہ یہہ** — (ن۔ک۔ اَنُہ گرُ یہہ۔ مؤل:
اَنگُرہ یہہ۔ (س: اَنُہ گرُ یہہ)
مہربانی۔ دَیا۔ کرُپا —

**اَنوٗراد** — (ن۔ک۔ انوٗراد۔ مؤل: اَنوٗراد
(س: اَنہٕ رادھ)
سند اَہم نیٚچہٕ تُہ یا زوٗنہٕ ہُند گرہ۔

**اَنوٚم** — (ن۔ک۔ اَ+ نوٚم۔ مؤل: اَنَم۔
(س: اَ+ نَم)
(۱) یہٕ یایس نوٚمُت آسہِ نہٕ — یہٕ
یایس سیدٕ سیوٗد دوہ پُرتھ آسہِ —
(۲) یُس نہٕ نرم آسہِ۔ کانہٕ تہٕ گرُ —
مینگہٕ تہٕ گرُ —

**انوٗشپ**۔ (ن۔ک۔ اَ+ نوٗشپ۔ مؤل:
اَناپ)
یہٕ نہٕ ناپ۔ یہٕ نہٕ پُرزِلہٕ۔ یہٕ نہٕ چھکہٕ۔

**اَنوٗشٹھ** — (ن۔ک۔ اَ+ نوٗشٹھ — مؤل:
اَناٹھ۔ (س: اَ+ نِشٹھرہ ؟)
یہٕ نہٕ ناٹھیوٗمُت آسہِ۔ یہٕ نہٕ پھلہٕ
روٗس آسہِ۔ یتھ پھل نیرِ — یہٕ یا
یُس نہٕ منہٕ کنہٕ دُرِ اشٹھیوٗمُت آسہِ —

**اَنو ورا**۔ (ن۔ک۔ اَ+ نوو۔ مؤل: اَناو۔
(پراکرت: اَ+ نہا۔ (س: سنا)

یہِ ماںٛجنے آسہٕ ۔ یہِ صاف آسہٕ کرنے ۔

(بانٛزبیترٕ) ۔ یہِ نوٗمُت آسہٕ — یہِ

ناوٕنے آسہٕ ۔ ناوٕ رٕوٗستے —

**اَنووٕ٢** (ن ۔ک ۔ اَ + نوو ۔ موٗل : اَناو

(س : اَنام)

یُس نہٕ ناوٕ آسہٕ ۔ یُس ناوٕ دراے

آسہٕ — ناوٕ رٕوٗستے ۔ بےٚ ناو —

دَے —

**اَنہٕر** ۔ (ن ۔ک ۔ اَنہٕر ۔ موٗل : اَنہٕر ۔ (س :

آندھ + — یَر (لوٚت لوٚنگ)

(۱) اوٚن آسُن ۔ گاشہٕ کامَن —

اُچھَن گاش نہٕ آسُن ۔ اُچھَن گاش

نہٕ آسُنچ حالتھ ۔ (۲) ناپُرسان —

بےٚ اِنصافی — اَنٛیاے —

**اَنہٕر آسُن** — (۱) گاشہٕ کامَن

آسُن ۔ بوزنہٕ نہٕ یُن ۔ (۲) بیٚنۍ سِندِس

دادَس نہٕ واتُن ۔ ناپُرسان آسُن ۔

اَنٛیاے آسُن —

اَنہٕن منٛز کانٛی سوندر — مُدٕن

منٛز رٕژھا نان وول ۔ خاص نہٕ کینہہ دیچھ

توتہٕ اُتی اَکِس بیٚنۍ سِندِ کھوتہٕ کینہہ ۔

**اَنٛپچھ** ۔ کٔشیرِ منٛز اکہِ جایہِ ہِنٛد ناو —

**اَنٛپچھِ واری پلہِ ہور** — پُلہارٕنٛیک اکھ قسم

یُس اَنٛپچھ علاقس منٛز بنان اوس ۔

**اَنہوور** — (ن ۔ک ۔ اَنہوور ۔ موٗل : اَنہِ واز

(س : اَ + نِوید ۔)

توٚہر کرِ یا نوٗیدٕ باپتھ پیش نہٕ کورُمت

**اَنٛی مہ** — (م ۔ک ۔ اَنٛی مہ ۔ موٗل : اَنٛی مہ —

(س : اَنہ + ماںٛڈ ۔)

سہ مایہِ یُس بتہٕ پھیار نہٕ سیتی نیران چھُ

**اَنٛی مہ پوٚس** — اَنٛی مہ پھیار نہٕ یا

پھرنہٕ سیتی یم ببر ہوِی پلیٹھ کُن کھسان

چھِ ۔ بڑِ شجابہٕ پوٚس —

**اَنٛی مہ پھیوٚر** — اَنٛی مہ موہیا —

**اَنٛی مہ قطر** ۔ اَنٛی مہ پیٚوٗنتا ۔ اَنٛی مہ

رٕژھا —

**اَنٛی مہ تھپھ** ۔ موہٕ اَنٛی یچ چھل —

موٹیمتہٕ اَنٛی مک اکھ ٹکرٕ ۔ اَنٛی مہ

ژژوٹ ـــــ

**اَنہٕ مہٕ ٹاری** ـ (اُچھن ہندی) ٹاری یمَن اَنہٕ مہٕ ہیوٗ وَسان آسہ ـ ہیٚری دار ٹاری ـــــ

**اَنہٕ مہٕ ٹیکھ** ـ اُنہٕ مہٕ پھیوٚر ـــــ اَنہٕ مہٕ قطر ـــــ

**اَنہٕ مہٕ چانٛگس مَتھُن** ـ کم زیادٕ کیٚنہہ کھیوٚن ـ مُشکلہٕ سان گُذارٕ کرُن ـــ

**اَنہٕ مہٕ دار** ـ اَنہٕ مہٕ ٹانٛٹھ ـــ

**اَنہٕ مہٕ دال** ـ (۱) اَنہٕ مہٕ ژھٕنِتھ دال ـ (۲) سیٹھا پُشیٖج دال ـ

**اَنہٕ مہٕ دام** ـ اَنہٕ مہٕ گوٚل ـ اَنہٕ مہٕ موٕ یا ـ کٕمے اَنہٕ مہٕ ـ اَنہٕ مہٕ رٕژھا ـ

**اَنہٕ مہٕ کھاو** ـ یُس اَنہٕ مہٕ چٕنیٖچ ہال یا عادتھ آسہ ـ یُس اَنہٕ مہٕ ورا ے بیٚیہ کیٚنہہ کھیٚن وَسہ نہٕ ـــ

**اَنہٕ مہٕ کھوٚر** ـ یُس اَنہٕ مَس بیٚٹھ پکہٕ یا پلیوٗ مُت آسہ ـ یُس اَنہٕ مہٕ چھتھ بٕڈ یومُت آسہ ـ بے ربط اَنہٕ مہٕ

چیٖز وول شُر ـــ

**اَنہٕ مہٕ گوٚل** ـ تیوٗ تُے اَنہٕ مہٕ لُوٗتا کرِ لٕٹِہ اَمسَس واتہٕ ـ اَنہٕ مہٕ دام ـ

**اَنہٕ مہٕ موٕ یا** ـ اَنہٕ مہٕ رٕژھا ـ اَنہٕ مہٕ قطرا ـ اَنہٕ مہٕ پھیوٚرا ـــ

**اُنہٕ مہٕ نار** ـ سوٗ سانٛدرٕ یا بانہٕ یتھ منٛز اَنہٕ مہٕ ترٛاوِتھ چھہٕ ژھٕنان ـــ

**اَنہٕ مہٕ نور** ـ چوکہٕ سانٛدرِ ہنٛز سوٗ وٕتھ ییٚارِی اَنہٕ مہٕ نیٚبرٕ نیرِ ـــ

**اَنہٕ مہٕ نیوٗر** ـ پیٚتہٕ پھیٚھُر ـــ

**اَنہٕ مہٕ ہنا** ـ اَنہٕ مہٕ رٕژھا ـ کٕمے اَنہٕ مہٕ ـ اَنہٕ مہٕ موٕ یا ـ اَنہٕ مہٕ پٕنٛژرا ـــ

**اَنشہٕ ناوُن** ـ اک ـ اَنشہٕ ناوُن ـ موٗل : اَنشہٕ ناو ـــ)

کانٛہہ چیٖز ہاوان روزُن گمرٕ شہ دیُن ـ ہتو ہتو کرناوُن ـ التیجہ کرناوُن ـ پھشزارِ دِہٕ ناوُن ـــ

**اَنپر** ـ اک ـ اَن + پر ـ موٗل : اَنپر ـ (س : اَن + پٹھ ـ)

یِمہٕ نۍ پوٗرمُت آسہِ ۔ یَس نۍ اَچھر
زان آسہِ —

**اَنت** — (ن ۔ ک ۔ اَنٛت ۔ موٗل : اَنٛت ۔
<س : اَنٛت —)
اَند ۔ اَنٛتھ —

**اَنتہٕ روٗس** — اَنتہٕ روٗس ۔ حدٕ روٗس
ژھینہٕ روٗس —

**اَنتَربہہ** — ک : اَنتَربہہ ۔ <س : اَنتَربہہ)
اَندَر تہٕ نٛبر —

**اَنتَریامی** — ک : اَنتَریامی ۔ موٗل : اَنتر
یامی <س : اَنتَریامی —)
سُہ یُس پرٛتھ کُنہِ اَندر چھُ ۔ روٗح ۔
سُہ یُس اَندرٕ ژیم سورُے چھُ زانان —

**اَنتہٕ** — ک ۔ اَنتہہ ۔ <س : اَنتہہ ۔)
مَن ۔ یہ مَنَس اَندر آسہِ ضمیر —

**اَنتہٕ کرَن** ۔ ک : انتہہ کرَن ۔ <س : انتہہ
کرَن —)
مَن ۔ دِل ۔ ضمیر —

**اَنتہِ دان** — (ن ۔ ک ۔ اَنتہِ دان ۔ موٗل : اَنتہِ دان
<س : اَنتِیہ + دانہَ —)
یُس مَرنہٕ سَر آسہِ تَمِسُند نٲراتھ —
یہ کیٚنٛژھا کاتھہ مَرنہٕ سَردالن دِیہ ۔

**اَنتہٕ ژوٚداه** — (م ۔ ک ۔ اَنتہٕ ژوٚداه ۔ موٗل
اَنتہٕ ژوٚداه ۔ <س : اَنَنتہ چترُدشی ۔)
بادٕری پیٹھہ زوٗنہٕ پچھ ژوٚدلہ ، یہِ
چھُ بَٹَن ہُندِس بوٚڈ دوہ ۔ یمہِ دوہہ
اَنٛتھ لاگان چھِ ۔ اَمہِ دوہہ چھِ شیشہٕ
ناگَس یوان پوٗزا کرنہٕ —

**اَنجام** — (ن ۔ ک ۔ انجام ۔ موٗل : انجام —
<ف : انجام < ژند اَنتام = س : اَنتِم)
اَند ۔ پوٚتُس پیٚہ بَنہٕ ۔ آخری نتیجہٕ ۔

**انجام سَپدُن** ۔ اَند واتُن ۔ اَندس
واتُن ۔ مُکمل سَپدُن ۔ پوٗر سَپدُن ۔
برابر یُن —

**اَنجہٕ کوٗر** — (ن ۔ ک ۔ اَنجہٕ کوٗر ۔ موٗل :
اَنجہٕ کر ۔ <س : انتہ + کٹکہ —)
ڈُنڈرِ تام برٛتھہ آمُت بوٚڈ بانہٕ ۔

**اَنجُمن ، اوٚنجمن** — (م ۔ ک ۔ اِنجمن ۔ موٗل :

اَنجُمن – (ف : انجمن – پہلوی ہنجمن = س : سنگما –)

سبا (سبھا) – سمت – کانہہ کام کوٚٹ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ کینشن نوکن ہُنٛد میٗل –

اَنجبار – (ان ک – اَنجبار – موٗل : انجبار –)

اَکھ رٛانٛٹھ دار کُل یُس دوہَن لگان چھُ –

اَنٛد – (ان ک – اَنٛد – موٗل : اَنٛد – (س : اَنتہٕ –)

حد – بنہٕ – تھکھ – کُنہ چیزٕچ ڈُنٛدر یا دوٗنٛد – اونٛت – کُنہ کتھِ یا کامہِ بیترِ ہُنٛد پھل یا نتیجہ – انجام –

اَنٛدا اَنٛد – ڈُنٛدرِ پیٹھ – بیرِ پیٹھ – [گریرسن]

اَنٛدٕ پیٹھ – اکہِ طرفہٕ پیٹھ – کانٛہہ اَنٛد پیٹھ – اکہِ پاسہٕ پیٹھ –

اَنٛدٕ پیٹھ اَنٛدس تام – اکہِ اَنٛدٕ پیٹھ دوٚیمس اَنٛدس تام – ہٮ۪تٕ پیٹھ مُکٕس تام گوڈٕ پیٹھ آخرس تام – پوٗرٕ پاٹھۍ – سارٕی سے

(ژھاٮ۪نٛڈ وٲنٛڈ)

اَنٛدٕ تھوٗن – بنہٕ تھوٗن – الگ تھوٗن تُلتھ تھوٗن – کُٹھتھ تھوٗن – ژوٗرٕ تھوٗن – لوٗب کُن تھوٗن – نظرٕ تل نہٕ تھوٗن – اَنٛدٕ سیٹھن – سہٕ سیٹھن یُس خاص کانٛسہِ ہنٛدِ باپتھ آسہٕ، سارۍ نے کینٛتُ آسہٕ نہٕ –

اَنٛدٕ کُنہِ – اَنٛدس پیٹھ – لوٗب – لوٗب کُن – لبہٕ کُن – اکہِ طرفہٕ –

اَنٛدٕ کُنہِ منٛز باگ – لوٗب روٗزِتھ سارۍ سے منٛز آسُن – ظاہِر پاٹھۍ نہٕ مگر اصلہٕ تلہٕ سارٕی سے پیٹھ بیخیاد آسُن –

اَنٛدٕ کنٛیک – اَنٛدیُم – اَنٛدٕ پیٹھُک – آخری – سارِنے پیٹھیُم –

اَنٛدٕ وٕنٛد – (۱) اڈرٕ – گوڈٕ پیٹھ آخرس تام – اکہِ اَنٛدٕ پیٹھ بیٚیس اَنٛدس تام – ژھ واپاری – ژھ شوٚے طرفو –

(۲) دوہے – ہمیشہ –

اَنٛدٕک – یہٕ یا یُس اَنٛدس پیٹھ آسہٕ –

اند پیٹھک - اَندیُم - آخری —
ساری نے پتیٛم —
اَندک اند — سارِ کے اَند - پتیٛم اند-
اَند بوٚر — کم کاسہ انجام - کم کاسہ
مکمل گرٛدھن —
اَند بوٚر لگن - اَندس واتن ہیوٚن-
پوٗرٕ گرٛدھن ہیوٚن - موکلنس تیار آسُن
اَند پیٹھ — (کوٗر) وارِ وِ آسنی-
وارِیوٗ پیٹھ دِنی - خانہٕ نِشین نہٕ آسنی-
(زامتر) گرِ پیٹھ نہٕ آسُن —
اَند گوڈ - اوٗفہ پیٹھ ییٚس تام —
آغاز تہٕ انجام - پیٹھ تہٕ بتہٕ - برٛونٛہہ
تہٕ پتہٕ - ہوٚٹ تہٕ لوٚٹ —
اَندواتُن - (١) پوٗرٕ گرٛدھن - مکمل گرٛدھن
(٢) - کامیاب گرٛدھن - (٣) وارٕ کارٕ
وانٛس کڑنی - (٤) وانٛسہِ پانہٕ وٕتی
بلڑار روزُن - (پرٛنس تہٕ کھ لیہ بیتر)
اَندہٕ پتھ — گوڈ ڈتھ - پیٹھے - گوڈ
بیٹھے - آڈنے —

اُندی - نیبرٕ - ڈُلیتھ - اَندرس
پیٹھ - ڈُندرِ پیٹھ یا دُندرِ نیبرَ —
اُندی اُندی — (١) نیبرٕ نیبرٕ —
(٢) ژوٗ وایارِ - ژوٗ شوٗے طرفو —
اُنڈی اُنڈی پکُن = اُنڈی اُنڈی پھیرُن
گتھ کرنی - پرٛنیدِ کھین دِیُن - طواف
کرُن - اُنڈی پکھی — ژوٗ وایارِ -
ژوٗ شوٗے طرفو - ژوٗ شوٗے اُنڈو -
پرٛتھ کُنہِ اَنڈ — اُنڈی اُنڈی پرٛتھ
شایہ - (٢) ہمسایی منٛز - نکھہٕ ٹلہٕ —
اُنڈی تھوُن — اَنڈ تھوُن - نیبر
تھوُن - اَلگ تھوُن - ٹلیتھ تھوُن -
کھُٹھ تھوُن - ژوٗرِ تھوُن - ڈلیشہ
دُن تہٕ تھوُن —
اُنڈی کرُن — ژھینہٕ کرُن - اَلگ
کرُن - رد کرُن - منسا وُن - ترٛاوُن
یکی کرُن —
اُنڈی گرٛدھن - نیبرٕ پیوٚن - نیبرٕ
نیرُن - ڈُلیتھ گرٛدھن - نِشانَس پیٹھ

تہٕ بہوٗن ۔ بےٚ فائدٕ پاٹھۍ کیٚنٛہہ کرُن ۔
تِتھہٕ کٕنۍ کرُن یِتھہٕ کٕنۍ تہٕ مَطلَب نیرِ ۔

**اُنٛدۍ وَتہٕ** ۔ نیبرۍ وَتہٕ ۔ تیارِۍ یِیَلِۍ
تہٕ کانٛہہ وُچھِ ۔ مُنٛزۍ وَتہٕ یا عام وتہٕ تہٕ ۔

**اُنٛدۍ وَتھہٕ ہیٚنٛز** ۔ ژوٗرِ ژٕلُن ۔ لٔٹاوِنۍ ۔
تِتھہٕ کٕنۍ ژٕلُن زِ کانٛسہِ روزِ نہٕ خبرے ۔
نوٗت پاٹھۍ نیرُن ۔

**اَنٛدَر** ۔ (ک : اَنٛدَر ۔ (ف : اندر =
س : اَنتَر ۔)

(۱) منٛز ۔ مِم : اَنٛہِن اَنٛدر کانٛہہ سوٗندَر ۔
(۲) شہ حِصہٕ یُس نیبرٕ کُن آسہِ نہٕ ۔

مِم : اَنٛدَر اَژھ ۔

**اَنٛدَر اَژُن** ۔ (۱) (نیبرٕ پیٹھہٕ) کُنہِ
منٛز اَژُن ۔ مِم : بڑاندس پیٹھہ کیا پھکھ
کران اَنٛدَر اَژھ ۔ وُزَس منٛزہہ روز
کُٹھِس اَنٛدَر اَژھ ۔ تہٕ چھےٚ سیٹھا لیفہِ
اَنٛدَر اَژھ ۔ (۲) مَنَس وَوٚن دِیُن ۔
مِم : گوٚرَن دوٚپہم کُنےٚ وَژُن
نیبرٕ دوٚپہم اَنٛدَر اَژُن (لل دید)

**اَنٛدَر کُن** ۔ مَنٛزس ۔ اُنٛدرِمِس طَرفَس
کُن ۔ مِم : کھورِتھو اَنٛدَر کُن ۔ پتھرس
دُفی زِ اَنٛدَر کُن پیٚچھرُن ۔

**اَنٛدَر کوٚٹھ** ۔ وٚیتھہِ بُٹھِس پیٹھ شُراہ
مِیل دوٗر (سرینگرِ بٕٹھ ۔) اکھ گامہٕ
ناو ۔ یَتھہ کالہِ اُس اتہِ بادشاہ جیا پیٚٹھ
سنٛز سلطنتُک ہنٛز رازدانی ۔

**اَنٛدَر گَژھُن** ۔ (۱) اَنٛدَر اَژُن ۔
داخل سپدُن ۔ (۲) کُنہِ کتھہِ بیترٕ سٔنُن ۔

**اَنٛدَرٕ نیبرٕ** ۔ منٛزَس تہٕ اَنٛدس ۔ مُنٛزِم
طرف تہٕ پیٚٹھِم طرف ۔ جایہِ ہنٛدِس
کُنہِ حِصَس منٛز تہٕ تتھہ اَنٛدۍ پکھے
پیٚٹھہِ تہٕ تُمہِ دوشوٕے طرفو ۔

**اَنٛدَرٕ ژُن** ۔ اَنٛدَر اَژُن ۔ (نیبرٕ پیٹھہٕ)
کُنہِ منٛز اَژُن ۔ داخل سپدُن ۔

**اُنٛدرِۍ** ۔ (۱) اُنٛدرِ پیٹھہٕ ۔ اَنٛدَر کُن ۔
مِم : اُنٛدرِۍ گیہِ گرٕکھ ۔ اُنٛدرِۍ دِ نظر ۔
(۲) مَنَس منٛز ۔ مَنہٕ پیٹھہٕ ۔ نٕنۍ پاٹھۍ نہٕ ۔
نیبرٕ کٕنۍ نہٕ ۔

اُنڈرۍ اُنڈرۍ پِرے — (۱) بِلکُل ہے
اَندر — سیٹھا اُندر — کافی منز — (۲) سیٹھا
نوٗب پاٹھۍ — تِتھہٕ کُنہ ٹِھہٕ بیٚیس خبر
گژھہ —؟

اُنڈرۍ تم — تر ژھہ شانٛش یوس
نہٕ بوز نہٕ ییہ — تِیُتھ گیوٚر تہٕ اَنہٕ گوٹ
تیٚچھ نہٕ خبر گژھہ —

اُنڈرۍ دم — (۱) شانٛش — شاہ بنٛد
گژھن — شاہ نہٕ پھوُرن — سیٖنہٕ وَلنہٕ
ییٚنہٕ کُنہ شاہ ٹھپکھ پاٹھۍ نہٕ کھسُن
وَسُن — (۲) ژھعہ پہٕ گژھنی — کیٚنہہ نہٕ
پھوُرن —

اُنڈرۍ ژوٗر — (۱) سُہ ژوٗر یُس
نہٕ بوز نہٕ ییہ — (۲) سُہ دود یُس
اُنڈرۍ پھرِ تہٕ نہ خبرِ روزِ نہٕ —
اُنڈرۍ کنِہ سُہ دود یتھ نہٕ کینہہ بنہٕ —
(۳) کانٛسہ ہنٛزِ دیر کزیشن —

اُنڈرۍ کنِہ — اُندرٕ — اُندرٕ مہٕ طرفہٕ —
نیٚبرۍ نہٕ — نہٕ پاٹھو نہٕ —

اُنڈرۍ ہٹھ — پدِس اُنڈرۍ کنِہ
کھوٗتمُت پھکُٹ —

اُندرٕ — (۱) منز — م : پانٛس منز —
منس منز — (۲) (کینٛژو) منز —
م : پیٚتھو اُندرٕ چھہ پھوے ٹھپکھ —
(۳) اُنڈرۍ کنِہ — اُندرٕ مہٕ طرفہٕ —

اُندرٕ دزان پانہٕ نیٚبرٕ دزان لوکھ —
اِنسانس پننہٕ ستم تہٕ لوکن ہُنز ازروُن —
تمہٕ ساتہٕ ونان ییلہ کانٛسہ ہنٛدِ اینٛزی ہاوٕ
باوٕ بٮ۪ییس ریٚہہ گنڈِ —

اُندرٕ ژھنہٕ، ہس تھوکہٕ نیٚبرٕ ووٗنُن گمہٕ آمہ —
منٛزٕ چھنس تنہٕ نیٚرٕ — م : منٛز چھن
لانٛژھ تہٕ کھبوان نیٚرۍ نیٚرۍ —

اُندرٕ ژھوژون نیٚبرٕ تنٛدرٕبون —
یہ چھہ تَس ونان یُس اُنڈرۍ پھاتیومُت
آسہ یا پھوٗنے آسہ مگر نیٚبرٕ کنِہ
آسبس سیٚٹھا ہاوٕ باو —

اُندرٕ نیٚبرٕ — تُہ تہٕ پیٚٹھو — اُندر کُن
تہٕ پیٚٹھ کُن — کنہٕ جاپہٕ منزس تہٕ تمہٕ نیٚبرٕ —

مِ : کوٹھس دِ اُندرٕ نیٚبر بُرشہ پھش۔ بانٛہ مانٛج اُندرٕ نیٚبر۔ لوکھ اُسے اُندرٕ نیٚبر بِہتھ — اُنٛدرٕ ہُمل — دَم بولُبس۔ سۆس مار۔ سُہ لیُس ہینٛہ کتھ اَندرٕ ے ٹھۆوِتہٕ نٮ۪بر بادِ ہٕنٛہ۔ لیُس ہٕنٛہ کتھ ٹاس کڈِ۔ اُنٛدرُٹھ — (۱) اُنٛدرٕ ہٕنٛہ پاکہٕ یُن، ورکہٕ کھیٚن شٕرپہٕ نے روزُن۔ یدٕ ہٕنظمی — (گرہستن) (۲) اُندری دَم ہیٚوہ گرٛشِھن تہٕ کتھ نٮ۪بر ہٕنٛہ بادِتھ ہٕکُن اُندرٕ یُم نٮ۪بر ہٕنٛہ چھاتھ ہیٚکنہٕ سیتھ بار ہیٚوہ باسُن —

**اُنٛدرٕیُم** — (۱) اُندرٕ کُنُیک۔ (۲) منٛزٕ باگُک۔ (۳) دِلُک۔ دِلی۔ مِ :— ے اُندرٕ یُم پرکاش نٮ۪بر ہٕنٛہ ٹٕھوٚکُم گٹہِ رٹُم تہٕ کرٕمُس تھپھہٕ۔ (لل دید) اُنٛدرٕیُم نٮ۪برٕ گرُن — پہٕ کُھٹِھتھ آسُن تہٕ نوٚن کڈُن۔ اُنٛڈٕ وانٛٹھ کڈِتھ مارِتھ ژِھنُن۔ تیٚن تیراہ کرُن۔

**اَن دَشہٕ** — اک۔ اَن دَشہٕ۔ (س : اَنتہ + ک ۔ شیپ (ف : جاے)

اَنٛدٕ کنہٕ ۔ اَلگ پاٹھو ۔ لوٚب پاٹھو۔ مِ : سُہ چھُ اژکل اَن دَشہٕ روزان۔

**اَنٛدازٕ** — (ان ۔ ک ۔ اَندازٕ۔ مۆل : اَنداز۔ (ف : اَنداز، اندازہ۔)

اَنٛگہٕ وَن ۔ اَٹھ سٕتھ پاٹھو بوزُن۔ اٹھکل

**اَنٛدٕکار** ——— (ان ۔ ک ۔ اَندٕکار مۆل : اَندٕکار ۔ (س : اَندھکار۔)

(۱) اَنٕہ گٹہِ ۔ اَنہٕ گوٚٹ ۔ گٹہِ ۔ گاش نہٕ آسُن ۔ (۲) موٚہ ۔ ژھوٚکُک اَنیُو۔ مِ : اَتھہِ ہٕنٛہ ہار اَنٛدٕکار ۔ (۳) اَنیاے ظُلُم ۔ ناپُرسان ۔ نااِنصافی ۔

**اَنٛدُن** ۔ (ک : اَندُن ۔ مۆل : اَند ۔ (س : اَنتہ + ک ۔ اُن ۔)

موکلُن ۔ پوٗرٕ گرٛشِھن ۔ مِ ۔ گوڈٕ گرٛشِھیا کینٛہہ اَنٛدُن تہٕ کینہٕ نہٕ ۔ فاصلس واتُن۔ فاصلہٕ سیدُن نتیجس واتُن۔

**اَنٛدیُت** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَندیُت ۔ مۆل : اَندیُت ۔ (س : آنیہٕ + دی (دا۔)

اَنُن تہٕ دِیُن - کور بدلہٕ کوٗرنیتھرِ دِنٕی۔

**اندیُم، اُندیُم** - (س : اَنتِمَہ)

پٔتیُم۔ سُہ یُس سارِنٕے پوٗتس آسہِ۔ آخری —

۲ **اَنٛد - انٛڈ** - (ن-ک - اَند، اَنٛڈ - موٗل : انٛڈ - (س : انڈہ -) ٹھوٗل

**اَنٛزس منٛزس گرُھن** —

(س : اَنتر + مدھیہ + گِرھ —)

واقِف گرُھن - میلتھ روزُن —

**اَنٛزس تہٕ منٛزس** - (س : انتر + مَدھیہ -)

کُنہِ حسابس نہٕ - نہٕ ہور تہٕ نہٕ یور —

**اَنٛزل** ع۱ (م-ک - اَنٛزل - موٗل : اَنٛزل - (س : اَنجلِ -)

دوٚشوٚے ہتھ - اَتھہٕ نٛزدار تھاوِتھ آسُن (یِتھہٕ کُنہِ کینٛہہ منگنہٕ وِزِ روزان چھہ)

**اَنٛزل** ع۲ - (ن-ک - اَنٛزل - موٗل : اَنٛزل - (س : اَنٛتہ + جلہ —)

اَن تہٕ زَل - آب دانہٕ - قسمتھ —

پٔرالب —

**اَنٛزن - اَنٛزوٗن - اَنٛزٕن** - موٗل : اَنٛزن

اَکھ توٗلہٕ ذاتھ یوس رنٛنہٕ تلہٕ نرم تہٕ مُشک دار چھےٚ آسان -

**اَنٛزان** — ک - انزان - موٗل : انزان - (س : اَن + جنِیان -)

(۱) بےٚ زاتی - وٕہ پرٕ - یُس سیٹھہ تہٕ زان آسہِ - (۲) یُس تہٕ زانان آسہِ - یُس نہٕ کگان آسہِ - اَناڑی —

**اَنٛزوٗل** - منٛزٕ نَس نکھہ لیدرِ بٔٹھس پٔٹھ اَکھ گام —

**اَنٛزُل** - (ن-ک - اَنٛزُل - موٗل : انٛزل - (س : اَنتہ + ک - زُل -)

کِناری بناوُنہٕ باپتھ کپرس اکہِ طرفہٕ کُنہِ حایہ تار کڈٕنی —

**اَنٛزمنٛز** - (س : انتر + مدھیہ) پراکرت مجھ -)

اَنٛدس تہٕ منٛزس - پرٕتھ جایہ —

ہورکُن تہٕ تہٕ یورکُن تہٕ —

اَٹھز منز۔ اُکس بیٔیس ترأدِ تھ۔
سارے وے منز ژا رِتھ ۔۔۔

**اَن ژِر** ۔ (م۔ک۔ اَن + ژِر ۔ موٗل :
اَن ژِر ۔ دس : اَن + چِدر؟)
اَن ہُرِش ۔ سو یُمہِ نہ مرد آسہ
وسِپھُت ۔ کرُ ۔۔۔

**اَنتر ژیٹھ** ۔ (م۔ک۔ انتر ژیٹھ ۔ موٗل :
اَن ترژیٹھ ۔ دس : انتیشٹِ ۔۔۔)
موردس داہ دِنہٕ برٛونٹھہ اکھ رسم۔

**اَنکتھ** ۔ دس : انُہ کتھا ۔۔ अनुकथा
کتھِ کتھ ۔ گرِ ۔ گرِ ۔ دِز وِز ۔۔۔

**اَنگ ۱** ۔ (ن۔ک۔ اَنگ ۔ موٗل : اَنگ
دس : اَنگہَ ۔)
بَنڈ ۔ حصہ ۔ جُز ۔ یا ندو ۔ سُہ یُس
سلتی رٛنگ رِشتہٕ آسہ ۔۔۔

**اَنگ ۲** ۔ (موٗل : انگ دس : اَنگشٹھ
(انگہ ۔)
نیوٹھ ہاوُن ۔ پھو تہٕ یا پھو دِتُن۔
کائشہِ لاگُن ۔۔۔

**اَنگہِ بوٗز** ۔ (موٗل : اَنگہِ بوٗز دس :
اَنگہَ + بھوج)
تیٖتھ کھیٚن یہٕ دوا بیتریمہٕ سیتی پان
اوٗر یتہٕ دوٗر روزِ ۔ سُہ دوا یمہٕ سیتی
کھیٚن اَنگ لگہِ ۔۔۔

**اَنگہِ دوٗش** ۔ (موٗل : انگہِ دوٗش ۔
دس : اَنگہَ + دوشہَ ۔)
اَنگہِ ہینر ۔ کُنہِ بنٛدُک نوقص ۔ لوٗنگ،
لوٗژ، کون بیتر آسُن ۔۔۔

**اَنگہِ دوٗر** ۔ (موٗل : انگہ در دس : انگہَ
+ دڑڈھَ ۔)
یُس دُری اَنگ آسَن ۔ یُس جِسکو بنٛد
دُری آسَن ۔ اوٗر یتہٕ دوٗر ۔۔۔

**اَنگہِ راگ** ۔ (موٗل : انگہ راگ دس :
انگہ + راگہ ۔)
انگن متھنک رٛنگ ۔ اوٗلت ۔۔۔
شکوٗش بیتر ۔۔۔

**اَنگہِ واٹکھ** ۔ (موٗل : اَنگہِ واٹکھ)
سُہ دوا بیتر یمہٕ سیتی ژھینہٕ یتس یا

پُھٹِہ مِتِس اَنگس واٹھ لگہِ۔ ژھیٹنہٕ مِتین، پُھٹِہ مِتین؛ دُور یمتین اَنگن واٹھ دِنک دوا بیترِ —

**اَنگہٕ وُٹھنی** ۔ (مؤل: اَنگہٕ وُٹھن — <س: اَنگہ + ویشٹن ۔) دَجہِ وُٹھی وُٹھی لبکہٕ تہٕ کتھہٕ واتناو اَنگُک اِشارٕ —

**اَنگہٕ وول** ۔ (مؤل: اَنگہٕ وال <س: اَنگہ + وَلیَہ —) گُنگ سُہ دآیر یتھ گنگی دوٚمی وَس الآندی چھ تزاوہٕ یِوان ۔ تیشژھ —

**اَنگہٕ ہیٚوٚن** ۔ (مؤل: اَنگہٕ ہین <س: اَنگہ + ہیِنہَ —) سُہ یَس جسمکی ساری اَنگ برابر آسن نہٕ ۔ یَس جسمکس کُنہِ حِصَس کانْہہ کسر آسہِ ۔ زوٚ کنہٕ کسر لدٕ ۔ اوٚن، کون، لوٚنگ، ییوٚش، ژھو رٕوٚنگ بیترِ —

**اَنگ ع۲** (مؤل: اَنگ <س: اَنگ) زخم تہٕ چھوکھ بیترِ بلنیچ حالتھ — زَخمَس کرٕدُر بیتنیچ حالتھ —

**اَنگ دِیُن** ۔ (مؤل: اَنگ دِ — <س: اَنگہ + دی (دا + ک — اُن) کانْہہ نوٚو پکو تہٕ وَس بیترِ گوڈنیچ لٹہِ ساتہٕ نالی تزاوُن —

**اَنگ کھسُن** ۔ (مؤل: اَنگ کھس — <س: اَنگہ + ک کھس + ک ۔ اُن) چھوکھ بیترِ بلُن، ہیٚوٚن —

**اَنگ ہیٚوٚن** ۔ (مؤل: اَنگ ہیٚے ۔ <س: اَنگہ + ک ہیٚے + ک ۔ اُن) کانْسہِ ہُنٛد نوٚو پکو یا وَس بیترِ ساتہٕ گوڈنچہِ لٹہِ پانَس نالی تزاوُن تہٕ تمیک نوبر چھاوُن — (یُتھ زامہِ چیزٕ کِس اصل مالکس لگہِ نہ اُچھ ۔)

**اَنگ یُن** ۔ (مؤل: اَنگ یہِ ۔ <س: اَنگہ + اِ + ک — اُن —) پھیپھر یا چھوکھ بیترِ بلُن ۔ زَخمس کرٕدُر یہیٚون ۔ زخم بلُن ۔

**اَنگِوار** ۔ (م ۔ ک ۔ اَنگِوار ۔ مؤل: اَنگِوار

(س : انگارواره -)

(زیٖنہٕ گرٕ) ژُنٛدرمس بوم آسُن،
گوڈنکس، دۄیمس یا بٔہمس گرس
منز - یہ چھُ بدشوگُن یوان مانٕنہٕ -

**اَنگوٗزٕ** - (ن-ک - انگوٗزٕ - مۄل : انگوٗز -
(ف : انگوٗزہ -) ہیٖنگ

**اَنگوچہ** ـــ (ن-ک - انگوچہ
مۄل : انگوچ - (ہ : انگوچھا ـــ
(س : انگہ + پرو نچھ -)
تولیا - پان وۄتھراونک پلو -

**اَنگولِکا** - (م-ک - انگولِکا - مۄل : انگولِکا
(س : انگُلکا -)
اوٚنٛگُج - کأنٛسہ زنانہِ سُترِ چہ جایہ
اوٚنٛگُج بعٕ ڈ ناوٕنی ـــ درگہ دوکھہٕ
دُتِن - دغا کرُن ـــ

**اَنگریزی** - (ن-ک - انگریزی - مۄل :
انگریزی (انگ - اُنگل -) Anglo
اَنگریزن ہنٛز بوٗلہٕ - انگریزی زبو -
انگریزی زبان ـــ

**اَمان** - (م-ک - امان - مۄل : اَمان -
(س : اَنہٕ مان -)
(۱) کُنہِ کامہِ منز اَتھہٕ ژھنُن ـــ
(۲) اَتھ وَتھ (۳) بوزٕ شوژ ـــ

**اَنوار** - (م-ک - اَنوار - مۄل : اَنوار -
(س : اَنہٕ + وارہ -)
پنٛز وأری ـــ

**انوار پنوار** - وأری پأری ہِش - وأری
بیترِ یوس گنٛڈتھ وَقتہٕ رٔوس تہٕ مُشری
یِیہٕ ـــ

**اَنوار وَنوار** - اَنوار بیترِ - وأری
بیترِ، وأری شأری ـــ

**اَنوٗٹ** - (م-ک - اَنوٗٹ - مۄل : اَنوٗٹ)
خطرناکھ شیٖنٛچھ - ترٛٹھ شیٖنٛچھ - یمہٕ
سیٖتی کھوژُن ییہٕ ـــ

**اَلوچہ پلیٖنہٕ** - ترٛٹھ شیٖنٛچھ واتنی یمہٕ
سیٖتی کھوژُن ییہٕ - خطرناکھ شیٖنٛچھ بوزِتھ
ترِ پھٹنہ، کا تپو تیُن - ترٛاہُن ـــ
ہم پیٚون ـــ

**اَنوَچہٕ ژھننہٕ** ۔ کھوژناوُن یا بیٚتہٕ زاینتھ ناینتھ بدخبر دِنہٕ ۔ بدخبر وُنتھ ترہِہر ناوُن ۔ یَم ژھننہٕ ۔

**اَن ہِہرِ** ۔ ہیٚر روٗس آسُن ۔ اَن ہِہرُ یُس ہُری شنہٕ آسہِ ۔ یُس ہیٚتر وراے آسہِ ۔

**ان ہار** ۔ بشکل ۔ نِشانہٕ ۔ ژھاینتھ ۔ ترائے گرائے ۔

**اَنہیٚژر** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَنہیٚژر ۔ موٗل : اَنہیٚژر ۔ (س : ان + ہیت + ک ۔ ۔ اُر )
(۱) جاۓ نہٕ آسنہِ ۔ پرژرنہٕ آسُن ۔ غرٲبی آسنہِ ۔ (۲) ہیوٚت نہٕ آسُن ۔ نامہربٲنی ۔ مہربان نہ آسُن ۔ بدخٲہی ۔

**اَن ہیٚوت** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَن + ہیٚوت ۔ موٗل : اَن ہیت ۔ (س : اَن ہِت)
یُس نہٕ ہیٚوت آسہِ ۔ یُتھ نہٕ کینٛہہ فایِد آسہِ ۔ یُس نہٕ کنہِ لگہِ ۔ یُس نہ اَکار بکار پیِہ ۔ یمہٕ کنہِ یا یِسنٛدی کنہِ زٕ کھیٚے واتہِ ۔

**اَنیاے** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَ + نیاے ۔ موٗل : انیاے ۔ (س : اَ + نیایہ ۔ )
بےٚ اِنصٲفی ، اَنٛدہٕ کار ۔ ناپُرسان ۔ ظُلُم ۔

**اَنیٖٹھ** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَنیٖٹھ ۔ موٗل : اَنِشٹ ۔ (س : اَنہٕ + وِشٹ ۔ )
اکھ کترِلیٛو بانہٕ ۔ کترِلیٛو ڈکنہٕ ۔ ٹھان دِیٚنچ تیٚنچ ۔

**اَنِٹ** ۔ لوکٹ اَنیٖٹھ ۔

**اَنی چیہٕ ہِن** ۔ لوکٹ اَنِٹ ۔

**اِنیٚٹھ وَنیٚی** ۔ ہار مانیٚی ۔

**اَنیٖوٗ** ۔ (ان ۔ ک ۔ اَنیٖوٗ ۔ موٗل : اَنیٖوٗ ۔ (س : اَندھ + اِوَہ )
(۱) اَنہِر ۔ اوٗن آسُن ۔ اُچھن گاش نہٕ آسُن ۔ (۲) اَنیاے نااِنصٲفی ۔ ظُلُم ۔ **اَنوِہی لد** ۔ یُس اَنیٖوٗ آسہِ ۔ یَس اُچھن گاش آسہِ نہٕ ۔ یُس اوٗن آسہِ ۔ یَس نہ بوزنہٕ پیِہ ۔ یَس نہٕ چھیٚتی کرہِنہٕ ژارِنی تگن ۔ یَس نہٕ خطرٕ بتھہِ اُستھ کینٛہہ تہٕ لبنہٕ پیِہ ۔

**اَنیٖوٗر ہا** ۔ (م ۔ ک ۔ اَنیٖوٗر ۔ موٗل : اَنیٖر ۔ (س : اَندھ + ک ۔ ۔ اِیر ۔ )
اکہِ قسمچ لوکٹ گاڈ یُس کرہٕ ہنہٕ تہٕ کلہٕ ویٚتھ چھے آسان ۔

اَنیوٗر۲ (ن۔ک۔ اَنیوٗر۔ موٗل : اَنِر۔
<س : اَندھ+ک — اِیر۔)
(۱) گاش اُستھ اَدٕن ہیوٗہ۔ یُس گاش
اُستھ تہِ لَبِتہٕ پیٚیہِ نہٕ۔ (۲) یُس نہٕ نیٚچھ
ٹرُٹھ وُچھان آسہِ۔ یُس نہٕ عبس تھوٗ۔

اَنیوٗت۔ (ن۔ک۔ اَ+ نیوٗت۔ موٗل :
انیت۔ <س : اَ+ نہٕ + وِرت۔)
یُس نہٕ نِیتہٕ آسہِ آمُت۔ یُس
نہٕ نیوٗمُت آسہِ۔ (تِہِر بیتر۔) یُس
نہٕ موٗن آسہِ ہیٚتھ مِث۔

اَود — (م۔ک۔ اَود۔ موٗل : اَود —
<س : اَودھیہ۔)
کانٛہہ کام کرٕنہٕ اَندواتنا دِنہٕ باپتھ
مُقرر کوٚرمُت وَق، عرصہ، کال، عہد

اَوستھا — (م۔ک۔ اَوستھا۔ موٗل : اَوستھا
<س : اَوستھا۔)
حالتھ۔ وٲنسہِ ہنٛز حالتھ۔ م : شُری
پان، یاوُن، بجرتہ بجُر۔ منٛج حالتھ،
م : وُزِ آسُن، خالِس ستنز آسُن، بے

خبر نیٚندرِ آسُن تہٕ یمَن ترَن تہِ تھزٕ حالتھ ژورٕ انس

اَوِش ———— (ک۔ اَوِش۔
موٗل : اَوِش۔ <س : اَوِشیہ۔)
(۱) ضروٗرٕ۔ لازِم پاٹھۍ۔ بے شکھ
(۲) یتھ نہٕ کُنہ پھِرنُس وار آسہِ — یہِ
ضروٗرٕ وٗری آسہِ —
اَوِش پاٹھۍ۔ ضروٗرٕ ٹرِی پاٹھۍ۔ چارٕ
ناچار پاٹھۍ —

اَوَل — (ک : اَوَل۔ موٗل : اَوَل —
<ع : اَوّل <داَلی۔)
گوڈٕ۔ گوڈنیک۔ ساری نِے برونٛہہ ٹھُم
ساری ڈےِ کھوٚتہٕ جان — تھدِ تھوٚد
بڑٕ بوٚڈ —

— اَوفی۔ اکھ لیوٚت ڈوٗگ۔ ییٚمیُک مانے
موٗزٕوٗری چھُہ۔ م : لویہٕ وَنی، دویہٕ
وَنی بیتر —

اَوِژارٕ — (ن۔ک۔ اَ+ وِژار۔ موٗل :
اَوِژار۔ <س : اَ+ وِچاری۔)
یُس نہٕ وِیژار آسہِ۔ یُس نہٕ سوچ

سمجھ آسہٕ - بےٚ انصاف - بےٚ پروٲے

م ۱ اَوِژار ـــــ

**اَوِژور** ـــ (ن-ک-اَ+وِژور- مۆل : اَوِژار-<س : اَوِچارہ-)

اَوِژآری - یُس نہٕ وِبژار آسہٕ - یُس نہٕ سوچ سمجھ آسہٕ - بےٚ پروٲے بےٚ انصاف ـــــ

**اَوِشوٲسی** ـــ (ک-اَ+وِشوٲسی-مۆل : اَوِشواس-<س : اَ+وِشواسی-)

یُس پٔتھ شک آسہٕ - بےٚ پَرتیتھ بےٚ پَرژھ ـــــ

**اَوِشوٲسی بَنُن** ـــ پانٔس پٮ۪ٹھ نہٕ پَرژھ آسنی - کٲنٮ۪ہ پٮ۪ٹھ نہٕ پَرژھ آسنی-

**اَوِناش** ـــ (ک : اَوِناش-مۆل : اَوِناش <س : اَوِناش-)

(۱) ناش نہٕ گژھُن - (۲) شِرٕسُنٛد الکھ ناو ـــــ

**اَوِناشی** - (ک : اَوِناشی - مۆل : اَوِناشی <س : اَوِناشی-)

(۱) یُس نہٕ ناش گژھِ - یُس نہٕ مِٹہٕ - پرٚشہِ وُن - مرزِ وُن (۲) شِرٕسُنٛد اکھ ناو

**اَوِ** ـــــــــ آنی - ٹھیکھ چھُ اَوِ کیا

**اَوِسَر** ـــــــــ (ن-ک- اَوِسَر مۆل : اَوِسَر-<س : اَوِسَر-)

موقہٕ - وِز - ساتھ ـــ

**اَوِشکھ، آوِشکھ** ـــ (ک : اَوِشکھ-مۆل: اَوِشکھ-<س : آوِشیک-)

ضَروٗری - لازِم - یتھ نہٕ چارٕ آسہٕ-

**اَوِگہن** ـــ (م-ک-اَوِگہن-مۆل : اَوِگہن <س: اَو+گرٛہن ـــ)

سَنٛد کرٕنی - تالیم کرٕنی - مَشق کرٕنی - کٔل کرٕنی ـــــ

**اَوِگون، اَوِگون** ـــ (ن-ک-اَوِگون-مۆل : اَوِگون-<س : اَو+گُنہٕ-)

نُقص - خراب صِفتھ - کوٚ صِفتھ دوش

**اَوِمان** ــــــــــ (ن-ک-اَوِمان مۆل : اَوِمان-<س : اَو+مانہٕ ـــ)

بےٚقدری - بےٚ عزتی - انادر ـــــ

اَوُٹھ ۔ (ن۔ک ۔ اَ + وُٹھ ۔ مؤل : اَوُٹھ
(س : اَ + ویشِٹہَ ۔)
نہ وُٹھُمُت ۔ وُٹھنَے ۔ وُٹھنَے تھوٚوُمُت ۔
یہِ ہِنز وُٹھُمُت آسہِ ۔ یَتھ وُٹھُن آسہِ
نہٕ درٕ مِژ ۔ م ۔ اَوُٹھ ۔

اَوُچھ ۔ (ک : اَ + وُچھ ۔ مؤل : اَوُچھ ۔
(س : اَ + ویکشہ + تہ ۔)
وُچھنہٕ ورٲے ۔ وُچھنَے ۔ پرکھاونَے ۔

اَوُر ۔ (ن۔ک ۔ اَ + وُر ۔ مؤل : اَوُر ۔
(س : اَ + آورِتہ ۔)
وُرنَے ۔ پَنَس بیترِ تارنَے ۔

اَوُشُن ۔ (ن۔ک ۔ اَ + وُشُن ۔ مؤل :
اَوُشن ۔ (س : اَ + اوُشنہَ ۔)
یہِ ہِنز وُشُن آسہِ ۔ یہِ ہٕنز وَنہٕ وُشُن
آسہِ رٕوٗدمُت یشینہٕ ہلیُو مُت ۔۔۔
م ۔ اَوُشنہٕ ۔

اَوٗن ۔ (ن۔ک ۔ اَ + وٗن ۔ مؤل :
اَوون ۔ (س : اَ + وٗے ۔)
نہ وٗنمُت ۔ وونہٕ نَے تھوٚوُمُت ۔
وونہٕ نَے ۔ یَتھ ہٕز کیٛرُ آسہِ بنوومُت ۔
گنڈٕ نَے (چارپایہِ تواہِ ۔) م ۔ اَوٗڈنی ۔

اَووٗز ۔ (ن۔ک ۔ اَ + ووٗز ۔ مؤل : اَوٗز ۔
(س : اَ + واد ۔)
آوازٕ ورٲے ۔ یہِ ہٕنز وٗز ۔ یَتھ ہٕنز
آواز نیرِ ۔ یَتھ ہٕنز صدا نیرِ ۔ (سُہ
ساز بیترِ) یُس ہٕنز ووٗیمُت آسہِ ۔
وایِنہٕ ورٲے ساز بیترِ ۔ وایِنَے ۔۔۔

اَووٗل ۔ (ن۔ک ۔ اَ + ووٗل ۔ مؤل : اَوٗل
(س : اَ + وِل + اِتہ ۔)
نہ ووٗلمُت ۔ یہِ ہٕنز وُلِتھ آسہِ ۔
یہِ ہٕنز ووٗلمُت آسہِ ۔ وَلنَے ۔ یہِ ہٕنز
ٹاکی آسہِ ترٛوومُت ۔ م : اَوُرج ۔

اَووٗل سووٗل ۔ (ن۔ک ۔ اَووٗل سووٗل
مؤل : اَوٗل سوٗل ۔)
اڈٕ سیوٗن مٕڈٕ سیوٗن ۔ یُتھ تیُتھ
یَتھ ہٕنز خاص کانہہ مزا آسہِ ۔۔۔

اَووٗن ۔ (ن۔ک ۔ اَ + ووٗن ۔ مؤل : اَوٗن
(س : اَ + ووٕ ۔)

نہ ووٗنمُت ۔ دٕپہٕ نے تھوٚومت۔

مِ : سُہ آو سالس اووٗن ۔ ھم: اُوٗنی۔

اووٗو ۔ (ن۔ک ۔ اَ+ووٗو ۔ موٗل : اَوَو۔

(س : اَ+ وَپ ۔)

نہ دوٚومُت ۔ وَونَے ۔ وَونے تھوٚومُت

یہِ نٕہ ووٗومُت آسہ ۔ یانے کھوٚمُت۔

وَوٕ نٕہ روٗستے کھوٚتمُت (بیول بیتر۔)

ھم : اَوُو ۔۔

اووت ۔ (ن۔ک ۔ اَ+ ووت ۔ موٗل :

اَوات ۔ (س : اَ+ پراپتہ ۔)

نہ ووتمُت ۔ وُنہٕ نٕہ آمُت ۔ وُنہٕ

نٕہ کمالس ووتمُت ۔ وُنہٕ نٕہ پوٗرٕ گومُت

ھم : اَواَرٕ ۔۔

اووٹ ۔ (ن۔ک ۔ اَ+ ووٹ ۔ موٗل :

اَواٹ ۔ (س : اَ+پٹ ۔ ؟)

نہ ووٹمُت ۔ واٹھ دِ تھ نٕہ تھوٚومُت

واٹنٕ ۔ واٹھ دِنَے ۔ ہلہٕ وِنَے ۔

ھم : اَواٹ ۔۔

اووٗتھر ۔ (ن۔ک ۔ اَ+ ووٗتھُر ۔ موٗل :

اَووٗتھر ۔ (س : اَ+ وَستر نَم ۔)

نہ ووٗتھرووُمت ۔ ووٗتھراوُنے ۔

ووٗتھراونَے تھوٚومُت ۔ یہِ نٕہ ووٗتھروومُت

آسہ ۔ پھش دِتھ صاف کرنے تھوٚومُت

ھم : اَووٗتھر ۔۔

اَویڈیا ۔ (م۔ک ۔ اَ+ ویڈیا ۔ موٗل :

اَویڈیا ۔ (س : اَ+ وِدیا ۔)

ویڈیا نہ آسنی ۔ عِلِم نہ آسُن ۔

خبراَتَر نٕہ آسنی ۔ جھالتھ ۔ موٗہ ۔

اَوہد ۔ (م۔ک ۔ اَ+ وہد ۔ موٗل : اَوہد ۔

(س : اَوِدھ ۔)

ویٖز روٗس ۔ بےٚ طُریقہٕ ۔ بےٚ حِساب

قایدس قونونس خلاف پکُن یا

کرُن ۔ غلط طریقہ کینہہ کرُن ۔

اَویٖزرکنی ۔ غلط طریقہٕ ۔ تمِ طریقہٕ

نٕہ لُس پترِ ہے ۔۔

اَوہدُر ۔ (ن۔ک ۔ اَوہدُر ۔ موٗل : اَوہدر

(س : اَ+ وِداد ؟ ۔)

یہِ نٕہ ڈیوٗل آسہ ۔ رُٹ روٗس ۔

ژُھاکِ فتہٖ ورآے۔ رُکاوٹہٕ رٔدستے۔

**اَوہڑار، اَوِڑار** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ وِہڑار ۔
مۄل : اَوہڑار۔ <س : اَ+ وِچار۔)
وِہڑار نہٕ کرُن ۔ سوچ نہٕ کرُن ۔
لاپرواہی ۔

**اَوہڑھُن** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ وِہڑھُن۔ مۄل :
اَوہڑھَن ۔ <س : اَ+ وِچھِنتہٕ۔)
(۱) یہ نہٕ وِہڑھنوومُت آسہِ۔ بیوٚن
بیوٚن نہٕ کوٚرمُت ۔ نہٕ وِہڑھُن مُت۔
وِہڑھناوُنے۔ وِہڑھناوُنے تھوٚومُت۔
مِ (یِھمبہٕ منٛز وال بیترٕ) (۲) وِکھناوُنے
تھوٚومُت ۔ تشریح نہٕ کرُمِژ ۔ م : اَوہڑھِنۍ

**اَوہِستا** ۔ (م۔ک۔ اَوہِستا۔ مۄل : اَوہِستا
<ژند اَویستہٕ۔)
پارسین ہنٛز مذہبی کتاب۔

**اَوہکتھ** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ وہکتھ۔ مۄل :
اَوہکت۔ <س : اَ+ ویکتہٕ ۔)
یہ نہٕ نوٚن آسہِ۔ یہ نہٕ پژوٚکھٹ
آسہِ۔ پژکھٹاوُنے۔ ظاہر کرُنے۔

**اَوتار** ۔ (ن۔ک۔ اَوتار۔ مۄل : اَوتار۔
<س : اَوتارہٕ۔)
اِنسان رۄپہٕ دِوتا۔ اِنسان شکلہِ منٛز
دِوتا۔ **اَوتار دارُن** ۔ دِوتا سُنٛد
اِنسان رۄپس منٛز یُن۔
**اَوتار ہیوٚن** ۔ اَوتار دارُن ۔

**اَوتاری** ۔ اَوتار دارِتھ ۔ اَوتار
پاٹھۍ۔ اَوتار شکلہِ۔ اَوتار رۄپس منٛز۔

**اَوڈال، اوڈال، وُڈال** ۔ (ک : اَوڈال
مۄل : اَوڈال ۔ <س : اَو+ دھارِتھ)
پرواے نہٕ کرُن ۔ اَنادر کرُن ۔
پۆرژُھن نہٕ ۔ خیال نہٕ تھوُن ۔

**اَوزار** ۔ (ن۔ک۔ اَوزار۔ مۄل : اَوزار
<ع : اَوزار < وَزر ۔)
ہتھیار۔ آلہٕ ۔

**اَوشکتا** ۔ (م۔ک۔ اَوشکتا۔ مۄل : اَوشکتا
<س : آوشکتا ۔)
ضروٚرتھ ۔ حاجتھ ۔

**اَولاد** ۔ (ن۔ک۔ اَولاد۔ مۄل : اَولاد۔

(ع : اولاد - (ولد -)
شُر کوٚٹ -

**اَولِیا** - (ن - ک - اَولِیا - موٗل : اَولیا ---
(ع : اَولیا (ولی -)
وٕلی لفظُک جمع - تِم اِنسان یِم واتی
متہ آسن - رٛیشی مُنی -

**اَومان** - (ن - ک - اَومان - موٗل : اَومان -
(س : اَومان -)
بےٚ یِزتی - بےٚ قدری -

**اَویوٚد** - (ن - ک - اَویوٚد - موٗل : اَوِد -
(س : اَ + وِد -)
یہِ یالُس نہٕ ویوٚد آسہ - یہِ یالُس
نہٕ واقف آسہ - یمہٕ سٕنز نہٕ زان آسہ -
م : اَویٗز ---

**اَویوٚنٛد** - (ن - ک - اَ + ویوٚنٛد - موٗل : اَوِنٛد
(س : اَ + وِنٛد -)
نہ ویوٚنٛدمُت - یُس نہ پوٗرٕ آسہ کرُمُت -
سُہ یُس نہٕ آدر آسہ کوٚرمُت - سُہ یُسٕنٛد
بجر آسہ نہٕ گٕژھمُت - سُہ یُس نہ تل
آسہ نہٕ تھووُمُت - م : اَویٗز -

**اَہک** - (ن - ک - اَہک - موٗل : اَہک -
(ف : اَہک -)
چوٗنٛز زہن - چوٗنٛز لگاو ---

؟**اَہلو** - اکہِ قسمُک بیل یا تھریوسہ ڈوٗنی کُلِس
یا ژوٗنٹھی کُلِس وٕلتہٕ چھےٚ یوان - دیان
چھ اَمُک میوٕ چھ بُلبُلن سیٹھا پرٛیِٛان

**اَہنکار** - (ن - ک - اَہنکار - موٗل : اَہنکار
(س : اَہنکار -)
اہم باو - پننہٕ نےٚ پان گنٛزرُن -
پانیُو پانیُو - مینٛگہٕ دوٚد آسُن ---
کِبر - ژھوکھ - مد ---

**اَہنکاری** - (س : اَہنکاری -)
اَہم باوٕ وول - یُس پننہٕ نےٚ یِیت
پان گنٛزران آسہ - مینٛگہٕ دوٚد - ژھوٚکی
یُس ژھوکھ آسہ - یُس مد آسہ -

**اَہال - اَہال گرٛژھن** - (ع : اہل ؟)
زانُن - زان گرٛژھنۍ - ہیٚہ ترٛاینٛچھنۍ -
کرُن تگُن ---

**اَہوَر** —— (ن۔ک۔ اَ+ ہوَر۔ مؤل: اَہوَر۔
(س: اَ+ ہارہ ؟)
(۱) نہ ہوَرمُت۔ ہورنے تھوَومُت
(ووزم)۔ قرض نہ نکھہِ وولمُت ——
(۲) شُتلی بمار یا بِرھی بٹِیہ کُنہ بمارِ
تکہِ پوَر یا آیٹھی نہ دِراوُت یا وُنہِ نہ
بٔیُومُت شُر ——

**اَرِکھ اَہ** —— (م۔ک۔ اَہ + رِکھ۔ مؤل:
اَہ رِکھ۔ دک اَہ +س کیلہ > ک:
کُتِل۔ رِکھ۔)
سۄ ہیچرِکھ یۄس اَہ واتنِن منز
ترِاوُنہ خاطر آسان چھے۔ یہ چھے شے
ستھ آنچہ زیٹھ آسان اَمہِ ستی چھ
لانٹر پیچِہ منز بند روزان ——

**اَہ لانٹر** ۔ لانٹرک بڑٕ ژٹھ مُتھُم حِصہ۔ یتھ
اَہ تھاو نہ خاطر ژٕدی چھ آسان ——

**اَہلاوُن** —— دک: اَہلاوُن۔ مؤل: اَہلا۔
(س: اَہلاد؟)
ماتہٕ ناوُن۔ ماتہٕ نَس بیٹھ سرٹھ آٹنہ واتنہٕ
اَنُن۔

**اہلِ تَشیع** —— (ع: اہلِ تشیع)
شیعہ فرقکہ لُوکھ۔ حضرتِ علی یُس اِمام
مانَن وٲلی ——

**اہلِہ کار** ۔ (ن۔ک۔ اَہلِہ کار۔ مؤل: اَہلِہ کار
(ع: اَہل + ف۔ کار = س۔ کار)
کارِندہٕ۔ سرکٲری نوکر۔ مُلازِم۔ کارکُن۔

**اَہلُن** ۔ دک: اَہلُن۔ مؤل: اَہل۔ (س:
اہلاد۔ یا ع: اَہل؟)
مانُن۔ ماتہٕ نَس بیٹھ واتُن۔ کُنہ
کتھِ بیٹھ موٗدُن ——

**اَہیوٗت** ۔ (ن۔ک۔ اَ+ ہیوٗت۔ مؤل:
اَہیت۔ (س: اَ+ ہِتہ۔)
یُس نہ ہیوٗت آسہِ۔ یُسُند نہ
فائدِ آسہِ۔ نامہربان ——

**اَیَن** —— (ن۔ک۔ اَیَن۔ مؤل: اَیَن ——
(س: اَیَنہ۔)
"یلہِ راتھ تہٕ دوہ برابر گژھن تمہِ دوہ
بیٹھہِ بٔنیہ توٗت تام "یلہِ دوہ تہٕ راتھ
بنیہ برابر گژھن، دُوری یُس منز چھ

یِتھی نہٕ اَین یِوان ، دوٕ ترایَن تہٕ دِکھناین۔

**ایودِیا** ۔ <س : ایودھیا ۔>

اکہٕ جایہِ ہُنٛد ناو۔

**ایودِیا ناتھ** ۔ ایودِیا ہِہ ہُنٛد راز ، رامہٕ چٔنٛدر ۔

**ایوگِتا** ۔ (م ۔ک ۔ ایوگِتا ۔ مؤل : ایوگِتا ۔ <س : ایوگیتا ۔)

(۱) ناقابِل آسُن ۔ نا اہل آسُن ۔

(۲) اِتفاقہٕ نہٕ آسُن ۔ پانہٕ وِنی نہٕ مِلتھ آسُن

**ایوگیہہ** ———— <س : ایوگیہ ۔>

یُگہٕ نہٕ آسُن ۔ نالایق ۔ ناقابِل ۔

**ایوت** ۔ (ن ۔ ایوت ۔ مؤل : ایوت ۔ <س : ایُت ۔)

داہ ساس ۔ **ایوتیُم** ۔ (ن ۔ ایوتیُم مؤل : ایوتیم ۔ <س : ایُتیَم ۔)

داہ ساسیُن ۔ داہ ساسیُم ——

## آ

آ ۔ (۱) زیٛوٚٹھ ا ۔ (۲) شرٛو زیوٚ انٛدر گو "آ" کانٛہہ گنٛز چیز ۔ (۳) اِ لفظکہِ ژھوٚٹھ آنکار ہایتھ یوان وَننہٕ ۔ م : آتہٕ چھُ گوٚز ۔

**آب** ۔ (ن ۔ک ۔ آب ۔ مؤل : آب ۔ <ف : آب ۔ پہلوی آپ = س : اَپ ، آپہٕ)

(۱) پوٚنی ۔ سُہ اوٚدُر مادٕ یُس کوٚلن ، سَرن تہٕ سمندرن بیترِ منٛز آسان چھُ ۔ یُس ترِیشِہ چھہ لگان ۔ (۲) چمکھ —— (۳) لِحاظہٕ ۔ حیا ——

**آبس منٛز کُرنٛدٕ** —— گُذارٕ پکہٕ وُن آسُن ۔ پانٛسہٕ تھوٚنک بنان آسُن —— آمدنی ہنٛز دوٕ میدا آسنہٕ ——

**آبس مُشتہٕ دِنی = آبس مُشترہ ہاونی** ۔

تیتھہٕ تیز لاین یُس نہٕ نِشانس لگِہ ۔

تیتھہٕ چوٹ کرُن یُس نہٕ کارگر گژھِہ ۔

م : اسمانس تھوکہٕ لاینہٕ ۔

**آبہٕ باگہٕ** —— سوٕ جایہٕ یتیتھ آب آسِہ درٛن منٛز باگراونہٕ یوان ۔ یتیتھ آب آسِہ اکہٕ انٛدہٕ ژٔٹھتھ بیٛیس انٛدس کُن تراونہٕ یوان ——

**آبہٕ تھوٗب** ۔ تیوٗتے آب یوٗت اَنھس منٛز داتہٕ ——

آبہ ڈُل ـ خانٛدرٕک اکھ رٕسم ، یتھ منٛز
گامہٕ نٲوِد نارِ سیٖتی ڈُلس منٛز چھ آب
ترٛاوان ـ آبہ تُشرِ ـ کِھے آب پیٚشپن
ووٚنی ـ آبہ کھوڈ ـ یاں دوب ـ پانہٕ
سیٖتی برِتھ دوب ـ
آبہ تار ـ (۱) آبہ بٕرِتھ تار ـ (۲) ہمی
دار (نے لٲگتھ ـ) ترٛیش چٕھنک اکھ پانہٕ ـ
آب اڈُن ـ (۱) آب سبدُن ـ
(۲) نوقصُ نمُن ـ نوقصُ نیرُن ـ نوقص
دٕرِپھُٹھ یُن ـــ
آب تاب ـ (ن ـ ک ـ آب + تاب
(موٗل : آب تاب (ف : آب و تاب
پہلوی : آپ تاپ ـ س : آپہ تاپہ)
حِس ہوش ـ قرار ـ ڈٕنجہ روز نیچ
حالتھ ـ یتھ برٛونٛہہ بوز نہٕ یُن ـــ
آب خورد ـ گٕلہ کھوٚل اکھ ترٛیشہ
بانہٕ ـ آب دانہٕ ـ ان زل ـ یہ نصیبس
منٛز آسہ ـ رِزق ـ پرالب ـــ
آب دُین ـ سگ دُین ـ وصہ بڈاوُن

ہمتھ دِنی ـــ
آب ژانُن ـ (۱) آب سیٖزراوُن ـ
(۲) اتھہ ژھُنُن ـ دخل دیُن ـــ
(۳) نوقص یادِ کرُن ـــ
آب شہار ـ آب شار ـ پانٛژادر
اکہ قسمک نقشہ یُس پانٛژادرِ ہیوٗہ
آسان چھُ ـــ
آب گینہٕ ـ بوتل ـ شیٖشہٕ ـــ
آب گوش ـ آمس دوہ دٕس پیٚٹھ ـ
روٗنمُت ماز ـ دوہ دٕرس ـ (۲) ژھرِ
رٕس ـ آب مندُن ـ کتھن
فضوٗل دل دیُن ـ ٹُل کتھن گس دیُن ـ
آباد ـ (ن ـ ک ـ آباد ـ موٗل : آباد ـــ
(ف : آباد (ژند ـ آواد = س : آواس
(۱) بجا ـ پاپرجا ـ (۲) سوجاے ییتہٕ
لُکھ لسان بسان آسن ـ
آپِتھ ـ (م ـ ک ـ آپتھ ـ موٗل : آپت ـ
(ع : آفت ـ) س
آفتھ ـ مُصیبتھ ـ آپدا ـــ

آپے کال ـ (ن ـ ک ـ آپے + کال ـ مؤل: آپے کال ـ <س : آپنہٕ + کالہٕ ـ)

دُرہٕ یک سہٕ وَقتہٕ یلہٕ پُتیُم پھل پھوٗل موکلان چھُ تہٕ نوٗو فصل لونہٕ نَس کیُت تیارٕ آسان چھُ ـ بٕرٕوٗنہہ ہُرد ـ ہَردٕنی گوڈٕنکۍ دوہ ـــ

آپے مان ـ (ک : آپے مان ـ مؤل : آپے مان ـ)

اکہٕ تھزٕ زاژ ہٕنٛز دَچھ ـــ

آپہٕ دا ـ (م ـ ک ـ آپدا ـ مؤل : آپدا ـ <س : آپدا ـ)

مُصیبتھ ـ آفتھ ـ بلاے ـ تباہی ـ

آپَر ـ (مؤل : آپَر ـ <س : آپَر < پٕرٕ ـ)

اَسس اَندر تھو ـ (کھبن بیترٕ کاٗنٛسہٕ)

آپرٕن ـ (م ـ ک ـ آپرٕن ـ مؤل : اَپرٕن <س : آپرٕوَن ـ)

(۱) ـ آپراوُن ـ میٖنڈۍ اَسس منٛز برٕنی ـ (۲) کاٗنٛسہٕ کانٛہہ کأم زبردستی پُشراوٕنی

آپراوُن ـ (۱) آپرُن ـ کاٗنٛسہٕ بیس میوٗنڈ اَسس منٛز تھوُن ـ (۲) کاٗنٛسہٕ کینٛہہ زورٕ پُشراوُن ـــ

آپرُن ـ (۱) پَلنٛہٕ اَتھہٕ سیتی بیاکھ کھیاوُن ـ بیٚیہٕ سٕنٛدس یایس نہٕ پانہٕ تکہٕ کھیوٚن تہٕ سٕنٛدس اَسس اَندر میوٗنڈ دِیُن ـ (۲) زورٕ کاٗنٛسہٕ کینٛہہ پُشراوُن ـــ

آپیا ـ (ن ـ ک ـ آپیا ـ مؤل : آپیا ـــ <س : آپیا ... ... منٛترُک گوڈنیک لفظ ـ)

موردَس ترٛیش یا کھبن بیترٕ دِیُن ـ

؟آپھرٕ سماہ کرُن ـ لبلہٕ کرنہٕ ـ وَچھہٕ ژیٹھے کرٕنی (ماتمس منٛز ـ)

آتَش ـ (ن ـ ک ـ آتش ـ مؤل : آتش <ف : آتش ـ < پہلوی : آترس ـ <ژنٛد آتر ـ س : اَتھرٕ ـ)

(۱) نار ـ (۲) ورگہٕ پاٹھۍ سبھٹاٹھوک ـ

آتش بازی ـــــ (م ـ ک آتَش + بازی ـ مؤل : آتش بازی ـ

(ف : آتش + بازی -)

(۱) دِل بُہلاَیی بایتھ ہمن چیزن گنڈُن یمن ہتھمبر تہ ٹاہسرار ے نیر -

م : بوبسی سٹ ٹاس تہ بنگہ گولہ بیتر - (۲) ڈھوشہ کون آسُن - کُنہِ کارک نہٕ آسُن - لگہار نہٕ آسُن -

**آتنگ** - (ن - ک - آتنگ - مؤل : آتنگ (س : آتنکہ -)

تپاَلی - سختی - قیامتھ - تپالہِ لگُن - بلا یہ منز گیر گژھن -

**آتہِ تاَے - آتہِ توے** - (ک : آتہِ تاَے - مؤل : آتہِ تاے (س : آتہِ تاپی -)

مہا پاَپی - بڈی بڈی اَتری کرن وول - بَدزاتھ - ہتی یور -

**آتےِ تاتے** - پاَنی پانے - منگنہٕ یا یژھنہٕ ورأے (کینہہ منُن بیتر -) کُنہِ وجہ روٗستے - ہنگہٕ منگہٕ -

**آترُ** - (ن - ک - آترُ - مؤل : آترَ (س : آترہَ -)

دوہ کھولد - عاجز - پریشان - تنگ آمُت - م : آترُ -

**آتشک** - (ن - ک - آتشک - مؤل : آتشک - (ف : آتشک -)

چھپر - اکہٕ بیمارہٕ ہُنٛد ناو - یہ دود چھُ ژُری پاَٹھٕ شرمہٕ ہنٛز جایی کران -

**آتشین** - (ف : آتشین -)

بُزہِ تھ سیٚتھ -

**آتمارام** - (ن - ک - آتمارام - مؤل : آتما رام (س : آتما + رامہ -)

(۱) سہ لیس پانہٕ سے سیتی توشتھ آسہ - (۲) دَیہ سنٛد اکھ ناو -

**آتمہٕ، آتما** - (ن - ک - آتمہٕ - مؤل : آرتم یا آتما - (س : آتما -)

پان - روٗح - زُو -

آتمہٕ لوٗد - پننٕ زان - پنُن پان زانُن -

آتمہٕ دلو - پنُن خاص دوتا - اِشٹہٕ دوتا -

**آتھر** - (م - ک - آتھر - مؤل :

آٹھر-)
اکہ قسمک بانہ یتھ کیتھ کرال بانہ
چھ ہو کھناوان -
آٹھوار- (م-ک-آٹھوار-مؤل: آٹھوار-
(س: آدِ تیہ وارہ -)
ہفتکہ گوڈنکہ دُہک ناو- بٹہ وار بیتہ
تہ ژُندر وار بڈ دُہیم دوہ -
آٹھاس تہ پاٹاس ٹلُن- (س: اٹہ ہاس،
پاٹہاس گوَ وزنہ باپتھ-)
کٔشکر ناد ٹلُن - شور ٹلُن - ترٹہ بُزن
بِلناوُن - ٹماسہ رارے ٹلُن - م: آنہ
راسے بانہ راسے بِلناوُن ---
آٹھہ واٹھہ- (س: آر دڑتہ + وزنہ باپتھ
واٹھ-)
یتھ تتھ مانہ نس پیٹھ واتُن -
یتھ تتھ کُنہ کتھ بیتر پیٹھ تیار گژھن -
آٹھہ واٹھہ انُن- یتھ تتھ مانہ راوُن
یتھ تتھ تیار کرُن -
آٹھہ واٹھہ - اوُل سوُل - اڈسیوُن

ڈسیوُن - یتھ تہ خاص کا تھہ مزا آسہ
آٹیوُ- (ن-ک-آٹیوُ-مؤل: آٹو---
(سنسکرت اٹہ -(س: آردڑہ ---
(ف: آرد + ک ---- ہو-)
(۱) آٹس بنوومُت - آٹک --(۲) یہ
تہ دوڑ آسہ - یتھ تہ دربر آسہ -- یہ
زیر سیتی پھٹہ --- م: آٹو ---
آچھر- (ن-ک-آچھر-مؤل: آچھر-
(س: آشچر-)
عجیب کتھ یا چیز بیتر-م:--
آچھر سہ ٹاچھر وُنتھہ تہ ہیکانہ
ژیتھ ویمرشہ دیتہ مانہ بگوانو
(پرمانند)
آچھر = آچھر عہ۱ (م-ک-آچھر-مؤل: آچھر
(۱) آچھر- ییر ڈینچہ ہنز لوکٹ اٹہ-
کرتہ نے ییر کون ---
آچھر عہ۲ (م-ک-آچھر-مؤل: آچھر ---
(س: آشکشت-)
کھتہ کڈنے - اب کھتکھ - گرتہ ڈونے-

آچھُر، آچھوٗر۔ کھتہٕ کڑنے۔ وانہٕ کڈنی
ہکھُر۔ ہیٚچھناونے شُربیتر ـــــ

آخنتہٕ ـ (ن۔ک۔ آخنتہٕ۔ مؤل : آخت ـــ
(ف : آخته ۔ س : آکرشِٹ ـــ)
کھسُی۔ شؤنثر روومُت۔

آخُر/آکھرِ چوڑ (ن۔ک۔ آکھر چوڑ۔ مؤل :
آکھر چوڑ۔)
تلہٕ وٲنی وانگ اکھ حِصہٕ ـــ

آدَر ـ (ن۔ک۔ آدر۔ مؤل : آدر۔ (س:
آدرہ۔)
یزتھ۔ مان۔

آدر باو۔ سُہ یزتھ تہٕ مان یُس کٲنسہ
یا کانٛہہ ؤسہ پانیہٕ زِٹھس کرِ ـــ

آدر سِتکار ـ یزتھ۔ مان ـــ

آدَم ـ (ن۔ک۔ آدم۔ مؤل : آدم۔ (ع:
آدم ـــ)
(۱) اِنسان۔ موٚنُش ۔ (۲)، بُنی آدم
انسٲنی صِفتھ تھاوَن وول ـــ

آدَم خور، آدَم کھاو ـــ انسانس کھینہٕ
وول۔ ظٲلم۔ سِتمگر۔

آدَن ـ (ن۔ک۔ آدن۔ مؤل : آدن ـــ
(س : آدِم۔)
گوڈ۔ آغاز۔ کانٛہہ خاص گُنڈِتھ وَق،
موقہٕ ۔ آدَن بوٗج ۔ لوکچار پیٹھک
یار۔ یُس لوکچارِ پیٹھے سیتی سیتی رۄدمُت
بالہٕ یار ـــ

آدَن یار ـ آدَن بوٗج ۔ لوکہِ پانہٕ
پیٹھک یار۔ بالہٕ یار۔

آدِنُک ـ (۱)، یوٗنک۔ گوڈنکہٕ پینک
(۲)، لوکچارُک ۔ لوکچار پیٹھک ـــ

آدوآ ـ شارداتہٕ ناگری اَچھرن منز ـــ
"ا" حرفُک ناو ـ

آدار ـ (ن۔ک۔ آدار۔ مؤل : آدار۔
(س : آدھارہ۔)
بیٚمہہ۔ تلہٕ ڈکھہٕ۔ ڑوٗک۔ بُنی یاد کِن

آدِ آدِ یہٕ ـــــــ (ن۔ک ـــ
آدِ ۔ مؤل : آدِ ۔ (س : آدِ ـــ)
گوڈ۔ گوڈنیک۔ آدِنک ـــ

آدِلو — گوڈٕنیک دِوتا۔
آدِکار — (ن۔ک۔ آدِکار۔ موٗل: آدِکار۔
(س: اَدِھکار۔)
یَختیار۔ رُتبہٕ —
آڈٕر — (م۔ک۔ آڈٕر۔ موٗل: آڈَر۔)
رِنیوٗمُت تہٕ ژھیوٗنمُت دَستار۔
اوٚگرُ تھوٚگرُ گوٗنڈٕمُت دَستار۔
آڈٕن۔ کٔشیرِ ہُنٛد اکھ گام۔
آرَمٛب — (ن۔ک۔ آرَمٛب۔ موٗل: آرَمٛب
(س: آرَمبھ۔)
گوڈٕ۔ شوٗروٗع۔ آغاز —
آرَمٛب کرُن — شوٗروٗع کرُن۔
آرام — (ن۔ک۔ آرام۔ موٗل: آرام —
(ف: آرام < آ + ژٕند۔ رم = س رَم
قرار۔ راحت۔ مَنٛچ شانٛتی۔
آرٕج — (م۔ک۔ آرٕج۔ موٗل: آرج۔)
گاسہٕ اَر۔
آرٕ١ — (ن۔ک۔ آرٕ۔ موٗل: آر۔ (س:
آوَر۔)

(١) گیرٕ۔ مَنٛڈٕل۔ لوٚکٕن ہُنٛد دائیرٕ
بناوِتھ وٕدٕرِنی روزُن۔ گول بناوِتھ
وٕدٕرِنہٕ روزُن — (٢) ہارٕکی یا ٹھی
پَنٛس پیٹھ وُرمُت کانٛہہ چیز —
(م۔ گوگجِہ آرٕ بیترِ۔
آرٕ٢ — (ن۔ک۔ آرٕ۔ موٗل: آر —
(مُ۔ تالِ آر = کول۔)
بالہٕ پیٹھٕ وَسوِنی یا یکوَ تہٕ وَٹوَ
پیٹھٕ یکوِنی کول۔
آرٕبَل — آرَس اُندی کُھکھ جاے۔
آرَس نکھہٕ زمین —
آرٕپل — سیٹھا گوٚب تہٕ بُڈٕکُنی
یوٚس آرَس مَنٛز آسان چھےٚ —
آرٕپَن پان چھاوُن۔ پھٕشراپٕ
دِنی۔ کَلٕ چھاوُن —
آرٕپیٚتھ۔ سوٗ جاے یَیارٕ یارٕی
آرٕ پکان آسہٕ —
آرٕپیٚتھٕر۔ سُہ گام یتھ اُندی اُنٛدی
آرٕ آسَن پکان —

آرٕکُنی ۔ سہ گول کُنی یا دٔرٕ بیترٕ یُس آرَس منٛز آسان چھُ ۔ لآیِم ۔

آرٕگاڈ ۔ اکھ گاڈٕ ذاتھ یوس تیز پکوٕنس آرس منٛز آسان چھےٚ ۔ آرٕگاڈ ۔

آرٕگرٕزُن ۔ سُہ شور یُس تیز پکوٕنہٕ آرکہٕ پانہٕ سیتی گرٕزان چھُ ۔ تیتھ شور یُتھ تیز پکوٕنہٕ آرٕ سیتی گرٕزِھ ۔

آرٕوارٕ ۔ (۱) آرکہٕ پاٹھی ہوٗل ہوٗل تہٕ سوٗرے کینٛہہ ڈٲہِتھ نوٗن ۔ (۲) اَپارِ یپور ۔ ہمہٕ اَنٛدٕ پیٹھٕ یتھ اَندس تام ۔

آرٕوَل ۔ اکہٕ قٕسمک یوٗدُر گولاب (یُس پانے کھسان چھُ ۔)

آرٕوَلہٕ پوش گرٕشھن ۔ لیدُرُن ۔ لیدٕریر پھیرُن ۔ (بَنہٕ سیتی ، فکرِ سیتی)

آرٕووٗنی ۔ آرُک آب ۔ یُس پونی آرٕ پیٹھٕ اَنی زِ ۔

آرٕہی ۔ اکھ ہی ذاتھ یوس آرن نکھہٕ کھسان چھےٚ ۔ اکہٕ قٕسمک پوش ۔

آرٕپور ۔ (س : آوارہ + پارہ ۔) اکہٕ اَنٛدٕ پیٹھٕ بیٚیس اَندس تام ۔

آرٕوَر ۔ اَپارِ یپور ۔ سوٗرُے ۔ ژھینٛہٕ ورآے ۔

آرٕچھ ۔ (م ۔ ک ۔ آرٕچھ ۔ موٗل : آرٕچھ) پُنجرنہٕ نبرَ یا ٹیبہٕ نبرَ یوسہٕ چھتھ پکوس روزِ ۔ کہرٕ ۔

آرٕدُن ۔ (ن ۔ ک ۔ آرٕدُن ۔ موٗل : آرٕدَن ‹س : آرادھن ۔›) (۱) پوٗزا کرٕنی ۔ تہٕ تما کرٕنی ۔ گوٗن گیوٕنی ۔ (۲) رٕتٕنزٕوُن ۔ (۳) لولہٕ ، یٔژھ ژھٕھٕ بٕٹہٕ کرٕٹُن ۔

آرٕگب ۔ اَڈٕگب ۔ (ن ۔ ک ۔ آرٕگب ۔ موٗل : آرٕگب ۔) یٔنہٕ ہٕنٛز کسَر ۔ یٔنہٕ یٔتس یا ووٕنٕس اَندرٕ کھُر ۔

آرٕم ۔ آرٕم ۔ (ن ۔ ک ۔ آرٕم ۔ موٗل : آرٕم ‹س : آرامہ ۔›) سبزی بیترٕ وٕوہ پیداوٕن وول ۔ ہاکہٕ وٲرٕ

بیتر کمأ ٕن وول - م - آرمیٚنز-

آرٕم گوگج - اکہ قسمچ ووٚ زٕرج گوگجہ
ذاتھ یوس عام گوگجو کھوٚ تہٕ میٹھ چھے
آسان - آرٕم وأر - آرٕم باغ -

آرٕم ہٕنٛد - آرم وارِ ہٕنٛز ہٕنٛد، یہ
ہٕنٛد چھےٚ ہٕنٛدِ ذأژو منٛزِ خاص تہٕ
مزدار مانٛنہٕ یوان ---- اَمہٕ علاوٕ چھےٚ
اَتھ بیٚیہٕ ژٕ ذأژ تہٕ - جم : ہٕنٛدان ہٕنٛد
تہٕ کوٚہو ہٕنٛد -

آرٕم ہاکھ - آرم وارِ ہٕنٛد ہاکھ،
ہاکہٕ ذأژو منٛزٕ چھہٕ یہ خاص ہاکھ مانٛنہٕ
یوان - اَمہٕ علاوٕ چھےٚ ہاکس بیٚیہٕ ذأژ
تہٕ - جم : ہٕنٛز ہاکھ، وارِ ہاکھ - بیتر-

آرمیٚنہٕ کُٹھ مُژ فقیرن دوٗرس بانہٕ -
یہ چھہٕ تمہٕ ساتہٕ وَنان ییلہٕ کانٛہہ کأم
کرتہٕ بیاکھ روز لس پتےٚ نٕ مٕنےٚ تہٕ
دِتہٕ اَمہٕ منٛزٕ کینٛژھا - (خاص کٔرتھ ییلہٕ
ہٕتس پانٛس براےٚ دی آسہ -)

آرٕوَن - (م - ک - آرٕوَن - مؤل : آروَن

(س : آرہ + ک ---- آکن -)
کُنہ پشچہ کنہٕ دکرٕڑ کنہٕ، پھہرٕ کنہٕ
پاَترٕ کنہٕ بیتر -) پھہرٕ برٕ دٕنچ کأم -
پھہرٕ ناوُن - پھرٕ شاوُن ---

آرٕوُن، آروُن - (مؤل : آرد-
(س : آرہ -)
گرٕڑ تہٕ کھہرٕ کنہٕ بیتر پھہرٕ بناوٕنی
پھرٕ شاوُن ---

آرُن - (ن - ک - آرُن - مؤل : آرن -)
(۱) سہ دوٚب یتھ منٛزٕ ٹھأشہٕ کلاے
کرنہٕ ونٛنہٕ ژرنہٕ چھہٕ تھوان - (۲) ناوِ
نمک گوٚد یتھ منٛزٕ ہمہٕ تجٕ چھہٕ تھوان -

آروگ - (ن - ک - آروگ - مؤل : آرد گد
T. 1330
(س : آرعگیہ -)

آربر - اوٚر آسُن - وادِ دکہ رٕدس آسُن-

آرتی - آرتھی ------ (م - ک -
T. 1315
آرتی - مؤل : آرتی - (س : آراترکہ)

آرادنا - دیہٕ سندی گوٚن گیوٕنی -

آردن - (م - ک - آردن - مؤل : آردن -

T 1316 آرادھنا (س : آرادھنا ؟)

پوٗزا ۔ دیَہ ہِندی گوٗن گیوٗ تھ ـــ

آرٛدن کرٛنی ـــ پوٗزا کرٛنی ۔ گوٗن گیوٗنی ۔

آرسَن پُٹھ ـــــ (م ۔ ک ۔

آرسَن پُٹھ ۔ موٗل : آرسَن پُٹھ ۔)

کانہہ تانٛی ۔ سونرٛ سُنٛد اکھ سامانہٕ ۔

آریہ ـــ (ن ۔ ک ۔ آریہ ۔ موٗل : آریہ ـــ

T.1347 (س : آریہ ۔)

(۱) اکھ قوم یُس ہِندوستانس منٛز
آباد سپٕد ۔ (۲) اصیل ۔ تھدِ پایک
(۳) تُم ـــ آریہ سماج ۔ ہِیندٕن ہُنٛد
اکھ فرقہٕ یمُک بانی سوامی دیانند
سرسوٗتی اوس ۔

آزاد ـــ (ک ۔ آزاد ۔ موٗل : آزاد ـــ

(ف : آزاد ۔ (ژَند ۔ آ + زاتہٕ یس
جاتہٕ ۔)

سُہ یُس پنٕنہِ ہٕ بیٚنہِ سُنٛد دَباو
آسہِ ۔ یُس نہٕ بیٚیس سُندِس اَتھس منٛز
آسہِ ۔ یلہٕ ۔ کانٛسہِ تَل نہٕ ـــ

آژار ـــ (ن ۔ ک ۔ آژار ۔ موٗل : آژار ۔

T.1071 (س : آچارہ ـــ)

فائدِ لہٕ پالُن ۔ نیمہٕ موٗجوٗب پکُن ۔

آژٲری ـــ (ن ۔ ک ۔ آژٲری ۔ موٗل :

آژٲری ۔ (س : آچاریہ ۔) T 1072

(۱) آژارٕ وول ۔ یُس رٔژھ رٔژھ آژارس
پٮ۪ٹھ پکان آسہِ ۔ (۲) گور ۔ (۳) سُہ
برٛہمُن یُس موردٕ سُنٛد دان رٹہِ ۔

آژاشِتھ ۔ زٕل ، ئٔل تہٕ گوٗہ بیتر ۔ سُہ ژھیٚچر
یُس زٕلہِ تہٕ ئٔلہِ بیترٕ سیٚتی گرٛژھہِ ـــ

آژِمَن ـــ (م ۔ ک ۔ آژِمَن ۔ موٗل : آژِمَن ۔

T.1065 (س : آچَمَنہٕ ۔)

منٛز اَتھس آب پیٚوٗنٛتا درمہٕ پرٛژھی
رٹُن تہٕ چوٗن ـــ

آژھٕنُن ۔ آژھہٕ وُن ۔ (ن ۔ ک ۔ آژِھنُن
موٗل : آژھہ ۔ (س : آشریٚنہٕ ؟؟)

کانٛہہ چیز بیتر آزمادنہٕ خاطرٕ گوڈٕ ٹِچھ
لٔطِ استعمال کرُن ۔ کنترِ وِس بالِس پانہٕ
بیترٕ سیٚتی کور ڈُلرادُن ۔ بانہٕ لاگُن ،

وَرتاوُن ، اَڈراوُن ـــ

آس ع۱ـ (مۆل : آ دس : آیا + ک ــ س)

پٕچھُس اَمُت ـ سُہ آوتَس ـــ

آس ع۲ (مۆل : آس دس : اَس ـ)

ژٕ آس ہیٚ ـ ژٕ سپد ہیٚ ـ ژٕ بَن ہیٚ ـ

م : سۆکھی آس ـ

آسُن ـ (ن ـ ک ـ آسَن ـ مۆل :

آس دس : اَس + ک ـ ن ـ ک)

(۱) تِم روزُن بزوٗنہٕ کُن ـ (۲) دلِو

تِم چھِ ـ آسَن وول ـــ دیارٕ وول

ہارٕ وول ـ مالدار ـ لیس آسُن بَسُن

آسہِ ـ بجا ـ

آسہِ ـ (بزوٗنہٕ کُن) روزِ ـ (بزوٗنہٕ

کُن) بَنہٕ ـ

آسوُن ـ سُہ لیس روزِ یا آسہِ ـ

سُہ لیس لگاتار کُنہِ خاص اَکِس حالتھ

منز روزِ ـ سُہ لیس باضابطہٕ وجوٗد

آسہِ ـ آسُن ـــ بَنُن ـ روزُن ـ

آسُن بَسُن ـ مال دولتھ ـ

آسُن باسُن ـ بُلہِ باسُن تہِ کیٚنہہ چھُ ـ

آسنہٕ ـ آسَن سنا ـ

آسَن ـ (ن ـ ک ـ آسَن ـ مۆل : آسَن (س : آسنہٕ)

(۱) بیٚہنہٕ جاے ـ پیٖپھ ـ یتھ پیٖٹھ بِہن (۲) یاٚ جا مکُ

سُہ حِصہٕ یُس منزس فرشس آسان چھُ ـ

آسان ع۱ـ (ک ـ آسان ـ مۆل : آسان (ف : آسان)

سہل ـ یہِ ہیٚ سخ آسہِ ـ یہِ ہیٚ مُشکل آسہِ ـ

آسان پاٚٹھی ـ سہل پاٚٹھو ــــ

کُنہِ مُشکلہِ ورأے ــــ

آسُر ـ (ن ـ ک ـ آسُر ـ مۆل : آسُر ـ (س

آسرہ) ـ

اَکہِ کُلہٕ کیٚ ناو یمیُک بیٚول مالس

لگان چھُ ـ سَرشَپھ کُل ـ

آسُری بیٚول ـ آسُری کُلُک بیٚول ـ

یہ چھُ آنچارس ۔ بیتہٕ لگان ـ سَرشَپھ ـ

آسُری مۆنڈ ـ آسُری کُلُک مۆل ـ

(اَتھ چھُ مُہلاہ بناوان ـ)

آس پاس ع۱ـ (ف : پاس + آس ـــ

وَزنہٕ پُرژھی ـ)

لِحاظ ـ طرف ـ

آس پاس ع۲ ژیٚاد شوٗہ + آس وزنہٕ باتھ

T. 67

1484

adab

آسن بد

T. 1496

آسری

اُتی اور یور۔ اُندی ئکھی ــ

**آستان، آستانہٕ** ۔ (ن ۔ک ۔ آستان
مۄل : آستان ۔ دف : آستان ــ
< ژند ۔ آ+ستان = س : ستھان ۔)
(۱) بڈ اندر ۔ وُز ۔ (۲) درویش سٕنز
روزنٕچ جاے ۔ زیارتھ ۔

**آسر** ــ (ن ۔ک ۔ آسر ۔ مۄل : آسر ــ < س :
آشریہ ۔ > ہ : آسرا ــ)
ڈۄکھ ہُسہ یُسند ڈۄکھ آسہ ــ
مدتھ ۔ سُہ یُسند اتھہ کلس پیٹھ آسہ ۔
چھپنہٕ جاے ۔

**آسمان** ــ (ن ۔ک ۔ آسمان ۔ مۄل : آسمان
دف : آسمان ۔ < ژند ۔ اشمن س :
اشمن ــ)
نبھ ۔ آکاش ــ

**آسمان ہاوُن** ۔ پتھر پاوُن ۔ تل
کرُن ۔ ہار مانہٕ ناوُن ۔ (خاص کرِتھ
دبہٕ دبہٕ اندرٕ ــ)
آسمانہٕ وُژھ بلاے خانہٕ غریب



کُجا اَست ۔ اور یور چھ مُصیبتھ پئے
کسٕس یِوان ۔ یوہ سہ بلاے سوٚ بلاے
چھے اَثرٕ مٕنز غریبہٕ سے یِوران ــ

**آش، آشا** ۔ (م ۔ک ۔ آش ۔ مۄل : آش
< س : آشا ۔)
وۄمید ۔ سَتھ ۔

**آشاوان** ۔ یُس آشا دارِتھ آسہ ۔
یَس آشا آسہ ۔ یَس وۄمید آسہ ۔

**آشہٕ رٕژھر** ــ آش نہٕ آسنٕچ حالتھ ۔

**آشہٕ رۄس آسُن** ــ وۄمید نہٕ آسنی ۔
ناوۄمیدی ۔ کاُنسہِ ہُنْد ڈۄکھ نہٕ
آسُن ــ

**آشہٕ رۄست** ۔ یُس نہٕ
کانْہہ وۄمید آسہ ۔ یَس نہٕ کُنْہہ آش
آسہ ۔

**آشہٕ وول** ۔ یَس آش آسہ ۔
یَس وۄمید آسہ ۔ یَس سَتھ آسہ ۔

**آش بَرٕنی** ــ وۄمید تھوٚنی ۔ سَتھ
روزٕنی ــ

**آش تھوٚنی** ــ وۄمید روزٕنی ــ
وۄمید آسٕنی ۔ اُمید تھوٚنی ۔ کاُنسہِ

پیٹھ بوڑوٗسہ کرُن - کائِسہِ ہُنز
ستھ آسنہٕ ---
آش دارِنی - کائِسہِ ہُنز ووہ مید
تھوٗنی - کائِسہِ پیٹھ بوڑوٗسہ
کرُن - آش روزِنی --- ووہ مید
آسنہٕ - بڑ اشتھ روزِنی - اُمیدٕ روزِنی۔
آشنہٕ ---- (م-ک- آشنہٕ
مۆل : آشنہٕ Ts.1466 آشُرِیہ
کولے - زنانہٕ - خاندارِنیٛز گرواجہ۔
آشُر - (ن-ک- آشُر - مۆل: آشُر
(س: آشچریٛہ -)
تأجب - حارانی ---
آشُر کرُن - حاران سپدُن۔
حاران گژھن ---
آشُری - عجیب -
آشنائی، آشنائی - (م-ک- آشنائی
مۆل: آشنائی - (ف: آشنائی -)
زان پچھان - ذاتی کارِ - پانئیار-
بندُھتھ - رِشتہٕ ---

آغاز - (ن-ک- آغاز - مۆل: آغاز -
(ف: آغاز = س: آ + گاہ -)
گوڈ - شوٗروٗع ---
آغہٕ - (ن-ک- آغہٕ - مۆل: آغ ---
(ترُکی آقا -) آغا آغا
مالِکھ - زُیٹھ - م: آغہٕ بائے -
آغہٕ بوڈ پہرُس نوکر بوڈ پہرُس۔
آغہٕ چھُ تیتہٕ ہیے کالس مالِکھ ییتِس
کالس گرِ آسہٕ تہٕ باقی ساریے ہیے
وقتس چھُ نوکرے مالِکھ ---
آغہٕ کران نیتھر تہٕ پیرزُن ہٕ مانان۔
آغس چھُ خاندر تہٕ ووہ پرچھس ٹھاکھ
کران - بوڈ موہنیو چھُ خرچ کران تہٕ
کانہہ ژوٗنزا دایا چھس ٹھاکھ کران،
تہٕ ڈیپتھ گوٗلس نہ کانہہ یختیار آسہ
سُے چھُ یختیار واَلس ٹھاکھ کران -
آفتھ - (م-ک- آفتھ - مۆل: آفت -
(ع: آفت -) Platts 61/2 Persian also
بلاے - تیالی - ڈنڈ - مُصیبتھ ---

آفتاب ۔ (ن ۔ک ۔آفتاب ۔۔۔
مؤل : آفتاب ۔ (ف : آفتاب
آف + تاب ۔ پہلوی : تاپ ۔ ژند
تاپَہ ۔ س : تاپَہ ۔)
سِری بِہ ۔۔۔
آفتابہٕ بیوٗل ۔ گُلِ آفتابُک بیوٗل ۔
آفرین ۔ (ن ۔ک ۔آفرین ۔ مؤل : آفرین
(ف : آفرین ۔ آ + فرین ۔ ژند
فرینَہ = س : پرپنہَ ۔)
شاباش ۔ مرحبا ۔
آکار ۔ (ن ۔ک ۔آکار ۔ مؤل : آکار ۔
(س : آکارم ۔)
رٕپھ ۔ بناوٹھ ۔ گرٕنی ۔ شکل ۔
آکارٕ گوٚپھتھ ۔ یُس نہٕ اصلی رٕپھ
نوٚن آسہِ نہٕ ۔ یس ینیٚرِ اکھ رٕپھ
آسہِ تہٕ اٚندری بیاکھ ۔
آکاش ۔ (ن ۔ک ۔آکاش ۔ مؤل : آکاش
(س : آکاشہ ۔)
نَب ۔ اَسمان ۔ اکھ توتھ ۔ پانژِ وَ
توتھو منز اکھ توتھ (عناصِر) ییتھ
رِشتہٕ وَنان چھ ۔۔۔
آکاشہِ گٔنتھ ۔ وُڈِتھ ہیکُن ۔ وُڈوٕ
کرنُک طاقتھ ؟ سودرکَس گرُژھن ۔
وچھتھ گرُژھن ۔
آکاشہِ گنگ ۔ اَکِس تارکھ
تشدلہِ ہُنڈ ناو ۔۔۔
آکاشہِ وانی ۔ آکاش آواز ۔
آواز یوس ہیٚری یکہِ ۔ ہیٚرِم آواز
غیبی آواز ۔
آکاش آسُن ۔ تیز بوٚز دول ۔
سبٹھا چالاکھ تہٕ گاٹل ۔ یُس کتھ تلکھ نیہِ
آکرٕ کرٕنی ۔۔۔ اڈ گرٕے تھوٚگرٕے
کامہ کرٕنی ۔ لاپروٲہی کرٕنی ۔ بےٚ دِلی
سان کامہ کرٕنی ۔
آکرُن ۔ (ن ۔ک ۔آکرُن ۔ مؤل : آکر۔
(س : آکارِنہٕ + ک ۔۔۔ اُن) ۔
کامہ کرٕنک اَمان راوُن ۔ محنتھ کرٕنچ
ہال مَشُن ۔ سودِلہٕ کامہ کرنُک عاژتھ

پؠ روزُن ——— کانٛز لرکز

آکھ ۱ (ن۔ک۔ آکھ۔ مؤل: آکھ۔
(س: آکار۔)
چھوکھ بٔتہٕ پترٕیُس نشانہٕ روزان
چھُ۔ کُنہِ چیزُک پتھ کُن روُدمُت
نشانہٕ —

آکھل۔ (آکھ + ک۔ اَل)
آکھٕ دول۔ یُس یا یتھ آکھ
آسہِ۔ سُہ یُس کُنہِ چھوکُک نشانہٕ
آسہِ۔

آکھ ۲ (ن۔ک۔ آکھ۔ مؤل: ۲۔
(س: آ + ک ——— کھ)
(۱) ژٕ دوٗتکھ۔ (۲) یمن آوسہ۔

آکھنی۔ (م۔ک۔ آکھنی۔ مؤل: آکھن۔
(س: آکھاینی۔) T1043
پرٛانی کانٛہہ کتھ —

آگے۔ (م۔ آگے۔ مؤل: آگے۔ (ف:
آگاہی۔ آگاہ + ی۔)
بے پتہ۔ اطلاع۔ خبر۔ زان۔

آگاہ۔ (ک: آگاہ۔ مؤل: آگاہ۔ (ف:
آگاہ۔ پہلوی، ژٕنٛد آکاش = س۔
آکاشہ۔)
غأرٕچ زان۔ واقفیتھ۔

آگہِ رأٹھ۔ (م۔ آگہِ رأٹھ۔ مؤل: آگہِ
راٹھ۔)
اکھ رأٹھ لیو سہ کُلین نال چھےٚ ولان
تہٕ چار وأے چھ کھبوان —

آگُر۔ (ن۔ک۔ آگُر۔ مؤل: آگر۔ (س:
آگَم + ک ——— اُر۔)
سو جاے یتہٕ پلیٹھ کینٛہہ نیر ——
یم: کولہ ہنٛد آگُر۔ تہٕ یمہٕ پلیٹھ کانٛہہ
کتھ بیتر دزاہٕ آسہ۔ کتھہِ ہنٛد مؤل

آگ باگ۔ (ن۔ک۔ آگ باگ۔ مؤل:
آگ باگ۔ (س: بھاگہ + وزنہٕ باپتھ
آگ۔)
تارٕتم۔ اوگ۔ بوگ۔ اندازٕ ——
وار ولستار۔

آگیا۔ (م۔ک۔ آگیا۔ مؤل: آگیا۔ (ہ:

آگیا - (س: آجنیا = ک اَگنیا -)
اجازتھ - حُکُم - اَگ نیا -
آگیا دِنی - اجازتھ دیُن - حُکُم
دیُن - ٹاکھ تلُن -
آگیا کرِنی - حُکُم کرُن -
آلتھ - (م - ک - آلتھ - مؤل: آلت
(س: آراتِرِکا -)
رُتنہٕ ژانگو جہ کلہٕ پیٹھٕ آلو نہٕ -
کاتھہٕ چیز بیترِ کلس آلوُن - (ریز تھ
کرِن وِزِ، پوزا یہٕ وِزِ)
آلو - (ن - ک - آلو - مؤل: آلو - (س:
آ + رَوَہ -)



ناد - آلو دیُن - ناد لایُن، بُلاوُن
کرِکھ دِتھ پانس کُن پھرُن -
آلو ملو - بُڈ تہٕ صاف آواز -
تھد ہیٹہِ کرِکھ -
آلو پلو - کتھ باتھہٕ ہُنٛد وبستار - دون
ہمسایَن پانہٕ وانٛی کتھ باتھ آسٕنی -
آلو نہٕ پلو - پانہٕ وِنی نہٕ کاتھہٕ واٹھ

یا توٗتق آسُن -
آے زال پیوٗن - لوکٹہٕ اَستھ گرِ
پیٹھ پیوٗن - لوکٹِ سے گرِ مٕژِ کھسُن
آلہ۱ - (ن - ک - آلہٕ - مؤل: آل -
(ف: آلہ (ع: آلة) اوزار
آلہ۲ - (ن - ک - آلہٕ - مؤل: آل - (س: ہلم
آلہٕ بانٛی -
آلہٕ پھیُر - بیٚول وُدِتھ دوٚیمہٕ لٹہِ وائے
ہٕرز ین -
آرٕشی - (ک: آرٕشی - مؤل: آرٕشی - (س:
آلسی -)
یَس آرٕش آسہِ - یَس نہٕ وُدیوگ آسہِ
لُمتھ لِستھ کام کرِن وول - کاین کٔژن
وول - کامہٕ ژوٗر -
آرٕشی لوٗنی - کھرِ وگرِ ژھوٗن وتہٕ
اکھ تھکہٕ لوٗنی -
آرٕشی لد - آرٕشی - آرٕش برِتھ -
یَس سبٹھا آرٕش آسہِ - یُس کایہ کٔشہٕ -
آرٕشی کھیوٗمت -

آہرِشہٕ مَر ۔ کھرٕ وَس نکھہٕ اکہٕ جایہٕ
ہُنڈ ناو ۔ یوس آہرِشن تہٕ کامہٕ ژھُورُن
ہنڈِ بایتھ اُس ۔
آلہٕ کونڈُل ۔ آرٕ کونڈُل ۔ (ن ۔ ک ۔ آلہٕ
کونڈُل ۔ مۆل : آلہٕ کونڈُل ۔ دس :
آوَرٕ + کُنڈلَہ ۔)
گول رِکھ یا گول نشانہٕ ۔ کانْہہ
ڈُوم چیز بیترِ ۔
آلہٕ گژُر ۔ (م ۔ ک ۔ آلہٕ گژُر ۔ مۆل : آلہٕ
گژُر ۔ دک : آلو دس : آدوہ + ف :
گزر ۔)
آلی واکھ ۔ خاَر پاٹھ ۔ رِژر پاٹھ ۔
آلوٗن ۔ (م ۔ ک ۔ آلہٕ وٗن ۔ مۆل : آلو ۔
دک : آلو دآر ۔ یا س : آلول ؟
ک ـــ ان)
دارِ وارِ ناو بال تھوَنیُچ کام ۔ ناو
بُٹھس کُن رَنیُچ کام ۔
آلوٗن ۔ (ن ۔ ک ۔ آلہٕ وٗن ۔ مۆل : آلو ۔
دک : آلو دآر ۔ یاس آلول جھوک ۔
ـــ ان)
کانْہہ چیز بیترِ کلہٕ پٮ۪ٹھ تَرٕ ناوُن ، پھِر
ناوُن ۔ ترِ واینہٕ (اُندی اُندی) ۔ ناو بال
لاگنی ۔ گول گول واینہٕ سیتی ناو بوٗنٹھ
لاگنی ۔ رٕدی کرٕدی کرٕی کھورِ سیتی ناو بُٹھس
کُن نِنی ـــ
آلوِتھ ـــ کانْہہ چیز اَتھو سیتی کَس
اُندی اُندی پھیرِ وِتھ وُنڈِتھ ترٕاوُن ۔
آلوِتھ پا آلوِتھ ـــ آلوِتھ ۔ آلوِتھ
والوِتھ ۔ کانْہہ چیز کلہٕ پٮ۪ٹھ پھِر ناوِتھ
وُنڈِتھ ترٕووُمت ـــ
گُو آلہٕ وٕنی ـــ ماے ہاوُنہٕ بایتھ کلہٕ
پٮ۪ٹھ تَرِ آلوِنہٕ ۔ اکہٕ قسمُک بلابہٕ لگن
ہیُو ۔ تَرِ آلوِنہٕ ـــ کانْہہ اُندی اُندی
تَرٕ پھِر نادِنہٕ ۔ وُنڈِتھ لگہٕ تمُک اِشارٕ ۔
لول ہاوُن ۔ جان پان پُشراوُن ۔
آلوٗژھ یا آلرِشی ـــ (ن ۔ ک ۔ آلوٗژھ ۔
مۆل : آلژھ ۔ دس : آلسی ۔)
کمزور ۔ کمزوری ۔ کاہِل ۔ کاینک اَثر

آلوٗژھ عٕ۲ (ن-ک-آلوٗژھ-موٗل: آلژھ (س: آلسیہ-)

کاٗم کوٗٹ کرنُس نہٕ دوہ تٕرِیُن - کاہِن کَشُن -

آم ع۱ (ن-ک-آم-موٗل: آم-)

بُم سپنہٕ ہیٚتھ اکھ کیوٚم یُس اَندرمَن منٛز آسان چھُ -

آمہٕ پھوکھ - سُہ پھوکھ یُس آم آسنہٕ سِیتۍ ڈکھسان یا آسان چھُ، یہ چھُ ٹرُہ یا ٹھٕ شرِین آسان -

آمہٕ تَپ - آمہٕ بُخار - آمو سیتۍ کھوٚتمُت تَپھ -

آمہٕ ڈزٕ پھٕچ - ڈِیٹھٕ مٕٹھ آمن ہنٛز پٕھچ - آمہٕ شاشُش - سُہ پھڑکھ یُس آم آسنہٕ کِنۍ کھسان چھُ -

آمہٕ کٔرِل - ژاویٖل اِنسان یا شُرکی وال ہیٚتھ شُر -

آمہٕ کیوٚم - آم - بُمہٕ سپنہٕ ہیٚتھ اکھ کیوٚم یُس اَندرمَن منٛز آسان چھُ -

آمہٕ لوٗژھ - آمہٕ گیوٚڈ - اکھ اُکِس سِیتۍ اَلنہٕ وَلنہٕ آہتی آم -

آم عٕ۲ - (ن-ک-آم-موٗل: آ-(س: آ+ک-م-)

مےٚ نش آو - سُہ آو مےٚ نِش -

آمَن - (م-ک-آمَن - موٗل: آمَن - (س: آمہ+ک-ان-)

پھکھ - گانٛد - ہوژن پھکھ - اوم آرسنٛج مُشک -

آمہٕ تاو - (ن-ک-آمہٕ تاو-موٗل: آمہٕ تاو-(س: آمہ+تاپہ-)

دزَن داغ -

آمہٕ دوٗنٛد - (ن-ک-آمہٕ دوٗنٛد-موٗل: آمہٕ دَنٛد-(س: آمہ+دَنتہ-) چرکھ

آمہٕ نے ______ (م-ک-

آمہٕ نے - موٗل: آمہٕ نے-(ک: آمَن+اَیے-)

بگرُن - خواب گژھُن کھیٚوَن لایق نہٕ روزُن - ہوژُن وہتھُن (کسینہ)

چرٕس -) کھینہٕ چرٕس مُشِک وُڑھہ

آمہٕ ژُن - (ن -ک - آمہٕ ژُن - مؤل: آمن

دک: آمن ——— اُن)

(۱) ژھینٛجہِ پنہٕ سیتی بتِس رَنگ

ڈلُن - لوسنہٕ سیتی بتہِ سوسُن -

(۲) ہوژُن - ہوژن پھکہ وۄتھُن -

آمہٕ ہل - آمہٕ ہال - آمہٕ ہیوٗل -

موہنیار (سَخ تیر بیتر لگنہٕ سیتی

تیرِ سیتی دگ وۄتھنی - سۄ دگ بیتر

یوس شین یا سبٹھا ترٛن پونی چنہٕ

سیتی دُندن کرٛان چھےٚ -

آمہٕ ہل ہینہٕ - سخ تیرِ سیتی دگ وۄتھنی -

آمُت - (ن -ک - آمُت - مؤل: آمت

(س: آ+ک - مُت -)

(۱) کُنہِ جایہِ پیٹھہ وۄتمُت - (۲) تر

دٛرامُت - یتھ تازٕ تانٛدے کھیٚو یا تر

آسہ دٛرامُت (بٕوٗل بیتر) ———

(۳) پاکہِ دٛرامُت - تیار گومُت -

آمُن - (ن -ک - آمُن - مؤل: آمُن -)

کپرٕ کہِ دزنچ مُشک - سۄ مُشک یوس

کپرٕ دزنہٕ سیتی وۄتھان چھےٚ - دزُن مُشک

آمُن اَنُن ——— (۱) سبٹھا

لیکہٕ ژارنہٕ یتھ زِنار وۄتھہ - (۲) کار

کھینٛے کھینٛے ژُہن کھوٚر کرُن ———

آمبر - (ن -ک - آمبر - مؤل: آمبر - (س:

آمہ + ک - یر -)

اوم آمرسنٛج حالتھ - لوٚپ نہٕ آمرسنٛج

حالتھ - نیوٗ لےٚ آمرسنٛج حالتھ ———

آمین یکِن گنڈِ گنڈ - اپزٕ ے واٹھ - تیٚتھ

واٹھ یتھ پیٹھ نہٕ بوٚرڈ بہِ آسہ -

مُشکلی سان کُنہِ کتھہِ اُتھ ہرٕ برائڈی -

آمپہٕ - (ن -ک - آمپہٕ - مؤل: آمپ ———

(س: آپ -)

سُہ چیز یُس تونٛتہِ سیتی آپرٕنہٕ ییہٕ -

تونٛتہِ منٛز تونٛتہِ سیتی آپرُن ———

آمپہٕ مَنگنہٕ - (۱) تونٛتہِ سیتی آپرِتھ

ژٹنچ یژھ - (۲) کانٛہہ چیز منگنس منٛز

نہٕ تھپھے تُلنہٕ - کُنہِ چیز بایتھ اگادِ گرٛھن

کُنہِ چیز یا پیٹھ ژھرُٹ ژھرُٹھ کرٕنۍ۔
کُنہِ چیز یا پیٹھ آمیٚن ۔

**آمدٕنی** ۔ (ام۔ک۔ آمدٕنی۔ مۆل: آمدٕنی
(ف: آمدٕنی ۔ (آمدن۔)
کمٲے۔ زی۔

**آم ڈام۔ آمٕب ڈامٕب** ۔ (ن۔ک
آم۔ ڈام۔ (ک: ڈامٕب (س:
ڈمٕب +ک۔ آم وزنہٕ یا پیٹھ۔)
ناپیٚر بیٚنر۔ سٕکرے ہٕنٛز کرٕنۍ۔
م: سٕکرے نے کرکھ آم ڈام کرکھ
نیٚڈی دود تہٕ بکھ ہٕ ژانٕہ
(للہ دید)

**آم کوٗٹھ** ۔ (ن۔ک۔ آم + کوٗٹھ۔ مۆل:
آم کوٗٹھ۔ (س: آمہ + کھنٹ۔)
ٹھیکھ پاٹھی پکُن یا قدم بیٚتر کڈُن
نہٕ تگُن۔ کوٗٹھی ہٕ پکہٕ نس دٕرٕنۍ ۔
کوٗٹھی کمزور آسٕنۍ۔ (گرہ بیس)

**آملُن** ۔ (ن۔ک۔ آملُن۔ مۆل: آمل۔
(س: آمہ ۔ لُن)

لاو پھکھ ۔ ہوٗژن پھکھ۔ ادم
آرسیٚنٛج مُشک دوہٕ تھن ۔ امبر کرُتھن ۔

**آن** ۔ (ام۔ک۔ آن۔ مۆل: آن۔ (س:
آجنیا یا آگنیا۔)
بَجر۔ تھزر۔ ھکُم ہ۔ یختیار۔
آن مانٛنہٕ ۔ کانٛہہ ہُنٛد یختیار مانُن۔
بیٚنے ہٕسنٛدِس بجرس پزرٕ ٹہٕ کُنہٕ پرنٛز
بلہ مانٛنہٕ ، کٔرِ نوٗمرٲوُن ۔

**آن آنی** ۔ اکھ اکس یرٕتھ کرُن
اکھ اکہٕ سٕنٛز کتھ مانٛنی ۔

**آننٛد** ۔ (ن۔ک۔ آننٛد۔ مۆل: آننٛد۔
(س: آننٛدہ۔)
سلٕٹھا سوکھ۔ سوٗرٕرٕر ۔

**آننٛدٕ ستان**۔ مزٕ ستان ۔ فراغت ستان

**آننٛدٕ گُن** ۔ سوکھیے سوکھ ۔
سوکھہٕ لوٗپُن۔ م: آننٛد گٔنہٕ ٹاٹھ
میانے۔ آننٛد لوٗگُن۔ سوکھ لوٗگُن
مزٕ تُلُن۔ مزٕ ژٕہُن۔

**آنٕے**۔ (ام۔ک۔ آنٕے۔ مۆل: آنٕے۔

(س : آنَیشم -)
پیاو سوزِنچ دیپھتھ - نوشہ کورِ
ہِنٛدِس پرِسنس پیٹھ ہونکھ، اوٚدُر،
نُقد تہٕ جنٛس تُشنٛد ماٮ۪ن یا وآریُو
سوزُن —

**آنہٕ مانہٕ** - چھلہٕ چھانٛگرِ —
**آنہٕ مانہٕ کرُن** - چھلہٕ چھانگر کرُن
وَنتہٕ نہٕ لاگُن - م : یتہٕ گرِ شھنہٕ آنہٕ
مانہٕ کرُن —

**آنہٕ راسے بانہٕ راسے** - لیلہٕ وأنی - وَچھ
ٹرپٹے - وَدَن ہے رُتُن - وَدن وان لاگُن

**آنہٕ ١** —— (ن - ک - آنہٕ
موٗل : آن - (ہ : آنَہ -)
اَکھ سِکہٕ یمِیُک قیمتھ پرٛانی ژور
پاٮ۪سہٕ اوس - روپیہ ہُنٛد شُراہیُم حصہٕ

**آنہٕ ٢** —— (ن - ک - آنہٕ -
موٗل : آن - (ع : آن -)
وِزِ - ویلہٕ - گرِ - م : تمہٕ آنہٕ —

**آنی** - (س : آم -)

اَوٚ - اَوٚکیا - پوٚز - آنٛکار کرُن -

6 **آنٛب ڈانٛب** - آمب ڈامب - (س :
ڈمب تہٕ ک آنٛب وزنہٕ یا پیتھ -)
شکرے نہٕ کرُن - پرٕہیز نہٕ کرُن -
بَدپرہیزی —

**آنٛبرِ بانٛبرِ** - (ک : آنٛبرِ بانٛبرِ - (روزنہٕ
پَرٛشھی آنٛب + س بھرم -)
جَل جَل - تُھٹہٕ تُھٹہٕ - چارہٕ سان -

**آنٛبرِ بانٛبرِ چھانٛبرِ پیٚنٛز** - چھأر پیٚنٛز -
چارہٕ اَژُن —

**آنٛپرِ گرٛشھن** - پھالس تہٕ پھالہٕ مَرمژ باگ
مُژشمنہٕ تہٕ اَلہٕ بأنی وایِنس قابل بہٕ روزٕنی

**آنٛپھرِ تھانٛپھرِ** —— آنٛبرِ بانٛبرِ
تھأرسان - چھأرسان - چارہٕ سان -

**آنٛشتَم روز** - (م - ک - آنٛشتَم روز - موٗل :
آنٛشتَم روز - (س : آنٛترَم + روگم -
(رٕج -)
کھیمہٕ روٗگ - سہ بیمأری یتھ اَنٛدرَ
بوچھ تہٕ بوچھ لگہٕ - ("روز" گیہٕ

بیمارٕی - آشتم، گیہِ اُندرمَن ہِشِز -)
تِہٕ کنِہ گو "آشتم روز۔" اُندرمن ہشِز
بیمارٕی تہِ -)

آشٹہٕ وانٹھ - (ان -ک - آشٹہٕ وانٹھ -
مۆل : آشٹہٕ وانٹ -)
اُندرم، بوس بیتر -

آنٹھ - (م -ک - آنٹھ - مۆل : آنٹھ)
کاہ وُٹ، یِہ چھُ ژٕری پاٹھی میٚن
لفظَن سیتی میلتھ یِوان وَننہٕ،
مِ : آشٹِہٕ کھُسُن، آشٹِہٕ یُن بیتر ---

آشٹہٕ کھُسُن - اُچھ تُلی یُن - کاہ
وَچھِہ تَل ٹھیکھ نیرُن - مِنس بِہُن -
فِکرِ کھسُن ---

آشٹہٕ یُن - فکرِ کھسُن - مِنس بِہُن -
اُچھ تُلی یُن - کاہ وَچھِہ تَل ٹھیکھ نیرُن

آنچار --- (ان -ک - آنچار
مۆل : آنچار - (ف : آچار -)
سُہ چیز بیتر یتھ کھینہٕ باپتھ ژوکہ
آسہ کھور مُت ---

آنچار نوٚٹ - سُہ نوٚٹ یتھ منز
آنچار برنہٕ ییہِ - آنچار بُرتھ نوٚٹ

آنچھ مار - (ان -ک - آنچھ مار - مۆل : آنچھِ
مار - ( ک : عنٹھ - (س : اشٹِہ
+ س مار -)
لوکُٹ شُر - کمزور شُر - بیمار شُر -

آنکار - (ان -ک - آنکار - مۆل : آنکار
(س : آم + کارہ -)
مانُن - اَدِ کرُن - اَدِ کیا وُن - یقرار

آنکار کرُن - مانُن - یقرار کرُن -

آنگُن - (ان -ک - آنگُن - مۆل : آنگن -
(س : آنگنہ -)
کَرِ برٛونہہ کنِہ یا پتہٕ کنِہ زیٖن -

آوعا - (ان -ک - آو - مۆل : آ - (س :
آ + ک - و )
سُہ ووت یوٚت - بیٛنہِ جایہ پیٹھہٕ
ووت - آو بیٹھ - یُن تہٕ بِہُن -
یِتھ بِہُن - یُن گرٛھُن (آسُن)

آوِ یاو - یِوان یِوانے مُرتھ گرٛھُن

ہنگہٕ منگہٕ مرُن۔ (گریزن)

آوگو۔ بیٚنَن ہُندیُن کَرٛشھن۔ پڑھبن وَرٛشھبن ہُندیُن کَرٛشھن۔

آوء٢۔ (ن۔ک۔آو۔مؤل: آو۔)
اکِہ قِسمُک کچھ یُس دانِہس وِد تَلکنے چھُنہٕ دوان تہٕ نہٕ چھُہ چاروایَن گاسہ بدلے لگان ـــــ

آوٹھ۔ (م۔ک۔آوٹھ۔مؤل: آوٹ (س: آوِشٹ۔)
آوُرُن تھپھ کَرٛشھنۍ، رَٹُن تَصرُف

آوار ـــــــــ (ک۔آوار۔ مؤل: آوار۔(ف: آوارہ۔)
دربدٕری لدٕ۔ وَنہٕ راوُل۔ پریشان حال۔ یُس بُلی دِتہٕ وَتہٕ پھیران آسہ۔

آواز۔ (م۔ک۔آواز۔مؤل: آواز۔(ف: آواز۔(س: آوادیہ یا آواج۔)
(۱) صدا۔کرٛکھ۔چکھ۔(۲) ناد۔آگو۔

آواہَن۔ (ن۔ک۔آواہَن۔مؤل: آواہَن (س: آواہَن۔)

نادلایُن۔ بُلاوُن۔ پانس نِش اَنُن۔ (تمہٕ ساتہٕ یوان دِنتھ یٚلہٕ غاِیہ پیٹھہٕ کانہہ پانس نِش اَنُن آسہ۔)

آوِر۔ (م۔ک۔آوِر۔مؤل: آوِر۔(س: آوِر۔)
(۱) ہینٛزیُن۔گیر گرٛشھن۔م: تَس گیٚیہٕ آوِر۔ (۲) سہ یدہٕ پہ گیر آسہ گاٹھٕ دٕلتہٕ آسہ آمٕژ، ہینٛزٕ آسہ آمٕژ۔ (۳) کُنہٕ کامہٕ رُچ مرٕژ، معدٕنج ژٕ۔

آوِر پاوِر ـــ گَتہٕ گیٚوُر۔کُنہٕ مشرٕ میٚیہٕ یُن۔ کَلہٕ پھِرنُس نہٕ دار آسُن۔ ژٕلہٕ نَس نہٕ وَتھ روزٕنی۔ م: تَس چھے آوِر پاوِر گاٚمٕژ کَلہٕ پھِرنَس تہٕ چھُسنہٕ وار

آوِرَن ـــــــ (م۔ک۔آوِرَن مؤل: آوِرَن۔(س: آوَرَن۔)
(۱) گیر۔گیر ترٛاوُن۔وَلُن ـــــ (۲) آڈٕرکن۔کُنہٕ کامہ لاگُن۔

آوِرُن۔ (ن۔ک۔آوِرُن۔مؤل: آوِر۔ (س: آوِر+کـــاُن۔)

(١) سوٗرے پانس تل تھوٗن۔ موکل
نۄ تھوٗن - گیرس منز رٹُن - پنۄ نِس۔
یخبتیارس یا پنۄ نِس اَتھس تل رٹُن۔
(٢) آڈرُن - کُنہ کامہِ لاگُن -

**آوریر** - (س : آورِ + ک -- یر)
مصرٗوفی نیتھ - کُنہِ کامہِ منز گَلتھ آسُن۔
پۄرتھ اَتھ وَلتھ یُن -

**آوریٹنی** - (م - ک - آوریٹنی - مؤل: آورِن
(س : آورِ + ک --- اِنی)
ژہنتا - **آوریٹہ بَل** - شُمشان۔
سو جاے یتہ موردن زالان چھ۔
**آوریٹہِ موٗنڈ** - تم زِنی موٗنڈی
یم ژہنتا یہ لاگان چھ -

**آوسن** - (م - ک - آوسن - مؤل: آوسن
(س : اوسان -)
دُسی پھینہ چھ حالتھ منز آسُن -
تیلتھ آسُن نہ کُنہِ تہ ساتہ ہیکہِ پھِر
لاینہ ییتھ - گذریومت آسُن - چھلہِ
چھلہِ گژھنچ حالتھ -

**آوسُن** - (ن - ک - آوسُن - مؤل: آوس
(س : اوسان -)
دُسی پھینس تیار آسُن - ولسرُن -
ژرٹھ حالتھ منز آسُن نہ کُنہِ تہ ویز ہیکہِ
دُسی پیتھ -

**آوِلُن - آولُن** - (ن - ک - آولُن - مؤل :
آولَن - (س : آ + وَلنہ -)
(١) اَپہ چکر - وَسونس آبس منز کُنہِ
جایہ گرا ے کھینہ سیتی آب چکرس
منز آسُن - (٢) نیل تہ تیل پھیرن -

**آوُر** - (ن - ک - آوُر - مؤل : آور - (س :
آورِ -)
(١) کامہِ منز لوٗگمُت - موکُل نۄ ---
(٢) وَلنہ آمُت - گیٹرمُت - ہیتہ آمُت

**آویز** - (ک : آویز - مؤل : آویز ---
(ف : آویزہ -)
کاٗنسہِ تل - کاٗنسہِ پیٹھ پیوٗمُت
کاٗنسہِ الونڈ گومُت - ہم : سو چھا
کاٗنسہِ آویز -

**آوٹُن** ۔ (ن۔ک ۔آوٹُن ۔ مؤل : آوَٹ

(س : آوِشٹہ + ک ۔اُن ۔)

پاوُن ۔پتھر پاوُن ۔ دباوُن ۔۔۔

پَتھَر پاوِ تھ تَل رَٹُن ۔ (یہِ لفظ چھُ

ژُرِہی پاٹھو وَرتاوِ بوان وَننہِ یِوان ۔)

**آوِرسوَس تہِ پاوِرسوَس** ۔تباہی ۔۔۔

واَراَنی ۔ ناش ۔ (یہ چھُ اکھ ...)

**آہ ۱** ۔ اکھ، کینژھا، کانہہ (یہِ چھُ اکھ

پۄت لوگ) م : گرُاہ، شُراہ،

پیۄنتاہ، رَژھاہ بیترِ۔

**آہ ۲** (م۔ک ۔آہ ۔مؤل : آہ

(س : اَہہ = ف : آہ ۔)

دوش ۔ اِظہارے ۔

**آہ کَڈُن** ۔ دوش تژاوُن ۔

**آہَم** ۔ (مؤل : آ۔ (ک : آ + کھم ۔ (س :

آ + ک ۔ ہم (کھم ۔)

ژ اکھ مے نِش ۔ژِ اکھ میانہِ

پانتھ ۔ آپہِ ہَم ۔ ژِ آکھ مے نِش

ژِ آکھ میانہِ پانتھ ۔

**آہَن** ۔ (س : آم ۔)

اَدکیا ۔ اَدِ ۔ یہ چھُ برژ نہہ لوگ ۔

م : آہَن با، آہَن ساَ ۔ بیترِ ۔

**آہَنی** اَدے ۔ اَدِ کہیے ۔

پانَس وُسِتھ، پانَس برابر تہِ تَس

زنانہِ سِلتی تہِ کُنہ کتھ پیٹھ آنکار کرنہِ

وِزِ دنان لیس سِلتی سبٹھا پانتیار آسہِ ۔

شلَن مابِہ سِلتی تہِ ۔

**آہَنو** ۔ اَدا ۔ اَدِ کہو ۔ پانَس برابر

تہِ پَننہِ کھوتہِ وُسِتھ مرَدَس اِقرار کرنہِ

وِزِ ونان ۔ یِزتہِ سان کاشُر زنانہِ

کُنہِ پیٹھ آنکار کرتہِ وِزِ ونان ۔

( مسلمان وَنان )

**آہَن با** ۔ اَدِ با ۔ بوے نہ آنِتھ کاشُر

مرَدَس آنکار وِزِ وَنتہِ یِوان ۔ کُنہ کُنہِ

چھُ بَبَس برابر مرَدَس تہِ آنکار پاٹھ

ونان ۔ یہ چھِ کُنہ کُنہ مسلمان آنکارِ

پاٹھو زنانَن تہِ ونان ۔

**آہَن بنی** ۔ اَدِ بنی ۔ پَننہِ برابر زاتھ

یوان کاڈنِس آنکارِ وِزِ وُتھنہٕ۔
آہن ڈیڈی۔ آہن موج۔ پلنہٕ کھوتہٕ سبٹھا زِچھہٕ زناتہٕ کُنہِ کتھہِ بیتر پلیٹھ آنکار کرنہٕ وِزِ ونان۔
آہن سأ۔ اَدِ سأ۔ پانس برابر تہٕ پلنہٕ کھوتہٕ زِٹھس ینہٕ تہٕ سان کُنہِ پلیٹھ آنکار پاٹھی ونان۔
آہن مأج۔ آہن ڈیڈی۔ پلنہٕ کھوتہٕ سبٹھا زِچھہٕ زناتہٕ کُنہِ کتھہِ بیتر پلیٹھ آنکار کرنہٕ وِزِ ونان۔
آہن داغ۔ (ف: آہن = س: اَیہٕ + ف: داغ = پراکریت داگھ۔)
آلبس شُشتر زِھنی کرُن یُتھ بہارس وَبہٕ وُن گرژھہِ۔
آہار۔ (ن۔ک۔ آہار۔ مؤل: آہار۔ (س: آہارہ۔)
کھین۔ کھین چن۔
آہار کرُن۔ کھیوٗن۔
آہِ سَر۔ (ن۔ک۔ آہِ سَر۔ مؤل: آہِ سَر۔ (ف: آہ + سَر = س: شِرہ۔)
وؤہو۔ دوہ کھہٕ لد۔ سُنند آہ۔
آہوٗ۔ (م۔ک۔ آہوٗ۔ مؤل: آہوٗ۔ (ف: آہوٗ۔)
روٗسہ کُٹ۔ ہرُن۔
آہلمر۔ (ن۔ک۔ آہلمر۔ مؤل: آہلمر۔ (س: اَہلادہ + مٹھ۔ (راج ترنگنی)
سرینگرکہِ اکہٕ محلک ناو "کیشرن ہندی کُنی چھہٕ یہِ آلمیابہٕ۔ ہندس ناوس پلیٹھ اوسمُت۔ مگر راج ترنگنی مُطأبق چھہٕ پژون لفظ اہلادِ مٹھ۔
آسے ع۱۔ (مؤل: آ۔ (س: آ + ک ہے (تم) وأتی۔
آسے ع۲۔ (ن۔ک۔ آسے۔ مؤل: آسے۔ (س: آیہ۔)
وأنس۔ زِندگی۔ دُہر۔ زِسٹھ دُہر
آیہ پیوٗن۔ زانکھہٕ وأنکھہٕ دِیُھتھ شُری ستر وأنسِ ہُند اَنداز لگاوُن۔
آیہ دوٗر۔ گسُن لایق۔ پِس سبٹھا

وٲنٛس آسہِ ۔ پوشہِ وُن ۔

آیہِ زیلوٗٹھ ۔ یُس زیٹھ وٲنٛس

آسہِ ۔ یَس زیٹھ وُمر آسہِ ۔ یُس

واریا وٲنٛسہِ آسہِ ۔

آیہِ سوٗست ۔ یَس زیلوٗٹھ آسے

آسہِ ۔ یَس زیٹھ وُمر آسہِ ۔ یُس واریا

وٲنٛسہِ آسہِ ۔ (یہِ چھُ لوان آہی

کرنہٕ ورِ ونُنہٕ ۔)

آیہِ سود ۔ (۱) یُس واریا وٲنٛسہِ آسہِ ۔

یَس واریاہس کالس زِندہٕ آسہِ روزُن ۔

یُس زیٹھ وُمر آسہِ ۔ یَس زیلوٗٹھ

آسے آسہِ ۔ (۲) نبر روٗگ ، روٗ گہرد ہس

اڈر تہٕ دوٗر ـــــــ

آیہِ گبو ۔ ہوَن کرِتھ پتھ کُن

روٗد مٔت گبو ، دپان چھِ یہِ گلس میٹھنہٕ

چھے زیٹھ وُمر آسان ۔

آیُربل ۔ آیرِ بل ۔ آے تہٕ بل ۔

وٲنٛس تہٕ اوہر درہر ۔ (یہ چھ

آہی بیتر کرنہٕ ورِ ونان ۔ م : گرٛدھ

ژتے آیرِ بل ۔)

آیُردا ۔ گنڈِتھ وٲنٛس ، وُمر ۔

(زاتکہ واتکہ موٗجوٗب ۔)

Pure 4 Compare

آے لبُن ۔ وٲنٛس پرٛاوُنی ۔

آے ہُرُن ۔ وٲنٛس ہُرنی ۔ وٲنٛش

زیٹھنہٕ ۔ (یہ چھے آہی تہٕ)

آیَس ۔ (س : آ + ک ـــــ یَس ۔)

(۱) یہ وٲژس ۔ (۲) تَس آیہِ سو ۔

وٲژس (بڑو نہہ کُن ۔)

آیَس تان ۔ (ن ۔ ک ۔ آیَس تان ۔ موٗل :

آیَس تان ۔ (س : آیہُ ؟ + ستھان) کلچ تال ۔

آیکھ ـــــــ (س : آ +

ک ـــ یکھ ۔)

سو آیہِ تمَن نِش ۔ ژہٕ وٲژکھ سے نِش ۔

آیندٕ ـــــــ (ن ۔ ک ۔ آیندٕ ۔ موٗل :

آیند ۔ (ف : آیندہ ۔)

بڑو نہہ کالہ ۔ بڑو نہہ کُن ۔ ییتہٕ

وٲلِس وقتس منز ـــــــ

آیہِ ع۱ (س : آ + ک ـــ یہ)

سو واٗنٛژ - تمہٕ واژ -

آپہٕ ع۲ (س : آپہٕ + کرٕنہٕ ؟)

(پانَس) سیٖدٕ - پننہٕ حسابہٕ تھوٗومُت -
پننہٕ وارٕ وبستارٕ تھوٗومُت - نِشانہٕ موٗجوب -

آپہٕ دار - وارُل ہُتھ یار - تیٖتھ ہُتھ
یار یُس اَتھَس اندر ہیٖکہِ یِتھ -

آپہٕ کرُن - (۱) نِشانہٕ کرُن - پانَس
سیٖدٕ تھوُن - (۲) پانَس کیٗت تھوُن -

آپہٕ گژاپہِ - آمادٕ گی - کینژھہ کرنہٕ باپتھ
تیاری - تژھ حرکژ یمہٕ سیتی کینژھہ
کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ ہنٛز آمادٕ گی باسہِ -

آپہٕ وَن - آپہٕ کرنٕچ کام -

آپہٕ وُچھُن - نِشانہٕ وُچھُن - وُچھُن
زِ پانَس سیوٗد چھا - یہٕ وُچھُن زِ لکہِ
حسابہٕ چھُہ -

آپہٕ وُن - سیٖدٕ سیوٗد نِشانہٕ کرُن -

آپہٕ کرُن - پانَس کُن سیٖز راوُن -

آپہٕ تَن - (ان.ک - آپہِ تَن - موٗل : آپہٕ تَن
(س : آپہٕ تَن -)

پیش کَش - پُشرِتھ (تھوُن) -
کانٛسہِ کینژھہ کرنَس کیٗت یَختیار دیُن -

آپژار - (ان.ک - آپژار - موٗل : آپژار
(ف : آوپژ + ک - ار -)

آویزٕ آسُن - ماتحت آسُن - بیٚنہِ
رِسندِس اَتھَس تَل لوٗگمُت آسُن -

آپہٕ وم - (س : آ+ک - پہٕ + وَم -)
توٚہہِ آوٕ - منیش -

آپُر - (ان.ک - آپُر - موٗل : آپُر -
(ک : آپہٕ + اُر -)

شِکارٕ - آپُر ہانٛز - یُس ہانٛز یُس
شِکارس آپہٕ کران - لیُس گاڈ تہٕ
جانٛدار بیترٕ ژٹھ گُذارٕ آپہٕ کران -
ؤسی پاپہٕ شِکارہ داتھ -

آلوٗت - (ان.ک - آلوٗت - موٗل : آیت
(س : آیت -)

بنیِس تَل آسُن - بنیِس تَل روزُن
بنیِس تام آسُن - بیٚنہِ بٔدرِس
یَختیارس تَل آسُن - پرٲدیٖن -

پانہٕ آلوٗت ۔ سُہ یُس پانہٕ پانہٕ سے تام
آسہِ ۔ یُس کینٛہہ کرنَس منٛز آزاد آسہِ۔
پانہٕ نِچتیا آری ـــــ

آیُود ۔ (دس : آ+ک ـــ یود)
سُہ واڑ ود یور ۔

آیُود ۔ (ن۔ک۔ آیُود ۔ مؤل : آیُودھ ۔
(س : آیُدھ)
ہتھیار ۔ مارٕنک سامانہٕ ۔

آییے آییہِ ۔ (دس : آ+ ییے ۔)
تِم واڑ آے ۔

# ا

اُپیدع۱ ۔ (ن۔ک۔ اُپید ۔ مؤل : اُپید ۔
(س : اُ+ بھیدہ ۔)
جِنی برٕ ژھر یِنٛہرٕ نہٕ آسُن ۔ پانہٕ نیار ۔
ود بیٛہ آدی نہٕ بونی ۔

اُپیدع۲ ۔ (م۔ک۔ اُپید ۔ مؤل : اُپید ۔
(س : اُ+ بھیدہ ۔)
تم رۅ سِرٕ یِمہ میکھلہٕ مہرازٕ شُدِس
بیٛکھیا یہِ تھالس منٛز تراوٕنہٕ چھیٛ یوان

اُپیدِ تھال ۔ (دس : اَبھید +
ستھالہ ۔)
میکھلہِ مہرازٕ سُنٛد بیٛکھیا یہِ تھال
یتھ منٛز سُہ اُپید رٹان چھُ ۔

اُپیدِ ویلہِ ۔ (س : اَبھید + ویلا)
اُپید تراون وِز ۔

اُپید ژھنُن ۔ اُپید بیٛکھیا یہِ تھالس
منٛز تراوٕنی ۔ اُپید تراوٕنی ۔

اُبی یار، اَبی یار ۔ (م۔ک۔ اُبی یار ۔ مؤل :
اُبی یار ۔ (ف : آب + ک ـــ یار)
تیٛخ رُود رُود یہِ ہُنٛد وَق ـــ
سُہ وَق ییلہِ تیٛخ رُود رُود سے آسہِ ۔

اُبلکھ ۔ (ک : اُبلکھ ۔ مؤل : اُبلک ۔)
(۱) سوی نہٕ کورٕمُت ۔ سوی منٛز گومُت ۔
(چاروے نہٕ جاناوار بیٛترِ) (۲) غار
مہذب ۔ یُس نہٕ تہذیب آسہِ ۔ (انسان)

اُپیل ۔ (م۔ک۔ اُپیل ۔ مؤل : اُپیل ـــ
(انگ : اپیل ۔)

(۱) فرٚی یاد - (۲) یو کچھ عدالژ ہِنٛدِس
فاصلس خلاف، بیٚرمہِ عدالژ بزٛدٕ ہٕہ
کنہٕ فرٚی یاد ——

اُتی - (س : اَترہ -)
اُتھی جایہِ (یوس نظرِ تلے آسہِ)

اُتی نس - اُتہِ تھے -

اُتی نس، اُتی نے - اُتہِ تھے - اُتھی

اُتی نس - اُتھی جایہِ - تُتھی جایہِ یوس
خبرِ پچھے -

اُتھر - (م ک - اُتھر - مؤل : اُتھر -) س:
(۱) اکھ کیوٚم یُس ٹُنٛلی پکو کھبوان
چھُ - (۲) سہ یُس کُنہِ کنہِ رٕژ رٕژ
دٲنتھ آسہِ - پیوٚد - م : سہ چھُ

اُتھر - اَتھرِ بُزٕ ی —— اُتھر کھیوٚت
یتھ اُتھر لچھ مژ آسہِ -

اُتھرِ ٹکھ - کُنہِ پلوس اُتھرِ سیتی گو مُت
گوٚد بیتر ——

اُتھر کیوٚم - اُتھر - اکھ کیوٚم یُس
پلوان دوہ تہٕ دوہ تہٕ چھُ کران -

اُٹ - (م ک - اُٹ - مؤل : اٹ)
(۱) گیٹر - (۲) سٹرک یا بیرک
بیتر. بوٚڈ گیوٚڈ - (۳) ژوے -

اُٹ کرٕنی - ژوے کرٕنی ——
یکو وٕٹہٕ شُمتھ کانٛسہِ خلاف روزٕن

اُٹل کرٕنی - اَٹہٕ وانٕ شُند کار کرُن -
موٚزٕ ڈرِ وانٕ مُٹِین —— market

اُڈٕ اُڈٕ - (مؤل : اَٹ - س : ہٹ ہٹ)
کھر کھاو - جایہِ جایہِ تہٕ دلشہِ
دلشہِ پھر ناوی پھر ناوی - (منٛدٕ
چھاونہٕ باپتھ -)

اُڈٕ اُڈٕ کڈٕن - (منٛدٕ چھاونہٕ
باپتھ کانٛہہ -) جایہِ جایہِ تہٕ دلشہِ
دلشہِ پھرناوُن - کھر کھاو کرُن -

اُڈٕ اُڈٕ نیرُن - وٕتہِ وٕتہِ منٛدٕ چھاونہٕ
یُن - بُتھہ ہاوُن لایق نہٕ روزُن -

اُچھ - (م ک - اُچھ - مؤل : اُچھ -
(س : اکشہٕ -)
ڈُچھنگ یُنٛدرے - لوپہہ - م :

وُچھان وُچھان لوسَم لوٚیے ——
نُندرِ لوٚش ۔) چشمہٕ ۔

اُچھ پَرد ۔ ڈور ۔ اُچھ ہُند ٹھوٚر ۔
(۲) اُچھَن ۔ پیٹھ ٹھُت زال ۔

اُچھ پوٚر ۔ ل ۔م ۔ اُچھ بَرنہٕ بِنہٕ ۔
اُچھ گاش ۔ وَرگہٕ شُریِن کٔٹِن ہُندی
کنہٕ شینہجار ۔ ییہ چھہِ آہی پائھٕ وَنان ۔
م : اُچھ پوٚر روزِنَے ۔ گرٕشھ ژٕمتے
اُچھ پوٚر ——

اُچھ پیٹھ اُچھ گرٕژھنی ۔ نیٚندرِ ژھ
گرٕژھنی ۔ زوٗل یِنی ۔

اُچھ پیٹھ نہٕ چھُ زرٕونی ۔ گیٚنٛز نہٕ
یِنہٕ دِنی ۔ کٲنٛسِہ پیٹھ نہٕ حرف یِنہٕ
دیُن ۔ کانٛسِہ ہُند سبٕٹھا خیال تھوٗن ۔

اُچھ پرٛانٛتھ ۔ اُچھ ہُند نیبرُیم کوٗن ۔

اُچھ پھٕٹنہٕ ۔ (۱) داد بیترِ سیتی ٹوٚٹ
نیبر پٕٹھتھ نیرٕنی ۔ اُچھَن لاے نیرٕنی ۔
اُچھ نیرٕنہٕ (۲) پرٛاران پرٛاران اُچھ
لوسنہٕ ۔ اُچھ پھاٹُنہٕ ۔ (۱) اُچھ
کَڈٕنہٕ ۔ (۲) پرٛارِی پرٛارِی اُچھ
لوسناوُنہٕ ——

اُچھ پھورٕنی ۔ ٹارِن ہُنٛد پھوٗرُن ۔
ٹارِن ہِنٛز وٕہ نہٕ وٕہ ٹھ ۔ ٹارِن ہُنٛد
وٕہ کُن ۔ (۲) فیل کرنٕچ نیتھ آسٕنی ۔
پھیٹ سوچنی ۔

اُچھ پھوکھ ۔ اُچھ سیٚتی ہاوُن ۔
اُچھ سیٚتی ژیٖرنہٕ وَن دِنی ۔ ٹھاک کرنہٕ
باپتھ اُچھ ناٹھ ہاوٕنی ۔

اُچھ پھیٖر ۔ اُچھ پھیرنہٕ ۔ پرٛانہٕ
اُچھ نہٕ روزنہٕ ۔ لِحاظ ژھیٚنُن ۔ (تھوٚد
رُتبہٕ یا پأنٛسہٕ ٹوٚنٛگ یِننہٕ کیتہٕ ۔)

اُچھ پھیٖر گرٕژھُن ۔ لحاظ راوُن ۔
اُچھن منز نہٕ آب روزُن ——

اُچھ پھیوٚر ۔ (زہرٕ پیٹھ یا پیترٕ
گومُت) ٹارِس پیٹھ داغ ۔

اُچھ پھیرنہٕ ۔ لحاظ راوُن ۔ لحاظہ
نہٕ روزُن ۔ پرٛانہٕ اُچھ نہٕ روزنہٕ ۔
اُچھن منز نہٕ آب روزُن ——

اُچھ ٹُلی ہَۍ یُن ۔ آنٹہٕ ہٕ کھسُن ۔ ٹور
ہٕ ووتلُن ۔ فکرِ ہٕ کھسُن ۔
اُچھ ٹُلی یوٗوٗن ۔ سُہ چیز ییتہٕ ییُس
آنٹہٕ کھسہِ یا یمہٕ سیتی ٹور ووتلہِ ۔
سٹھا ۔ اُچھ ٹُلی یُن ۔ آنٹہٕ کھسُن ۔
ٹور ووتلُن ۔ ٹارِ کھسُن ۔ سٹھا باسُن ۔
اُچھ توور ہٕ ۔ وُیکھتی پٲٹھۍ
وُچھُن ۔ تیتھہِ کنۍ ٹوٗلی ہیر کُڈی کُڈی
وُچھُن یُتھ بٲکھ کھوتہِ ۔ اُچھوٕ سیتی
ہیم ہاوُن ۔ اُچھ تہٕ کراونہٕ ۔
اُچھ ترٛوٗپرہٕ ۔ اُچھ وٹنہٕ ۔ اُچھ
بنٛد روزنہٕ ۔ (خاص کرِتھ شُتلبوٕ سیتی)
اُچھ تیمبر ۔ اُچھن گاش کاہنہٕ گژھُن
کاژہٕ تیمبر ——
اُچھ تیمبور ۔ سُہ یُس تیمبر آسَن ۔
یُس ہٕ بوزہٕ آسہِ یوان ۔ یُس تہٕ
اُچھن گاشے آسہِ ۔
اُچھ تیمبنہٕ ۔ (۱) کانہہ چیز وُچھتھ
سخ لالچ گژھُن ۔ ہَوس رٹُن ——

ہٕ رمُن ۔ تھنبلُن ۔ (۲) ازروُن یُن ۔
اُچھ ٹاری ۔ اُچھن ہشنٛدی تیز مہ پنٛد
اُچھ ٹینٹھ ۔ (۱) زیچھ ۔ زوٗل ۔
(۲) اُچھ سیتی ہاوُن ۔ اُچھ ناٹھ ۔
(۳) سیٹھا کم کال ۔
اُچھ ٹوٗنی ۔ (۱) اُچھ وٹھی ۔ گوٗش
دِیُن ۔ تیُتھ باس دِیُن زن ہٕ وُچھے ۔
نظر انداز کرُن ۔ (۲) مرُن ۔
اُچھ ٹھیٖر ۔ اُچھ دراٛمت پھٹل ۔
اُچھ پھٹٛمر لاسے ۔
اُچھ دَرس لگنہٕ ۔ (۱) اُچھ رُوزتھ
گژھنہٕ (خاص کرِتھ مرنہٕ وِزِ) اُکی سے
طرفس کُن وُچھان روزُن ۔ مُدے گنٛڈِتھ
روزُن ۔ اُچھن ہٕ ٹٹھ وہار گژھن ۔
تیژھہ حالژ منز آسُن یتھ منز اُچھ
وُہری تھے روزن ۔ (۲) کاتِہ پژاران
پژاران وَتہٕ وُچھان روزُن ۔
اُچھ دَر ۔ اُچھن ہشہ تیزھہ حالتھ
یتھ منز ہٕ تمَن ٹٹھ وہار تہٕ سیدِ یا

کُنہِ طرفَس پھیرَن۔ (یِتھ کنی مرنہٕ وِزِ
یا وُستاد بیتر یِنہٕ وِزِ گژھان چھُ۔)
اُچھ داعٕدی ٹُٹ۔ دوایٔٹ یا
کپَر لاٹھ یُس اُچھ داعٕدِس منز اُچھن
گنڈنہٕ یِیہِ ــــــ
اُچھ داعٕدی لَد۔ یُس اُچھ دود
آسِہ۔ اُچھ داعٕدی لدَن ہشدی
پاعٕکھٹی۔ سَخ حاجتھ منڈَن ہشدی
پاعٕکھٹی یِم ہور لو ہور لوپہٕن داعٕتھ۔
اُچھ دِنی۔ چشمِ بد۔ بٹیس بدنیٛرِ تھ
وُچھُن۔ بٹیس وُچھتھ ازروُن یُن
تہٕ تَس پیٹھ ناکارِ اثر ترٛاوُن۔
اُچھ وود۔ سُہ دود یُس اُچھ کَرِ۔
اُچھ ہُشد وود۔ اُچھَن ہنز بیمآری۔
اُچھ راوِرِنہٕ۔ تیٛتھ کینٛہہ کرُن
یمہٕ سیٛتی دوٚن منز دُشمنٕت گژھِ
کاہہ اَتھ بیتر کرُن یمہٕ سیٛتی تہٕ پتہٕ
اُچھ ہکن میلِتھ۔
اُچھ راونہٕ۔ تیٛتھ کینٛہہ سیدُن

یمہٕ سیٛتی دوٚن منز دُشمنُت گژھِ
تہٕ لحاظ ژھیٛنہِ۔ اکھ اَکِس نہٕ سمکھُن
لایق روزُن۔ تیٛتھ ژھین گژھُن
یَتھ منز نہٕ اُچھ ہکَن میلِتھ ــــ
اُچھ ژاعٕری۔ اُڈی جَن ہشدی گرِ
یَمن منز ٹوٗلہٕ آسان چھِ۔ اُچھ کھانکھر
اُچھ ژھمبوٗر۔ پِچھ اُچھ کرِتھ۔
یَس کو کارِ ہیٚنز اُچھ آسَن ــــ
اُچھ کَڈٕ اُچھ کَڈٕ۔ ژوٚنہٕ وِزِ تیتھ
کنی تووری توورہِ وُچھُن زَنتہٕ اکھ
اَکِس ٹوٗلہِ کَڈِتھ نِن۔ ژکھِ مسان اکھ
اَکِس بُتھِ یُن۔
اُچھ کڈٕنی۔ اُچھ کوٗرِنی۔ کون کرُن
اُچھ نِشہِ کرُن ــــ
اُچھ کھٹُر۔ (۱) تکلیف دِوُن اُچھ
اَندر ژامُت کاہہ چیز۔ سُہ چیز یمہ
سیٛتی اُچھن ڈَل یِیہِ۔ (۲) تریٚچھ یا
لیٚشِنہٕ رِش آسِہ۔ یِہ کیٛشہ ھا کھر ــــ
اُچھ کوٗرِنہِ۔ اُچھ گوٗلہِ کَڈِتھ نِنی۔

اُچھ کھانکھرُ منز اُچھ مۆلہٕ کڈٕنہٕ ۔

**اُچھ کون** ۔ دُیی بوزٕنی ۔ ہیُوٗے نہٕ پکُن ، اَکِس ژۆر تہٕ بیٚیِس کَم دیُن ۔

**اُچھ کون پیُچھ کون** ۔ اُچھ کون ۔ دُیی بوزٕنی ۔ ہیُوٗے نہٕ پکُن ، اَکِس ژۆر تہٕ بیٚیِس کَم دیُن ۔

**اُچھ کون کرُن ، اُچھ کون پیُچھ کون کرُن** ۔ یتھ پکُن یُتھ اَکی سُند خیال تھوٗو زِ تہٕ بیٚیہ سُند پَروَے کرُی زٕ نہٕ (زَنتہٕ اَکِے اُچھ چھے یا اَکی طرفہٕ چھُ بوزٕنہٕ یِوان ۔)

**اُچھ کھونگُر** ۔ اُچھ ژۆر ۔ سو جاے یتھ منز اُچھ گۆل آسان چھُ ۔

**اُچھ کیٚوٗن** ۔ یَس اَنہٕ اُچھ آسَن ۔ یَس مِترٕی اُچھ آسَن ۔

**اُچھ گاش** ۔ (۱) اُچھن ہنز روشنی ، اُچھن ہُند وُچھنُک طاقتھ ۔
(۲) ٹوٹھ نیٚچوٗ ۔ ٹوٹھ شُر ۔

**اُچھ گۆل** ۔ ٹۆل ۔

**اُچھ گٕگنی** ۔ (۱) اُچھ وَٹھنہٕ پینہٕ ۔
(۲) نیٚنٛدرِ زِ بیٚہ گَرتھِنی ۔ زوٗل گَرتھِنی
(۳) نَظر لَگنی ۔

**اُچھ لاگُے** ۔ اُچھو سیٚتی اَکھ اَکِس ڈائنٹُن ۔ سو ہَریتھ منز زیادٕ اُچھو سیٚتی ژُونہٕ ییہ ۔ دُشمنُت ۔ نُشترُت ۔

**اُچھ لال** ۔ مو نہٕ پھوٗل ۔

**اُچھ مٔیل** (گرٕشُھن) ۔ پانہٕ نیار (گرٕشُھن) ۔ باے مجنتہٕ (سپدٕن)

**اُچھ میلنہٕ** ۔

**اُچھ ناٹھ** ۔ اُچھ سیٚتی اِشارٕ ۔ اُچھ سیٚتی ژینہٕ دَن ۔

**اُچھ ناٹھ کرُنہٕ** ۔ (۱) اُچھ سیٚتی اِشارٕ کرُن ۔ اُچھ سیٚتی ہاوُن ۔ اُچھ سیٚتی ژینہٕ دَن دِنی
(۲) اُچھو سیٚتی ہاوُن زِ مے چھُ تہٕ ژٕنے چھے نہٕ ۔

**اُچھ نٹیک** ۔ یَس نچھ اُچھ آسَن ۔

یَس نہٕ اُچھ ویٚچھ آسَن ۔

اُچھ وَٹنہٕ ۔ اچھ بَنٛد کرنہٕ ۔

اُچھ ٹوٗنہٕ ۔ ورگہٕ مرُن ۔

اُچھ وَژھر ۔ اُچھ وَژھہٕ آسنہٕ ۔

اُچھ ڈٕہرِ تھ آسنہٕ ۔ اُچھ نہٕ بَنٛد آسنہٕ ۔

اُچھ وَژھہٕ تہٕ گاشہٕ رَژھہٕ ۔ یہٕ چھُہ اکھ وڈٕہو، تہٕ گو اُچھن نہٕ وَژھہٕ اسِتھ تہٕ کیٚنٛہہ درینٛٹھ یُن ۔

کاژہ تیمبر ۔

اُچھ ویوٚٹھ ۔ یَس ویٚچھ اُچھ آسَن ۔ بچہٕ ٹوچہٕ کرِتھ ۔

اُچھ ہَر ۔ اُچھ لڑآے ۔ اُچھو سیٚتی ژُدنۍ ۔ اکھ اُکس اُچھ تووٕرنہٕ ۔

اُچھ ہُنٛد موہنہٕ پھوٚل آسُن ۔ سیٚٹھا ٹوٹھ آسُن ۔

اُچھ لِوٕوُن ۔ کانٛنۍ ۔ تیشوٗت زنہٕ یُتھ ٹور ووتلہٕ، تَلا گژھہ ۔

اُچھرٕنۍ ۔ تَلا گژھُن ۔ سیر گژھُن

ٹارِ کھسُن ۔

اُچھن اڈٕنگہ ٹٕسنہٕ ۔ بُلہ ژُدنۍ ۔ یورٕ ے زیر زیر دِتھ کانٛہہ ہُرٕ پیٹھ واتناوُن ۔ اُچھن بوچھہ ۔ اُپزٕ بوچھہ مال آسنے کیٚنٛہہ کھنٛنگ ہوس گژھُن بُلہ ہوس گژھن ۔

اُچھن بڑٕوٕ ٹھہٕ کنہٕ نہٕ زِروُن ۔ پانٛس نِش نہٕ ژالُن ۔ پانٛس نِش نہٕ روزنہٕ دیُن ۔ پانٛس نِشہٕ دوٗر کرُن ۔

اُچھن پچھہٕ ۔ سوٚن ووگن نہٕ بوزنہٕ یُن ۔ ژھوکھ ۔ کاڈِن کھسُن سیٚتے سنٛدِ یرتنگ نہٕ خیال کرُن ۔ اُچھ پھیرِتھ گژھنہٕ ۔

اُچھن پچہٕ پھیُر ۔ اُچھن منٛز نہٕ آب روزُن ۔ بلکُل بدلُن ۔

اُچھن پان کھارُن ۔ پان شِکہٕ ناوُن ۔ بُلہ نوکن ازروُن اَنٛن ۔

اُچھن پٹ دِنۍ ۔ اُچھن تھوٚپ

دیُن ۔ کُنہٕ کتھہٕ اُچھہ ٹوٗ نہٕ ۔۔

اُچھَن پیپھٹہٕ کھسُن ۔ ٹکن ہنٛزٕن نظرَن منٛز شگِنُن ۔ تیُتھ کینٛہہ کرُن زِ لُکن پیٚیہ اَزروٗن ۔

اُچھَن ترٛلیش ۔ ہوَس ۔ لالچ ۔

اُچھَن کچھہ ژھُنُن ۔ بڑٕ ژٕہہ کنہٕ دوکھہ دیُن ۔ بٔیس اَنیٚتُو ژھینتھ کینٛہہ کرُن ۔

اُچھَن کرٕ ڈُن ۔ اُچھَن آب دسان روزُن یا لیک یِوان روزٕنی ۔۔ ہمیشہٕ اُچھہ دود روزُن ۔ اُچھَن اوش وَسان روزُن ۔۔

اُچھَن کھسُن ۔ ژھوکھ آسُن ۔ نشہٕ کھسُن ۔ اُچھَن منٛزٕ آب روزُن

اچھَن پیچہٕ پھیُر گژھُن ۔ لحاظہٕ نہٕ روزُن ۔۔ اُچھَن، ہُنٛد گاش آسُن ۔ سیٹھا ٹوٹھ آسُن ۔۔

اُچھو منٛز پان کڈُن ۔ لُکن پننٛی کھر کرٕنی ۔ دُشمنُت موٗلی ہیوٗن ۔

اُچھو منٛز سورمہٕ کڈتھ نیُن ۔ بڑٕ ژٕہہ کُنہٕ تہتھ پاٹھی ہتھ ژٕلُن زِ نہٕ جبرٕ ے تھوٗی زِ نہٕ ۔

**اُچھرٕ وال** ۔ (ن۔ک ۔ اُچھرٕ وال ۔ موٗل : اُچھرٕ وال ۔ (س : اَکشِرٕ+ک ۔ اَر + والہٕ ۔)

(۱) ٹلٕبِن ہٕنٛدی وال ۔ (۲) اُچھر والس سوٗمب ، سیٹھا کم ۔ ژٕشا معو یا ۔ اُچھرٕ وال ٹوٗسی ۔ اُچھرٕ وال ٹِٕناوٕنی ۔ پیٚیہ ژانٛٔن ۔ کھوژٕناوُن ۔

اُچھرٕ والو ہٕستی ٹلُن ۔ سیٹھا قدر کرٕنی ۔ ضایہ نہٕ گژھنہٕ دیُن ۔

اُچھرٕ والو ہستی گُنڈی کڈٕنی ۔ کاٗنہ سخ یزتھ کرُن ۔ سیٹھا لول بَرُن ۔ سیٹھا پیالہٕ بَرداری کرٕنی ۔ کاٗنسہ پتہٕ تہٕ بڑٕ شٹھ دِچھُن ۔۔

اُچھرٕ وال وٕسنی ۔ دادِ بتیرِ ہستی اُچھر وال نیرِتھ ژٕلنی ۔

**اُدی ہیوٗل** ۔ (ن۔ک ۔ اُدی ہیوٗل ۔ موٗل : اُدی ہیل ۔ (ہ : اُدھیلا ۔

اردھ + ار ال

(س: اَردھ ہرِنٕہ -)

دُمبری - دیلہٕ -

اُڈرٕج - (م-ک - اُڈرٕج - مؤل: اُڈرٕج

(س: ہڈٕ + ک - اِرج -)

کژنٕزرٕچ لوکُٹ چھل - مازٕ ورآے

جِسمک اکھ سَخ حصہٕ، تِمۍک کانٛہہ

ٹُکر - اُڈرٕ جہٕ - (۱) کژنٕزٕ چہ چھلہٕ

(۲) جِسمک نِیال - (۳) پہٕ کانٛسہٕ

مُرِتھ پیٚتھ کُن آسہٕ ترووُمُت -

م: بَتوٚ کِنہٕ مَالِس ماچہٕ ہٕنٛز اُڈرٕ جہٕ

تام - اُڈرٕ جہٕ پِٹہٕرٕ وُل - (۱) کژنٕزٕ

(۲) لیٚس جِسمس پیٚتھ چِلٕچِھیمُکٕ مازٕ آسہٕ

زادٕیِل تہٕ زُوکِنہٕ لیوٚژ - لیٚس اُڈرٕ جہٕ

کژنٕزٕ یوت موٚژیومُت آسہٕ -

ہوٚکمُت - م: تس چُھنہٕ رتھ یا

مازٕ کِنہٕ پھوے بوٚزِ توٚن اُڈرٕ جہٕ

پِٹہٕرٕ وُل - اُڈرٕ جہٕ کھوٚنٛکُھرٕ - اُڈرٕ جن

ہُند کژنٕز - پوٚرٕ کژنٕزٕچ اکھ بٔڈ

اُڈرٕج ---

اُڈرٕ جہٕ تٕژنٕگرُ - (۱) اُڈرٕجن ہٕنٛز رَز -

(۲) اُڈرٕ جے یاژٕ موٚژیومُت ---

اُڈرٕ جہٕ کژنٕزٕرے یوت رٕووُمُت -

ہوٚکمُت تہٕ لیوٚژ -

اُڈرٕ جہٕ پھٕسٕراوِنہٕ - اُڈرٕ جہٕ ژٕٹنہٕ -

سَخ لاینٕ، سَخ مار دِنہٕ -

اُڈرٕنی گُڈرٕنی - (م-ک - اُڈرٕنی گُڈرٕنی ---

مؤل: اُڈرٕنی گُڈرٕنی - (ک: اُڈرٕنی ورٕنہ

پُرژھ + گھٹن -)

گرٕوک ساماٚنہٕ، لوکُٹ کھوٚ بوٚڈ ---

گرٕویٹھ ---

اُرعٕا - ہرِ ورٕ زیر زیر کدرٕنچ یا ربرٕ شہ

تُلِنچ آواز ---

اُرعٕ۲ - (م-ک - اُر - مؤل: ار - (س:

آرٕہ -)

اکہٕ قِسمٕچ زیٹھ لیٚسٕرٕ یمہٕ سیٚتی کوٚٹن

پچِھ چھہٕ بناوان -

اُرعٕ۳ - (م-ک - اُر - مؤل: ار -)

(۱) ژوبٕوٚتھ - یَتھ ہٕنٛز دُم یا چھل آسہٕ

وُزٕھمٕرٕ - (۲) داوِ دٕگہِ رُژھ - وُچھو

"اوٚر" تہٕ ——

**اُرِنؔی** - (س : اَرُنہٕ - (پُشپہٕ) -

اَکھ پوشہِ کُنٛجُ یَتھ لیٚدرِ رنٛگہٕ پوش

نیران چھہٕ -

**اُرِنۍ پوش** - (س : اَرُنہٕ پُشپہٕ)

اَکھ لیٚدٕر پوشہِ ذاتھ یوس اُرِنۍ

پیٚشہِ کُجہٕ پھولان چھےٚ ——

**اُرِنۍ رنٛگ** - اُرِنۍ پوٚشک

رنٛگ (یُس لیٚوٚدُر آسان چھُہ) ——

لیٚوٚدُر رنٛگ - لُسہٕ - خاص کٔرِتھ

بیمار تہٕ ٹھپکہٕ صحتس منٛز تہٕ آسنہٕ کنہٕ

یُس لیٚدریر پانٛس پھیران چھُہ ——

**اُژدھا** - (ن - ک - اُژدھا - مۆل : اُژدھا

(ف : اَژدھا -) اَچھدر -

**اُسیر** ——— (مۆل : اُسیر

(ع : اَسیر -)

قیدی - بانٛدی - بنٛد تھوٚومُت -

رٔٹِتھ آمُت ——

**اُسو ۱** - (س : اَسمہٕ -)

بٕہ تہٕ یِم مےٚ سیٚتۍ چھہٕ - سانٛی مےٚ

سان یِم یِتھ چھہٕ - "بٕہ" لفظُک جمع -

**اُسو ۲** - (ک : اَس (س : ہَس لٕک

ـ ی)

اُسِتھ - اَسُن تہٕ ہٕسنِتھ -

**اُسی اُسو ۲** - اَسان تہٕ اَسان -

(۲) خوٚشی سان - گِنٛدان گِنٛدان -

اُسی اُسی گٔرُس گرٕھن، اُسی اُسی نیلہٕ

گرٕھنہٕ، اُسی اُسی ہُلی کانہٕ پھٕٹنہٕ ——

سبٕٹھا اَسُن - واریاہ ہَس کالس اَسُن -

سَخ اَسُن ——

**اُسترٕ کہٕ** - (م - ک - اُسترٕ کہٕ - مۆل : اَسترٕک

(س : اَستِرٕ -)

تِمہٕ اُڈی چھہٕ تہٕ سٔود بیٚترِ لیُس معدہٕ

ژالنہٕ پتہٕ یَتھ کُن روزان چھُہ -

**اُشیر** - (ن - ک - اُشیر - مۆل : اُشیر -)

اَکِہ وَن پوٚشک ناد ——

**اُش لیش** - (م - ک - اُش لیش - مۆل :

اُش لیش ۔ (س : اَشلیشَہ ۔)
اَکھ نیچھتر ۔ (جوتشک اکھ لفظ)
اُشنج ۔ کُشیرِ ہِنٛدِ اکہ گامک ناو ۔
اُصیل ۔ (ک : اُصیل ۔ مؤل : اُصیل ۔
(ع : اَصیل ۔)
خاندآنی ۔ ذآتُل ۔ بَڈ گرِ زامُت ۔
شُریف ۔ اُصیلَن لار ۔ شریفَن
چھِ مُصیبتھ پتےٚ آسان ۔
اُطلاس ۔ (ن ۔ ک ۔ اُطلاس ۔ مؤل :
اُطلاس ۔ (ع : اَطلَس ۔)
اکھ موٗلُل کپُر ۔
اُکھمہٕ ژاپہِ ۔ زِسمہٕ ژاپہِ ۔ ژکھ ژاپنی ۔
اُنٛدرِ اُنٛدرِ پھوشنی ۔
اُلِش ۔ (م ۔ ک ۔ اُلِش ۔ مؤل : اُلِش ۔
(س : اَلسی ۔) اَلسی अलसी
اکھ کُل تہٕ تمیُک بیوٗل ، اَمہِ
کِس بیاٗلِس چھہٕ تیل یوان کڈنہٕ ۔
اُلِشہٕ پراٗج ۔ چھوٚمبتھ اُلِشہٕ
کانڈ ۔ اُلِشہٕ کوٗٹ ۔

اُلِشہٕ پھَل ۔ چھوٚمبتھ چھاٚنتھ
دِزامُت اُلِشہٕ بیوٗل ۔
اُلِشہٕ تیل ۔ اُلِشہٕ (مِنز) کوڈمُت
تیل ۔ اُلِشہٕ ہُنٛد تیل ۔ سُہ تیل یُس
اُلِشہٕ آسہِ کوڈمُت ۔
اُلِشہٕ کاٹھ ۔ اُلِشہٕ کانٛڈ ۔
اُلِشہٕ کانٛڈ ۔ اُلِشہٕ کُلیک کاٹھ ۔
اُلِشہٕ کوٗش ۔ اُلِشہٕ بوٗس ۔
اُلِشہٕ کرُٹ ۔ تیُک نیُک کرِتھ
اُلِشہٕ کانٛڈ ، یُس چاروایَن تہٕ
کھیوٗن چھہٕ دِوان تہٕ بورس تہٕ چھہٕ
پراجہِ بدل ترٛاوان ۔
اُلِشہٕ کھَل ۔ تیل کڈِتھ اُلِشہٕ
گُشک وڈُر ۔ اُلِشہٕ کھَج ۔
اُلِشہٕ کھُج ۔ تیل کڈِتھ اُلِشہٕ
گُشک وڈُر ، یُس پتہٕ گیُن کھیوٗن
چھہٕ دِوان ۔
اُلِش لاگُن ۔ ژرُٹ لاگنی ۔ اگادِ گٔژِمٕژ
تھیچھ تہٕ ژلنی ۔ پتےٚ روزُن ۔

اُلِف۔ (ن۔ک۔ اُلِف۔ مؤل: اُلِف۔
(ع: الف۔)
(۱) عربی تہٕ فارسیُک گوڈنیُک
اچھر (ا) (۲) تمہٕ ٹیبہٕ یمہٕ کاشُر
ٹوپہٕ کَڈتھ پتہٕ چھےٚ یوان —
اُلِف والِنیٚ۔ اُلِیف والِنیٚ —
سَخ وَدُن ——
اُلِف بے۔ (ع: ا۔ب)
فارسی اَچھر۔ اَچھر —
اُلی یا اَلِہٕ۔ اکھ پوٚت لوٚگ یُس وَق ہاوان
چھُہ۔ م: تیٚلو، کیٚلو۔ ٹیٚلی یا تیٚلہٕ،
کیٚلہٕ، ٹیٚلہٕ بیترِ —
اُلی اُلی یان کھارُن۔ وٕبھٕنس کُن کرُن۔
سبٕٹھا ماز لَدُن —
اُلی اُلی مازٕ لدُن۔ سخ وبھُن۔ اُلی اُلی یان کھارُن
اُلی عالم ستٕلی عالم —— یِٔرِ لوٚکُک
تہٕ پرِ لوٚکُک وُیُر۔ یہٕ دُنیا تہٕ سُہ
دُنیا۔ یورِچ تہٕ تورِچ آش ——
دوشوٕنی زِگتَن ہنز وُمید ——

اُلکہٕ۔ (ن۔ک۔ اُلکہٕ۔ مؤل: اُلک —
(س: اُلکہ ؟۔)
سُریہٕ ہنزِ شکلِ کَنَن لاگنُک اکھ
وَس۔ اُلکَن۔ اکھ اُلکہٕ۔ دٕہ یَو اُلکَو
منز اکھ۔ (وُچھِو اُلکہٕ تہٕ)
اُلکہٕ ہوٚر۔ اُلکہٕ جوٚڑی —
اُمی راکدل۔ سرینگرکہِ اَکِہ موشوٗر کدلُک
ناوٕ یُس گوڈٕ اُمیر خان جوان شیرنِس
زمانس منز بناونہٕ آو۔
اُم پُم۔ پھٹیکِہ ہندی پٲٹھی ژھکرٲوِتھ
غاب کرُن —
اُنیکھ۔ (ک: اُنیکھ۔ مؤل: اُنیک
(س: اَنیک۔)
سبٕٹھا۔ حدٕ زیادٕ۔ اَنٛتھہ رُوس۔
اُنیکھتا۔ (۱) سبٕٹھا آسُن۔ اَنٛتھہ
رُوس آسُن۔ (۲) سبٕٹھا پریو آسُن۔
اُنٛجیر۔ (ن۔ک۔ اُنٛجیر۔ مؤل: اُنٛجیر۔
(س: اَنٛجیر = ف: انجیر۔)
اکِہ میُوک ناو یتھ دٕہ ہیٚو نیران چھُہ

اُنٛدٕر ـــــــ (ن ـ ک ـ اُنٛدٕر ـ مۆل:
اُنٛدٕر ـ (س : اَنتَرَہ ـ)
اُنٛدرَم ـــ اُنٛدرٕ چھَل ـ اُنٛدرَمَن
ہُنٛد چھوکھ ـ اُنٛدرَم پھٹِتھ دژامُت ـ
اُنٛدرٕ وانٛٹھ ـ آنٛتٕر وانٛٹھ ـ اُنٛدرَم
تہٕ ڈوٗنٛب بیتر ـــ

اُنٛدٕہیر ـ (م ـ ک ـ اُنٛدٕہیر ـ مۆل : اُنٛدٕ
ہیر ـ (ہ : اندھیری (س : اَندھکار)
(۱) اوٚبرٕ سیتی یوس اَنہٕ گٹہٕ گژھان
چھےٚ ـ (۲) (وۄہلِر) سعہ اَنہٕ گٹہٕ یوس
اوٚبرٕ سیتی یا گردٕ طوفانٕ سیتی گژھان
چھےٚ ـ (۳) ظلُم ـ نااِنصافی ـ اَنیاے ـ

اُنٛدرَم ـ (ن ـ ک ـ اُنٛدرَم ـ مۆل : اُنٛدرَم
(س : اَنتٕرم ـــ)
اُنٛدٕر ـ اُنٛدرَم کُٹھ ـ اُنٛدرَم ٹکٕر
اُنٛدرَمُک کانٛہہ اکھ حِصہٕ ـ
اُنٛدرَم لوٗرٕشھ ـ اُنٛدرَم گیوٗڈ ـ تِمَن
اُنٛدرَمَن ہُنٛد گیوٗڈ یِم نیبرٕ آسَن دژامتی
یا تِم اُنٛدرَم یِم بچہ ییٚڈٕ اَنٛدرٕ دُبھتی
آسَن ـ اُنٛدرَم لوٗرٕشھر ـ اُنٛدرَم گیڈ
وُچھو ’اُنٛدرَم لوٗرٕشھ‘ تہٕ ـ
اُنٛدرَم نور ـ اُنٛدرَم کُٹھ ـ
اُنٛدرَمَن گرٕشَند کرٕنی ـ کانٛسہٕ ہشدِس
مَنَس سام ہیٚنی ـ اُنٛدرَمَن شُمار ہیوٚن
تُہٕ گوٚگل نٕتہٕ کڈٕنی ـ

اُنٛڈ ـ (م ـ ک ـ اُنٛڈ ـ مۆل : اَنٛڈ ـ)
کانٛی لِین ہُنٛد اکھ اَوزار ـ

اُنٛز ـ (ن ـ ک ـ اُنٛز ـ مۆل : اُنٛز ـ (س:
ہَنسَہ ـ)
تُہٕ گردَن کُرِتھ اکھ بَطَخ ذاتھ ـ
م : اُنٛزٕنی ـ
اُنٛزٕ باو ـ اُنٛزٕ زنٛگہٕ ہُنٛد پیٚٹھیُم حِصہٕ
(اُنٛزٕ ران) ـ اُنٛزٕ بوٚر ـ اُنٛزٕ بَرَن ـ
اُنٛزٕ سٕندِ اَنٛزٕنچ وَتھ ـ لَبہٕ یا
دوٚسہٕ منٛز تیٚز جاے یَیارِ اِنسان
ہیٚکہٕ اُنٛزٕ سٕندی پاٹھی کار تُومرِتھ
اُژتھ ـ باغس یا وارِ لوکٹ بوٚر
یَیارِ چار وائے ہیٚکَن نہٕ اُژتھ ـ

اُنٛز گرٛدن اُنٛزی نٕہ گرٛدن ۔ اُنٛز ہنٛز
گرٛدن ۔ (یوس زیٹھ تہٕ زاوِج آسان
چھےٚ ۔) زاٗوٕج تہٕ زیٹھ سوٗندر
گرٛدن ــــ اُنٛز وار ۔ زٕنیتھ رس
دار اُنٛز ناز، اُنٛز ژھٹہٕ رس ــ
اُنٛزِم ۔ (م ۔ ک ۔ اُنٛزِم ۔ موٗل : اُنٛزِم ۔
(س : اَنتمہٕ ۔)
نیوٗٹھس پتہٕ اَنٛچھ اوٗنٛگج ــــ
(نیوٗٹھس پتہٕ) اَنٛچھ سو اوٗنٛگج یمہٕ
پیٚتی کینٛہہ ہاوان چھہٕ ــ
اُنٛزرٛن ۔ (م ۔ ک ۔ اُنٛزرٛن ۔ موٗل : اُنٛزر
(س : اَنتہٕ + ک ــ اَرٕ)
اَند واتناوٕنٛچ کاٗم ۔ نیٛشا ــ
کاٗرٛسنٛچ کاٗم ــــ
اُنٛزراوُن ۔ اُنٛزرُن ۔ اَند واتناوُن ۔
نیٛشا ــ بیترٕ موکلاوُن ۔ (فاٗصلہٕ دِتھ)
اُنٛزرُن ۔ اُنٛزراوُن ۔ اَند واتناوُن ــ
نیٛشا ــ بیترٕ موکلاوُن (فاٗصلہٕ کٕرِتھ)
اُنٛزروٗن ۔ تہٕ یہٕ اُنٛزراوُن آسہِ ۔
تہٕ کینٛہہ یتھہ پیٚٹھ فاٗصلہٕ کٔرُن آسہِ ۔
اُنٛزیُم مُنٛزیُم ۔ (ن ۔ ک ۔ اُنٛزیُم منٛزیُم ۔
موٗل : اَنٛز منٛز ۔ (س : اَنتمہٕ + مَدِھمہٕ)
(۱) مُنٛزیُم یور، لیٚس اور یور شیٚنٛچھ
خبر آسہِ ۔ (۲) مُنٛزِمہٕ درجُک ۔
اُہرٛ ٹھہر ۔ اَتھ وَتھ نہٕ دِنٕی ۔ سیٹھہٕ تھوٗس
رُکاوٹ پاٛدٕ کٔرٕنی ۔ ولسر آدِتھ تہٕ
کانٛہہ کاٗم کرنہٕ دِنٕی ــ
اُہرٛ ٹھہر کٔرٕنی ۔ سیٹھہٕ اَنٛنی تھوٗس
اَنٛنی ۔ اَتھ وَتھ نہٕ دِنٕی ۔
اُہوٗر ۔ اوٗہوٗر ۔ (ن ۔ ک ۔ اُہوٗر ۔ موٗل :
اوٗہر ۔)
پھل موچھہٕ وُچھُن زِ کوتاہ دوٚدتھ ۔
فصلُک اَنداز کٔرُن ۔ اَوسط ۔
اُہوٗر کڈُن ۔ رٕ ے کڈُن ۔ اَوسط وُچھُن
اُہوٗک اوٗہوک ۔ (ن ۔ ک ۔ اُہوٗک ۔ موٗل :
اُہک ۔ (س : اَوش ٹمیک ۔)
بوٗنیمہٕ گرٛہٹہ ژٕکجہِ ہٕشتہٕ مُنٛزم رٕکج یتھ
اُنٛدی اُنٛدی پیٚٹھِم گرٛہٹہ ژٕرٛج بھیران چھےٚ ۔

اُہی رُنڈ۔ (م۔ک۔ اُہی رُنڈ۔ مؤل: اُہی رُنڈ)
ہُنٛدِس بوٚنہٕ کنہٕ سینٛچ گوڈِ نیٚچ اُڈِرج

اُہر بل۔ کشیرِ ہنٛز اکہِ جایہِ ہُنٛد ناو یتہٕ
سبٹھا تھزِ پٮ۪ٹھہٕ پانٛژادرو سان چھےٚ

اُہرُن۔ (ن۔ک۔ اُہرُن۔ مؤل: اُہر۔
ک: اُہر + ۔۔۔ اُن۔)
(۱) تزٕہرُن، کھوژُن، ترٛاسِس
کھیوٚن۔ (۲) گرٛنہٕ یُن، وُٹھنہٕ یُن۔
کھُرنہٕ کھسُن۔

اُہر کرٕنی۔ کھوژٕ ناوُن۔ مُنہٕ بیہناوُن
بےٚ ژھنُن ۔۔۔

اُہر نیوُمُت۔ گرٛنہٕ آمُت۔ کھُرِ نہٕ
کھوٚتمُت، وُٹھنہٕ آمُت ۔۔۔



اُبی گاٹھ۔ (ک: اُبی + گاٹھ۔ (ف: آبی +
س گھاٹہِ۔)
ل۔م۔ کولہِ مَنٛزی گاٹھس پٮ۪ٹھ واتناوُن

سہل پاٹھو۔ ہتہٕ دہرود آے طوالتِ روٚستے۔

اَبی ہتھ ۔۔۔ (م۔ک۔ اَبی
ہتھ۔ مؤل: اَبی ہت۔ (ف: آب
+ ۔۔۔ عیت۔ (مُ: ولدیت)
اَسس پوٚنی تہٕ پوٚنی یُن۔ پاں
اَس یُن۔ زلُن۔

اَتہٕ گجُ۔ (م۔ک۔ اَتہٕ گجُ۔ مؤل: اَتہٕ
گجَ۔ (س: آدِتیہٕ + گرِ یا آدِتیہٕ
+ گہا؟۔)
سرینگرس پوٚری کنہِ اکہِ جایہِ ہُنٛد
ناو، اتھ اَسی بڑٕ وُنہہ "آدِتیہٕ گہا" وناں۔

اَت گاڈ۔ (م۔ک۔ اَت گاڈ۔ مؤل: اَت
گاڈ۔)
اکھ سفید تہٕ لوکٹ گاڈ ذاتھ،
یہ چھےٚ لوکِن لوکِن کولَن منٛز آسان۔

اَرِج۔ (م۔ک۔ اَرِج۔ مؤل: اَرِج ۔۔۔
(سنٛسکرت اَنٛٹ + ک۔ اِج۔)
اَسٕنیک مایہِ (زیٛمہ سلتی واتھ بیتر
دِوان چھہ۔)

اَڈپَن ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈپَن ۔ مۆل : اَڈ
پَن ۔ <س : اردھ + پرنہ ۔)
شرائہٕ یتھٕ یِنٛد تھوٚنہٕ خاطرٕ کَرٕس
گنڈٕنک پَن یا زاٲدِج رز ۔ کَرٕس
گنڈٕنک یوٚنہٕ پَن ۔

اَڈ درشُن ۔ (ن ۔ک ۔ اَڈ درشُن ۔ مۆل :
اَڈ درشُن ۔ <س : آجیہ درشنہ ۔)
آزِ درشُن ۔ کاڑہ ہیتھ گیوٚس
منٛز بتھ ڈُجُن (یہِ چھُہ اکھ رَسم)

اَڈ رَز ۔ (م ۔ک ۔ اَڈ رَز ۔ مۆل : اَڈ
رَز ۔ <پراکرت اَڈ + س رجُہ ۔)
گارِ وِگہٕ ۔ (المنزی)

اَٹھ ۔ (ک : اَٹھ ۔ مۆل : اَٹھ ۔ <س :
اشٹ ۔)
دہ یہِ کم داہ ۔ اَکِہ پیٚٹھی ستھ ۔

اَٹھن رٕتن ہُنٛد ۔ اَٹھن رٕتن
منٛز ہوومُت ۔ شُرٕ شُر بیٚیرٕ لیس زامتیٚن
اَٹھ رِتھ آسَن گامتی ۔ اَٹھہٕ ریوٚت ۔

اَٹھہٕ بوگ ۔ (کُنیُک) اِٹھیُم حِصہٕ
اِٹھیُم بوگ ۔ یتھ اَٹھہٕ حِصہٕ گرٕ دھن ۔
اَٹھن حِصن سوٚش ۔

اَٹھہٕ پوٚل ۔ اَٹھن پَلَن ہِنٛدِ وزنہٕ
گوٚب ۔ یتھ اَٹھہٕ پَلہٕ نیرَن ۔ اَٹھن
پَلن ہُنٛد پٲداوار ۔ (اکھ پَل = سیر کِس
پنٛژیُم حِصہٕ ۔)

اَٹھہٕ ترٕ ژوٚک ۔ اَٹھن ترٕکن ہِنٛدِ وزنہٕ
اَٹھن ترٕکن ہِنٛدِ وزنُک ۔ سُہ بانہٕ
بیٚیرٕ یتھ منٛز اناوِکہٕ اَٹھ ترٕکھ واتن ۔

اَٹھہٕ رٕوٚنگ ۔ یتھ اَٹھ رَنگ آسَن ۔

اَٹھہٕ قِسمہٕ ——

اَٹھہٕ ریوٚت ۔ اَٹھہٕ موس ۔ (۲) اَٹھی
رٕتی زامُت ۔

اَٹھہٕ زٕوٚنگ ۔ (۱) یتھ یا لیس
اَٹھ زنگہٕ آسَن ۔ (۲) ژوٚٹُر ، تیز ۔

اَٹھہٕ شوٚت ۔ (۱) سُہ پَلو بیٚیرٕ یتھ پَتھ
چھ اَٹھ شٕتھ لَرٕ آسَن ۔ (۲) یتھ اَٹھ
شتھ روپیہِ مول آسہِ ۔

اَٹھہٕ شیٹھکھ ۔ رٲش ٹھول ۔ رٲش نہٕ

میلنۍ ۔ اَتھہٕ کوٚن ۔ یتھ اَتھ کوٚن آسن ۔ اَتھہٕ کوٚنجل ۔ اَتھہٕ کوٚن ۔ یتھ اَتھ کوٚن آسن ۔ یتھ اَتھ طرف آسن ۔

اَتھہٕ کھوٚر چتھ ۔ تیز ذہن یتھ داکِ اَتھ کُھرِ نیرِن ۔

اَتھہٕ کھور ۔ (۱) سُہ باتہٕ بیترِ یتھ منز اَتھہٕ کھارِ اَناج بیترِ واتہٕ ۔ (۲) اَتھن کھارِن ہشد وزنہٕ ۔

اَتھہٕ گُن ۔ اَتھہٕ لٹہٕ ، اَتھہٕ پھِر ۔ اَتھن سوٚتب ۔

اَتھہٕ لَبَل ۔ اَتھہٕ لوٚب ۔ یتھ اَتھ لَبہٕ آسن ۔ یتھ اَتھ طرف آسن ۔

اَتھہٕ لوٚب ۔ یتھ اَتھ لَبہٕ آسن ۔

اَتھہٕ لَبَل ۔ یتھ اَتھ طرف آسن ۔

اَتھہٕ لوٚر ۔ یتھ اَتھ لَبہٕ آسن ۔ یتھ اَتھ وار آسن ۔ (رزِ بیترِ) ۔

اَتھہٕ نکہٕ شارد اَپاٹھۍ اَتھن ہنزِ گردشِ نوٚنان ۔

اَتھہٕ وُہر ۔ (واَلہٕ کنی اَتھن ڈرِہِن ہند ۔ (چنز بیترِ) یتھ اَتھ ڈرِ گامتۍ آسن ۔

اَتھُم ۔ (ا م ۔ ک ۔ اَتھُم ۔ موٚل : اَتھُم ۔ (س : اَشٹمی ۔)

یچھک اِ اَتھُم دوہ ۔

اَتھِل ۔ (ا م ۔ ک ۔ اَتھِل ۔ موٚل : اَتھِل (س : اَشٹہٕ + کسل) اشٹھیل

کینہہ دگرِ ننج کنہ ، کاچہ وٹھہِ یِنڈرِ ہوٚرلچ کُنی ۔

اَتھہٕ تھموٚب ۔ (ا ن ۔ ک ۔ اَتھہٕ + تھموٚب موٚل : اَتھہٕ تھمب ۔ (س : اَشٹہٕ + ستمبھ ۔)

نُٹ ۔ رِنیوٚمُت ، ژھیوٚنمُت تہٕ دَجہِ لاَگی پَلوٚ بیترِ ۔

اَچھُر ۔ (ا ن ۔ ک ۔ اَچھُر ۔ موٚل : اَچھر ۔ (س : اَشکشہ + ک ۔ اُر ۔)

(۱) کھیتہٕ کڈنے گرٕ ۔ (۲) تیار کرتے ییر ۔ کتہٕ نے تہٕ اَلبنے ییر ۔

اٗخر - (ک - اٗخر - موٗل : اٗخر - (ع : آخر - )

پوٗتُس - پتہ - پتو لاکن ـــــ

اُدِن - (ک - اُدِن - (س : ادھین) کانٛہِ تل - آویزٕ - اپنٛا گتھ -

اٗدرا - (م - ک - اٗدر - موٗل : اٗدر (س : آردرٕ کہ - )

نیوٗل ادرکھ ـــــ

اُدر۲ - (م - ک - اُدر - موٗل : اُدر (س : آردرا - )

(۱) اکہ نکھیٛتُک ناو - (۲) داہرا تھ

اٗدی - اٗدِتھ - (ک : اٗدی - موٗل : اٗدی (س : آدِ، آدِتہ - )

یتہٕ یا یتھ کینٛہہ کال آسہ گوٗمت -

مِ : سُہ چھُہ اٗدی گوٗمت ـــــ

اٗدی پیٹھٕ - اُنہٕ کینٛژ کالہٕ پیٹھٕ -

اٗدی شُتُ - اٗدی پیٹھٕ - اُنہٕ کینٛژ کالہٕ پیٹھٕ ـــــ

اٗدی نَن، اٗدی نَس - اٗدی باگی ـــــ

اُڈنیک - یتھ اُنہٕ کینٛہہ کال آسہ گوٗمت - یتھ کٔنہہ کال آسہ گوٗمت -

اُدرِتھ ہیکُن - (بار) ژاٗلِتھ ہیکُن، تُلِتھ ہیکُن، وہرِتھ ہیکُن -

اُڑر باڈر - (م - ک - اُڑر باڈر - موٗل : اُڈر باڈر - (س : آردرٕ + وزنہٕ پُرزھی باڈر - )

اوٗرُک یور ملناوُن - وارٕ پاٹھی نہٕ ملناوُن ـــــ

اُڈرن - (م - ک - اُڈرن - موٗل : اُڈر (س : آردرٕتم > ک : اُڈر + اَن)

اُڈرِن پٔچزن ہٕنٛزٕ ملہٕ مِش - رٕل کرُن -

(۲) گوڈٕ - آغاز - (کُنہٕ کامہِ ہُنٛد - )

اُڈراوُن - (ن - ک - اُڈراوُن - موٗل : اُڈراو - (س : آردرٕ + ک - اُن - )

(۱) اُدرِن پٔچزن ہٕنٛزٕ ملہٕ مِش - رٕل کرُن - (۲) گوڈٕ - آغاز -

اُڈرُن - (۱) اُدر اُدِتھ مانٛڈِنی -

مِ : تٔس اوس گوڈٕ اوٹے اُڈرُن -

(۲) کیٚنٛہہ کامہٕ ہیوٚن ۔ م : اَپٕژ کام
چھا اکی وِرِ آڈران ــــ

آڈزاڈ ۔ (م ۔ ک ۔ آڈزاڈ ۔ موٗل :
آڈزاڈ ۔ )

ہوٗآری ۔ وۄہوو ۔ لیکہٕ ٹھوکہٕ ۔

آڈٕکُھ ۔ (ن ۔ ک ۔ آڈٕکھ ۔ موٗل :
آڈِک ۔ (س : اردھ + کہ ۔ )

نِصِف فایدس پیٹھ چاردوے
بٔیِس رچھنہٕ خاطرٕ دیٚتمُت ــــ

آڈِکہِ در ۔ آڈِکس پیٹھ دِنہٕ وول ۔

آرا ۔ (ن ۔ ک ۔ آر ۔ موٗل : آر ۔ (س :
آرُ + کہ ۔ )

اَکِہ میوٗک ناو ۔
آرکُج ۔ سہٕ لوکُٹ کُل یَتھ آر
نیران چھہِ ــــ

آر۲ ۔ (م ۔ ک ۔ آر ۔ موٗل : آر ۔ (س :
آر + کہ ۔ )

اَکِہ قٕسمُک اوزار یمہٕ سیٚتؠ جِلدٕ گر
ژٔمرِ گٔنٛڑ تہٕ دالس بیٚتر تروٗپ
چھِ دِوان ۔ ژٔمرِ سُند سِر ۔ دٔل گُنٛڈِ وِتھ

آر۳ ــــ (م ۔ ک ۔ آر ۔ موٗل :
آر ۔ (س : آورِ ۔ )

(۱) وُٚلیتھ ٹلیتھ آسُن (اَرزِ یا سٔرؠ
سٕندی پائٹھی) ۔ آر ۔ (۲) گاشِک یا
بٔنیہٕ گٔژھنُک وول (ڈٕنٛگس بیٚترٕ تکہٕ ٹھوٚنہٕ
خاطرٕ ۔ ) آرپار ۔ تیٚتھ وٕلنہٕ یُن یا
گیرُن یُتھ نہٕ بیاکھ سہل پائٹھی ہیٚکہٕ
کیٚنٛہہ کٔرِتھ ۔ گیراو ــــ

آرِژھ ۔ (م ۔ ک ۔ آرِژھ ۔ موٗل : آرِژ ۔
(س : اَرچَ ۔ )

موٚردٕ سٕندِ ناوِ دِوہدِش آرِکس
وُرہلیس بَتہٕ تھوٗن ــــ

آری ژٕ برٛیٛہمُن ۔ سہٕ برٛیٛہمُن یُس
موٚردٕ سٕندِ ناوِ بَتہٕ کھیاوِ زٕہن ۔

آری ژٕ ٹور ۔ آری ژٕ بتہٕ رنٛزنُک بانہٕ

آری کش ۔ (ن ۔ ک ۔ آری کش ۔ موٗل :
آری کش ۔ (س : آرٕ کرشہ = فٕ کش )
ارکش ۔ کٕکرٕ چیرَن وول ــــ

اَرِژَر ۔ (ن ۔ک ۔ اَرِژَر ۔ مؤل : آرِژَر ۔
(س : آرتہ تا + ک ۔ اَر ۔)
عاجزی ۔ بیوٗمت آسُن ۔ دُکھی آسُن

اَرِی زوٗے ۔ (م ۔ک ۔ اَرِی زوٗے ۔
مؤل : آرِی زوٗ ۔ (ف : آرزوٗ ۔)
کُنہِ باپتھ کرِ لِشُن ۔

اَرِی شِنی ۔ (م ۔ک ۔ اَرِی شِن ۔ مؤل :
اَرِی شِن ۔ (س : اَرِش + ٹہ ۔)
گاڑی شنی ۔ داوِ ہیون ۔ مُصیبتھ یِن ۔ شاہمتھ ۔

اَرِی کسٹی تارِی کُٹھ ــــــ فِرتھ
پھِبنڈ پھیر ــــــ

اَرُیم پارُیم ۔ (ن ۔ک ۔ اَرُیم + پارُیم ۔
مؤل : آرِم پارِم ۔ (س : اَوارہ +
پارہ + ک ۔ یُم ۔)
(۱) وۄل شۄل ۔ اَٹکھ پاٹکھ ۔
اوڈ کاشُر تہ اوڈ پارُیم ۔ (۲) چھلہ
چھانگرِ [ گریرِسَن ] ۔

اَریُو ۔ (ن ۔ک ۔ اَریُو ۔ مؤل : اَرِو ۔)
لبہِ پیٹھ کُن ہِشَس تَل تاکھچ ــــ

اَزرن ۔ (م ۔ک ۔ اَزرَن ۔ مؤل : اَزَر ۔)
اَزَر وِنہِ سیتی گاش ہُند بجر گُنزراوُن
اَزَر وِنہِ سیتی نَنس منز گاش ہِشر بجایی
پھرِنچ کام ۔ دَزنہِ سیتی گاش ہُندِ
بجر چھ کمتھ تلنچ کام ۔

اَزرن گاززن ۔ (۱) نہ زرونہ
کنہِ بلی گاش ہُند بجر تہ بجایی گُنزرنچ
کام ۔ (۲) بلی گاشِ ہِشرن کتھن منز
منز وِوتھن ــــ

اَزرُن ۔ (ن ۔ک ۔ اَزرُن ۔ مؤل :
آزر ۔)
اَند وِنہِ سیتی گاشِ ہُند رُت
کرُت پھرُن ــــ

اَزرُن گازرُن ۔ (۱) بلی گاش
ہُندِ آسنچ لبہ رنچ کتھ پھرِنہِ ــــ
گاش ہُند اَندرُن یُن ۔ (۲) گاشِ
ہِشرن کتھن منز بلی دخل دِین (گریرسن)

آس ۔ (ن ۔ک ۔ آس ۔ مؤل : آس ۔ (س :
آسیہ)

چوٗنٹ - ہُتھیٖنک ٹُہ حِصہٕ یِیارِ
کھیٖنہٕ پیٖنہٕ یِوان چھُہ - موکھ -
اَسَس آب یُن - اَسَس پوٗنۍ
یُن - کمہِ چیٖزَس پیٹھ لوٗبُن - کانٛہہ
چیٖز وُچھتھ دِل ہٕشیلُن - (حاص کرِتھ
کھیٖنہٕ باو -)
اَسَس منٛزے اَتھہٕ تھوٗن -
کھیوان تہٕ کھیوان روزُن کھیٖنہٕ
کھیٚہ کَروٗن -
اَسہٕ بَب، اَس بَب - (١) (ٹُرس)
ژھوپہٕ کرناوُنہٕ باپتھ اَسَس منٛز
موٗمہٕ - (٢) اَسَس منٛز کانٛہہ نابَد
پھوٗل - اپزٕ تسلا -
اَسہٕ بَب نیرٕنۍ - (١) ٹُرہ سندٕ
اَسہ منٛز موٗمہٕ نیر نیرُن - (٢) کانٛہہ
چیٖز اَتھس منٛز یِتھ اَتھہٕ تلہٕ گژھُن -
اَسہٕ بوٗڈ - (١) یَس بوٗڈ تہٕ کھوٗل
اَس آسہِ - (٢) گگر کرُن دوٗل -
گگرِ بوٗڈ - ژیادِ تہٕ بَڈ بَڈ کتھہٕ کرن

دوٗل - اَسہٕ بوٗل - زیانۍ کتھہٕ
یِم : اَسہٕ بوٗل دِنۍ لگِم ساسا
مے منٛزہِ واسا کھیدنا ہے (لل دید)
اَسہٕ بیٛہہ - ژھوپہٕ کرِتھ روزُن
کتھہٕ تہٕ کتھہٕ نہٕ کرنہٕ - یِم : اَسہٕ بیٛہہ
چھُے نا -
اَسہٕ پوٗ، اَس پوٗ - کھیٚنک لالچ -
کھیٖنہٕ سِے کُن یوت آسُن - کھیٖنہٕ
کھیٚہ - پانَس کُنۍ یوت پوٗ -
اَسہٕ پھکھ، اَس پھکھ - اَسِیچ بوٗے
اَسِیچ بدبوٗ -
اَسہٕ زلوٗ، اَس زلوٗ - اَسہٕ
منٛزٕ چ زلوٗ - بکھہٕ بکھہٕ کرٕونۍ زلوٗ -
بکواسی سنٛز زلوٗ -
اَسہٕ ژوٗٹ - (١) سُہ یَس وُٹھ
زلوٗ یا اَشنک بیٛمہٕ کانٛہہ حِصہٕ ژھیوٗ نمیت
آسہِ - سُہ یَس بدسوٗرتھ اَس آسہِ -
(٢) یَس نہٕ جان پاٹھۍ کتھ آسہِ
پھوران -

اُسہٕ ژھیوٗن، اُس ژھیوٗن ۔ وُٹھہٕ ژوٗٹ
یَس وُٹھہ ژھیٖنمتی آسَن ۔ اُسہٕ ژوٗٹ ۔
اُسہٕ کتھ، اُس کتھ ۔ سو کانٛہہ تہٕ
کتھ یوس زیٖوِ پیٹھہ آسہ تہٕ کُنہٕ تہٕ
وِزِ ضوٗرٕ وٚرتہٕ موٗجوٗب وَننہٕ ییہٕ ۔
(کریٖرسَن ۔)
اُسہٕ کڑُن ۔ زیٖوِ سیٖتی وَنُن ۔ اَندرِی
نہٕ تھاوُن ۔۔۔۔
اُسہٕ کنہٕ آم کھارٕنی ۔ پریشان کرُن ۔
تھوس اَنہٕ ۔ پھیٚنڈ پھیٚر لارٕ دِنی ۔
اُسہٕ منٛز نار نیٖرُن ۔ تیٖژھ کتھ کرٕنی
یمہٕ سیٖتی تُژرٕ بُزُن وِدہ تھہٕ ۔ تیٖتھ کیٚنٛہہ
وَنُن یمہٕ سیٖتی نار لگہٕ ۔۔۔
اُسہٕ پچَر، اُس پچر ۔ نُیک یا لوکُٹ
اُس آسُن ۔ لوکُٹ اُس آسنچ حالتھ ۔
کَتھل نہٕ آسُن ۔ ژھوٗپ آسُن ۔۔۔
اُسہٕ نُیک، اُس نُیک ۔ یَس نُیک
یا لوکُٹ اُس آسہ ۔ یُس کِمے کتھہٕ بیترِ
کران آسہ ۔ یُس نہٕ ژرِ کَتھہٕ کرِ ۔
ژھوٗپ ۔ یُس نہٕ بکواسی آسہ ۔
اُسہٕ نیوٗر، اُس نیوٗر ۔ اَکھ گُپَن بیمارِ
اَتھ منٛز ژھُہ اَسَس تہٕ کھوٗرن ہُنیر
کھسان ۔ اُسہٕ ہتھ ۔ اَکِس ہَتَس
لوکَن ہُنٛز زیٖوٕ ۔ ہَتَس لوکَن ہُنٛز کتھہٕ ۔
اُس تھوٗپ ۔ (۱) (ماتمس اَندر)
اَکِس زنانہٕ ہُنٛدِ بیٚیِس زنانہٕ اَسس
بُتھہٕ دُرج بیترِ تھُوتھ سو ژھوپہٕ
کرناوٕنی ۔ (۲) لالچ بیترِ دِتھ کانٛہہ کھیتے
کھیوٕ ناوُن ۔۔۔
اُس ژٹُن ۔ زیٖوِ پیٹھہ ژاٚنگ ژرُنی ۔
کتھ بیترِ کرٕدُنی کانٛہہ ژھوپہٕ کرناوُن
کانٛہہ کیٚنٛہہ کھیوٚنی پتھہ رَٹُن ۔ کھیوان
کھیوانی کاٹِ کھین بند کرُن ۔۔۔
اُس ژھیٖرٕ ٹُن ۔ فاقہٕ پھُٹراوُن ۔

کاٗنٛسِہ ہِنٛدِس مرنس پیٹھ اڈک
وَق فاقہٕ پھُسراوُن تہٕ دُوَق ہیوٚن
کھیوٚن ۔ اٗس سُرو ۔ اٗس کرمٕف
تمیز سان کر کتھہٕ ۔ (تس پوان
وَننہٕ یُس تہٕ آسہٕ ونان یہ پزن
پنہٕ ۔) اٗس سُرُن ۔ اٗس مٕف
کرُن ۔ جیٚسہٕ سان تہٕ تمیز سان کتھہٕ
کرنہٕ ۔ ناشایان کتھہٕ نہ کرنہٕ ۔۔۔
اٗس یُن ۔ کھین بُھتہٕ یُن ۔ اکی
قسمک کھین گرِ گرِ کھینہٕ سیتی تہٕ
گژانہٕ گژھنی ۔۔۔۔
آشِد ۔ (ن ۔ک ۔ آشِد ۔ مۆل : آشِد ۔
(س : اَشوِنہٕ ۔)
اکہٕ رتھک ناو ۔ سہ رتھہٕ یُس
باٗدرہٕ پیٹھہٕ پتہٕ تہٕ کارتِکہٕ برونٛہہ
چھُ پوان ۔۔۔
آشُرپتُر ۔ (ن ۔ک ۔ آشُر+پتُر ۔ کرک :
آشُر+س : پھیتر کہ ۔)
پَتُن آسِتھ پتہٕ کڈن دول ۔
پتُن آسِتھ دُشمنُت ورتاوُن دول ۔
آشٕرٕن ۔ (م ۔ک ۔ آشرٕن ۔ مۆل : آشٕرٕن
(س : آشریہ +ک ۔ اَن ۔)
بتہٕ باپتھ آدینہٕ گی ۔ وہین جاے،
چھپن جاے ۔
آشُرمُن ۔ کاٗنٛسِہ نِش یا کنہٕ جایہٕ
چھپُن ۔ رۆزی کماونہٕ خاطرٕ کنہٕ ملکس
منز یا کنہٕ جایہٕ بسُن ۔ کاٗنٛسِہ ہِنٛدِس
سایس تل یا کاٗنٛسِہ ہنٛزِ سرپرستی
تَل روزُن ۔۔۔
آشُرمُت ۔ (۱) سہ یُس نِش پناہ
آسہٕ ہیٚنٛزمُت ۔ (۲) سہ ملک یا
جاے بیترٕ یتہٕ کانٛہہ رۆزی کماونہٕ
خاطرٕ بوسمُت آسہٕ ۔ (۳) اتھہٕ پیٹھ
تھوَن دول ۔

اَشناو ۔ (ک : اَشناو ۔ مؤل : اَشناو
(ف : آشنا ۔)
رِشتہٕ دار ۔ بنٛد باندو ۔ یُتھن ۔ ذاتی
کار ۔۔ اَشناوی ۔ رِشتہ ۔ بنٛدُت ۔
اَفین ۔ (م ۔ک ۔ اَفین ۔ مؤل : اَفین ۔
(ع : اَفیُون ، ف : اَفیم ۔ اپیُون ۔
س : اَہِیہ + فینہٕ ۔)
تُرِ یاق ۔۔۔
اَکِھتھ ۔ (ک : اَکھتھ ۔ (س : اَکھشیانہٕ)
ذاَنتھ دو کھہ ۔ ذانتھ مانتھ ذانتھ
اَکِتھ ماکِھتھ ۔ اَپزی پاٹھ ۔ ٹھٹھ
پاٹھ ، پُرزِ ۔۔۔
اَل ۔ (م ۔ک ۔ اَل ۔ مؤل : اَل ۔۔
(س : ایلا ۔)
گوشہِ شکلِ اکھ مُشک دار پھل یُس
مصالس لگان چھُہ ۔۔۔
اَلہٕ گاسہٕ ۔ اکھ گاسہٕ ذاتھ ۔۔
اَرِچ ۔ (م ۔ک ۔ اَرِچ ۔ مؤل : اَرِچ ۔۔

(ف : آلوُچہ ۔)
ژوٚک گلاسہٕ ۔ (اکھ میوُک ناو)
اَلچہٕ رنٛگ ، اَلچہٕ رنٛگ ۔ یتھہ رنٛگ
اَلچہٕ آسان چھُہ ۔ گوٗٹ کرہ مزی رنٛگ
اَلچھُکُرج ، اَلچہٕ رکُرج ۔ سو کُرج یا لوکٹ
کُر یتھ اَلچہٕ نیران چھےٚ ۔۔
اَلی حافِظ ، عالی حافِظ ۔ (ک : اَلی + ع :
حافِظ ۔)
اوٚن ۔ گارِشہ روٗس ۔ یس نہٕ بوزِ
آسہ پوان ۔۔۔
اَلی کدل ۔ عالی کدل ۔ (ن ۔ک اَلی +
کدل ۔ مؤل : اَلی کدل ۔)
سرینگرس منٛز ویتھہِ پیٹھ اکھ کدلک
ناو ۔ اَلی کدلک اوٚنٛد پوٚک ۔
اَلی گاڈ ۔ (م ۔ک ۔ اَلی گاڈ ۔ مؤل : اَلی گاڈ)
وُچھنہٕ تلہٕ جان تہٕ کھینہٕ تلہٕ بے مزہ
اکھ گاڈِ ذاتھ ۔۔۔
اَلی مُشید ۔ (عالی مُشید) (م ۔ک ۔ عالی +

مُشید۔ مۄل : عالی مُشید ۔ (ف :
عالی۔ (ع : عال + ع مسجد ۔)
سرینگرس منٛز اکھ مشہوٗر مُشید۔

اٰلِ واکھ ۔ (ن۔ک : اٰلِ واکھ ۔ مۄل : اٰلِ
واک ۔ (س : آشی + واکیہٕ ۔)
اٰہی پاٹھ ۔ پٔزر پاٹھ ۔ خاٗر پاٹھ۔

اٰلِ ہائنز ۔ (ن۔ک ۔ اٰلِ ہائنز ۔ مۄل : اٰلِ
ہائنز ـــ)
دٔرزِ سیتی لمنہٕ باپتھ کوٗلِس گوٗرمت دُگوٗد

اٰمی یام ـــــ (م۔ک ۔ اٰمی یام۔
مۄل : اٰمی یام ۔ (س : آم + ک ۔
ـــ یام)
بُرزِ زنانہٕ ہُنٛد گۄڈٕ گوڈٕ مَن پھیرُن
تہٕ گژانہٕ گژھنہٕ ـــ

اٰنٛگھ، عانٛگھ ۔ (ن۔ک ۔ اٰنٛگھ ۔ مۄل : آنک
(ع : عین + ف۔ بک ۔)
اُچھ سیتی صاف دُچھنک شیٖشہٕ۔
اَچھَن ہُنٛد شیٖشہٕ ۔)

اٰنٛگھ گر (عانٛگھ) گر ۔ سُہ ڈٔبہٕ
ییتہٕ ییتھ منٛز اٰنٛگھ تھوان چھِہ ـــ

اٰنی مانی ۔ (س : آنہٕ مان + ک ہی ۔)
سوچنے کرنے ۔ کتھِ داتنے ۔ اٰنٛگو
دُنی کینژ لیوت ـــ

اٰینہٕ ۔ (ن۔ک ۔ اٰینہٕ ۔ مۄل : آئن ۔ (ف :
آئینہٕ ۔)
شیٖشہٕ ۔ بُتھ وُچھنک شیٖشہٕ ۔ مُکر ۔
م : مُکرِس زَن کل ژۄلم مَنس
ادِنے لُبیم زٔلس زان (لل واکھ)

اٰینہٕ پھٹ ۔ اٰینہٕ کھنڈ ـــ

اٰینہٕ دار ۔ سو دار ییتھ شیٖشہٕ آسن
جُریتھ شیٖشہٕ جُریتھ یا شیٖشہٕ دار دار

اٰینہٕ زاٗنیاہ ـــ
سُہ زاٗنیاہ ییتھ شیٖشہٕ ٹکہٕ لاگتھ آسن
سو ڈٕلہٕ ییتھ شیٖشہٕ جُریتھ آسن ـــ

اٰینہٕ کھیٖٹ ۔ سُہ لوکٹ شیٖشہٕ یُس
نہٕ دۄ دُنی کنہٕ کامہِ ہُنٛد آسہ ـــ

أنِہ کھنڈ ۔ شیٖشہِ ٹھکرٕ ۔

أنِہ کھونٛٹھ ۔ سُہ ڈَبہٕ بیترِ یتھ منٛز شیٖشہِ تھوان چھہ ۔ شیٖشہِ تھوٗنک ڈَبہٕ ۔ (گریرسَن)

أنِہ گوٗر ۔ شیٖشہِ گرٕن وول یا شیٖشہِ بناوَن وول ۔ شیٖشہِ کٔرنَ وول یُس شیٖشہ کنان آسہِ ۔

أنِہ وأج ۔ سو وأج یتھ کرٛینٛکہٕ بدل أنِہ آسہِ جُرِتھ ۔

أنِہ أنٛدرِہ ۔ اَپزُے ۔ اَپزٕ وادٕ کرُتھ ۔ اَپزُے ہاوِتھ ۔ یِہ چھہ تِلہٕ وَنان یِلہِ کینٛہہ دِنُک یا کرُنک اَپزُے وادٕ یِیہِ کرنہٕ ۔

أنِہ مُنٛزِہ وَنُن ۔ أنِہ أنٛدرِہ وَنُن ۔ اَپزُے وادٕ کرُن ۔

أنِہ ہاوُن ۔ (۱) ٹگنَس پیٹھ مہرِ تہٕ مہرازَس أنِہ مُنٛزِہ یا أنِہ ہاوِتھ اکھ اَکھ سُند بُتھ وُچھنہِ دِیتھ ۔ (۲) اَصلیَتھ ۔ نٔنی کڈٕنی ۔ کأنٛسہِ ہاوُن زِ تٔمۍ کُنہِ کیُتھ چھہ سُہ ۔

أنٛچھ، آنٛچھ ۔ (م ۔ ک ۔ آنٛچھ ۔ موٗل: آنٛچ) بُرانٛتھ ۔ آش ۔

أنٛچھ تھَوٕنی ۔ بُرانٛتھ تھَوٕنی ۔ آش تھَوٕنی ۔ ودہ مید دِنی ۔

أنٛتھ ۔ (ن ۔ ک ۔ أنٛتھ ۔ موٗل : أنٛت ۔ (س : اَنتہ ۔)

اَنٛد ۔ أنٛدِم جاے ۔ حَد ۔

أنٛتہٕ رَژَھر ۔ بے اِنتِہا ۔ حدے نہٕ آسُن ۔ اُنکھ ۔

أنٛتہٕ روٗس ۔ حدٕ روٗس ۔ انٛدٕ روٗس یتھ نہٕ اَنٛد آسہِ ۔ سُہ چیز بیترِ یُس ٹییُک اَنٛد لبنہٕ یِیہِ نہٕ ۔

أنٛتہٕ گرٛھن ۔ اَتھ وَتھے نہٕ یِنہٕ ۔ وَتہٕ راوُن ۔ حأران گرٛھن ۔ (اوٗپ آسنہٕ سبب ۔) تہٕ ژھانٛڈُن یہ نہٕ اَتھس منٛز یِتھے ہیکہٕ ۔

اَنٹہٕ گومُت یُس نہٕ اَتھ دَتھے
پیہِ ۔ رووِمُت ۔ ھاران گومُت ۔

اَنٹ، اَنٹھ ۔ (م ۔ک ۔ اَنٹ ۔ مول : اَشٹ
(س : اَشٹِ ؟)

(۱) میوس اَندر بیالی گو لُر ۔ (۲) اکھ
اِنچ ۔ آنچہٕ ۔ میوس یا میون اندر
بیالی گو لُر ۔ آنچہٕ تیل ۔ سُہ تیل یُس
کھالین چھ کڈان ۔

آنچہٕ مار ۔ ل ۔م ۔ یہِ دُنیہٕ آنچہٕ مَنزٕ
آسہِ تہِ مارِتھ ژھٔنُن ۔ وَرگہٕ لوکُٹ
مارُن ۔ سُہ مارُن یُس نہٕ کُنہِ گژھٕ نَنٕ
مَنزٕ آسہِ ۔

اَنٹ (اَنٹھ) کَھلُن ۔ نَرمُن ۔
لِشلُن ۔ موٹُن ۔ م : کُہی تام کَھلییس
اَنٹھ، تہِ گو کُہی تام موٹیو ۔

اُنٹ (اَنٹھ) مَرنی ۔ یَنُن مطلب
نیرِتھ تسلا گژھُن ۔ پٔنُن برابری ہیٚنز ۔

اَنٹرن ۔ (م ۔ک ۔ اَنٹرن ۔ مول : اَنٹر ۔)
بٔنیس لاینہٕ باپتھ یا ٹارٹنا بیتر
کَرنہٕ خاطر آسہِ گژھان ۔

اَنٹرِمن ۔ کاٹہٕ لاینہٕ باپتھ آسہِ
گرائے کَرِنی ۔ ٹاڑنا بیتر کَرنہٕ خاطر
کاٹہٕ ژاگُن ۔ کاٹہٕ ستُنز رَنہٕ باپتھ
موقس پزارُن ۔

اَنجاری، آنجاری ۔ (مول : آنجار)
نیٚری ۔ کَمینہٕ ۔
آنجاری ماںجاری ۔ کَمینہٕ ۔ کم پایہٕ ۔

اَرنچ کار ۔ (ن ۔ک ۔ اَرنچ کار ۔ مول : اَرنچ
کار ۔ (س : آم کار ۔)
اَنکار ۔ یعقرار ۔ وادہٕ ۔ ماںنُن ۔

اَچھ، آپچھ ۔ (ن ۔ک ۔ اَچھ ۔ مول : اَرنچ
(س : اَدچِھہ ۔)
پَھل ۔ پاداش ۔ اِنتقام ۔ قِصاص ۔

اَچھ ہیٚون، آپچھ ماوُن ۔ زٕکھ
واتناوُن یتھ کُنہِ فکرِ تارِنی ۔ بدلہٕ
ہیٚون، قِصاص ہیٚون ۔

آنٛدٕ۔ (م۔ک۔ آنٛدٕ۔ مؤل: آنٛدٕ۔
(س: اَنْدھ ۔ اِ)
(۱) گرد طوٗفان سِتھ واو۔ واوِ
طوٗفان۔ (۲) پھش پھیوٗن ۔
آنٛگرشاہی۔ سُہ سِکہٕ یتھ نٕہ کُنہ کنٛہ تہٕ
کھوٗٹ پیس ونہٕ۔ صاف سِکہٕ۔
آنٛکوٗن۔ (م۔ک۔ آنٛکوٗن۔ مؤل:
آنٛکوٗن ۔ س: انکنیم۔)
آنٛکل ۔ اندازٕ ۔
آنٛکھ۔ (م۔ک۔ آنٛکھ۔ مؤل: آنٛگ۔
(س: انکہ۔)
گۄڈنِچ ہنٛد نِشانہٕ یُس کانٛہہ چیز
پرٛزنٲونہٕ باپتھ کُنہٕ پلٕٹھ ترٛاوان چھہ۔
آنٛگ یُس کُنہٕ چیزَس نِشانہٕ تھوٗنہٕ
باپتھ ترٛاونہٕ چھہ یِوان۔ مؤس ۔
آوِش ۔ (م۔ک۔ آوِش۔ مؤل: آوِش
(س: آوِش ۔)
تصرُف۔ پرٛاہ۔ پرٛکرُژاڈُن ۔

آوٕ یشہ لد۔ (م۔ک۔ آوٕ یشہ
لد۔ مؤل: آوٕ یشہ لد۔)
سُہ یُس تصرُف آسہٕ گومُت ۔
پرٛاہ لد۔ یُس کانٛہہ پرٛکرٕژ آسہٕ
ژامُت ۔ م: آوٕ یشہ لٕدٕ ۔
آوٕیل اَعیُل ۔ (ن۔ک۔ آوٕیُل۔ مؤل: آوِل
(س: آم + ک ۔ اِل۔ (مرٕبٕلِ بیتر)
اوزھ۔ زآوٕیُل ۔ م: آوِج ۔
آوِہ جار ۔ اَژھر۔ زآوٕ جار۔
آہی۔ (م۔ک۔ آہی۔ مؤل: آہی۔ (س:
آشی۔)
دُلیس ہرٕژرٕ منگُن۔ ہرٕژر یرٕ ژُھن۔
رُت کانٛچھُن ۔ دُعایہٕ خٲر۔
آہی پاٹھ۔ اُلی واکھ۔ ہرٕژر پاٹھ
خٲر پاٹھ۔ آہی واد ۔
آہی کرٕنی۔ رُت کانٛچھُن ۔
آہی واد ۔ آہی پاٹھ۔ ہرٕژر پاٹھ۔
خٲر پاٹھ۔ آلی واکھ ۔

آسے عا۔ (س: آ+ک۔ے)
تم آسے ژسے نش۔ دآتے۔
اۓ عا (آوازِ ہیٹھ یا آوازِ پُرشھ
"واے" لفظس سیتھ۔)
وآسے۔ دادِ دگہ وِز ہیر تھ ژلان۔
آیتھ۔ (ن۔ک۔ آیتھ۔ مٔول: آیت
(س: آدِتیہ۔)
سری یہ۔ آفتاب (پرٛون لفظ)



اِبلیس۔ (ن۔ک۔ اِبلیس۔ مٔول: اِبلیس
(ع: اِبلیس۔) شیطان۔
اِجارٕ ـــــــ (ن۔ک۔ اِجارٕ
مٔول: اِجارہ (ع: اِجارہ (ع: اَجر)
ساٗمِس ٹھیکہٕ۔ ساری ہے پیٹھ
یِختیار۔ شرکتہٕ روٗس یِختیار۔
اِجارٕ دار۔ یُس سارِ کُے ٹھیکہ آسہ۔
یُس ساری ہے پیٹھ یِختیار آسہ۔ یُوٗر
یِختیار وول۔
اِجازتھ۔ (ن۔ک۔ اِجازتھ۔ مٔول: اِجازت
(ع: اِجازت (ع: جوز۔)
مَنظوٗری۔ روخصتھ۔ اَگنیا۔
اِجازتھ نامہٕ۔ منظوٗری ہُند کاکد، پَروانہٕ
اِجتماع ـــــــ (ن۔ک۔
اِجتماع۔ مٔول: اِجتماع۔ (ع:
اِجتماع۔ (ع: جمع۔)
لُوکہ جمع۔ سیٹھاہَن لُوکَن اَکِسے
جایہ سُمیتھ آسُن۔
اِحاطہٕ۔ (ن۔ک۔ اِحاطہٕ۔ مٔول: اِحاطہ۔
(ع: اِحاطہ۔) (حوط
گُنڈِتھ جاے۔ گُنڈِتھ زمین۔
اِحاطہٕ کرُن۔ طے کرُن۔ حد کرُن۔
اِختلاف۔ (ن۔ک۔ اِختلاف۔ مٔول:
اِختلاف۔ (ع: اِختلاف (ع: خلف)
بیوٗن راے۔ ہشی راے نہٕ آسنہٕ۔
اخلاق۔ (ن۔ک۔ اِخلاق۔ مٔول: اِخلاق

(ع : اَخلاق (ع : خُلق -)
جان دُلیپرٕ - رِتی کرتوتھ شائِستگی -

اِدارٕ - (ن - ک - اِدارٕ - مؤل : اِدار -
(ع : اِدارہ -)
کاٗنہہ کاٗم کرنُک نِظام -

اِدرار - (ن - ک - اِدرار - مؤل : اِدرار -
(ع : اِدرار -)
مستقر، ژَل - ژَل ہل -

اِرٲن، ییٚرٲن - (م - ک - اِرٲن - مؤل : اِرٲن
(ف : ایران -)
شُشتُر دُسہ چیز یتھ پیٹھ کھار
شُشتَرس ژَب چھہ دِوان -

اِرشاد - (ن - ک - اِرشاد - مؤل : اِرشاد
(ع : اِرشاد (رُشد -)
حُکم - ہیدایتھ -

اِسبنٛد، ییٚسبنٛد - (ن - ک - اِسبنٛد - مؤل :
اِسبنٛد - (ف : سِپنٛد، اِسپنٛد -)
اکہ قسمُک ییٚول یُس زالنہٕ سیتی
جان مُشک چھہ نیران -

اِسبُڈی ہار - (ن - ک - اِسبُڈی ہار -
مؤل : اِسبُڈی ہار -)
مُتھنک اکھ دوا -

اِستادٕ، ییٚستادٕ - (ف : اِستادہ -)
ووٚدنی - ووٚدتھ دِنی -

اِستِدعا - (ن - ک - اِستِدعا - مؤل :
اِستدعا - (ع : اِستدعا - دُعا -) عرض

اِستِغاثہ ---- (ن - ک
اِستِغاثٕ - مؤل : اِستِغاثہ - (ع :
اِستغاثہ -)
فوجداری مُقدمہٕ -

اِستعفا - اِستِفا - اِستیفا - (ن - ک -
اِستعفا - مؤل : اِستعفا - (ع : اِستعفا)
نوکری ترٲونچ عرضی - یعنی ترٲونچ عرضی -

اِستعمال، اِستمال، اِستیمال -
(ن - ک - اِستعمال - مؤل : اِستمال -
(ع : اِستعمال (عَمل -)
کُنہِ چیزُک وَرتُن - کُنہِ چیزُک پرٛتُھن -

اِستقبال ---- (ن - ک - اِستقبال

مؤل : اِستقبال۔ (ع : اِستقبال۔
(قَبل ۔)
کاٹھ بڑو نیٹھ نیرن پیشوائی سوا گتھ۔

اِسرار، اَسرار ــــ (ن۔ک۔ اِسرار
مؤل : اِسرار۔ (ع : اِسرار۔)
بسرِ کتھ ۔ ژُور کتھ ۔ یمہ کتھ یمہ
ہِ ساری نے ونہ ین ــــ

اِسلام ۔ (ن۔ک۔ اِسلام ۔ مؤل : اِسلام
(ع : اِسلام (سَلم ۔)
مُسلمانن ہُند مذہب ۔ مُسلمانی ۔
اِسلام آباد کھیتہ وونُن کیٗس ور مُلہ تہ کھ
دوٗلس لُس ــــ
اُکی اِسند بلایہ بیا کھ لگُن ۔ اُتی
نہ بلایہ تُت ــــ

اِسموغُل ۔ (ن۔ک۔ اِسموغُل ۔ مؤل :
اِسموغُل ۔ (ف : اِسپغول (ف
اسپ + غول ۔)
اکھ بیوٗل یُس دوٗہس لگان چھُ۔

اِسم ۔ (ن۔ک۔ اِسم ۔ مؤل : اِسم ــــ
(ع : اِسم ۔)
ناو ــــ اِسم دار ــــ ناودار ۔ خاندانی ۔

اِشارٕ ۔ (ن۔ک۔ اِشارٕ ۔ مؤل : اِشار ۔
(ع : اِشارة ۔)
ژینہ وَن ۔ حِس دیُن ــــ

اِشتِعال ۔ (ن۔ک۔ اِشتِعال ۔ مؤل :
اِشتِعال ۔ (ع : اِشتعال ۔)
ژکھ، پھوٗشنہ، کرٛود، شرارتھ ۔

اِشتہار ۔ (ن۔ک۔ اِشتہار ۔ مؤل : اِشتہار
(ع : اِشتہار ۔)
پیکھتھ ایلان ۔ عامس تام کانہہ کتھ
واتناونہ باپتھ لیکھتھ کاکد ــــ

اِشٹابر ۔ (م۔ک۔ اِشٹابر ۔ مؤل : اِشٹابر
(انگ سٹرابیری ۔)
اکھ میوٕ ذاتھ ــــ

اِشٹام ۔ (ن۔ک۔ اِشٹام ۔ مؤل : اِشٹام
(انگ سٹامپ ۔)
(۱) سرکٲری موہر کرِتھ کاکد یُس دستاویزن
ہِنٛتی تھونہ یوان چھُ قونوٗنی ٹاکی یہ برنہ

بَداد، بَداد ـــ (ن۔ک۔بَداد۔ مؤل:
بَداد (ف: بَد + داد)
بارون۔ بارو دِنُس پیٹھ۔
بَداد اُنُن۔ زبردستی کانہہ کُنہِ کامہِ
پیٹھ مجبور کرُن۔ تنگ کرُن۔
کڈُن۔ بارون ژانُن۔ بارو دِنُس
پیٹھ واتناوُن۔ وَدنُس کھارُن۔
بَدادیُن۔ تنگ یُن۔ جیریُن۔
وُدنُس گژھُن۔
بَدرَد۔ (ن۔ک۔ بَد + رَد۔ مؤل: بَدرَد
(ف: بَد + ع رَدّ)
اُڈ ژاڈ۔ لبہِ کہ تھوکہ۔
بَدرَد وَنُن۔ اُڈ ژاڈ کرِنی۔
وڈھو تہِ لبہِ کہ تھوکہ ژادرنہِ۔
بَڈ ـــ (س: وَردھہ)
(۱) گژھہ نیر۔ ہے پننہ دَتھ (۲) اکھ
بڑو نہہ لوگ ٹمیکُ مانے چھُ (بوڈ)
م: بڈشاہ
بَڈشروار۔ (م۔ک۔ بڈشروار ـــ

مؤل: بَڈشروار۔ (س: برہت +
شروری)
ساڈستی۔ اکھ گرُہد۔
بَڈشاہ۔ (ک بَڈ (س: وَردھ +
ف: شاہ)
سُلطان زین العابدینُس لوکن ہُنٛد
خطاب۔ (بَڈشاہ گو بوڈ رازہ، بوڈ
بادشاہ)
بَڈگامُو۔ بَڈگامیُک۔ بَڈگامہِ روزَن
وول یا بَڈگامہِ بنومُت
بَڈگوم۔ کشیرِ ہُنٛدِ اکھ گامُک ناو۔
بَڈوتھرو۔ بوڈ تہِ کھوٗل داں کھہہ۔
بَڈُن۔ (س: وَردھ + ک ـ اُن)
(۱) بوڈ گژھُن۔ تھدُن (۲) وانُس
کھسُن۔ بالیغ گژھُن۔ (۳) ہُرُن (مول
بیتر) (۴) زھیتہِ گژھُن (۵) نیرُن۔
گژھُن۔ رَوانہِ سپدُن۔
بَڈن وول۔ (۱) دوہ تھوُن۔ تھدِ دُن
ہُرُوُن۔ (۲) نیرُن۔ کُنہِ جایہِ گژھُن۔

بَڈاو۔ (س: وَردَھ + ک ــ آو)
(۱) رواںٔگی۔ نیرُن۔ گژھن۔ (خاص
کرِتھ یلہٕ واپس آسہٕ نیٚرُن)
(۲) ہُرُہ (ہٹے کرُی ہتِس رَقَس)۔
بُڈرُن (۳) کَڈ۔ تژاو (ناو بیترِ)
مِ: ڈُونگہٕ بَڈاو ــ (۴) بند کرِ ــ
دِ ــ مِ: وان بَڈاو
بَڈاوُن : (۱) ژھیتہٕ کرُن۔
(ژونگ، دان بیترِ)
(۲) بند کرُن (وان بیترِ)۔ دیُن
بَڈآے۔ بُڈہِی۔ بجر۔
مِ: ژٕنّے چھے بَڈآے دو وہمنہٕ ہنزٕ ے
اَن بخ باتہٕ تہٕ وُنی بُنٕہ رَد
(شیخ نور الدین)
بَڈٕ۔ سیٹھا۔ واریا۔ ژٕر۔
بَڈٕ بَڈٕ۔ تیزی کُن آسُن۔ ژوٚر
ژوٚر گژھن۔ ہُران گژھن (دوود گ
دُشمنت بیترِ)
بَڈٕ بُڈی بَب۔ ماجہ ماٗلی سُند بُڈہِ

boat to push away from shore

بَب۔ بُڈی بَبہٕ سُند بَب، مول۔
بَڈٕ بوٗڈٕ۔ سیٹھا بوٗڈ۔ ساری ڈِ ے کھوتہٕ
بوٗڈٕ۔ ساری نِے تھوٗد۔
بَڈٕ برُن۔ باڈٕ و بوٗڈٕ تہٕ تھوٗد اکھ جنگلُو
گُل، یُیچ لکر ڈُر چھے آسان۔
بَڈٕ پُران۔ اکھ وَن پُران۔ اکھ پُرانہٕ
ذاتھ یوسہٕ پانٕے کھسان چھے۔
بَڈٕ ٹینٹھو نٹھ۔ کرہٕنہٕ رنگہٕ لوکٹ مگر
زٕ یٹھ لٹ کرِتھ اکھ جاناوار۔
بَڈٕ دَبار۔ وَرتُو واو۔ دَپان چھ امہٕ
سیتی چھے زالہٕ (ملیریا) ژلان۔
بَڈٕ زَگ۔ وۄہ زجارٕ سان اکھ توٚلہٕ
ذاتھ ــ
بَڈٕ زٕگرٕ۔ زگ دانہٕ۔ وۄہ زجارٕ سان
دانہٕ ــ بَڈٕ زیٚرُ ــ سفید زِ ریک
اکھ قسم یُس میادہٕ داوِس لگان چھُ۔
بَڈٕ شال۔ کمرٕ ازٕی واو
بَڈٕ گُرُی۔ نوٚجہ گُرُی۔ اپزٕے لاپچ دِتھ
تنبلاوُن۔ سیٹھا سنز باغ۔

بڈٕن (یا تھدٕن) گرٕن کٕھتھ آسُن - تھُدی داواکرٕنۍ۔

بڈٕ گگر - اکہ قسمٕچ گگر (یوسہ دوہن لگان چھےٚ)

بڈٕ ماتامال - ماجہ ہُند ماتا مال — مٲلِ سُند ماتامال —

بڈٕ ماتامال پوٚکھ — بڈٕ ماتامالک دوٚر

بڈٕ نانۍ - ماجہ یا مٲلِ ہنٛز نانۍ۔ نانہٕ بُڈی بیٚب ہنٛز نانۍ۔

بڈٕ نیٚوو - اکھ بُجہ پوشہ ذاتھ۔

بڈٕ واٲروی لوگ - پرٛؤنگُک سُہ حصہ یُس بڈٕ واٲری وٕہن تران چھُہ۔ یہ کٕینٛژھا مۄہرینٛہ انہٕ، تمہِ منٛز بڈٕ واٲری وٕنِک حِصہ۔

بڈٕ واٲریُو - ہشہِ ہنٛد مالینٛ۔

بڈٕ ؤن - (۱) بوٚڈ گرٕٹھون۔ (۲) نیرٕوٚن گرٕٹھوُن۔ نیرٕن ووٚل۔

بڈٕ ہاٚش - یٕرنٛہ ہنٛز یا کہہ لیبہٕ ہنٛز نانۍ (مٲلِ نانۍ کہو ماجہ نانۍ)

بڈٕ ہاربہ - (ک: ڈبہٕ ہاربہ پیپرتھ) ٹینچہٕ ہور آسُن۔

بڈٕ ہٕہنٛی - ہٕشہٕ یا ہیٚہرٕ سُند مول۔

بڈٕ ہنٛو ہوری باے - کونہ لیبہ ہنٛز ماہتر بےٚ کاکنۍ یا ٲنٛسنٛز پتٕر ماہتر بےٚ کاکنۍ

بڈٕ ہوٚ ہوُر - ہیٚہرٕ سُند ہوٚ ہوُر — کونہ لیبہ ہُند ماتا مال۔

بڈٕ ہور - سفید ٹیٚنچل - ٹینچہ ہور۔

بُڈٕتھ آسُن - بجا آسُن - لٕبتھ آسُن - جان تہٕ پرٕژھالرٕ منز آسُن۔

بُڈٕتھ بہُن - بےٚ غمہ یا ٲٹھی بہون۔ as if a superior

بڈٕتھ تہٕ بولِتھ دِنُن - تھدِ ہیڈٕ تہٕ بےٚ دایہ یا ٲٹھی دِنُن - بُتھہ پیٹھہٕ تلتھ دِنُن - ٹُکرٕ کرٕتھ دِنُن۔

بُڈٕتھ روزُن - بجر مۄجود روزُن۔

برعا: (ن-ک- بر- مول: بر- دس: دڈار (دوار)

دروازٕ - اٲژنٕچ جاے۔

برٕس - دروازٕس

بَرَس گانٹھ دِیُن ۔ بَر بنْد کرُن۔ بَرَس تور دِیُن تہٕ نیرُن (لرٕ خاٲلی ترٲوِتھ)

بَرَن ۱۔ بَرٕنی۔ لۄکُٹ تہٕ لوٚت دَر واز۔

بَرٕ ۱ : دَر واز کِنۍ۔

بَرٕ اَژُن ۔ بَرٕ کِنۍ اَنْدر اَژُن۔ دَر واز کِنۍ اَنْدر اَژُن ۔ اَژُن۔

بَرٕ نیرُن۔ بَرٕ کِنۍ نبر نیرُن۔ گرٕ نبر نیرُن

بَرٕک۔ دَر وازک

بَرٕ پوٚٹ۔ دَر واز پوٚٹ۔

بَرتَل ہوٚتی ، بَر پیٹھ ہوٚنی ——

یُس نہٕ گرَس منٛز اَژِتھ یا گرٕک اَسِتھ کانْہہ قدٕر آسِہ۔ یُس ہوٚنی سُنْد یوت یٕتھ تہٕ کرٕ نہٕ آسِہ نہٕ یوان (گرَس منٛز) یُسْند گرَس منٛز آسُن یا نہٕ آسُن بَرابرٕے آسِہ ——

بَر دِتھ اُچھ تۄ رٕنہٕ۔ اَنْدرٕ پیٹھٕ نیٚبرٕ میٚن روب ہاوُن۔ ژوٚرِ روٚزِتھ لوکھ کھوژٕناوٕنی ——

بَر دِیُن ۔ دروازٕ بنْد کرُن۔ دَر واز ژیلہٕ یا وۄٹھ تھوُن۔

بَرژٕرَن۔ دَر واز چ کھرٕ پھ۔ دَر واز چ ژرَن —— بَرنیاس۔ دَر واز کرٕ چوکھاٹچ ہیٚرِم کرٕ۔

بَرہنٛک ۔ بَرنیاسک کانْہہ اکھ اَنْد۔

بَرہاکھ۔ دَر واز ساٚر۔

بَرژٕرنہٕ نَس گژھنی۔ دَر واز چ کھرٕپیٚہ منٛز نَس بنْد گژھنی۔ نوٚزک تِجاہیٚتھٕ

بَر ۲ : (ن۔ک۔ بَر۔ مۄل : بَر۔ (س: بھر) یوتا۔ برابر۔ م : سیر بَر، روپے بَر بیترِ۔ (یہٕ چھُ اکھ پوٚت لوٚگ) اَٹھ سَتھ پاٹھی وَننہٕ وِزِ استیمال سپدان۔

بَر ۳ : (ف : بَر۔ پہلوی : اپَر۔ ژنْد اُپرِ = س : اُپَرِ)
پیٹھ

بَرَن ۲ : (م۔ک۔ بَرَن۔ مۄل : بَرَن۔ (س : بھرنی)
اکہِ نیٚچھترٕ یُک ناو۔

بَرابر ، برو بَر۔ (مۄل : برابر۔ (ف : بَر +

آ + بَر ۔ ( بَر = وَچھ )

(۱) پۆر ۔ نہ کم تہٕ نہٕ زیاد ۔ سۆمب ۔
سۆم ۔ ہِوی ۔ ہیُوٗ ۔ ہِوی درجکی ۔
(۲) ٹیپاٹیپ ۔ ہیُوٗرتام، ڈُنٛدٕ تام ۔
بُرتھ ـــــ

**بَراتھ۱** : (م ۔ ک ۔ براتھ ۔ مۆل : بُرات ۔
(ف : برات (ع : برآة)

(۱) سُہ کاکُد یتھ منٛز کیٛنہہ ہیٛنک یا دِنک
یِقرار آسہِ ــ (۲) ہونٛڈ

**براتھ دِیُن** ــ اکِس بدل بیاکھ چھیٛپہِ
دِیُن ۔ پنُن پان بچاوِتھ بیاکھ بلایہِ دِیُن ۔
**براتھ لگُن** ــ قوربان کٕرتھ بنُن ۔ بیٛیہ
سُنٛدِ بدلہٕ بلایہ لگُن ۔

**بَراتھ۲** : (م ۔ ک ۔ براتھ ۔ مۆل : برات ۔
(س : وَریاترا یا وِرات)
ییٚنہٕ وول ۔

**برادر** ۔ (ن ۔ ک ۔ برادر ۔ مۆل : برادر ـــ
(ژند ۔ براتر = س : بھراتر

بے ـــــ

**برایہِ** ۔ (ف : برائے)
موکھہٕ ۔ خاطرٕ ۔ سببہٕ ۔
**برایہِ خودا** ۔ خودایہ سٕنٛزِ دٔتہٕ ۔
خودایہ سٕنٛدِ خاطرٕ ـــــ

**بَرٕ۲** : (ن ۔ ک ۔ بَرٕ ۔ مۆل : بَرٕ ۔ (س :
بالہ ؟ )
لوٗ کٕٹھ ۔ لوٗکُٹ کٕٹھ ۔

**بَرٕ۳** : ہُرتھ ییُومُت ۔ ژمٹیومُت ــ
زٕرٕ ریوٗمُت (پوشس بیترِ) بُتھہٕ وۆتھمُت
رنگہٕ یرِ پہ ڈٔلمُت ۔ یاوُن گومُت (اِنسان
بیترِ) ــــ **بَرٕ کرُن** ــ ہُرتھ
یاوُن ۔ زٕرٕ راوُن ۔ زٕرٕ ژانُن (پوشس
بیترِ) رنگہٕ یرِ پہ ڈالُن ۔ ہۆکھراوُن
(اِنسان بیترِ)
**بَرٕ گژھُن** ۔ ہُرتھ ییُون ۔ ہۆکھِتھ ییُون
ژمٹُن (پوشس بیترِ)
بُتھہٕ وسُن ۔ یاوُن راوُن ۔ رنگہٕ یرِ پہ ڈلُن
(اِنسان بیترِ)

**بَرفی** ۔ (م ۔ ک ۔ برفی ۔ مۆل : برفی ۔ (ف : برفی)

اکِہ قسمٕچ مِٹھاے یوٚس کھٕہس بناوان چھِ

بَرَم —— (ن۔ک۔ بَرَم۔ مؤل:

برم۔ (ہ : بھرم۔)

پَرتیٖتھ۔ بوٗزٕنٕس۔ پَرٛژھ ——

بَرَم ژُلُن۔ پَرتیٖتھ ژلُن ——

بَرَم وٕٹھُن۔ پَرتیٖتھ وٕٹھُن ——

بوٗزٕنٕس راوُن ——

بَرَم وُتھِتھ گژھُن۔ پَرتیٖتھ نہٕ روزُن ——

بَرُتھ ع۱۔ (ن۔ک۔ بَرُتھ۔ مؤل: بَرَت (س : بھرت۔)

راز دشرتھ سُند نِکُو (رام جیُن بوے۔)

بَرُتھ ع۲۔ بانٛگری بانہٕ ——

بَرُتھ ع۳۔ کشیرِ ہنٛدِ اکِہ بالُک ناو یُس سرینگرِ پٮ۪ٹھ گنٛگہِ بَل گژھُن یِوان چھُ

بَرُن ع۱ —— (س : بھر+ک —اُن۔)

(۱) کاہہ خالی چیز بیتر کَتہٕ سیتی پوٗرٕ کرُن۔ کَتہٕ منٛز کیٛنہہ بَرِتھ تھاوُن۔

(۲) ادا کرُن۔ (جُرمانہٕ بیترِ) (۳) وُتھ کڈُن۔ مِم : دوہ بَرُن ——

بَرٕ بَرٕ۔ تالہِ تام ژھلُن۔ تالہ تام بَرُن۔

بَرٕ بَرٕ۔ تالہِ تام بَرِتھ۔ پوٗرٕ بَرِتھ۔ ہیٛور تام ژھلِتھ ——

بَرناوُن۔ کَتہٕ خالی چیزس منٛز کیٛنہہ تھوناوُن۔ خالی بانہٕ پُر کَرناوُن

بَرٕونی۔ کانٛہہ چیز بَرناوٕنچ موٗزوٗری (مِم : ٹھیلن منٛز دانہٕ بیترِ)۔ سُہ رَبہٕ دہہ گُل یَتھ ژھٔٹرٕ منٛز بس اکِہ طرفہٕ زوٗد کٔرِتھ چھ ٹاس کڈان ——

بَرٕونی ٹاس۔ رَبہٕ دہہ گُلک ٹاس یَتھ ژھٔٹرٕ بو منٛز بس آسہٕ اکِہ طرفہٕ زوٗد کوٗرمُت۔ اکھ ژھٔرٕ کھیل ——

بَرٕوُن۔ یُس بَران آسہٕ ——

بَرٕ ہٕیُن۔ پوٗرٕ سپدُن (کھوڑ بیترِ)۔ بَرِتھ ہیُن۔ (بانہٕ بیترِ)

بَرُن ع۲ — (س : بھر+ک — اُن۔)

اُدراوُن۔ اوٚدُر داغ کرُن۔
داغ دِیُن۔ مٲلِہ کرُن۔۔
بَرناوُن۔ اُدرِ چیزُک داغ
کرناوُن۔ اُدراو ناوُن۔۔
بَرنہٕ یُن۔ اُدرُن۔ کُنہِ اُدرِ چیزُک
داغ لگُن۔ کرِ ناد نہٕ یُن۔۔
بَرُن ع۳ (س: بھر+ک۔اُن۔)
کاٗنٛسہِ ہُنٛد دوٗر بر ہیوٚن۔۔
کاٗنٛسہِ ہُنٛد نہ آسُن ہیوٚن۔۔
کاٗنٛسہِ ہنٛدِ دادِ ہوکھُن۔ کَل
نیرٕنۍ۔ کرٛیشُن۔۔
بَرناوُن۔ کاٗنٛسہِ ہنٛدِ دادِ پریشان
کرناوُن۔ کاتھہ ہیوٚ ناوُن۔ م:
تُرگرشہِ نہٕ ماجہِ ہنٛدِ دادِ بَرناوُن۔
برنہٕ آمُت لیُس کُل آسہِ دژامژ
کاٗنٛسہِ ہنٛدِ دادِ وَدنس کھوٚتمُت۔
برُوُن۔ سُہ لیُس کُنہٕ ٹاٹھہِ چیز
بیترٕ لنٛشہِ دوٗر آسنہٕ کِتی ہوکھان
آسہِ۔ لیُس کاٗنٛسہِ ہُنٛد دوٗر بر
ہیوان آمہِ۔ لیُس کاٗنٛسہِ ہُنٛد نہ
آسُن ہیٚیہِ۔۔
بَرباد۔ بُرباد، لوٚرباد۔ اک: بَرباد۔ موٗل:
بَرباد۔ (ف: بَرباد۔ (بَر+باد۔)
وٲران، تباہ۔ ییٚتھہ یا لیُس ناش
آسہِ گومُت۔ شُنیا لدَ۔
بَربُر۔ (م ک۔ بَربُر۔ موٗل: بَربَر۔۔
(س: بَربَرہ۔)
چھُٹھٕ تہٕ سوٚنٛدر جوان زنانہٕ [illegible]
بَربُز ۔۔۔۔ (ان ک۔ بَربُز۔
موٗل: بَربُز۔ (س: بھراشٹر+بھرجکہ
مُ۔ ہ: بھرٹ بھوٗنجا۔)
لیُس پھَل پھوٚل تہٕ دانہٕ بیترٕ ٹونگ
کار آسہِ کران۔ لیُس لایہ آسہِ کران۔
بَرُبزی بار۔ بَربزی ہنٛز ژوٗل ییٚتھ
منٛز سیکھ تُژراوِتھ چھُہ سُہ چیز توان۔
بَربزی باے۔ بَربزی ہنٛز زنانہٕ۔
سوٚ زنانہٕ یوسہ بَربزی کام کران
آسہِ۔ بَرُبزی یاٗتھر۔ (۱) بَربزی ہنٛدی

ہوی طور طریقہ ۔ (٢) ژھوٹس تہ
کرشھہ بیتر بیتی نہوے ۔

بر بزی گاسہ کرن ۔ یہ کینژھا اکہ
سے جایہ شوٗ بدار یا اٹھی تھوٗن گوژھ
تہ اور یور بے ڈولپر یا اٹھی ژھکر تھ
تھوٗن ۔ کنہ ترتیبہ ورآے کینہہ واہرآوتھ
تھوٗن ۔ (یتھہ کنی بر بزی والنس منز
زالنکہ گاسہ بیتر ژھکر تھ آسان ژھہ)
ژھلہ ژھانگر کرن ۔ م : کنگوٗ دزہے
مستس ژھے بر بزی گاسہ کوٗرمت ۔

بر بزی گی ۔ بر بزی کار ۔

بر بزی وان ۔ سو جاے بیتر یتھہ بر بز
پھل پھوٗل توٗ پنج کاہم کران آسہ ۔

بر پلہ انٛ ۔ (ف : بر + س : پلوٗتہ س
آنے + ک ۔ اُن ۔)
کینہہ کرہنہ باپتھ کانہہ تلن ۔ کانہہ
کینہہ کرہنہ باپتھ ہس دین ۔ کانہہ کینہہ
کرنس پیٹھ واتناوُن ۔

بر پوٗر ۔ (س : بھر + پوٗر ۔)

دُنڈرِ تام بُرِتھ ۔ پوٗر پوٗر ۔ ٹیپا ٹیپ

برتھا ——— (ن ۔ ک ۔ برتھا
موٗل : برتھا ۔ (س : بھرتا ۔)
رژُن ۔ گرددل ۔ اوش ۔

برتھا رُژھ ۔ (١) یس نہ رژُن
آسہ ۔ (٢) یوسہ عُرنی ترآد مژ آسہ ۔

برخلاف ۔ (ف : بر + ع : خلاف ۔)
برعکس + دُلٹہ ۔ مخالف ۔ پھیرتھ گومت

برخاست ——— (ف : برخاست
موکلُن ۔ ودھُن ۔ [مجلسہ منڈ] ۔
موقوٗف ———

برخوردار ۔ (ف : برخوردار ۔ (بر +
خور + دار ۔)
لسُن لایق ۔ یقبال مند ۔ (یہ ژھہ
نیچوِس یا کانہہ کِس سِس اکھ یا اٹھی دُعا)

بردار ——— (ف : بردار)
تُلن وول ۔ یہ ژھہ اکھ پوٚت لوٚگ
م : کُنہ بردار ۔ خرچ بردار ۔

بردارِ ۔ بردارِ بردارِ دِنی ۔ (بردارِ لفظ

چُھ صرف اُکِس دوٗن محاورن منز ورتاونہ یوان -) اَلِسی اَلِسی دِنۍ - وَزِوی وَزِوی دِنۍ ـــــ

بَردار بَرداٗرِ کَڈُن - کماس دی دی کَڈُن - بیٚرتی کٔرِتھ کَڈُن - کَنجہِ رُٹِتھ کَڈُن ـــ

**برداش، برداشت** - (ف : برداشت)

(۱) ژیٚڈ - صَبر - (۲) ووٗدُم -

برداش کرُن - ژیٚڈ کرٕنۍ - صَبر کرُن - زالُن

**برساتھ** ـــــــ (ن - ک - بَرساتھ

موٗل : برسات - (ہ : برسات -

(س : ورشا + رِتو -)

وُہراتھ - روٗدٕ روٗدٕ -

بَرساتس کیٚت - وُہراتھ کیٚت - لگ بگ وُہراتھ ہیٚنۍ دوہن یا وُہراتھ منز ـــ

بَرساتھ کال - وُہراتھ ہیٚندی دوہ - ییتِس کالس وُہراتھ روزان چھے -

برساتھ کھیوٗن - وُہراتھ ہیٚندین دوہَن چیزَن ہیٚنڈ پلٹُن - پھیرُن - چیزَن لاد یا کیوٗم لگُن - کیٚپڑ وُہراتھ سیتی پھسہِ کارِ گَرٕ ژھُن -

بَرساتھ لَد - بَرساتھ رَد -

ییتھ برساتھ لوٗگمُت آسہ - یہ کیٚنژھا برساتھ لگنہٕ پھیوٗرمُت پِلٹِوٗمُت تہٕ بِگرِیوٗمُت آسہ - برساتس منز ییتھ کیوٗم بیٚترِ لوٗگمُت آسہ - برساتن کھیوٗمُت ـــ

برساتھ لگُن - کانٛہہ چیز بیٚترِ وُہراتھ منز سرٕپنہٕ رٕٹنہٕ کِنہ، پھیرُن، پلٹُن تہٕ بِگرُن - بیٚترِ - بَرساتس منز کیٚنہٕ کیوٗم بیٚترِ لگُن ـــــ

بَرساویوٚت - (ن - ک - بَرساویوٚت -

موٗل : برساوِت - (بَر + س بھوِتہ)

آسَن دول - پایر جا - لُس بجا آسہ -

**بَرَش** ـــــ (م - ک - بَرَش -

موٗل : بَرَش -)

اکھ نٕزولہٕ دوا لُس بادام رَس، اٚلہٕ، کوٚنگ تہٕ وافہ بیٚترِ رلاوِتھ بناونہٕ

پچھ لوان۔

بَرقرار۔ (ف : برقرار۔ (ف : بَر + ع : قرار۔)

پلنہٕ جایہِ پیٹھ دٔور۔ یہِ نہٕ بدلہِ۔ مُستقِل۔ گنٛڈِتھ۔

بَرکتھ۔ (م۔ک۔ برکتھ۔ موٗل : برکت۔ (ف : برکت۔ (ع : برکتہ۔)

(۱) ہُرہ بر + (۲) کیٛنِہہ لۆکھ چھِہ کانٛہہ رٔقم گنٛزرِتھ وِزِ یہِ "گوڈٕ بتھ" اکہِ بدل تہٕ ونان ـــ

برکرِ۔ (ک : برکرِ۔ موٗل : برکرِ۔ (ب۔ (س : دوار + کُر (س : کنٹ۔)

بَرچہِ پیٹھِ کرِ (الونٛد کرٕ ھن)

ورگہٕ ترٛوِ۔ پھِہہ ـــ

برکرٕ دُین۔ ترٛودِ ژھنُن۔ بلایہِ تھِ سوٗزان۔ نوکس بُتھہِ دُین۔ تپالہِ دُین ـــ

برکرٕ لگُن۔ ترٛودِ لگُن۔ بلاین بُتھہِ لگُن۔ برکرِ لاگُن۔ برکرِ دُین ـــ

ترٛودِ ژھنُن۔ تپالہِ بُتھہِ دُین ـــ

بَرکھی۔ (م۔ک۔ برکھی۔ موٗل : برکھی ـــ (ہ : برکھی۔ (س : وارشکی۔)

وُہرِ وارٕ۔ (گریرسن) پنجابی لفظ

برگ، بُرگ ـــــــ (ن۔ک۔

برگ/ بُرگ۔ موٗل : برگ (ف : برگ)

پَنہٕ وُتھر۔ (۲) رزِتھا۔ اُکس وُتھرس سوٗنٛپ۔ م : ہاکہٕ بُرگ۔

برگہِ پیوٗند۔ پیوٗندک گیب ـــ (گریرسن)

بُرگ ہنا۔ ورقہِ پیوٗنتا + وُتھر ہنا۔

برگ ۲۔ (م۔ک۔ برگ۔ موٗل : برگ (س : بھرگہ۔)

(۱) چمکھ۔ پرٛزلُن۔ (۲) شوٗچی سُند اکھ ناو۔ برگہِ شِکھا۔ شِوٕ سُندِ ناوٕ اکہِ بالہِ ٹھنگیک ناو ـــ

برگاعٔلی۔ (ن۔ک۔ برگاعٔلی۔ موٗل : برگال۔ (س : برٛگاڈھ ?)

مُدوٕ سیٹھی یا چھوکو سیٹھی وُتھ

ہتی دِل ——

برگاگی تُلنی - مُسلہِ تُلُن - دِل تُلُن -

برگاگی ودہ ہتی - ژمہِ کُنڈھی پھٹنی مُسلہِ
ودہ تھُن - مُدوُین - (ابور ساری ساری)

برمنڈہن - (ان - ک - برمنڈہن - مۆل :
برمندہن - (ف : بر+س : مدھیانہ)
دُپہر - منز دوہ ——

برمنڈنِن - برمنڈنِس ——
دُپہرس - منز دوہس ——

برمنڈنِن باگ - برمنڈنِس باگی -
لگ بگ دُپہرن - یہوے اڈِ دوہ
گژھتھ ——

برمنڈنیک - دُپہرُک - منز دُہک

برمہ - (ان - ک - برمہ - مۆل : برم ——
(س : بھرم -) ब्रम:
زۆد کرنُک اکھ اوزار - یہ چھُہ
بُتھ پیچدار آسان ——

برمہِ تارُن - کُنہِ چیزس برمہِ سیتی
گۆڈ کرُن ——

برمہ تچ - برمُک برُونمہِ ٹھیمُ حِصہ
یُس تیز تہٕ پیچدار آسان چھُہ -

برمہ ترڈوپ - جور دِنہٕ باپتھ برمہ
سیتی اکھ زیادٕ چیزن زُدی کرِتھ تار
یا سٹیل تارُ نی - آرِ بیتر سیتی سوہ
ٹیب یوسہ اکھ زیادہ چیزن اِکہ وٹہٕ
کرِتھ پھٹے یوان دِنہٕ -

برمہ ترڈپل - یہ کیژھا برمہ سیتی
زُدی بیتر کرِتھ سوتہٕ یا جور دِنہٕ
آسہ آمُت -

برمہ کرُن - برمہ سیتی زۆد کرُن -

برنہ بَل - (ان - ک - برنہ بل - مۆل : برنہٕ
بل - (ک : برن + بل -)
سرینگرہ بیٹھہ گنگہ بل گژھوُن اکھ
بلوکیٹہ دُرک ناو -

برنہ گوڑ - (ان - ک - برنہ گوڑ - مۆل : برنہ
گر - (ک : برن - س : دْوار + گھٹر) گھٹا
یُس پلاٹ دوہ نس کیُت ییز
وٹان چھُہ ——

بَرہَم ۔ (ک : بَرہَم ۔ مؤل : بَرہَم ۔ (ف : بَرہَم ۔)
خراب، تباہ ۔ واَران ۔ کُنہ لایق نہ رُوُدمُت ۔

بَرہَم دَرہَم' درہم برہم = بَرہَم ۔

بَرہمی ۔ (م ۔ ک ۔ بَرہمی ۔ مؤل : بَرہمی ۔ (ف : برہمی ۔)
خرابی ۔ تباہی ۔ واَرانی ۔

بَرہمی گژھنہٕ ۔ خرابی گژھنہٕ ۔ تباہی تہٕ واَرانی ییٚنہٕ گژھنہٕ پھٲش ینُن

بڑج ـــــ (ن ۔ ک ۔ بڑج ۔ مؤل : بڑج ۔ (ہ : بڑج (س : واج)
متھرایہ تہٕ آگرہَس اَندہٕ نکھہٕ اکہٕ جاےِ ہُنٛد ناو ییٚتہٕ کرشنَن پَنُن لو کچار گُزور ـــ

بڑجہٕ واَسی ۔ (۱) بڑجکۍ روزن واَلۍ (۲) کرشنس سُنٛد اکھ ناو ۔

بڑژ ۔ (م ۔ ک ۔ بڑژ ۔ مؤل : بڑژ ۔ (س : بھڑنج ۔)
(۱) اکھ توٚملہٕ ژاتھ ۔ (۲) چمکُن

پڑزلُن ۔ گاش تیزن ۔

بَڑزتھ ۔ چمکھ ۔ ناَپہٕ نیار ۔ ننہٕ تہٕ پڑیٚزہٕ ۔ (بھتھیک ۔)

بڑز بتہٕ ۔ بڑز توٚملُک بتہٕ ـــ

بَڑز گاڑی ۔ اکھ خاص گاڑی ژاَٹھ ہُنٛد گوجہٕ ڈیر ـــ

بڑزوُن ۔ چمکدار ۔ چمکوُن ۔ نیپہٕ نیپہٕ کروُن ۔ زدتہٕ وُن ۔ شولہٕ دُن ۔

بڑزُن ۔ نیپہٕ نیپہٕ کروُن آسُن ۔

پڑزلُن ۔ چمکُن (ملوَن ہُنٛد) گاش نیرُن (ژاَنگجہٕ سعتیُر بیترِ ۔) نواَر آسُن (بھتھس)

بڑستہٕ، بڑیستہٕ ۔ (م ۔ ک ۔ بڑستہٕ ۔ مؤل : بڑست ۔)
میٹھہٕ بیتول ـــ

بڑسوار ۔ (م ۔ ک ۔ بڑسوار ۔ مؤل : بڑسوار (س : بڑہیستہٕ وارہ ۔)
بوُدوارِ پتہٕ یُس دوہ یوان چھُہ ۔

ہفتک ژھ٘ورِیُم دوہ ۔
برٛش ، برٛش برٛش ۔ ( ژاپنہٕ چہ آوازِ
پیٹھ یاس : برِکش ۔)
چاپھ چاپھ کران کھیوٗن ۔ نیم
نیم کران کھیوٗن ۔ کھےٚ تہٕ کھےٚ ۔
برٛشُن ۔ چاپھ چاپھ کران کھیوٗن
بوٗچھہ سِندی پاٹھی کھیوٗن ۔
برٛوٗشمُت ۔ ژوپمُت ۔ ژاپنہٕ
ترٛووُمُت ۔ برٛوٗکمُت ۔ یس سخ
بوآری آسہ پیمژ ۔ یس سخ زٔد
بَد وَننہٕ آسہ آمُت ۔
برٛشُب ۔ (ن ۔ک ۔ برٛشُب ۔ موٗل : برٛشب
(س : وٕرِشبھ ۔)
(۱) دانٛد ۔ (۲) ورکہٕ موٗٹ تہٕ درٛوٗٹھ اِنسان
برٛکھ ــــــ (ن ۔ک ۔ برٛکھ ۔
موٗل : برٛک ۔)
دَب ۔ ژُنٛڈ ۔ سخ دَباو ۔ ٹھُکھ بارٕ
زور یا دَباو ۔ بیترِ یمیُک ژالُن سہل
آسہٕ ۔ نہ برداش گژھوٗن مُصیبتہ بیترِ

برٛکہٕ درٛاو ۔ یمٛ سبٹھا برٛکھ کھیٚمتہٕ آسن
یس سبٹھا برٛکھ لگومتہٕ آسن ۔ یمٛ
واریا نار ژاٹکی ہتیہ آسن ۔ یمٛ دَب
کھیٚتھ سبٹھا تجربہ حاصل آسہ کوٗرمُت ۔
ــــ برٛکہٕ کڈُن ۔ سخ محنتھ مَشقتھ کرنا وِتھ
کانہہ ہیچھناوُن ۔ کھتہٕ کڈِی کڈِی
اَتھہٕ اَنُن ۔
برٛکہٕ لَد ۔ برٛکو ژُٹھتھ ترٛووُمُت ۔ یس
بیمارِ ہنٛز ژُنٛڈ آسہ آمُت ۔
برٛکہٕ نیرُن ۔ مُصیبتہ نیرُن ۔ تکلیفن لٔتھ
دِتھ ستیاُن ۔ قابِل بنُن ۔ کھتہٕ نیرِتھ
اَکھہٕ یُن ۔ پننہٕ کامہٕ منٛز ماہر بنُن ۔
برٛکہٕ وُن ۔ برٛکُن ۔ (۱) دہ گُن ۔ ژیٹھ
دَگُن ۔ خاصکر تھ مہ ہلہٕ بیترِ سِتی دانہٕ
مُنُن ۔ اردابہ کرُن یا دَندو سِتی کنہٕ
چیزس چوٗر کرُن ۔ (۲) کنہٕ لایق بنہٕ
تھوُن ۔ دِدِتھ بیترِ دا آلتھ کانہہ پریشان
کرُن ۔ برٛکنہٕ یُن ۔ ژیٹھنہٕ یُن ۔ وگنہٕ
یُن ۔ مُنہٕ یُن ۔ ترٛکنہٕ یُن ۔

برٛکرن ۔ کینٛہہ درٛگیٛنٛج، مُنہ پٛج یا
ژیٹھ پٛچ کامٛ ۔ دباوٕ تہٕ اُڈٕ زاڈ کرِتھ
کانٛہہ ژوٚمراوُن ۔

برکھ کھیوٚن ۔ دِلوٗنہٕ یُن ۔ سخ
ٹاس لگُن ۔ چیٛنٛٹ گرٛژھن ۔ ژوٗٹ
گرٛژھنہٕ ۔ برکھ لگُن ۔ برکھ کھیوٚن
سخ مصیبتس منٛز گیٛر گژھن ۔ زیٛچھہ
بیمارِ پتہٕ اُڈی جہ گرٛژن موٗژُن ۔
زوٗ کِنہٕ اڈٕ لیوٚک گژھن ۔

برٛگ ۔ (ان ۔ ک ۔ برٛگ ۔ موٗل :
برٛگ ۔ (س : بکہ ۔)
اُکس یٛدس جانا وارسُنٛد ناو
یسٛنٛز تیرِ شانٛد گنٛڈِتھ نری باپتھ
بران تہٕ گوٚنٛڈس لاگان چھہ ۔

برٛگہ لوٚس ۔ سفید تہٕ نرم دُبھر
کرِتھ اکہٕ خود رو راٗنٛٹھ ہُنٛد ناو ۔
یہٕ چھُہ اکھ دوا ۔

برٛگہ پھمب ۔ برٛگہ ہنٛز نرم نرم
تہٕ زاٚدی جہ زاٚدی جہ تیر ۔

برٛگہ تیر ۔ برٛگہ ہنٛز تہٕ کینٛہہ خاص
تیرِ یِمہٕ بادشاہ بیترِ گوٚنٛڈس لاگان
چھہ ۔ برٛگ ژھٗنُن ۔ اَڈٕ زاڈ کرِتھ
تیرِ گنٛڈی ژھٗنُن ۔ دبارٕ کرِتھ تیرِ پھاٹنا
دِنٛی ۔ برٛگ وہ تھُن ۔ سخ اَڈٕ زاڈ
گرٛژھن ۔ تیرِ گنٛڈی پھیٛٹن ۔ تیرِ سیٛتی
نٛتھ نٛتھ وہ تھُن ۔

برٛم ۔ (ان ۔ ک ۔ برٛم ۔ موٗل : برہم ۔
(س : بھرم ۔)
برٛد ثنھ ۔ بُل ۔ یہٕ ئہٕ آسہ تہٕ باسُن ۔
م : برٛم گوکنٛس ژٕ تیلِ پیوٚکھ تھنٛے
(پرِ ماننٛد)

برٛمُر ۔ برٛمراوُن دول ۔
ٹھگ ۔ دوکھہٕ دِتھ ژھنہٕ وول ۔

برٛمُن ؏ ۔ دوکھہٕ کھیوٚن ۔ بُل
گژھن ۔ غلطی پیٛٹھ آسُن ۔ غلطی
گرٛژھنہٕ ۔ برٛمُن ؏ ۔ ساٗل کرُن ۔
پھیرُن ۔

برٛم تمَ ۔ دوکھہٕ بازی
دغا بازی ۔ ژھلرُن ۔

برٛم دِنہٕ وول ۔ دوکھہٕ بیترِ دِنہٕ وول

ژھلرن ودل -

بڑم دیُن - ژھلرُن - کُننگ
بڑو نتھ کرناوُن - دوکھ دیُن -
تمبلاوِتھ کینٛہہ غلط کرناوُن -

بڑمراچوک - سُہ جِن یُس وآران
جایَن منٛز باسان چھُ تہ یُس
دُچھتھ وَتھ پھٔٹ ڈلان -

بڑم گرُڑھن - بڑو نتھ گرُڑھن
بُل گرُڑھن - غلطی سپدرِ نی - دوکھ
کھیُون -

بڑم لگُن - بَڑم گرُڑھن - دوکھ
لگُن - بُل گرُڑھن - ژھلر نہ یُن -

بڑم یُن - چکر یُن - گیوٚریُن -

بڑُمرُن - (کانٛہہ) وَتہِ ڈالُن
تیاری پکناوُن یا تیاری نہ پیٚنز -
غلط وَتھ ہاوُنی - (کانٛہہ) غلطی
کرناوُن - (کانٛسہِ) دوکھ دیُن -

بڑمیُن - ژھلراوُن - دوکھس
منٛز اَنُن -

بڑن - (ن - ک - بڑن - موٚل : بڑن)
اکِہ کُلیُک ناو - اکھ کُلِ ذاتھ -

بڑنہٕ دٕل - بڑنہٕ کُلیُک دٕل، یہ چھُ
کینٛژن لاگِہ دار بیمارِن دَوا لگان -

بڑنہٕ دیوٚل - بڑنہٕ موٚرِن ہُنٛد دیوٚل
اَتھ چھُ رز بناوان -

بڑنہٕ زیُن - بڑنہٕ کُلچ لکر -

بڑنہٕ سوٚر - دَدِمتہِ بڑنُک سوٚر -
(اتھ چھِ سَز بناوان -)

بڑنیو - بڑنہٕ لکرِ ہُنٛد بنومُت -

بڑنی بڑنی - دٕہہ رارے - ٹاسہ رارے -
سہ آواز یوٚس کانٛہہ گوٚب تہ
بوٚرُت چیز بیتر اور یور ڈلونہٕ
یا پکناونہٕ نیران چھُ - سہ آواز
یوسہٕ کُنہِ بالس ٹاس ٹاس بیتر
دِہہ نیران چھُ -

بڑنگ عا - (ن - ک - بَڑنگ - موٚل :
بَڑنگ -)

کُبہ - بڑنگ تلُن - ل - م - کلس

پیٹھ کُیٖتُلُن ۔ (قسمہٕ باپتھ ۔)
قسمہٕ قسم کرٕنۍ ۔ خوٚدالیس پیٹھ واتُن
برٛنگ ٢ کُشیرِ ہنز اکہِ جایہِ ہنٛد ناو ۔
برٛنگی ۔ برٛنگ علاقس منٛز اکھ کول ۔
برٛہس پتھ ———— (ن ۔ ک
برٛہس پتھ ۔ مۄل : برٛہس پت ۔
(س : برٛہس پترِ ۔)
اکھ گرٛہہ ۔ اکھ تارُکھ ۔
برٛہس کتھ ۔ (م ۔ ک ۔ برٛہس کتھ ۔ مۄل : برٛہس
کتھ ۔ (س : برٛہت کتھا ۔)
اپہٕ منٛز یتھ نُرن ۔ ہنگہٕ منگہٕ مرُن ۔
ہنگہٕ منگیٖنچ بلاے بیتر ۔
برٛہس کتھ گرٛہہ ۔ ناگہانی بلاے بیتر ۔
برٛہم ———— (ن ۔ ک ۔ برٛہم ۔
مۄل : برٛہم ۔ (س : برٛہم ۔)
برٛہما ۔ ذاتِ کُل ۔ قادرِ مُطلق ۔
برٛہمہِ ہاو ۔ (۱) برٛہمس سیٖتی کُن
گرٛہچھنیچ حالتھ ۔ برٛہمس سٟتۍ گتھ ۔
شود برٛہمہٕ سُنٛد ہیوٚہ دلوٚہار ۔

برٛہمہِ توٗن ۔ برٛہمنائز ۔
برٛہمہٕ رٕنٛدر ۔ برٛہمانٛڈ ۔ کلچہِ تالہِ
ہُنٛز سوٚ جاے ییٚتہِ ٲرٕ دپان چھ
مرٕتھ وزِ چھ پرٛان نیران ۔
برٛہمہِ راکھسی، برٛہمہِ راکھسگی ۔
برٛہمہِ راکھسہٕ سُنٛز حالتھ ۔
سُہ برٛہمُن یُس راکھسہٕ سُنٛدی
ہیوٚ کرتوت کرِ ۔
برٛہمہِ راکھیُش ۔ اکھ خطرناک
راکھس ذاتھ ۔
برٛہمہِ پرٛچھ ۔ دیہہ سُنٛد پرٛچھ ۔
دیہہ ہُنٛز شکل ۔
برٛہمہِ ریوٚش ۔ برٛہمن زاژ ہُنٛد
اکھ مہا ریوٚش ۔
برٛہمہٕ زٕنم ۔ برٛہمن پرٛچہ زٕمس ییٚن
برٛہمنس نِش زٕنم ہیوٚن ۔ برٛہمن گرٕگُ
برٛہمہٕ زان ۔ برٛہمہِ گیان ۔ دیہہ سٕنز
زان ۔ برٛہمہٕ ژٲری ۔ یُس عِلم حاصل
کرنہٕ خاطرٕ ریتر ردّ ستے آسہٕ ۔ خاص

کرُتھ روُحانی زان —

برٛہمہ سر- گنگہ بل وتہ اکہ سرک ناو- (کُنہِ کُنہِ چھہ برٛہمہ سر- "برٛہمہ رٛندر" بدلہٕ تہٕ اِستعمال کران —

برٛہمہ گنڈ- یوٚنہِ چین ترٛان کرن ژھنمُت گنڈ —

برٛہمہ لوکھ- سورگ —

برٛہمہ مُہوٗرتہ- گاش پھولنہٕ برٛونہہ اکھ خاص گرٛ- مُسلمان چھہ اتھ موٚتس غزل ونان —

برٛہمہ نِشٹھا- بگوانس سٕندِس دیانس منٛز لین گومُت —

برٛہمہ ہتیا- برٛہمن مارُن- برٛہمنہٕ سٕند قتل یا ہیتھے کانٛہہ بوٚڈ گوٗناہ-

برٛہمہ ہتی یا رٕکی- تسٕند طور طریقہ یُس برٛہمنن ماران آسہِ یا آسہِ ہیتھی بڑی بڑی گوٗ کار کران —

برٛہمہ ہتی یور- یُس برٛہمن آسہِ مورمُت بوٚڈ بار قاتِل- بوٚڈ بار قصوٗروار-

مہاپاپی- بدذاتھ —

برٛہما- (ن-ک- برٛہما- موٗل: برٛہما- (س: برٛہما-)

خالِق- بگوانٕ سٕند اکھ ناو- [ہیٚندین ہندی کتھ چھہ بگوانس ترٛے رۄپہ (۱) برٛہما یا خالِق- (۲) وِشنو یا رحمان- (۳) شِو یا جبار- یانے ساری ہنٛے اتھ گالن وول-]

برٛہما کار- دے وگتھ- برٛہمہ سٕند رۄپھ- دیہہ سٕند رۄپھ تہٕ تتھ حالتھ

برٛہمانند- برٛہمہ سٕند آنند- پرماتما ہس سیتی مِیُل گژھنُک سوکھ- سُہ آنند یُس پرماتماہس سیتی لین گژھنہٕ آسان چھُ —

برٛہمانڈ- (ن-ک- برٛہمانڈ- موٗل: برٛہمانڈ (س: برٛہمانڈ-)

(۱) کائیناتھ- (۲) برٛہمہ رٛندر —
تالِہ ہُند ژھکھر —

برٛہمن- ہیٚندین منٛز ساری وۄے کھۄتہ

تھٔز ذاتھ۔

برٛہمن توٚن ۔ برٛہمنگی ۔ برٛہمناز۔

برٛہمن کرٛنی۔ کُنہِ بڑِس دوہس بیٛھ
کیٛنہہ برٛہمن ان کرنہٕ خاطرٕ گرٕ اٛنیٛو
برٛہمن بُلاوٕنی۔

برٛہمن کُٹ۔ برٛہمن کوٗر۔ انہرٕش
سفید پوش برٛہمن کوٗر۔

برٛہمن کوٗر۔ برٛہمن ہشر کوٗر۔

برٛہمن گرِزاہش۔

برٛہمن کوٚٹ۔ برٛہمنہٕ سُنٛد کوٚٹ

برٛہمن تیٛچھ۔ میکھلہِ رٕٛس غریب

برٛہمن بُشر۔ برٛہمناز کرن وول کوٚٹ۔

برٛہمن زٕنم، برٛہمن زٕہم، برٛہمنہٕ زٕنم
برٛہمن گرِ زٕمس یُن، برٛہمن گرِزیوٗن
برٛہمنہٕ سُنٛد داش نداش لیس تس
برٛہمنگی کرنہٕ باپتھ ضوٗرٕوٗر تھ آسہ۔

برٛہمن ۔ (۱) برٛہمن ذاتِژ ہُنٛد۔ ہنیٛدین
ہشرِ تھٔز ذاتِژ ہُنٛد۔ (۲) برٛہمناد کرن
ووٚل ۔ م : برٛہمٕنی۔

برٛہمناز۔ برٛہمنہٕ سُنٛد کار۔ برٛہمنگی۔

برٛرے ۔ (م۔ک۔ برٛرے ۔ موٗل : برٛرے
(س : بھرٛش ۔؟)

چرٛن ہشر ترٛشھ اُڈٕرن تہٕ بلہٕ میش
یُتھ من پھیر۔

برٛرے اٛنیٛو۔ بنیٛ ڈُٹھرٕ پاٹھی کُنہٕ
چرٛس مانٛڈ دِنی۔

برٛرے بیٛن۔ وُچاپہٕ پاٹھی بِلوتھ،
مانٛڈ دِتھ برٛس گرٛژھنی (خاص کرِتھ
کھیٛنہ باوس۔)

برٛاد ع۱ ۔ (ن۔ک۔ برٛاد۔ موٗل : برٛاد۔
(س : برٛہت۔)

برٛانٛڈ ۔ کاڈٕلو رٕٛس کھیٛنہ ڈٕرس۔
برٛادِگی۔ برٛانٛڈ آسُن۔ کھیٛنہ ڈٕرس آسُن۔

برٛاد ع۲ ________ (م۔ک۔ برٛاد۔
موٗل : براد۔)

مانٛد ۔ ناکارٕ ہال۔

برٛادُن ۔ زٕرٕو لدُن ۔ ناکارٕ ہال گرٛژھنی
نکھس کھسُن ۔ اگادِ گرٛژھن۔

بڑارِ، بڑیرِ ۔ (۱) بۆزِنہٕ گٕلیکُ اکھ قسم ۔
(۲) اکھ لوکٕٹ کٕجہٕ ہیٚن ۔
بڑارُن ۔ (ن۔ک۔ بڑارُن ۔ مؤل : بڑار)
پھیرُن ۔ پلٹُن ۔ (کھینہٕ چیزس بیترٕ)
بڑارے ۔ سٕریہہ سٕیتی، دمہٕ سٕیتی
لاو لگنگُ مٕشک ووتھُن ۔
بڑارُن اتھُن ۔ کانٛہہ چیز بیترِ کُنہٕ بیٚنڈ
جایہِ تھوٚوِتھ بٕگراوُن ۔ کُنہٕ چیزس
یٕلہٕ تھوٚوُنہٕ بدلہٕ بنٛدٕ تھوٚوِتھ مٕشک
تُلُن ۔ بڑارُن کرُن ۔ کُنہٕ چیزس
بیترٕ بگرِتھ مٕشک ووتھُن ۔
بڑارُن یُن ۔ (۱) کُنہٕ چیزکہِ بٕگرنہٕ
سٕیتی ریٚچ بدبوے یِنی ۔ (۲) پھیرنہٕ
یا بگرنہٕ سٕیتی کُنہٕ ھٕکھ ووتھُن ۔
بڑاشتھ ۔ (م۔ک۔ بڑاشتھ ۔ مؤل : بڑاشت)
(س : بھراشٹہٕ ۔)
آش ۔ وومید ۔ توقع ۔
بڑاشتھ تھٲونی ۔ آش تھٲونی ۔ وومید
تھٲونی ۔ بڑاشتھ روزٕنی ۔ آش روزٕنی
وومید روزٕنی ۔
بڑاشتھ تھٲوُن ۔ وومید دِنی ۔ تسلا
دُین ۔ ستھ کرٕنی ۔
بڑاشتھ راوُن ۔ ناوومید آسُن ۔
بڑاش آسُن ۔
بڑاشتھ روزُن ۔ وومید ہیتھ آسُن ۔
آشاواں روزُن ۔
بڑاند ۔ (ن۔ک۔ بڑاند ۔ مؤل : بڑاند ۔
(ف : برآمدہ ؟)
لرِ ہنٛدِس وُزس نیٚبر کُنہٕ اَژنہٕ
نیرنہٕ خاطرٕ یادٕ کٔرِتھ پینٛڈ ۔
بڑاند لود ۔ لرِ اندر اَژنُک اکھ
لود ۔ بڑاند کُنی ۔ ل۔م۔ بڑاندٕچ
کُنی ۔ بڑاندٕچ سو کُنی یوٚسہٕ وُزس
سٕیتی آسہِ ۔
بڑاند کھوٚوت ۔ بڑاندس سٕیتی
لوکٕٹ کُٹھ (یتھ منز راچھ در
روزان چھُہ ۔)
بڑاندپھش ۔ بڑاند بوٚن ڈلُن ۔

بڑانڈھا۱ ۔ نیرِتھ گومُت ۔ عقلہِ روٗس
بتہٕ ڈٕس ۔ بڑاد ۔

بڑانڈءا۲ ۔ (ف : برآمدہ یا
انگ : ورنڈا ۔) برآمدٕ

بڑاہ ۔ (م ۔ک ۔
بڑاہ ۔ موٗل : براہ (س : یرٕہِسہ؟)
یا بڑہِسہ ۔)
بڑیہہ ۔ ریٔہہ ۔

بڑاأرءا۱ ۔ (م ۔ک ۔ بڑاأر ۔ موٗل : برار ۔
(س : پڑال ۔)
بڑاأری ہشنہٕ ماد ۔

بڑاأرءا۲ ۔ (م ۔ک ۔ بڑاأر ۔ موٗل : برار ۔
(س : بھٹارِکا ۔)
دیوی ، خاص کٔرتھ یسندِس
ناوس پیٹھ عام پائٹھی کاتھہ جاے
پوٗیتہٕ مانہٕ آسہِ یوان ۔

بڑِتو بڑِتو ۔ اَمبُن ۔ چھوٕ چھوٕ کرُن ۔
(کُنہٕ چیزٕ باپتھ ۔)

بڑِژھُن ۔ (ن ۔ک ۔ بڑِژھُن ۔ موٗل :
بڑِژھن ۔)
(شُری سُند) بوچھہ سیتی موٕمرٕ
دادِ ووٗن ، ماجہ ہنٛدِ دادِ ژھرٕٹ
ژھرٹھہ کرٕنی ۔

بڑِژھناوُن ۔ کُنہٕ چیزٕ باپتھ شُر
اَمبہٕ ناوُن ، ودٕ ناوُن ، چھوٕ
چھوٕ کرناوُن ۔

بڑِژھوُن ۔ موٕمہٕ دادِ ودٕ وُن شُر ۔

بڑِکھ ۔ (م ۔ک ۔ بڑِکھ ۔ موٗل : بڑِکھ ۔)
اُچھن آہشٕ آنی مہٕ ہش لیگ ۔
بڑِکھ لگنی ، بڑِکھ وٕسنی ۔ بڑِکھ ووٕتھی ۔
اِنتظام نہ آسنہٕ کِنی خراب حالتھ
گژھنی ۔ اُچھ دآدی لدٕن ، ہشٕ ہش
بأش گژھنی ۔
بڑِکھہِ لد ۔ یس اُچھن بڑِکھ آسہِ ۔
وُچھو ' بڑِکھ ' تہٕ ۔

بڑِم ۔ (م ۔ک ۔ بڑِم ۔ موٗل : بڑِم ۔
(س : بھوٗمہٕ؟)
بُم ۔ بُمب ۔ زیٹھی نل یہوی بسزی

یوسہ بَرِس اندر آسان چھےٚ۔
بٔرِم پوش۔ بُمِ پوش، بُمِ پوش۔
بٔرِمج۔ (ام۔ک۔ بٔرِمج۔ مؤل: بٔرِمج)
اکِ کُلیک ناو یُس مزاران پیٹھ
آسان چھُہ۔
بٔرمِجہ چھوٚنٹھ۔ بٔرمِجہ کُلیکُ میو۔
بٔرِنٛج ع۱۔ (ن۔ک۔ بٔرِنٛج۔ مؤل: بٔرِنٛج
(ف: بٔرنِج۔) توٚمُل
بٔرِنٛج ع۲ ——— ن۔ک
بٔرِنٛج۔ مؤل: بٔرِنٛج۔)
کوکُر، لوکُٹ کیٚنُل۔
بٔرِس۔ (ام۔ک۔ بٔرِس۔ مؤل: بٔرِس
(س: برسی؟)
رس دار چیزس گاٹِش ژوٚٹ یا
ژٕر پیٚپنہٕ سیتی ڈیوٚل گومُت۔
بٔرِس گرُنی۔ رس دار چیزس ژوٚٹ
گرُنی۔ بٔرِس گژھنی۔ رس دار
چیزس ژوٚٹ گژھنی یا ژٕر پیٚپنہٕ
سیتی رس پیدٕن۔

بٔرِس ؤسنی۔ بٔرِس گژھنی۔ ژٕر پیٚپنہٕ
سیتی رس پیدٕن، ہیوٚن۔
بٔرِس ووٚتھنی۔ گرٕٹ ہٕٹ گژھن۔
دگرس وٚرس منز انتِظام نہ آسنہٕ کنہٕ
بٔرٕر ——— (ام۔ک۔ بٔرٕر۔ مؤل:
بٔرٕر۔ (س: بِڈال۔)
بژاُرس ہیوٚہ اکھ جانور یُس ژند
ناو یُس پھیٚنشِل چھُہ، مانہ یوان،
اَمِنز آواز چھےٚ اِنسانہٕ سٕنز باکھ
ہِش آسان۔
بٔرٕر پیٚنیٚ۔ باکھ پیٚنیٚ۔ ماتم پیوٚن۔
مُصیبتھ ریٚن۔
بٔرُک۔ بار سیتی گاٹِش ژوٚٹ۔
بٔرُک کٔڈُن۔ پیٚٹھہ بار تھوٚونہٕ
سیتی ژوٚٹ کرُن۔
بٔرُک نیٚرُن۔ ژوٚٹ گژھنی۔
ڈوکھ اَژُنی۔ کوٚپ نیٚرُن۔
بٔرُنٛزنز۔ (ن۔ک۔ بٔرُنٛزنز۔ مؤل: بٔرُنٛزنز)
(۱) مُنزِم اڈنگِم تہٕ نیوٚکٹھ دانِتھ

ٹاس کڈ رِچ آواز۔ (۲) ژیُہہ۔
ساتھا۔ بژشژ مارنک یوتاکال۔
بژشژ ہن ہُنڈ۔ یُس مرِنہ سرآسہ۔
یُس مر مر آسہ۔ مرنس تیار۔
بژشژ ماژنی۔ مُنژم اڈرِ نِگہ تہ نبوٹھ
دائیتھ ٹیسپہ ہش آواز کڈان روزُن۔
بژشہہ، بژوشہہ۔ (س: بژمِہت (س۔
بژہ۔)
(۱) بژونٹھ۔ بُتھہ۔ (۲) پیتھ کالہ۔
بژوشٹھیُم۔ (۱) بژوشہہ کالک۔ پیتھ کالک
(۲) بُتھیک۔ بژوشٹھہ طرفک۔ بُتھہِ
مہ پاسک۔ (۳) ساری نے بژوشہہ
آسن دول۔ یُس پیتہ باقے آسن
(۴) پینہ والہِ وَقتک۔ یتھ پینہ وألس
وَقتس پیتی واٹھ آسہ۔
بژوڈعا۔ (ن۔ک۔ بژوڈ۔ مؤل: بژڈ
(س: بھرشٹہ۔)
سو یُس ہُنڈ دژ وُن اَنڈ۔
بژوڈعا۔ (ن۔ک۔ بژوڈ۔ مؤل: بژڈ)

نستہِ ہُنڈ کُڈل۔
بژنڈی کڈنی۔ بُتھس تیتھ ولکار
گرُھن یا شکل بگرنی یتھ مژ نستہ
پیوٹ بژوشہہ کُن چھُ نیران تہ
ہونگنہ تہ وُٹھن پھٹے حرکتھ گرٹھان۔
(یتھ کُنی مرِنہ وزِ گرٹھان چھُ۔)
یا بُتھ تتھہ کُنی ژکھٹھاوُن یتھ
کُنی گیتن اَژنہ گرٹھان چھُ۔ یژھ
حالتھ چھے پھوشنہ وزِ، گژاتہ
گرٹھنہ وزِ یا شُرس بو چھہ لگنہ
وزِ گرٹھان۔
وُٹھن بژنڈی کڈنی۔ کُنہ چیز کِہ نکھتھ
گرٹھنہ یا گژاہنہ سیدہ وُٹھن
ژانگی تار کرُن۔
بژوٹ۔ (ن۔ک۔ بژوٹ۔ مؤل: براٹ
(س: بھرشٹ؟)
میلہِ ہُنڈ، لونک یا پیٹھے بیٹھہ
گُنیک بدنما داغ۔
براٹی لد۔ یتھ براٹی آسن دُھتی

مٚتی۔ یِتھ داغ آسَن گامٚتی (میلہِ
بیترٕ سٕتی) وُچھو "بڑوٹ" تِہ۔
بڑاگٹی وٚسنی۔ لیکھان لیکھان
کاکدَس بیترِ پیٹھ وٚیٹھی وٚیٹھی میلہِ
پھیٚرِی پیٚنی۔ میلہِ دٕرِ وسنہِ۔
بڑاگٹی دالِنی۔ کاکدَس بیترِ میلہِ
داغو سٕتی پھَش پھرُن۔

بڑور، بیوٗر۔ (ن۔ک۔ بڑور۔ موٗل:
برار۔ (س: بِڈال۔)
وٚسہہ زاژ بُتھ اکھ لوکُٹ
جانوَر۔ بڑارِ لوکُت۔ بڑارِ بچہِ
بڑارِ زوٗن گرِتھنی۔ پٚیتمہِ پہر
نوٗن زوٗنہِ گاش ڈٲلِتھ پیہِ
باسُن زِ گاش (صُبحُک) چھُ آمُت۔
روتلہِ ڈُلی باسُن۔
بڑارِ گاسہٕ۔ اکھ دوا گاسہٕ۔
اکِہِ قِسمُک گاسہٕ یُس دوٚہَس
لگان چھُ۔
بڑارِ ہَل۔ سُہ چیز یُس بڑارِ

بچَس ماچ ہاشرِ دیڈِ منٛز ڈٲلِتھ آسان
چھُ تہِ یُس تَسنٛدِ زینہِ بڑارٕ نیبر چھُ
ترٛاوان (دپان چھِ زِ بڑارِ ہَل چھُنہ
کانٛسہِ تہِ وُچھمُت۔) دَرگہ گوٚ بڑارِ
ہَل کانٛہہ نایاب چیز۔
بڑارِ ہیٚتی۔ حار آنی کِنہ یا کھوژنہِ سٕتی
وٚدہ تھٲوِتھ گژھنُک باس دِیُن۔
بڑاری گوُن۔ بڑاری سٕنٛدی پاٹھی
لوتہِ لوتہِ تہٕ ژھوپہِ دَم کٔرِتھ کمُن۔
بڑاری تھپھ۔ زاگہِ روٗزِتھ جوٗنٛٹھی
دِنی۔ ژِھپہِ تھَپھ دِنی تہٕ نیٚن۔
بڑاری جَھٹھ۔ بڑاری سٕنٛدِ مُسلکی دال
ہِم سٕیٹھا نرم چھِ آسان۔
بڑاری نالگے۔ کینٛہہ نِنہِ باپتھ بڑاری
سٕنٛدی پاٹھی مارے لاگِتھ نظرِ روزُن۔
بڑاری کٲتی، بڑاری کانٛی۔
کٲنی پیٚھکُن یُس ہہ لَکشس تلہِ کنہِ
جاے آسان چھُ۔
بڑاری کھوت۔ چکَس بیترِ منٛز سُہ

ڈُلتھ مُلتھ جاے یوٗتتھ بڑوٗر وائتھ
ہیکہِ نہٕ —

بڑآرِ ماے ۔ (۱) سُہ کانٛہہ کھینہٕ
چیز یس بیترِ یُس بڑآرِس ٹوٗٹھ آسہِ ۔
م : دوٗد ، تھٔنۍ ، گیوٗ تہٕ ماز بیترِ —
(۲) سُہ کانٛہہ کھینہٕ چیز بیترِ یُس تُشرِس
کَل روزِ —

بڑآرِ ماے ۔ بڑآرِ سِنٛدی پاٹھۍ
ژھوپہٕ دَم کرِتھ ذاگہِ بہُن —

بڑوٗر مارُن ۔ کھوژِ ناوِتھ تھوٗن ۔
دباہ کرُن ۔ یہِ محاورٕ چھُ یتھ کتھہِ
پیٹھ بنیوٗمُت زِ اکِس ژٲلِس اوس
کوٗلیہِ دوب تھوٗن تہٕ بیترِ کہِ گوڈٕ نکی
دوہ ژھُنُن تُسہِ تھی . تہِ بڑوٗر مارِتھ
یُتھ تِس اٮ۪ہر بیوٗٹھ —

بڑوٗر مارِتھ تھوٗن ۔ یُتھ دباہ کرُن
یُتھ زَن ہمیشہٕ باپتھ تمہِ انٛگس منٛز
روزَن یِم پانُس تَل آسَن ۔ دابہ
بیتھہاوُن —

بڑوٗر ۲ ۔ (ن ۔ ک ۔ بڑوٗر ۔ موٗل : بڑار ۔
(س : بڈال ۔)
تولہِ کوٗٹھِن دوہن پیٹھٕ کنہٕ ملناوہٕ
باپتھ تڑاوٕ ہرسار —

بڑآرِ ٹُر ۔ تولہِ بڑانکہِ سُہ گرِتھ
اَندلیُس کوٗٹھِن منٛز ٹھکنہٕ یوان چھُ ۔
بڑآرِ کَج ۔ سعد کَج یُمہِ سیتی تولہِ
بڑوٗر ادرِ یور چھینہٕ ڈلان —

بڑوٗر ۳ ۔ (ن ۔ ک ۔ بڑوٗر ۔ موٗل : برار —
(س : بھٹارِ کا ‹ بھٹار ۔)
بگوان ۔ دِوتا ۔

بڑوٗشتھ ۔ (ن ۔ ک ۔ بڑوٗشتھ ۔ موٗل : بڑانٛتھ
(س : بھرانٛشٹہ ۔)
اکی سِنٛدِ بدلہٕ دوٗیمہِ سُنٛد بَل گرشھن

بڑوٗشتھ کرُن ۔ ادلہٕ بدل چیز ناوِتھ
بَل کرُن —

بڑوٗشتھ گرشھن ۔ اکی سِنٛد بدل
بیاکھ زانُن ۔ یرزِ ناوِس منٛز دوکھ
کھیوٗن یا بَل گرشھن —

بڑوٗشٹھ، بوشٹھ - گوڈ - بڑوٗٹھہ کنہٕ -
پَتھ کالہِ - بُتھرِ پُسلہِ - م : مے
بڑوشٹھ ووت سُے -

بڑوٗشٹھی - بڑوٗٹھہِ پاسہ ---

بڑوٗشٹھی اَنٕ - کاشہِ بجا کرنس
منز اَتھہِ روٗڈ کرُن - کاٹھہ، ہیوٗر
ہیوٗر کھارُن - وَتہٕ اَنٕ -

بڑوٗشٹھی آمُت - یمی سشیوٗلمُت
آسہِ یُس ووہ ژھیکیوٗمُت آسہِ یُس
دوہ کھوہ تہٕ دوہ تھزرس کُن پکان آسہِ -

بڑوٗشٹھی پارٕ - بڑوٗشٹھہِ طرفہٕ --
بُتھی پاسہ ---

بڑوٗشٹھی کالہِ - پتھ کالہِ - پُتی مہ
زمانہٕ - پُتی میس وَقتس منز --

بڑوٗشٹھی کالیُک - پتھ کالُک -
پُتی مہ زمانُک - پُتی مین دوہن ہُند -
پرٛانہِ وقتُک --

بڑوٗشٹھی کالی - بڑوٗشٹھی کالہِ - پتھ
کالہِ - پُتی مہ زمانہٕ --

بڑوٗشٹھی کنی - بُتھہِ کہِ طرفہٕ - بڑوٗشٹھہِ
پاسہ - بڑوٗٹھی کنی - بُتھی طرفہٕ --

بڑوٗشٹھی گرٛاے - بڑوٗشٹھہِ چال -
بڑوشٹھہِ ریٚچھ تژٛاے -

بڑوٗشٹھی لاکہِ - بڑوٗٹھہ لاکہِ - گوڈ
سورمُت - بڑوٗٹھہ کالہِ --

بڑوٗشٹھی ینٕ - ل - م - پتہٕ پیٹھہ، بڑوٗٹھہ
کن ینٕ - بجایی تہٕ تھزر پرٛاوُن -
سفنہِ لُن - لوکن ہتی بُتھرینٕ -

بڑوٗشٹھہِ - بُتھرِ - بُتھس سبد --

بڑوشٹھہ پیٹھہ - گوڈ پیٹھہ - شوٗروٗمع
پیٹھی - سبٹھا کالہِ پیٹھہ -

بڑوشٹھہ کنہٕ - کُنہٕ یا کاشہِ بُتھرِ
سیوٗد یا بُتھرِ کہِ طرفہٕ بڑوٗٹھہ کنہٕ تھ -

بڑوشٹھہ کنیُک - یہ بُتھرِ آسہِ نظر
تلُک - بُتھرِ پیٹھُک --

بڑوشٹھہ نیرُن - پیشوٗایی باپتھ نیرُن
سوہ اَگتھہ کرنہٕ نیرُن -

بڑوشٹھہ واو - بُتھرِ واو - یُس ہوا

تَمہِ طرفہٕ پیٹھ یِتھ طرفَس کُن پکان آسی زِ ـــ

بڑوٚنٛٹھ رٕیُن ـ بُتھرِ ین ـــ

بڑوٚنٛٹھ پٔہن ـ کینٛہہ کال گُذشتھ ـــ

یِتھ کینٛہہ کال آسہِ گومُت ـ رٕژھا بڑوٚنٛٹھ ـ

بڑوٚنٛٹھ دٕیُن ـ گوڈٕ نیتھ یورٕ دٕیُن ـ

گوڈٕ یورٕ حوالہٕ کرُن پیشگی دٕیُن ـ

بڑوٚنٛٹھ کالہٕ ـ یِتھ کالہٕ ـ یُتی مین دوٚہَن ـ اکہِ دوٚہہ اکہِ ـ پینہٕ واُلس زمانَس منٛز ـــ

بڑوٚنٛٹھ کالیُک ـ یُتی مہِ زمانُک یِتھ کالُک ـــ

بڑوٚنٛٹھ کاکٕ ـ شوٚرہَس منٛز ـ گوڈٕ گوڈٕ ـ پرانہٕ وقتہٕ ـــ

بڑوٚنٛٹھ کُن ـ (۱) پینہٕ واُلس وقتس منٛز ـ یوٚتِہن دوٚہَن منٛز ـ (۲) پانَس بُتھہِ ـ بُتھہِ سیوٚد ـــ

بڑوٚنٛٹھ لاکہٕ ـ گوڈٕ بیٹھے ـ شوٚروٕع بیٹھے ـ بڑوٚنٛٹھ لاکہٕ ہُند ـ بڑوٚنٛٹھ کالہٕ ہُند ـ بڑوٚنٛٹھ نَم ـ ناوِ یا سمنٛدری جہازَس ـ ییٚتہِ بُتھہِ کُننیک حِصہٕ یُس مُنٛزی مہِ حِصہٕ کھوتہٕ تھوٚڈ آسان چھُ، یہٕ چھُنہٕ آبَس منٛز آسان ـــ

بڑوٚنٛٹھ نیرُن ـ (۱) (جلوٗسس بیترِ) گوڈٕ روزُن ـ بُتھہِ روزُن ـ بڑوٚنٛہہ

بڑوٚنٛہہ پکُن ـ (۲) باقے یِتھ ترٛاوٕنی ـ

بڑوٚنٛٹھ رٕیُن ـ گوڈٕ واُتھ پیوٚن ـ گوڈٕے واتُن ـــ

بڑوٚنٛٹھُس ـ (ان ـ ک ـ بڑوٚنٛٹھُس ـ موٚل : بڑوٚنٛٹھُس ـ (ک : بڑوٚنٛٹھ + اُس ـ) نوِ وُری یہٕ ـ پینہٕ واُلس وُری یس منٛز ـ بڑوٚنٛٹھہٕ ٹک ـ نوِ وُری یُک ـ

بڑوٚنٛٹھُس کتہٕ ـ نوِ وُری یہٕ ہیٛوٚہ ـ یہوٚے پینہٕ واُلس وُری یس منٛز ـ

بڑوٚنٛہہ کالہٕ ہُند ـ یُتی مہِ زمانُک ـ یِتھ کالُک ـ پرٕوٚن ـ

بڑیٚ ـ (ام ـ ک ـ بڑیٚ ـ موٚل : بڑیٚ ـــ (س : بدر ـ)

گورد ٲسِس سۆمب اکھ میوٗک
ناو۔ بڑییہ پۆس۔ تۆن بڑنجابہ۔
بڑییہِ کُچھ۔ اکھ لوکٹ کُلیٚک ناو یتھ
بڑییہِ نیران چھے۔

بڑینڈی مر۔ (ن۔ک۔ بڑینڈی مر۔ مؤل:
بڑینڈی مر۔ (س: بھٹارکہ مٹھ۔)
سرینگرس منز زاینہ کدلہ بون ویتھ
ڈیچھنی کِنی اکھ جایہ ہُنٛد ناو۔

بڑیہہ، بڑاہ۔ (م۔ک۔ بڑیہہ۔ مؤل: بڑیہہ
(س: برہیہ یا برہہ۔)
نار، ریہہ۔
بڑیہہ تُلنی۔ ریہہ، ہوناونی۔
بڑیہہ ووتھنی۔ ریہہ ووتھنی۔ ریہہ
تیزٕ نی۔

بڑیٹھ۔ (ک۔ بڑیٹھ۔ مؤل: بڑیٹھ۔
(س: بھرشٹ۔)
بےشور۔ بیوقوف۔ وُٹھ۔ بےہوش
یس نہٕ کُنہِ چیزٕچ تُلہٕ تراو فکرِ تر۔
بڑیٹھل۔ بڑیٹھگی۔ بیوقوفی۔ چاری گی
بےشوری۔
بڑیٹھی لاز۔ بڑیٹھگی۔ بڑیٹھل۔
بیوقوفی۔ بےشوری۔
بڑیٹھ پوتُل۔ میٹر پوٗپن، ہیتھ
بیوقوف۔
بڑیٹھگی۔ بڑیٹھل۔ بےشوری۔
چاری گی۔
بڑیٹھ لوپُن۔ بڑیٹھ پوتُل۔ میٹر پوٗپن
ہیتھ چور۔ بڑیٹھُن۔ بتقلُن۔ عقلہِ
ڈلُن۔ بیوقوفی کرٕنی۔ احمقازی کرٕنی۔
بڑیٹھیوٗمُت۔ بیفلیوٗمُت۔ ڈوٗلمُت
بڑیٹھ گرٕ ڈھن۔ بڑیٹھُن۔ عقل راوٕرٕنی۔
بےشور بنُن۔

بڑیش ع ۱ (س: ورشبھ۔)
ووپیا کھیان۔ بچھر، ہیوٗ انسان۔
وٕ بکرول انسان۔
بڑیشہِ لد۔ بڑاہ لد۔
بڑیش ہاوٗن۔ بچھر بوزٕ ترٕین۔

بڑیش ع ۲۔ (م۔ک۔ بڑیش۔ مؤل:

بڑیش ۔ (س : وڑشہ ۔)
چھو ہر ۔ ماد چار وایَن ، ننز جنسی
غائیش ۔۔ بڑیشس اُژُن ۔۔
ماد چار وائے سُند گوڈنچہ پھر
گرمُن ۔ بڑیش شوڑ وُء گرِ ھنی ۔
بڑیشن ژامرِ ۔ گرمنی ہیڑ مڑ ۔
یَس بڑیش آسہ ، ہیڑ مڑ ہنی ۔
بڑیشہِ آمرِ ۔ سَخ گرمیمرِ ۔ بڑیشہ
سِتی مَتیمرِ ۔۔
بڑیشہِ لدءٰ یس سَخ بڑیش آسہ ۔
یُس زبردس گرمیومُت آسہ ۔۔
بڑیشہِ مُرمِ ۔ سُہ ماد چار ووے یُس
بڑیشہِ سِتی مرز ہیوہ آسہ آمُت ۔
بڑیشہِ یُن ۔ ماد چار وائے سُند
گرمُن ۔۔
بڑیشس لگُن ۔ بڑیش یِنہ ہِنی ۔
بڑیشس یُن ۔ بڑیش لگُن ۔ ماد چار
وائے سُند گرمُن ۔ نرِ سُند باپتھ تلمُن
بڑیورِ ۔ تماکی کل ۔۔

بزاز ۔ (ک : بزاز ۔ مؤل : بزاز ۔ (ع : بزاز)
کپر کِنَن وول ۔ بزازی کِنَن وول ۔
بزاز وان ۔ کپر وان ۔ کپر دُکان ۔
سُہ وان یتھ کپُر کِنَن آسہ ۔۔
بزازی ۔ کِننہ باپتھ کپُر ۔ کپُر ۔۔
بَزُن ءٰ ۔ (ن ۔ ک ۔ بزُن ۔ مؤل : بز ۔
(س : بھرج ۔)
تلُن ۔ تُلیُن دِیُن ۔ کسُن ۔۔
بزُن بانہٕ ۔ تلن بانہٕ ۔ یتھ منز چیز
تُلیُن یِیہِ دِنہٕ ۔۔
بزہ بتہٕ ۔ تُلتھ مسالہِ بتہٕ ۔۔
بزہ بزہ ۔ واریا چیز اکی وِز تلُنی ۔ واریا
ہن چیزن ۔ بیوّن ۔ بیوّن بانَن منز اکی
وِز تُلیُن دِیُن ۔۔
بُزیُن ۔ تُلیُن ۔ تلنہٕ باپتھ لگار ۔۔
بُزنی دہ گُل ۔ لگار کرنہٕ باپتھ لیوُل ۔
بُزنی لیچ ۔ لگار کرنچ لیچ ۔۔
بُزیُن دِیُن ۔ لگار کرُن ۔۔
بُزیُن کھیوّن ۔ تیلس یا گیوس پیٹھ

رۄٚنمت کھین کھیۄن ۔ تونمُت کھیۄن۔

بُزٕین لگُن ۔ ٹلیٖشِ لگُن ۔

**بزُن ع٢** ۔ (ن ۔ک ۔بزُن ۔ مۆل : بز۔

(س : بھاج + اُن ۔)

باگرِتھ تھوُن ۔ کنہِ چیزس ۔ییۄن

.بیۄن باگی کرِتھ تھوٕنی ۔ زارس پیٹھ

شرٛٹھچہ ہار بہنہِ ۔ چیٖٹی دِنی ۔ ڈانڈ برُن

لگہِ دِیُن ۔۔

**بزُن گزُن** ۔ رٕتین دوہَن پیٹھ اورِ

یور ہیۄن دیُن ۔

**بزُن ع٣** ۔ (ن ۔ک ۔بزُن ۔ مۆل : بز۔

(س : بھج +ک ۔اُن )

پۄزا کرِنی ۔ یترتھ کرُن ۔ تو تا کرِنی ۔

سوُن (سیوکرِنی ۔)

**بزور** ۔ (ف : بہ + زور ۔)

زور رو سیتی ۔ طاقتہ سیتی ۔ زور بیتر

لڑائی دِتھ ۔۔

**بُزٕین** ۔ (ن ۔ک ۔ بُزٕین ۔ مۆل : بُزن ۔

(س : بھرج +ک ۔اُن )

اکھ خۄدرو سبزی ۔

**بَرشھ** ۔ (م ۔ک ۔ برشھ ۔ مۆل : برشھ ۔

(س : بھجا ۔؟)

کھوٚنہِ وٕڈ ہیۄر کُن پھیکس تام

نرِ ہُنٛد حصہٕ ۔

**بَس ع١** ۔ (ک : بَس ۔ مۆل : بس ۔

(ف : بس (وش ۔س وشس ۔)

یۆتے ۔ تھو ۔

**بَس کرُن** ۔ تھوُن ۔ رُکُن ۔ پتھ روزُن ۔

**بَس ع٢ بُس** ۔

(م ۔ک ۔بَس / بُس ۔ مۆل : بس

(بھسم ۔)

چۄر ۔ پھکھ ۔ ژرن ۔

**بَسہِ پھۄل** ۔ پتھ کُن روٗز مُشہ بُس ۔

**بَسہِ نار** ۔ ژنہِ چۄرکُ نار ۔

**بَسہِ نۄن** ۔ ڈُگِتھ نۄن ۔ نونہِ چۄر ۔

نۄنہِ بۄہر اورِ یور ٹُلنہِ تژاونہِ یوسہٕ

پھکھ ہش پۄتُس روزان چھے ۔

**بَسر ، بُسیر** ۔ (ک : بسر ۔ مۆل : بسر ۔ (ف :

بسر۔)
تنگ ہٹس پیٹھ ۔ تالہِ کنہِ ۔۔
بسرانُن، بُسیرانُن ۔ تنگ کرُن ۔
پریشان کرُن ۔ ہٹس پیٹھ ہیُن ۔ تالہِ
کنِہ انُن ۔۔
بسرِیُن ۔ بُسیریُن ۔ تنگ یُن ۔۔
پریشان سپدُن ۔ تالہِ کنِہ یُن ۔۔
بسَنتھ ۔ (ن ۔ ک ۔ بسنتھ ۔ مؤل : بسنت ۔
دہ : بسنت (س : وشت ۔)
(۱) ہینڈرِن ہُند اکھ بوٗڈ دوہ ۔۔
(۲) سُندی جہ پوشن ہُند ہیوٚند نگ ۔
لیڈریر سان رنگ ۔۔
بُسُن ۔ (ن ۔ ک ۔ بُسُن ۔ مؤل : بس ۔
(س : وس ۔)
روزُن ۔ گرٕ کرُن ۔۔
بسن جاے ۔ روزن جاے ۔۔
روزنہ خاطرٕ لرٕ بیترٕ ۔۔
بُسُن لسُن ۔ آباد سپدُن ۔ آباد
گزرُن ۔ زِندگی گذارٕنی ۔۔

بسن وول ۔ روزن وول ۔۔
بُسکین ۔ لباوُن ۔ کنہِ جایہِ روزنُز
بایتھ تھاوُن ۔ تھہتھ کرناوُن ۔ پانس
سیتہٕ تھاوُن ۔ بسأے کرناوٕنی ۔
(کوٚہ لٕے بیترٕ ۔۔)
بسأے ۔ روزُن ۔ بسُن ۔
بسأے کرٕنی ۔ گرٕ کرُن ۔ آوارٕ نہٕ
روزُن ۔ تھہتھ دِنی ۔۔
بسأے کرٕوُن ۔ بسأے کرن وول
یُس سیٹھا ہس کالس ڈیرٕ بدلی
کرِتھ وونی کنہِ اکس جایہِ ڈیرٕ دِیہِ ۔
بسہٕ ناوُن ۔ کانہہ مستقل جایہِ
قیام کرناوُن ۔ مستقل پاٹھی کانہہ اکِہ
سے جایہِ ڈیرٕ دِوناوُن ۔ گرس اندر
تھاوُن ۔ گرٕ کرناوُن ۔۔
بسہٕ وٕنی ۔ کرایہِ ۔ روزٕونی ۔۔
بسہٕ وُن ۔ روزن وول ۔ روزٕوُن
یُس کنِہ جایہِ روزان آسہِ ۔
بستہٕ عٲر (ف : بستہ ۔)

(۱) دِتھ ۔ بنٛد ۔ گنٛڈِتھ ۔ ڈیٛتھ ۔

(۲) بیر ۔ راز ۔۔

بَستہٕ پھراو ۔ داں ڈوٗرِن ہُند ژوٗرِیُم پھیٛر ، ژوٗرِم نبنٛد ۔۔

بستہٕ روزُن ۔ پانے کُنہٕ کمرس بیتر منز بنٛد روزُن ۔ ژوٗرِ رَوزُن (آلِژ بیتر کنی ۔) کامہِ ژھین دیُن ۔ کام نہٕ کرُن ۔۔

بَستہٕ کرُن ۔ بنٛد تھوٗن یا کرُن قاد تھوٗن ۔ ہکو نہٕ کرُن ۔ سامانہٕ بیتر نہٕ دِنہٕ کانٛسہِ ہنز کام بنٛد کرُن ۔ بر بیتر دیُن یا بنٛد کرُن ۔ کینہہ گنٛڈِتھ تھوٗن ۔۔

بَستہٕ گژھُن ۔ بنٛد سپدُن ۔ قاد سپدُن ۔ عاران گژھُن ۔۔ راوُن ۔ شش پنجس منز گژھُن ۔ ترٛان تہٕ ترٛاوُن گژھُن ۔ سامانہٕ بیتر موکلِتھ کام رُکِتھ گژھُنۍ ۔ دِنہٕ یُن ، بنٛد گژھُن ۔ (دروازٕ بیتر) ۔ گنٛڈنہٕ یُن ۔۔

دَس بَستہٕ (دست بستہٕ) ۔ گژھ گنٛڈِتھ ۔ نمسکار کرِتھ ۔۔

کمر بستہٕ ۔ تیار آسُن ۔ تیاری ہنز حالژ منز آسُن ۔۔

بَستہٕ ۲ ۔ (م ۔ ک ۔ بستہٕ ۔ موٗل : بست ۔ س : بھسترا ۔)

(۱) کھل ۔ کٕژ مُسلہٕ ، ژھاوٕلِ مُسلہٕ یا روٗسی مُسلہٕ ۔ کانٛسہِ چاروائے سُنٛد مُسلہٕ ۔ (عام پاٹھی اِنسان مُسلہٕ تہٕ ۔)

(۲) ہٹھ ۔ تیوٗل ۔ ٹھکھٕٹ ۔ بیترٕ ۔ (۳) ٹھیلہ جوٗلی (بیچھوٕز ہنز ۔)

بَستہٕ رنٛگر ۔ یُس کار چاروائے بستن رنٛگ دیُن آسہِ ۔ یُس بستہٕ رنٛگان آسہِ ۔

بستہٕ رنٛگر ۔ یوس چاروائے بستہٕ رنٛگِتھ پیٚنہٕ گنٛذارِ کران آسہِ ۔ سو زنانہٕ یُس کار چاروائے بستن رنٛگ دیُن آسہِ ۔ بَستہٕ ژھٕنٕنۍ ۔ جوٗلی لاگنۍ ۔

جوٗلِ لاگِتھ نیرُن ، نیچھُن ، ہیوٗن ۔

بستہٕ کرٕٹ ۔ مُسلِچ اکھ پرٛاۄنی تہٕ ہوٗچھمٕژ چھَل ۔ بستہٕ کھلر ۔

بستہٕ کھسنی ۔ آبہٕ پھپھُر نیرُن ۔ اکہِ قِسمُک پھپھُر ، ہیوٗہ یتھ منٛز پوٗنی آسان چھُہ ۔ یہ چھُہ توٗت پونی پینہٕ گکھر گکھر لگنہٕ نیران ، ہٕٹھ ۔

بستہٕ کھلر ۔ پرٛانہٕ مُسلِچ اکھ پرٛاۄنی چھَل ۔ بستہٕ کرٕٹ ۔

بستہٕ گوٗر ۔ یُس بستن ہُند کاربار آسہِ کران ۔

بستہٕ والے ۔ چار وایِنی مُسلہٕ والنُک کار ۔ بستہٕ والنی ۔ مُسلہٕ ژلُن ۔ دالہٕ والُن ۔

دمَن بستہٕ ۔ سو بستہٕ یمہٕ سیتی کھار والنس منٛز نار دُہہٕ ناوان چھُہ ۔

بسم ۔ (ان ۔ ک ۔ بسم ۔ مؤل : بسم ۔ (س : بھسم ۔)

سوٗر ۔ پھکھ ۔ (خاص کرِتھ کُنہٕ پوٗتُر ناوُک سوٗر ۔)

بسمہٕ پاشرُم ۔ ناگہ زٕنہٕ پچھک پنٛشرُم دوہ ۔

بسمہٕ گوٗل ۔ ورٕٹھِ ۔ بوٗن سہٕ گوٗل یپاری دہتھ نیران چھےٚ ۔

بسم گرٛشُن ۔ سوٗر گرٛشُن ۔ سوٗرٕبُن بھسکھ بُن ۔

بسم مٔلُن ۔ بسم منٛتھُن ۔ سوٗر مٔلُن ۔ (گوساینن ہُنٛدی پاٹھی ۔)

بسمادر ۔ (ان ۔ ک ۔ بسمادر ۔ مؤل : بسمادر (س : بھسمادھر ۔)
یس پانس بسم مٔلِتھ آسہِ ۔ شِوِ سُنٛد اکھ ناو ۔

بسماسور ۔ (س : بھسمہ + اسُر ۔)
اُکِس راکھِس سُنٛد ناو یمۍ پانس سوٗر کوٚر ۔

بشادی ۔ (ف : بہ + شادی ۔)
خوش خوشحال پاٹھی ۔ خوش خوش پاٹھی ۔ پٕننہٕ مرضی ۔

بطخ - (ن-ک-بطخ-مؤل : بطخ-اف :
بطخ-س : ورتکہ-) see platts arabic بط
اکھ آبی جانور-
بطخ پوٹھ- اکھ کُل یمیُک پن گہیتھ
نشہ کھاران چھُ-
بطخ لیتوٹ، لیتوٹھ- اکھ دواگاس
یُس نمبلن تہ میلن منز کھسان چھُ-
بطور- (اف : بطور-) ف ب+ع طور
پاٹھی- ڈنگہ-
بغل- (ن-ک-بغل-مؤل : بغل-
اف : بغل-)
کرشھ- بغل بوے- سہ بدبوے
یوس گمو کنہٕ کرشھن یوان چھے-
بغل چنڈ- کرشھن سید سیوٚد
دچھن یا کھووُری ناکہ ملوک چنڈ-
بغلی- (اف : بغلی-)
اندی- بیٚیہ طرفہٕ-
بغلی گرشھن- (۱) اندی سمکھن-ژوٚر
پاٹھی سمکھن- (۲) اندی کنہٕ گرشھن-

منز وتہٕ گرشھن-
بغلی ین- ژوٚر پاٹھی سمکھنہٕ ین-
کوٚرشھ- یتر دِنہٕ یا پتھ بیٚین خبر کھوینہٕ
بغار--- (اف : بہ+ع غبار
ورای- رٕوٚس-
بقال- (ن-ک-بقال-مؤل : بقال in arabic a greengrocer
ع : بقال-) وٚدنی
بکار --- (اف : بکار)
لگہٕ ہار- کامہٕ کارس لایق-یہ کُنہٕ
لگہٕ- بکار یوُن- لگہٕ ہار آسُن
کامہٕ کارس لگہٕ ون-
بکارٕ ین- کامہٕ لگن-
بکام- (اف : بہ+کام=س : کامہ-)
پننہٕ گو- پننہٕ مرضی مطابق-
بکام واتن- مقصد پوٗرٕ گژھن-
یژھن بایہ ین-
بکس، بوکس- (ن-ک-بکس/بوکس-
مؤل : بوکس-ک : بوٗک یا بکس)
کنہٕ ٹنگ پوشکی نیرہی دِھر

بکُس کرُن۔ کُنہِ چیزَس یا مُختلِف چیزَن میٹ کرُنی
بکتھ ________ (ن۔ک۔ بکتھ۔
مۆل : بکت (س : بھکتہ۔)
بکھتی۔ دِلَس لول بَرِن وول۔
یُس دَیہ سُند لول آسہِ ـــ
بکتہِ باو۔ بکھتی آسنچ باونا۔ بکھتی
آسُن ________
بکتہِ وتسَل۔ بکھتن ہُند ٹوٹھ۔ دیے
بکتہِ وتسَل۔ یُس بکھتن ٹوٹھان
چھُ۔ یُس بکھتن خوش روزِ ـــ
بکتھ بوزنی۔ آراد نا بوزنی۔ گون
گیوُنی بوزنی ـــ
بکواس۔ (ن۔ک۔ بکواس۔ مۆل : بکواس
(س : بکواد۔)
بُلی کتھ۔ بکھ بکھ۔ یمَن کتھن نہ
سۆد آسہِ تِمنے کتھن وَن وَن
کرنی ــ بکواس کرُن۔ بکھ بکھ
کرُن۔ فوضول کتھ بیتر کرنہٕ ـــ
بُلی کتھن وَن وَن کرنی۔ کتھ ہَر
کرنی۔ کتھ لڑائے کرنی ـــ
بکواس گرٛھُن۔ کتھ لڑائے گرٛھنی۔
پانہٕ وَنی اکھ اَکِس ناس ترااس وَنُن۔
بکواس لاگُن۔ بکھ بکھ شوٗر درع
کرُن۔ فوضول کتھ ٹلنہِ۔ ہنگہ تہ
منگہ چہ کتھ لاگنہِ ـــ
بکواسی۔ بکواس کرَن وول۔ فوضول
تہ بُلی کتھن وَن وَن کرَن وول۔ یُس
یَس زَن کتھن کانہہ تہ سۆد آسنہِ۔
بکھ۔ (ن۔ک۔ بکھ۔ مۆل : بک۔ (س :
واک یا س بکہ۔)
بکواس۔ فوضول تہ بے مانے کتھ
بیتر۔ ٹر ٹر۔ پڑاتھ پڑاتھ ـــ
بکھ بکھ۔ وَنہٕ وَن۔ ٹر ٹر۔ پڑاتھ
پڑاتھ۔ بکواس ـــ
بکھ دِنُن۔ حد نیبر تھ بکواس کرُن
بکواس یوت کران روزُن۔ یتھ
نہ سارِ سے آسہِ تی وَنان روزُن۔
بکھ کرُن۔ گرِ تہ گرِ بکواس کران روزُن

فوٗضوٗل تہٕ بےٚ مانے کتھہٕ کرنَس
نہٕ تھکیے کرُن ۔
بَکھر لاگُن ۔ کتھہٕ کرُی کرُی خوشکھتھ
اَنُن ۔ وِوران گژھن ۔
بَکَل ۔ یُس ہوٗنی سِندی پأٹھی ٹوٗل
ٹوٗل کران آسِہ ۔ یُس گرِ تہٕ گرِ چوٗل
چوٗل کرِ ۔ بَکھ بَکھ کرن وول ۔ بکھر لَد ۔
بَکن لگُن ۔ پھوشان پھوشان رَد
بَد ونان گژھن ۔
بَکہٕ بَکھ ۔ (۱) حدٕ نیرِتھ بکواس ۔
حدٕ نیرِتھ فوٗضوٗل تہٕ بےٚ مانے کتھہٕ
بیتر ۔ (۲) گژبکیہٕ ہُنٛد شور ۔
بکہٕ بکھ کرٕنی ۔ (۱) بکواس کرُن ۔
فوٗضوٗل تہٕ بےٚ مانے کتھہٕ کرٕنہٕ ۔ وِورُن
(۲) گژکُن ۔
بَکہ بکھ کرُن ۔ (۱) یتھ سنٛہ گژکھ
آسِہ یوان ۔ گژکہٕ گژکھ کرُن ۔
(۲) بکوٲسی ۔ ٹرٹر کرن وول ۔
بکہٕ دِنہٕ ۔ ژکھِ سیتی لوٚہ تہٕ لوٚہ تہٕ دور
وور کرُن ۔
بکہٕ دِنہٕ دُن ۔ یُس دور دور کرِتھ
یا اَڈزا اَڈ ۔ بیتر کرِتھ کألِس کھوژناوِ ۔
بکہٕ دِنہٕ ۔ ژکھِ منٛز بکواس کرُن ۔
پھوٚشنہٕ سیتی فوٗضوٗل تہٕ مانے
روٗس کتھہٕ کرٕنہٕ ۔
بکہٕ لد ۔ بکوٲسی ۔ یُس بکھ بکھ آسِہ
یُس پڑاتھ پڑاتھ آسِہ ۔
بکُن ۔ (۱) بکواس کرُن ۔ فوٗضوٗل
کتھہٕ بیتر کرٕنہٕ ۔ پڑاتھ پڑاتھ کرُن
وِورُن ۔ ژکھِ منٛز اوٚرُک یوٚرُک
ونان گژھن ۔ (۲) دروٚکھ کرٕنی ۔
کھیوٗمُت چومُت آسِہ کنِہ بیٚیِہٕ نٕبر
ترٛاوُن ۔
بکِتھ ترٛاوُن ۔ دروٚکھ کرٕنی کھیوٗمُت
کھاریتھ اَنُن ۔
بکِتھ ژھنُن ۔ (ژکھِ منٛز) تی تی
دُنِتھ گژھن یتہٕ شوٗبہِ ۔
بکھِ بوٗز ۔ ان ۔ ک ۔ بکھِ بوٗز ۔ موٗل بکھِ

بوٗز۔ (س: بھکش بھوجہ۔)
شرٛادس پیٹھ موٚردٕ ہنٛدِ ناوٕ
دیٚتمٕت کھینہٕ باوٕ بیتر۔

بکھیر۔ (ن۔ک۔ بکھیر۔ موٗل: بکھیر۔
(س: وِکِر۔)
تیٚتھہ کارٕ بارٕس اورٕ یور واہرٲ
وِتھ آسہِ۔

بکھیر کرُن۔ تیُتھ کارٕ بار کرُن یتھ
اَندر کھرٕ ناو آسہِ۔

بکھیر لگُن۔ کھرٕن منٛز پھسُن۔

بکھیر واہرُن۔ کھرٕ دار کار پھالاوُن

بکھرت۔ (ن۔ک۔ بکھرت۔ موٗل: بکھرت۔
(ف: بکتر۔)
تِم شُستروٕ پلوٚیم جنگلس منٛز
بچاوٕ باپتھ نالہِ چھِ لوان ترٛاوہٕ۔

بکھرت بردار۔ (ف: بکتر+بردار)

بکھرتی۔ یُس بکھرت لاگِتھ آسہِ۔
بکھرت لاگِتھ جنگی۔

بکھرتی۔ یُس بکھرت لاگِتھ آسہِ۔

بکھرت لاگِتھ لڑن وول۔

بگ۔ (ن۔ک۔ بگ۔ موٗل: بگ۔
(س: بھگہ۔)
زنانہٕ ہنٛز سُترچ جاے۔

بگنٛدر۔ (ن۔ک۔ بگنٛدر۔ موٗل: بگنٛدر۔
(س: بھگنٛدر۔)
منٛدل پھول۔

بگنٛدر پیوٗن۔ منٛدل پھول نیرُن۔
منٛدلہِ چھ جایہ اکھ بوڈ پھپھُر نیرُن
یہِ چھ اکھ دوٚد ہوو۔

بگنٛدر لد۔ سُہ یُس بگنٛدر آسہِ۔
یُس منٛدلس پھول آسہِ۔

بگوٚ۔ (ن۔ک۔ بگوٚ۔ موٗل: بگوٚ۔ (س:
بھوگی۔؟)
کھینہٕ برٲنٛدر۔

بگار۔ (ن۔ک۔ بگار۔ موٗل: بگار۔
(س: اَبھگھارہ۔ یا اُوگھرش۔)
تُرزُن۔ تیل یا گیوٚ بیترِ یُس رنہٕ
نس ترٛاوان چھ۔

بگارٕ دار۔ بُزٕتھ۔ یتھ بگارٕ آسہٕ
کوٚرمُت۔ یتھ بگارٕ آسہٕ تژدومُت
بگارٕ روٚس۔ بُزٕنے۔ یتھ نہٕ بگارٕ
آسہٕ کوٚرمُت۔ یتھ بگارٕ آسہٕ نہٕ
تژدومُت ــــ
بگارٕ کرُن۔ بُزُن۔ رَنہٕ نَس پیٹھ
بگارٕ تژاوُن ــــ
بگارُن۔ بگارٕ تژاوُن۔ بگارٕ ژھنُن
تُلیُن دیُن ــــ
بگوتھ۔ (ک: بگوتھ۔ موٗل: بگوت۔
(س: بھگوت۔)
خودآیی۔ دَے وی ــــ
بگوتھ گیتا۔ (م۔ک۔ بگوتھ گیتا۔
موٗل: بگوتھ گیتا۔ (س: بھگوت
گیتا۔)
ہیٚنٛدٕن ہُنٛز اکھ پوٚتھ کتابہٕ ہُنٛد
ناو۔ بگوتھ مایا۔ خودآیی کرامتھ۔
دَے وِلیلا ــــ
بگوان۔ (ن۔ک۔ بگوان۔ موٗل: بگوان
(س: بھگوان۔)
دَے۔ ایشر۔ خودا ــــ
بگوتی۔ (م۔ک۔ بگوتی۔ موٗل: بگوتی۔
(س: بھگوتی۔)
دیوی۔ درگہ پاٹھی تَس زنانہٕ
ترٕ یوان وَننہٕ یوسہٕ پوٗزاہہٕ لایق
آسہٕ۔ یا یُس ہٕتی صفتھ آسَن۔
بل۔ (ن۔ک۔ بَل۔ موٗل: بَل ــــ
(س: بلہٕ۔)
طاقتھ۔ زور ــــ
بلہٕ دَژھر۔ طاقتھ نہٕ آسُن ــــ
کمزور آسُن۔ کم ہمتھ آسُن۔ نہٕ
لگہٕ ہار آسُن۔ ناقابِل آسُن ــــ
بلہٕ روٚس۔ یَس نہٕ طاقتھ آسہٕ۔
یَس نہٕ زور آسَن۔ کمزور۔ طاقتہٕ
روٚس۔ کم ہمتھ۔ نہٕ لگہٕ ہار۔ ناقابِل۔
بلہٕ سوٚست۔ یَس سیٹھا زور
آسَن۔ یُس زورٕن منز آسہٕ ــــ
بلہٕ وان ــــ

بَلہٕ سوو ۔ (۱) طاقتھوَر ۔ سیٹھا بلہٕ دوول
(۲) کارگر ۔ اثر دار (دوا بیترِ)

بَلہٕ وٕپر ۔ سیٹھا بلہٕ دوول ۔ سیٹھا طاقتی
سیٹھا زور دار یا زور دار ۔ بوٚہدُر ۔
جُرتی یُس کانٛہہ تہٕ مُشکِل کام کرنَس
پیٹھ تیار آسہِ ۔

بلہٕ وٕپری ۔ بوٚہدری ۔ دِلیری ۔

بَل عٛ۲ ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بَل ۔ مؤل : بَل ۔
(س : بلِہ ۔)

نیاز ۔ نذر ۔ قوربانی ۔

بَل پرٛاپیُن ۔ قوربانی یا نیاز بابتھ
پوٗزا ۔ (ہیٚندٕ ین ہُنٛد اکھ رسم) ۔

بَل دِیُن ۔ نیاز کرُن ۔ بَلی دِنی ۔

بَل عٛ۳ (ا ن ۔ ک ۔ بَل ۔ مؤل : بَل ۔)
اکھ پوٚت لوٗگ یِمِیُک مانے چھُ
رُکُنچ جاے ۔ م : حضرت بَل ۔ گرٛ بَل
کوٚنٛڈ بَل ، وُرٕ بَل بیترِ ۔

آدٕ ریٚنٛزٕ بَل ۔ راز بَل ۔ شمشانٕ بَل ۔
سو جاے یِتہٕ لَس موردٕ شو زالنہٕ
چھُ یِوان ۔ موردٕ زالنچ جاے ۔

پوکھرٕ بَل ۔ پرٕبتس پتہٕ کنہٕ اکھ موشوٗر
جایہٕ ہُنٛد ناو ۔ اتہٕ چھُ شارِکا یہٕ
ہُنٛد ناگ تہٕ اُٹھم دوہ چھے اتہٕ
خاص دِوَے لگان ۔

پوکھر ۔ ناگ ۔ م : موکھہٕ پوکھرٕ
بَل ۔ جاے ۔

حضرت بَل ۔ کٔشیرِ ہِنٛز اکھ موشوٗر
جایہٕ ہُنٛد ناو ۔ یِتہٕ استانَس منٛز
آں حضرتؐ ہُنٛد موےِ شریف چھُ ۔

سیبہٕ بَل ۔ سالرَن ہُنٛدِ سیبہٕ بیٚہنچ جاے ۔

کوٚنٛڈ بَل ۔ سو جاے یِتہٕ بانہٕ پیہٕ
نہٕ بابتھ کوٚنٛڈ آسہِ ۔

کرٛہٕ پرٕ بَل ۔ کرٛ پرَس اَندی یِکھی
جاے ۔ سو جاے یِتہٕ لَس کُزوٗر آسہِ ۔

گنیش بَل ۔ امرناتھ وَتہٕ پہلگامس
نِش اکھ پوٚنیتر جایہٕ ہُنٛد ناو ۔

گنگہٕ بَل ۔ کٔشیرِ منٛز اکھ موشوٗر جاے
یِتہٕ موردن ہِنٛز اُستھرکہٕ بادہٕ چھے

یِوان ۔ یہِ جاے پھٕٹ ہرِ موکھس
پیٹھ۔ گرٛزٕ بَل ۔ سو جاے یتیتھ
پانہٕ سیتی یکن وول گرٛزٕ گکھتھ آسہِ۔
ٹاربَل ۔ ٹار بٕٹھس پیٹھ سٕرٛان بیترِ
کرنٕچ جاے ۔ ٹار اُندی نکھہ جاے۔
ڈُرٕبَل ۔ (۱) کھانٛدرس بیترِ پیٹھ
ڈُرٕ دِنٕچ جاے۔ (۲) کھانٛدرٕچ
سال کھیوٕ وٕنی ۔
وبھتھ بَل ۔ ویتھِ بٕٹھِس پیٹھ
سرٛان کرنٕچ جاے ۔
یاربَل ۔ دُرہ یارس پیٹھ سرٛان
کرنٕچ جاے ۔ گاٹھ ۔
بَلنٛگ ۔ (ن۔ک۔ بَلنٛگ ۔ مؤل : پَلنگ)
ڈاڈھ دِنٕہ باپتھ خوارٕ ۔
بَلات کار ۔ (ن۔ک۔ بَلات کار ۔
مؤل : بَلات کار ۔ (س : بَلات
کار ۔)
سختی ۔ زبردستی ۔ جبر ۔
بَلات کار گرٛٹھُن ۔ ہنگہ تہٕ منگہ

کانٛہہ آفتھ وُستھ ینٛی ۔
بَلاے ۔ (م۔ک۔ بلاے ۔ مؤل : بلاے۔
(ع : بَلا > بَلو۔)
شاہمتھ ۔ مُصیبتھ ۔ آفتھ ۔
بَلایہِ دیٛنُ ۔ قوربان کرُن ۔ چھیٛپہِ دیٛنُ۔
بَلدان دیٛنُ ۔
بَلایہِ لگنُ ۔ چھیٛپہِ لگنُ ۔ قوربان سیدُن
وُندِتھ لگنُ ۔
بَلاے ینٛی ۔ مُصیبتھ یِیُن ۔ شاہمتھ
ینٛی ۔ آفتھ ینٛی ۔
بَلہِ عـ۱ (م۔ک۔ بَلہِ ۔ مؤل : بَلہِ ۔ (س : بَلہٕ)
ٹُلی ۔ نیازٕ ۔
بَلہِ دان ۔ قوربانی دِنی ۔ ٹُلی دِنی ۔
بَلہِ وِیدان ۔ ٹُلی کرنُک طریقہ ۔ نیازٕ
دِنُک طریقہ ۔
بَلہِ عـ۲ بلہِ دانو ۔ (ن۔ک۔ بلہِ دانو ۔ مؤل :
بلہِ دانو ۔ (س : بلہِ + دانو ۔)
اُکس دانوٕ شُند ناو ۔ اُکس دلوٕ شُند
ناو ۔ اُکس دَے تہٕ شُند ناو ۔

بَلوٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بَلوٕ ۔ مؤل : بلو ۔ (س :
بَلہٕ + کوپَہٕ > ہ : بلوا ۔)
بغاوَتھ ۔ شوٗرِش ۔ ہنگامہٕ ۔ فساد ۔
بَلہٕ وآے ۔ (ک : بَلہٕ وآے ۔ مؤل :
بَلوآے ۔ (س : بَلہٕ + کوپَہٕ > ہ : بلوا
+ ک ۔ آے )
(۱) سَرکَش ۔ فسادی ۔ فساد تُلَن وول ۔
یُس شوٗرِش بپا لاوِ ۔ یُس ہنگامَن
تہٕ بغاوتَن منز شأمِل آسہِ ۔ (۲) فسادَن
منز جماتھ ۔۔۔
بَلُن ۔ (ن ۔ ک ۔ بَلُن ۔ مؤل : بَل ۔ (س :
بَل ؟ + ک ۔ اُن ۔ )
دود ژُلُن ۔ شفا لبُن ۔ پھوٗکُس
انگ یُن ۔۔۔
بَلیلہٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بَلیلہٕ ۔ مؤل : بَلیل ۔۔۔
(ف : بَلیلہ ۔)
اکھ میوٕ یتھ دوا بناوان چھِہ ۔
بَلغَم ۔ (ن ۔ ک ۔ بلغَم ۔ مؤل : بلغم ۔ (ع :
بَلغَم ۔)

کف ۔ موچہٕ تہٕ مایہٕ دار تھوکہٕ ۔
بَم ع۱ ۔ (ن ۔ ک ۔ بَم ۔ مؤل : بَم ۔)
ہنگہ تہٕ منگچ ناگہانی بلاے ۔
خاص کٔرِتھ سو کھس اَندر تیتھ کینہہ
گرزُھن یمہٕ سِتی مانَم پیٚیہٕ ۔۔۔
بَمَل ۔ بَم ژھنَن وول ۔ بنگہٕ زٔر کرن
وول ۔ بَمہٕ ۔ بَمہٕ رٕنی ۔ بَم ترٛاوَن
واجنی ۔ بَمہٕ لد ۔ یُس بم آسہِ
پیوٗمُت ۔ یُس بُمھ لُدِتھ روزِ تہٕ
پُنڈی کڈِ ۔۔۔
بَم پیٚوٗن ۔ سو کھس منز دوٗکھ پیٚوٗن
کھانٛدرس بیتر منز مانَمس لایق کینہہ
گرزُھن ۔۔۔ بَم ژھنُن ۔ ترٛزھ شیچھا
ونِنی یمہٕ سِتی مانَم پیٚیہٕ ۔۔۔ تیتھ
ڈیگِن ژھنُن یمہٕ سِتی پریشانی سپدِ ۔
تیتھ کینہہ کرُن بیتر یمہٕ سِتی سو کھس
منز دوٗکھ پیٚیہٕ ۔۔۔
بَم ع۲ ۔ (ن ۔ ک ۔ بَم ۔ مؤل : بَم ۔ (ف :
بَم ۔)

ووٚسوٗلہٕ والینچ ٹھز آواز۔

بَم زیپر = زیپر وبَم۔ (۱) طبلہٕ جوڑی۔
ووٚسوٗلہٕ۔ (۲) طبلہٕ جورِ پیٹھ ٹھدٕر تہٕ
لوٚت تہٕ ٹاس ۔۔۔

بَم ع۳ ۔ (ن۔ک۔بَم۔موٗل: بَم۔ <س:
وَم۔ <ہ: بَم/ بَمبا۔ پرٔتگالی پمپا۔
انگریزی۔پمپ۔)
نار ژھینہ کرنچ اکھ مشین، اکھ
چھہٕ آب چھکنہٕ باپتھ ژھیٹھ ژھیٹھ نارِس
لاگنہٕ یوان ۔۔۔

بَم ع۴۔ (ن۔ک۔بَم۔موٗل: بَم۔ <انگریزی
بومب۔ <لاطینی۔ بومبُس = یوٗنانی
بومبوس۔)
اکھ گولہٕ یا تمنگ کھول ییتھ اندر
دزن لایق ماد یا زہر ہلہٕ گیس آسان
چھہٕ۔ یہ چھہٕ یوان تباہی کرنہٕ باپتھ
لایہنہٕ یا ٹھونہٕ ۔۔۔

بَمے۔ (<ف: بہ + ع: مع)
(کینٛہہ یا کانٛہہ) ہیتھ۔ (کأنٛسہٕ
سیتی۔ (کأنٛسہٕ) سان ۔۔۔

بَمبُر۔ بوٚمبُر۔ (ن۔ک۔بَمبُر/ بوٚمبُر۔موٗل:
بَمبُر۔ <س: بھرٛمرٛ۔)
(۱) ٹکرٕ ہیوٚہ اکھ کیوٚم۔ (۲) بامبرٕ
چھاَر۔ (گریرِسن)

بَمبرٕ پینٛچ۔ (ل۔م۔بَمبرٕ ولنہٕ ینہٕ یتھ
ژن ٹکہٕ ٹکھ کرِ زِ۔ (۱) درگہٕ بامبر
پینٛچ۔ چھاَر اژنی۔ (۲) گُلہ دِنہٕ۔ پھٹنگ
وۄہٕ تھنی ۔ بَمبرٕ ٹلنی۔ پھٹنگ ٹلنہٕ ۔۔۔
چھاَر ژازنی۔ کانٛہہ کأم بیترٕ موٗکلاوِنس
منز کأنٛسہٕ بامبرٕ ژھنٛنہٕ۔ کانٛہہ کأم بیترٕ
موکلاوِنہٕ باپتھ کأنٛسہٕ پتے روزُن۔

بَمبرلدٕ۔ بامبرٕ یوٗمُت۔ گابرٕ یومُت۔
لُس کانٛہہ کأم کوٚٹ کرِنس منز تیزی
کرٕ۔ لُس چھاَر آسہٕ ۔۔۔

بَمبرٕ وۄہٕ تھنی۔ پھٹنگ وۄہٕ تھنی۔ دُچھان
دُچھان وگ کرِنی۔ مرٛژ متھٕن ۔۔۔

بَم ژۄنٹھ۔ (ن۔ک۔بَم ژۄنٹھ۔موٗل:
بَم ژۄنٹھ۔)

لیڈٕر یِر سان ژٔونٛٹھ ہیٚوٗد اکھ میوٗ۔
بَم ژٔونٛٹھ بیٚول۔ بَم ژٔونٛٹھیک بیٚول۔
تِم دانہٕ یِم بَم ژٔونٛٹھس منٛز باگ آسان
چھہٕ۔ بَم ژٔونٛٹھ کُج۔ سُہ لوکُٹ کُل
یَتھ بَم ژٔونٛٹھ نیران چھہٕ۔
بَم ژٔونٛٹھ کُل۔ سُہ کُل یَتھ بَم ژٔونٛٹھ
نیران چھہٕ۔
بَم ژٔونٛٹھ ہُٹ (١) ہو کھناوِتھ بَم
ژٔونٛٹھ ژَکُل یا قاش۔ (٢) بَم ژٔونٛٹھ
گُلچ لکر۔
بَم ژٔونٛٹھ ہیٚوٗہ۔ (١) بَم ژٔونٛٹھ شکلہٕ۔
بَم ژٔونٛٹھ رَنٛگہٕ۔
بَن، بَنہٕ ع١، بوٚن ۔ (م۔ک۔ بَن/ بَنہٕ۔
(ا۔ بوٚن)۔ موٗل: بَن۔)
اَمبار یا اَمبر۔ ڈیر۔ بَنہٕ پیٹھ تھٔس
پیٹھ ترتیب وار تھوٚوِتھ کُنٛنیک ڈیر۔
یَتھ ژٕٹِن۔ ژٕٹِن یَتھ بَنہٕ آسہٕ کرمِش۔
بَنہٕ کرِتھ تھوٚومُت ژٕٹِن۔ بَنہٕ پیٹھ
تُلمُت ژٕٹِن۔

بَنہٕ گاسہٕ۔ گاسہٕ یَتھ بوٚن پیٚیہٕ بناونہٕ۔
بَنہٕ کرِتھ تھوٚومُت گاسہٕ۔ بَنہٕ پیٹھ
تُلمُت گاسہٕ۔
بَنہٕ ع٢۔ (ان۔ک۔ بَنہٕ۔ موٗل: بَن۔ (س:
بنٛدھن؟)
حَد۔ سَرحَد۔
بَنَفشہٕ، بُنَفشہٕ۔ (ان۔ک۔ بَنفشہٕ۔ موٗل:
بَنفَش۔ (ف: بُنفشہٕ۔)
گُنٛفچہٕ، اکہٕ دوا بوٗٹہٕ ہنٛد ناو۔
بَنا۔ (بندہ نواز، لفظُک ژھوٚٹ؟)
(١) بَنٛدٕ نواز۔ (٢) دلیٖہٕ۔ شاید۔ مُمکِن چھُہ۔
بَناتھ ۔۔۔ (ان۔ک۔ بناتھ۔ موٗل:
بَنات۔ (ہ: بَنات۔)
اکہٕ قِسمُک گرم کپٕر یُس نرم آسان
چھُہ۔ بَناتُک۔ بَناتی۔ بناتی کپرٕ مو۔
بناتوٗ۔ بَناتُک۔ بناتی۔ بناتی کپرٕو۔
بَنارَس ۔ (ان۔ک۔ بنارَس۔ موٗل:
بنارس۔ (ہ: بَنارَس۔ (س: وارانسی)
ہنٛدوستانکہٕ اکہٕ شہرُک ناو یَتھ کاشی

تہٕ وَنان چھہ ۔ ازکل چھس وارا ناسی تہٕ وَنان ۔ ہیٚندی چھہ اَتھ شہرس مُتبرک گٔنٛزران ۔۔۔

بناوَتھ ۔ (ن ۔ ک ۔ بناوَتھ ۔ مؤل : بَناوَت دِک : بَنُن ۔)
مُصیبَتھ ۔ تاوَن ۔۔۔

بَناوَتھرٕ یُن ۔ ہَنگہٕ مَنگہٕ کانٛہہ مُصیبَتھ یُن ۔ (خاص کٔرتھ کُنہِ نۄقصانہٕ تہٕ وآری داتہٕ ۔ بیترٕ رٔنگی ۔)

بناوُن ۔ (ن ۔ ک ۔ بَناوُن ۔ مؤل : بناو) تیار کرُن ۔ تأمیر بیترٕ کرُن ۔ ایجاد کرُن ۔ پأدٕ کرُن ۔۔۔

بَناوٕناوُن ۔ دۆیِمِس اتھہِ کینٛہہ تیار کرناوُن ۔۔۔

بَنہٕ ناوُن ۔ کأنٛسہِ اَتھہِ بناوناوُن ۔ کأنٛسہِ اَتھہِ سپداوُن ۔ کأنٛسہِ اَتھہِ تیار کرناوُن ۔۔۔

بَنہٕ نی ۔ سَپدٕ نی ۔ یَتھ لازمَن بنُن آسہِ ۔ بَنُن ۔ پأدی ۔۔۔

بَنہٕ وُن ۔ سَپدٕ وُن ۔ یہِ کینٛژھا پدٕ تھ ہیٚکہٕ ۔ یہِ کینٛژھا پانَے بَنِتھ ہیٚکہٕ ۔

بَنُن ۔ (۱) ووہ پدُن ۔ (۲) سَپدُن ۔ (۳) گدرُن ۔ بَنِتھ یُن ۔ (۴) میلُن ۔ مولِسَر آسُن ۔ دُستیاب آسُن ۔ لبُن ۔۔۔ بَنیوٚمُت ۔ (۱) سپدیوٚمُت تیار گومُت ۔ (۲) ووہ پدیوٚمُت ۔۔۔ پأدٕ گومُت ۔ (۳) وَتہٕ لۄگمُت ۔ بَجا گومُت ۔۔۔ بَنِتھ گرٛژھُن ۔ ہَنگہٕ مَنگہٕ اَکھس مٔنٛزیُن ۔ وَرکہٕ پیٚٹھی گرٛژھُن ۔ پَرزنہٕ پیٚٹھی بَنُن ۔۔۔

بَنِتھ یُن ۔ (۱) مُصیبَتھ یُن ۔ گدرُن ۔ ہِم : تَس نَے بَنِتھ ییہِ ہیے سُہ کیازِ بِیہِ ہیے لۄکہٕ ۂشرٕ ن ژوہ چھَن پیٹھ ۔ (۲) پَرزنہٕ پیٚٹھی پراوُن ۔ ترٛیٚچھ نہٕ بڑا شِیتھ آسہِ تی بنُن تہٕ توے اُچھَن کھسُن ۔۔۔

بَنٛج ۔ (ن ۔ ک ۔ بَنٛج ۔ مؤل : بنج ۔ (س) : زِبنج ۔)

تِجارَتھ ۔ کارٕ بار ۔ بٲپار ۔ اور یور
مالکُ لین دین ۔۔۔
بَنٛج کرُن ۔ تِجارَتھ کرُن ۔ کارٕ بار
کرُن ۔ بٲپارٕ کرُن ۔
بَنٛجَر ۔ (ن ۔ک ۔ بَنٛجَر ۔ مۄل : بنٛجر ۔ (ہ :
بنٛجر ۔ (س : وندھیا + دھرا ۔)
بیوٗٹھ زٔمین ۔ وٲران زٔمین ۔
سو زٔمین یوس نہٕ زانٛہہ وایِنہٕ آسہِ
آمٕژ ۔ سو زٔمین یوس نہٕ وایِنہٕ لایق
آسہِ ۔۔ بَنٛجَر تُلُن ۔ بنٛجر ژھٹُن ۔
بیوٗٹھ زٔمین لاگُن ۔۔۔
بَنٛد ۱ ۔ (ن ۔ک ۔ بَنٛد ۔ مۄل : بنٛد ۔ (س :
بنٛدُھ ۔)
اَنگ آشناو ۔ بانٛدو ۔
بنٛدٕ وول ۔ (۱) یُس وارِیا آشناو
آسَن ۔ کَس کو یہِ دار ۔ (۲) بَڈٕ تہٕ
ناو دار خاندانُک ۔ کرٛانہِ بوٗڈ ۔۔۔
بنٛدٕ ژٕت ، بنٛدُتھ ۔ بَرادری ۔ رِشتہٕ
رِشتہٕ دٲری ۔ تولُق ۔ پانہٕ ثیار ۔۔۔

بَنٛدُت کرُن ۔ پانہٕ ثیار کرُن ۔
رِشتہٕ کرُن ۔۔۔
بنٛدُت گرٛشُھن ۔ رِشتہٕ سپدُن ۔
پانہٕ ثیار گرٛشُھن ۔۔۔
بَنٛد بانٛدو ۔ آشناو ۔ رِشتہٕ دار ۔
یمَن سِتی آشنٲوی آسہِ ۔۔۔
بَنٛد ۲ ۔ (ا ف : بَند ۔س : بنٛدَھ ۔)
(۱) گنٛڈِتھ ۔ (۲) دِتھ (دارِ درواز
بیترِ) (۳) ڈٕٹھِتھ (کتاب بیترِ) ۔
(۴) رُکوومُت ۔ اُکرِ ہیے جایہِ روٕ ہٕٹ
گومُت ۔ یہِ یا یُس نہٕ اور یور نٕکیھِ
ہیکہِ ۔ (۵) قاد کوٚرمُت ۔ یُس قاد
آسہِ تھوٚومُت ۔۔۔
بَنٛد کرُن ۔ (۱) رُکاوُن ۔ (۲) (پیٚچ
بیترِ کسُن ۔) (۳) دیُن (دَرواز بیترِ)
(۴) وُٹھِتھ تھاوُن ۔ (۵) جیل کڈُن ۔
(۶) لاچار کرُن ۔ آچھِ کرُن ۔ موٚحتاج
کرُن ۔ بنٛد گرٛشُھن ۔ (۱) رُکُن ۔
روٕ ہٕٹ گرٛشُھن ۔ اور یور نہٕ گرٛشِھتھ

ہیکُن ۔ موکلَن پانے نہٕ آسُن ۔ (۳) دِنہٕ
یُن ۔ (دآر دَرواز بیتر) (۴) لاچار
گژھُن ۔ حاجَتھ نہٕ پنیرِتھ ہیکُن ۔
آچھ گژھُن ۔

بَندگنڈٕنی ۔ کلابوتہٕ چھاونس منز
پھیتی کرٕنی ۔

بَندعہ۳ ۔ (ان۔ک۔بَند ۔ موٗل : بَند ۔
(ف : بَند ؟ ۔)
تان ۔ اَنگ ۔ جِسمک کانہہ حِصہٕ ۔
جوڑ ۔ بَندٕ بَندٕ پھُٹ ۔ یَس ساری
بند پھُٹمتی آسن ۔

بَندٕ بَندٕ دار ۔ سُہ کانہہ چیز بیترِ یتھ
کُنہٕ اَنگُچ کَمی آسہٕ نہٕ یا یتھ ساری
تان موٗجوٗد آسن ۔

بَندٕ بَندٕ کَڈُن ۔ کُنہٕ چیزَس ساری
انگ الگ الگ کرٕنی ۔ بند بیوٗن
بیوٗن کرٕنی ۔ تانہٕ تانہٕ کرُن ۔

بَندٕ بَندٕ کرُن ۔ بَندٕ بَندٕ کَڈُن ۔
تانہٕ تانہٕ کرُن ۔ تان کَڈٕنی ۔

بَندٕ واٹھ ۔ سو جاے یتیتھ زٕ بَند
واٹھ آسن کھیوان ۔ سو جاے یتیتھ
نَس دوٕن حِصَن کِنہٕ مُہ آسہٕ گژھان

بَندٕ وول ۔ سُہ کانہہ چیز بیتر یتھ
واریا جوڑ یا واٹھ آسن ۔ واریا ٹُکرٕ
وأٹِتھ ۔ بنومُت کانہہ اَکھ چیز ۔

بَندعہ۴ ۔ (ف : بَند=س : بَندھ یا
بھَند (راج ترنگنی ۔)
رٕہن ۔ گِرَو ۔

بَندٕ پیٹھ ۔ ترٕشھ صوٗرتھ آسِتھ
یُتھ کانہہ وۄزمَس پیٹھ ۔ بازٕ رچ
پَر تیتھ ۔

بَندٕرٕ ۔ (ان۔ک۔بَندٕرٕ ۔ موٗل : بَندر
(بَندعہ۴+ک ۔ اِر ۔)
بَندَس پیٹھ وۄزُم دِنہٕ دول ۔
بَند رَٹُن وول ۔ سوٗدرٕ ۔

بَندٕ کَتھ ۔ پننہِ جاے کَتھ ۔ یسر کَتھ ۔
بوٗرٕ ئَسس پیٹھ کَانہہ بود مُت یسر ۔
بَندٕوَس (وَست) سُہ کانہہ موٗل

چیزیُس گرٕوٕ تھوٚنہٕ آسہٕ آمُت —

بٙنٛدُک ۔ گرٕو تھوٚو مُت چیز بیتر۔

بٙنٛد تھوٚوُن ۔ گرٕو تھوٚوُن ۔ رٕہَن تھوٚوُن۔

بٙنٛد رٙنٛد ۔ بٙنٛد وٙنٛد ۔ بٙنٛد بیتر —

بٙنٛد رٙنٛد کرُن ۔ قرضہٕ بیتر تُلنہٕ باپتھ

گرٕو تھوٚوُن ۔ اوٚرُک یور کرِتھ وٕزُم

ہیوٚن —

بٙنٛدٕر ۔ (ن ۔ک ۔بٙنٛدٕر ۔ موٗل : بندر۔

(ف : بندر ۔)

(۱) موٚنٛڈی ۔ بوٚڑ بازر ۔ سرٕے۔

(۲) بٙنٛدرٕ گاٹھ ۔ بٙنٛدٕر گاہ —

بٙنٛدٕکھ ۔ (ن ۔ک ۔بٙنٛدکھ ۔ موٗل : بٙنٛدک

(س : بادھک ۔)

رُکاوٹھ ۔ وٕگِن —

بٙنٛدٕن ۱ ۔ (ن ۔ک ۔بٙنٛدٕن ۔ موٗل :

بٙنٛدن ۔ (س : بٙنٛدھن ۔)

لِحاظ ۔ پاس ۔ فرض ۔ لاژِم ۔

بٙنٛدٕن پیوٚن ۔ کانٛسہِ ہُنٛد کانٛسہِ

فرض ادا کرُن ۔ باو کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ

نِش گرٕژھن پیوٚن ۔

بٙنٛدٕن گرٕژھن ۔ لِحاظ گرٕژھن ۔

پاس گرٕژھن ۔ فرض زانُن ۔

بٙنٛدٕنہٕ وول ۔ (۱) یُس بٙنٛدٕن

ہیوان آسہِ ۔ (۲) یُسٕنٛد بٙنٛدٕن

آسہِ —

بٙنٛدٕن ۲ ۔ (ن ۔ک ۔بٙنٛدٕن ۔ موٗل :

بٙنٛدن ۔ (س : بٙنٛدھن ۔)

گنٛڈ ۔ آرٕ گرٕژھنہٕ —

بٙنٛدٕ ۱ ۔ (ک ۔بٙنٛدٕ ۔ موٗل : بند ۔ (ف :

بندہ ۔)

غولام ۔ نوکر ۔ خدمت گذار ۔ داس

بٙنٛدٕگی ۔ (۱) غولأمی ۔ فرمانٛبرداری

تابیدآری ۔ (۲) سلام ۔ آداب بیتر۔

(۳) (ہٙزلِہ پأٹھی) تولُق ژٕٹُن —

م : سأنی چھےٚ بٙنٛدٕگی —

بٙنٛدٕگی کرٕنۍ ۔ غولأمی کرٕنۍ —

فرمانٛبرداری تہٕ تابیدآری کرٕنۍ ۔

(۲) سلام کرٕنۍ —

بَنْدیز۔ (ن۔ک۔ بَنْدیز۔ مؤل: بَنْدیز
(۱) مَرِز واُنگن شورتابہ۔ مَسالہ
تہٕ مَرِز واُنگن تیز ہا۔ (۲) سَخ بَنْدِش
(کوٹھر، پنجرس یا قادخانس منز)
زور گُنڈ تھ۔

بَنْڈیلہٕ۔ (ن۔ک۔ بَنْڈیلہٕ۔ مؤل: بَنْڈ بل
(ف: بَنْڈ+ک۔ایلہٕ)
ژوٗرن وٕدرن رُٹِتھ ییٚنہٕ
وول۔ جیل خانہٕ۔ بَنْد کرن وول۔

بَنْڈیلہٕ تھونٛ۔ ژوٗر ژٹل بیتر
رُٹِتھ باپتھ ملازم تھونٛ۔

بَنْڈار۔ (ن۔ک۔ بَنْڈار۔ مؤل:
بَنْڈار۔ (س: بھانڈار۔)
(۱) گوساٗنی، سادتہٕ فقیر بیتر
کھیاونک چاونک اِنتِظام۔
(۲) چیزَن ہُنْد اَمبار۔

بَنْڈار کرُن۔ گوساٗنی تہٕ فقیر بیتر
سوٗمبرتھ تِم کھیاوٕنی چاوٕنی۔

بَنْڈاری۔ (۱) بَنْڈارُک اِنتِظام کرن
وول۔ (۲) یُس بَنْڈار حوالہ آسہ۔
(۳) واز۔

بَنسُری۔ (م۔ک۔ بَنسُری۔ مؤل:
بَنسُری۔ (س: وَنشی۔)
موٗرلی۔ واتیچ نے۔

بَنْک۔ (ن۔ک۔ بَنْک۔ مؤل: بَنْک۔
(انگ: بینک۔)
سہ جاے یا کمپنی۔ بیتر ییتہٕ زوٗپیہ
بیتر امانت تھونٛہ کڈنہٕ چھےٚ یوان۔

بَنگ۔ (ن۔ک۔ بَنگ۔ مؤل: بَنگ۔
(س: بھنگہ۔)
(۱) خرابی گرٛھنی۔ پھٹنُن۔ ہم: زنگس
بَنگ گرٛھن۔ (۲) آواز پھٹنہٕ۔
آواز ژھوکنہٕ۔ کتھِ منز پھیر یا
بگر بیتر۔ کتھ نہٕ صاف گرٛھنی۔

بَنگال۔ (ن۔ک۔ بَنگال۔ مؤل: بَنگال
(ہ: بَنگال۔ (س: وَنگ+آلہ)
ہندوستانک اکھ حِصہ یمیک
اوٚڈ حِصہ ووٚنی پاکستانس منز چھ۔

بنگالک ۔ بنگالی ۔ بنگالک روزن
ودل ۔ بنگالی ۔ بنگالک بنگالین
ہُنٛز بوٗلی ۔۔۔

بنگالہٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بنگالہٕ ۔ موٗل : بنگال ۔
(س : بنگ + آلیہ ۔)
کرِ پیٹھ کنیکٕ لوکٕٹ تہٕ ہوادار
کمرٕ ۔ ڈالانہٕ ۔۔۔

بنگہٕ ۔ (م ۔ ک ۔ بنگہٕ ۔ موٗل : بنگ ۔۔
(س : بھنگہ ۔۔)
اکھ کُل، تمٮ۪کٕ پَن، ژِرن یا کاٹھ
یمکہِ چینہٕ سیتی نشہٕ چھہ کھسان ۔
بنگہِ بوبُس ۔ (۱) آتش بازِ ہُنٛد
اکھ قسم ۔ اکھ بنگولہٕ یُس ہوٗس
منٛز ہیوٗر لایتھ پہاٹناونہٕ چھہ یوان ۔
(۲) ہتہٕ منٛن ۔ یُس بتھ لدِ تھیٚیہٕ ۔
بنگہِ بود ۔ یُس بنگہ چیتھ دبنگہٕ آسہِ ۔
بنگہٕ ٹرٹُو ۔ بنگہِ ٹوٗر ۔ بنگہِ پوش
بنگہٕ ٹوٗپ ۔ پھلی دار بنگہِ پوش ۔
بنگہِ ٹھوٗل ۔ (۱) بنگہِ ٹوٗمبکٕ اکھ
جِھبہٕ ۔ (۲) آتش بازِ ہُنٛد اکھ
قسم ۔ بنگولکٕ اکھ قسم ۔۔
بنگہٕ ڈیلہٕ واٹھ ۔ ٹھوکہٕ جود ۔۔
اُڈرِ پیچ کام ۔۔
بنگہِ دلو ۔ یُس چینہٕ سنٛدی پاٹھو
بنگہٕ آسہِ چوان ۔۔
بنگہِ دیوٗل ۔ بنگہِ دٕزیچ زیٹھ تہٕ
تُنٛگ ربل ۔۔
بنگہِ ڈار ۔ سہٕ زٕمین یتھ بنگہٕ
آسہِ بوٕوان ۔۔
بنگہٕ ڈٕرس ۔ (۱) بنگہٕ دٕگنگ
ڈھوٹہٕ ۔ (۲) میٚتر لوٚکٕن ہیوٚہ انسان
بنگہِ رز ۔ بنگہِ دبل وٕرٹھتھ بناونہٕ
رز ۔ بنگہٕ رس ۔ بنگہِ شیٖر نشہٕ
کھارُون اکھ عارق یُس بنگہِ وُتھر
دٕگیتھ بناونہٕ چھہ یوان ۔
بنگہٕ زرگرٕھنی ۔ رنگس منٛز بنگ
گرٕھن ۔ بے مزگی گرٕھنی ۔
بنگہِ شیٖر ۔ بنگہِ پوشن دٕگیتھ کوٗڈمُت

شیر ۔ بنگہ شود ۔ یُس بنگہ نشس
لور آسہ ۔ یَس بنگہ چنگ عادتھ
آسہ ۔ بنگہ منز نشُن ۔ (۱) بُڑ زو
زٹن ۔ سو کاٗم کرُنی یمتھ نہٕ کانہہ
پھل نیر (گمرِیَس) ۔ (۲) اَثر نہٕ
گژھن ۔ کچھ کچھ نہٕ گژھن ۔
بنگہ تلنی ۔ ل ۔ م ۔ بنگہ ژٹھتھ نی ۔
(۱) کُنہ چیزس نہٕ کوشش زیرون ۔
یمتھ کُن نہٕ دِہ تہٕ تھوون ۔
بنگہ دِنی ۔ (۱) بنگہ چاوِتھ نشہ
کھارُن ۔ (۲) میٚشر خبر ہیٚنی ۔ میٚشر
نوان دِیُن ۔ مولہ مو بچہ گالُن ۔
بنگہ گالنی ۔ پھش پھش دِتھ یا
وُشیر سیتی بنگہ کملاوُنی ۔ پوٗر پاٹھو
تباہ کرُن ۔ کُنہ لایق نہٕ تھوُن ۔
مولہ مو بچہ گالُن ۔
بنگہ وُڈاوُنی ۔ ساری سے فان
کرُن ۔ سوُرُے کینہہ ہیتھ ژلُن تہٕ
وٲران کرُن ۔ یمتھ کُن نہٕ رزھ تہٕ
تھوُنی ۔
بنگہ ووتھنی ۔ سوُرُے خرچ گژھن
سوُرُے مو کلُن ۔ یمتھ کُن نہٕ کینہہ روزن
بنگہ یار ۔ یُس سیتی ژلتھ بنگہ یمہ
چنہٕ ۔ بنگہ یارز ۔ بنگین ہنز دوستی
بنگہ چنہٕ والین ہنز اکھ اکس سیتی
یارانہٕ ۔

بنگر ۔ بنگر ۔ (ن ۔ ک ۔ بنگر ۔ مول ؛
بنگر ۔)
(۱) بنگہ کِنَہ وول ۔ (۲) یُس بنگہ
لور آسہ ۔ یُس بنگہ آسہ چوان ۔
م : بنگرہنی ۔

۲ بنیٖل ۔ (ن ۔ ک ۔ بنیٖل ۔ مول : بنیٖل ۔
(س : بھومی + پراکرت ہل ۔ س :
ہعور ۔)
ٹنگ ۔ ژنگ ۔
بنیٖل کرُن ۔ ٹنگہ دِنہٕ ۔ ژنگن ۔

بوعا ۔ (ن ۔ ک ۔ بو ۔ مول : بو (س : بھوا
سمسار ۔ زگتھ ۔

بۄسنتاپھ ۔ سمسارُکھ دوکھ ۔
سمسارُکھ کشٹھ ۔۔

بۄسر ۔ بۄساگر ۔ سمسارٕ رٕپی سمندر ۔
بۄسر ۔ سمسار (یمہٕ اپور ترُن واتہٕ)

بۄن ؏۱ ۔ (ن ۔ک ۔ بۄن ۔ مۄل : بۄن ۔
(س : بھونہ ۔)
لُر ۔ مٔنڈور ۔۔

بۄن سۄمبراوُن ۔ گرٕکرٕ سیٹھا چیز
سۄمبراوٕنی ۔ گرٕچ ساگرے سۄمبراوٕنی ۔

بۄن ؏۲ ۔ (ن ۔ک ۔ بۄن ۔ مۄل : بۄن
(س : بھونہ ۔)
کٔشیرِ منز اکھ مۄشۄر جایہٕ ہُند ناو
یتھ منٛزٕ تہٕ ونان چھ ۔ اتہٕ چھ ہینٛدین
ہُند اکھ مۄشۄر تیٖرتھ ۔۔

بواسیر ۔ (م ۔ک ۔ بواسیر ۔ مۄل : بواسیر ۔
(ع : بواسیر ۔ (بَسر ۔)
اکھ بیمارِ ہُند ناو یتھ منز کینژن
صورتن منز ناٛدانس سیتی رتھ چھ
پکان ۔۔ بواسیرِ لد ۔ (۱) یُس بواسیر
آسہٕ ۔ یُس بواسیرٕ ہُند دود آسہ ۔
نحوشکیُژ لد ۔۔

بوٲنی ۔ (م ۔ک ۔ بوٲنی ۔ مۄل : بوٲنی ۔
(س : بھوانی ۔)
دیوی ۔ اُکِس دیوی ہُند ناو ۔

بۄشتھ ۔ (ن ۔ک ۔ بۄشتھ ۔ مۄل : بۄشت
(س : بھوشیت ۔)
یِوُن وَق ۔ بڑو نہ کال ۔۔

بہَل ۔ (م ۔ک ۔ بہَل ۔ مۄل : بہَل ۔ (س :
بہُلہ ۔)
کۄہس کھسن والیٚ منز ڈُکھرٕ پنٛچ
بلم یا ڈنٛڈٕ ۔۔

بہلہٕ پاوٕ ۔ (س؟ : باہلیہ + پد (پاد)
یُس اُکِس بیٚیس ہنٛد کھوتہٕ تھزٕرس
یا جان حالژ منز آسہٕ ۔ تھدٕ پایُک ۔

بہا ۔ (ن ۔ک ۔ بہا ۔ مۄل : بہا ۔ (س : وایشیہ)
گرٕکہٕ ونُس تہٕ تتس پچیرس ۔ بیترٕ
یُس دہ ہیژٕوٕ دوٕتھان چھ ۔۔

بہادیُن ۔ کانہہ چیز گرٕکہٕ تاوٕتھ پانس

یا کنہٕ بنٛدس تمٛیک بہا واتناوُن

بہاکھیوٚن۔ بہا ستی کنہٕ چیٖزُک
پلٹُن۔ بہالد۔ یتھ بہا آسہٕ لوٚگمُت
یہ کینژھا بہا لگتہٕ پلٹیوٚمُت آسہٕ۔

بہالگُن۔ بہا ستی خراب گرُژھن۔
کھوٚٹھ گرُژھن یا پلٹُن ـــــ

بہاوُن۔ (۱) پانس بہا دِیُن۔ بہا
شراں کرُن۔ وُشناوُن۔ گرم کرُن۔
(کھینہٕ چیٖز بیترِ۔)

بہایُن۔ پیُن۔ بہس تھونہٕ ستی پیُن

بہاٹھانہٕ۔ (ن۔ک۔ بہاٹھانہٕ۔ موٗل :
بہاٹھانہٕ۔ (س : واشپہٕ + ستمبھن)
ل۔م۔ بہاس ٹھانہٕ۔ لیوٚب تھوٚپ
اَیُن مِنُن وُرُن ترٛاوُن ـــــ

بہاٹھانہٕ روزُن۔ لیوٚب تھوٚپ
روزُن۔ وُرُن روزُن۔ سر پردس
منٛز روزُن ـــــ

بہاٹھانہٕ گرُژھن۔ لیوٚب تھوٚپ
وُتھِتھ گرُژھن۔ دُرُن وُتھِتھ گرُژھن

وُرُن نہٕ روزُن۔ نیٚنر گرُژھن۔

بہار۔ (ن۔ک۔ بہار۔ موٗل : بہار ـــــ
(ف : بہار۔ پہلوی وہَر۔ س: وسنت
سونتھ۔ سونتہٕ کال ـــــ

بہارس کیٚت۔ سونتہٕ کالہٕ۔ سونتس
کیُت۔ بہارُک۔ سونتُک ـــــ

بہارِیُن۔ سونتھِیُن۔ سونتہٕ کال
واتُن۔ (کُل کوٚٹ بیترِ) پھولُن۔
زُو اژُن ـــــ (اِنسان بیترِ) بجا گرُژھن
نَوُن تہٕ پھولُن ـــــ

بُہارٕ۔ بہارُک۔ سونتُک۔ سونتہٕ چالہٕ۔

بہاش / بہش ـــــ (م۔ک۔ بہاش
بہش۔ موٗل : بہاش / بہش۔ (س : وِشٹرا)
ژھینہٕ یِس کرِتھ بور سارنہٕ اکھ
بُڈ تہٕ کھٕنج ناو ـــــ

بہاشِ ہانز۔ بہاش چلاوَن وول۔ بہاژِ وول۔

بہاکھ ـــــ (م۔ک۔ بہاکھ۔ موٗل :
بہک۔ (س : بہِشکہٕ۔)
کوہی پوٚت وَن۔ پوٚت وَن پوٚت

پُہلِ گیُنن تہٕ تیرَن گاسہٕ کھیاوُنہٕ
نِوان چھِہ۔ نیوٗر۔ نے ــــ

بَہاکھِ کھسُن۔ پوٚت وَن کھسُن۔ چار
وایَن تہٕ تیرَن بیترِ نظر دِنہٕ پوٚت وَن
کھسُن ــــ

بَہاگنُی۔ (م۔ک۔ بَہاگنُی۔ مؤل: بَہاگن۔
(س: دوادش + گنُ + اِ۔)
پژون اکھ سِکہٕ یَمیُک قیمت اَٹھ
ہار اوس ــــ
بَہاگنِش۔ سُہ پژون سِکہٕ یُس بَہاگنہٕ
نوان اوس ــــ

بَہاگنُ۔ (ن۔ک۔ بہاگنُ۔ مؤل: بہاگن۔
(س: دوادشہ + گنُہ۔)
بَہہ لٹِہ اکہٕ وَٹہٕ کرِتھ۔ بَہہ پھیر
گوٚن کرِتھ۔ بہہ لٹِہ کانہہ مِقدار یا راد۔

بہانہٕ ــــــــ (ن۔ک۔ بہانہٕ۔ مؤل:
بہان۔ (ف: بہانہ۔)
حیلہٕ۔ ہیتھ ــــــ
بَہانہٕ کرُن۔ حیلہٕ کرُن۔ ہیتھ کرُن۔

بَہِل۔ (ن۔ک۔ بَہِل۔ مؤل: بَہِل۔) زُمین۔
ماپہٕ دار زُمین۔ بوٚنج زُمین۔ موٚٹ

بُہچارٕی ــــــــ (س: بَہہُ + ک
جار۔ (م: پشہٕ جار۔)
ئیر پاٹھی۔ عام پاٹھی۔ موموٗلی پاٹھی۔

بَیاتھ۔ (م۔ک۔ بَیاتھ۔ مؤل: بَیات
(ع: بیعت۔)
پیرس نِش کتھِہ بیترِ پیٹھ پکنک وادٕ۔
بَیاتھ دِنی۔ مُرید بناوُن ــــ
بَیاتھ وَنِنی۔ پَنُن مُرید زانِتھ کانٕسہٕ
زباٗنی ہِبدایتھ دِنی ــــ

بَیاض۔ (م۔ک۔ بیاض۔ مؤل: بیاض۔
(ع: بَیاض۔)
(۱) بہی۔ بہی کھاتہٕ۔ حساب بیترِ
لیکھنچ رجسٹر۔ (۲) نوٹ بُک۔ قلمی دیوان
سوٕ کاپی یَتھ پیٹھ شاعرن پننہٕ اَتھہٕ
پاٹھ آسن لیکھی متی۔

بَیان۔ (ن۔ک۔ بیان۔ مؤل: بیان۔
(ع: بیان۔ (بین۔)

یہِ کینژھا زبانٕی یا لیکھتھ وننہٕ ییہِ

بیان کرُن ۔ وَنُن ۔ حال بوزناوُن ۔

بیانکھ ۔ (ک : بیانکھ ۔ مؤل : بیانک ۔
(س : بھیانکہ ۔)

خوف ناکھ ۔ خطرناکھ ۔ ہَیبتھ ناکھ
یہِ وُچھنہٕ کھوٗژی زِ ۔ یتھ وُچھنہٕ
کھوٗژن ییہِ ۔۔۔

بَیہِ عا ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بَیہِ ۔ مؤل : بے ۔ (س:
بھیہ ۔)

خوف ۔ بیم ۔ ڈر ۔ ترٛاس ۔۔۔

بَیس تَل تھوٗن ۔ کھوژناوِتھ کانٛہہ
پننِس اتھس منز رٹُن ۔ بیمس تَل
تھوٗن ۔ بَیس تَل روزُن ۔ کھوژِتھ
روزُن ۔ خوفس تَل روزُن ۔۔۔

بَیہِ تھوٗن ۔ (کانٛسہِ) خوف تھوٗن ۔
بیم تھوٗن ۔۔۔

بَیہِ دیُن ۔ کھوژناوُن ۔ ترٛہِر ناوُن ۔

بَیہِ لوٗس ۔ بے خوف ۔ یُس نہٕ
کھوژِ ۔ نڈر ۔۔۔

بَیہِ روزُن ۔ بیم روزُن ۔ ڈر روزُن
خوف روزُن ۔ کھوژِتھ روزُن ۔
خوف کھینہٕ پتہٕ تُھتھی حالس منز
روزُن ۔۔۔

بَیہِ ژھٹھ ۔ بیہِ سیٖتی ژھٹھ پھیرِتھ
گرٛشھنی ۔ وُہمہ گرٛشھن ۔ پھیٖرٛ ژھٹھ گرٛشھن

بَیہِ سوٚست ۔ بَیہِ سان ۔ خوفناکھ
یہِ وُچھنہٕ کھوٗژی زِ ۔۔۔

بَیہِ کھیوٚن ۔ کھوژُن ۔ خوف کھیوٚن
روب ہیوٚن ۔ بیم رٹُن ۔ ترٛاس کھیوٚن ۔

بَیہِ ولوٚت ۔ کھوژمُت ۔ یَس کانٛہہ
سَخ بیم آسہِ ۔ ترٛہِر یومُت ۔

بَیہِ ہَژرہ ۔ بَیہِ ہوٚت آسُن ۔ خوف
زدٕ آسُن ۔ سوٚ حالتھ یوس بے
پٕھینہٕ گرٛشھان پھےٚ ۔۔۔

بَیہِ ہاوُن ۔ کھوژناوُن ۔ بیم تھوٗن
خوفہٕ سیٖتی ژمراوُن ۔۔۔

بَیہِ ہوٚت ۔ کھوژمُت ۔ خوفہٕ سیٖتی
ژمیوٗمُت ۔ خوف زدٕ ۔۔۔

بَیہ ع۲ - (ن-ک-بَیہ-مۆل : بے-
دس : بھیہ-)

(زارس منز) شرط-داو-
بَیتَل-یس پھرڈی بازِین-یس
باز پھرڈ آسہ نیران-
بَیتھ- زارک پھرڈ باز-

# با

با ع۱- (دک : بایہِ دس : بھراتر)
"بایہ" لفظک ژھوٹ، م : ہیتہ
یا کیا با = ہیتہ بایہ کیا بایہ-

با ع۲- (دف : با-)
سان-یہ چھ اکھ بزدوشہ لوگ
م : با ادب-با نشان-بیتر-

با ادب- ادبہ وول-یس ادب
آسہ-تمیز دار، تمیز سان-زچھرگاٹر
زانن وول-

باب- (ن-ک-باب-مۆل : باب-
دع : باب-)

کتابہ ہُند کانہہ اکھ حصہ-

بابَنی- (م-ک-بابنی-مۆل : بابَن-)
یہ چھ اکھ پوت لوگ-م : برقہ
بابنی-بابے-زُنی-

بابہ- (ن-ک-بابہ-مۆل : باب-دف :
بابا-)

بَب-مول-(کُنہ کُنہ) بڈی بب-
گرک زیٹھ-پرتس تہ درویش
انسانس تہ ونان-

بابُو- (ن-ک-بابُو-مۆل : بابُو-دس : وپتا
یا وپرہ + اکر-)
بوب-ینز تہ سان بنگالس ونان-

بابُوٗ نہ، بوبُوٗ نہ- (ن-ک-بابُونہ/بوبُونہ
مۆل : بابُون/بوبُون-)
اکھ بُوٹی-اکہ پوشک ناو-

بابھتر، بابپھتر- (ن-ک-بابھتر-مۆل :
بابھتر-دک : بابہ + پتر-دس : بھراتر
+ پُترہ-)
بابے سُنْد نیچو-

باپتھ۔ (ف : بابت۔)

موکھ۔ پرٛتھی۔ خاطرٕ۔ سببہٕ —

باپتھ نوش۔ (ک: باپوٗتھر+نوش۔

(س : بھراتر+ تیرٛہ +سنشا۔)

باپتھر سٕنز کوے۔ بآے سٕندِس

نیٛچوٚ سٕنز آشنی —

باپار۔ (ن۔ک۔ باپار۔ مۆل : باپار۔

(س : وٛیا پارٛہ۔)

(۱) تجارتھ بیترِ۔ کاربار۔ (۲) ورتاو

ہم : فقیر باپار۔ چآری باپار بیترِ۔

باپآری۔ بوٚڈ تاجِر۔ یُس تجارتُک

سیٹھا کار بار آسہ۔

باتہٕ۔ (م۔ک۔ باتہٕ۔ مۆل : بات۔

(س : بھاتہٕ۔)

(۱) شوٗبہٕ۔ پنز۔ ہم : یہٕ باتہٕ ہٕنز۔

(۲) عقلہٕ منز۔ زآتی منز —

باتہٕ اَنُن۔ گاشس اَندر اَنُن۔

ورگہٕ وبرٛتھناوُن۔ فِکرِ تارُن،

ہاوُن ——

باتہٕ کھسُن۔ پوٗر پآٹھی درٛ نِشچِھ یُن۔

تنہٕ پآٹھی بوزنہٕ یُن۔ ٹارِ کھسُن۔ فِکرِ

کھسُن۔ اُچھ تلٕ یُن ——

باتہٕ یُن۔ باتہٕ کھسُن ——

باتھ۔ (م۔ک۔ باتھ۔ مۆل : بات (س:

وارتا۔)

(۱) کتھ۔ (۲) معاملہٕ۔ ہم : یہٕ کوسہٕ

باتھ چھےٚ۔ (۳) وَتھ۔ تدبیر —

باٹُر۔ (ن۔ک۔ باٹر۔ مۆل : باٹر۔ (س :

ورتِکا۔ (م۔ ہ : بٹیر۔)

(وُپھوٗن) اکھ جانادار ——

باٹُر اَتھہِ لگُن۔ باٹر اَتھس منز یُن۔

بُڈ تھچھا اَتھہِ لگنی۔ تِتھُے کینٛہہ یا کانٛہہ

اَتھس منز یُن یمہٕ سیتی بوٚڈ مطلبا نیرِ۔

باٹُر پیوٗن۔ تِیچھ ہٕنٛز بٔرا شیٚھتھے آسہٕ

تی لبُن۔ دارِ کِنی اُنزُ یُن ——

باٹھۍرا۔ (ن۔ک۔ باٹھر۔ مۆل : باٹھر۔)

(۱) یہ کیٚشرٛھا کُلِس تھلِتھ آسہٕ درٛامُت

(۲) گُنڈٕی زنڈٕ۔ گُنڈٕی دعہ پھہ (گرِیرِتن)

باٹھ ع۲۔ (ان۔ک۔ باٹھ۔ مؤل: بھاٹھ۔
(س: بھٹ (م: ہ۔ بھاٹ۔)
راجہ یا راز ہِندی گوِن گیون
وول۔ (یہ اوس راز س نیندرِ وُزناونہ
باپتھ تُسُند بجر گیوان۔)
باٹھہِ بارے۔ (۱) یوسہ راز ہِندی
گوِن اَس گیوان۔ (۲) باٹھہِ سنز کوٗلے۔
باٹھہٕ ٹِل۔ وَدن تہٕ اَتھر۔ وَدن
پاَتھر۔ (یتھہِ کُنہ "باٹھ" نیندرِ،
وۄ تھوٗنے آسی راز ہِندی گوِن
گیون وِزِ لاگان۔)
باٹھہٕ ٹِل لگنی۔ وَدن وان لگُن۔
باکہِ باکھ گژھنی ــــ
باٹھہ لاگُن۔ وَدن وان لاگُن۔
ٹینگہِ دِنہِ ــــ
باٹھہ وہارُن۔ وَدن وان تُلُن۔
تِتھہِ کُنی وَدُن زَنتہٕ کاٗنسِہ لویمُت
آسہِ۔ باَٹِھل۔ باٹھہِ سُند کار۔
باٹھگی۔ یَڈِن موہنوِن ہِندی گوِن

گیوٚنچ کام ــــ
باج۔ (ان۔ک۔ باج۔ مؤل: باج ــــ
(ف: باج۔)
زرج۔ خراج۔ تم ذیاریم حاکمس
کُن پین تارِنی۔ ٹیکس ــــ
باجہ وول۔ (۱) یُس باج تاران
یا دِوان آسہِ۔ یُس باج دِنس
قابِل آسہِ۔ (۲) سُہ چیز یتر یتھ
پیٹھ باج دِیُن کھسہِ ــــ
باجدار۔ (۱) یُس باج دِیہ۔ (۲) یتھ
پیٹھ باج ہیٚنہ یِیہِ ــــ
باج لگُن۔ باج دُیِن پیوٚن ــــ
(تُسُند یُس نہ بڑوٗنہہ دِوان آسہے)
زرج کھسنی۔ (تتھ چیزس یتر پیٹھ
یتھ نہ بڑوٗنہہ آس۔) ٹیکس لگُن۔
باجہ۔ (ان۔ک۔ باجہ۔ مؤل: باج ــــ
(س: وادیہ۔)
اکھ ساز۔ اکہِ سازُک ناد۔
باجہ وول۔ باجہ دایِن وول۔

باچہٕ کٔنِنہٕ دوٗل

باجرٕ¹ (م۔ک۔ باجِر۔ موٗل : باجر۔

~~(س : بیٖج + اِر۔)~~ ه ۔ ہجری

بیٖج ریٖچ روٗڑِ ہ۔

باجرٕ²۔ (م۔ک۔ باجِر۔ موٗل : باجِر۔ (س:

واجہٕ + ر۔ (مُ ہ : باجرا۔)

اکہِ قسمُک اناج ــــ

باجر۔ (م۔ک۔ باجر۔ موٗل : باجر ــــ

(س : بھاجک۔ (سَر ولیم مولیر) m W52 / c.2

چھاَر۔ بانبر۔ جلدی ــــ

باجر پاوٕنی ــــ چھاَر ژھنٕنی۔ بانبر

ژھنٕنی ــــ باجر پٔیِنۍ ــــ چھاَر پٔیِنۍ۔

بانبر پٔیِنۍ ــــ

باجر لَد ــــ یُس بانبر منز آسہِ۔ بانبر

لَدہ یُس چھاَر آسہِ۔ یُس سخ جلدی

منز آسہِ ــــ

باچہٕ بَٹھ ــــ (ن۔ک۔ باچہٕ بَٹھ۔ موٗل :

باچہٕ بَٹ۔ (س : بھاشا + بھٹ یا

واچہٕ + بھٹ۔)

سُہ بڑ ہمُن یُس تر تھَس پیٹھ پوٗرا

تہٕ شرٛاد یا ٔتھ ہاوناوُنس لگان

آسہِ۔ پَنڈِ۔ م : باچہٕ بَٹھ بایہِ

باچہٕ بَٹھٕنۍ باچہٕ بھٹہ سٕنٛز زنانہٕ یا گرداجنہٕ

آسٕنٛز زنانہٕ یُس تر تھَس پیٹھ شرٛاد

یا ٔتھ آسہِ کرناوان ــــ

باچہٕ بَٹھ تون۔ باچہٕ بَٹھگی۔ باچہٕ

بَٹھ بایار ــــ

باچہٕ بَٹھ دوٗر۔ باچہٕ بَٹن ہٕنٛز جماعتھ

پَنڈِ دوٗر ــــ

باچہٕ کُٹٕل۔ باچہٕ بَٹھ سُند کار۔

باد۔ (ن۔ک۔ باد۔ موٗل : باد۔ (ف:

باد = س : واتہٕ۔)

ہوا۔ ژٕنٛٹھ ــــ

بادِ لَد ــــ یُس بادِ بیماری آسہِ۔ ژٕنٛٹھِ تَل

ؤرگہِ شِکٕس لَد ــــ گاٹٕنٛز لَد ــــ

بادپکُن ــــ ہوا پکنچ بیماری۔ ژٕنٛٹھ

ترٛاوٕنی ــــ

بادپٔیِنۍ ــــ ہوا پکنُک روٗگ پیوٗن۔

ژٕنٛٹہٕ تڑٛادنُک رۄگ کرُن ــــ
بأدٕ ہٕتھ ـ ہوا پکنُک رۄگ ـ
ژٕنٛٹہٕ پکنُک رۄگ ــــ

**بادَم، بادام** ـ (ن ـ ک ـ بادَم / بادام ــــ
مۄل : بادَم ـ (ف : بادام ـ س :
واتام ـ)
اَکھ کینٛچہٕ دار میوٕ ــــ

**بادَم پھُلے** ـ بادام کُلِس اَژٕہ
سوشتہٕ پھوٚلِہ یِتھ پوش ــــ

**بادَم گۆج** ـ (۱) بادامُک سُہ حِصہٕ
یُس کُنٛڈ پھُٹِتھ اَمہٕ اَندٕر کڈان
چھ ـ (۲) جان گرٕچ کوٗر ـ خانہٕ مأج
کوٗر ـ معصوٗم کوٗر ــــ

**بادام ٹیوٚک** ـ بادام شکلِہ ٹیوٚک ـ

**بادام شیٖر** ـ آب تہٕ آوِتھ گٔھیتھ تہٕ
رٕٹِتھ بادامہٕ ــــ

**بادأمی** ـ (۱) بادام رَنٛگہٕ ـ بادام رٔنٛگ
پیٛٹھ ـ (۲) بادام شکلِہ ہِم ؛ بادأمی
چشمہٕ ــــ

**بادُن، بڑادُن** ـ (ن ـ ک ـ بادُن / بڑادُن
مۄل : باد ـ (باد، بڑاد + اُن (س :
وَردھ ـ)
زٕرٕو لدُن ـ نکھس کھسُن، اُٹھس
کھسُن ـ اَگاد کرُن ـ تیز زُن ــــ

**بادٕناوُن، بڑادٕناوُن** ـ نکھس کھاٚر
ناوُن ـ زٕرٕو لدناوُن ـ اَگادٕ کرناوُن ـ
تیز زٕناوُن ــــ

**بادٕوور** ـ (ن ـ ک ـ بادٕوور ـ مۄل : بادٕوار
(ف : باد + ک ـ وار ؟ ـ)
اَزرٕوُن ـ کانٛسہٕ ہِنٛدِ بجر دزُن ـ
بیٛیس سُنٛد بجر تہٕ زٕروِتھ ہیکُن ـ

**بادٕوور کرُن** ـ حَسدٕ سیتی کانٛسہٕ زالُن

**بادٕوور گرٛشُن** ـ اَزرٕوُن یُن ـ بیٛیہ
سُنٛد بجر تہٕ زٕروِتھ ہیکُن ـ بیٛیہ
سُنٛدِ دزُن ــــ

**بادٕوور وٕتھُن** ـ اَزرٕوُن یُن ـ
حَسد گرٛشُن ـ زٕروِتھ نہٕ ہیکُن ــــ

**بادشاہ، پادشاہ** ـ (ن ـ ک ـ بادشاہ ـ

مۄل : بادشاہ ۔ (ف : بادشاہ <
بادشاہ ۔)

سُلطان ۔ مُلکُک راز ۔۔

بادشاہی ۔ راز سی ۔ بادشاہ سُنٛد
ہیٚوٚہ بجر ۔۔ بادشاہی وَتھ شاہی
سڑک ۔ شاہی وَتھ ۔ سو وُتھ یَیارٕ
بادشاہ سُنٛز سوأرۍ نیران آسہٕ ۔

باڑٕو ۔ (ا ن ۔ک ۔ باڑٕو ۔ مۄل : باڑ ۔
دک : باڑ < بڑ (س : وردھ)
بجر ۔ تھزر ۔ کاڑ ۔۔

باڑٕو اٚژُن ۔ (اِنسان سُنٛد)
کمِسے کالس منٛز تھدُن تہٕ بڑُن ۔
کلہٕن کیٚتہٕن ہُنٛد تھدُن تہٕ پھبُن ۔

باڑٕو دار ۔ سیٚٹھا کھوٚل تہٕ بوٚڈ
(باغ بیتر) ۔ سیٚٹھا کھجر تہٕ زیچھر
(زِلو بیتر) ۔ وار یا جایہ پیٚٹھ پھلِتھ
(کُل کوٗٹ بیتر) ۔

باڑٕوینُ ۔ کھجر یا تھزر بُتھ رُکاوٹھ
بنُن (تھس یا ژُھنیس بیتر ۔)

بارعا ۔ (ا ن ۔ک ۔ بار ۔ مۄل : بار ۔۔
< س : بھارہ = ف : بار ۔)
وَزَن ۔ بور ۔ گوٚبُر ۔ وَزنٕہ کِنۍ
تیوٗت یوٗت تُلِتھ ہیٚکہِ نہٕ ۔ م :
دوٗشہٕ بار بیتر ۔۔

باروول ۔ یُس یا یتھ پیٚٹھ سیٚٹھا
گوٚبُر آسہٕ ۔ یُس یا یتھ پیٚٹھ واریاہ
بور آسہٕ ۔۔

باردار ۔ (۱) بُرژ زنانہٕ ۔ گوٚبہٕ کھوٚرُ
زنانہٕ ۔ دُجانہٕ ۔ (۲) گوٚب ۔ سوٚن ۔
(اِنسان ۔)

باردار گرٛژھُن ۔ گوٚب گرٛژھُن پیٚٹھ
بور پیوٚن ۔ ذِمہٕ دأرۍ بڑٕنۍ ۔۔

بار ژھٕنُن ۔ کانٛہہ مُشکِل کام بیتر
پُشرُنۍ ۔ یہٕ نہٕ یُس تگہِ تس تی
مَٹہِ تھوٚن ۔۔

بارہینٛز ۔ کأنٛسہِ ہنٛدۍ یا پھہینٛز
گوٚناہ ہینٛز ۔۔

بارہیٚون ۔ ذِمہٕ دأرۍ ہینٛز ۔ مَٹہِ

ہیُون ۔ پانَس پیٹھ ہیُون ۔۔

بارع٢ ۔ (ف : بار (ژند وارے س : وارَہ ۔)
Zend

لٹھ ۔ پھِر ۔ موقہ ۔ وِز ۔ دأرۍ ۔ یار ۔ بار ۔ وِزِ وِزِ ۔ وَقتہٕ بےٚوقتہٕ گرِ گرِ ۔ بیٚنیہِ تہٕ بیٚنیہِ ۔۔

بارَو ع١ ۔ (ان ۔ک ۔ بارَو ۔ موٗل : بارو)
بِداد ۔ کأنسہِ ہنٛدِ ظُلمچ شکایتھ فرٕیاد ۔۔ Prob. Shah = noise

بارَو دِنۍ ۔ بِداد دِنۍ ۔ بٔیِس نِش شکایتھ کرٕنۍ ۔ بٔیِس فرٕیاد کرُن ۔ بٔیِس نِش دٕین لیشُن ۔۔

بارَو دیُن ۔ کٔنٛسێ وۄرۍ وۄرۍ ووٚتھُن ۔ م : ژۄر تہٕ مار چھ بارَو دِوان ۔۔

بارَو لگُن ۔ شور ووٚتھُن، کٔنۍ ژھانٛڈرو لگُن ۔ بارَون اژُن ۔ بِدادس پیٹھ واتُن ۔ فرٕیاد تہٕ فرٕیاد کرٕنۍ ۔ شکایژ پیٹھ، شکایتھ کرٕنۍ ۔ اۆڈ زاڈ کرٕنۍ ہیٚنۍ ۔ وَدنَس کھسُن ۔۔

بارَون لگُن ۔ (۱) شکایژن تہٕ اِلزامن ہُنٛد نِشانہٕ بنُن ۔ (۲) بِدرَد وہنَس پیٹھ واتُن ۔۔

بارِ ع١ ۔ (ان ۔ک ۔ بارِ ۔ موٗل : بار)
توٗلُک اکھ قسم یُس پہأڑی تہٕ کنٛجہِ علاقن منز دوہ پداوٕ نہٕ چھ یِوان

بارِ ع٢ ۔ (ان ۔ک ۔ بارِ ۔ موٗل : بارِ)
اکِہ میوٗک ناو یُس پہأڑی علاقن منز خودرَو گُنڈی دوہپن نیران چھ

بارِ تھر ۔ اکِہ گُنڈی دوہ پھیک ناو ۔

بارِ دوہپھ ۔ بارِ کلین ہُنٛد نٔنٛڈ ۔

بارِ زال ۔ بارِ دوہپو سیٚتی بُرِتھ جاے ۔ سوہ جاے یتہٕ واریا بارِ دوہپھ آسن ۔۔

بارِ کوٗنٛڈ ۔ بارِ گُلہٕک تیز تہٕ زلۆٹھ کوٗنٛڈ ۔ بارِ واجِنۍ ۔ سوہ زنانہٕ یوس بارِ میوٕ سوٗمبراوان تہٕ کِنان چھےٚ ۔۔

بارٕتنگ ۔ پُتھرِس سیتی کھٔٮ
وِنہٕ اکِہ زنٛڈٕک ناو۔

بارٕ ع۳۔ (س : بھارہ ۔ (ہُ : ہ : بھار)
سیٹھا گوٚب ۔ وار یا وزنی ۔ وزن
دار۔ بارٕ پیٚون ۔ کانٛہہ کام بیترِ
پیٹھ پیٚنٛز۔

بارٕ ع۴۔ (ن ۔ک ۔ بارٕ ۔ مؤل : بار۔
(س : بھرٛاشٹرہ ۔ (ہُ ۔ ہ : بھاڑ)
برٛبُزہ گجٕ۔

بارٕتُن ۔ ل۔م ۔ برٛبُزہ گجٕ تَتی۔
(۱) پٔتِس پیٹھ واتُن ۔ لاچارٕ ہٕنز
حالتھ گژھنی۔

بار یاٛٹر ۔ رٕوُن تہٕ کوٚرے ۔ یاٛٹرٕ۔

بارٕ نی ۔ (س : بھرٛاتٕر + بھگِنی ۔)
بیٛنہٕ یاٛے۔

بارٕنی تون ۔ بارٕنین ہُنٛد یا ہٕنٛدٕ وِنی
اکھ اُکِس سیتی ماے محبت تہٕ ورتاو
بیتر ۔ تِھژُے ماے محبت تہٕ ورتاو بیترِ
یُتھ یا ہٕنٛدٕ وِنی بارٕنین آسان چھُ۔

بارُس ۔ (ن ۔ک ۔ بارُس ۔ مؤل : بارس)
کُشیرِ ہٕنٛدِ اکِہ گامُک ناو۔

بارس ۔ (ن ۔ک ۔ بارس ۔ مؤل : بارس
(بھارشیٛہ ۔ (بھرٛشہ ۔)
ازٕ بحر ۔ یہ لفظ چھُ نہٕ الگ
یوان اِستعمال کرنہٕ ۔

بارَس اَنُن ۔ بوٚڈ بناوُن ۔ بحر دِیُن
مالامال کرُن ۔

بارَس آمُت ۔ (۱) بوٚڈ بنیومُت
بحر لوٚبمُت ۔ (۲) پھیٚرٕ لَس آمُت ۔
اُچھن کھوٚتمُت (ہرزِ یا ٹھی)۔

بارَس یُن ۔ مالامال گژھُن ۔ بوٚڈ
بنُن ۔ تھزر پراوُن ۔

باز ع۱ ۔ (ن ۔ک ۔ باز ۔ مؤل : باز۔
(ف : باز ۔)
(۱) واپَس ۔ پوٚت پھیرِتھ۔
(۲) بیٛیہ ۔ دُبارٕ۔

باز ع۲ ۔ (ن ۔ک ۔ باز ۔ مؤل : باز۔
(ف : باز ۔)

Hayer

(زار گنڈِنَس منز) اکھ وآری۔

داد۔ **بازپیوٚن** ۔ باز سیٚود گژھن۔

باز پھرٕ ڈٕژ پیون ۔ باز زیٚن ۔ تاس

پیٚون ۔ میر گژھن ۔ باکھ پیٚون ۔۔

پونچھتہ باز ۔ زارس منز سٕہ باز یتھ منز

زیٚچھ زِ ۔ پھرٕ ڈٕژ باز ۔۔

خام باز ۔ زارس منز سٕہ باز یتھ منز

ہارہ زِ ۔ پھیٚشِل باز ۔۔

**بازر** ۔ (ن ۔ک ۔ بازر ۔ موٗل : بازر ۔ (ف :

بازار ۔)

سو جاے یتہِ داریا وان آسن ۔

**بازر اژُن** ۔ وانہ وانہ پھیرتھ تہٕ

فوٚضوٗل ڈیار ڈُڑاوتھ پھکھ اژنی ۔

**بازر ژانُن** ۔ بازرک چیٚشی کرٕ ژانُن۔

چیزِ ییتہِ موٚلہِ ہیٚنس پیٹھ ڈیار ڈُڑاوتھ

پھکھ ژانُن ۔۔

**بازر وُچھُن** ۔ (بازرس منز) ۔ کُنہ

چیزُک موٚل سَر کرُن ۔ کُنہ چیزس بازرُک

قیمتھ وُچھتھ موٚل گنڈُن ۔۔

**بازری** ۔ یتھ یا یُس بازرس سیتی

توٗلُق آسہِ ۔ یہِ کینژھا عام یا ٹھو بازر

کِنُن آسہِ ۔ موعمولی ۔ عام ۔ یتھ یا

یُس خاص کانْہہ اہمیت آسہِ نہٕ ۔

وُسی پایہِ ۔ بوٚزی میہ درچک ۔۔

**بازری جوش** ۔ ٹُلہ تاو ۔۔

**بازر بنگہہ** ۔ (م ۔ک ۔ بازر بنگہہ ۔ موٗل : بازر

بنگ ۔ (س : واج + ر + بھنگہ ۔)

اکھ قسمُک اناج ۔۔

**باس** ۔ (ن ۔ک ۔ باس ۔ موٗل : باس ۔۔

(س : بھاس ۔)

ایحساس ۔ ژینُن ۔۔

**باسہٕ ژُن** ۔ یہِ نہٕ دژ پنٹھی آسہِ پوان

تہِ وتہِ پنٹھی اژُن ۔ باسناوُن ۔ ایحساس

دیُن ۔ ژینہٕ ناوُن ۔۔

**باسہٕ وُن** ۔ بوزنہٕ یِوُن ۔ یہِ دژ نٹھ

ہیٚکہِ یتھ ۔ یہِ توٚن آسہِ ۔ یہِ پرٕڈٕ کھٹِ

آسہِ ۔ **باسُن** ۔ دا، موحوس سپدُن

بوزنہٕ یُن ۔ نظرِ ہیٚیوہٕ گژھن ۔ ژینُن ۔

(۲) بڑ دنتھ گرٕزھن —

باسناوُن ۔ دزٕ نیٚتھٕ اُنُن ۔ فکرِ تارُن ۔ ژینہٕ ناوُن —

باسکر ۔ (ن ۔ ک ۔ باسکر ۔ موٗل : باسکر ۔ (س : بھاسکرہ ۔)

سِرِی یہٕ ۔ اَفتابہٕ —

باسمتھ ۔ (م ۔ ک ۔ باسمتھ ۔ موٗل : باسمت (ہ : باسمتی (باس = خوشبوٗ ۔)

اکھ زاٗدِ ج داں ذاتھ یمِکُ توٗل سفید ، زاٗدیُل تہٕ مُشکدار آسان چھُ ۔ باسمُتی ۔ باسمتھ زاٗژ ہنٛد باسمُتی گود ۔ اکھ لوکُٹ تہٕ سفید گاٗری ذاتھ —

باش ۔ (ن ۔ ک ۔ باش ۔ موٗل : باش ۔ (س : بھاشا ؟ ۔)

بوزٕ شوژ ۔ وُطِر ۔ تمیز ۔ ووقوف

باشہِ روٗس ۔ بےٚ بوش یُس نہٕ کانھہ گاٹہٕ آسہِ ۔ یُس نہٕ بوزٕ شوژ آسہِ —

باشہِ وول ۔ یُس بوزٕ شوژ آسہِ ۔ یُس جان وُطِر آسہِ —

باش تھوُن ۔ بوزٕ شوژ آسنی ۔ گاٹہٕ آسُن

باشا —— (م ۔ ک ۔ باشا ۔ موٗل : باشا ۔ (س : بھاشا ۔)

زبان ۔ زٕیو ۔ بوٗلی —

باشہ ع۱ ۔ (م ۔ ک ۔ باشہِ ۔ موٗل : باش (س : بھاشا ۔)

مُشرِی سُنٛد بول بوش ۔ کُلہِ شُرٕ کتھہٕ جانا دارِن ہُنٛد بول بوش ۔

باشہٕ کرنہٕ ۔ مُشرِی سُنٛد کتھہٕ کرنہٕ ہیُون بول بوش کرُن —

باشُن ۔ (۱) کتھہِ باتھہٕ کرنہٕ ۔ لفظ بولنی ہیٚنی ۔ (۲) گُشرُن ، زانُن ، مانُن ، دِیُن ۔ جم : تمی کوٗرُس مول باشتھ سیٹھا یَزتھ ۔ (۳) زٕیوٕ کڈُن (خاص کُرِتھ کُنہٕ رِپُرٕ ، شرادس بیتر پیٹھ ۔)

باشرُن ۔ کتھہِ کرنہٕ ہیٚچھناوُن ۔ بوُلُن ہیٚچھناوُن (مُشر بیتر ۔) باشہٕ کرناوُن ۔

بوشمُت ۔ نیٚبرٕ کنہ ووٚتھمُت ۔ زیٖلوٚ
کوٚڈمُت ۔ (خاص کرِتھ کُنہِ کرٕٹے
یا یہٕ، شرادس پأتھس بیتر پیٹھ ۔)
باشہ عہ۲ ۔ پأز ۔ بہر ۔ وأڈیل ۔۔۔
باغ ۔ (ن ۔ ک ۔ باغ ۔ موٗل : باغ ۔
(ف : باغ ۔)
وأر ۔ (پوشہ کُلین تہٕ میوٕ کُلین
ہنٛز ۔) باغہٕ بَبر ۔۔۔ اکھ لوکُٹ تہٕ
خوشوٗن کُل یُس باغس منٛز کھسان
چھُ ۔ وُچھو "بَبر" تہٕ ۔۔۔
باغہٕ لوٚمبر ۔ (۱) سو پوشہ ذاتھ
یوس پوشن ہُنٛد ولہٕ ٹُلان چھےٚ ۔
(۲) زنانہٕ موٗت ۔
باغہٕ دأر ۔ باغہٕ طرفٕچ دأر ۔ کرہٕ ہنٛز
سو دأر یوس باغس کُن آسہ ۔۔۔
باغہٕ موے ۔ لوکُٹ موکُٹ باغ
باغہٕ وول ۔ باغُک مألِک ۔ یُسٕنٛد
باغ آسہ ۔ یُس باغ آسہ ۔۔۔
باغُک ۔ شہ یا تہٕ ینتھ باغس سیتہٕ

واٹھ آسہ ۔ تہٕ کینٛژھا یہٕ باغس منٛز
وو پدٕ یوٚمُت آسہِ ۔۔۔
باغوان ۔ باغ لاگن وول ۔ یُس
باغ لاگہِ ۔ باغس رأچھ کرن وول ۔
باغوأنیل ۔ باغوانہٕ سُنٛد کار ۔۔۔
باقے ۔ (ن ۔ ک ۔ باقے ۔ موٗل : باقے ۔
(ع : باقی ۔)
پتھ کُن روٗدمُت ۔ پتھ کُن تھوٚومُت
ہُریوٚمُت ۔ ہُریا تہٕ ۔۔۔
باکلہٕ ۔ (م ۔ ک ۔ باکلہٕ ۔ موٗل : باکل ۔) بوگلہٕ
ع ۔ باقلے
باکھ ۔۔۔۔ (م ۔ ک ۔ باکھ
موٗل : باک ۔ (س : بھش ؟)
وَدن کرٕکھ ۔۔۔
باکھ تراوٕنی ۔ بڑٕ وَدُن ہیوٚن ۔
بڑٕ بڑٕ وَدن کرٕکہٕ دِنہ ۔ (خاص کرِتھ
کأنسہِ ہندِس مرنس پیٹھ ۔)
باکھ تھوٕنی ۔ ماتمُک وَدُن تہٕ رِوُن
بنٛد کرُن ۔ وَدنس ژھینٛ دِیُن ۔
باکھ چکھ، باکھ چکھ، باکھ چکھ دِنی ۔ وَدن

کرٕکھ دِنی۔ (بیٚتھ لوٗکن رحم ییِہ)

باکھ ژھٹنی۔ دہ کھہ سیٚتی دم گژھنہٕ
کِنی یا دُتارِ ییٚنہٕ پیٚتہٕ وَدُن کرٕکھ
نیرِتھ ژھنی۔

باکھ لاینی۔ زیٚٹھ وَدُن کرٕکھ دِنی۔

باکَل۔ وَدٕوُن۔ یُس گرِ گرِ باکہٕ
ژھٹِہ۔ یُس گرِ تہٕ گرِ وَدِ۔

باکہِ وَدُن۔ بڈٕ بڈٕ سیٚٹھا وَدُن
کرٕکہٕ دِنہٕ۔ بڈٕ بڈٕ وَدُن وان لاگُن۔

باکہٕ باکھ۔ وِدِ وَد۔ وَدُن وان۔
(افسوس ظاہر کرنہٕ موکھہٕ۔)

باکہٕ بُتھ۔ یُس دِیہ ؤن بُتھ آسہِ۔
یُس دِیہ ؤن ڈیکہٕ آسہِ۔ یُس وِدٕوُن
بچور ہیٚوٗہ آسہِ۔

باکہٕ بکر۔ بوٗ تیمار۔ یُس بُتھس دِیہ
وِنی دِژہ آسہِ۔

باکہٕ بزور۔ یُس پزٕتھ ساتہٕ وَدُن
وان آسہِ لاگان۔ یُس زیر بیٚتی وَدِ۔
وَدٕوُن شُر۔

باکوٗل۔ (۱) بوٗڈٕ آسیتھ پیٚشن پیٚٹھ
وَدُن وان لاگن ووٗل۔ (۲) وِدٕوُن
شُر۔ باکھُن۔ (ن۔ک۔ باکھُن۔
موٗل: باکھن۔)
ودلُن۔ باکھنیوٗمُت۔ دولیوٗمُت۔

باگ۔ (ن۔ک۔ باگ۔ موٗل: باگ۔
س: بھاگہ۔)
(۱) بوگ۔ حِصہ۔ حَصل۔ (۲) جاییہِ ہُنٛد
کانٛہہ خاص حِصہ۔ م: اَنٛز باگ۔
منٛز باگ۔ بیتر۔

باگے، باگنے۔ حِصہ بٲے۔ حِصہ
کرٕنی۔ باگے بوزٕنی، باگنے بوزٕنی۔
باگراونس منٛز بوزٕ شوژِ سان
پکُن۔ باگے نیرٕنی۔ باگنے نیرٕنی۔
پوٗرٕ حِصہ نیرٕنی۔ برکتھ نیرٕنی۔

باگہٕ ہار۔ گرٕ نٛز ہُنٛد کانٛہہ حِصہ م:
ژوٗر ہارٕ گوٚ ہیٚتہٕ منٛز ژوٗر حِصہ۔
(یہ چھہ خاص کرِتھ دراشتھ باگراونس
منٛز وَننہٕ یوان۔)

باگ دیُن ۔ بٲگراوُن ۔ تقسیم کرُن
بٲگۍ کرٕنۍ ۔ حِصہٕ بٲگراے کرٕنۍ ۔۔۔
بھالوُن ۔۔۔
باگنیہ دار ۔ یتھ پوٚر حِصہٕ گژھِن ۔
یہ سارٕنۍ پوشہِ ۔ یتھ باگے ییٚر ۔۔۔
باگنی ۔ (م ۔ک ۔ باگنی ۔ موٗل : باگنی ۔ (س :
بھاگ + ک ۔ اِنی ۔)
حِصہٕ بٲٹھی ۔۔۔
باگنیٖن ۔ ل ۔م ۔ حِصص کھسُن (اکوٚلیہ
ہُشد) ۔ نیبتھری یُن (زنہٕ ہُشد ۔)
باگہ ۔ (ن ۔ک ۔ باگہ ۔ موٗل : باگہ ۔ کُشٲگیہ)
نُصیبہٕ ۔ خوش قسمتی ۔۔۔
باگہٕ بوٚرُت ۔ (۱) دیوٚٹھ پوٚٹھ
(خاص کرِتھ انسان ۔) (۲) ، باگوان ۔
آسن بسن وول ۔ اوسوٗدٕ حال ۔۔۔
باگہٕ بوٚڈ ۔ قسمتہٕ وول ۔ بختہٕ بوٚڈ ۔
ڈیکہٕ بوٚڈ ۔ گذارٕ وول ۔ پاپرٕ جا ۔
باگہٕ وان ۔ بختہٕ بوٚڈ ۔ قسمتہٕ وول ۔
خوش قسمتھ ۔ اوسوٗدٕ حال ۔ گذارٕ

وول ۔ بجا تہٕ پاپرٕ جا ۔۔۔
باگہٕ وآنی ۔ خوش قسمتی ۔ بختہٕ بجر ۔
خوشحالی ۔ پاپرٕ جایی ۔۔۔
باگہٕ ہیٖوٚن ۔ بدٕ قسمتھ ۔ بد نُصیب
کھوٚٹہٕ قسمتھ ۔۔۔
بال ع۱ ۔ (ن ۔ک ۔ بال ۔ موٗل : بال ۔)
(۱) کوٚہ ۔ پہاڑ ۔ سنگر ۔ (۲) بوٚٹھ
(دُری یا ڈک ۔) ۔ م : نادرٕ ٹھ بال ۔
بالہٕ بالہٕ ۔ کوٚہ ہوٚ پیٹھی ۔ کوٚہ ہوکنی ۔۔۔
ورگہٕ جنگلی دتو ۔۔۔
بالہٕ پیٹھک ۔ کوٚہ تلنتا لیک ۔ یتھ
کوٚہ تلنتا لِس سیتی واتھ آسہٕ ۔۔۔
یوٚت نظر واتہٕ تہٕ ۔ یہ نہٕ لبنہٕ ییہ ۔
یہ پایُس نہٕ آسی یا چھُپی ۔۔۔
بٲلۍ بٲلۍ ۔ (۱) بالہٕ دامنی دامنی ۔۔۔
دُری یاوٕ بٹھی بٹھی ۔ دُری یاو دُندی
کُندی ۔ اُنڈی اُنڈی ۔ نیٖبرٕ نیٖبری ۔
زیچھہٕ وتہٕ ۔ (۲) ، کوٚہ ہو تہٕ وآران جاتو
کنی ۔ بٲلۍ بٲلۍ پھیرُن ۔ بُلہٕ جایہ جایہ

پھیرُن - آوارٕ گردی کرٕنی - بٕڑ ہٕت یوٗت

گرٕژھُن - زیچھ وتھ مندٕ بنُن —

بأل تھَوُن - ناو بیترٕ بُٹھِس کُن تھوٗنی

(۲) ژوٗرٕ یا ہٕٹھ ژٕلُن - پٕرژھِتھے ژٕلُن

بأل رَٹُن - ناو بیترٕ بُٹھی بُٹھی پکناوٕنی

بأل وَتھ - کوٚہ وَتھ یس وتھ بیترٕ یوٚس

کوٚہنہٕ مُنزٕ آسہِ یا کوٚہس کُنی آسہِ

دٕری یا وٕ بُٹھی بُٹھی —

بال بَچھ - بوٗٹھ کُن - ورکہٕ موٗحفوٗظ

بال بَچھ لگُن - یِر دٕنی تہٕ آسنی -

کُنہِ ٹھکانس لگُن - بچا گرٕژھُن —

بال بَچھ لاگُن - موٗحفوٗظ جایہِ واتناوُن

توٗتہِتھ واتناوُن یِتھ تہٕ کانٛہہ خطر

آسہِ - بچا کرُن - کُنہِ ٹھکانس واتناوُن

بال پیٹھ ہاوُن - دوٗر ژٕلِتھ پیٹھ

ہاوُن - ژھیپہ دِتھ رٕٹکہٕ تھاوُن -

بال تَل ہاوُن - ل.م. بَتھِ بوٗن

کُن ہاوُن - ورکہٕ پے تھونے ہیٚری

ہیرٕ ژٕلُن —

بال تھَوُن - (ناو بیترٕ) بُٹھس سیتھ

گُنڈِتھ تھَوٕنی - ناو بوٗٹھ رٹنی،

بَٹھِ تھَونی —

بال رَٹُن - (۱) ناو بیترٕ بوٗٹھ رٹنی -

(۲) بیتھ کُنہ تہٕ ژٕلِتھ ہیکہِ - بٕڑ ڈٕنُہ

کُنہِ لیکہِ لیکھ تہٕ تھوکِ تھوکھ لاینی -

بال روٗزُن - اَند روزُن - اند

ہیوٚن - الگ روزُن - ہیٚنہ ہاوُن -

دَخل نہٕ دِیُن —

بال ۲ - (ا ن. ک. بال. موٗل: بال -

س: بالہ -)

شُر - بال بچہِ - شُری کُٹُ شُری

بأژ - عیال —

بال ۳ - (ا م. ک. بال. موٗل: بال -

س: بالا -)

اَنٛہرِ ش کوٗر - بالیغ گرٕژھوٕنی -

یمس شُر ہوٚ ڈُجھٕ آسہِ —

بال ۴ - (ا ن. ک. بال. موٗل: بال -

س: بھالہ -)

ڈیکہٕ ۔ بالہِ ژُنڈر ۔ یَس ڈیکس
پیٹھ زوٗن چھے ۔ ڈیکس پیٹھ زوٗن
آسُن وول ۔ تہٕ دُیتھ گوٚ گَنیتھ ۔
بال موکھ ہاوُن ۔ ڈیکہٕ بُتھ ہاوُن
وُرگہِ درشُن دیُن ۔
بالا عـ۱ ۔ (م ۔ک ۔ بالا ۔ موٗل : بالا ۔
(س : بالا ۔)
(۱) اُکیس دیوی ہُنْد ناو ۔ (۲) کوٗر
بالا عـ۲ ۔ (ف : بالا)
ہیٚر ۔ پیٹھ کَنہٕ ۔
بالا یہٕ طاق ۔ (۱) طاقچس پیٹھ ۔
(۲) وُرگہِ تُلتھ تھوٚومُت ، ترٛووومت
منسوومُت ۔ بیترِ ۔
بالادُر ۔ (م ۔ک ۔ بالادُر ۔ موٗل : بالادُر
(ہ : بارادری ۔ (س : دوادشہ +
دوارِکار ۔)
ژٕہ پاری بَرٕ بَرکرِتھ اکھ
لوٚکُر ہوادار ڈیٚبہٕ ڈالانہٕ ۔
بالہِ عـ۱ ۔ (ن ۔ک ۔ بالہِ ۔ موٗل : بال ۔
(س : بالَہ ۔)
(۱) کوٗٹ ۔ (۲) آخرتہٕ کوٗرمُت ۔
جم : بالہِ کُٹھ ۔ (یتھ پانٹھ چھہٕ یہٕ
حرف " بالہِ کُٹھ " لفظس اَنْدر یوان
بالہِ پان ۔ لوکچار ۔ یاوُن ۔
بالہِ ژیر ۔ ژیرِ ہُنْد اکھ قسم ۔
اکہِ قسمُک میوٚ ۔
بالہِ کُٹھ ۔ خُصی کُٹھ ۔ شہٕ کُٹھ یُس
آخرتہٕ آسہٕ کرنہٕ آمُت ۔
بالہِ کوٗر ۔ سبٹھا ٹاٹھ کوٗر ۔
بالہِ یار ۔ لوکچارُک یار ۔ لوٚٹھ
یار (خاص کرِتھ زنانہٕ ہُنْد ۔)
بالہِ عـ۲ ۔ (ن ۔ک ۔ بالہِ ۔ موٗل : بال ۔)
وازٕ (اگریزَس)
بالہِ عـ۳ ۔ (ن ۔ک ۔ بالہِ ۔ موٗل : بال ۔
(س : بھَلَہ ۔)
نیزٕ ۔ بلَم ۔
بالکھ ۔ (ن ۔ک ۔ بالکھ ۔ موٗل : بالک
(س : بالَکَہ ۔) کوٗٹ

بام ——— (ن-ک-بام-

مۆل : بام-(ف : بام-)

یَش - بامہٕ زنٛگ - (۱)یٔشس

تَلہٕ کٔنٛج کینٛچھ - (یَتھ پیٹھ یَش چھِ آسان)

(۲) یَش دِنہٕ وِزِ رُت شوٗگوٗن

زانِتھ یہٕ کینژھا پیرِن فُقیرن تہٕ

دُسلن چھانَن دِنہٕ چھُ یِوان ——

بام تارُن - بام دِیُن - یَش دیُن

یَش ترٛاوُن یَشس مرمتھ کرُن -

بام دیُن - یَش دیُن - یَش ترٛاوُن

بامہ پُٹ - یَشچ کانہہ اکھ پُٹ.

یَشہِ بَاپتھ پُٹ -

بامہ چھوکھ - یتھرِس پیٹھ ہارٕ

چھکِتھ زار گنٛڈنُک اکھ طریقہٕ -

تَھدِ پیٹھ ہارٕ باتھ ترٛاوُن ——

بامُن - (ن-ک-بامُن-مۆل : بامن)

(اکِس نِوسر نِوٗ (اُشترٕ) زامُت

کوٚٹ - بامُن یُن - بامُن پھٹُن -

بامُن نیرُن - کوٚٹ زیوٗن - [ہوکھمتِس

یا دُد مِتِس کلِس بیترٕ -]

بان ع۱ - (ن-ک-بان-مۆل : بان

(س : بانہٕ-)

تیر - اکھ جنٛگی ہتھیار ——

بان ع۲ - (س : وان-)

اکھ پوٚنٛت لوٚنٛگ - م : رتھ بان -

رتھ چلاوُن وول بیترٕ -

بان ع۳ - (ن-ک-بان-مۆل : بان

(س : بھانُہ-)

سِری یہٕ - آفتابہٕ - م : بان گوٚل

تے پرکاش آو نٔوٗنے - (للہ دید)

بانہٕ لبنٛگ - ترمدا دُری یا دِ کھارہٕ شر

پیتہٕلِ شکلِہ کُنہٕ یتھ شِو شُند اکھ

رٔپھ زانِتھ پوٗزا چھِ کران -

سالگرام -

بانہٕ ماس - شہ نٔر پیمانہٕ ریتھہٕ لیُس

پرٛتھ ترٛیمہٕ ورٕہری اکِس دُری یس

فرٛ یہ ریتہٕ علاوٕ آسان چھُ - بانہٕ

ماس گوٚ سِری یہٕ شُند ریتھ ——

۱۔ بانہٕ مأسی۔ یِم ہٕریاپہٕ رٕہتہٕ کہ وُری یہ
یا ہٕلہٕ ماسس کیُت سِری یہ سٕندرٕ بتہٕ
چَرِ پیٹھ مؤجوٗب پکان آسَن ــــ

بانہٕ موس۔ بانہٕ ماسٕک۔ بانہٕ مأسی۔

بانہٕ عـ۲۔ (ن۔ک۔ بانہٕ۔ مؤل: بان۔
س: بھانڈہ۔)
میٚژٕ ہٕنٛد یا بیٚیہِ کُنہ دأتٕک بنوومُت
کانہہ چیز یٚتھ منٛز یا پیٹھ کینٛہہ تھوٚوتہٕ
ییہِ۔ (ہم: ٹوٗر۔ کھوس۔ تھال۔
پیچ۔ گلاسہٕ بیترِ۔)

بانہٕ بٔٹھ۔ بانہٕ، وانہٕ۔ بانہٕ بیترِ۔ Peri vessels & store

بانہٕ باہسہٕ۔ ہنٛد بانٛکہٕ گمہٕ، امہٕ سِتی
چھہٕ چیز بیترِ بگران ــــ

بانہٕ بٔہی۔ بانہٕ ژٕوہٕ کے ــــ

بانہٕ بٔہی اَنٛن۔ ژٕوہٕ کہِ کھارُن۔ (ہٕنٛد
بانَس منٛز تھوٚوِتھ۔) بگراوُن ــــ

بانہٕ بٔہی یُن۔ ژٕوہٕ کہِ کھسُن۔ (ہٕنٛد
بانَس منٛز تھوٚوِتھ۔) بگرُن ــــ

بانہٕ پھیٹھی۔ بانہٕ ہٕ لگہِ ہاروزٕ نی۔

بانَن کھشِجِہ گژھنہٕ ــــ

بانہٕ پھٹراوٕنی۔ شرارتہٕ وِزِ چیز
پُرِتھ دِنی۔ سٔخ شرارتھ کھسُن ــــ

بانہٕ تٕشٕر۔ اکھ اُکِس پیٹھ تھوی
ہتی واریا بانہٕ ــــ

بانہٕ تھرٕنی۔ (کرٛالہٕ سٕنٛد) ژھکرَن
پیٹھ میٚژٕ دوہ گلس بانہٕ بناونٕی ــــ

بانہٕ ٹھاسنی۔ زوٗرٕ سان بانہٕ پٔتھر
لایُن۔ بانہٕ پُرِتھ دِنی۔ ژکھہِ منٛز
کڑکہٕ نادلاگُن۔ شرارتھ ہاوُن۔ لڑایہِ
کَرنہٕ ــــ

بانہٕ کانٛدرُ۔ اُندی اُندی مؤرِ گنٛڈتھ
تہٕ میٚژٕ لاگِتھ اکھ بوٚڈ بانہٕ یَتھ منٛز
چیز تھوان چھہٕ۔ (یہِ چھہٕ اکژٕ کِس
منٛزے تھوٚونہٕ یوان۔) بانہٕ وانہٕ تھٕ تنگ
لوٚٹن ــــ

بانہٕ گُٹھ۔ سُہ کمرٕ یٚتھ منٛز بانہٕ بٔٹھ،
کھینہٕ چنکہٕ چیز تہٕ اکار بکار پوُن ہٕل
چھوٚل سوٚمبرِتھ کرِتھ تھوان چھہٕ۔

بانہٕ کوٚنڑ۔ سُہ بوٚڈ توٚنڈرُ ہیٚوہ
یَتھ منز کرٛال مێژ ہێنڈی بانہٕ پیالہٕ
یا پوغتہٕ بناوان چھ —

بانہٕ کھار۔ گرگ بار۔ گرٕ پکناونکُ
بار — بانہٕ کھارٕ پھیٖرٕنی۔ نادارٕی
نٕنی گژھنہٕ کنہٕ نێنیرِ ہاوِ باو
ترٛاوِتھ ژھنُن —

بانہٕ کھوٚت۔ بانہٕ بٔنٹھٕ تھوٚرِنچ
ژوٚرِ جاے۔ بانہٕ بٔنٹھٕ تھوٚرِنچ
لوکٹ پتہٕ تنگ کوٚٹھر —

بانہٕ گرگھ۔ بانٕچ شکل۔ بانٕچ
بناوٕٹھ —

بانہٕ گوٚر۔ (۱) بانہٕ بناوَن وول
یُس بانہٕ گرٕ۔ (۲) بانہٕ کِنَن وول
بانہٕ منڈُل۔ چوکس منز سہ
جاے یَتھ منز بانہٕ واٲرِتھ
آسَن —

بانہٕ وول۔ (۱) کرٛال۔ (۲) یُس
بانہٕ بیترِ کِنان یا کرایہِ پیٹھ دِوان

آسہِ — بانہٕ ہٕن۔ لوکٹ بانہٕ۔ سُہ
بانہٕ یُس نہٕ زیادِ بوٚڈ آسہِ —
بانہٕ ہیٚٹ۔ بانہٕ سارنکُ کرٕ نڈٕ —

بانہٕ ۲۔ (ا۔ک۔ بانہٕ۔ موٗل : بان —
(س : بھانڈہ۔)

بچہِ دانٕی۔ شُری بانہٕ —
بانہٕ وٕسنی۔ بچہِ دانٕی یینہٕ جاینہٕ پیٹھ
بون وٕسنی یا اَدریور ڈٕلنی —

بانہٕ ۳۔ (ا۔ک۔ بانہٕ۔ موٗل : بان —
(س : بھانڈہ۔)

قِسمتھ۔ نصیبہٕ۔ شعونڈٕ۔ بتُر —
بانہٕ بَرنہٕ یینی۔ ڈٕکہ بوٚڈ آسُن۔ بارِ گوان
نیرُن۔ بَجا گرُژھن —
بانہٕ پھٹنی۔ (۱) پینہٕ نبٕن نِشہٕ ژھبن
لگُن۔ (۲) بدنصیبی یینی —
بانہٕ روٚس۔ بدقسمتھ۔ یُس نہٕ شعونڈٕ
آسہِ۔ کُنہٕ کامہِ ہُنڈ نہٕ۔ یُس یا یَتھ کاہہ
موٗل آسہِ نہٕ —
بانہٕ زانُن۔ کُنہٕ لایَق زانُن۔ کُنہٕ گرٕ

زانُن - شوٗنڈُ زانُن -

بانہٕ وول - نصیبہٕ وول - خوش قسمتھ

بانہٕ یار - (م - ک - بانہٕ یار - مول : بانہٕ یار - (س : بھانہٕ دِھارہ -)

(۱) سونہٕ یوسہٕ کتہٕ سَر پیٹھ کڈنہٕ چھے یِوان - (۲) وو لرچہ اکہٕ نہٕ ہُنڈ ناو —

بانوٗٹ - (ن - ک - بانوٗٹ - مول : بانٹ (س : بھاوَہ + نٹہ ؟ یا - (س : بھن + ک - اوٹ -)

سِر بوج - رازدار - یُس پنُن گُدرُن وَنی نہٕ —

باثر - (م - ک - باثر - مول : باثر — (بھرم - بھرام + ک — ۱ر)

چھاَر - چار —

باثر پٔتھ - چھاَر پٔتھ - جلدی پٔتھ -

باثر اوٗن - (کاثہٕ) باثر یاوُنی - (کاثہٕ) جلدی کرناوُن - گابراوُن -

باثر باثر آثر باثر - جل جل - جلدی سان - تیزی سان —

باثر لد - یُس باثر منز آسہٕ - یُس باثر آسہٕ پیمُت - یُس جلدی منز آسہٕ -

باثر ہوٗمت - یُس باثر منز آسہٕ - یُس جلدی منز آسہٕ - یُس چھاَر آسہٕ - یُس چار آسہٕ —

باثرُن - باثر پٔتھ - چھاَر پٔتھ - گابرُن - ولسہٕ رُن —

باند — باند باند -

(ن - ک - باند - مول : باند (س : باندھ -)

سخ تاکید - زبردس اِصرار - پھہ پھہ ژھُن —

باند باند کرُن - سخ تاکید کرُن - زبردس اِصرار کرُن - پھرہٕ پھرہٕ دُن

باندو - (ن - ک - باندو - مول : باندو - (س : باندھوَہ -)

بند - آشناو - رِشتہٕ دار - یُس سیتھ بند تھ آسہٕ —

باندوٕ باے ۔ ھشنا و باے ۔
رِشتہٕ دار باے ۔
بانٛدِ ـــ بانٛدِ گرٛدھن ۔
(س : بندھ یا بادھیّہ ۔)
رَتھ بنٛد گرٛدھن ۔ رَتھ ہٕ نیرِ ہٕ
کنہٕ رَتہٕ پھُٹ کھسنہٕ ۔ (سخ ٹاس
لگنہٕ یا بڑ کوٚنہٕ پینہٕ سیتی ۔)
بانٛدِ ـــ یانٛدٕ کرُن ۔ (ن ۔ ک ۔ بانٛدٕ
مۆل : بانٛد ۔ (بنٛدھ ۔ یا بادھیّہ)
سودا طے کرُن ۔ اَنٛکار کرُن ۔
یقرار کرُن ـــ
بانٛڈ ۔ (ن ۔ ک ۔ بانٛڈ ۔ مۆل : بانٛڈ ـــ
(س : بھانٛڈہ ۔)
مسخرٕ ۔ بٔنِیَن لاگَن وول ۔ پأتھر
لأگِتھ اورٕ زٕ ہیٛن وول ۔ پأتھر
لاگَن وول ـــ
بانٛڈٕ باے ۔ بانٛڈٕ سنٛز آشنٕہ ۔ سوٕ زنانٛہ
یوسہٕ بانٛڈٕ کار کران آسہِ ـــ
بانٛڈٕ بیگاڑ ۔ پأنٕہ ٹوٚنک رٛٹنہٕ

ورأے نَژُن ، گیوٚن تہٕ پأتھر بیتر
لاگنہٕ ۔ موٚنٛزٕ ذرِ ورأے تٔرشہ کأم
بیترٕ کرٕنی یِتھ منٛز تہٕ دِلچ خُشی آسہِ
مگر تیٚمُر یس تہٕ باس دِتہٕ ـــ
بانٛڈٕ پأتھر ۔ بانٛڈن ہُنٛد پأتھر لاگُن ۔
بانٛڈَن ہنٛدی پأٹھی رنٛگ کرٕنی ـــ
بانٛڈٕ جشن ۔ بانٛڈٕ تماشہٕ ـــ
بانٛڈٕ کار ۔ بانٛڈٕ سُنٛد پیشہٕ ۔ بانٛڈٕ
سُنٛد ہِشوٚ پیشہٕ ـــ
بانٛڈٕ کوٚٹ ۔ (۱) بانٛڈٕ پأتھر کرن وول
کوٚٹ ۔ (۲) سہٕ کوٚٹ یُس بانٛڈٕ پأتھر
منٛز زنانہٕ پأتھر کرِ ـــ
بانٛڈ لاگُن ۔ بانٛڈٕ جشنہٕ کرناوُن ۔
بانٛڈٕ پأتھر لاگرناوُن ـــ
بانٛڈٕ وَے ۔ بانٛڈٕ سنٛز موٚنٛزٕری ۔
سہٕ پأنٕہ ٹوٚنک یُس بانٛڈن پأتھر
لاگنہٕ باپتھ دِوان چھِ ـــ
بانٛڈٕ کُتھ ۔ بانٛڈٕ سُنٛد پیشہٕ ـــ
بانٛڈے ۔ گانٛک بُلی میر ۔ بُلی پانُس رٛٹھ

زانَن وول ـــ
بانٛکہٕ ـ (س : ڈنکہَ ـ)
یاوٕ ـ ژھٹہٕ مارُن ـــ
بانٛگ ـ (م ـ ک ـ بانٛگ ـ مۄل : بانٛگ
ف : بانٛگ ـ)
(۱) اذان ـ نِمازِ خاطر یا نِگ سُند
(لۄکن) آلو ـ (۲) کوکرِ سُنز تھزتہٕ
زیٹھ آواز ـــ
بانٛگہٕ لۄٹ ـ اکھ گِنٛدَن تماشہ
یُس نژناوُنہٕ یوان چھُ ـــ
بانٛگ دِنۍ ـ اَذان دِنۍ ـ نِمازِ
سۄمبرُنہٕ باپتھ آلو دِیُن ـــ
بانٛگ وَنِنۍ ـ زاشِرس کنس تَل
بانٛگ پَرنۍ ـ کانٛسہِ چیلہٕ بناونہٕ وِزِ
پیرُ سُند تَس کنَس تَل بانٛگ پَرنۍ ـ
بانٛگرِی ـ بِلہِ مِشہِ داتَن ہُند بنیومُت
یا بنومُت (بانٛہٕ ـ بیترِ)
باوٕ ـ (ن ـ ک ـ باو ـ مۄل : باو ـ
س : بھاوہ ـ)

(۱) آدر ـ یَژھ ـ مان ـ تاظیم ـــ
(۲) حالَتھ ـ جذبہٕ ـ ایحساس ـ مامے
مُحبتھ ـ سرِیٛہ ـــ
باوٕ رۆس ـ (۱) مایہِ رۆس ـ چھلِتھ
(اِنسان) ـ (۲) بے ادَب ـــ
باوٕ سان ـ لولہٕ سان ـ مایہِ سان
یَزتہٕ سان ـ آدرٕ سان ـــ
باوٕ سۆست ـ سُہ یُس بیٛیہِ سُندِ باپتھ
لول ، مامے تہٕ یَزتھ آسہ ـــ
باوٕ ولۆت ـ باوٕ سۆست ـ لولہٕ ہوت
مایہِ ہوت ـ یُس بیٛیِس یَزتھ کرِ ـــ
باوٕ بَڈُن ـ قدرٕ بَڈُن ـ مول کھسُن ـ
باوٕ تھوُن ـ یَزتھ کرُن ـ مانُن ـــ
زِٹھی سُند خیال تھوُن ـــ
باوٕ دِیُن ـ یَزتھ ہاوُن ـ مان ہاوُن ـ
تاظیم کرُن ـــ
باوٕ کرُن ـ لولہٕ سان بُتھرِ یُن ـــ
یَزتھ کرُن ـ تاظیم کرُن ـــ
باونا ـ شرٛدا ـ یژھ پژھ ـ زِٹھین

ہُنْد ماے ججھ —

باوع۲ - (ن-ک - باو - مؤل : باو -
(س : بھاوہ -)
موٗل - قیمتھ -

باوِیڈُن - موٗل ہُرُن —

باوتھ - (م-ک - باوتھ - مؤل : باوت
(س : بھاو+ک-ات -)
(۱) باوُن - وَنُن - خبر کرٕنی —
(۲) اُندرِم کتھ وَننی —

باوَر - (ن-ک - باوَر - مؤل : باور -
(ف : باوَر -)
پَزٕھ - یُقین - اعتبار - بوٗزٕوسہٕ -

باوَر کرُن - پزٕھ کرٕنی - یُقین کرُن
بوٗزٕوسہٕ کرُن - اعتبار کرُن —

باوِزُن - (ن-ک - باوِزُن - مؤل : باوزن
(س : بھاوہ -)
خوش کرُن - پَسند یُن - اَکِس
مُقابلہٕ بیاکھ رُت زانُن - مزدار
باسُن - لذیذ آسُن (کھسن بیتر)

باوُن ع۱ - (ن-ک - باوُن - مؤل : باوُن
(س : بھاونہٕ -)
وَنُن - درپیش کتھ کاَنسہِ وَننی -

باوُن ع۲ - ن-ک - باوُن - مؤل : باوُن
(س : بھاونا ؟)
پونی یا دودٕ بیترِ پیٹھہ دارِتھ تراوُن
کولِ بیترِ منز تراوُن —

باووٗٹ - (ن-ک - باووٗٹ - مؤل :
باوٹ - (ہ : باوٹا - (س : باہُس)
سوٗہ سُنْد یا ربہٕ سُنْد ہٕڑی
بنْد - باوِٹی گلُٕ - اکہِ ہٕڑ ٹیکُ
باووٗٹ - اَکُے باووٗٹ —

باوِٹی ہوٗر - دوشوٕنی ہٕڑن ہنْدِ
بایتھ باوِٹی - باوِٹی جوٗڑی —

باوِزِ - (م-ک - باوزِ - مؤل : باوز -
(س : بھزاتر+جا-م : ہ - بھاوُ)
بآے ہنز کوٗر —

باوزنوش - بآے ہنز نوش -
بایتھر ہنز زنانہٕ —

باوزِ زامتُر ۔ باۓ سنز کو رہند دۆن۔

باہ ع۱ ـــــــــ (س : دواد شِ

داہ یتہ ژ ۔ دوہ یہ پیٹھی داہ ۔

اَٹھِ کُمِ وُہ ـــــ

باہ ع۲ ۔ (م ۔ک ۔ باہ ۔ مۆل : باہ ـــ

(س : دوادشہ ۔)

ژۆنہ پھُک ۔ ہُہمُم دوہ ۔ سُہ دوہ

یُس کاشِ یتہ یوان چھُ ـــــ

(۲) ناران کِلی یا شرادیُس موردِس

منٹن ہاوان چھِ ـــ

باۘش یتہ ۔ کاشِ ہندِ فاقہ یتہ

باۘش دُہکُ یتہ ـــ

باۘش باپار ۔ باۘش ہُند فاقہ

پھُٹرادِ پیچ تیاری ۔ ہُہمُم دوہ کرنچ

تیاری ـــ

باۘش بہن ۔ (کاشہ ہندِ مرتہ یتہ)

ئس باہ کرنی ـــ

باۘش لد ۔ لیُس یاہ دَر ۔ یمٚ باہ

آسہِ دُرمِش ـــ

باۘش واۘلی ۔ تم بند باٹھدوہِم موردِس

باہ کرن ، باہ دَرن ـــ

باۘش وول ۔ یُس باۘش ہُند فاقہ

آسہِ ۔ یمٚ باہ آسہِ دُرمِش ـــ

باۘش وہد ۔ ہُہمُم دوہ کرنچ ریتھ ۔

باۘش ہُند ۔ بُہِ دُہکُ ۔ کاشِ

یتہ دوٚیمہِ دُہکُ ـــ

باہوے (س : دوادشہ + ک ۔ وے)

باہن ہندی باہ ۔ برابر باہ ـــ

باے ۔ (م ۔ک ۔ باے ۔ مۆل : باے

(س : بھوتی ۔) 2457

ژنی ۔ اکھ پوٚت لوٚگ ۔ یہ چھُ اکثر

مردِ سندِس کارس موجوب تسنزِ

زنانہِ سیتی وننہ یوان ۔ مثلن ۔ گوٚرِ =

گوٚری باے ، حلووے = حلواۘے

باے ، ژوٚر = ژوٚرِ باے ـــ

بابِہ ۔ (ن ۔ک ۔ بابِہ ۔ مۆل : باے ـــ

(س : بھراتڑ ۔)

(۱) بوٚڈ بوے ۔ زیٹھ بوے ۔

ٲژِ ہِنٛدِ طرفہٕ کانٛہہ زُنٛیٹھ اُستاد
(۲) زاژھ۔ (اَتھری زبانۍ منٛز۔)

# ب

بُتہٕ۔ (م۔ک۔ بُتہٕ۔ مؤل: بَت ــ
(س: وَرتی۔)
(۱) سہٕ ژونٛگ یُس تیٚلہٕ سیٖتی
یا بجلی سیٖتی آسہِ دزان۔ (۲) سوٚیتھ

بُٹوٗ عٕ۱ (ک: بُٹوٗ۔ مؤل: بُٹو۔ (س:
وَرتہٕ + اُکہ۔)
لوکُٹ پُترہٕ ــ

بُٹوٗ عٕ۲۔ (ن۔ک۔ بُٹوٗ۔ مؤل: بُٹو ــ
(س: وَنٹہٕ + اُکہ۔)
پانٛژہٕ ٹونٛک تھوٚدہٕ باپتھ خانہٕ
دار گوٚژھر۔ (ییہِ چھہٕ دالو تہٕ آسان
تہٕ کپرو بیترِ تہٕ۔)

بُٹھ عٕ۱ (م۔ک۔ بُٹھ۔ مؤل: بَٹھ ــ
(س: بھو + سِتھا۔ بھوٗشِٹا ؟)
سوٚتر جایہِ کھوتہٕ تھزر ــ

بُٹھ عٕ۲ (م۔ک۔ بُٹھ۔ مؤل: بَٹھ۔)
دالُس اکِہ اَنٛدہٕ سوٚتر جاے یٚتھ
ژارِ وٲلِتھ باپتھ بیترِ تھوان چھہٕ۔
بُٹھ رٕٹنٕہ۔ براہ یُن (غذا یا دوا
بیترِ۔) بچھہٕ بہادُین۔ گمہٕ اَنٛنہٕ
باپتھ دانکُ جوش دُین ــ

بچھہٕ لوٚکُٹ۔ سہٕ مُتہٕ یُس کینژھہٕ نہٕ
کینژھہٕ کھینہٕ باپتھ دالُس نِش ہیٚنٛچ
ژاپہِ آسہِ ژامِژ ــ

بچھہٕ بڑاَر۔ بچھہٕ بوٚ کرٕژ۔ سو لوکُٹ
کوٗر یُس یڈٕ ہنٛزِ مالہِ چھہٕ کیٚہہ کُن
نظرِ آسَن آسان ــ

بچھہٕ بڑور ــ بچھہٕ لوکُٹ۔ سہٕ مُتہٕ
یُس چھہٕ کیٚہہ کُن نظرِ آسَن آسان
(کینژھہٕ کھینہٕ باپتھ۔)

بچھہٕ کرٕژ۔ بچھہٕ بوٚ کرٕژ ــ
بچھہٕ کوٚکرٕ ــ۔ بچھہٕ بڑاَر ــ
بچھہٕ کوٚکرٕ۔ بچھہٕ بڑور ــ

بُچھرَن ــ (م۔ک۔ بُچھرَن۔ مؤل: بُچھرَن

(س : وَرجنہ + ک ــ رَن۔)

بچرِنچ وَتھ۔ بچَن پاے۔ بچاو۔

بُچرُن ــ (ن۔ک۔ بُچرُن۔ موٗل : بُچر۔

(س : وَرجن + ک ــ اُن)

بچاوُن۔ موٗحفوٗظ تھوٗن۔ رُچھِتھ تھوٗن۔ رُژھرِتھ بچھِ کُن تھَون۔

بُدی ــ (م۔ک۔ بُدی۔ موٗل : بُدی ــ

(ف : بُدی۔)

خرٲبی۔ ناکارِگی۔ بُرٲیی ــ

بُدی گرٛزھنۍ۔ خرٲبی سیدِ نۍ۔ ناکارِگی سیدِ نۍ۔

بُدرِ ــــــــ (م۔ک۔ بُدرِ

موٗل : بُدر۔ (س : وار دَرہ یا بُدَرہ

(م : ہ : یادکَر۔)

کپرَس تہٕ کبَن بیترِ پلیٹھ شکلہِ ترٛاونہِ یا ٹھپہ بیترِ ترٛاوِتھ چھِٹھ کڑٕنۍ ــ

بُدرِ گھارِنۍ ــ رَنگ مَتھُن۔ رَنگدار نَقشہِ بیترِ بناوِنۍ۔ پٲتھر کرَن وٲلِس بُتھِس رَنگ کرُن۔ یَس مجلِسہِ منٛز

نیٛنٛدرِ آسہِ پیوان تَس بُتھِس پیٛٹھ خبر پٲٹھۍ رنگ مَتھُن ــ

بُدراوُن ــ ژرہ چَن بیترِ تیوٛنگلن پلیٹھ تاو دِیُن ــ

بُدرِ پلیٹھ۔ (ن۔ک۔ بُدرِ پلیٹھ۔ موٗل : بُدرِ پلیٹھ۔ (س : بھدرَہ + پیٖٹھَ)

رازِ سُنٛد تخت یُس خاص موقعَن پلیٹھ اِستِمال چھُ یِوان کرنہٕ ــ مَنٛدرَس منٛز یا مُتبرک جایہِ دِوتا سُنٛد تخت ــ

بُدرِ کال ــ (ن۔ک۔ بُدرِ کال۔ موٗل : بُدرِ کال۔ (س : بھدرَہ + کالہ۔)

اکِہ گاٹھ ناو یتہِ بُدرِ کالی ہُنٛد مَنٛدر چھُ ــ

بُڈمی ــ (م۔ک۔ بُڈمی۔ موٗل : بُڈمی

(س : وَردھہ۔)

بٔجر۔ مِہربٲنی۔ فیاضی ــ

بُڈرَن ــ (م۔ک۔ بُڈرُن۔ موٗل : بُڈرَن

(س : وَردھنہ۔)

(۱) ہُرہ ہر۔ بڈراوِنچ کام۔ ترقی۔

(۲) اوگُن پُتی کرِنچ کام ــ

بڈرن کرنی ــ تیزی کرنی۔ زیادتی کرنی (وٲدِس بیتر) ــ

بُڈرن گژھنی ــ ہُرہ ہر گژھن۔

بڈُن۔ زیادتی گژھنی۔ تیزی گژھنی (اَفرُش بمارِ بیتر) ــ

بُڈراوُن ــ (۱) بوڈ واتناوِنچ کام ۔ (۲) ہُرراوِنچ، زیٹھراوِنچ تہ پھالاوِنچ کام ــ

بُڈراوِوُن ــ بوڈ واتناوُن وول رَچھن وول ــ راچھ کرن وول۔

بُڈراوُن ــ (۱) بوڈ واتناوُن۔ (۲) ہُرراوُن۔ زیٹھراوُن ــ

بُڈرُن ــ (ن۔ک۔ بڈرون۔ مؤل: بُڈر۔ (س: وردھنم) بوڈ واتناوُن۔ رَچھن ــ پھاٲنپھلاوُن ــ

اَتھہ بُڈرُن ۔ (ہستہ + وردھنم) اَتھہ زیٹھراوُن ۔ اَتھہ واہراوُن اَتھہ نیبر کڈُن (ژوُنہ یا پھتھر)

بُر ــ (ام۔ک۔ بُر۔ مؤل: بر۔ (س: دوار۔) دُرز۔ کھرَپ۔ شِگاف ــ

بُر گژھنی ــ دُرز گژھنی۔ کھرِپھ گژھنی شِگاف پیون۔ سِر نوٚن سپدُن ــ سِرس نیبر گژھن ــ

بُرِش ــ (ام۔ک۔ بُرِش۔ مؤل: بُرِش۔ (س: وژشچہ + کھہ ۔)

تیز ــ بُرِشہ بردار ــ تیز وول۔ یس اتھہ بُرش آسہ ــ

بُرِشل ــ بُتھہ تیز کُرِتھ۔ سُہ کانہہ چیز یمیُک نوکھ تیز آسہ۔ پٹیچ دار۔

بُرژ ــ (ام۔ک۔ بُرژ۔ مؤل: بُرژ۔ (س: بھرژتا۔) گوبہ کھوری۔ دُجانہ۔ یس یڈ اَندر نُشر آسہ ــ

بُرژر ــ (ن۔ک۔ بُرژر۔ مؤل: بُرژر ــ

(س: بھرِشٹ + ک - ار)
بوٗرُت آسنچ حالتھ —
بُرژر کرُن — بێیِہ ہنٛز ہُرراوُنۍ —
بێیِہ ہنٛز تڑاوُنۍ —
بُرژر گژھُن — بێیِہ ہنٛز بوٗرُت
گژھُن - بێیِہ ہنٛز موچر گژھُن —
بُستی — (م - ک - بُستی - موٗل: بُستی -
(س: وَسِتِہ -)
آباد جاے - یتِہ لۄکھ روزان
آسن - یتھ جایِہ لۄکھ لسن بسن -
آبادی —
بُستی دِنۍ - گرِ لباوُن - شروع باڈ
آسنۍ - گرٛہستی زندگی گذاروٗنۍ —
بُستی کرٛنۍ - مُستقِل پأٹھۍ کُنہِ جایِہ
گرِ لباوُن - مستقِل پأٹھۍ خانہٕ گی
زِندگی بسر کرٛنۍ —
بُستی لگنۍ - نیٚبھر پأیِٹھر کرُن - گرٛہستی
بنُن (خاص کرِتھ تَس ییُٚس واریا
ہُس کالس نیٚبھر ورأے آسِہ

روٗدُمت - بوٗڑ گژھِتھ کُشر کوٚٹ
زیوٗن —
بُستوٗر - (ن - ک - بُستوٗر - موٗل: بُستوٗر
دک: بَستہٕ + اوٗر - (س: بھسترا
بَدھ بَستہٕ - کوٗژھ - بوٗڑ ٹھلیہٕ
بُکر - (م - ک - بُکر - موٗل: بُکر - (س:
بَرکرہ -) वर्करः
ژھاوُج —
بُکھتی - (ن - ک - بُکھتی - موٗل: بُکھتی -
(س: بھکتہ -)
بگوالُس، دِوتاہس یا گوٗرس
بیترِ بیٹھ یژھ تہٕ پژھ تھوَن
وول - پالس کھوتہٕ بڈس نول بروٗن
تہٕ آدر کراوُن —
بُکھِر - (م - ک - بُکھِر - موٗل: بُکھِر —
(س: داکھ + ک - ار > ک: بکھ
+ ار)
اکے کنتھ کرِ تہٕ گرِ پھرنۍ - بُکواس -
کتھِ نہٕ تھیسہ تلو

بُکھر دِنٛی۔ اُکِہ سے کتھِہ پھیُر دیُن
اَکے کتھِہ پھِری پھِری دِنٛی۔ بکواس
لاگُن —
بُکھر کرِنی۔ بُکھر دِنٛی۔ اَکے کتھ
پھِری پھِری دِنٛی —
بُکھر لاگِنی۔ بکواس لاگُن۔ اُکِہ سے
کتھِہ وَن وَن کرِنی۔ کتھِہ کرُی کرُی
میٖنکہِ دِگ تُلِنی —
بُکھر لَد۔ یُس بُکھر آسہِ لاگان یُس
بُکھر آسہِ۔ یُس اَکے کتھ گرِتہ گرِ
یا پھِری پھِری وَنان آسہِ۔ بکواسی۔
بُگ۔ (م:ک۔ بُگی۔ مؤل: بُگ۔ (ہ گمبی)
اکہ قسمچ گاڑی یتھ گرُی لمان چھے
بُگ ع١ —— کُنہِ خاص وجہ وراے
خاہ مخاہ —
بُگ ع٢۔ (س: بَگِہ۔)
بَگِہ سیتی۔ زِدِہ۔ م: بُگی بُگ تہ
ژُھی۔ بُگی کینس۔ ہرگاہ۔ اگر۔
بُگرَن۔ (م۔ک۔ بُگرَن۔ مؤل: بُگرَن —
(ک: بَل + رَن۔ (دُچھوبَل۔)
بَلہِ رِنچ کام —
بُلراوُن۔ بُلرُن۔ ٹھیکھ کرُن —
یلاج بیترِ کرِتھ دود دِگ ژُلراوُن۔
بُلرُن — بُلراوُن۔ ٹھیکھ کرُن۔
یلاج بیترِ کرِتھ دود دِگ ژُلراوُن۔
بُلکہِ۔ (ع: بَل + ف کہِ۔)
اَکھتے۔ اَمہِ باوجوُد۔ یہ آستھ تہ۔
بُنٛی رُن۔ (ن۔ک۔ بُنٛی رُن۔ مؤل: بُنٛی
رَن۔ (س: ورنہ نِلیم ؟)
یاد کرُن۔ سپداوُن۔ وِدہ پداوُن
بُنٛدِش۔ (م۔ک۔ بُنٛدِش۔ مؤل: بُنٛدِش
(ف: بُنٛدِش۔)
گنٛڈ۔ رُکاوٹھ۔ پابنٛدی —
بُنٛدی ع١ (م۔ک۔ بُنٛدی۔ مؤل: بُنٛدی
(س: بَنٛد [illegible] بَنٛد۔)
مہاری منز کلس گنٛڈ تُک تلہِ لاٹھ۔
بُنٛدی ع٢۔ (س: بَنٛدھ = ف: بَنٛد۔)
گرُد۔ ذہن۔ یہ کینژھا بَنٛد آسہِ۔

بُنڈی تھوٗن - بنٛد تھوٗن - گرٛد
تھوٗن ــــ بُنڈی رٹُن - گرٛد رٹُن
رٛہن رٹُن ــــ

بُنڈی ہیوٗن - کیٖشہہ بنٛد رٛٹھِتھ قرضہٕ دِیُن۔

بُنٛزرٛن ــــــ (م-ک-بِنٛزرٛن
موٗل: بُنٛزرٛن - (س: بھنٛج + ک
-رٛن -)
(۱) باگرٛن - حِصہٕ بٲگرٛے ــــ
(۲) سۄ موگہٕ موٗلہٕ کاںٛہہ چیز یتھ کُنہِ پٲنٛچ
کٲم (اکھ تنگ آسنہٕ کِنۍ -)

بُنٛزرُن - (۱) بٲگرُن - حِصہٕ بٲگرے کرٛنی۔
(۲) اکھ تنگ آسنہٕ کِنۍ موٗلہٕ لین چیزن
دکہٕ دیُن ــــ

بُہی - (م-ک-بُہی - موٗل: بُہی - (س:
وِردِدھی (بیلاٹس) ــــ
(۱) حسابُک کھاتہٕ - سۄ بُڈ کاپی
یتھ منٛز حساب بیتر لیکھتھ چھ تھوان
(۲) عادتھ - طور طریقہٕ - م: ژرُہٕ
بُہی بیتر ــــ

بُہُرٕ عا - (ک: باہ + اِ (وُچھو باہ -)
بُہرپھیر - باہ گوٚن - (ضرب کرنس
منٛز ونان -) م: باہ بُہی اکھ ہیتہٕ
ژہ یہ تاجی ــــ

بُہی عالہٕ - (م-ک-بُہی - موٗل: بُہی ــــ
(باہو + ک -ی -)
باز بنٛد - کرٛشہہ کرٛ ــــ
بُہی بنٛد - بُہی گل - اکھ باز بنٛد -
اکھ کرٛشہہ کر ــــ

بُہرُن - (ن-ک-بُہرُن - موٗل: بُہر ــــ
(ک: بُہر + اُن - (س: بہرائیم)
جُرہتہ کرُن - ہیمتھ کرٛنی - جگر کرُن

بُہیٚم ـــــــ (ن-ک-بُہیٚم -
موٗل: بہنِم - (ک: باہ + یُم ــــ
(وُچھو باہ -)
یُس یا یمتھ کامن پتہٕ وارٛی آسہ
کھِس پتے آسہ دُن - دوہ یہ بُہیمہ دُریم

بےٗ کاکنۍ ــــ
(م-ک - بےٗ کاکنۍ - موٗل: بےٗ کاکنۍ

بأے ہنٛز کوٗے —

بےٚ کاکنہٕ توٗن — بےٚ کاکنہٕ ہُنٛد
گرِ کین دوٚیمین باژن سیتی ورتاو
بیتر — بےٚ کاکنہٕ ہُنٛد ہیوٗہ ورتاو —

# بأ

بأتھ — (ن۔ک۔ بأتھ۔ موٗل : بأت
(ع : بیت۔)
شار۔ شأیری۔ نظم —

بأتہٕ بازی — وارِ وارِ شارس پیٹھ
شار وَنُنٛ شوٗغُل — اکھ چھُہ کانٛہہ
شار ونان تہٕ بیاکھ تمہٕ شارٕکِس آخری
اچھرس پیٹھ نوٚو شار ونان —

بأٹ — (م۔ک۔ بأٹ۔ موٗل : باٹ —
(پنجابی باٹی ج (س : واٹی۔)
سنُز تہٕ بُڈرِ کأج —

بأٹھ — (م۔ک۔ بأٹھ۔ موٗل : بأٹ۔)
ٹھجہ ہنٛز نُنٛڈھیا ہور —

بأٹھرِن — گُلس لنٛجہ ہلینہٕ۔ گل ٹھلُن۔

باچھ کرنہٕ —

باچھ۔ ٹھجہ ہنٛز گوٚل لنٛجہ۔ بیتر —

باچھ کرنہٕ — گُل ٹھلُن — وَنٛدٕ باچھ
ریتہٕ کالہٕ گُل لنٛجہ تہٕ موٚدٕ بیتر ژُٹھ
گُو زالین مشز سوٗمبرتھ تھونہٕ —

باچھ گیوٚوڑ — گنٛدِ بتھ باچھ بوٚو۔

باچھ لوو — باچھن ہنٛز نوکٕٹ گیڈ

باچرن ———— (س : بیج +
ک۔ رن۔)
حِصہٕ باگےَ۔ بنٛز رن —

باچرن — حِصہٕ باگےَ کرنی۔ بنٛزوٗن

باچھنی — (م۔ک۔ باچھنی۔ موٗل : باچھن
(س : وشکرینی یا بشکرینی۔)
سوٗ گاو یس پرسنہٕ پتہٕ کینٛہہ کال
گرٛھتھ دوٚدکم ہنیہ گرُھن —

باڈرپیٹھ — (ن۔ک۔ باڈرپیٹھ۔ موٗل :
باڈرپیت۔ (س : بھادر + پد۔)
(۱) ہنٛدین ہُنٛد پنٛژیُم ریتھ۔
(۲) ژوہر آڈ ہنٛز پیٹھ۔ تمہ دانہٕ یم

کأنہ کأنہ وُہرأتھ منز تیران چھ

بأدی یانہٕ ۔ (ن۔ک۔ بأدی یانہٕ۔ موٗل:
بأدی یان۔ (ف: بادیان۔)
اکھ مسالکُ ناو۔

بأدی یانہٕ گوٗرج ۔ یہِ کیٛنژھا بأدی
یانُس وُگیتھ تہٕ چھا ینتھ پیتھ کُن نیر

بأدرِ ماوس ۔ (م۔ک۔ بأدرِ ماوس۔ موٗل:
بأدرِ ماوس۔ (س: بھادر+ اماوسیا)

بأدرِ پوٗچ ماوس ۔ بأدرِ پیٹھ گٕژھ
پچھک پیتم دوہ ۔

بأڈرن ۔ (م۔ک۔ بأڈرن ۔ موٗل: بأڈرن
بارٕ تھپھ لاگنی۔ بارٕ تھپھ دِنی۔

بأڈرمن، بأڈراوُن ۔ بور کرُن۔ لُر
جاے بسنہٕ لایق بناونی۔

بأر۔ (م۔ک۔ بأر۔ موٗل: بار۔ (س:
بھارہ۔)

(۱) بور۔ بأر ژیُن۔ سُہ ژیُن یُس
کینہہ باپتھ بأرو بأرو وینہ آسہِ وولمت۔

بأر سأر۔ بور لاکہِ انُن چانیُن

بأر کھر ۔ سُہ کھر یُس صِرف بور سارنس
لگان آسہِ۔ وَرگہٕ یُس کھر سندی
بأٹھی کامہِ لاگنہٕ یِیہِ یا کأم کرِ۔

بأر کھارٕنی ۔ کأم کُرِتھ بنیٛس مَٹہِ
تھوٚونی زَنتہٕ تَسندی کٕنی کوٚر۔

بأر گُر ۔ سُہ گُر یُس صِرف بور سارنس
لگان آسہِ ۔

بأر لدنی ۔ بأر کھارٕنی۔ بأری لَدٕنی۔
وَرگہٕ پنٕنی گوناہ بنیٛس کھارٕنی۔
م: ہہِ نیرِ ے شامہِ کٹے
بأری میأنی چھے ژٕنے مٹے

بأروے ، بارِوے۔
بور سارنٕچ موٚزوٗری۔

بأر وول ۔ بور سارن وول ۔ یُس
پیٹھ بور آسہِ۔

بأرِ ہٕ ۔ (ن۔ک۔ بأر۔ موٗل: بأر۔)
دُسوٗلَن ہُنٛد اکھ اوزاد یمہِ سیتی
بور چھہِ سیوٗد کران یا سوٗتر کران۔

بأرو۔ (ن۔ک۔ بأرو۔ موٗل: بأرو۔

(س : بھپروہ -)

(۱) شِوسِندیو اٹھوریو مٔنز کُنہِ
تہٕ اکِہ ریکُپ ناد — (۲) شوسِندِ پرواہِ
مٔنز تم یم دوتاہن دُستھ چھِ —

بٲرۄکرُن - (۱) پننہ پان قوربان
کرُن، بلی دِیُن - (۲) کُنہِ کامہِ باپتھ
پانس اَرگ لُدن یا پنُن پان خطرس
مٔنز ترٛاوُن -

بٲرۄگرٛھن - ہَنگہِ منگہِ کانہہ تبٲہی
گرٛہنی - بٲرۄ ناتھ - بٲرۄن ہُند
نالہہ - شوسُند اکھ ناو -

بٲرِش - (م-ک- بٲرِش - مٔوٚل : بارِش
(ف : بارش -)
روٗد - بٲرِش کرٛنی —
روٗد والُن - روٗد پیوٚن —

بٲریکھ ع۱ - (س : بھار -)
گوٚب، سیٹھا گوٚب —

بٲریکھ ع۲ - (ف : باریک -)
زاوُل —

بٲرۄوے - (م-ک- بٲرِوے - مٔوٚل :
بٲروے - (س : بھار + وہے -)
بور بیترٕ سارنٕچ موٚزوٗری —

بٲری یا - (م-ک- بٲری یا - مٔوٚل : بٲری
یا - (س : بھاریا -)
کوٚلے - آشنہِ - زَنی - گرٛداجنی -

بٲروی، بےرُوی - (م-ک- بٲروی -
مٔوٚل : بٲوری - (س : بھیروی -)
دوٗرگا بگوتی ہُنٛد اکھ ناو - "بٲرۄ"
لفظک ماد —

بٲزی ع۱ (م-ک- بٲزی - مٔوٚل : بٲزی -
(ف : بازی -)
تماشہِ - کھیل - ژھل - کانہہ پیشہِ
چلاوُن - زارگیندن - دوکھہِ - فریب
فند - بازِ پاٹھی - بے ایمان طریقو
کِنی - بے ایمان پاٹھی - دوکھہِ بازی
سان - فند فریب کرِتھ - ژھل -
ژھدٕ کرِتھ —

بازِ پٮ۪ٹھ تھوٚن - فند فریب درتاوان

روزُن ۔ بےٚ ایمأنی پیٹھ تھٲوُن ۔۔
بازِ پیٹھ روزُن ۔ بد نیتی آسُن ۔
بےٚ ایمأنی پیٹھ روزُن ۔ دغا بأزی
پیٹھ روزُن ۔۔
بازِ روٗس ۔ یُس فند فریب بیتر زانہٕ
نہٕ ۔ بےٚ ایمأنی ورأے ۔۔
بأزی یکنی ۔ فند فریب پکُن ۔ فند
فریب کٔرِتھ گُذارٕ پکُن ۔۔
بأزی پکناوٕنی ۔ بأزی چلاوٕنی ۔۔
بےٚ ایمأنی چلاوٕنی ۔۔
بأزی پیٚنی ۔ (۱) کینٛہہ موٗلی ہیٚنس منز
دوکھہٕ کھیوٗن ۔ (۲) باز اتھہِ لگُن ۔
باٹرُ اتھہِ لگُن ۔۔
بأزی ترٕنی ۔ دوکھہٕ لگُن ۔ دوکھہٕ
کھیوٗن ۔ ژھلراونہٕ یُن ۔ (خاص کٔرِتھ
کینٛہہ ہیٚنس دِلنس منز ۔)
بأزی تارٕنی ۔ دوکھہٕ دیُن ۔ ٹھگُن
(خاص کٔرِتھ کأنسہِ کینٛہہ کِنٕنس منز)
بأزی دِنی ۔ دوکھہٕ دیُن ۔ ژھلراوُن

ٹھگُن ۔ فریب دیُن ۔۔
بأزی کھسنی ۔ (۱) زارس منز ہارُن
کأنسہِ نِش ہارُن ۔۔
بأزی کھارٕنی ۔ زارس منز بیاکھ
ہارناوُن ۔ زارس منز بیٚیس مُقابلہٕ
زینُن ۔۔
بأزی کھینٕنی ۔ دوکھہٕ کھیوٗن ۔ ٹھگونہٕ
یُن ۔ کانٛہہ ٹھگیتھ گژھُن ۔ نوقصان
تُلُن ۔ بأزی گر ، بأزی کار ۔۔
(۱) جودُوگر ۔ مدأری ۔ مأتھر پرٕتھر
ژھل ہاوَن وول ۔ (۲) ژھل دِرتناوُن
وول ۔۔ بأزی تارَن وول ۔ فند
فریب کرَن وول ۔۔
بأزی گر پأتھر ، بأزی کار پأتھر ۔۔
بأزی گری ۔ بأزی گرس سُند پیشہ
بأزی گر کار ۔ ٹھگُل ۔ بأزی گرس سُند
طور طرز ۔۔
بأزی گری ، بأزی گأری ۔۔
(۱) بأزی گر کار ۔ بأزی گرس سُند پیشہ

(۱) اَکِس بیٚیِس ٹھگہٕ نکُ پیشہٕ یا
عادَتھ ــــ
بأژی لگنی۔ ٹھگو ہنٕ یُن۔ دوکھہٕ کھیوٚن
دوکھس تَل یُن ــــ
بأژ۔ (۱) گرٕکیب اکھ زوٗن۔ (۲) رۄن
یا کوٚے ــــ
بأژِ بأژِ۔ (۱) پژھ کأنٛہ بأژس۔
گرِکِس زٕلنس زٕلنس۔ م : باژِ باژِ
پیوکھ مار۔ (۲) گرٕک پژھ کانٛہہ
بأژ یا گرِکہٕ اَکِہ اَکِہ ساری۔ م : باژِ
باژِ دژاے ہم تَس بڑو شٹھ ــــ
بأژِ بتہٕ۔ سُہ بتہٕ یُس سیٚٹھن گرِکین
بأژن عام پأٹھی یِیہ دِنہٕ، سُہ بتہٕ
سیٚٹھن بیتر ہنٕ یُس کأنٛسہ زِٹھس یا
پُرٕٹھس کیٚت آسہ ــــ
بأژِ بل۔ بأژ آسنکُ ذور۔ بأژ
آسنکُ ڈوکھ ــــ
بأژرٕ۔ رۄن تہٕ کوٚے ــــ
بأژ سیٚٹھن۔ گرٕس منٛز رۄنمُت سُہ
سیٚٹھن یُس بأژن عام پأٹھی دِنہٕ
یِیہ، سُہ ہنٕ یُس خاص کأنٛسہ ہنٛدِ
باپتھ آسہ ــــ
بأژ گرٕ اکھ۔ عیال باد گرٕک زیٹھ۔
بأژ وول ــــ
بأژ وول۔ یُس بوٚڈ عیال آسہ۔
بڈِ عیالکُ زیٹھ ــــ
بأژین۔ (۱) (یتین ہیتہٕ دٕنی ہتہٕ
آسن) بأژن سومب، م : دُ
بأژین۔ تژ بأژین بیتر۔ (۲) (گرٕ منٛز
منٛز ییتین ہیتہٕ دُنی ہتہٕ آسن۔) بأژن
ہُنٛد، م : مُشراہ بأژین گرٕ ــــ
بأسی عا۔ ژک : بأسی۔ موٗل : باس ــ
(س : واس + اِ۔ (م : ہ : باسی)
کالکُ۔ یِیہ ہنٕ تازٕ آسہ۔ یُتر کول۔
بأسی بتہٕ۔ کالکُ بتہٕ۔ ہوٚنٛدُ بتہٕ
تُرُن بتہٕ ــــ
بأسی دژکہٕ۔ یمہٕ دژکہٕ یمہ رَتھ ژٕہنہٕ
باپتھ کالہٕ تہٕ اِستعمال آسن کرنہٕ آمُتہٕ

بأسۍ رَتھ ۔ اکھ دوہہ رَتھ کڈِتھ پتہٕ
یُس رَتھ دَدیہٕ دوہہ کڈنہٕ ییہ ۔

**بأسۍ** ٢ ۔ (س : بھاس > بھاسکر ۔
لفظک ژھوٚٹ ۔)

باسکر (بھاسکر) سُند یا ہُنز
باسکرٕی ۔ (بھاسکرٕی)

**بأسۍ نیچہ پُتر** ۔ بوتشکُ سٕہ حساب
یُس (باسکرٕن) کٔشیٖرِ منٛز اوٚن ۔

**بأش** ۔ (م۔ک۔ بأش ۔ مۆل : باش ۔
> س : بھاشا ۔)

حالژ ہُنْد کانْہہ ہیشر ۔ کأنٛسہِ ہنْدی
بأٹھی ۔ کأنٛسہِ ہنٛز وَنہٕ ۔ م : تٔس گٔیہ
دَنداہ ہنٛز بأش ۔

**بأطن** ۔ (ن۔ک۔ بأطِن ۔ مۆل : بأطن ۔
> ع : بأطِن ۔)

یہ نہٕ ظأہِر آسہ ۔ یہ نہٕ نوٚن آسہ ۔
یہ گُھٹِتھ آسہ ۔ اندرِم کتھ ۔ ژأپک
عالم ۔ بأطِنٕچ بلاے ییٚنہٕ ۔
ناگہأنی مُصیبتھ یُن ۔ ہٕنگہ منگہ کانْہہ

تکلیف دِتھ تلِتھ یُن ۔

**بأقی** ۔ (ک : بأقی ۔ مۆل : بأقی ۔ > ع :
باقی ۔)

پَتھ کُن روٗد مُت ۔ ہُر لۆد مُت ۔
موٚژ لۆد مُت ۔

**بأقی تھوٗن** ۔ دِنے تھوٗن ۔
ہورنے تھوٗن ۔ پَتھ کُن تھوٗن ۔

**بأقی دار** ۔ یُس قرضہٕ ہورنے آسہ ۔
یَس مالہٕ برنے آسہ ۔ یُس کینْہہ دارِ

**بأقی روزُن** ۔ ہورنے روزُن ۔
دِنے روزُن ۔ پَتھ کُن روزُن ۔
نِنےَ روزُن ۔ کرنے روزُن ۔

**بأگر** ۔ (س : بَہہ وارہ ؟)

اَن کأشتھ ، اَن کتھ ۔ اَکھتے ۔
صرف پٔشی ہیتھ ۔

**بأگرِ خأنی** ۔ بأقرِ خأنی ۔ (م۔ک۔ بأگرِ خأنی
مۆل : بأگر خان ۔ > ع : باقر خانی)

دوہ دَس تہٕ تھٔنہٕ پٔٹھ بٔادِ مٔرِ کاندر
واہنچ اکھ خاص ژوٹ ۔ اکھ قسمک

بوڈ کتھیہ —
-باگی- (س: بھاگہ-)
اکھ پوت لوگ ٹینک مانے
چھ (تتھ) دکس یا راٹھ ہندس
حصص یا خاص وقتس -ہم: شامن
باگی -صبحن باگی- نو بجہ باگی بیتر-
باگرن - (م-ک-باگرن- مؤل:
باگرن -(س: بھاگ + کر +
ک -ان )
تقسیم -حصہ بٲگرے-
باگر مُت- یتھ باگی آسن
کرٕی متی، یتھ حصہ آسن کرٕی متی-
باگر بتھ یوگ- باگرن والی ئسند.
حصہ ئیس تس کینہہ باگرِ تھ دِنہ
یا پتھ کھسہ —
باگرن وول - ئس باگراوِ -
ئس کنہ حصہ بیتر کرِ تھ دیہ—
ئس باگراونس پتھ آسہ—
باگراوُن - حصہ بٲگرے کرنی-

حصہ کرنی - یہ ئیس واتہ تس تہ
دِین- باگرِ تھ تھوون —
حصہ کرِتھ تھونی- تقسیم کرِ تھ تھوون
ئیس یہ کھسہ تس کنیت تہ تھوون-
باگرونی- باگرن والی سُند حصہ-
باگرِ تھ دِنیچ موزوری —
باگرن - باگراوُن -حصہ کرنی-حصہ
کرِ تھ تھوون- بیون- بیون حصن منز
تقسیم کرون —
بال - (ک- بال- مؤل: بال- (ہ: بیل
(س: بلی-)
ل-م- دانٔد- ورگہ ہیچہ کلہ- کاڈ بو
رڈس- چور- بیقل—
بان ع۱ (م-ک- بان- مؤل: بان- (س:
وانہ یا وینہ، وینو)
ڈینڈ- (ترنگر ہند یا دلچہ ہند)
بانہ وول- ئیس بانہ ہندین دوہن
اندن چیز بیتر الانٔدی ترانٔوِ تھ نوان آس
بان ع۲ —— (م-ک- بان-

موٗل : یان ۔ (س : ویناہن ؟)
پکھ کرٕ ژٕر ۔ سُہ کرٕ ژٕر یتھ ڈسی
ئن لبہٕ آسن کھارِ ہمٕر ۔۔

بأن ع٣ ۔ (م ۔ک ۔ بأن ۔ موٗل : بان
(س : بھانڈہ ۔)
چوکھ بانہٕ یتھٕ ۔۔

بأن ع٤ ، بأنی ۔ (م ۔ک ۔ بأن ۔ موٗل :
بان ۔ (س : بھانڈ ۔)
دٕد سوٗمبرِتھ تھوٗنکُ گوژہن
ہُند اکھ بوٗڈ بانہٕ ۔ کہے ۔
بانہٕ دٕد ۔ بانہٕ منز سوٗمبرِ مُت
دٕد دلیُس ژٕ کیوٗ مُت آسہِ ۔۔

بأن ع٥ ۔ (س : ویتناس ۔)
ناوِ پُٹ ۔ (کُنہٕ ناوِ ژھنہٕ کرِپوچ

بأنی ۔ (ع : بانی ۔)
کرِن دِنہٕ وول ۔ گوڈ دِنہٕ وول ۔
بأنی کار ۔ کرِن دِنہٕ وول ۔ گوڈ دِنہٕ
وول ۔ بأنی ۔۔

بأنٹری ۔ (س : بندی ۔)
قیدی ۔ یُس بند آسہِ کرنہٕ آمُت

بأنڈِل ۔ جیلک اَفسر ۔ جیلکُ
کُنز برٛار ۔۔

بأنڈی وَے ۔ تِم پأنٹہٕ یِم قیدی
ہِنٛدِ کھینہٕ چینہٕ باپتھ بَرنہٕ چھِ یِوان

بأنڈی وان ۔ جیل ۔ قأد خانہٕ ۔
قیدین ہِنٛدِ تھوٗنچ جاے ۔

بأنڈی وان لگُن ۔ جیل لگُن ۔ سزا
لگُن ۔ بأنڈی وان لاگُن ۔
جیلس منز بند تھوٗن ۔ جیل ژھینُن
قأدُک سزا دِنُن ۔۔

بأنڈی ہال ۔ جیل خانہٕ ۔ قأد خانہٕ
سُہ جاے یتہِ قیدی بند چھِ یِوان
تھونہٕ ۔۔

بأنڈی نال ۔ جیلکُ داروغہ ۔۔

بأنڈِل ۔ (م ۔ک ۔ بأنڈِل ۔ موٗل : بأنڈِل
(س : بھانڈ ۔ کسال ۔)
بانڈِگی ۔ مسخرٕ پأتھر ۔ بانڈ کار ۔
بانڈ تون ۔۔

بأنٛس ۔ (ن ۔ک ۔ بأنٛس ۔ مؤل :
بأنٛس ۔ (ہ : باٗنس ۔ (س : وٗنشی)
نرکأنی چالہِ اکھ کٔی ذاتھ ٹیٖمٹھ
کانٛڈ میا لنگ لٮ۪ٛجہِ کھوٗ گھرِ چھےٚ آسان
بأنٛسہٕ ڈنٛڈ ۔ بأنٛسو لوٚر یوٚس کھوٗ کھر
آسان چھےٚ ۔
بأنٛسہٕ قلم ۔ لوکٹ بأنٛسہٕ لوٚر یتھ
زیٛادٕ کھوٗ تہٕ زیٛادٕ ژگنٛڈ آسن ۔
بأنٛسہٕ کأنی ۔ بأنٛسہٕ ڈنٛڈس تجہٕ ہٕر
یا زلیٖتھ وأجمٕژ زیٖٹھ ریٖچ ۔
بأنٛسو ۔ یہٕ کینٛژھا بأنٛسک آسہِ ۔
بأنٛسہٕ لکرِ ہنٛد ۔
بأنٛگی ۔ (ف : بانٛگ +ک ۔ ی)
بانٛگ دِنہٕ وول ۔
بأو ۔ (م ۔ک ۔ بأو ۔ مؤل : باو ۔)
زنٛگہِ ہنٛد ہتیٖرٕم حصہٕ ۔ (جانا
وارٕس ، مثلن کوکرس ، اوٗنٛٹس تہٕ
بٔلطنس بیتر ۔)
بأوی ۔ (م ۔ک ۔ بأوی ۔ مؤل : بأوی ۔
(س : بھادی ۔)
یہٕ سیٖدٕ دوٗن آسہِ ۔ یہٕ بنہٕ دوٗن
آسہِ ۔ یہٕ بڑ ڈنٛہہ کنیٚ تقدیرس
پیٚکھتھ آسہِ ۔

# ب

بِتاوٗن ۔ (ن ۔ک ۔ بِتاوٗن ۔ مؤل : بِتاو
(ہ : بِتانا ۔ (س : ویٖتیت ۔)
(۱) گزارُن ۔ کڈُن ۔ (وَق بیتر)
(۲) چلاوُن ۔ پکناوُن ۔ (کأم کار)
بِتُر ۔ (ن ۔ک ۔ بِتُر ۔ مؤل : بِتر ۔)
زور ۔ طاقتھ ۔ بانہٕ ۔ بل ۔ گنجایِش ۔
بِٹھ ۔ (م ۔ک ۔ بِٹھ ۔ مؤل : بِٹھ ۔ (س :
ویشٹ ۔)
کُنہِ جایہِ بہُن یا سمُن ۔ (ژوٗر ۔
زأدیا بیٚنہِ کانٛہہ اَتر کرنہٕ باپتھ ۔)
بِٹھ لاگنہٕ ۔ ٹلی دربار دأری لاگنہٕ ۔
فوٗنول گتھ کتھ لاگنہٕ ۔ وقتھ گسادنہٕ

باپتھ بُلۍ کِتھ تُلمنہٕ ۔ کاٗٹھ نِش
بِہتھ گرٕشھن یا بِتھ گرٕشھ لاگُن ۔
بِٹھ واہرٕنۍ ۔ ژٲڈرن ، زار بِن وارن
ہُنٛد سٕمنُک سٕتھ کرُن ۔ بُلۍ دربار
دآری باپتھ سٕمُن ہیوٗن ۔
بِٹھ چوٗد ۔ (ن ۔ ک ۔ بِٹھ چوٗد ۔ موٗل :
بِٹھ چود ۔ (ہ : بیٹی چود ۔)
کور دِلِل ، یہِ چھےٚ لِکھ ۔
بِٹھِنہٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بِٹھنہٕ ۔ موٗل : بِٹھن
(س : ویشٹنہٕ ۔)
پاژھی گُنڈُن ۔
بِچھر، بِچھر ۔ (ن ۔ ک ۔ بِچھر ۔ موٗل : بِچھر ۔
(ک : بیکھ + اَر ۔)
مانٛچھر ۔ چربی ۔
بِچھرٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بِچھرٕ ۔ موٗل : بِچھر ۔
(س : و + چھرٕ ۔) [و + چکرٕ]
ڈکہٕ پلیٹھُک مستہٕ پھوٗٹنگ ۔
بِچھرمُنٛد ۔ (ن ۔ ک ۔ بِچھرٕ ۔ موٗل : بِچھر ۔
(س : و + چھرٕ ۔)

اُکِس جانور سُنٛد ناو ۔ بِلرٕ بچرٕ ، بُلبُل
بد ——— نِشانہٕ ۔
بد مرٕنۍ ۔ پننہٕ منشاہ کیٚنٛہہ سپدُن ۔
مطلب پوٗرٕ گرٕشھن ۔ نِشانس واتُن ۔
بد مارٕنۍ ۔ بیٚیس سٕتھ کامہِ اَندر پیٚنُن
مطلب مُشری گُڈِتھ نیٚنُن ۔
بدٕرٕ ۔ ٹھیلہٕ ۔ پُنٛچ ۔ گینٛشٹھ ۔ گیٹھر ۔
بِرِی بِش ۔ (م ۔ ک ۔ بِرِی بِش ۔ موٗل :
بِری بش ۔)
تُوٗتھ یا تُلِتھ رٕلہٕ رِلہٕ پھل پھوٗل
چھِنہٕ چینٛبلی ۔ تُلِتھ ماہ مُتھ بیترٕ ۔
بِزن ۔ (ف : بِزن ۔)
لاے ۔ مار ۔ ڈیٚنٛہہ ، دِ ۔
بِزن بیگ ۔ لاین وول ۔ چوب
دِنہٕ وول ۔
بِس لاے ۔ (م ۔ ک ۔ بِس لاے ۔
موٗل : بِس لاے ۔ (س : بِڈشہ)
گاڈرٕلنُک اکھ ساماں ، یہِ چھُ اکھ
لوٗر آسان یتھ اکہِ اَنٛد وول کرٕتھ

پَن چھہِ اَلونٛد یِوان ترٛاونہٕ، گاڈ چھےٚ اُتھۍ واٗلِس منٛز پھسان —

بِس لایہِ وول — سُہ کانٛہہ یُس بِس لایہِ گنٛڈنہٕ چھہِ یِوان — بِس لایہِ ہُنٛد کوہ —

بِس لاے ترٛاوٕنۍ، لاگنۍ — ڈنٛڈ کُرِتھ پھساوُن — زال واہراوُن — تال زال کُرِتھ کانٛہہ پانَس کُن پھرُن —

بِسٕین — اڈنٛکِہ ہِنٛز واج —

بِشتہٕ — (آوازِ بیٹھہ = بِش + تہٕ — مُ: ہِش —)

بڑوٗر ژلراونہٕ وِزِ وَنان — بڑوٗر کڈنٕچ آواز —

بِشکہٕ رُوٚٹی — (ک: بِشتہٕ = بڑوٗر + ہ: روٚٹی —)

یُس پڑتھ وِزِ کھینہٕ موقس حاضر آسہِ —

بِکُشک —— (ان - ک بِکشکہ مُول: بِکشک — (س: بھکشکہ —)

بیچھہٕ وُن — بیٚکھینٛک — خاص کُرِتھ بود بیٚکھینٛک ——

بِکھاٗری — (ان - ک - بِکھاٗری — مُول بِکھار (ہ: بِکھاری — بھِکشا ہاری —) بیچھہِ — بیچھہٕ وُن — فقیر —

بِکھاریٚنۍ — بیچھہِ وٕنۍ — یوس بیچھان آسہِ —

بِکھاٗرِل — بیٚچھہِ گی — یُس بیچھہِ پنٕچ ڈنٛڈہٕ آسہِ ——

بِکھاٗری باے — بیچھہِ وٕنۍ شُرٕ زنانہٕ بیچھہِ وٕنۍ ——

بِکھاٗری کُٹھ — بِکھاٗری سُنٛد نیٚچھوٗ — بیٚچھہِ کٕٹھ — بِکھاٗری کوٗٹ —

بِکھاٗری سُنٛد نیٚچھوٗ یُس پانہٕ تہٕ بیچھان آسہِ — بیٚچھہِ کوٗٹ ——

بِکھاٗری گی — بیٚچھہِ گی بیٚچھہِن ڈنٛڈہٕ —

بِگار —— (ان - ک - بِگار - مُول: بِگار - (س: وِکارہ) بھاس — فساد —

بِگار کرُن۔ پھاس کرٕنۍ۔ فساد کرِتھ
دُیِنۍ۔ ژھِپن کرٕنۍ۔

بِگارُن ـــــ "اصلہٕ" پزنہٕ تہٕ پزِنشہ
ڈالُن۔ بریٖٹھ کرُن۔ شکل ڈالِنۍ۔ گڈ بڈ
پاٚدٕ کرُن۔ گراوٹھ اَنٛنۍ۔ گراوُن۔
غلط فہمی پاٚدٕ کرٕنۍ۔

بِگرُن۔ (م۔ک۔ بِگرِن۔ مؤل: بِگرِن۔
(س: وِکارہ + ک ــ اَن۔)
(۱) خرابی۔ اصلہٕ، پزنہٕ، تہٕ پزِنشہ
ڈٕلیٖنۍ حالتھ۔ بڑٕ بیٚٹھنۍ حالتھ۔ شکل
ڈٕلیٖنۍ حالتھ۔ گراوٹھ۔ (۲) گڈ بڈ۔
بےٚ ترتیٖبی۔ (۳) ژھِپن۔ دُیی۔

بِگرُن۔ (۱) اصلہٕ، پزنہٕ تہٕ پزِنشہ
ڈٕلُن۔ خراب گژھُن۔ بڑٕ بیٚٹھُن۔ شکل
ڈٕلِنۍ۔ (۲) گرُن۔ پیُن۔ گراوٹھ ہیٚنۍ۔
(۳) گڈ بڈ گژھُن۔ بےٚ ترتیٖبی نشرٕ آسُن۔
(۴) ژھِپن گژھُن۔ دُیی گژھٕنۍ۔

بِلو۔ (ن۔ک۔ بِلوٕ۔ مؤل: بِلو۔ (س:
جِوِلیہ۔)
سوکھنۍ یا دالرٕپٹ یتھ پیٚٹھ گنہٕ
اوزارٕچ دار تیز چھیٚنۍ کرنہٕ یوان۔

بِلوٕ دِتھ ہیُن۔ تیار آسُن۔ تکرٕتھ
آسُن۔ کھہرِن دِتھ روزُن۔

بِلوٕ دیُن۔ پھش دیُن (اوزارس
تیز کرنہٕ باپتھ۔) تیز کرُن۔

بِلا۔ (ع: بِلا۔)
لغار۔ ورٲے۔ رؤس۔

بِلوٗر۔ (ن۔ک۔ بلوٗر۔ مؤل: بِلور۔
(ع: بِلور۔)
سوٗٹھک۔

بِل بچھرُ۔ بِل بچھرُ۔ (ن۔ک۔ بِل بچھرُ۔
مؤل: بِل بچھر۔ (ک: بِل + وِچھرہ)
اُکس دُپھوٗنس چانا وار شند ناہ
یَس بچھرُ چھُہ آسان بالکل

بِلکل۔ (ع: بالکل۔)
ساٚلِم، پوٗرٕ۔ برابر۔ ہکہٕ ہکو۔

بِمہٕ سیُن۔ (ن۔ک۔ بِمہٕ سیُن۔ مؤل: بِمہٕ
سیُن۔ (س: بھوٗمہٕ + سر جِنو۔)

اَکِس لوکٹس کیمٚی شُند ناو۔

بم : بُمہِ سِنز۔

بم ٹول ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بم ٹول ۔ موٗل : بم ٹوا ۔)

بُتر ۔ گنٹول ۔

بنا ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بنا ۔ موٗل : بنا ۔ (ع : بنا ۔)

(۱) بُنیاد ۔ کُن ۔ شوٗروع ۔ گوڈ

(۲) پاے ۔ چار ۔

بنا کرُن ۔ وَتھ ژھارنی ۔ سُبیل کرُن ۔ چار کرُن ۔ پاے کرُن ۔

بنۆ ۔ (ام ۔ ک ۔ بنۆ ۔ موٗل : بنۆ ۔ (س : بھگنی ۔ (پُم : ہ : بہن ۔ گجراتی بہن ۔)

بینۍ بُرٕ گُرتھ کتھ کرٕنہٕ دِزٕ وَنان

ہم : ہٕنزٕ بنۍ ، گیاہٕ بنۍ بیتر ۔

بندر ۔ (ام ۔ ک ۔ بندر ۔ موٗل : بندر ۔ (س : بندر ۔)

(۱) ڈُنگ چوٗنی ۔ سِتارٕ یُس چھاؤ

چھرٕیوان (بلوس ، ٹوپہٕ بیتر ۔) ۔

(۲) پھندرٕینیٚ ۔ ژھلٕ گرٕ ۔

بندرابن ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بندرابن ۔ موٗل : بندرابن ۔ (س : ورِنداون ۔)

جمنایہ بٹھس پیٹھ متھرایہ منز اکہ جایہ ہُند ناو ۔ (یتہٕ کرشنن لۆکچار گوٗپیین سیتی گُزور ۔)

بندرینی ۔ (ام ۔ ک ۔ بندرینی ۔ موٗل : بندرینی (س : بندو + ک رنی (پراکرت رنی (س راگنی ، راجنی ۔)

پھندرینی ۔ ژھلٕ گُر ۔

بنڈُر ۔ (ا ن ۔ ک ۔ بنڈُر ۔ موٗل : بنڈُر (س : پنڈ + ک ۔ اُر )

یڈ ۔ بنڈُرٕ الوٗن ۔ ل ۔ م ۔ یڈ تھر تھر اژنی ۔ کھوژُن ۔ ترٕہرُن ۔ ولسرُن ۔

بنڈرنُن ۔ بنڈُر الوٗن ۔

بهہ ، بهی ۔ (ان ۔ ک ۔ بهہ ۔ موٗل : بهہ ۔ (ف : بهی ۔)

بَم ژوٚنٹھ ــــ

بٕہہ دانہٕ ـ بَم ژوٚنٹھ ـ بیول ــــ

بٕہشت ـ (ان ـ ک ـ بٕہشت ـ مۆل : بہست
(ف : بہشت ـ ژند : وہشت ــــ
س : وہِشٹ ـ)
جنّتھ ـ سورگ ــــ

بٕہُن ـ (ان ـ ک ـ بٕہُن ـ مۆل : بہہ ــــ
(ک : بہہ ـ (س : وِش + اُن ـ)
(۱) آسُن پیٚتھر تھوٚن ـ مَنڈُل
پیٚتھر تھوٚوِتھ روزُن ـ (۲) روزُن ـ
آسُن ـ م : سُہ چھُ ہوود بیہِتھ ــــ
(۳) ژھُمُن ـ شرپُن ـ وہِپُن ـ م : کتھ
بٕہِنہٕ ـ تَس گژھیا بٕہُن تہٕ کینہہ نہٕ ؟ ــ
(۴) ژٕکِس روزُن ـ م : سیٚوُمُت بٕہُن
(۵) حرکژ منز نہٕ آسُن ـ ژکُن ـ م :
گرٕ چھےٚ بیہِتھ ـ (۶) کامہِ کارس منز نہٕ
آسُن ـ بے کار آسُن ـ م : از کٲل چھ
سُہ بیہِتھ ـ (۷) کُنہِ کارس سِتیٖ گٔتھ
آسُن ـ م : سُہ چھُ اُکتی کامہِ بیہِتھ ـ

بٕہُن جاے ـ (۱) روزُن جاے
یِتہٕ رُوزُن چھِ ـ (۲) بیٚتھ کا نہٕ بٕہنہٕ
(۳) بیٚتھ لوٚکہٕ آسُن سمان ــــ
م : وُنہٕ چھِنہٕ پنچایتس بٕہُن جاے ـ

بیہِتھ ـ "بٕہُن" لفظُک پیٚتھ کال ـ

بیہِتھ گژھُن ـ پیٚتھر بیہِتھ نہٕ
تھوٚدُے ـ وتھُن ـ بیٚتھرس پیٚٹھ
اکِہ ہِسے جایہِ روزِتھ گژھُن ــ
اکِہ ہِسے جایہِ روزِتھ گژھُن یا
ژکُن ـ اور یور نہٕ ڈلُن یا پکُن بند
کرُن ـ کارِ نِشہِ گژھُن ــــ

بے، بی ـ (ک : بے / بی ـ مۆل : بے
(س : دِکال یا وِکر ـ)
کالُک ـ واتُک ـ یہِ نہٕ ساڈر
وار آسہِ ــــ

بیر ـ (۱) بٲسی آسُن ـ کُنہ کھیٚنہٕ
چیز چھ سو حالتھ یوس تمتھ پرٕ
سِتیٖ گژھان چھےٚ ـ (۲) نہٕ کرنہٕ
کِنی کام پرانہٕ پیچ حالتھ ـ تَتھ پرٕ لیٚتھ

بیر لگُن - ژیر لگنہٕ کنہِ کتھہ شِٹھنۍ -

بیہہ ناوُن - شِٹھ راوُن - ہُنٛد

راوُن - پرانہٕ ناوُن ــــ

بیٖنۍ - (ن - ک - بیٖنۍ : بے ــــ

(بے + اُن -)

کھینہٕ چیزک پکٹُن ، ہرنُن ، بے

سواد بنُن - پھیرُن - باسی گژھن -

کھینہٕ چیز بیتر بی سید تھ کھیس

لایق نہ روزُن ــــ

بیابان - (ن - ک - بیابان - مؤل : بیابان

(ف : بیابان - (بے + آب + آن)

صحراو - سیکہِ ماران - وآران تہٕ

بنجر علاقہٕ ــــ

بیوٚ - بیو بیوٚ - (ف : بیابیا -)

ہکٹ - اکھ کور کھیل ــــ

## بی

بلیتھ - (م - ک - بلیتھ - مؤل : بیت -)

لُٹھ کنہِ لُٹھِس گنڈنچ گتی ــــ

بلیٹھ - (م - ک : بلیٹھ - مؤل : بلیٹھ -

(س : وِشٹھ -)

(۱) بنجر زمین - (زمین) یتھ نہٕ

کینہہ بوو - یوس نہٕ لاگنہٕ ییہہ ــــ

(۲) (زنانہٕ) یس نہٕ شُر کوٚرٹ زیوٚ -

ہانٛٹھ زنانہٕ (گرہ ہیسن)

بیچر - (ن - ک : بیچر - مؤل : بیچر - (ک :

بیکھ + ار -)

ہانٛچھر - چربی ــــ

بیڑی - (م - ک - بیڑی - مؤل : بیڑ -

(ہ : بیڑی - (س : ویٹی -)

سو ہانٛکل یوسہٕ گوڑن ژھننہٕ

چھےٚ لوان - (یتھ نہٕ ژلتھ ہکیِ نہٕ)

زنگن یا گوڑن ہنٛز آرٕ ــــ

بیڑِ گژھنہٕ - آرٕ گژھنہٕ - زالس

پھٔسُن - ہینزٕ ین ــــ

بیٚرٕ ۱ بیر - (م - ک - بیر - مؤل : بیر -

(ہ : ہ : بیٚر -)

لوکہٕ جسر - لوکہ تژ بہٕ تژپھ ــــ

بیر۔ لوٗکر لوٗکے۔ لوٗکہ ترٛیہِ
ترٛپھ — بیر کرٕنی، بیر لاگٕنی —
جمگٹھ لاگُن۔ جمگٹھ سوٚمبراوُن۔

بیر ؏۲ ۔ (ان۔ک۔ بیر۔ موٗل: بیر —
(س: ورتلہ ؟ —)
گنِدٕ ہٕ باپتھ ہیچُو گوگُل۔ ہیچو
پمِنڈ۔ ہالہِ گوگُل —
بیر گوگُل — بیر —
بیرو۔ کُشیر ہِنٛدِس اُکس گامس ناو۔
بیرٕبلی — (ام۔ک۔ بیرٕبلی۔ موٗل: بیرٕبل۔
(س: ورتلہ + ولیہ —)
مٔرٕ کنٛس لاگِنٛچ اکھ کُنہٕ واٲج
یوٚس نیٚچِہ موٚہنوی لاگان چھہ۔
ترکی —
بیرٕبلہٕ پوش — بیرٕبلہٕ کرٕ مٕژ گُلکاری
بیرٕ — بیرٕبلہٕ کنَ — (۱) اکھ بیرٕبلی
سٕہ کنَ یتھ۔ بیرٕبلی لاگِتھ آسہِ —
بیرٕبلہٕ ہوٗر — بیرٕبلہٕ جوٗری۔ بیرٕبلہٕ زِگن۔
بیشن — (س: بھیشن)

بے دوٗن۔ کھوژ ناوُن۔ خوفنا کھ۔
بیکم — کوٗنڈٕ۔ کوٗنجواس —
بیکھ ؏۱ — (ان۔ک۔ بیکھ۔ موٗل: بیکھ)
چرٕب — بیکہٕ بتہٕ —
چرٕب ترٛاوِتھ بتہٕ —
بیکہٕ پچھوٗن — ژھوٹہٕ بیچھ۔ سُہ
بیچھن دول یُس ژھوٹہٕ پھلِ تام
رٹہٕ۔ شمہٕ گوٚوُد —
بیکہٕ چھچھُر — چربی دار نوٗہ۔ چربی
دار چھچھُر —
بیکہٕ دار — یتھ بیکھ سیتی آسہِ —
چربی دار —
بیکہٕ لِلہٕ — بیکہٕ پھلہٕ۔ چربہٕ دٕتہٕ
چربہٕ رزٕ —
بیکہٕ نور — چربہٕ دار پھیشٕر —
چربہٕ دار نوٗہ —
بیکل — بیکہٕ دار۔ چربی دار (بازیتر)
بیکھ ؏۳ — (ان)
ک۔ بیکھ۔ موٗل: بیک — (سِن)

بھکشا۔ (م۔ ہ۔ بھیک۔)
سُہ خاراتھ لیُس بیچھوِنِس دِنہٕ ییہ

بیگہٕ ـــــ (ن۔ک۔ بیگہٕ۔ مۆل
بیک۔ (ہ: بیگھا۔ (س: وِگرہہ)
زمینُک اکھ میٖر۔ پانژھ کنال زمین

بیم ـــــ (ن۔ک۔ بیم۔
مۆل: بیم۔ (ف: بیم=س: بھیم)
بےَ۔ خوف۔ ہابتھ۔ ترٛاس۔
بیم تھوٗن۔ ہابتھ تھوٗن۔ بے
تھوٗن۔ کھوژ ناوُن ـــ
بیم روزُن۔ ہابتھ روزُن۔ بے
روزُن۔ خوف روزُن۔ جُرتھ نہٕ
کرُن۔ مۄنہ ہیوُن ـــ
بیم کھیوٗن۔ کھوژُن۔ ہابتھ اژُن
ترٛاس کھیوٗن۔ کانپھ اژُن ـــ
جُرتھ نہٕ کرُن ـــ
بیم ہاوُن۔ ہابتھ ژھنُن۔ بے
ترٛاوُن۔ خوف ہاوُن۔ کھوژناوُن
بیم ہیوٗن۔ ہابتھ رٹُن۔ بے
رٹُن۔ کھوژِ تھہ روزُن ـــ

بیمہٕ۔ (ن۔ک۔ بیمہٕ۔ مۆل: بیم۔
(ہ: بیمہٕ۔ (ف: بیمہ=س:
بھیمہٕ۔)
عِوضایچ سُبیل۔ زُہ زُنگ تہٕ مالہٕ
بیترٕ زنگ نو قصان پوٗرٕ کرنٕچ زِمہٕ
وآری ـــ

بیمہٕ سپین ـ (ن۔ک۔ بیمہٕ سپین۔ مۆل:
بیمہٕ سپین۔ (س: بھیمہٕ سینہٕ۔)
پانژھ پانڈوو منز اکِس پانڈوٕ
سُنٛد ناو یُس سیٹھا بلوان اوس۔

بین ع۱ ـ (م۔ک۔ بین۔ مۆل: بین)
دارِ یا دروازس ژرنہِ ٹھوٗر بینی .P.?
کرنہٕ باپتھ اکِس پٹِس لاگمژٕ پیچہ
چھل۔ چیچھتی ـــ

بین ع۲۔ (ن۔ک۔ بین۔ مۆل: بین
(س: ویٖنہٕ۔)
اکِ قسمٕچ سورنیٚ ـــ

# ب

بر کاوُن ۔ (دُر کاوُن، لفظی کھنڈرن
لُٹسُن ۔ سپہ راوُن ۔

بربتی، بُربتی ۔ (م۔ک۔ بربتہٕ ۔ موٗل:
بربتی ۔ (س: ورہ + ورتنی۔)
اکھ گنٛدن تماشہ، یہ چھےٚ پَتس
وُربھ زِگدی کرِتھ اکھ ژُرٹ
آسان ۔ یَن چھ وُٹھتھ دِتھ لمنہ
سیتی زیپھراوان یمہ سیتی یہ ژُرٹ
نشان پےٚ چھےٚ ۔

بربر ۔ (آوازِ پیٹھ ۔)
پھر پھر ۔ در در ۔ م: بربر کران
وژھ سو لبون ۔ بر بر کران ژجہ
سادبے ژر ۔

بسر، بُسر ۔ (م۔ک۔ بسر، بُسر ۔ موٗل:
بسر، بُسر ۔ (س: بُس ۔)
رسہر ۔ سخ توت پونی ۔ گژھکہ
دِوُن آب ۔

بسر پینٛز ۔ رسہر پینٛز ۔ گژھکہ دُن
آب پیٚون ۔

بسر وسنی ۔ تتہ آبہ سیتی مُسلہ
دژُن، پھٹکی کھسنی ۔

بسر دلوٗنی ۔ تالہٕ تام بُربتھ نار
کانگر بیتر ییتھ اتھہ لاگنہ بستہ کھسن

بسر دلو ۔ سُہ کانہہ بانہ ییتھ گژھکہ
دِولنس آبس چھکہ آسن ووتھان
(ییتھ اتھہ لاگنہ اتھےٚ دزِ ۔)

بسر لد، بُسر لد ۔ یَس بسر آسہ
پلیمر یا وُژھمر ۔ یَس گژھکہ دُن
پونی پینہ ژَم دُزمر آسہ ۔

بسر وونی ۔ رسہر وونی ۔ خاص کرِتھ
سو آبہ ترٹھ یُس رسہرمش آسہ ۔

بُہر ۔ (م۔ک۔ بُہر ۔ موٗل: بُہر)
گانٹھ ہنٛز شکلہِ اکھ جانوَر یُس
لوکٹس لوکٹس جاناوارن کھیوان
چھُ ۔ بُہر پیٚنی ۔ اُرس دُرس کانہہ

دو کھہٕ بلاے ہیمتھ ژلنہٕ۔ ورگہٕ
ژُچھان ژُچھان تیاہ گرژھن۔
اکھ وٚہو۔

# بُ

بُرُ۔ (ن۔ک۔ بُرُ۔ مۆل : بُر ۔
(س : بُدبُدہ یا بُبُرہ۔)
پھوکہٕ ڈاوٕن ۔
بُبہٕ راوَرے۔ (آبس بیترِ) بُبرے
بُبرَ۔ پھوکہٕ ڈاوٕنی پھوکہٕ ڈاوٕنی۔
اِکہٕ وَٹہٕ واریا پھوکہٕ ڈاوٕنی کھسنہٕ۔
بُبہٕ راوے۔ بُبہٕ رَن ہنٛدی پانٛٹھی
گرژھ گژھنہٕ۔ بُبرَ تہٕ بُبرَ دوٚ ہتھی۔
بُبُل۔ (ن۔ک۔ بُبُل۔ مۆل : بُبل۔)
اناج۔ بیترِ تھونہٕ خاطرٕ اکہٕ قسمٕچ مٹ۔
بُت ـــ (ن۔ک۔ بُت۔
مۆل : بُت۔ (ف : بُت۔)
پوتُل۔ موٗرتی ـــ

بُت شکَن۔ (ف : بُت شِکَن)
بُت پھُٹراوَن دول۔ پوتلی پھُٹراوَن
دول۔
بُتہٕ راتھ۔ (م۔ک۔ بُتہٕ راتھ۔ مۆل : بُتہٕ
رات۔ (س : بھوتہٕ ...ک : راٹھ
(س : راشٹرہ۔)
زمین۔ پرتھوی ـــ
بُتھ ۱۔ (ن۔ک۔ بُتھ۔ مۆل : بُتھ۔
(س : وَکترٛہ ؟ ۔)
(۱) گردنہٕ ہیٚورکُن جسمک سُہ حِصہٕ
یتھ منز اَچھ، نَس تہٕ اَس بیترِ شامل
چھُ۔ (۲) (لرٕ بیترِ) بڑٕ ونٛٹھیم
حِصہٕ۔ بڑٕ ونٹھیُم پاس۔ (۳) کنہِ
سہٕ طرف یُس سوٗن دِزِ نبرکُن تھونہٕ
چھُ یوان۔ (۴) پیٚنٹھیُم طرف۔
(بوٗنٹُس۔) (۵) پیٚنٹھیُم تاہ (دستارن)
(۶) بُکرُ۔ (۷) کُنہِ لایق بانہٕ۔ شوٗنڈ۔
بُتھ۔ بڑٕ ونٹھہٕ۔ بڑٕ ونٹھہٕ کُنہٕ ـــ
بڑٕ ونٹھی کنی۔ بُتھہٕ سیوٚد ـــ

بُتھِ آمُت ۔ سُہ یُس اوَرے بڑدٕشٹھ آسہِ آمُت ۔ یُس اورٕ وُتھِتھ یِنَس تیار آسہِ ۔ یُس بُتھ کھِسَنس پٮ۪ٹھ آسہِ ۔۔

بُتھِ بُتھِ ۔۔۔۔ بُتھِ بُتھِ دِنۍ ۔۔

دٕہ شُرے اَتھَو بُتھِس ژَنجہ دِنہٕ ۔ مالمتس ۔ بیترٕ مثہٕ دٕہ شُرے اَتھَو بُتھِس ژَنجہ دِنہٕ تہٕ زٕل والنۍ ۔ سَخ ماتم کرُن

بُتھِ بُتھِ وُچھُن ۔۔۔۔

لگاتار بُتھِس کُن وُچھان روزُن ۔ تھَلہِ تھَلہِ وُچھُن ۔ بُتھِس کُن مُدے گُنڈِتھ روزُن ۔ لولہٕ ہَژَد اُچھو وُچھان روزُن ۔۔۔

بُتھِ پٮ۪ٹھ ژٕلُن ۔۔۔

(۱) حیا ترٛاوُن ۔ بےٚ شرم بنُن ۔ بےٚ حیا لاگُن ۔ (۲) لِحاظ ژٕٹُن ۔۔۔

بُتھِ پٮ۪ٹھ وٕتھُن ۔۔۔

لِحاظ بیترٕ نہٕ روزُن ۔ بےٚ شرم بنُن ۔ بےٚ حیائی ہیۍ ۔۔

بُتھِ پٮ۪ٹھکُٹُک ۔ تہٕ یہ بُتھِس پٮ۪ٹھ آسہِ ۔

ہمسایہِ بیترٕ ۔ نکھہِ تلُک ۔ بڑدٕشٹھ کِنِیک

بُتھِ پیوٚن ۔ نظرِ گژھُن ۔ دژیشٹھی یُن ۔ ہنگہِ منگہِ سمکھُن ۔ یَسندِ سمکھنچ نہٕ دٕہ میدٕرے آسہِ تُسے بڑدٕشٹھ کُن وأتھ پیوٚن ۔ (خاص کرِتھ سُہ سمکھُن یُس نہٕ سمکھُن یِژھِ ژٕ ہے ۔

بُتھِ تھوُن ۔ (۱) کانٛہہ یا کینٛہہ کانٛسہِ بڑدٕنہہ کنہٕ تھوُن ۔ داتنا دِتھ تھوُن ۔ (۲) نوٚموٚنہٕ ژٕنگی ہاوُن ۔ (۳) دولہٕ تھوُن ۔ ژھایہ تھوُن ۔ م : بُتھِ تھوُن اتھِ ۔ (۴) پٮ۪ننہٕ بدَل بیا کھہ کانٛہہ بڑدٕنہہ کُن کرُن ۔ م : بُتھِ تھوُن یِب ۔۔۔

بُتھِ چھوٚت ۔ پزٕیُنہٕ ۔ بُتھِ ۔ یَتھ بڑدٕشٹھیُم پاس سفید آسہِ ۔۔

بُتھِ دِیُن ۔ بڑدٕشٹھ تھوُن ۔ پٮ۪ننہٕ بدلہٕ بیا کھہ دُیُن ۔ پٮ۪ننہٕ بدَل بیٚکھ پھساوُن ۔ م : پٮ۪نُن پان بچاوِتھ دُیُت تمۍ بوٚی بُتھِ ۔۔۔

بُتھہٕ زلوٗٹھ۔ یَس زلوٗٹھ بُتھ آسہِ۔

بُتھِس پیٖٹھ۔ برٛوٗنہہ کَنہِ۔ رُوٗ برُوٗ۔

م: تمی کوٗرتَس بُتھِس پیٹھ جواب

بُتھہٕ لگُن۔ زِٹھِس یا تَس برٛوٗنہہ

کَنہِ یُتھنٛد لحاظ آسہِ وادَس واد

کرُن۔ مُقابلَس یُن۔ مُقابلہٕ کرُن۔

کأنٛسہِ ہنٛدِ طرفہٕ ژٕرنی۔ بیٚیہِ سنٛدِ

بدلہٕ لگُن ——

بُتھہٕ نوٗن۔ (۱) یَس بُتھ یلہٕ آسہِ۔

یَس بُتھِس پیٹھ کینٛہہ آسہِ نہٕ ——

(۲) بےٚ شَرم۔ بےٚ حیا۔ بےٚ منٛدچھ

(۳) صاف بُتھ ——

بُتھہٕ وُسُن۔ (۱) برٛوٗنٛٹھہٕ وَسُن۔

(۲) شُسُن گرٛژھُن۔ بُتھی کِنہِ کمزور آسُن۔

بُتھہٕ ہیٚوٗن۔ سو کَتھ یوسہٕ گوڈٕ

تُلُن۔ (۲) مدتہٕ باپتھ بِتیاکھ زوٗن

کامہِ لاگُن ——

بُتھہٕ یُن۔ (۱) ادرٕ ے وأتِتھ یوٚن

ادرٕ ے برٛوٗنہہ کُن یُن۔ (۲) بُتھی

پھیٖر جواب دِیُن۔ برٛوٗنہہ کَنہِ وادَس

واد کرُن [خاص کرِتھ تَس یَس یَزتھ

شوٗبہِ۔] (۳) دوہہ پتہٕ دوہہ

کانٛہہ چیٖز کھیٚنہٕ کِنہِ تہٕ سُہ خوش کرُن

یا باوزُن۔ کُنہِ کھیٚنہٕ چیٖزٕچ دِنَن

گرٛژھنی ——

بُتھی باکَل۔ یُس بُتھہٕ وَدوُن آسہِ۔

ودوُن بُتھ کرِتھ۔ (شُر) یُس یَژھ

ساتہٕ وَدان آسہِ۔ ودوُن شُر۔

بُتھی بوٚڈ۔ (۱) یَس زلوٗٹھ تہٕ کھوٚل

بُتھ آسہِ۔ (۲) لُیس بچہِ بچہِ کتھہٕ آسہِ

کران۔ (۳) بوٚڈ موٚہنیوٗ۔ ہاوُن لایق۔

دِیارٕ وول ——

بُتھی تیُج۔ بوٚڈ تہٕ دلوٚ کھُت بُتھ ——

بُتھی یَزتھ۔ موکھہٕ یَژھ۔ برٛوٗنٛہہ کَنہِ

ٹیوٚٹھ جواب بیترِ دِیُن۔ (زِٹھِس سیتی

یا یَس یَزتھ پَزِ کرُن ——) بَڈِ ہٹہِ یا

بَڈٕ دِنُن ——

بُتھی پھیٖشل۔ یَس مُبحس بُتھ وُچھنہٕ

دوہ پُنڈی نیر۔ منحوس ـــ
بُتھی پھیُر۔ گستاخ ۔ یُس یورُک
آسہِ نہ مانان۔ یُس نہ یورُک شرم
یُس وادس واد کرِ ـــ
بُتھی تمہٕ نیر، بُتھی تمہٕ نیار ـــ
بُتھکیُک کرُتھنیار۔ بُتھ کرُہُن
آسُن۔ غم زدٕ آسُن۔ (خاص کرِ بُتھ تلِہ
بُتھ کُنہٕ فکرِ، مَنٛدچھ یا پریشانی کنی
کرُتھنہٕ ـــ بُتھی تمُن ـــ
کرُتھنہٕ بُتھِ۔ یُس کرُہُن بُتھ آسہِ
بُتھی ترُکرُ۔ بُتھی کنی ترُڈش ـــ
یُسند بُتھِ سیٹھی کھوژُن آسہِ یِوان
بُتھی چھتُر۔ بُتھِ پرُڈن ۔ موکھ پرُدن
بُتھی ڈگ۔ سۄہ ژھٹھ ۔ ڈۄ یُس
یکوُلِس بُتھس آسہِ لاینہٕ یِوان۔
بُتھی دار۔ ہاوُن باوُن لایق یِھکُن
لایق۔ بوڈ موہنیُو ـــ
بُتھی دیار۔ نفرو موجب زٕج۔
نفر پتہٕ نفرِ باج ـــ

بُتھی زالے۔ زِٹھِس پتی بُتھِ پیٹھ
تُلِتھ کانہہ ناشایان کتھ بیترِ کرُنی۔
م: تُو ہیہ تھی یِتھ کتھ وَنِنٛ گیہ
بُتھی زالے ـــ
بُتھی کنی انُن۔ سخ تنگ کرُن۔
سخ عاجز کرُن۔ اَرِ انُن۔ ارِ ژُن
انُن۔ ودنس کھارُن ـــ
بُتھی کنی آمُت۔ (۱) یُس کھوٚتمُت
آسہِ۔ یُس نشہٕ آسہِ (دیارن ہُنٛد)
(۱) تنگ آمُت ۔ عاجز آمُت ـــ
(۲) یُتھ کھر آسہِ گامُت (کھینہٕ چیزچ)
م: بیمارس چھے اَل بُتھی کنی آمُت۔
بُتھی کنی یِنُن۔ تنگ یِنُن۔ عاجز یِنُن۔
(کُنہٕ چیزچ) کھر گژھنی۔ نشہٕ کھسُن
تکبُر گژھُن ـــ
بُتھی کھکھر۔ خامہٕ خُھکُھ تکلیف۔
ٹُلی کُنہٕ جایہ زورٕ گژھُن پیوٚن ـــ
(خاص کرِ تھ کاتُشہٕ ٹُمٕہس۔)
بُتھی کھکھر دِنی ۔ (۱) ڈُبہِ ساٗدِ بُتھ

کاٹھ کھکھر دِنی بُتھ لَس بُتھ دُتھ
زُلنہٕ یِیہِ - (۲) خامہٕ خہک تکلیفادٕ ثِن
بُلی کا نٔہہ کُنہٕ جاے زور نِیُن ---
بُتھ کھکھر لگنی - خامہٕ خُہک تکلیفا
لگن --- بُتھِ گُھنڈ - بُتھاَر - ہۄنی
گُلینگ - اَڈ زاڈ کرنس پیٹھ
دَڈ لیو مُت ---
بُتھِ لب - بُتھیک اکھ طرف
گوٗل --- بُتھِ لاگے - دۄنکھہٕ دۄنکھ
بُتھِ لاگے کرٕنی - زاَنٔہہ مانٔہہ
بڑد نٔہہ کُنہٕ ہر کرٕنی ---
بُتھِ لاگے گرٕ ژھنی -
دۄنکھہٕ دۄنکھ لگنی - ہر ہر
گرٕ ژھنی --- بُتھِ نوٚن ---
(۱) یُس بُتھ یلہٕ آسہِ - یَس بُتھِس
پیٹھ کینہہ نہٕ آسہِ ہُن - (۲) بے
شرم - بے حیا - بے شرم چھہ ---
(۳) صاف بُتھ - یِتھ یا یَس صاف
بُتھ آسہِ ---

بُتھِ وۄڈتھ - (۱) بے حیا - بے منٛدچھ
(۲) یُس بُتھ وۄڈتھمُت آسہِ - کمزور -
بُتھِ وول - بُتھ دار - یِزٕتر وول -
بُتھِ ولیوٗٹھ - یَس بوڑ بُتھ آسہِ -
بُتھِ ہر - دۄنکھہٕ دۄنکھ ---
بُتھِ ہوٗل - (اِنسان) شُہ یُس بُتھِس
ہیٚر آسہِ - یُس نہٕ سیٚز کتھ کرِ - (الریبتہ)
یِتھ برٛد نٔتھیِم پاس ہوٗل آسہِ ---
بُتھہ یِیُن ، بُتھہ پیٚیِرٕنُن -
بُکری دٔڑ بنُن - بے حیا بنُن ---
بُتھاَر کرٕنی ---
بُتھ پھٔرُن - واد کرُن - بڑٕ ہٮ۪تھ
وۄتھُن - پھیر تھ جواب دِیُن ---
بُتھ ترٕ تھ پیوٚن - بیمار گژھنہٕ یا سخ
تھکنہٕ موجوب ژھینبتھ پیوٚن یا
الفت پیوٚن ---
بُتھ دِیُن - کاٹھ یدل کانٔہہ کام ہٮ۪تھ
ہیٚنی - کاٹھ ہِنٛد یا بیٚیہ کھاندرس
بیتر پیٹھ خرچ برداش کرُن - کُنہٕ بیچہ

کامِہ منز کاںٛسہٕ لِکارِیُن —
بُتھہ زٕنگُن، بُتھہ رنٛگناوُن، بُتھہ
رنٛگہٕ وُن — بُتھہ پِیُن۔ بُتھہِ پیٹھہٕ
تُلِمِتھ کانٛہہ ناکاپہٕ کام کرٕنۍ۔ بے منٛدچھہ
لاگِتھ تہٕ کرُن یِہ نہٕ شوبہِ —
بُتھہ ژٕو کراوُن۔ کانٛہہ ناراضگی
ظاہِر کرنہٕ خاطرٕ بُتھہ لُدِتھ بِہُن —
بُتھہِ ہُن لاگُن —
بُتھہ سمُن۔ کاںٛسہٕ ہُنٛد رووب، خوف
منٛدچھہ یا ملالہٕ بیترٕ آسِتھ تہٕ تس
سیتۍ کتھہ کرنُک یا کیٛنٛہہ وننُک
جُرأتھ کرُن۔ کھور ٹھیکرٕ آدِ تھہ کتھہ
کرٕنۍ — بُتھہ کرُن —
کینٛہہ منٛگہٕ نس پیٹھہ بُتھہ پھِرُن
لِحاظہٕ نہٕ بوزُن۔ نہٕ مانُن۔
بُتھہ لدُن — بُتھہ ژٕو کراوُن۔
بُتھِس دژہ کھارٕنۍ —
بُتھہ لُدِتھ بِہُن۔ بُتھہ ژٕ کرا آدِ تھہ
شرارتہٕ ہوت ردزُن۔ ژکھہ ژایان

ژھوپہٕ دَم کرِتھ آسُن —
بُتھہ نہناوُن — سخ آڈٕ ژٕ آڈٕ تہٕ
بیوآری کرٕنۍ۔ بیوآری کرِتھ دوٗتھ
والُنۍ۔ سخ بے یزتی کرٕنۍ۔
بُتھہ ہاوُن — (۱) روٗے ہاوُن۔
درشُن دُین۔ دیدار دُین۔ (۲) بیم
ہاوُن۔ رووب تھوُن۔ ملامتھ تہٕ
آڈٕ ژٕ آڈٕ بیترٕ کرٕنۍ۔
بُتھٕنیکُ۔ بُتھہِ پیٹھکُ۔ برٛژٕ نٹھی
مِہ پانسک۔ برٛژٕ نہہ کنیکُ۔
بُتھار۔ (م۔ک۔ بُتھار۔ موٗل: بُتھار۔
ک: بُتھہ + آر۔)
(۱) بُتھہِ کِنہٕ یچھہِ آسُن۔ گوبُتھہ
آسُن۔ (۲) بُتھہِ گھنٛڈ آسُنۍ۔ بُتھہ
پُیتھہ آسُن —
بُتھہ شیر — (م۔ک۔ بُتھہِ شیر۔ موٗل:
بُتھہِ شیر۔ (س: بھوتیشور۔ (راج
ترنگنی۔)
ہرموکھہ بالس نکھہِ اکہِ پوٗیترٕ جاے

ہُند ناو ـــــ

بُٹِنۍ ع۱ ـ (م ـ ک ـ بُٹِنۍ ـ مۆل : بُٹِنۍ ـ)
اکِہ قسمِچ سبزی، یہِ چھےٚ خود رَو
آسان تہٕ پھُترس سیتی سیتی کھسان

بُٹِنۍ ع۲ ـ (م ـ ک ـ بُٹِنۍ ـ مۆل : بُٹِنۍ ـ
(س : بھوٹِنۍ ـ)
بوٚڑ باے ـ بوٚڑ زنانہٕ ـــ

بُجُر ـ (ن ـ ک ـ بُجُر ـ مۆل : بُجُر ـ ک :
بُڈٕ ـ (س : وژِددھ + ک ـ یَر)
بُڈٕ آسنِچ حالتھ ـ داٚنِسہٕ کِنۍ تھوٚد
آسنِچ حالتھ ـــ
بُجُر اژُن ـ بُڈٕ گژھُن بُجر واتُن بُڈٕن ـ
بُجگیندرِ ہار ـــ

(ن ـ ک ـ بُجگیندرِ ہار ـ مۆل :
بُجگیندر ہار ـ (س : بھجگیندر ہارہ ـ)
سُہ یَس سۄرپِہ راز نالہِ چھُ
آسان، ورگہِ شِو ـــ

بُچھُن ـ (ن ـ ک ـ بُچھُن ـ مۆل : بُچھُن ـ
(س : وژشچھنہٕ + ک ـ اُن)

(۱) ٹوٚپہٕ دِنہٕ ـ ٹوٚپو سیتی کھینُن
(۲) کھیتھ ژھُنُن ـ بُتھہٕ ژٹُن ـــ
کانٛسہٕ سٕنٛز آڈ زاڈ کرِنۍ تہٕ ردبَد
دُن ـ بُچھترِیُن ـــ
ٹوٚپِن تَل گژھُن ـــ

بُخار ـ (ن ـ ک ـ بُخار ـ مۆل : بُخار ـ
(ع : بُخار ـ)
تَپھ ـ بُخار پیوُن ـــ
ہَنگہِ مَنگہِ سٕنٛز تَپھ کھسُن ـ یہِ
چھہٕ دۄہ ہوٚ یا ژٹھ تہٕ وَنان ـــ
بُخار کرُن ـ تَپھ کھسُن ـــ
بُخارہٕ لَد ـ یَس بُخار آسہِ ـ یَس
تَپھ آسہِ ـ تَپہٕ لَد ـ یَس علہِ
بُخار آسہِ اوسُمت ـ بُخار دراو ـ
بُخاری ـ (م ـ ک ـ بُخاری ـ مۆل : بُخار
(ہ : بُخاری ـ (ع : بُخار ـ)
کُٹھ وُشناوِنہٕ باپتھ دِہی نور
کرِتھ اکِہ قسمِچ اَنگیٹھی ـــ

بُدَل ـ (ک : بُدَل ـ مۆل : بُدَل (س :

بُدِدَھ + ک – اَل ۔ ( تہٕ کیاز یودھ
آسو سیٚدی مانٕنہٕ یِوان ۔ مُ ہ : بُدھوٗ
بودٕ سیٚدٕ پوٗٹی سیٚوٗو ۔
تٕہ لیٚس تہٕ کتھِ ہُنٛد موقہٕ محل فِکرِ
آسہِ تران ۔ لیُس تہٕ کتھِ ہٕنٛز نزاکتھ سمجھ

بُدُل ——— (ن ۔ ک ۔ بُدُل
موٗل : بیٚدل ۔ (س : یدرہ ؟)
اکھ کُٹ ذاتھ یِمیُک لکر کرِ جایہِ
بناوٕنس لگان چھےٚ ۔

بُڈ ۔ (ک : بیٚڈ ۔ موٗل : بُڈ ۔ (س : :
ڈیوٗدھ، دِژ دودھا ۔)
دآنٛسٹھ ۔ سبٹھا دآنٛہِ ——
(زُنی سیا زوٗن ۔)

بُڈ ۔ دآنٛسٹھ ۔ دآنٛہِ آمُت ——
بُڈِ آل ۔ اکِ قسمُک آل یَتھ بُڈی داݨہٕ
آسان چھہ ——
بُڈِ بادام ۔ بادامُک اکھ قِسم ——
بُڈِ شِرنگ ۔ تھوٗد، دآنٛسٹھ ۔
بدشکل تہٕ فاتر اِنسان سےٚ بوش

تہٕ بےٚ رلبطہٕ موٗہنٛیوٗ ——
بُڈِ پیٚن ۔ بُجرس منٛز شُر زیٚوٗن ۔
بُجرس منٛز پیٚن دیٚن ۔ یادُن ڈُلنہٕ
پَتہٕ شُر کوٚٹ زیٚوٗن ——
بُڈِ پینٛک ۔ (مآلِس ماجِہِ) دآنٛہِ
ڈالِتھ زامُت شُر ——
بُڈِ ٹُرٹُر ۔ ذِلتی تہٕ زوٕ نگر یومُت
بُڈِ لیٚس ہٕنہٕ بیٚلِس دوٕ کھ دِنہٕ تہٕ غایَتھ
کرہٕ روٗس کانٛہہ (خاص) کارے
آسہِ ۔ بُڈِ دَلِہ ——
بدکار تہٕ بدچلن بُڈ ۔ تٕہ لیُس
دآنٛہِ یتھ تہٕ بدکاری تہٕ ناکارٕگی
روزِ نہٕ پتھ ۔ بُڈِ لچر ——
بُڈِ دِژنکھر ۔ کوٕ کار تہٕ بےٚ کار بُڈ،
دوٕ دریمہٕ شُر بُڈِ زناہٕ ——
بُڈِ نزر ۔ تٕہ لیُس داریا بُڈ یومُت
آسہِ ۔ لیٚس سبٹھا بُڈ یومُت آسہٕ
کُنی اُچھر وال تام چھینیمتی آسن ۔
بُڈِ ژھاوُل ۔ (ل ۔ م ۔ بُڈیومُت

ژھاوُل)۔ بُڈِ تہٕ فاتر اِنسان۔
سُہ بُڈیُس پینژنِن ژُشرِن کٕٹِن
گوٚو ہیوٚمُت آسِہ۔۔۔

بُڈکُل۔ پرٛوٚن تہٕ ہوٚکھمُت کُل۔
کُمے کالُک مگر ہوٚکھمُت کُل۔ سُہ کُل
یُس وقتہٕ برٛونٛہٕ نٕٹھے بُڈیوٚمُت آسِہ۔
بُڈکھوٚر۔ گول وُتھردار نیلِہٕ گاسُک
اکھ قِسم یُس چاروایَن کھیوٚن چھِہ
دِوان یِہ چھِہ نٔبلَن تہٕ سرَن منٛز
کھسان۔۔۔

بُڈگاژ۔ بُڈیمٕژ گاژ۔ سو زنانہٕ
یُس بُڈِتھ تہٕ پیشہٕ آسِہ کماوان۔
بُڈناوُن۔ (۱) کانٛہہ بُڈناوُن۔
کانِہ بُجراوُن۔ (۲) کانٛہہ حدٕ رٕوس
وقتس پرٛار ناوُن۔۔۔
بُڈنٕ ہٕنگ۔ بُجرُک کال: بُجرُک
وَق۔ بُجرکی دوہ۔۔۔
بُڈوال۔ سفید وال۔ (مستُک
یا دارِہ ہُنٛد۔)

بُڈُن۔ (ن۔ک۔ بُڈٕن۔ موٚل:
بُڈ۔ ک: بُڈ۔ ٕن)
(۱) وانٛسہٕ یُن۔ وانٛسہٕ ٹھ گژھُن
(۲) بُڈ ہشژ ہِش حالتھ گژھنی۔۔۔
(۳) کُنہِ کامہِ سٕتی سبٹھا کال گژھُن
م: بہٕ بُڈیوس پران پران۔۔۔
بُڈُن اژُن۔ وقتہٕ برٛونٛہٕ نٕٹھے بُجرس
واتُن۔ برٛونٛہٕ نٕٹھے بُجرِچ حالتھ گژھنی۔
بُڈِہِ بَب۔ بَبس یا ماجہِ ہُنٛد بَب۔
بُڈِہِ یاٹھی۔ بُڈہٕ سُنٛد یاٹھی۔ زیٹھ
یاٹھی۔ دانا یاٹھی۔
بُڈرُڈ، بُڈرُڈ۔ بُڈ وُڈ۔ بُڈِ ہیتر
بُڈیوٚمُت۔ وانٛسہٕ آمُت۔۔۔
بُجرس منٛز ژامُت۔ برٛونٛہٕ نٕٹھے بُڈیوٚمُت
بُجہِ بُتھ۔ لوکٕٹے بُڈ بُتھ آسُن۔
لوکٕٹِسے بُتھِس گیٚنِہ آسنہٕ۔۔۔
بُڈکھ۔ (ن۔ک۔ بُڈکھ۔ موٚل: بُڈک
(س: بھرگ۔ (م۔ ہ: بھرٹک۔)
یا۔ س بُڈ+ اکہ۔)

(۱) ریٚہہ مُنٛزی تیزٕ نی تہٕ مُنٛزی ژھوکنی
(تیل ہو کلنس پیٹھ ژانگس بیترِ) ریٚہہ
یوان تہٕ گرٕژھان روزٕنی۔ (۲) شاہ
اُتی تیزُن تہٕ اُتی پھوے بند گرٕژھن۔

بُڈکھ دِنی۔ (۱) ژھیتہٕ گرٕژھنہٕ پرٕوٚہہ
ریٚہہ مُنٛزی مُنٛزی تیزٕ نی۔ ریٚہہ ژھیتہٕ
گرٕژھنس پیٹھ واتن وِزِ ہیٚنز تہٕ گرٕژھنہٕ
مرتہٕ وِزِ رُکی رُکی شاہ کھسُن ــــ

بُڈٕ ہٕ ۔ (ن-ک-بُڈٕ ہٕ ۔ مؤل: بُڈن۔
دک: وُڈٕ ہٕ، لفظی کھنڈرن ــــ
(اُد ڈیَن۔)
اکس جنگلی بطخہٕ سنٛد ناو یس
مُتلق ونان چھ زِ یہ چھ دہتہ کالس
لداخ گرٕژھان تہٕ ونٛدس کشیرِ یوان
اکھ پچھُن ذات ــــ

بُڈُر ۔ (ن-ک-بُڈُر۔ مؤل: بُڈُر۔ دک:
وُڈ + اُر۔ (س: اُوڈاڈے؟)
بطخہٕ سنٛد کھوتہٕ لوکٕٹس اکس
جاناوارٕ سنٛد ناو۔ دیان یہ چھ کشیرِ
منٛز شمالہٕ طرفہٕ سرن منٛز آسان۔
اکھ پچھُن ذات ــــ

بُڈُر کون۔ (۱) شکلہٕ کنہٕ ژرِ سیتی
رٕلوٕنس اکس جاناوارٕ سُنٛد ناو
یس تو ثھ تہٕ لُٹ زیٹھ چھے آسان
یہ چھُ ووڈُ لایتھ کولہٕ منٛز گرُن
کھاران۔ (۲) اُچھ ٹارن ہنٛز اکھ
بیمٲری یمہٕ سیتی ورم تہٕ چھُ کھسان۔

بُرآنی۔ (م-ک-بُرآنی۔ مؤل: بُران)
زامُت ووڈ تہٕ زیٹھ ترٲوِتھ
ژلویٹ چیٹی۔ بُڈ ہٕ یا مُجہٕ چیٹٕ
یتھ زیٹھ، نوٗن تہٕ زامُت ووڈُ تہٕ
چھ ترٲوان ــــ

بُرِش۔ (م-ک-بُرِش۔ مؤل:
بُرِش۔ (ف: بُرّش۔)
(۱) سٹیک۔ (۲) تہٕ ترٕ ژھٹھ۔
م: دارِ کنہٕ چھے بُرِش ہش یوژن
(۳) تِرٕشھ آڈ زاڈ یو سہ سٹیک
ہش پیپہ ــــ

بُرعا۱ ۔ (ن ۔ک ۔ بُرٕ ۔ مؤل : بُر ۔۔
ہ : بھورا ۔)
وِلوٗٹھ ۔ مُدریر ۔۔

بُرعا۲ ۔ (ن ۔ک ۔ بُرٕ ۔ مؤل : بُر ۔۔
ف : بُرادہ ۔)
رٕنٛدٕ زٕلیُن ۔۔

بُرعا۳ ۔ (ک : بُرٕ ۔ مؤل : بُر ۔ (ہ :
بُرا ۔ (س : اَدَرہ ۔)
ناکارٕ ۔ بیچھ ۔ خراب ۔ کھرُن
لایق ۔ بَد ۔۔

بُرعا۴ ۔ (ن ۔ک ۔ بُرٕ ۔ مؤل : بُر ۔)
پلوٗٹھہ مُتُل ۔ وِلوٗٹھ لوچھا (گریزن)

بُرج ۔ (ن ۔ک ۔ بُرج ۔ مؤل : بُرج
ع : بُرج ۔)
(۱) قُبہٕ ۔ ٹاوَر ۔ (۲) نیکُ ...
چھِ یِتھ اَندر کانٛہہ پھیرِ وُن
تارُکھ آسِہ ۔ پھیرِ وِنین تارکن
ہُنٛد گرٕ ۔ ج : میزان بُرجس
اَندر ژُنٛدرَمہٕ گو تولہٕ ژُنٛدرَمہٕ ۔

بُردَم ۔ (ن ۔ک ۔ بُردَم ۔ مؤل : بُردَم)
پھوٗنٛگ ۔ گچھُہ ۔ لودرٕم : گونٛزہٕ بُردَم ۔

بُرزٕ ۔۔۔۔ (ن ۔ک ۔ بُرزٕ ۔۔
مؤل : بُرز ۔ (س : بھورجہ ۔)
اکہ کُلیکُ اَندریُم دِل یتھ وَرق
چھہ ووہقان ۔۔

بُرزٕ لور ۔ بُرزٕ گٹھ ۔۔

بُرزٕ پُش ۔ سُہ پُش یتھ بُرزٕ دِتھ
آسہ ۔ بُرزٕ پوٗتھی ۔۔
سو کِتاب یوسہٕ بُرزس پیٹھ آسہ
لیکھتھ ۔۔

بُرزٕ پوستک ۔ اَکھ سیتی لیچھر
بُرزٕ کِتاب ۔ بُرزٕ پوٗتھی ۔۔

بُرزٕ پھُٹھ ۔ سو پھٹھ یتھ بُرزٕ آسہ
ڈلِتھ ۔ بُرزس منز ڈٲٹھ پھٹھ ۔۔

بُرزٕ تلم ۔ لوکٹ بُرزٕ دِل ۔ بُرزٕ چھل
لوکُٹ بُرزٕ ٹکرٕ ۔۔

بُرزٕ جامہٕ ۔ بُرزٕ پلو ۔

بُرزٕ چھل ۔ بُرزٕ تنک اکھ ٹکرٕ ۔ اکھ

بُرزِ دِل ـــ

بُرزِکایہ ـ بُرزِ جامہٕ ـــ

بُرزِ کانی ـ یُس دِنہٕ باپتھ بُرزِ کٔنہِ
ہَن ـ بُرزِ کون ـ سُہ لیکھنہٕ کأم یا
پیشہٕ بُرزِ تُلُن آسہِ ـــ

بُرزِ گیڈ ـ بُرزِ گٔڈ ـــ

بُرزِ لُر ـ سُہ لُر یتھ پٔٹھ بُرزِ آسہِ
دِتھ ـــ بُرزِ میٹ ـ
اَتھو سیتی مٔرِتھ بُرزِ چھَل ـ

بُرزِ میٹ کڑنی ـ یہ چھہ بٔٹھ ہُنہٕ
اکھ رَسم، سون ندرِ دِوہ چھہ زانٛتھس
پتھ وسیہ کلہٕ پیٹھی دز دِتہٕ بُرزِ تلہِ مو
آکہِ وان تہٕ پتہٕ یاں گرٛس منز
ترٛادان ـــ

بُرزِ وٕتھ ـ بُرزِ ورق یا اکھ کس
سیتی یلیتھ بُرزِ کیشہ تاہ ـــ

بُرزِ ووٚنی ـــ

بُرزِ کنہِ دول ـ یُس بُرزِ کنہِ ان
آسہِ ـــ بُرزُل ـ اَدج کُنڈ کرُتھ

بادام یا ڈُون ـ کاکزی بادام یا ڈُون ـ

بُرقہٕ ـــ (ن ـ ک ـ بُرقہٕ
مؤل : بُرق ـ (ع : بُرقع ـ)
نقاب ـ تالہِ پیٹھہٕ بُون تام
نألی لاگنہٕ اکھ پلو یتھ اُچھن ہُنز
جایہ جألی لاگتھ چھے آسان ـــ
یہ چھہ پَردِ کرنہٕ باپتھ نألی یوان ترٛاونہٕ
یان کھٹنہٕ باپتھ اکھ زیٛوٹھ پلو ـ
بُرقل ـ بُرقنی ـ بُرقہٕ دِتھ زنانہٕ ـ
بُرقہٕ بأنی ـــ

بُرقہٕ بأنی ـ بُرقل ـ بُرقنی ـ بُرقہٕ دِتھ زنانہٕ ـ

بُزبوز ـــ (ن ـ ک ـ بُز/
بوز ـ مؤل : بوز ـ (س : بُھجا ـ)
نُر ـ م : دشہٕ بوز ـ یُس داہ نَرِ
آسَن ـــ

بُزرگ ـ (ک : بُزرگ ـ مؤل : بُزرگ ـ
(ف : بُزرگ ـ)
زٔیٹھ ـ بوڈ ـ یزتس لایق ـ داناہ
آمُت ـ یُس سیٹھا وأنس آسہِ ـ پیر

فقیر۔ درویش بیتر۔
بُزرگی۔ زِیٹھر۔ زُٹھیٹھ آسُن۔ یِز تَس
لائق آسُن۔ بجر۔
بُزگ، لوزِکہ۔ (ن۔ک۔ بُزگ۔ مول:
بُزگ۔ (س: بھگہ۔)
سرُپھ۔
بُزن بزور۔ (ن۔ک۔ بُزن بزور۔ مول: بُزن
بزار۔ (س: بھرجن + بڈالہ۔)
بُزنس کیُت بزور۔ پوٚز محاوٕر
چھُ بُزنس کیُت بزور ترِ بز، تہٕ گو
کاٹھہٕ تہٕ بز۔ تمہِ ساتہٕ یوان وٕنہٕ ٹلیر
کُنہ جایہ کاٹھہ تہٕ موٗجوٗد آسِہٕ۔
بُزتھ۔ (مول: بُز۔ (س: بھرجت)
توٚتھ، یہٕ توٚوُمُت آسہِ۔ نارٕ تادٕ
سیا تیونگل تادِ سیتی تیار کوٚرمُت۔
بُزموٚر۔ (ن۔ک۔ بُزموٚر۔ مول: بُزمر
(س: بھرجہ + مٹھ۔)
دوٚد مُت آسِنچ حالتھ۔ ژٕرِ بہٕ موٚ ٹنڈر
گوٚ ڈھینچ حالتھ۔ (خاص کرِتھ کُنہِ بٹوس
سیا زنہٕ کیس چنزس۔)
بُزموٚر کرُن۔ زالُن۔ ژٕنی کرِنی۔
بُزموٚر گژھُن۔ دزُن۔ تیونگل بُزی
گژھُن۔ ژٕرِ بہٕ موٹھ گژھنی۔
بُزوٕنی۔ (م۔ک۔ بُزوٕنی۔ مول: بُزوٕنی۔
(س: بھرجہ + وہے۔)
کیٔنہہ بُزنچ موٚزوٚری۔ ۱۰ سہ کم
کاسہٕ فائدٕ یُس کیٔنہہ اَتھہٕ پیٹھی کیٔنہہ
پیٔیہ۔ بُزوٕنی کڈٕنی۔
نفع مژٕ ینہٕ چھِل مُژی کڈِتھ نٔی۔
بُزوانگُن۔ (ن۔ک۔ بُزوانگُن۔ مول:
بُزوانگُن۔ (س: بھرجہ + وانگن۔)
زامُت دوہ د تمٕ آوُتھ بُزمُت وانگُن۔
بُزٕن۔ (ن۔ک۔ بُزن۔ مول: بُز۔
(س: بھرجن۔)
توٚن۔ ژٕھوکھ دُیِن۔ (تیونگلن
پیٹھ) م: بُزٕنی۔
بُزمُت۔ توٚومُت۔ یتھ ژٕھوکھ
آسہِ دٕیتمُت۔ م: بُزمژ۔

بُزٕی۔ (س : بھُجیہٗ۔)
اکھ پوٚت لوٗگ یمٕکیٛ مانے
چھُہ کاٹھٕ ہٕندِس کھیٚنَس یا بےٚ جا
اِستعمالَس لگان ۔۔۔
اُتھرِ بُزٕی ۔ اُتھرِ کھیٚن ۔ یتھ اُتھر
کھیٚنیہ۔۔۔ ژوٚرٕ بُزٕی ۔ یہ ژوٚرٕ کھیٚن
یہ ژوٚرن شریٚیہ ۔ یہ ژوٚرِ بَن ۔
کولیہ بُزٕی ۔ کولیہ کھیٚوُمُت ۔ کولیہ
ہنٛز یلایہ لوٚگمُت ۔۔۔
لوٚکہ بُزٕی ۔ لوٚکو کھیٚوُمُت ۔ لوٚکَن
شرٛوٚپمُت ۔ لوٚکَن اَتھہ لوٚگمُت ۔
بُزدِل ۔ (ف : بُزدِل = بُز + دِل ۔)
کھوژُ رُٹھ ۔ بےٚ ہِمَتھ ۔ یُس نہٕ
جُرٲتھ آسہِ ۔
بُس ۔ (ن ۔ ک ۔ بُس ۔ مؤل : بُس)
بوٚک ۔ ہوٚب ، ہوٚپ ۔ ہوٚچھ
موٚ ٹھ ۔۔۔
بُسُن ۔ بوکہٕ کھیٚون ۔ بوٚک کھیٚون ۔۔۔
بُسمُت ۔ بوکہٕ کھیٚوُمُت ۔ بوٚک
کھیٚوُمُت ۔
بُسہٕ ۔ (ف : بُوسیدن ؟)
(۱) یُس بُھتِس لیٛدریر آسہِ پھیوٗرمُت
یہ کیٛنژھا تاوِ سیتی خراب گژھنہٕ کِنہٕ
لیٛدریومُت یا رِنیوٗمُت آسہِ ۔۔۔
(۲) لیٛدریر ۔۔۔
بُسہٕ اُن ۔ خراب کرُن ۔ بِگراوُن
رِنہٕ ناوُن ۔۔۔
بُسہٕ آمُت ۔ خراب گومُت ۔ اِستعمالَس
لایق نہٕ روٗدمُت ۔ رِنیوٗمُت ۔ بِگریوٗمُت ۔
بُسہٕ اوٚنمُت ۔ خراب کوٚرمُت ۔
بِگروومُت ۔ اِستعمالَس لایق نہٕ تھوومُت ۔
بُسناوُن ۔ کانٛہہ چیز بیتر بُسہٕ
اُن ۔ کیٛنہہ کُنہٕ بَند جایہِ تھوِتھ
بِگراوُن نہٕ خراب کرُن ۔ کیٛنہہ یا
کانٛہہ لیٛدراوُن ۔۔۔
بُسہٕ نُن = بُسُن ۔
بُسہٕ نیوٗمُت ۔ بُسہٕ آمُت ۔
بُسہٕ یُن ۔ خراب گژھُن ۔ بِگر...

اِستمالس لایق نہٕ روزُن ۔ پٕژُن ۔
بُسُن ۔ بُسہٕ یُن ۔ لیٚدر پھیرُن ۔
کانٛہہ چیز بیترِ دم گژھنہٕ یا گُمہٕ پینہٕ
بگرِمُن تہٕ خراب گژھُن ۔ کامِل
کرٕنٛی ۔ بُجر کِنہٕ یا کُنہٕ دادِ سِتی بیتھ
بیترِ لیٚدرُن ـــــ

بُشکابہٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بُشکابہٕ ۔ مؤل : بُشکاب)
اکھ ٹاسُر دُندرِ دار کرتیُو کھیبہٕ
باٹہٕ ۔ اکھ دُندرِ دار کٹرِو رِکابی ــــ
اکِہ قِسمُک کرتیُو تھال ۔ اکھ ییڑ
پہن ب طیج ــــ

بُکہٕ ع۱ ۔ (ن ۔ ک ۔ بُکہٕ ۔ مؤل : بُک ۔
(س : بھوکہ ۔)
آکھ دکہٕ ۔ پانٹنیُک زور ۔ آبہٕ
لمبکھ ۔ پھموار ۔ چُھک ۔ م : آبن
کوٚر بُکہٕ ۔ م : بُکہٕ بُکہٕ آب کھوٚت
اسمانس، تہٕ گو لمبکھو لمبکھو آو
آب ہیوٚر لایہٕ ـــــ

بُکہٕ ع۲ ۔ (ن ۔ ک ۔ بُکہٕ ۔ مؤل : بُک ـــ
(س : بھوکہ ۔)
تولہٕ وور ۔ سنگہٕ باٹہٕ ۔ (گریرسن)

بُکرُ ۔ (ن ۔ ک ۔ بُکرُ ۔ مؤل : بُکرُ ۔ (س :
وکترہ ۔ ؟ )
(ل ۔ م ۔ بُبتھ) ۔ کوٚ بُبتھ ۔ بُبتھار ۔
پوٚپہٕ مُت بُبتھ ـــــ

بُکرِ دوٚر ۔ یُس سَخ بُبتھار آسہٕ ۔
یَس کوٚ بُبتھ آسہٕ ۔ بدلحاظ ـــــ

بُکرِ کھنڈٕ ۔ بُبتھ کھنڈٕ ۔ بُبتھار ۔
بدلحاظی ـــــ

بُکرِ وۆتھ ۔ یمہٕ بُبتھ پیپھٕ ٹلمُت
آسہٕ ۔ بے حیا ۔ بدلحاظ ـــــ

بُکرِ وول ۔ ہندی ۔ بے شرم ۔
بے حیا ۔ بُکرُ کرُن ۔ لحاظ نہٕ بُتھ روزُن ۔

بُکھ ـــــ (مؤل : بُکھ ۔
(ہ : بھوکا ۔ (س : بُبھکشا ۔)
(۱) بوچھ ۔ یُس نہٕ یڑ بیہ یپہٕ ۔
(کھاہ بیترِ) یتھ روٚدُک سَخ
ضوٚر روٚز تھ آسہٕ ۔ روٚدٕ بوچھ زٕین

بُگنِی۔ (م۔ک۔ بُگنِی۔ مؤل: بُگنی۔ (س: بھاگِنی۔)

آنہٕ یا ے۔ مآلِ کیٛتی۔

بُگیے۔ (ن۔ک۔ بُگیے۔ مؤل: بُگیے۔ (س: بھاگی۔)

مآلِکھ۔ صاحِب۔ خوداے۔

بُل۔ (ن۔ک۔ بُل۔ مؤل: بُل۔ (پراکرت بھُل۔)

پھِہہ۔ پھیر۔ ہٕژم۔ بڑوٗ شُھر۔

بُلُن۔ بُل گرٕژھُن۔ سشرِ گرٕژھُن۔

دوکھِ لگُن۔ غلَط وتہِ گرٕژھُن۔ وَتہِ ڈلُن۔ وَتہِ راوُن۔

بُل گرٕژھُن۔ پھِہہ پیوٚن۔ پھیر پیوٚن۔ ہٕژم گرٕژھُن۔ بڑوٗ شُھر گرٕژھُن۔

بُلیشُمُت۔ ڈوٗلمُت۔ رووُمُت۔

بُلہٕ۔ (ک۔ بُلہٕ۔ مؤل: بُل۔ (پراکرت بھُلّ۔)

یَس حِسیے آسہ نہٕ روزان۔ رووُمُت۔ چور۔

بُلہٕ بٔٹھ۔ (۱) چارٕی کا کھ۔ (۲) نقلی یا اَپزُ ے اِنسان۔ ٹھَیابہٕ۔

(۲) کھنڈٕ گرٕی بیتر۔ کھنڈٕ رس بناوی متی گِنڈَن تماشہٕ۔

کَتریوٗ بُلہٕ بٔٹھ۔ ٹھَباپہٕ اِنسان۔

بُلہٕ پھرٕوت۔ چور۔ پھیوٗر۔ ڈُلی تٕرُوو۔ بُلی بُلی پھوٕرٕنی۔

زٕلو پھوٕرٕنی۔ کیٛشہہ ونہٕ باپتھ بیٛ تاب آسُن۔ (خاص کرِتھ یہٕ ونُن گوژھہ۔)

بُلبُل ۱ع۔ (ن۔ک۔ بُلبُل۔ مؤل: بُلبُل۔ (ع: بُلبُل۔)

اکِس جانا وار شُند ناو۔ بُل بِچُر۔

بُلبُل ۲ع۔ (ن۔ک۔ بُلبُل۔ مؤل: بُلبُل۔ (س: بُد بُدہ۔ (م۔ ہ: بُلبُلا۔)

(آبہٕ بَبُر) پھوکِہ ڈوٗن۔

بُم ۱ع/ بوٗم۔ (م۔ک۔ بُم/ بوٗم۔ مؤل: بُم/ بوٗم۔ (س: بھوٗمِہ۔)

بُتراتھ۔ زمین۔ میٛژ۔ بُتھر۔

موٗل - کِن - بُنیٖاد ــــ

بُمہٕ پَتھ - ماداں - یڈ تہٕ سوٗتر جاے - پتھر ــــ

بُمہٕ سِن - (م - ک - بُمہٕ سِن - موٗل : بُمہٕ سِن - (س: بھُومِہ + سَرپِنیٖ -) زٔمیٖنہٕ منٛز یا میٖژِ منٛز روزُن اکھ کیوٚم - (یُس یان زِپھٹراوان تہٕ تہٕ ژھوٚٹراوان تہٕ چھُہ -)

بُمہٕ سِینہٕ کَدٕ ٹنہٕ - (ل - م - زٔمیٖنہٕ منٛز بُمہٕ سِینہٕ ہِیُر کَدٕ ٹنہٕ) - بہتھہٕ بیٚکار روزُن - دٔرمیہ ٹھیٖپنہٕ ــــ

بُم کَڑٕنی - بُنیٖاد وُکرآوِتھ اَنِنی موٗلے تَباہ کَرُن - تَلہٕ پیٹھے پٔرٛاٹھتھ اَنُن - کُنہٕ لایِق نہٕ تھَوُن ۔(۱) بٔرٛونٛہہ کُنَ بیٚنِیہ تہٕ فایدٕ تُلنہٕ دوہ میٖژِ منٛز تَس انسانَس چھِپیر گَنڈٕنی یَس نِش کانٛہہ فایدٕ تُلمُت آسہ (گریٖرِسن)

بُم نیرٕنی - کِن نیرُن - تَباہ گژھُن

بُم، بُمب(۱) - (م - ک - بُم - موٗل : بُم - (س: بھرٛوُ -) بُرّوم

ڈیکَس بوہ نہٕ کَنہٕ اُچھَن پیٹھ کُن لوکٹین والن ہیٚنٛز بیٚنِش کمان ہِش - بُمہٕ رُہ ــــ

بُمَن ہُنٛز تیز حرکت - ژکھہٕ سٟتی بُمہٕ گینٛژھہ گژھنی یا دٔرہ کھسنی

بُمہٕ لوٚشٹھ - (اُچھَن ہُنٛز) بُمہٕ ہُنٛد نوکھ ــــ

بُمہٕ چیرنہٕ - بُمہٕ ژکرنہٕ - دٔرہ کھارٕنی - دٔرہ لدٕنی ــــ

بُمہٕ زُو - (ن - ک - بُمہٕ زُو - موٗل : بُمہٕ لُوٗ -) (کٲشِر منٛز) مٔٹِس نکھہٕ اَکہِ گامُک ناو ــــ

بُمہٕ سِن باہ - (م - ک - بُمہٕ سِن باہ موٗل : بُمہٕ سِن باہ - (س: بھیٖمہ سینہٕ دوا دَشہ -) ماگہٕ زۄنہٕ پَچھہٕ کاشِش پتہٕ یِیہ سہ باہ یِوان پٔتے - (دٕہم تہٕ کاشِش

دوہ چھہ بٹن فاقہ آسان تہ امہِ باتھ
چھہ تھیٹھ راوان ۔)

بُمہِ سِن ڈیہم ۔ (م ۔ ک ۔ بُمہ سِن ڈیہم ۔
موٗل : بُمہِ سِن ڈیہم ۔ (س : بھیمہ سینہ
دشمی ۔)
ماگہ زٗد بہ پچھو ڈیہم ۔ یمہِ دوہ فاقہ
دران چھہ ـــــ

بُمہِ سِن کاہ ۔ (م ۔ ک ۔ بُمہ سِن کاہ
موٗل : بُمہِ سِن کاہ ۔ (س : بھیمہ
سینہ ایکادشی ۔)
ماگہ زٗد بہ پچھہ کہم دوہ ییلہ فاقہ
دران چھہ ـــــ

بُمب ، بُم ۔ (م ۔ ک ۔ بمب ۔ / بُم ۔ موٗل :
بُمب / بُم ۔ (س : بمبھی ۔)
اکہِ پوشہِ کلینگ نل ییس آبس منز
کھسان چھہ ، یہ چھے اکھ سبزی ۔

بُمہِ پوش ، بُمی پوش ۔ یپچھ نل گرتھ
آبس منز کھسو تہ اکہ پوشگ نادہ ۔
گُل نیلوفر ـــــ

بُمہِ ژر ۔ بُمہِ گیڈ ـــــ
بُمہِ گوٗر ۔ ہو گھنا وِبہ پاپھتھ بُمبہِ گیڈ

بُنیاد ـــــ (م ۔ ک ۔ بُنیاد
موٗل : بُنیاد ۔ (ف : بُنیاد ۔ تہند
بُنہ ۔ س : بُدھنہ ۔)
ژکن ۔ ترٛاک ۔ کُرسی (اَرِ ہُشر موٗل)

بُنچک ـــــ (ک : بُنچک ۔
موٗل : بنچک ۔ (رہ : بھوتچک ـــــ
(س : بھیمہ پچکہ ۔)
سہ لیس آسنس لایق وتہ کرِ ـــــ

بُندبس ۔ (ن ۔ ک ۔ بندبس ۔ موٗل :
بُندبس ۔ (ف : بندوبست ۔)
اِنتظام ۔ طریقہ ۔ تدبیر ۔ ترٛچھنہ
ہُنز حد بندی تہ تفصیلن ہُند انتظام
بیتر ۔

بُنیل ۔ (ن ۔ ک ۔ بُنیل ۔ موٗل : بُنل ۔
(س : بھومہ + ہول ۔)
زمینہ اَلہِ ڈلہِ گرٛزن ـــــ

بُنلہِ دلیو ۔ (ل ۔ م ۔ بُنلہِ چن ۔ اکھ اکس

یُتہٕ تیاہی کرو یہٕ بُنلہِ یِٹھ۔ (زَنتہٕ
پایہٕ وَتھوار کرن وول دِیو بیترِ
متیومُت آسِہ۔)

بُنلہِ ژوٗر۔ سُہ زَبردَس مُبنٛثُل یُمیہ
سیتی کرِ جایہِ دُسی پین + بنٛثُل پھُرن

بُنلہِ یِٹھ۔ یُنہِ لیکُ اکھ الہٕ ڈٕلہِ۔

بُہرِ۔ (م۔ک۔ بُہرِ۔ موٗل: بوٗہر۔
(س: وَنٛدرَہ۔)
بُنگہِ ٹھیلہِ، یُنگہِ یوٗستوٗر ـــ

بُہرُ۔ (ن۔ک۔ بُہرُ۔ موٗل: بوٗہر۔
(س: دلوٗ ہارکہَ؟) Platts
آدوٗشر شَر بُتھ بیترِ کِنَن وول۔

بُہرِ باے۔ بُہرِ ہِشِنز آشنی۔

بُہرِ پین چھٹھ۔ شُرہُ بُرٕ چھٹھ ـــ

بُہرِ توان۔ بُہرِ دَرتاو۔ لوٗہرِن
ہُند ہیوٗہ وَرتاو ـــ

بُہرِ وان ـــ

بُہرِ سُند دُکان ـــ

# بوٗ

بوٗتاویش۔ (ن۔ک۔ بوٗتاویش ـــ
(س: بھُوتَہ + آویشَہ۔)
جِن اژُن۔ تَصرُف گژھُن۔ بوٗتھ
اژُن ـــ بوٗتاویٹھ۔ (س: بھُوتہ
+ آویشٹَ۔)
تَژھ ژُکھ تہٕ شرارَتھ بیترِ زَنتہٕ
جِن آسِہ ژامُت۔ جِنہٕ ہِشِز ہِش ژُکھ بیترِ۔

بوٗتیمار ـــــــ (ع: بوتیمار)
(۱) لیس بُتھ اَلو نِدے آسِہ روٗدان
بومہِ لَد۔ بُتھ لَدِتھ ہیٛنہٕ وول۔
(۲) نَمبلَن منز روزَن وول اکھ جانور۔

بوٗتہٕ۔ (م۔ہ۔ بوٗٹا۔)
یَلوَس ہیا کاکدَس بیترِ پیٹھ چھووُمُت
ہیا چھاپ کوٗرمُت پوش بیترِ ـــ

بوٗتہٕ دار۔ سُہ کپُر بیترِ یَتھ بوٗتہٕ
چھپاوِتھ آسِہ ـــ

بوٗتیشور۔ (ن۔ک۔ بوٗتیشور۔ موٗل:

بۆتیشور ۔ (س : بھوتہ + ایشورہ)
بۆتن ہُنڈ مالِکھ ۔ یُس تِل بۆتھ آسن۔

بۆتھ ءا ـــــ (ن ۔ ک ۔ بۆتھ
مۆل : بۆت ۔ (س : بھوتہ ۔)
پژھ ۔ جِن ۔ دیو ـــ

بۆتہِ تِل ۔ (۱) بۆتھ پژھ راۓمنی
کرنُک نذرِ نیاز بیترِ ۔ بۆتن ہِنڈِ
مدتُک زور ۔ (۲) سو جاے یتہِ
بۆتھ پژھ آسن ـــ

بۆتہِ ژۆل ۔ نُبھی ہِشُن ۔ منحوس ۔

بۆتہِ سید ۔ سُہ یُس بۆتھ بیترِ
پالِس تِل اتھ لَس منز کامیاب آسہِ
گومُت ـــ بۆتہِ کَتھ ـــ

تیز طبُع ہَنک ۔ تُنڈ مزاج ۔ تس
ہیوُہ یُس جِن پژ کرِش آسہِ ژامُت ۔

بۆتہِ کھنی ۔ وِکرمُنی ۔ سبز رنہ گرژھنہ
رِکنی دِ وتھ وسنی ـــ

بۆتہِ کھنی کرِنی ـــ کانٕسہ وُکرمُنی
کرِنی ـــ

بۆتہِ کھنی گرژھنی ۔ وِکرمُنی سپدنی
سبز رنہ سپدُن ـــ

بۆتہِ گرژکھ ۔ بۆتن ہِنڈی پاٹھی
سٹھا وہ پد ۔ سٹھاہ پاو اَکِش ـــ

بۆتہِ گرژکھ دِنی ۔ سٹھا تیداوس
منز چیز بیترِ بووِنی یا پنز ـــ

بۆتہِ گرژکھ لگنی ۔ سٹھا تیداوس
منز سٹھا چیز بووِنی یا پاوِ گرژھنی
چیز بیترِ ہیڈرِن ہِندی پاٹھی پھیٹنی ۔

بۆتہِ لد ۔ یُس گرِ گرِ ژکھ آسہِ کھسان
بوم لد ـــ بۆتہِ وش ـــ

ماتھرِ بیترِ سیتی بۆتھ پژھ ژٹنی ۔

بۆتھ اژُن ۔ تصرف گرژھن ۔
پژاہ گرژھن ۔ پژھ اژُن ـــ

بۆتھ ژھنُن ۔ بوم ژھنُن ۔ ناوِہ میدی
کرِنی ۔ ژکھ کھارِنی ـــ

بۆتھ لگُن ۔ (۱) پژاہ گرژھن ـــ
تھروف گرژھن ۔ پژھ پژاوش
کرُن ۔ (۲) بھوشتہ سیتی بُتھ اُتھ

بہن - دِین پیٚون ـــــ

بۆہتھ ۲ (ا ن ـ ک ـ بۆتھ ـ موٗل : بۆت
(س : بھوٗتی ـ)

اِسُمہ ـ لیُس شوبیکہتی پانَس کلان
چھ ـ اَس بۆتھ ـــ

بۆد ۱ (ا ن ـ ک ـ بۆد ـ موٗل : بۆد ـ (س :
بودھ ـ (م ـ آتمہ بۆد ـ تۆتہ بۆد
بیتر ـ)

زان ـ واقفیتھ ـــ

بۆد یَنہ نے چھ سۆد سۆہم تہ لولو
کاسہ یمہ بہیہ چونے پرتیم تہ لولو
(پرمانند)

بۆد وول ـ زانن وول ـ واقف ـ
بۆد گرٛھن ـ زان گرٛھنی ـ واقفیتھ
گرٛھنی ـ نیر گرٛھنی ـ

بۆد ۲ ـ ا ن ـ ک ـ بۆد ـ موٗل : بۆد ـــ
(ف : بۆد ـ (زشند بۆ ـ س : بھو ـ)
آسُن ـ ظاہر ـ وجۆد ـــ

بۆد کرُن ـ وجۆد س اندر انُن ـ

یادِ کرُن ـ حاضر کرُن ـــ

بۆر ـ (ا ن ـ ک ـ بۆر ـ موٗل : بۆر ـ)
پُش رُشند نیٹھ زول ـــ دُشا خل بُدر

بۆزن ـــــ (ا ن ـ ک ـ بۆزن
موٗل : بۆزن ـ (س : بھوجنہ ـ)
کھین ـ یہ کینژھا کھیٚو ـــ
(خاص کرِتھ رۆنُت بتہ ـــ

بۆزن کھیوٚن ـ کھین کھیوٚن ـــ

بۆشن ـ (ا ن ـ ک ـ بۆشن ـ موٗل : بۆشن
(س : بھوشنہ ـ)
گہنہ وَس بیتر ـ سجاوٹھ سِنگار
پارو بیتر ـ شوب ـــ

بۆکم ـ ـ (ا ن ـ ک ـ بۆکم ـ موٗل : بۆکم ـ
(س : بھوکمپہ ـ)
ہے ـ سخ شور ـــ

بۆکھ ـ (ا ن ـ ک ـ بۆکھ ـ موٗل : بُک ـ
(س : بھوکہ ـ)
بُکہ ـ تولہ وور ـــــ

بۆکھ لاین ـ تولہ وور کٔرِتھ پیس تہ دالُن ـ

بۆکھ ___ (س: بُھکشتہ

(بھیج ۔)

بۆچھ ۔ یَس ثرَیٹھے پیہ ___

بۆگ ۔ (ن ۔ ک ۔ بۆگ ۔ مۆل : بۆگ

(س : بھوگہ ۔)

(۱) مَزٕ ۔ عاَش ۔ (۲) زنانہٕ شوٗنگُن

(۳) سوٗکھک دوٗکھک باس ___

(۴) ایٛحساس ___

بۆگٕتھ ۔ بۆگٕ پٕنٛژ حالتھ ___

بۆگَل ۔ بۆگن وول ۔ عیاش ___

عاَشہٕ مۆت ۔ سُہ یُس باَژَس

سوٗکھ تُلنس تہٕ رۆس لور آسہِ ۔

بۆگی ۔ بۆگَل ۔ بۆگن وول ۔ عیاش

عاَشہٕ مۆت ۔

بۆگہٕ ڈُن ۔ عاَش کرن وول ___

مَزٕ ژٹَن وول ۔ بۆگن وول ۔ پھَل

تُلَن وول ۔ یُس گُذرِتھ آسہِ آمُت ۔

بۆگُن ۔ عاَش کرٕنی ۔ مَزٕ تُلُن ___

مَزٕ وچھُن ۔ پینہٕ نِین حرکژَن ہُنٛد پھَل

تُلُن ۔ برداش کرُن ___

بۆگ کرُن ۔ (۱) مَزٕ تُلُن ۔ عاَش کرٕنی

(۲) زنانہٕ میا مَردَس سیٛتی میٖل کرُن ۔

بۆگول ۔ (ن ۔ ک ۔ بۆگول ۔ مۆل : بۆگول

(س : بھوٗگولہ ۔)

جغرافی ___

بۆلہٕ بال ۔ (ن ۔ ک ۔ بۆلہٕ بال ۔ مۆل : بۆلہٕ

بال ۔ (س : بھاولہ + بالہ ۔)

سیٛود ساد ۔ یِزی یود ۔ یُس یِزرَس

تہٕ سِزرَس پیٹھ آسہِ ۔ شوٗشُند اکھ ناو ۔

بۆلی ۔ (م ۔ ک ۔ بۆلی ۔ مۆل : بول ۔ (اثر اکرِت

३९७।४ بولہٕ نیم ۔ (س : بژونیم ۔)

زلو ۔ زبان ۔ باشا ___

بۆمِکا ۔ (م ۔ ک ۔ بۆمِکا ۔ مۆل : بۆمِکا ۔

(س : بھوٗمِکا ۔)

بُنراتھ ۔ زمین ۔ کُنہِ چیٖزُک میا

کتھِ ہُنٛد گوڈنیُک پود ۔ کُن ۔ گوڈُکتھ

کرمہِ بۆمِکایہ دِزِ درکُک بل

ستتوشہٕ بیالہٕ بوہ وِ آشہ پھَل ۔ (پرٛانند)

بۆنی ع ۱۔ (م۔ک۔ ڈُسلابہٕ۔ مۆل : ڈُسلاب۔ (ہ : بوہنی)
ڈُسلابہٕ۔ گوڈنیُک سودا۔۔۔
بۆنی کرٕنی۔ ڈُسلابہٕ کرُن۔۔۔
بۆنی ع ۲۔ (م۔ک۔ بۆنی۔ مۆل : بون)
باڈِ بوٗڈ اکھ کُلۍ یتھ ہٕنٛزٕ کانٛہہ میوٕ نیران چھہٕ۔ فارسی پاٹھۍ چھس چِنار ونان۔۔۔
بونہٕ دِل۔ بونہٕ ہُنٛد دوٗلت۔ بونہٕ ہُنٛد پیٹھیُم وارِیُس تمتھ دُلتھ آسان چھُہ۔ بونہٕ ڈوٗن۔ (۱) بونہٕ بیٛول۔ (۲) کُشرِ ہنٛدِ اکہِ کنٛتہٕ کہ زیلوٗرُک قسم۔ بونہٕ شُہل۔ بونہٕ کُلیٖک شیہجار۔۔۔
بونہٕ مُہل تارُن۔ یہ ہٕنٛز بَنتھ ہیکہِ تہٕ کرُن۔ یمہِ کہِ انٛدواتینچ ہٕنٛز دوہ میٖدٕ آسہِ تی انٛدواتناوُن۔۔۔
بونہٕ وُتھر۔ بونہٕ ہُنٛد پتٕہ بَرگ۔ بونہٕ پَن۔۔۔

بونہٕ ہوا۔ بونہٕ کُلِن ہُنٛد ہوا۔۔۔

# بوٗ

بوٗٹھ ع ۱۔ (ن۔ک۔ بوٗٹھ۔ مۆل : بَٹھ (س : بھوٗشٹھ۔) بھرشٹھ/133

ڈری یادَس ڈچھنہِ کھووٕری زیٖن۔ کنارٕ۔ بال۔ لیٖر۔ یالہِ دامن۔
بَٹھ بَٹھِ۔ بُٹھِس سیتۍ سیتۍ۔ بُٹھۍ ڈُنٛدۍ ڈُنٛدۍ۔ پَرتھ بُٹھِس۔۔۔
بَٹھِ تھوٗن۔ بال رَٹُن۔ بُٹھِس کُن رَٹُن۔ بُٹھِس سیتۍ نیُن۔۔۔ لوٗب تھوٗن۔ لیٛہ طاقَس تھوٗن۔۔۔
بَٹھِ روزُن۔ بُٹھِس پیٹھ روزُن۔ نادِ اَنٛدرَ ہٕنٛز روزُن بُٹھِس پیٹھ روزُن الگ روزُن۔ بدٕ ن روزُن۔ لوٗب روزُن۔۔۔ بَٹھِ کھسُن۔۔۔
تَرتھِ کھسُن۔ ٹھیکُن۔ رُت بَنُن۔ وَٹھتھ کھسُن۔۔۔

بَٹھِ کھارُن ۔ وَٹھَہ کھارُن ۔
رَٹھِ کھارُن ۔ سَنشالُن ۔ وتِہ لاگُن ۔
بَٹھِ لگُن ۔ لکہٕ ہار بنُن ۔ بجا گرٛشھن
وَتِہ لگُن ۔ کامہِ کارَس لگُن ۔
بَٹھِ لاگُن ۔ (۱) بال رَٹُن ۔ بوٗٹھ رَٹُن
بُٹھِس سیتی تھوٗن ۔ (ڈٗونگہٕ، ناو
یا یہ کینژھا پیران آسہِ ۔
(۲) اِنسان بیترِ) رَٹھِ کھارُن ۔
لکہٕ ہار بناوُن ۔ (۳) (چیز بیتر) شیرِتھ
کرِتھ کُنہِ لایق بناوُن ۔
بوٗٹھ تل ۔ بُٹھِس سیتی ۔ بُٹھِس تکھے
بُٹھِس بوہٕ کُنہِ ۔ سِر یا ٹھی ۔ پتھ یا ٹھی
بوٗٹھ تھوٗن ۔ (۱) بال رَٹُن ۔ بُٹھِس
سیتی رَٹُن ۔ بُٹھِس تھوٗن (ڈٗونگہٕ
یا ناو بیترِ) (۲) لوٗب، تھوٗن الگ
کرُن ۔ بیوٗن کرُن ۔ (کانٛہہ کُنہِ کامہِ
بیتر نٕشہِ ۔) (۳) اتھہِ چھلناوُن ۔
نَلہٕ کرُن ۔ (کانٛہہ کُنہِ فایدٕ نٕشہِ)
بوٗٹھ کھسُن ۔ ناوِ یا ڈُرِی یاوِ منٛز
بُٹھِس پیٹھ واتُن ۔ بال کھسُن ۔ الگ
گرٛشھن ۔ بے دَخل گرٛشھن ۔ کانٛہہ کار
کرِتھ نہٕ تمیُک ماوضہٕ بیتر ترُن ۔
کُنہِ فایدٕ نٕشہِ اتھہِ چھلُن ۔
بوٗٹھ کھارُن ۔ (۱) ڈُرِی یاوِ یا
ناوِ بیترِ منٛز کانٛہہ یا کینژھہ بُٹھِس
پیٹھ واتناوُن ۔ (۲) کانٛہہ کُنہِ کامہِ
بیتر منٛز اَندٕ تھوٗن ۔ بے دَخل کرُن
لوٗب تھوٗن ۔ (۳) کانٛہہ نَلہٕ کرُن
یا کُنہِ نٕش اتھہِ چھلناوُن ۔
بوٗٹھ ع۲ (ن ۔ ک ۔ بوٗٹھ ۔ موٗل : بَٹھ
(س : وِشٹھا ۔)
ہوٗکھ گہہٕ یُس زالنَس لگان چھُ
بوہَر ۔ بُٹھۍ پھوٗل ۔
(۱) بوہَر ۔ (۲) بُٹھۍ ہَن ۔
بُٹھۍ تیل ۔ سُہ تیل یُس بُٹھۍ دٕہِس
پشیان چھُ ۔ (یہِ چھُ کینژن ژھمہِ
بیمارین دَوا لگان ۔)
بُٹھۍ تیوٗنگُل ۔ دَزوُن بُٹھۍ پھوٗل ۔

بُٹھی ٹرٕنی - اَڈٕ دوٗد بُٹھی پھوٗل - دزان
دزانے ژھینۍ گومُت بُٹھی پھوٗل -
سوٗری گرٕ ژھنے دوٗدمُت بُٹھی تیوٗ لگل -
بُٹھی کانٛدرُ - ڈِہی لد موٗہنیوٗ - کرٕ ییٖہنۍ
کانٛدرُ ---
بُٹھی گُج - بُٹھ سیتی بُرِتھ دان -
بُٹھی دان ---
بُٹھی لوٗبُر - بوٗڈ بُٹھی پھوٗل ---
بُٹھی نار - بُٹھس بنومُت نار -
زولمُت - بوٗڈھ - دزوٗن بوٗڈھ -
بُٹھی پور - بڑٕ بیٹھ - یُس نہٕ دوٗن
سوادِ فکرِ تَرِ ---
بوٗڈھ واہرُن - اوٗدُر گیُہ ہوکھناوُن
ترٛاوُن یتھ سہٕ زالنس لایق بنِہ -
بوٗچھ - (س: بُبھکشہ (بھنچ-)
یُس ہیٚچ بوچھ آسہِ - یُس نہٕ
یڈٕ ے بیٖیہِ ---
بوٗدع۱ (ن-ک- بوٗد - موٗل: بود -
(س: بُد دَھ-)

کاٹُل - عاقل - دانا - سمجھدار -
تُرک - بوٗدی بڑٕ بیٹھ ---
بیوقوف - یُس نہٕ بود آسہِ -
نِش بود ---
بوٗدی یچھ - اُکُس یچھ سُنٛد ناو
[دیان چھہِ یہٕ اوٗس یچھ کالہ انسانس
پُرکرُ اُژھ یا تہٕ عقلہٕ بقل کران
سنتہٕ بوزگاہ دِوان -]
بوٗدع۲ - (ن-ک- بوٗد - موٗل: بُد -
(س: بُددھ-)
(۱) دُھرُن ہُنٛز گاسہٕ تلِن ہُنٛز
کاٹھہٕ تلیٚمَن ہُنٛز یا ییتھ نے دوٗمِیٚن
پھیرن ہُنٛز سوگیڈ یوسہٕ اکھس
مُنٛز واتہٕ - (۲) گوٗن - جم: ہتہٕ بوٗدہٕ
ہتہٕ گوٗن --- ییتھ کُنی چھہِ یہ اکھ
پونٛت لوٗگ تہٕ ---
بدِ اُٹُن - دِنہٕ اُٹُن - نظرِ تل اُٹُن -
(داریاہو چیزو منٛز کانہہ اکھ چیز)
بدِ کڈُن - دِنہٕ کڈُن - نظرِ کڈُن -

یَدِکھارُن ۔ بیٚپِس فِکِر تارُن بیٚپِس
مَنَس بیٚہنادُن ۔

بۄد پھیرُن ۔ یُتھ کِنہٕ کانٛسہٕ ہِشِی اَتھہٕ
گنٛڈِتھ تھوٚنی ۔ (دگرِیرِس)

بۄد کرُن ۔ (۱) اتھَس منٛز واتہٕ وِیٚنہِ
چھیٚنِن گنٛڈ کرُن ۔ بۄد گنٛڈُن ۔
اَتھَس منٛز پلوکہ انٛد چھیٚرِ کرِی کرِی
سۄمرادِنی ۔

بۄد ۳ ۔ تون + پاٚتھر ۔ یِہ چھُ اکھ
پۄت لۄگ، م : سوتھہٕ بۄد = سوتھہٕ
تون ۔ پیٚترِ بۄد = پیٚترِ تون ۔

بۄدُر ۔ (ن ۔ ک ۔ بۄدُر ۔ مۄل : بَدر ۔
(س : بَہُر؟)
کاڑُر ۔ گُرُ ۔ م : بۄدُر داند ۔
بُدِرِ گاو بیترِ ۔

بۄڈ ۔ (ن ۔ ک ۔ بۄڈ ۔ مۄل : بڈ ۔ (س :
وردھ ۔)
(۱) ویٚلۍ ٹھ تہٕ تھوٚد ۔ (۲) گھسِتھ
وانٛسہٕ ۔ (۳) دیار وول ۔ آسن وول ۔
(۴) واریاہ ۔ م : بۄڈ رقم ۔ (۵) منٛزوٗری
م : بۄڈ سوال ۔ (۶) رُتبہٕ یا عزتہٕ
کِنہٕ تھۄد ۔

بَڈِ ۔ (۱) تھدِ ہٹھِ ۔ زورٕ ۔ (۲) سیٹھا
م : بَڈِ چاوسان کوڑ کھہٕ سال ۔
(۳) رُتبہٕ والیا ۔ م : بَڈِ خوداہا ۔

بَڈِ بَڈِ ۔ سیٹھا تھدِ ہٹھِ ۔ تھدِ تھدِ
زورٕ زورٕ ۔

بَڈِ بلہٕ سوست ۔ یُس سیٹھا بَل
آسہٕ ۔ واریاہ طاقتہٕ وول ۔ پلوان ۔

بَڈِ بۄڈ ۔ واریاہ بۄڈ ۔ سارِوٕے
تھۄد ۔ دَے ۔ خُداے ۔

بَڈپلہٕ ۔ تھدِ پایہٕ ۔ بَڈِ پایہٕ ۔

بَڈِ پایہٕ ۔ رُتبہٕ وول ۔ بہنٛدِ پایہٕ ۔
تھدِ پایہٕ ۔

بَڈِ پاٹھی ۔ بَڈِ پاٹھِن ۔ تیتہٕ پاٹھ
یتھہٕ کُنہٕ بُڈِس شۆبہٕ ۔ دِل مُرتہِ تھر ۔

بَڈِدوہہٕ ۔ (۱) جان دوہہٕ ۔
(۲) یتھہٕ دوہہٕ زیٚوٹھ دۄہ آسہٕ ۔

بُڈر - وُچھو - "بوڑ"

بُڈجاے - (۱) سوئر بیترِ یتھ واریا گُنجائِش آسہِ - (۲) کھُلہِ ڈُلہِ جاے - (۳) مُتبرک یا پوتر جاے - (۴) مزار یلِ - آور ٹینڈیل -

بُڈ ماج - گریچ زِٹھ زنانہ ---

بوڑ پہان - زڑھا بوڑ دیا زیوٹھ ہنا تھدٕ ---

بوڑُ دے - بوڑ بگوان - بوڑ خُدا - بوڑ دوہ ---

پوتر دوہ - پاکھ دوہ - جان دوہ - زیوٹھ دوہ - ریتہ کالک دوہ - بوڑ ماز --- بڈ ماز - گاڈ ہند، داشد شند یا ماشہ ہند ماز - بوڑ موہنیو ---

یُس تھدس عمرس پیٹھ آسہِ - بوڑ رتیہ تھون دول --- دیار دول ---

بوڑ ہنیو - خاص پاٹھو سہ یُس

بیٹھیو کھوتہ بوڑ آسیہ ---

یا پیہ بوڑ - جان رُتیہ دول - تھدِ پایکٕ - عالی شان ---

بوڑرن - (م - ک - بوڑرن - موٗل : بوڈرن (بڑاکرِت بُڈ - (س : وڑڈ -)

کینہہ آیس منز پھاٹناوُنچ کام -

بوڑراوُن - بوڑرُن - آیس تل کرُن -

پھاٹناوُن - کڑناوُن - (گوہن منز) گیر کرُن ---

بوڑعا - (ن - ک - بوڑ - موٗل : بڑ - (س: دوار -)

لبہِ میا دہ سیہ دیوارس بڈ کھڑکیہ

لبہِ میا دہ سیہ دیوارس کوڑ مُت بوڑ گوڑ دیپاری اندر ازخ سیہ - لبہِ بیترِ دڑمِش سرُونگ ---

بوڑ ترُکُن - بوڑ ٹکُن - پلینتہ پلینتہ بوڑ ژُٹُن ---

بوڑٹکُن - گگر شندی پاٹھی (وار وار) لبہِ بیترِ گوڑ کرُن - بوڑ ژٹن - پتی پتی

وِگوٗ ژُٹھ تہٕ غاںٹھ۔ بیتر کٔرِتھ
کاںسہِ ہٕنٛزِ کامہِ منٛز رُکاوَٹھ پاد
کرٕنۍ۔ بۄر ژٹُن ۔۔
(۱) لَبہِ بیتر بۄڈ گوٚڈ کرُن ۔۔
لَب منٛز کوٚرِتھ نِنۍ۔ (۲) لَبہِ بیتر
بۄر کٔرِتھ سَن دِنۍ۔ (۳) پۄٹ پۄٹ
دِگوٗ ژٹُن ۔۔
بۄر کرُن۔ لَبہِ بیتر بۄر ژٹُن ۔۔
(وُچھو "بۄر" تہٕ۔ کاںسہِ نش تِچھہٕ تِچھہٕ
کٔرِتھ کَڈِ مَتی سِر وَ تہٕ پیٚٹھ ترٛاوِنۍ۔
بۄرُت ع ۱ (ن۔ک۔ بۄرُت۔ مۄل:
برت۔ (س: بھرِ تہ۔)
(۱) یہِ بُرِتھ آسہِ۔ (۲) آسَن
وول۔ ڈیار وول۔ لُس بجا آسہِ۔
(۳) سۄن۔ گمبیٖر۔ م: بُرُژ ۔۔
بۄرُت ع ۲ (ن۔ک۔ بۄرُت۔ مۄل:
برت۔ (س: بھرِتہ۔)
برنہٕ آمُت۔ بُرِتھ۔ (ربہٕ بیتر
سیتی۔)

بوٚس۔ (ن۔ک۔ بوٚس۔ مۄل: بُس۔
(س: بُسَم (بُسَہ۔)
کوٚش۔ اناجہِ منٛز یہ گیٚش ہا چھوٚ نٮ۪تھ
مُنتھ یا پھتھ نیتھ گژھان روزِ ۔۔
بوٚک۔ (ن۔ک۔ بوٚک۔ مۄل: بُک)
بُس۔ موٚٹھ ۔۔
بوٚکہٕ دِنۍ۔ زٕل واٹھنۍ۔ دَرگہٕ پامہ
دی دی تہٕ اَڈٕ زاڈ کٔرِتھ گدی کرنۍ۔
بوٚکہٕ لگنۍ۔ زٕل لگنۍ۔ دَرگہٕ اَڈٕ زاڈ
تہٕ پامہٕ بوٚزِتھ گدی گَژھنۍ۔ ژٕر گاشہٕ
سیتی اُچھن پھٕہن ۔۔
بوٚک دِیُن۔ اَڈٕنگجو سیتی زٕل واٹھنۍ
بوٚل۔ (ن۔ک۔ بوٚل۔ مۄل: بَل ۔۔
(وُچھو "بَل"۔)
بلیٖوٗ مُت۔ لُس بلیٖوٗ مُت آسہِ۔
یمہٕ سٕند ورمُت آسہِ۔ لُس ٹھیکہ
گومُت آسہِ۔ لُس وادِ تلہٕ ژرامُت آسہِ
بوٚم ۔۔ (ن۔ک۔ بوٚم۔
مۄل: بَم۔ (س: بھوم۔)

بُھتِی ہُنٛز۔ بومہٕ لد۔ منحوس۔

بوٗمبُر۔ (ن۔ک۔ بوٗمبُر۔ مؤل : بوٗمبَر۔
(س : بھرٛمرہ۔)
تُلِہ ژاث اکھ دُپھؤن کیوٗم۔

بوٗمبرِ پَر۔ بوٗمبرِ ہنٛز نکھ۔ دستارس
پیٹھ کانٛہہ گیٛہنہٕ یا گوٗنڈ بیتر گنڈنہٕ ٹھ
تھوَن بُنڈی۔

بوٗمبرِ گوٗڈ۔ بوٗمبرادل۔ واریاہن
بوٗمبرن ہنٛز اکہِ وٹہٕ بیہنٛچ جاے۔
بوٗمبرِ گن۔

بوٗن ع۱۔ (ن۔ک۔ بوٗن۔ مؤل : بِن)
بَنہٕ۔ ڈیر۔ امبار۔

بِنہٕ گرٛشھنہٕ۔ بَنہٕ گرٛشھنہٕ۔ بَنہٕ بناونہٕ
ڈیر سَمنہٕ۔ چیزن ہُنٛد اکھ اَکِس پیٹھ
جمع گرٛشھتھ امبار بنُن۔

؟۔ بوٗن ع۲۔ توٗر۔ (چھانہٕ کامہٕ منٛز اکہِ
اوزارُک ناو۔)۔ (انگریزی)

بوٗنڈوٗق۔ (ن۔ک۔ بوٗنڈوق۔ مؤل :
بوٗنڈوٗق۔ (ع : بُندق)
گوٗلہِ چلاونُک اکھ ہتھیار۔

بوٗنڈوٗقہٕ کھار۔ بوٗنڈوٗق بناوَن
وول۔ یُس بوٗنڈوٗق آسہِ بناوان۔

بوٗنڈوٗق دیُن۔ گوٗلہِ لاینہٕ۔ گوٗلہِ
دِنہٕ۔ بوٗنڈوٗق یُن۔ گوٗلہِ ییٛنہٕ۔

بوٗنگر۔ بُنگر۔ (م۔ک۔ بوٗنگر/بُنگر۔ مؤل:
بوٗنگر/بُنگر۔ (س : بھنگرہ؟)
اکہِ قسمُک کرٛہکر یُس ژرٛی یا ٹھ
شیٖشُو چھُ آسان۔

بوٗنگر گُل۔ بُنگر یو پُرتھ ژریا گُل۔
سونُر یمہٕ داریا بُنگر لاگتھ آسن۔

بوٗنگر گوٗر۔ (ن۔ک۔ بوٗنگر گوٗر۔
مؤل : بوٗنگرِ گرَ۔)
بُنگرِ گرَن وول۔ یُس پیشہٕ بُنگر
گرنہٕ آسن۔ م : بوٗنگرِ گرُ۔

بوٗنگر دوٗنی۔ (ن۔ک۔ بوٗنگر دوٗنی۔
مؤل بوٗنگر دان۔)
بُنگرِ کُہن وول۔ م : بوٗنگرِ دانیٛ

بوٗہگُن۔ (ن۔ک۔ بوٗہگُن۔ مؤل : بوٗہگَن

(س : بہگنہٚ ۔)
اکہِ قسمُک زَنَن بانہٕ یُس ژکہِ
ڈلوم تہٕ دیچھہِ کھوتہٕ لوکُٹ آسان
چھُہ — بوٚہگوٚن گھنڈ —
(۱) نہ لگہِ ہار بوٚہگوٚن ۔ پھٹہِ مُت
بوٚہگوٚن ۔ (۲) لوکُٹ بوٚہگوٚن ۔ بوٚہگوٚن
پیٚشِش —

بوٚہدُر ۔ (ن ۔ ک ۔ بوٚہدُر ۔ موٗل : بوٚہدر
(ف : بہادُر ۔)
طاقتہٕ وول ۔ جُرتہٕ وول ۔ ہیمتہٕ
وول ۔

# بو

بوب ۔ (ن ۔ ک ۔ بوب ۔ موٗل : باب ۔
(س : وَپرَہ ۔ > ہ : بابوٗ ۔)
جان زَنتیکُ محرِّر بیا لوکٹ موٚکٹ
افسر ۔ جم : ڈاکہِ بوب تارِ بوب ۔
بنگالس تہٕ چھہِ بوب ونان —

بوبِل ۔ (م ۔ ک ۔ بوبِل ۔ موٗل : بوبِل ۔ (س :
وابِی + لِہ ؟ )
دیوار بَندی کرِتھ کا تھہ جاے یتہٕ
آب آسہِ یوان تہٕ نیتھ پادی آسَن ۔

بوبُس ۔ (ن ۔ ک ۔ بوبُس ۔ موٗل : بوبُس)
آتش بازِ ہُنڈ اکھ کترِ یُس گلہِ تنگ
تہٕ ژکہِ دُہرِتھ بانہٕ نیتھ شور چھُ آسان
بُرِتھ، ژکھہ دِنہٕ سیتی چھے اَتھ تیمبر
ہیوٗر کھسان —

بوتَل ۔ (م ۔ ک ۔ بوتَل ۔ موٗل : بوتَل —
(انگ ۔ بوٹل ۔)
ھود تہٕ گلہِ تنگ شیشہ بانہٕ —

بوٹ ۔ (ن ۔ ک ۔ بوٹ ۔ موٗل : بوٹ ۔
(انگ ۔ بوٹ ۔) ناو ۔

بوج —— (ک : بوج ۔
موٗل : بآج ۔ (س : بھاجن ۔)
شرِیکھ ۔ ساتھی ۔ سیتی وول —
بآج بٕٹھ ۔ شراکتھ —
بآج بوٚد ۔ شری کٕی توَن ۔ پتری توَن

زِٹھٕن سٟتی برابٔری بوٗزِتھ داد وادکرُن

بوجر ـــــ (ن-ک-بوجر-
مٔول : بوجر-)
سُہ مایہٕ تہٕ موہجرٕیُس زٕمینہٕ پٲش
سٟتی پوان چھُ ـــ

بوجرانُن ـ زٕمینہٕ قوٕ وَتھ واتناوُن
(پٲش بیتر سٟتی-)

بوجرِیُن ـ زٕمینہٕ مایہٕ، موہجر تہٕ
قوٕ وَتھ یُن ـــ

بورچ ـ سُہ یُسٕند کاردان، خٲرا تھ
رٹُن آسہ ـ آژٲری ـــ

بودٕ ـ (ک : بودٕ ـ مٔول : بود ـ (س :
بودھ ـ)
(۱) سبدٕ بوٗٹی ـ وُٹھ ـ (۲) بُدھ
مذہب مانن وول، بود ـــ

بودکُنی ـ دَزنہٕ ہر کُنی ـــ

بودگرٕ ڈھن ـ (عقلِ کُنی) موٗنڈُن ـ

بودگی ـ بودٕ آسُن ـ سبدٕ بوٗٹی
آسُن ـــ

بودے شور ـ (ن-ک-بودے شور-
مٔول : بودے شور-(س : بودھیشور)
اُکس دِوتاسُند ناو ـ بودٕ بڑود ـ

بودلہٕ ـ (ک : بودلہٕ ـ مٔول : بودل ـــ
(س : بودھ ـ)
(۱) یُس نشس منز آسہ ـ یُس نشہٕ
چھتھ خُمار آسہ ـ چرسی ـ بنگی ـ بیترِ
(۲) یُس نہٕ سہل سہل کتھے فکرِ ترِ ـ

بورٕ ـ (ن-ک-بور ـ مٔول : بار ـــ
(س : بھارہ ـ)
(۱) بار گوبُر ـ (۲) یہ کینژھا اکہِ
جایہِ پیٹھ بیٚیِس جایہِ سارنہٕ ییہِ ـ

بٲری تھوٕنی ـ بیٚیِس پیٹھ کھارُن ـ
بیٚیِس مٔٹہِ کھارُن ـــ

بٲری روزٕنی ـ مٔٹہِ روزُن ـ (کانٛہہ
اثر یا تمٕنٛک نتیجہٕ ـ)

بٲری کھسنی ـ کانٛہہ ہندِ بدل کینٛہہ
مٔٹہِ کھسُن ـــ

بٲری کھارٕنی ـ کینٛہہ کرِتھ تہٕ بیٚیِس

پیٹھ کھارُن ۔۔۔

بأری لدٕنی ۔ دۄیمہِ سِندِ وَنیہٕ کیتھہٕ کرِتھ تسی مٕٹہِ کھارُن۔ (سو کام اَسی تَن اُندری کنہٕ پننہٕ مرضی کرُن)

بورٕ تلُن ووِل ۔ موٗ زدُر ۔ حالہِ ۔ بور سارَن ووِل ۔۔۔

بورٕ تُلُن ۔ (۱) بور ہیوُن ۔ بورسارُن (۲) کُنہِ ذمہٕ دأری پانس پیٹھ ہیٚنی۔

بور تھوٗن ۔ کأنسہِ پیٹھہٕ پنٕن بار ترٛاوُن پننی ذمہٕ دأری دۄیمس پیٹھ ترٛاوٕنی۔

بورکھسُن ۔ بورمٕٹہِ گرُھن ۔ کُنہِ مٕٹہِ دأری روزٕنی۔ کُنہِ ذمہِ دأری پُشراوٕنہٕ یِنہٕ ۔ بور والُن ۔۔۔

بور ہیٚر پیٹھ بوٚن والُن ۔ بور پتھر ترٛاوُن ۔ بور لۄترٛاوُن۔ ذمہٕ دأری معہ کلاوٕنی ۔۔۔

بورع٢ ۔ (ن۔ک۔بور۔مۄل : بار۔۔۔ (س : بھر۔ (بھرٕ۔) کبھِ لأجمٕڑ زیٚن ۔۔۔

بوزٕ ۔ (ن۔ک۔بوزٕ۔ مۄل : بوز۔۔۔ (ف : بوزہ۔) ۔۔۔
اکھ قسمُک شراب یُس وَچھہٕ رَسس، گورَس، توٗملس تہٕ وُشکہِ ۔ بیتر خمُ کھأرِتھ بناونہٕ چھُہ یوان ۔۔۔

بوزٕ گرٕی یا ے ۔ بوزٕ گرٕی ہشز زنانہٕ ۔۔۔

بوزٕ گرٕی وان ۔ سو جاے ییتہِ ییتھ بوزٕ بناوِتھ کِنہٕ آسہِ یوان ۔۔۔

بوزٕ گوٗر ۔ (ن۔ک۔بوزٕ گوٗر ۔۔۔ مۄل : بوزٕ گر۔)
بوزٕ بناوَن تہٕ کنَن ووِل ۔م: بوزٕ گرٕ

بوزُن ۔۔۔

(ن۔ک۔بوزُن۔مۄل : بوز۔۔۔ (س : بودھ (بُدھ۔) ۔۔۔
سَمجُھن ۔ زانُن ۔ دیان دِیُن ۔ کَن تھوٗن ۔ کنہٕ سیتی نیٚبرِیُم کانٛہہ سدا یا آواز رٹُنی ۔ مانُن ۔ زنانہٕ ہُنٛد کأنسہِ شوہرُ مانُن ۔۔۔

بوزِتھ تھوُن ۔ سوٗچِتھ تھوُن ۔۔

حساب کٔرِتھ تھوُن ۔۔۔

بوزِتھ دِیُن ۔ بوزِ شوٗژ کٔرِتھ یا گرُن
سوٗنچِتھ کٔرِتھ کُنہِ چیزس بیترِ بیوٗن
بیوٗن حصہٕ کرٕنۍ ۔ (یُتھ پٔرِتھ گاٹہٕ
پنُن مُناسب حصہٕ میلہِ ۔)

بوزِتھ کھیوٗن ۔ ژٕرِتھ کھیوٗن ۔۔
مُقابلہٕ کٔرِتھ پنُن حصہٕ حاصل کرُن ۔
بُتھہِ لگِتھ پنُن حق اُلتھی انُن ۔۔۔

بوزِتھ ہیوٗن ۔ ژٕرِتھ ہیوٗن ۔ پرٕ کھسہٕ
تہٕ برابر ہیوٗن ۔۔

بوزِتھ نیُن ۔ بوزِ شوٗژ کٔرِتھ پنُن
حِصہٕ حاصل کرُن ۔ پرٕ کھسہٕ تہٕ ژٕرِتھ
رَژِ رَژِ نیُن ۔۔

بوزُن بانہٕ ۔ بوزِ شوٗژ کرن پۍ خصلتھ
دوٗیمہ سُنٛد بوزنُک سوٗ باو ۔۔

بوزُن وول ۔ ماتَمہٕ وول ۔ یُس بوزِ

بوزُن ہار ۔ بوزِ شوٗژ کرَن وول ۔
کنتھہِ واتَن وول ۔۔

بوزَن ہار ۔ یُس یوٗرُک بوزِ ۔۔
یُس یورِکِس کَن تھٲوِ ۔ یُس فَری
یاد بوزِ ۔ یُس نرم سوٗ باوُک آسہِ ۔
یُس طبٕی حَتہ کنہٕ نرم تہٕ عاری آسہِ ۔

بوزناوُن ۔ سمجاوُن ۔ فِکرِ تارُن ۔
نصیحت کرٕنۍ ۔ ٲیِل کرُن ۔ کنہٕ مُتلق
گاٹہٕ کیتھہ وَنُن ۔ وَنُن ۔ باوُن ۔

بوزوُن ۔ یُس بوزِ ۔ یُس بوزان
آسہِ ۔ یُس بڈٕ توجہ سان کیتھہ بوزِ
تہٕ تتھ پیٹھ غور کرِ ۔ بوزَن ہار ۔
بوزٕ وُنے ۔ بوزِ تھے ۔ بوزنہٕ وقتہٕ
بوزان بوزان ۔۔

بوزناوَن وول ۔ یُس بوزناوِ ۔
یُس شیچھ نجر باوِ ۔ یُس سمجاوِ ۔

بوزنہٕ یُن ۔ دژ بیٹھہِ یُن ۔ وُچھِتھ
ہیکُن ۔ لبنہٕ یُن ۔ کانْہہ چیز بیتر تیوٗت
نوٗن آسُن یُتھ وُچھِتھ ہنگرِ نہٕ باسُن ۔

بوس ۔ (ن ۔ک ۔ بوس ۔ موٗل : باس
(س : بستہٕ ۔)

میاد ۔ بنڈر ۔

بوس پھٹن ۔ (۱) بنڈر پھٹھ یُن ۔ ژاسہ بیتر یِنتی شوش پھٹھ یُن ۔ (۲) کتھ واتنا ونہ سببہ بے تاب سپدُن (۳) رنج لول یُن ۔ (۴) آلو آلو دِتھ ژھینتھ پیون ۔

بوس پھاڑ دُن ۔ یورک بُوزی بوزی اور دم کرن ۔ پھیوشٹھ پھاڑ دُن

بوسہ ــــــ (ن ۔ ک : بوسہ مؤل : باس ۔ (ف : بوسہ ۔)

موزی ۔ میوٹھ ۔ ماہ ۔ اڈیا ۔

بوستان ۔ (ن ۔ ک ۔ بوستان ۔ مؤل : بوستان ۔ (ف : بوستان)

پوشہ باغ ۔ باغ ۔

بوش ۔ (ن ۔ ک ۔ بوش ۔ مؤل : باش ۔ (س : بھوشام)

چالی ۔ کمام ۔ کبر ۔

پوش کھسن ۔ مدلگن ۔ کمام کھسن ۔ چالی کھسنی ۔ پننہ پان ہُلی کیا تام باسُن ۔

بوش کھارُن ۔ (۱) کمام کھارُن ۔ چالی کھارنی ۔ (۲) یورہ نرمی کرتھ سیتی اورِ وُٹھنہ یُن ۔

بوش یُن ۔ پھوئن ۔ پھولتھ آسُن ۔

بوگ ۔ (ن ۔ ک ۔ بوگ ۔ مؤل : باگ ۔ (س : بھاگہ ۔)

(۱) حِصہ ۔ چھل ۔ (۲) کاٹسہ ہندِ باپتھ تھوومُت کُنہ کُنہ ہِنِک حِصہ ۔ (۳) کھانڈر بوگ یا کھانڈرُک سُہ حِصہ یُس گوبر مول کورِ مالِس دِوان چھُ ۔ (۴) یہ بڈر ددہ کورِ مول گوبر مالِس سوزِ

م : ہیٹرِ بوگ ، شتر بوگ ۔ بیتر ۔

باگہ آمُت ۔ حِصس آمُت ۔ حِصس کھوتمُت ۔ خاص کرتھ رؤن یا کوے اکھا کہوں حِصس کھتی متی ۔

باگہ بوگ ۔ باگر نہ وِزِ کاٹسہ ہُند پوٗر پننُ حِصہ ۔ سُہ حِصہ یُس یِس واتہ ۔

باگہ دژامت ۔ یُس کیشہ باگراو نہ وِزِ تمتی آسہ تہ توتہ رٹہ نہ پنن بوگ

باگہِ کڈُن ۔ بآج بَٹہٕ اَندرٕ کڈِتھ
ژھٕنُن ۔ پننہٕ موٗنڈِ جہ منٛزٕ کڈِتھ ژھٕنُن
باگہِ کھسُن ۔ پننہٕ تقدیرٕ موٗجوٗب
گَنٛنیُک حِصہٕ واتُن ۔۔۔
باگہِ نیرُن ۔ پنُن حِصہٕ یہٕ میلُن ۔۔
باگہِ یُن ۔ حِصس یُن ۔ شُریکھ سٕیدِ دِن
کانٛہہ ہَنٛد باژ بنُن، رِلِس کوٗ نے
یا کو لیہ رٕوٗن ۔۔
باگٔنیُک ۔ حِصُک ۔ ٹھیکُک ۔ لائنیُک
باگس پیٹھ واتُن ۔ ٹیلہٕ بوگ تیار
آسہِ تمی ساتہ واتھ پیٔون ۔ وَقتس
پیٹھ واتُن یُتھ زَن پنُن حِصہٕ میلِس
حِصہٕ وزی یوت شُریکھ آسُن ۔۔
باگی ۔ حِصہٕ دار ۔ حق دار ۔۔
باگی ۔ (۱) باپتھ ۔ م : دِنہٕ باگی =
دِنہٕ باپتھ ۔ (۲) بَدلہٕ ، م : بتہٕ سِنہٕ
باگی بیترٕ ۔ (یہ لفظ چھُنہٕ وۄنی عام ۔)
باگی کرٕنی ۔ حِصہٕ کرٕنی ۔ حِصہٕ بٲگرے
کرٕنی ۔ مُناسب حِصَن منٛزٕ باگے کرٕنی ۔

باگی نِنی ۔ نصیبہٕ دِتھ گژھُن ۔
باگی وۄتھنی ۔۔
باگی وۄتھنی ۔ باگی نِنی ۔ نصیبہٕ دِتھ
گژھُن ۔۔ بوگ بَنٛد ۔ سِلاح
ساماںہٕ ، ٹھینٛٹھ میٛنٛٹھ ۔ بِستر بَند ۔۔
بوگ باگے ۔ بوگ باگنے حِصہٕ
کُنٛشی ۔ بوگ کرُن ۔ حِصہٕ کرُن ۔
حِصہٕ تھوٗن ۔۔
بوگلہٕ ۔ (م ۔ک ۔ بوگلہٕ ۔ موٗل : بوگلہٕ ۔
(ع : باکلا ۔) باقلا
اکہ قسمچ ہمبہٕ ۔۔
بوگلہٕ دال ۔ (۱) ، ریٛنہٕ نس لائق
شیٛرِتھ کرِتھ بوگلہٕ ۔ (۲) ، ریٛنہٕ منٛز بوگلہٕ
بول غلط (ن ۔ک ۔ بول ۔ موٗل : بول ۔
(ع : بول ۔)
ہمتر ۔ بولہٕ دانی ۔ (م ۔ک
بولہٕ دانی ۔ موٗل : بولہٕ دان ۔ (ع :
بول + ف دان ۔)
ہمتر دانی ۔۔

بول ۲ - (ن - ک - بول - مؤل : بول (پراکرت - بولہ - (س : برؤ - (برؤ -)

(۱) کتھ - شید - کتھ باتھ —

(۲) گون گیوٚن - م : —

گال گڈی نم بول پڈی نم
ڈیپہ نم تی یس یتھ روزے (لل دید)

بولس اَتُن - کینہہ کرناوُنہ یا یتھ کانہہ ووہ ٹہ اتُن —

بولس آمُت - کانہہ کام کرنہ یا یتھ یلی گرنہ آمُت - گرس آمُت -

بولس اوٚنمُت - گرس اوٚنمُت ووہ ٹہ اوٚنمُت —

بولس لایتہ یُن - گرس لاینہ یُنا - پکنہ ہینہ نہ ڈلُن —

بولس یُن - یتھ نہ پزِ تتھ کامہ نہ چھیپے ٹکُن -

بولا بوٚلی - بولہ پیٹھ بوٚلی - اکھ اکس کھوتہ تھز بوٚلی دِنی ؛ مان مان لگنی -

بولہ پیٹھ - (کأنِس ہنز) کتھ پیٹھ پزٹھ - بول بجا اتُن - یہ دوٚن تہ پوٚر کرُن - پکنہ ہینہ نہ پزٹھن —

بول باشہ - شری ہنز گوڈ گوڈ اٹھ کجہ کتھ —

بول باش - بول پوش - جاناوارن ہنز بوٚلی - م : چرِو چرِو - ٹرِو ٹرِو بیتر

بولاقی - (م - ک - بولاقی - مؤل : بولاق (ترکی - بُلاق ، بُلاک —) نستہ واجہ - (یوسہ نوکر اپوٚرہ ترٛاونہ چھے یوان -)

بولاقہ بروٚڈ - نکر - نستہ ہُند حصہ یتھ بولاقی لاگان چھہ —

بولاقہ نیچو - بولاقی لاگتھ شُر - نوِ یا نوِ ڈہر کھوتہ کم دأنِس ہُند - شہ یوٚ کُٹ شریس ڈینہ بولاقی لاگیتھ آیہ -

بولہ میل - (م - ک - بولہ میل - مؤل : بولہ میل - (بولہ + س : میلہ -)

اپرآئی میل ۔ سو کرٕہنٛز میل یوس توٗلُ بیترِ زاألِتھ آس بناونہٕ یوان ۔

بولُن ۔ (ن ۔ ک ۔ بولُن ۔ مؤل : بول ۔
(پرٛاکرت ۔ بولّنیم ۔)

(۱) وَنُن ۔ کتھ کرٕنۍ ۔ آسہِ منٛز آواز کڈٕنۍ ۔ (۲) بوٗلی کرٕنۍ ۔ (جانوارَن ہُنٛد ۔ بولَن وول ۔ وَنَن وول ۔
کتھ کرَن وول ۔ بوٗلی کرَن وول ۔

بولہٕ ناوُن ۔ (۱) کتھہٕ بیترِ کرنہٕ ہیٚچھناوُن ۔ کتھہٕ کرناوُن ۔ کانٛہہِ کتھہٕ اَننہٕ ۔ (۲) جانور بوٗلی کرناوُن ۔

بولہٕ وُن ۔ کتھہٕ کرٕوُن ۔ یُس بولان آسہِ ۔ کتھَل ۔ بکواسی ۔

بوم (۱) ۔ (ن ۔ ک : بوم ۔ مؤل : بوم ۔
(س : بھومہ ۔)

اکھ پھیرُن ناوُکھ دیا گرٕنٛدٕ یتھ عربی یا ٹکھ مُرلیغ وَنان چھِ ۔

بوم وار ۔ شُر دوہ یُس ژنٛدر وارِ پتہٕ یوان چھُ ۔ بوہ دوارِ بٔرٛدٕ شنٛٹھیُم دوہ

بوم (۲) (ن ۔ ک ۔ بوم ۔ مؤل : بوم ۔
(س : بھومہ ۔)

بَم ۔ غَم ۔ کرٛودھ ۔ ژکھ ۔

بومہٕ بکرُ ۔ بومہٕ لد ۔ بُتھی ہنٛز ۔ دیہ دُن ۔ یُس بُتھس پیٹھ وِزِ وِزِ ژکھ آسہِ آسان ۔

بومہٕ دلو ۔ شہ یُس سو کھسَس منٛز دیُن ہیٚیہ یا دیہ ناوِ ۔

بومہٕ ژوٗل ۔ یُس بُتھ آسہِ کھوٗتمُت ۔ یُس اَنٛدری ژکھِ سٟتۍ دزان آسہِ ۔

بومہٕ لد ۔ یُس بوم آسہِ پیٚومُت بوٗتہٕ لد ۔ دیہ دُن ۔ یُس ژکھِ سٟتۍ دیُن آسہِ پھیٚوٗرمُت ۔

بوم پیٚوٗن ۔ سآری وارِ کارِ آسِتھ منٛز باگ کانٛہہِ دیُن پیٚوٗن ۔

بوم ژلُن ۔ دیُن ژلُن پھیٚشنَس سٟتۍ نہٕ روزُن ۔

بونٹھ ۔ بٔرٛدنٛٹھ ۔ گوڈٕ ۔ پتھ کالِ ۔

بووٗلہٕ ۔ (ک : بووٗلہٕ ۔ مۄل : بووٗل ۔ (س : واتوٗلہ ؟ (پلاٹس) ۔

رٔوٗ بۄدِ ۔ رووٗمُت ہیوٗہ ۔

بوٗے ۱ (ن ۔ ک ۔ بوٗے ۔ مۄل : بائے (بٔرٲکرت ۔ بھایہ او ۔ (س : بھرٲتر) (۱) پننٕ پان ترٛٲوِتھ ماٲلِس ماجہ ہُنٛد بچٕو ۔ (۲) پانس برابر اَنگ اَشناو ۔ (۳) ستی بوٗج ۔ دٔہر بوٗج ۔ بٲے پارٕنۍ ۔ یِم پانٕہ ۆنۍ کٔنہ بیٚیہ ماٲلِس ماجہ ہُنٛدی شُری آسن ۔

بٲے بوٗد ۔ بٲے تون ۔ برادری ۔ بارٕنہِن ہُنٛد پانٕہ ۆنۍ ہِشر بِیتر ۔ بٲے بیٚنٕہ ۔ سۄ یَس تھکُن لایق یا ہاوُن یاوُن لایق بوٗے آسہِ ۔ بٲے وایِنی بیٚنٕہ ۔

بٲے تون ۔ بٲے سُنٛد ہیوٗ ورتاو بارٕنہِن ہُنٛد اکھ اَکِس ستی ورتاو ۔ بٲے کاکنہٕ ۔ بیٚے کاکنہٕ ۔ بٲے ہِشر کوٚرٕ ۔ بٲے لالہٕ ۔ یہ چھ کانٕہ

نِہِنٛس ٹوٗٹھ تاو دِوان ۔

بوٗے ۲ ۔ (م ۔ ک ۔ بوٗے ۔ مۄل : بوٗے (ف : بوٗ ۔)

پھکھ ۔ گانٛد ۔ سۄ مُشک یوٗس کٕنہ اُدرِس چیزس خراب گژھنہٕ وِزِ تھان چھٕ ۔ بوٗے ژٕلنۍ ۔ پھکھ ژُلُن ۔ گانٛد ژٕلنۍ ۔

بوٗے وۆتھنۍ ۔ پھکھ وۆتھُن ۔ بدبوٗ وۆتھنۍ ۔ پھکھ یُن ۔ بوٗے یِنۍ ۔ پھکھ یُن ۔ گانٛد یِنۍ ۔ پھکھ وۆتھُن ۔

# بو

بوٗ ۔ بہٕ ، بٔہ ، بوٗ ۔ یہ چھہ بوٗلَن وول پانٕس وَنان ۔

بوٗٹہٕ ۔ (ن ۔ ک ۔ بوٗٹہٕ مۄل : بوٗٹ ۔ (س : بھوٗٹہٕ ۔) تبتی ۔ لداخی ۔ منگول ذٲژ ہُنٛد ۔ لوٗٹھِنی ۔ بوٗٹِہ زنانہٕ ۔ بوٗٹہٕ

بارے ۔ بوڑہ ببر ۔ بوڑہ پنچ پا
لداخچ ببر ۔ کرٛہنینہ رنگہ اکھ بوٗٹھ ۔
بوڑہ پارے ۔ لداخچ زنانہ ۔ تبتی زنانہ
بوٗٹھی ۔ بوڑہ پوٹ ۔ لداخچ ژھاولہ
سندِس ییرس وونمت وُنل ۔۔
بوڑہ پھمپ ۔ لداخچ ژھاوجن
ہنٛدِس ییرس کوٗڈمُت پھمپ ۔
بوڑہ تل ۔ بوڑہ تُل ۔ ویٹھن تُلن
ہنٛز اکھ خاص ذاتھ ۔۔
بوڑہ جتھ ۔ اکھ بوٗٹھ ۔ اتھ چھ
اکھ میاد دوا بناوان ۔۔
بوڑہ دتُر ۔ اکہ قسمک دتُر ۔ لداخچ
دتُر ۔ بوڑہ ژادر ۔ بوڑہ پھمبچ
ژادر ۔۔ بوڑہ ژرُن ۔ اکھ خاص
ژرنی ذاتھ یوس لداخس منز وپدان
چھے ۔ امہ قسمک ژرُن چھ عام
ژرُنہ ہوکھوتہ بوٗڈ تہ میٹھ آسان
بوڑہ ژیر ۔ اکھ خاص ژیرِ ذاتھ
یوس لداخس منز ووپدان چھے ۔

امہ قسمچ ژیر چھے عام ژیرو کھوتہ
بڈ آسان ۔۔
بوڑہ سوے ۔ اکھ سویہ ذاتھ
یوس لداخ وپدان چھے، اتھ چھ
میاد بابتھ اکھ دوا بناوان ۔۔
بوڑہ کھوٗپ ۔ پٹُہ آسترِ دتھ اکہِ
قسمچ ٹوٗپ یوس لداخچ دِوان چھہ ۔
بوڑہ کھوٗر ۔ گول دُتھر کریتھ اکھ گاسہ
ذاتھ یوس سرن منز کھسان چھے،
یہ چھ گیتن کھیون دوان ۔۔
بوڑہ کھول ۔ بوڑہ ژیرِ ہنٛز گوٗج ۔
بوڑہ ٹلکھ ۔ ییٚنز تہ بابتھ عام بوٹس
ونان ۔ بوڑہ ٹنیک ۔ لداخُک
تبتُک ۔ بوڑہ ٹنیک روزان دول ۔
بوٹن گوٚ لداخ تہ تبتھ ۔۔
بوڑہ وانہنی ۔ بوڑہ دانی ہنٛز زنانہ ۔
وُچھو "بوڑہ ووٗنی" تہ ۔۔
بوڑہ وانگن ۔ رُوانگن ۔ راتھ وانگن
بوڑہ ویر ۔ اکھ ویرِ ذاتھ ۔ امہ کِس

پَنَس چھُ شہُل تاثیر ـــــ

بوٚڑوونی۔ لدٲخۍ تاجِر، یُس لداخکۍ
چیز کنان چھُ ـــــ

بوٚٹِنؠ۔ لدٲرخ۔ تِبتھ ـــــ

بوٚچھ۔ (م۔ک۔ بوٚچھ۔ مؤل: بوچھ
(س: بُبھکشا۔)
کھینہٕ دادِ تچھُن۔ چھوٚد ـــــ

بوٚچھر۔ (۱) یِتھ بوٚچھ آسنچ حالتھ
کھینہٕ کھیٚنؠ لگُن۔ (۲) مَنَس منز کُنہ
چیز نچ سیٹھا شگ ـــــ

پوٚچھا کار۔ بوٚچھ گٹ۔ سَخ بوٚچھ
(یہ چھ دوہ دُشری سندِس پیٹھ ونان)

بوٚچھ بوٚچھر۔ بوٚچھ دادِ کرِکہ ناد

بوٚچھ ژلنؠ۔ بوٚچھ نہٕ روزٕنی ـــــ
بوٚچھ دوٗر گژھنی ـــــ

بوٚچھ سیٚتؠ۔ بوٚچھ سیتہٕ۔ بوٚچھ
لگنہٕ کِنؠ ـــــ

بوٚچھ کرٕنی۔ بوٚچھ لگنی۔ بوٚچھ ہاسنی۔

بوٚچھ گٹھ۔ سَخ بوٚچھ۔ زبردَس

بوٚچھ لگنہٕ سیتؠ واہ سوٚ تیٚنچ حالتھ۔
بوٚچھ گٹہ وسنی۔ بوٚچھ سیتؠ ڈُتل
وسنی۔ زبردَس بوٚچھ لگنہٕ سیتؠ وُٲرٕنچ
سوٚ تیٚنی ـــــ

بوٚچھ لگنی۔ بوٚچھ کرٕنی۔ بوٚچھ ہاسنی۔

بوٚچھ لیڈ۔ یُس موٚمؤلی بوٚچھ ژرتھ
ہیٚکہِ نہٕ۔ یُس نہ فاقس دران آسہِ۔
یُس نہٕ روزدر ہیٚکہِ رۆزِتھ ـــــ

بوٚچھ مرٕنی۔ ٹال نہٕ روزُن۔ بوٚچھ
سوٚ تیٚنی۔ بوٚچھ غاب گژھنی ـــــ

بوٚچھ مرٕن ـــــ زبردَس بوٚچھ سیتؠ
مرِتھ گژھُن۔ بتہٕ دادِ مرُن ـــــ

بوٚچھ ہرٕشار۔ سَخ بوٚچھ آسنچ حالتھ
بوٚچھ سیتؠ تچھُن دوٚتھن ـــــ

بوٚچھ ہوٚت۔ یُس بوٚچھ آسہِ
نُچ مرٕتھ۔ بوٚچھ چھیٹر۔ پوٚترٕ بوٚچھ
ہنگتہٕ اڈٕنت مرٕ ـــــ

بوٚچھ چھُن۔ بوٚچھ ہوٚت آسُن۔
سَخ بوٚچھ آسنی ـــــ

بوچھومُت - سُہ یُس ترشہِ بوچھہِ
آسہِ نہ یہ پٮ۪ٹیس تہٕ کھیٚنہِ —

بودعا - (ن-ک - بود - مۄل : بود
(س : بُدھ -)
اکِہ گرٛہیدٕنٛکُ ناو - اکِہ پھیرِ وِنہٕ
تارکُک ناو -

بودوار - (م-ک - بودوار - مۄل : بودوار
(س : بُدھ وارہ -)
بوول وارِ پتہٕ یُس دوہ یِوان چھُ
سُہ دوہ یِمہِ پتہٕ بٔرسوار آسان چھےٚ۔

بودع۲ - (ن-ک - بود - مۄل : بود -
(س : بُدھ -)
مہاتما بُدھ - (اَکِس مہاتما سُنٛد
ناو -) بودِ بٔرور - بود دِوتا -
بودیگوان - ہیٚندین ہُنٛد نۄیُم اوتار -
بودِ کھوٚر - سُرِس ٹاٹھیٚنیارِ سبہِ
وَنان —

بودع۳ - (م-ک - بود - مۄل : بود -
(س : بُدھ -)

عقٕل - گاٹٕھ - سوچ سمجھ —
بۄژِ ہیٚڈ - بےٚ بوش - یُس نہٕ
کانٛہہ گاٹٕھ ییتر آسہِ - یُس عقلہِ ناش
آسہِ — بۄژ رۄس - عقلہِ رۄس
یُس نہٕ عقلے آسہِ - نیٚیش - بۄد -
بۄژ گاہ - بۄژ ہُنٛد گاش —
بۄژ منٛز - بۄژ ہیٚنز کمی - کم عقل
آسُن - مُرکھہ مۄٹھ آسُن —
بۄژوان - دانا - گاٹُل - سمجدار -
زانن وول - یُس بود آسہِ - عقلہِ
وول - بودکرٕنی - دانأی ورتاوٕنی
عقلہِ سیتی کأم ییتر انٛد داتناوٕنی —

بوڈُم - (ن-ک - بوڈُن - مۄل : بوڈ
(پٕرٛاکرت بُڈ (س : وُڈٕ -)
اُڈرن - کرٛشوٕ نہٕ یُن - پانِس تل
گرٛشھن - پھٹُن - گیر گرٛشھن - تل گرٛشھن
ہیٚنہ یُن —

بوڈُون - یہِ پایُس پھٹان
آسہِ - یہِ پایُس پھٹہٕنس تیار

آسہ - اُدراوُن - کرِٹناوُن ــــ

بوڑناوُن ـ پھاٹناوُن ـ اُدراوُن ـ
کرِٹناوُن ــــ

بوٚرُدس، بُرُدس، بوٗرُدس ـ (ن ـ ک ـ
بوٚرُدس ـ موٗل : بوٚرُدس ـ (ف برُدم)
لایہ لاے ـ مارِ مار ــــ

بوٚز ـ (م ـ ک ـ بوٚز ـ موٗل : بوٚز ــــ
(س : بُھیا ـ) ڈز

بوٚکُت ــــــ (ن ـ ک ـ
بوٚکُت ـ موٗل : بوٚکت ـ (س : مُکت)
مُشر، کوٚٹ ـ ہوہہ کرُتھ ـ ٹرار یچھ

بوٚکہ ـ (م ـ ک ـ بوٚکہ ـ موٗل : بوٚکہ ــــ
(س : بکہ ـ)
بوٚکہ وچِن ہنز جاے ـ بوٚکہ وچہ ـ
بوٚکہ تُر ـ پھوٚر ـ کانہِ پوتلس بوٚنہِ
کنیچ جاے یوس شاہ کھارنہِ والینہِ
وِزہ ہیوٗر کھسان تہ بوٚن وسان چھے ـ
بوٚکہ وچہ کھوشٹھ ـ (۱) اُڈ بوٚکہ
ڈٹ ـ بوٚکہ دچھ ہُند نصف ــــ
(۲) ٹاٹھنیاہِ کنہِ کانٹھہ وٚنان ــــ

بوٚکہ وٹ ـ جمک اُندری کنز سہ
بنٛدرِ پیچ کام ہمیتر الگ کرُن آسان
چھُ ـ بوٚکہ ہنٛتہ ـ سبٹھاخوش
گرُٹھن ـ شانہ دِوہ ہنتی ــــ

بوٚقچہ ـ (ن ـ ک ـ بوٚقچہ ـ موٗل : بوٚقچ ـ
(ف : بُقچہ ـ)
پلوٚ پھٹچ ـ پھرن ہُند گیوٚڈ ـ (دِجہ
ڈُلِتھ یا ٹھیلس بیتر منز ـ)
بوٚقچہ یہا ـ پھٹچہ منز دم گرُٹھہ
سیتی پھیز بیتر خراب گرُٹھنی ــــ
بوٚقچہ کرُن ـ پھٹچہ ہنٛدی یا ٹھی
کانہہ گنٛڈُن ـ کوم کرُن ـ اتھلہ کِتھ ـ

بوٚن ــــ (ک ـ بوٚن ـ
موٗل : بوٚن ـ (س : یُدھنہ ـ)
تل کرُن ـ ہیوٗر نہ آسُن ـ پیٹھ
کُن نہ آسُن ــــ

بوٚنؠ کنؠ ـ بوٚنؠ مہ طرفہ ـ بوٚنؠ مہ
پاسہ ـ تِکی کنہِ ــــ

بوٗنہٕ پیٹھ ۔ گوڈٕ پیٹھٕ ۔ ژکہِ پیٹھے ۔
ٹُلی مہِ حِصہٕ پیٹھے ـــ
بوٗنہٕ کنہٕ ۔ پتھر ۔ پُتھرس پیٹھ ۔
بوٗنی مہِ جایہِ ـــ
بوٗنہٕ کنٹھیک ۔ بوٗنیم ۔ ٹلیم ـــ
بوٗنہٕ ہیوٗر ۔ بوٗنہٕ پیٹھ ہیوٗر ـــ
کھسہٕ وَس ۔ بوٗن تہٕ تہٕ ہیوٗر تہٕ ۔
تَلہٕ پیٹھٕ ـــ
بوٗن بوٗن ۔ (۱) تَل تَل ۔ بوٗن کُن ۔
(۲) کَم کَم ۔ ح : دانِس چھُہ باو بوٗن
بوٗن وسان ـــ
بوٗن تہٕ ہیوٗر گرٛٹھن ۔ تَل تہٕ پیٹھ
لاینہٕ یُن ۔ گراتَل تہٕ گراپیٹھ گرٛٹھن
بوٗن ژٕھنُن ۔ تَل داٖلُن ۔ وٲلُن ۔
بوٗن کُن ۔ وَسوٗنِس طرفس ۔ ح :
وہتھ چھے بوٗن کُن وَسان ۔ (۲) بوٗنی
مہِ طرفہٕ ۔ ٹُلی مہِ طرفہٕ ـــ
بوٗن گرٛٹھن ۔ پتھر وَسُن ۔ وَسُن ۔
تَل گرٛٹھن ـــ

بوٗن وَسُن ۔ تھرزہٕ پیٹھ بوٗن
کُن یُن ۔ ہیٛرِ پیٹھٕ بوٗن کُن پیٛون
یا گرٛٹھن ـــ
بوٗنے ۔ بوٗنہٕ پیٹھٕ ۔ ہیٛرِ پیٹھٕ نہٕ
تَلے ۔ ژرکِے ۔ ح : بوٗنے کھسُن
لوان ـــ
بوٗنیُم = بوٗنیم ـــ
بوٗنمہِ طرفُک ۔ بوٗنہٕ کنٹھیک ۔
بوٗنیشوٗری ۔ (ا م ۔ ک ۔ بوٗنیشوٗری ۔
موٗل : بوٗنیشوٗری ۔ (س : بھوَن
ایشوری ۔)
کھومنو ہَس نکھہٕ اکہِ پوٗنیٛر
ناگُک ناو ـــ
بوٗوتھ ۔ (ا م ۔ ک ۔ بوٗوتھ ۔ موٗل : بوٗوت
(س : بھوتوک ۔ آت )
ووہ پد ۔ کُنہٕ چیزُک سبٹھا بوٗون ۔
گُتُل پھَل بیترِ ووہ پدُن ۔ سبٹھا
یا دادار ـــ بوٗون ۔ بتراتھ
ژٕکھتھ ـــ

بوٗہوٗن ۔ دوہ پُدن ۔ کھسُن ۔ بنُن ۔
سپدُن ۔ زلوٗن ـــــ

بوٗول وار ۔ سُہ دوہ یُس ژٔنڈر وارٕ
پَتہٕ بوٗدوارٕ بڑوٗنہہ یِوان چھُ ۔

بوٗہ تان ۔ (ن ۔ ک ۔ بوٗہ تان ۔ موٗل :
بوٗہ تان ۔ (ع : بُہتان ۔)
اَپزٕ داستان ۔ شَب ژٔنگ

بوٗہ تان وَننۍ ۔ بێنِس خوش کرنہٕ
بایتھ اَپزٕ داستان وَننۍ ۔
شَپ ژٔنگ وَننۍ ـــــ

بوٗہ یُن ۔ بوٗہوٗن ۔ (ن ۔ ک ۔ بوٗہ یُن ـــــ
موٗل : بوٗہ ۔ (س : بھو + ک
ـــــ اُن )
بَنُن ۔ سپدُن ۔ آسُن ۔ دوہ پُدن ۔

# بےٚ

بےٚ ۔ (ف : بے = س : وِ ۔)
یہ چھُ اکھ بڑوٗنہہ لوٗگ، یمِک
ماتے روٗس، ورآے، چھُ ـــــ

بےٚ لگار ۔ بے لگار ۔ بیگار ۔ (ف : بے
+ س : اَبھگھارہ ۔)
یَتھ نہٕ لگار آسہٕ کوٗرمُت ۔ لگارٕ
روٗس ۔ بتر نہٕ روٗس ـــــ

بےٚ نگور ۔ بےٚ لگار ۔ یَتھ نہٕ لگار
آسہٕ ترٛاوومُت ۔ لگارٕ روٗس ـــــ

بےٚ بَے ۔ (ف : بے + س : بھَیہ ۔
(س ۔ بھی = ژٔنڈ ۔ بی (مُ : ژٔنڈ ۔
بیمہٕ ۔ ف = بیم ۔)
(۱) بَیہٕ روٗس ۔ خوفہٕ روٗس ـــــ
(۲) بےٚ حیا ـــــ

بےٚ باش ۔ (ف : بے + س : بھاشا)
بےٚ ڈٕلِہِ ۔ یُس نہٕ کانٛہہ کُنہِ بیا
کامہِ ہُنٛد باش آسہٕ ۔ بیٚبوش ۔
یُس نہٕ بہُن دوٚتھُن تگہِ ـــــ

بےٚ لُستی ۔ (ف : بے + س ۔ وستہٕ)
دُجارٕ آسنچ حالتھ ۔ وآران جاتھ ۔

بیٚبینہٕ ۔ (ف : بے + س ۔ بھَونہٕ (بھوٗ)
(۱) (دِراعتس بیترٕ) کیٚشہِ نہٕ

بوٗوُن ۔ کیٛنہہ نہٕ بَنُن ۔ (کاڈِ بارس
منز ۔) کانٛہہ فأیدٕ نہٕ ریٛن ۔ اَصلس
پُشہِ پیوٚن ۔ (۲) بێ دِوتی ۔ بێ موٗدی
بێلبێنہٕ کرٕنۍ ۔ (۱) نالوٗد کرُن ۔ گالُن ۔
(۲) دِوَتھ والِنۍ ۔ کھرَس والِنۍ ۔ بێ
موٗدی کرٕنۍ ۔۔۔۔

بێ بوٗج ۔ (ن ۔ک ۔ بێ بوٗج ۔ موٗل :
بێ بوٗج ۔ (ف : بے پیٛڑا کرِت ۔ نہٕ بیٖج
(س : بیٖدھ ۔)
نا پُرسان ۔ بێ اِنصاٰفی ۔ بدنظمی ۔

بێ پروا ۔ بے پروا ۔ (ف : بے + پروا)
یُس نہٕ پرواے کرِ ۔ وابہٕ نہٕ کرن
وول ۔ بێ فکر ۔ بوٚہدُر ۔ بێ خوف
نہ کھوژُن ۔۔۔۔

بێ پیٛتھ ۔ (ف : بے + س : پرتیٖبیٖہ ۔)
یَس نہٕ پرتیٖبھ کرٕی نہِ ۔ یُس نہٕ
پرتیٖتس لایَق آسہِ ۔ م : سُرچھ بێ پیٛتھ ۔
یَتھ نہٕ پرتیٖتھ کرٕی نہِ ۔ م : یہ دود
چھُہ بێ پیٛتھ ۔۔۔۔

بێ پیر ۔ بے پیر ۔ (ف : بے + پیر =
س : پتر ۔)
(۱) پیر روٚس ۔ یُس نہٕ کانٛہہ پیر آسہِ تہٕ بێ نیتھ

بێ پوژھ ۔۔۔۔ (ف :
بے + س : پرتیٖبیٖہ ۔)
یَس پیٛٹھ نہ پژھ کرٕی نہِ ۔ یُس
بوٚژُس لایَق آسہِ نہٕ ۔ بێ لوٚژد

بێ پوک ۔ (ن ۔ک ۔ بێ پوک ۔ موٗل : بے
پاک ۔ (ف : بے = س ۔ دِ + س پاک)
نہ روٚزُن ۔ پوٗزِ پاٹھی نہٕ رٹنہٕ
آمُت ۔ اڈٕ پوک ۔۔۔

بێ ترتیٖب ۔ (ف : بے + ع : ترتیب
رتب ۔)
ترتیٖبہ ورأے ۔ ووٚشکھر دوٚشکھر ژھکرِتھ

بیدانہٕ تُل ۔۔۔۔ (م ۔ک
بێدانہٕ تُل ۔ موٗل : بێدانہٕ تُل ۔۔۔
(ف : بے دانہ + توٗت = س : توٗدہ)
سوٗتلہِ ذاتھ یَتھ نہٕ کرٕژ آسہِ ۔

بێ دِوَتھ ۔ (ف : بے + س ۔ دِو +

ک۔ اَت )

بےٚ شوٚب۔ کھرُون ـــ

بےٚ دِوَتھ پاٹھو۔ بےٚ دِوَتھ پاٹھن

بےٚ شوٚب پاٹھو۔ کوٚ پاٹھو ـــ

تِتھ کُنی یُتھ بٔنِیس کھر ـــ۔

بےٚ دِوَتی۔ بےٚ موٗدی۔ بدتمیزی۔

بےٚ دِوَتی پٮ۪ٹھ۔ بےٚ یِزتی گژھنی۔

دِوَتھ وَسنی۔ خجل گژھن ـــ

بےٚ دِوَتی کرٕنی۔ ۱۱ بےٚ موٗدی

کرٕنی۔ بٔنِیتھ کرٕنی۔ وُنہٕ والنی۔ بےٚ

یِزتی کرٕنی۔ یِزتھ والُن۔ دِوَتھ

والنی۔ کوٚ بپتھ کرُن ـــ

بےٚ دِوَتی گژھنی۔ بےٚ موٗدی گژھنی

خجالتھ گژھنی ـــ

بےٚ دِوَتی ہیٚنی۔ بےٚ یِزتی ہیٚنی ـــ

تِژھ کانہہ کام یا حرکتھ بپتھ کرٕنی۔

یمہٕ سیتی خجالتھ سپدِ یا یمہٕ سیتی

بےٚ یِزتی سپدِ ـــ

بےٚ ژوٗ۔ (ف : بے +س : جیوہ۔)

یتھ نہٕ زُو آسِہ۔ یِتھ نہٕ جان آسِہ

کمزور۔ نہ لگہ ہار۔ نہ ہیکن ووٗل ـــ

بےٚ سمبر۔ (ف : بے = س۔ وِ+س سمہ

۔ (وِشمہ۔)

سوٚم نہٕ آسُن۔ ناہموآری۔ نابرابری

ہشر نہٕ آسُن۔ ہیٚشوے نہٕ آسُن ـــ

بےٚ ساتھ۔ ک : بےٚ ساتھ۔ موٗل : بے

سات۔ ف : بے ساعت۔ (ع :

ساعت۔)

۱۱ ساتھ وُچھنے۔ تیٚچھ ترُو چھنے

۲۱ کو موقہ۔ کوٚ ساتھ۔ پھیٚشِل گرٕ ـــ

سو وِزٕ یلہٕ رِتی گرٕہری آسَن نہٕ ـــ

بےٚ سوٚم۔ (ان۔ک۔ بےٚ سوٚم۔ موٗل : بے

سم۔ (ف : بے = س وِ +س سمہ =

س : وِشمہ۔)

۱۱ پُھہر، یتھ نہٕ سُتریر آسِہ ـــ

یِہ نہٕ سوٚم آسِہ۔ ناہموار۔ ہیٚوے نہٕ

آسُن۔ ۲۱ یُس نہٕ اُکِس بٔنِیس ہیوہ

آسِہ۔ ودکھ۔ م : بےٚ سوٚم دِیان

مےٚ سوٚم نہٕ کانٛہہ ۔ (۲) تاکھ نہٕ آسُن ۔
جُفتھ آسُن ــــ

بےٚ سمبر ۔ سوٚم نہٕ آسُن ۔ ناہموٲری
نابرابٕری ۔ ہشر نہٕ آسُن ۔ ہِشوٗ ے
نہٕ آسُن ــ

بےٚ سواد ۔ بےٚ ساد ۔ (ف : بے س
دِ + س سوادہ ۔)

بےٚ مزٕ ۔ مزٕ روٚس ۔ سوادٕ ورٲے

بےٚ سور ۔ (ک : بےٚ سور ۔ موٗل : بےٚ
سور ۔ (ف : بے + س ۔ سَر ۔)
یَس نہٕ حِس آسہِ ۔ یَس نہٕ حرکتھ
گرِتھ ۔ یَس نہٕ سورِ سِتھ آسہِ ــ

بےٚ سورٕی ، بےٚ سوٚری ۔ (م ۔ ک بیٚسوری
موٗل : بیسوری ۔ (ف : بے + س
سَر ۔)
بےٚ حِس آسنٕچ حالتھ ۔ بےٚ ہوٗشی
بیٚخوٗدی ۔ یاداش بیترٕ نہٕ روزٕن ۔
مَشر بَرٕ ــ

بےٚ شوٗب ۔ (ک : بےٚ شوٗب ۔ موٗل :
بےٚ شوٗب ۔ (ف : بے + س : شوبھا)
یَتھ نہٕ کانٛہہ شوٗب آسہِ ۔ نہٕ شوٗبہٕ
وُن ۔ بےٚ دِوٕتھ ۔ کوٚ کور ۔

بےٚ شوٗبی ۔ شوٗبدار نہٕ آسُن یِشوٗبدار
نہٕ آسنٕچ حالتھ ۔ بےٚ دِوتی ۔ بےٚ موٗدی ۔

بےٚ غرض ــــ (ف : بے +
ع : غرض ۔)
غرضہٕ روٚس ۔ خوٗدغرضی ورٲے ۔

بےٚ دِل یا ٹھو ۔ کانٛہہ خاص توجہ دنہٕ ورٲے

بےٚ فائدٕ ــــ (ف : بے
فائدہ ۔ (ع : فائدتھ ۔)
فٲیدٕ ورٲے ۔ یِمہِ اُندرٕ نہٕ کانٛہہ
فٲیدٕ ییہِ ۔ فوٗضوٗل ــ

بےٚ فٲیدٕ خرچ ۔ فوٗضوٗل خرچ ۔
نفع ورٲے خرچ ــ

بےٚ فٲیدٕ کرُن ۔ بُلی کرُن ۔ تہٕ کرُن
یَتھ نہٕ کینٛہہ اتھہِ ییہِ یا یِمہِ منزٕ
نہٕ کینٛہہ نیرِ ــ

بےٚ فِکر ، بےٚ فِکر ۔ (ک : بےٚ فِکر ۔ موٗل :

بےٚ فِکر۔ (ف : بے + ع : فِکر۔)
بےٚ غم۔ بےٚ پروا ـــ

بیٚکار۔ بے کار۔ (ک : بیٚکار / بے کار۔
موٗل : بیٚکار / بے کار۔ (ف : بے کار)
(۱) یُس نہٕ کانٛہہ کام کار آسہِ ـــ
یُس بیٚہتھ آسہِ۔ کارٕ بارٕ روٚس ـــ
(۲) نہٕ لگہٕ ہار۔ (۳) آلٕڑشی۔ بیٚہوال۔

بیٚکار گرٛٹھن۔ کامہِ کارٕ نِشہٕ گرٛٹھن

بیٚکار بَنُن۔ کُنہِ کامہِ ہُنٛد نہٕ روزُن۔
موزوٗر گرٛٹھن ـــ

بیٚکٲرؠ۔ کارٕ بار نہٕ آسنچ حالتھ

بیٚکور، بیکور ــــ ان۔ ک

بیٚکور۔ موٗل : بیٚکار۔ (س : وِکارہ)
کوکور۔ بدشکل۔ یَیتھ نہٕ گرٛتھ جان
آسہِ۔ یُس نہٕ گرٛنی جان آسہِ ـــ

بیٚکھتکھ۔ (ف : بے + ع : خطر۔)
اَب کھتکھ۔ کھتہٕ کڑٛنے۔ آچھُر۔

بیٚکھبکھ۔ (ک : بیٚکھبکھ۔ موٗل : بیٚکھبکھ
(س : بِھکشکہ۔)

بیٚچھوٗن۔ یُس نہٕ کہینہٕ آسہِ ـــ
یُس بیچھن ڈُنڈ آسہِ ـــ

بےٚ گوناہ، بے گوناہ۔ (ک : بےٚ گوناہ
موٗل : بےٚ گوناہ۔ (ف : بے گُناہ)
گوناہ ورأے۔ یمہِ نہٕ گوناہ آسہِ
کوٗرمُت۔ بےٚ قوصوٗر ـــ

بےٚ مزٕ۔ بے مزٕ۔ (ک : بےٚ مزٕ۔ موٗل:
بےٚ مزٕ۔ (ف : بے + مزہ۔)
مزٕ ورأے۔ مزٕ روٚس۔ یَیتھ نہٕ
کانٛہہ ساد آسہِ ـــ

بیٚمنٛدٕ چھہ۔ (ک : بیٚمنٛدٕ چھہ۔ موٗل: بیٚمنٛدٕ چھہ
(س : وِ + منداکشہ۔)
یُس نہٕ کانٛہہ منٛدٕ چھہ آسہِ۔ بےٚ
شرم۔ بےٚ حیا ـــ

بیٚمنٛدٕ وچھہ۔ (ان۔ ک + موٗل : بیٚمنٛدٕ چھہ۔
(س : وِ + منداکشہ۔)
بےٚ حیا۔ یُس شوٗب شرم آسہِ نہٕ۔

بےٚ مٲل۔ (ک۔ بےٚ مٲل۔ موٗل : بےٚ
مٲل۔ (ف : بے + ع : مٲل۔)

(۱) یَس نہٕ مال آسہِ۔ یَس نہٕ بوچھ
آسہِ۔ (۲) بےٚ غرض۔

بێموٗد۔ (ن۔ک۔ بێموٗد۔ موٗل: بێموٗد۔
(س: وِموٗدہ۔)
بےٚ دِوَتھ۔ شِکلَد۔

بێموٗدی۔ بێدِوتی۔ بےٚ یِزتی۔

بێموٗدی گژھنۍ۔ بےٚ دِوتی گژھنۍ۔
دِوَتھ وسنۍ۔ بےٚ یِزتی سپدٕنۍ۔
زُٹ گژھنۍ۔

بێنہٕ۔ (م۔ک۔ بێنہٕ۔ موٗل: بێنہٕ۔
(س: بھگنی۔)
پانَس تہٕ اوتھ ماَلِس ماجہِ ہنٛز
کانٛہہ کوٗر۔

بێنہٕ دِنٛل۔ یُس بێنہٕ بێنہٕ سٟتۍ پھیٚستھ
آسہِ۔ اکھ بیٚکھ۔

بێنہٕ وول۔ یَس بێنہٕ آسَن یا آسہِ
یَس ہاوِنۍ لایق بێنہٕ آسہِ۔

بێنہٕ پوٗن، بێنہٕ توٗن۔ دۄن زنانَن
ہُنٛد یا نہٕ واتی اکھ اَکِس سٟتۍ سخ

بێنین ہُنٛد ہیوٗہ ورتاو۔

بےٚ نوٗر۔ بے نوٗر۔ (ف: بے۔ ع:
نوٗر۔ (نار۔)
بےٚ رونق۔ یہ نہٕ پرزلوٗن آسہِ۔

بےٚ نوو۔ (ن۔ک۔ بےٚ نوو۔ موٗل:
بےٚ ناو۔ (ف: بے+س۔ وِ+س
نامہ۔)
بێنوو۔ ناو ورآے۔ ناو روٚس۔
یَس دیا یَتھ کانٛہہ ناد آسہِ نہٕ۔

بێنٛبر۔ (ن۔ک۔ بێنٛبر۔ موٗل: بێنٛبر۔ (س:
بھن+کیر۔)
فرق۔ نوٗمسوٗ میٚستھ۔

بێنٛبر بوزُن۔ فرق بوزٕنۍ یا فرق
کرٕنۍ۔ بێنٛی رُن۔ بیٚون بیٚون
کرِتھ کام۔ وشرٕنۍ۔

بێنٛی رُن۔ بیٚون بیٚون کرُن۔
الگ الگ کڈُن۔ مُشرُن۔ یا گرُن۔

بێنٛہل۔ (ن۔ک۔ بێنٛہل۔ موٗل: بێنٛہل
(س: بھگنی+کنل (ک: دِل)

(۱) سُہ یُس پننہِ بَٔینہِ سیتی پھُسمتھ
آسہِ ۔ "بَٔینہِ دِنُی" لفظُک ژھوٹ
(۲) یَس بَٔینہِ بدماش آسہِ ۔ اکہ لیکھہ ۔
بےٚ واپہِ، بے واپہِ ۔ (ف : بے +
ع وا سے ۔ وا ۔)
بےٚ پھرٛک ۔ یمتھ بژدٲنہ دُ پچھنے
آیہِ واپہِ دُ پچھنے ۔ پرواے کرنے ۔
بیٚہہ ۔ بِہہ ۔ (ن ۔ک ۔ بیہہ ۔ موٗل : بیہہ
(س : دِش ۔)
بہُن ۔ آلُرٛ ۔ سُہ چیز یمتھ پیٹھ
کینہہ ووٚدِنی تھوٚنہِ یِیہِ ۔ م :۔
زٔدرِ ہُند بیٚہہ بیتر ۔ ڈکھِ یا ڈکھ
(یُس کُنہ چیزس دُسر بلینہِ لِشہ زکاوِ
م : ژوک بیتر ۔)
بیٚہہ اژن ۔ آلُرٛ اژن ۔ آلُرٛس
حاؤل گژھنی ۔ بِہتھ روزنس شیر
اَژن ۔۔
بیٚہہ دار ۔ سُہ چیز بیتر یمتھ بیٚہہ
لاگتھ آسہِ ۔ یمتھ ووٚدِنی تھوٚنہِ

باپتھ تلہِ ژوک آسہِ ۔۔
بیٚہہ دژاو ۔ (۱) بیٚہہ وال ۔ (۲) یمتھ
کل بیترِ تل کُن بیوٗ ٹھمت آسہِ ۔
(گژ یرسن ۔)
بیٚہہ وال ۔ (۱) آلرٛژی ۔ یَس بہتھ
روزنُک شیر آسہِ ژامُت ۔ بیٚہہ دژاو ۔
بیٚہہ واٲلی ۔ بیکاری ۔ بیٚہہ اژنچ
حالتھ ۔۔
بیٚہوشی، بے ہوٗشی ۔ (م ۔ک ۔ بیٚہوشی
موٗل : بےٚ ہوٗشی ۔ (ف : بے + ہوش
ژُند ۔ اُش ۔)
بےٚ حِسی ۔ وُتار آسُن ۔ مُرژھا ۔
بیٚہوش، بے ہوش ۔ یَس نہٕ ہوش
آسہِ ۔ ہوشہ روٚس ۔ یَس گش آسہِ
اَمت ۔ بیٚحِس ۔ یَس نہٕ حِس آسہِ
(۲) بےٚ ہوش ۔ بے پروا ۔۔
بیٚہوش گژھن ۔ گش یُن ۔ گاٹلہِ
گژھن ۔ حواس راوٕ نی ۔۔
بےٚ ہونر، بے ہونر ۔ (ف : بے + ہُنر ۔

(ژند۔ ہُنر۔ س : سُنر۔)
یَس نہٕ ہونر آسہِ۔ یَس نہٕ کسب
آسہِ۔ یَس نہٕ کینٛہہ لگان آسہِ ـــ

بیہناوُن۔ (ان۔ ک۔ بیہناوُن۔ مؤل:
بیہناو۔ (س : وِش + ک۔ ناوُن۔)
(۱) کینٛہہ گُنہٕ پیٹھ تھوُن یا ٹھیکراوان
بیتر۔ (۲) (وہ پھر یو مُت پھٕتر۔ بیتر)
دَلوِتھ تھوُن۔ (۳) کانٛہہ یا کینٛہہ
تَھتھ جایہِ تھوُن یتھ شوٗبہٕ سیہ
راوُن۔ (۴) پکوُن یا حرکژ منزٕ ک
چیز بیتر ژکاوُن۔ (۵) شور شر یا
نیٚاے۔ بیترِ دیاوُن۔ (۶) خطن ہال کرنی۔

بیہوُن۔ (ان۔ ک۔ بیہوُن۔ مؤل: بیٚہہ
(س : بِش + ک۔ اُن۔)
بہَن وول۔ یُس پھٕتر بیہہیہِ۔ یُس
ٹھہرِیا ژکِہ۔ (۲) بہان بہان ـــ

بےٚ یزتھ۔ (ک : بےٚ یزتھ۔ مؤل :
بےٚ یزت۔ (ف : بے + (ع۔ عزت)
یَس نہٕ کانٛہہ یزتھ آسہِ۔

یزتہٕ روٚس۔ زِلتی ـــ

بےٚ یزتی۔ رُسوائی۔ زلالتھ
بد نامی۔ بٔیموٗدی۔ بٔیدِوتی ـــ

بیٚلیہِ۔ (س : دوِتییَہ۔ (م : ہ : گجراتی
بِییہ۔)
دُبارٕ۔ دوٚیمہِ پھٕرِ۔ دوٚیمہِ لٹہِ۔
بیٚلیہِ اکھ۔ بیاکھ۔ دوٚیُم ـــ
بیٚلیہِ تِہ۔ اَمہِ علاوٕ۔ اَمہِ ہُر ـــ
بیٚلیہِ کینٛہہ۔ اَمہِ ہُر رژھا۔ اَمہِ علاوٕ
رژھا ـــ

# بے

بے عا۔ (ف : بے = س۔ وِ۔)
وَرأے۔ روٚس۔ یہِ چھُہ اکھ
برژوٗنہ لوٚگ ـــ
بے ادب۔ بےٚ ہوش۔ بےٚ تمیز۔
بے سبب۔ دیہ روٚستے۔ ہنگہ
منگہ۔ فوٚضوٗل ـــ

بے عرٗ۔ تی۔ اڈکیا۔ جم: وڈٕ ہنٕ نَس تہٕ بے۔ لوٗے جٕے تہٕ بے ــــ

بے اَنٛتھ۔ (دف: بے + س۔ انتہ) بےٚ انٛد۔ اَنٛتھ رُوٗس۔ بےٚ حد۔

بے آیٖن، بےٚ آیٖن۔ (دف: بے + آئین۔) قونوٗنَس تہٕ آیدِس خلاف۔ یہٕ نہٕ قونوٗنَس موٗجوٗب آسہٕ ــــ

بے اِنتہا، بےٚ اِنتہا۔ (دف: بے + ع: اِنتہا۔ (نہی۔) اَنٛتھ رُوٗس۔ حد رُوٗس۔ یَتھ نہٕ کُنہٕ اَنٛد آسہٕ۔ بےٚ شُمار ــــ

بے اِنصاف۔ بےٚ اِنصاف: (ک: بے اِنصاف۔ موٗل: بے اِنصاف (ف: بے + ع۔ اِنصاف (نصف) یُس نہٕ عار بیہ۔ یُس نہٕ رحم گرٛشہ ظالِم۔ بے اِنصافی، بےٚ اِنصافی۔ عار اِنصاف نہٕ آسُن۔ ظُلم ــــ اَنیاے۔ بےٚ لوٗج ــــ

بے ایمان، بےٚ ایمان۔ (دف: بے + ع: ایمان۔ (امن۔) یُس نہٕ ایمان آسہٕ۔ یُس نہٕ ایمانَس پیٹھ روزِ۔ یُس کُنہٕ دینَس درمَس پیٹھ پکرِ نہٕ۔ یُس نہٕ کانٛہہ اُصوٗل آسہٕ۔ بےٚ اُصوٗل۔ اَپزیوٗر۔ بدڈیانٛتھ

بے ایمانی، بےٚ ایمانی۔ (م۔ ک۔ بے ایمانی۔ موٗل: بے ایمان۔ (ف: بے + ع: ایمان۔) ایمان نہٕ رُوٗس۔ دینَس درمَس پیٹھ نہٕ پکُن۔ بےٚ اُصوٗلی۔ کھوٗٹھ کُھٹھاے ــــ فنٛد فریب۔ دوکھہٕ بازی

بے باق۔ (دف: بے + ع: باقی (بقی۔) حِساب صاف آسُن۔ دارِ ہورِ مُنٛز نہٕ یَتھ کُنہٕ کینٛہہ روزُن۔ قرضہٕ موکلُن۔

بے تقصیر۔ بےٚ تقصیر۔ (دف: بے + ع: تقصیر۔ (قصر۔) بےٚ قوٗموٗر۔ بےٚ گوٗناہ ــــ

بے تاب۔ بےٚ تاب۔ (ف: بے تاب =
س: تاپہٕ۔)
بےٚ صبر۔ قرار۔ روٗس۔
بے تمیز۔ بےٚ تمیز۔ (ف: بے+ع:
تمیز۔)
یس نہٕ کانٛہہ تمیز آسہِ۔ بےٚ ہوش۔
بے تول۔ بےٚ تول۔ (ف: بے+س
تول۔)
(۱) تولنے۔ وزن کرنے۔ (۲) اُنہٕ
روٗس۔ سیٹھا۔
بیتر۔ (ک: بیٚتیر۔ (س: دوِتیہ+
اِتیرہ۔)
بیتھےٚ یا اُٹھی بیٚتیہ بیٚتیر۔ وغاٗر دغاٗر۔
بیٹھ۔ (اُ) ک۔ بیٹھ۔ مؤل: بیٹھ۔ (س:
وِشٹ۔)
ہیٚٹھ۔ ژیر۔ پرٛارے۔
بیٹھ لگن۔ ہیٹھ لگن۔ ژیر گژھن۔
بلیٹھکی۔ (م ک۔ بیٹھک۔ مؤل: بلیٹھک
(س: ویشٹکہ۔)

سُہ کمر یتہِ صِرف وو تھفہٕ بیہٕنہٕ
پیٚنہٕ۔ وو یرن یا یارن دوستن
سمکھنک کمر۔
بے جا۔ (ف: بے جا۔)
یہ نہٕ پزہِ۔ بیٚوقتھ۔ بُڈ۔ بےٚ حساب
بے جان۔ (ف: بے جان۔)
زُو روٗس۔ یتھ نہٕ زُو آسہِ۔
موٗد۔
بیچھ۔ (س: بِھکشکہٕ۔)
سُہ یُس بیچھان آسہِ۔ خاراتھ خود
بیچھن بانہٕ۔ (۱) سُہ بانہٕ بیتر یتھ
منٛز بیچھوٗن بیچھیتھ اوٗمت تھوِ۔
(۲) بیچھن ڈانٛڈ۔ بیچھن بُتھ۔
بیچھن بُتھ۔ بیچھن بانہٕ۔ بیچھنک
شوٗنڈ۔
بیچھن بکرُ۔ بیچھن بُتھاٗر۔ بےٚ شرم
پاٹھی بیچھرنچ ڈانٛڈ۔
بیچھن کوٹھُل۔ یس بیچھن ڈانٛڈ
آسہِ یس بیچھن آکِھ ژامُت۔

بیچھن گرٕ۔ بسو جاے یِتھ بیچھہٕ وٕنۍ آسن
خاراتھ ریٹھ سمان۔
بیچھن وول۔ بیچھہٕ۔ یُس بیچھان آسہٕ۔
ٹُنگہٕ ٹُنگہٕ کھینہٕ وول ـــــ
بیچھہٕ یتہٕ۔ بیچھہ میوٗنڈ۔ بیچھہ کھین ـــــ
بیچھہٕ بانہٕ۔ سُہ بانہٕ یتہٕ یتھ منز بیچھہٕ وُن
بیچھتھ اوٗمُت تھوٚ۔ بیچھن بانہٕ ـــــ
بیچھہٕ لوٗکُت۔ بیچھہٕ کٹھ۔ سُہ مٕشر یُس
بیچھنس پیٹھ تھوٗومُت آسہٕ ـــــ
بیچھہٕ بیچھہٕ۔ بیچھنس کُن (آسُن)۔ بیچھن
پٕرکرتھ۔ بیچھہٕ بیچھہٕ لگُن۔ بیچھنس پیٹھ
واتُن۔ بیچھنہٕ نیرُن۔ بیچھہٕ شکل گنڈٕنۍ۔
بیچھہٕ پھوٚل۔ سُہ اناج بیتر یُس بیچھتھ
آسہٕ سوٗمبرومُت۔ بیچھتھ اوٗمُت پھل
پھوٚل بیترٕ۔
بیچھہ دٕنہٕ۔ بیچھن ہار۔ بیچھن دیار۔
بیچھہ کٹھ۔ سُہ یُس اِستھ لُستھ تہٕ
بیچھنس کُن لوٚگمُت آسہٕ۔
بیچھہ میوٗنڈ۔ بیچھہٕ یتہٕ۔ بیچھہ کھین ـــــ

بیچھہ میوٗنڈ اڑُن۔ بیچھتھ کھینک
شیرٕ اڑُن ـــــ
بیچھوُن۔ بیچھہٕ۔ یُس بیچھان آسہٕ۔
بیچھن وول۔
بیچھن۔ بیٖس بڑوٗ نہہ کنہٕ اتھ دارمن
مُنگتھ کھیوٗن ـــــ
بیچھنس بانہٕ۔ بیچھہ بانہٕ۔ خاراتھ
رٕٹھنک بانہٕ ـــــ
بیچھناوُن۔ کانہہ بیچھنہٕ کڈُن۔
بیچھنس پیٹھ واتناوُن ـــــ
بیچھنہٕ نیرُن۔ بیچھنس کُن کرُن۔
خاراتھ مٕنگنہٕ نیرُن ـــــ
بے حیا، بے حیا۔ (ک: بے حیا۔ مؤل:
بے حیا۔ (ف۔ بے + ع۔ حیا۔)
یُس نہٕ حیا آسہٕ۔ بے شرم۔ شرمہٕ
رٔوس۔ ڈیکری دوٗر ـــــ
بے حیائی۔ بیشرمی۔ شرم نہٕ آسنۍ۔
حیا نہٕ آسُن۔ ڈیکری دٕرہٕ ـــــ
بے حِس، بیحِس۔ (ف بے + ع حِس۔)

یُس نہ حِس تھوِ۔ بےٚ ہوش۔
یَس نہٕ ہوش آسہِ ـــ

زیخ۔ (م۔ک۔ زیخ۔ موٗل: زیخ۔ (ف: زیخ۔)

موٗل۔ بُنِہ یاد۔ کِن ـــ

زیخ کڈٕنی۔ موٗل کڈٕنی۔ تلہٕ پیٹھے وُکرٲوِتھ اَنُن۔ تباہ کرُن۔ وٲران کرُن۔ کُنہِ لایق نہ تھوُن۔ کِن پٔراٹھ کُنی کڈٕنی۔

زیخ نیرٕنی۔ موٗل نیرِتھ ییٛنہ۔ موٗلہٕ نیرِتھ یُن۔ تباہ گژھُن۔ وٲران گژھُن کُنہِ لایق نہٕ روزُن ـــ

بےخبر، بےٚ خبر۔ (ف: بے + ع: خبر)
خبر روٚس۔ ناوٲقف ـــ

بےخبری۔ ناوٲقفیتھ ـــ

بےخاوند۔ بےٚ خاوند۔ (م۔ک ـــ بےخاوند۔ موٗل: بے خاوند ـــ (ف: بے خاوند۔)

(۱) موٗنڈ۔ یَس روٗن نٕژنٕ آسہِ نہٕ۔

(۲) مٲلکی روٚس۔ یَس یا یتھ پٔرژُھن وول آسہِ نہٕ۔

بےخود۔ بےٚخود۔ (ف: بے + خود = س۔ سوتوہ۔)

بےٚ حِس۔ بےٚ ہوش۔ یَس وُتابہٕ آسہِ آمُت ـــ

بید[1]، بیٛد۔ (ن۔ک۔ بید۔ موٗل: بید۔ (س: بھید۔)

بیٛنہ۔ فرق ـــ
بیدٕ روٚس۔ یتھ یا یَس نہٕ بیٛنہ آسہِ۔ شرٕ گرٕشٕ دراٚے ـــ
بیدٕ نیلے۔ دوٚیت واد ـــ
بیدٕ کرُن۔ فرق کرٕنی۔ بیٛنہ بوزُن۔
بیٚون بیٚون کڈُن ـــ

بید[2]۔ (ن۔ک۔ بید۔ موٗل: بید ـــ (س: بھیدہ۔)

راز۔ سِر۔ پَے ـــ
بیدکڈٕنی۔ راز کڈُن۔ سِرٕس واتُن۔ کُنہِ کتھہِ ہِنٛز اصل وجہ مولوم کرُن۔

بیدنٔنی - رازٕ ٹنُن - سِرٕس واقِف
گرُھن - اَصلیتھ زٕننی -

بید۲ - (ن.ک - بید - مۆل : بید -
(ف : بید = س : ویترہ -)
وپر - اکِہ قِسمُک کُل —

بیدمُشک - (ن.ک - بیدمُشک
مۆل : بیدمُشک - (ف : بیدمُشک)
برٛیڈِی مُشک - اکِہ کُلیُک ناو -

بے داد، بیداد - (ف : بے داد —
(ژند - داتہ (دا = س - دھا -)
تیُتھ یُتھ نہٕ وَنُن آسہِ - تیُتھ
یَتھ پیٹھ نہٕ بِداد ووٕتھِ —

بیدار - (ف : بیدار -)
ہُشار - وُزِ - خبردار —

بیدار کرُن - ہُشار کرُن . وُزناوُن
خبردار کرُن —

بیدار گژھن - ہُشار سپدُن -
نیٚندرِ ووٕتھُن - خبردار سپدُن -
وُزناوُنہٕ یُن وُزِنِ گژھُن —

بیدارٕی - ہُشارٕی - خبردارٕی زاگرِتھ

بے دین، بےٚ دین —
(ف : بے + ع - دین —
(ف : دین - پہلوی - دین - (دی =
س : دھی -)
لا مذہب - یُس نہٕ کُنہِ مذہبس پیٹھ
پَرژھ آسہِ تھوان - بےٚ ایمان - اَیزِ لوٗر -

بیڈب - (ف : بے + ہ : ڈھبُ)
(۱) اوشُٹھُر کھوشُٹھُر - بیڈول —
(۲) بےٚ حِساب - بےٚ ڈُطیر —

بیر - (م.ک - بیر - مۆل : بیر - (ک :
بیٚنیر - (س : بِھتّہَ + ک — ار - ؟)
دوٕن کھہَن یا ڈُورین مژ باگ
ژھپن کرنہٕ باپتھ تھَزراو مژ زمین -

بیرُبٹھ - دوٕن کھہَن مژ باگ
ژھپن دِوٕنی سوٕ زمینہٕ لٲن یوس
رٕژھا ہیور پہن آسہِ —

بیر - "بیر" لفظُک جمع -
بیرگگر - کھاہ گگرُ —

بیرگنڈٕ۔ دوٚن کھہن یا چمنن منز باگ گنڈ مژ بیر۔

بیرموٗج۔ اکھ سبزی یوٚسہٕ پانے کھسان چھےٚ۔

بیرموستہٕ۔ اکھ دوا گاسہٕ یُس کھاہنہٕ بٹھین کھسان چھُ۔

بے رحم۔ بےٚ رحم۔ (ف: بے + ع۔ رحم۔)

بےٚ عار۔ سنگدِل۔ ظالم۔

بے رنگ۔ (ف: بے + رنگ یس: وِ + رنگ۔)

(۱) رنگہٕ ورأے۔ یتھ کانہہ رنگ آسہِ نہٕ۔ (۲) یس نہٕ کانہہ شکل صورتھ آسہِ۔ (م: بگوان۔ بیتر) (۳) یس نہٕ کانہہ جوش یا خاہش بیتر آسہِ۔ (۴) ٹِکٕرٕ روٗس چھٹ۔ (۵) تاسہٕ اکھ یتھ نہٕ بادشاہ، غولام یا یکہٕ آسہِ آمت۔

بیرام ـــــــ (ف: بے آرام = س۔ وِ + آرم۔)

داأدی لد۔ بِمار۔ روٗگی۔ یُس نہٕ زوٗکنی ٹھیکھ آسہِ۔ مُریض۔ کاہِل۔

بیرام گژھن۔ بمار پیوٚن۔ اڈر نہٕ روزُن۔

بیرأمی۔ بمأری۔ دود۔

بیرأگی۔ (م۔ ک۔ بیرأگی۔ موٗل: بیراک) (۱) ڈکھوٚنچ لوٗر یتھ پیٹھ بار ترٛاونہٕ باپتھ تھپہ چھےٚ آسان یوٚسہٕ گژھس تل چھ رٹان، یہ چھ لُنگر بیتر استمال کران۔ (۲) یژ ہے اکھ لوٗر یوٚسہٕ ریاضتھ کرن وألی ڈٕکس تل زِچھ نہٕ گژھنہٕ باپتھ تھوان چھے۔

بے روزگار، بےٚ روزگار۔ (ف: بے روزگار۔)

یُس روٗزی کماونک کانہہ زٔریہ آسہِ نہٕ۔ بےٚ کار۔ کارٕ بارٕ روٗس۔

بے زار۔ (ف: بے زار۔)

ناخوش۔ ناراض۔

بے زار گژُھن ۔ ناخوش گژھن
ناراض گژُھن ــــ

بے سَبب ۔ بےٗ سبب ۔ (ف : بے + ع ۔ سَبب ۔)
خامخاہ ۔ بلا ۔ کُنہِ وجہ ورا‍ٓے بیٖٹھے

بے شکھ ۔ (ف : بے + ع شک ۔)
شکہٕ ورا‍ٓے ۔ ضرور ۔ یقیٖن ۔

بے صَبر ۔ بےٗ صَبر ۔ (ف : بے + ع صَبر)
یَس نہٕ صبر آسہِ ۔ یَس نہٕ ژیٖڈ آسہِ ۔ بےٗ تاب ۔

بے طرفدار ۔ (ف : بے + ع : طرف)
یُس نہٕ کُنہِ اَکِس بِکھِس سیٖتی روزِ ۔ یُس ہِشی نظر کرِ ۔ یُس نہٕ را‍ٓے کرِ ۔

بے عَمَل ، بےٗ عمل ۔ (ف : بے + ع عمل)
(۱) یَتھ پلیٹھ نہٕ عمل آسہِ کرُن ۔
(۲) یِہ نہٕ اِستعمال آسہِ کوٚرمُت ، نہٕ وَرتوومُت ۔ (۳) یُس نہٕ دِین پالہِ ۔

بے عار ، بےٗ عار ۔ (ف : بے + ع : عار)
بےٗ رحم ۔ یَس نہٕ عار سپدِ ۔ سنگدِل ۔

بے قرار ، بےٗ قرار ۔ (ف : بے + ع : قرار ۔)
یَتھ یا یَس نہٕ قرار آسہِ ۔ بے آرام ۔ یَس نہٕ سوکھ آسہِ ۔ پریشان ۔ اَکی ڈیٚنجہِ نہٕ روزُن ــــ

بے قرٲری ۔ بیٚقرٲری ۔ قرار نہٕ آسُن ۔ بےٗ آرامی ۔ سوکھ نہٕ آسُن ۔ پریشٲنی ۔ بے قرٲری کرٕنۍ ۔ قرار راوُن ۔ پریشٲنی ژھٕنٛنۍ ۔ ڈالُن ۔ خلل کرٕنۍ ــــ

بے قاعِدٕ ، بےٗ قاعِدٕ ۔ (ف : بے قاعدہ (ع : قاعدۃ ۔)
بےٗ گنڈ ۔ بےٗ حِساب ۔ بےٗ ترتیب ۔

بے عقل ۔ (ف : بے + ع : عقل ۔)
عقلہِ روٚس ۔ بیوقوف ۔ نادان ۔ مُرکھ ۔ وُڈ ــــ
بیقلٲر ۔ بیقلی ۔ مُرکھُت ــــ
بیقلی ۔ نادٲنی ۔ مُرکھُت ــــ

بے کس ، بےٗکس ۔ (ف : بے + کس ۔)

یُس نہٕ کانٛہہ آسہِ۔ یُتیم۔ مُفلِس
لاچار۔ بےکَسی، بےکسی۔ لاچاری
یَتیِمی۔ مُفلِسی۔۔

بیگ۔ (ا ن۔ ک۔ بیگ۔ مؤل: بیگ۔
(ف: بیگ (ترند۔ بگھ = س: بھگہ)
سردار۔ مالِک۔ مُغلَن ہُنٛد اکھ لقب۔

بیگانہٕ۔ (ف: بیگانہ = س۔ وِ+گنہ۔)
پَرُد۔ وۄپُر۔ غَیر۔

بیگاری ع۱ (م۔ ک۔ بیگاری۔ مؤل: بیگار۔
(ف: بیگار۔)
سو مۄزوری یوسہٕ بَجرن کرناونہٕ
ییِہ۔ زبردستی کٔرِتھ مُفتس پیٹھ کام ہیٚنز۔

بیگارِ رٹُن۔ بیگارِ خاطرٕ کانٛہہ مجبوٗر
کرُن۔ زورٕ مُفتیچ کام ہیٚنٛز۔۔

بیگارِ لگُن۔ تِرشھِ کامہِ لگُن یمہٕ اُندرٕ
تہٕ کھیٚنٛچہِ نیرِ۔ پننِہ مرضی خلاف زورٕ
کانٛسہِ ہنز کام پننی۔۔

بیگارِ مۄہنیوٗ۔ سُہ یُس بیگارِ لاگنہٕ
ییِہ۔ یُس بجرن کٔنہِ کامہِ لاگنہٕ ییِہ۔

بیگاری نکھہٕ والِنی۔ یوسہٕ کام نہٕ خوش
ییِہ سو جَل جَل موکلاوِتھ تراوٕنی۔

بیگاری ع۲۔ (ف: بیگاری۔)

بیگارِ مۄہنیوٗ۔ بیگاری کرن وول۔

بےگُذار۔ بےگُذار۔ (ف: بےگُذار)
یَتھ ترُن یا تارُدیُن مُشکِل آسہِ۔

بیل ع۱۔ (ا ن۔ ک۔ بیل۔ مؤل: بیل۔
(ف: بیل۔)
بٔلچہٕ، مِیُٹ تُلنُک اکھ آلہٕ۔

بیل ع۲ (م۔ ک۔ بیل۔ مؤل: بیل۔
(ہ: بیل۔ (س: ویلّہِ۔)
بوٗٹہِ۔ گُلکاری۔ پوشہِ کام۔
(کاغزس یا کپرس پیٹھ بیٚتر پیٹھ۔)

بیل حلکاری۔ پوشہ کام بیٚتر کٔرِتھ
کِنارِ ہُنٛد یا حاشیُک اکھ قسم۔

بیل ع۳۔ تنگ۔ تُنٛز۔

بیلہِ کھسُن۔ تنگہِ منز یُن۔ تنٛز آسُن۔

بیلہِ لگُن۔ تنگہِ منز پھسُن۔ بھگارِ لگُن۔

بیلہِ وُسُن۔ اکھ اکِس پتہٕ تھوٗن۔

پکنہٕ پکنہٕ جایہ اَنُن ــــ

بیلنہٕ۔ (ن۔ک۔ بیلنہٕ۔ مۆل : بیلَن۔
(س : ویلنہَ۔)

ہیچہ ہُنٛد لوکُٹ ژھوٹہٕ ہیوٗہ
یُمہٕ سیتی چکلس پیٹھ ٹھوٗمُر اَٹۍ پیر
واہراوان تہٕ ژوٹ بناوان چھ۔

بے مانے۔ بےٚ مانے۔ (ف : بے +
ع۔ معنیٰ۔)

بےٚ مطلب۔ فُضوٗل۔ بُلہٕ۔ یہٕ
کینژھا پرِتھ جیا بوٗزتھ کینہہ فِکرِ ترتہٕ۔

بے مِثل۔ بےٚ مِثل ــــ (ف :
بے + ع : مِثال۔)

یَتھ نہٕ جوڑ نیر۔ یَتھ نہٕ مُقابلہٕ
آسہِ۔ بےٚ نظیر ــــ

بیمہٕ۔ (ن۔ک۔ بیمہٕ۔ مۆل : بیمہٕ ــــ
(س : بھامہ۔)

بینہٕ ہُنٛد روٗن ــــ

بیمہٕ ڈار۔ بیمہٕ۔ (ہتر لہِ سان لڑاییہ
تہٕ ٹاچھرس بیتر مَشُر وننہٕ یوان۔)

بے مُرَوتھ۔ بےٚ مُرَوتھ۔ (ف : بے +
ع : مُرَوّۃ۔)

یَس اَندر نہٕ اِنسانی ہیتھ آسہِ۔
یَس نہٕ اَچھن اَندر آب روزِ۔ لاخار۔

بے نظیر۔ (ف : بے + ع : نظیر۔)
یَتھ نہٕ جوڑ آسہِ۔ بے مِثال۔

بے نِشان۔ بےٚ نِشان۔ (ف : بے نشان)
نِشانہٕ وَر آسے۔ بےٚ پَے۔ یوت
نہٕ سوچ پلہٕ۔ نیراکار ــــ

بے واسطہٕ۔ (ف : بے + ع : واسطت)
بُلہٕ۔ بلا وجہ۔ کُنہٕ تولقہٕ وراۓ۔

بیوقوٗف۔ (ف بے + ع۔ وقوف۔)
نادان۔ مُرکھ۔ چِرٹ ــــ

بیوقوٗفی۔ بیقلاژی نادانی۔ ہڈگی۔ مرکھت۔

بے وفا۔ بےٚ وفا ــــ (ف :
بے + ع : وَفا۔)

یُس نہٕ وعہ فادار آسہِ۔ یُس نہٕ د
نیر۔ دغا باز ــــ

بے وفائی۔ سور نہٕ نیر ریچ حالتہٕ

وہ فادار نہٕ روزِ نِچ حالتھ ۔ دغاباز

بیہتر ۔ (ف : بہتر ۔)

(۱) ٹھیکھ ۔ رُت ۔ جان ۔ اڈکیا
کتھِ باتھِ منٛز آنکار کرنُک اکھ لفظ ۔

(۲) کُنہ پٔژ یا کتھِ کھوتہٕ جان ۔ جم ۔
بیہتر گوژِ اُز گوٗرتھ نہٕ گژھن ۔۔

## بے

بیب ۔ (م ۔ ک ۔ بیب ۔ مول : بیب ۔)
پھیرُنس تہٕ پھُرس منٛز باگ خالی
جاے ۔ پلوٗن تہٕ ڈیڈ منٛز بارِچ خالی جاے ۔

بیٚبہٕ ژٕوٹ ۔ رُکٕز یِچ ستھ ۔ یِکنہٕ
کامہِ منٛز موشوٗری سیٖبہٕ کامٕ میلان
روزِنی تہٕ اوزقہ ۔ بیترٕ چیلان روزُن ۔
اُمدنی ہُنٛد ناموٗم زٕری یِیہ ۔

بیٚبہِ نار ۔۔ بیٚبہِ منٛز کانٛگرِ وُشنیر
آسُن ۔ نار بیاہ ۔ (ورگر) یہ گوٗرِتھ
تہِ آسُن ۔۔ بیٚبہِ نار للہٕ وُن ۔ تیٚتھ
دوہکھ اُندری ژالُن یُس نہٕ دُنیتھ
ہیٚکہِ زٕ ۔ میٚوٗند للہٕ وُن ۔۔

بیٚبہٕ ہیٚوٗن (لُوکُٹ شُرُ وُشنیر
غاطِر یا ژھوہ پیٚہٕ بیترٕ کرناوِ نہٕ موکھٕ
بیٚبس منٛز رٔٹُن ۔۔

بیٚبہ گار ۔ بیٚبہِ اژنُک سَخ شیٖر آسُن ۔
کھوژِ نہٕ کُنہِ بیٚبن اَژُن ۔۔

بیچورٕ ، بیچور ۔ (ا ۔ ک ۔ بیچور ۔ مول :
بیچار ۔ (ف : بے چارہ ۔)
یُس نہٕ کانٛہہ نکھہٕ ڈکھہٕ آسہِ یُس
بیٚہ وُسیلہٕ آسہِ ۔۔

بیحال ۔ بے حال ۔ (ف : بے + ع :
حال ۔)
بدحال ۔ خراب حالژ منٛز ۔ نابکار ۔

بیڈول ۔ (ف : بے + ہ : ڈھال ۔)
بیڈب ۔ اوشٹھُر کھوشٹھُر ۔ کوکور
بیکور ۔ بیٚہ وُطرٕ ۔۔

بہسور ۔ (ف : بے + س : سور
بیٚہ عبس ۔ یُس نہٕ حلیمہ آسہِ ۔
یُس نہٕ کُنٛہُک سور آسہِ یُس نہٕ پٔتیمچ بیٚجرے آسہِ ۔

بلہشور۔ (ن۔ک۔ بلہشور۔ مؤل: بلہشار
(ف: بے + ع: شعور۔)
بے ہوش۔ چور۔ بلہ پھروت۔
بلہشوری۔ بے ہوش آسُن۔
وقوف نہ آسُن۔ چارہ ہر۔ بلہ پھرآگی
بیگاہ —— (ف: بے + گاہ۔)
بے موقہ۔ یمہ وزِ شوبہ ہے تمہ
وزِ نہ۔ یلہ نہ پزتیلہ ——
بیگاوقتھ۔ نغاری موقہ۔ ژیری باگ۔
دوہ ڈلیتھ ——
بیگرن۔ (م۔ک۔ بیگرن۔ مؤل: بیگرن)
بیگراوُن۔ کرٹھ ——
بیگراوُن۔ ژکی دِوُن لایق بناوُن
کرٹھ تُلنی۔ ورگہ کانہہ ٹیٹھراوُن۔
بیگرن۔ بیگراوُن یُن۔ کرٹھ ووتھنی
بیگرن تُلُن۔ تیژھ کرٹھ تُلنی یتھ
ہٹس تہ نستہ دِہ ووتھ۔
بیگرن ووتھُن۔ ژکی لگنی ——
کرٹھ ییٔنی ——

بیگربر۔ (۱) ژکی دِوُن آسُن ——
(۲) اُنڈری اُنڈری پھہان آسُن۔
بیگوٗر۔ (۱) تیُتھ کھین یمہ سیٖتی ژکی لگن۔
بیگوٗر۔ بیگر —— (ن۔ک۔ بیگوٗر
مؤل: بیگر۔ (س: وِکارہ۔)
یہ نہ جان یا اُٹھی وزِ۔ یتھ کھوکھر
آواز آسہ۔ یمیُک آواز بگریمُت آسہ۔
بیگوٗر بانہ۔ نیلنیوٗمُت بانہ۔ (تلمنہ
تلمنہ سیٖتی۔) سُہ بانہ لیُس نہ ٹھیکھ
یا اُٹھی وزِ ——
بیل۔ (ن۔ک۔ بیل۔ مؤل: بیل۔ (س:
بِلوہ۔)
اکہ جنگلی کُلیُک ناو، یمِچ پُتر
پوٗزا یہ لاگان چھہ ——
بیل پُتر۔ (م۔ک۔ بیل پُتر۔ مؤل:
بیل پُتر۔ (س: بِلوہ + پَتر۔)
بیل کُلکی وُتھریمن جان مُشکہ آسان
چھےٚ۔ (یِم چھہ پوٗزا یہ لگان۔)
بہمار۔ (ف: بیمار۔)

بیرام ۔ رۄگی ۔ یَس پئز زۄ اۄد

آسہِ ۔ بِہمارِ بُڈ ۔ یُس کال تام

روز ونی بِہمأری ۔ سو بِہمأری یوسہ

پئز سلہٹھا ہَس کانس تھٔیپھی تلِہ ۔

بِہمارِ دژاو ۔ یِمہ بِہمأری آسہِ کُڈ مژ

یَس بلیمتس کِہیے کال آسہِ گوٗمت ۔

بِہمارلد ۔ یُس یُس کالک بِہمار آسہِ ۔

یَس وار یاہ کال بِہمار آسی ہیتس گومت

آسہِ ۔ یُس رۄگن زۄ ہمت آسہِ ۔

بِہمارِ ووتھ ۔ یُس حال حالے بلیشو مت

آسہِ ۔ بِہمارِ دژاو ۔

بِہمارِ ووتھُن ۔ یُس کأنی بلُن ۔ زِیچھ

بِہمارِ پیتہ سِندرُن ۔

بِہمارِ ہوٚت ۔ یُس بیرأمی زۄ ہمت

آسہِ ۔ یَس دأدی کانہہ آسن کُجہ مژ ۔

بِہمار دأری ۔ بیرامس واتُن ۔

بِہمارُ سُند خیال تھوٚن ۔ بیرامہ سنز

خدمتھ کرٕنی ۔

بِہمأری ۔ بیرأمی ۔ بِہمار آسُن ۔ رۄگ

زُوٗک منز رُ ۔

بِہمأری پلِٹھ ۔ بیرام گژھُن ۔ دود

کرُن ۔ رۄگ لارُن ۔ مرض کرُن ۔

یہِ چھُہ اکھ ووٚ ہو ۔

بِہن ۔ (ان ۔ ک ۔ بِہن ۔ موٗل : بِہن ۔ (س :

بھشنہٕ ۔ )

ہِشر پئز آسُن ۔ بید ۔ دُیی آسنی ۔

پانتیار پئز آسُن ۔

بلہنہِ بِہن ۔ دُیی ۔ بِنٔیر ۔

بلہتھہ نوش ۔ (ام ۔ ک ۔ بلہتھ نوش ۔ موٗل :

بلہتھہ نوش ۔ (ک : بلہتھہ + نوش ۔

(س : بھگنی + پُترہ + سُنشا ۔ )

بلہتھر سنز کوے ۔

بلہنگ ۔ (اف : بے ننگ ۔ )

بےٚ شرم ۔ بےٚ حیا ۔

بلہن ۔ (ان ۔ ک ۔ بلہن ۔ موٗل : بِہن ۔

(س : بھشنہٕ + ک ۔ اُن ۔ )

الگ گژھُن ۔ بیوٚن روزُن ۔

چھلہٕ چھلہٕ گژھُن ۔

بلٕنتھر۔ (ن۔ک۔ بلٕنتھر۔ مؤل: بلٕنتھر۔
(س: بھگنی + پُترَ۔)
بیٚنہِ ہُنٛد نیٚچُو۔

بلٕنٛد، بِنٛد، بِنٛدُو۔ (ن۔ک۔ بِنٛد۔ مؤل:
بِنٛد۔ (س: بِندُو۔)
دا، پھیوُر۔ نوقطہٕ۔ ٹیٚچ۔ دا، شاردا آتی
ناگری اَچھرن نٛوٗن گُنا چھِہ آواز ہُنٛز
جاپہِ نوقطہٕ چہ شکلہِ اَچھُر۔

نادبِنٛد۔ (س: نادَہ + بِنٛدُو۔)
یُوگُک اکھ لفظ۔

بیٚنٕز۔ (م۔ک۔ بیٚنٕز۔ مؤل: بیٚنٕز (س:
بھگنی + جا۔)
بیٚنہِ زامٕژ۔ بیٚنہِ، ہنٛز کوٗر۔

بیٚنٕز پوان۔ بیٚنٕزَن ہُنٛد ہیوٗہ ورتاو۔

بیٚنٕز توٗن۔ بیٚنٕز زامُتر۔ بیٚنٕز ہنٛد
ردٕن۔ بیٚنہِ، ہنٛز کوٗر ہُنٛد خانہٕ دار۔

بیوآری۔ (م۔ک۔ بیوآری۔ مؤل:
بیوآری۔ (ف: بے + س۔ وارہ (س: ویٖیہ
بےٚ ییٚزتی۔ اَڈ زاٚڈ۔

# بے

بیٚاز۔ (ن۔ک۔ بیٚاز۔ مؤل: بیاز۔
(س: ویاج۔)
سوٗد۔

بیٚاژُر۔ سوٗدر۔ سوٗد یس پیٹھ وُدٕ رُم دِنہٕ دول۔

بیٚاکھ ——— (ک: بیٚیہٕ +
اکھ (س: دوِتیہ + ایکَہ۔)
دوٚیُم۔ بیٚیہِ اکھ۔ بدل۔

بیٚاکھ ترٛاکھ۔ بیٚیہِ کانہہ۔ وَدٕ پَر
ژُوہ پَر۔

بُیٖچ۔ (ن۔ک۔ بیٖچ۔ مؤل: بیٖچ۔ (س:
وِرِشچِکَہ۔)
اکھ کیوٗم یُس ٹوٗپہِ خالے کانہہ
بچان چھُ۔ یہِ چھُ خطرناکھ کیوٗم مانہٕ
پوان۔ وَرگہٕ سہٕ اِنسان یُس ٹوٗپھ
دِنے ییٚزہٕ۔ بیٖچ ٹوٗپھ۔ بیٖچ سُنٛد
ژوٚپ۔ وَرگہٕ بےٚ خبر بٲٹھی سخ زکھ
واتناوُن۔ بیٖچ زاڈ۔ یَس بیٖچ ہنٛز

ہِش خصلتھ آسہ۔ بدخاہ۔ یُڈ سیٹھی ژوٚپ
ہِھنہٕ وٲل۔ یُس ٹوٚپھ دِتھ پژاران آسہ

بُیٚشر ——— (ن۔ک۔ بُیٚشر۔ موٗل بیٚشر
(س : بھیشۃ۔ ج۲)
مُذکرٕ۔ نٔنگ۔ م : بٔرٕ ——
بٔرٕ۔ مُزکٕگی۔ بیوٚت آسُن۔ بٔرٕ۔

بُیٚے۔ (ن۔ک۔ بیٚے۔ موٗل : بے۔
(کھینہٕ چیزٕ بیتر۔) پھیشوٚرمُت۔ پلیٹوٚمُت
بگریوٚمُت۔ بےٚ سواد گومُت۔ بآسی گومُت

بیوٚٹھ ——— (ن۔ک۔
بیوٚٹھ۔ موٗل : بیٹھ۔ (س : وِشِشٹا)
(۱) لُیس بِہتھ آسہ۔ (۲) بوان پیوٚمُت
ژکرِ بیوٚٹھمُت۔ (لیش، تالوٚ بیتر۔) ——
(۳) تہنہٕ نِشین گومُت۔ ژکبس تل بیوٚٹھمُت
(۴) بےٚ کار۔ یُس کانٛہہ کام کوٗرٹ
آسہ نہٕ۔ (۵) الاگہٕ نے زٕمین ——

بیوٚن۔ (ک۔ بیوٚن۔ موٗل : بِن (س : بھِنن)
الگ۔ علاحدٕ۔ بدٕون۔
بیٚنی پاٹھی، بیٚنی پاٹھِن۔ الگ پاٹھی۔



الگ روٗزِتھ۔ بیوٚن روٗزِتھ۔ بیٚرٕ
پأٹھی۔ لوٚب پأٹھی ——

بیوٚن بیوٚن۔ (۱) الگ الگ۔
علاحدٕ علاحدٕ۔ اکِہ اکِہ۔ م : بیٚون
بیوٚن ووٚنہکھ ساری نِیے۔ (۲) تانہٕ
تانہٕ۔ بیوٚن بیوٚن کڈُن۔ الگ
الگ کرُن۔ تانہٕ تانہٕ کرُن۔ بھینٛتی
کرٕنی۔ پٕٹرٕ ناوُن ——

بیوٚن بیوٚن کرُن۔ الگ الگ
کرُن۔ اکھ چیز دوٚیمہِ چیزٕ نِشہِ علاحدٕ
کڈُن۔ ویٚشٕ ھناوُن۔ پٕٹرٕ ناوُن ——
بیوٚن بیوٚن گرٛشھن۔ الگ الگ
گرُشھن۔ رٕٹن۔ ژھنُن۔ دوہ تہٕ دوہ تہٕ
گرُشھن۔ بیوٚن ژھنُن۔ الگ
کڈُن۔ بیوٚن کڈُن۔ اِکہِ ووٹہٕ ژٕ
روزُن۔ پانس سیتی نہٕ تھوُن ——
بیوٚن لیٚج۔ الگ پأٹھی رٕنُن بیوٚن۔
بیوٚت۔ (ن۔ک۔ بیوٚت۔ موٗل : بِت
(س : بھیستہٕ ج۲)

مُذکر - پیٹھ کلہٕ -

بیٔور - (ن - ک - بیٔور - مؤل : بیار - (س:
بڑالہَ یا - بِرالہَ -)
وُچھو بڑوٕر -

بیٔول - (ن - ک - بیٔول - مؤل : بیال - (س:
بیچہَ یا وپریہَ -)
تہٕ یمہٕ لِشہٕ کُلی کُٹرٕ تہٕ زُوٕ زآژ دوہ پداں
چھہ یا زلوان چھہ -

بیالہٕ انُن - دوہٕ باپتھ بیٔول ترِس
تھوُن - بیالہٕ آسُن - سوٚ زُہن
یتھ ترٕ ژامُت بیٔول ووٚومُت آسہِ -
بیالہٕ ہُن - بیالِس ترٕ نیرُن - بیٔول
زہوُن - بیالہ بیٔو ٹھُمت - سُہ کھاہ
بیترٕ یتھ پرٔتھ اَنٕد وُوی ہتین بیالین
ترٕ آسہِ ژامُت - یتھ بیٔول زامُت آسہِ -
بیالہٕ کڈُن - (زُمینس) وآیتھ
دوٕ پنچ کآم سوٚ کلاوُنی -
بیالہٕ نیرُن - (زُمینَس) بیٔول دوٕ پنچ
کآم سوٚ کلاونی - بیٔول بیترٕ دُوٚتھ موکلاوُن

بیالہٕ ووٚتھ - بؤرج آسنہٕ کنہِ بیٔول
دوٚنس لایق زُہن -
بیالہٕ پُن - سوٚ زُہن یتھ ترٕ ژامُت
بیٔول ووٚومُت آسہِ -

بیاںلِ بستہٕ - (۱) بیاںلِ ٹھیکہٕ - بیاںلِ
دُرج - (۲) سُہ دوٚد یتھ منز دادِ چھہ
جایہِ سرٕ دانہٕ ہوی نیرُن - (۳) سوٚ
زُنی لیس کوٚ چھہ لوٚکُٹ آسہِ -

بیاںلِ پھوٚل - اکھ بیاںلِ دانہٕ - بیالکۍ
اکھ دانہٕ - کہے بیٔول - بیاںلِ موٚ یا -
تیثوٚ تے بیٔول یوت اُکس پوشس جا
کُس نیر - بیاںلِ توٚل - دوہٕ باپتھ
داں بیالہٕ منز ہریمتِس دانہس توٚتھ
تہٕ مُنتھ کوٚ ڈُنت توٚل -

بیاںلِ دانہٕ - دانہٕ لیس دُبارٕ دوہٕ خاطرٕ
رٹھتھ چھہ تھونہٕ یوان -

بیاںلِ دانٕد - گآو لاگنہٕ باپتھ دانٕد -

بیاںلِ دُرج - سُہ زمینہٕ ژُکل یتھ تھل
بیالہٕ باپتھ الگ چھہ یوان تھونہٕ -

